# کأشِر ڈکشنری

## جِلد (٦)

# ل ـــــ ن






طابع وناشر ______

سیکرٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف
آرٹ، کلچر اینڈ لنگویجز۔ سرینگر

نگران ______

محمد یوسف ٹینگ۔ (سیکرٹری)

آفیسر انچارج پبلیکیشن ______

محمد احمد اندرابی

خوشنویس ______

محمد یوسف مسکین

چھاپ ______

جے۔ کے۔ آفسیٹ پرنٹرس۔ دہلی

دُری ______

# عرضِ ناشر

مۆنے چھِ سیٹھا فراغتھ باسان زِ کاشرِ ڈِکشنری ہُنٛد یہِ سلسلہٕ ہیوٚتُن اَنٛد واتُن۔
یہِ چھُ دوٗ ژِ شینیُم جلد۔ یتھ کُن روزِ صرف اَکے جلد۔ مۆنے چھِ پوٗرٕ دوٚمید زِ یہِ ہِس نَوِ وَرِ یہِ اَز
اَژ تام آسہِ سٕنہ تہٕ تِہنٛدِ ین اَتھن مَنٛز۔ یہِ جلد ہیتھ چھُ لگ بگ ۴۰۰۰۰ لفظ محاورٕ بیتر
دِ ژھنادِ تہٕ آمتی۔ مانے دِنہٕ علاوٕ آیہٕ ضوٗرتہٕ موٗجوٗب سَر لفظن ہِنٛدی موٗل آگر بیترِ تہٕ سیٹھا
ژھوٗنڈ دِتھ درج کرنہٕ۔

بہٕ چھُس کاشرِ ڈِکشنری ہِنٛدِ ین ایڈیٹوریل بوٗرڈکین ممبرن تہٕ ڈِکشنری پرٛوجیکٹکین
سارِنے اَہلِ کارن یِمو یہِ کام اَکھ اَکھ لفظ وُچھتھ تہٕ لفظن ہِنٛدی مانے بیترِ سَر کٔرِتھ پوٗرٕ کٔرا یہِ
کامہِ باپتھ مُبارکھ کَران۔ مۆنے چھِ پوٗرٕ دوٚمید تِم سارے تہٕ یِمن کاشرِ ٹیکسٹ زِ کھ چھُ کَرن کارکُن
تہٕ ایڈیٹوریل بوٗرڈ والین ہِنٛد یٔتھ کامہِ کامیاب پاٹھۍ اَکھ دِ نٛچ قدر۔ یہِ بَنی یادی کام پوٗرٕ
کٔرِتھ روزِ کاشرِس ادبس مَنٛز دِلچسپی تھوَن والین خاص پاٹھۍ تہٕ کاشرِ ین عام پاٹھۍ اَکھ کاشہِ
مینار بڑو نہہ کُنہ۔ اَتھ ہیکَن نوٚی نوٚد پوٚرکھتھ تہٕ نوٚو نوٚو رنٛگ روغن کرنہٕ یتھ مگر تَنہٕ گَنیٛج بنی یاد
پوٚختہٕ آسی چھِ بڈ کِتھ۔ یہِ وُچھن چھِ یمن ہُنر کام یم کاشرِ ڈِکشنری ہُنرا ہمیشہ زانان چھِ زِ یہِ
بُنیاد کاژاہ پوٚختہٕ چھِنے۔ اُسی چھِ تِہنٛدِ ین مشوٗرن ہِنٛدی طلبگار ؛

محمد یوسف ٹینگ
(سیکریٹری)

۲۰ فروری ۱۹۶۸ء

# گوڈکتھ

یہ چھ کاشرِ ڈِکشنری ہُند شییُم جلد۔

اَمہِ پتہِ چھُ یِیمہِ سِلسِلک اَکہِ جلدُک گوڈنیُم تہٕ پتیُم۔ یتھ منز چھِ ۴۲،۰۷ لفظ، فِقرٕ تہٕ لُکہِ کتھ درج۔ برونٛٹھمین جلدن ہٕندی لفظ ییتہِ رلٲوِتھ سمیہِ ییمہِ جلدِ سان ۳۹۹۴۲، لفظ۔ یہ چھُس پورٕ پاٹھی زانان زِ کاتیاہ تم لفظ یم کٲشرس لفظِ راشس منز آسنی گژھن چھِ ییمتی۔ یِمو منزِ چھِ ییژ پاٹھی تم کینہہ لفظ یم شیخ نورالدینؒ صابنین شرکین، اوتار بھٹنہِ بانا سُندر کتھایہِ تہٕ صاحب کولنِس سو کھ دو کھ چرترس، پرانین کٲشرین کتابن اندر چھِ، تہٕ یِہندِ لفظِ ہاوُک (INDEX) از تام چھُنہٕ کانٛسہِ بنووُمُت۔ مثالہِ پاٹھی یِمو کینہہ لفظ۔ سُت، نیچو، دوہِت، کور تہٕ شُنُن، کنو بوزُن۔ وُنی کین چھُنہٕ کٲشرس منز کنو بوزنُک کانہہ لفظ، دوہِ نی دِیہِ کانہہ بوزُن" لفظے چھُ تہٕ یتھ کنہِ وِرژھے چھُنے۔ "بوزُن" لفظ گو مولہِ تلہِ زانُن، ژینُن، اَوے چھِ اَچھو وِچھنس تہٕ وَنان بوزنہٕ یُن۔ حساب کرنس تہٕ وَنان لکہِ بوزُن۔ کتہِ بوزنہٕ یا کنو بوزنہٕ بابتھ اوس برونٛہہ شُنُن وَننہٕ یوان۔ بانا سُندر کتھایہِ منز تہٕ شرکین ییتہِ منزِ چھُ کنو بوزنہٕ بابتھ یُہے لفظ۔ لل دِیدِ ہٕندین واکن منزِ چھُ کنو سِتی، بوزن وٲلی سِندِ بابتھ "شرتہٕ وون" لفظ آمُت۔ رم:

زورتہٕ کول شرتہٕ وون زڈ رپی آس (لل واکھ)

اُتھو سِتی چھُ یہِ ترِیاد تھوٗن زِ پیشہِ وَرٕن ہِنٛدۍ لفظ ہیٚتھ نابوٗد گژھن۔ چھان، ڈسل بیٚتر چھُ "دیٛون" وَننس مَنٛز چھان۔ تِتھ چھِ اَز کل تِم پِلنٛتھ (PLINTH) وَنان، داسہٕ ژامِکس چھِ وَنان ڈی۔ پی۔ سی (D.P.C.)۔ دوبُس چھِ وَنان پِٹ (PIT)۔ پنٕنۍ پرٛانۍ لفظ بولنس چھےٚ اَسہِ کال تہٕ گَلہِ زوٗ گژھان۔ وۍ یَمہِ زبانَن ہِنٛدۍ لفظ تہٕ پنٕن صوٗرتَن تہٕ موجوٗب پانہٕ ناونۍ، اَگر یوت گَرٕ کارتہٕ کیاز، ہیٚنٛز پرٛانۍ لفظ ژھونٛڈکھ موٗلہٕ مَو شجی گٔژھنہٕ۔ یِم ساری لفظ پنٕن بیٚیہِ زِنٛدٕ کَرٕنۍ سیٹھا ممکن چھُ زِ سٔتِمہِ جلدٕ پَتہٕ بیٚیہِ اَکھ پٔتِم جلد یا ضمیمہ تہٕ کڈُن یتھ مَنٛز تِم ساری لفظ تہٕ محاورٕ آسن یِم کُنہِ نہٕ کُنہِ سببہٕ کِنۍ رٔوزِتھ چھِ گٔامتۍ۔ دۆیِمہِ چھاپہٕ وِزِ آسن یِم لفظ تہٕ محاورٕ تِمَن تِمَن جلدَن مَنٛز یتہٕ تہنٛز اصلی جاے چھےٚ۔ یِتھ پٔٹھۍ شاید گژھہٕ تہٕ یہِ وَنُن بیجا تہٕ گژھِ یِمہِ جلدٕ برٛونٛہہ یِنہٕ وٲلِس جلدس گوژھ وَنُن کُنہِ پَتِم۔ ییٚتھ پاٹھۍ تریٚہ برٛونٛٹھمہِ گژھِ چھِ وَنان کُنہِ تریٚہ تہٕ سٔتِتھ برٛونٛہہ گژھِ چھِ دیان کُنہِ سٔتِتھ بیترِ بیترِ۔ تۆہۍ کُنہِ چھُ یہِ کُنہِ پتِم جلد۔

بہٕ چھُس ایڈیٹوریل بورڈکین میمبرن ہُنٛد، ایڈیٹوریل سٹافک، کاتبَن تہٕ نقل نویسن ہُنٛد شُکر گُزار یِہِنٛدِ ہِمتہٕ سٕتۍ یہِ جلد تہٕ وقتس پیٹھ کڈُن سپُد ممکن۔

جناب محمد یوٗسف ٹینگ صاب یِم یژھ کُنہِ کلچرل کامہِ مَنٛز ذاتی دِلچسپی چھِ ہاوان، چھِ اکھ تِژھ متحرک شخصیت، یِہنٛدِ اتھ واسہٕ وَرٲے یہِ کام اَنٛد واتُن آس ناممکن، تِمَن تہٕ آسن میوٗن شُکریہ۔

**ایس۔ کے۔ توشہ خانی**

ایڈیٹر۔ ان چیف

# رَسمِ خط

ییٚمہِ ڈِکشنٔری ہٕنٛد رَسمِ خط چھُ سُہ یُس جموں وکشمیر رِیاستٕچ منظوٗر چھُ کورمُت، اَگرٕ سُہ وَرتاوَنس اَنٛدر اُسی نہٕ لیکھنَس وألِک کِنہٕ گٔنٛڈِتھ طٔریقس اَنٛدر لیکھان۔ پٔرِتھ کانٛہہ اوس پَنٕ رَسمِ خط پَنٕنہِ پَنٕنہِ مَرضی موٗجوٗب استیمال کران۔ اَمہِ باپتھ بُلاو چیف اَیڈیٹرَن گوڈٕ اُدٕبَن ہٕنٛز اَکھ میٹنٛگ ۱۹۶۷ء اَنٛدر۔ تَوٕ پَتہٕ آیہِ بیاکھ میٹنٛگ ڈِکشنٔری ہٕنٛدِ دوٚن اَیڈِٹوریَل بورڈَن ہٕنٛز ۲۷۔ نومبر تہٕ ۲۔ دسمبر ۱۹۷۱ء مَنٛز چیف اَیڈیٹرٕ سٕنٛدِس وَنَس پیٹھ بُلاونہٕ، تِتھ اَنٛدر سپٕز کیٚنٛہہ کَتھ طے یِمَن ہٕنٛز ذِکر لَبہٕ نہٕ کِنہٕ چھے:

۱۔ اَسماءِ حُسنیٰ تہٕ صِفاتِ محمدیؐ اَنٛدر یِم نَمہٕ نَمتھ تہٕ نَمہٕ نَمتھ لَفظ یِوان چھِ، تِم یِن تِتھے پٲٹھی ہوٗبہوٗ نَستاٗلیقس اَنٛدر عَربی موٗجوٗب لیکھنہٕ۔

۲۔ ث، ص، ح، خ، ذ، ض، ط، ظ، غ، ف، ق، یِن تِمَن سارِنٕے لَفظَن اَنٛدر لیکھنہٕ یِم عَربی یا فارسی پیٹھٕ آمِتۍ آسَن۔ مَثلَن ثواب، صاف، حد، خطا، ذٔلیل، نَظَر، غَرض، قَلَم بیترِ یِن نہٕ لیکھنَس اَنٛدر بَدلاونہٕ۔ صِرف یِیتہٕ تَلفُظ تَلہٕ آسہِ کانٛہہ اوٚر اَچھر (vowel) بَدلان۔ تَتہٕ ییٚیہِ تیٚتھرے یاٗژ تبدیلی کرنہٕ۔

۲۔ "ع" اَچھُر ییٚیہِ اَرِ اَچھرٕچہ اَدلابَدلی سان لَفظَس گوڈٕ تہٕ پَتہٕ لیکھنہٕ، مَثلَن عَمَل، عَقل، عِلم، عاشِق، عارِف، عادَتھ، طالیع، شَمع، نَفع بیترِ۔ مگر یِیتہٕ آخرَس اَنٛدر اَمہِ بَرٕ وٕنٛہہ زیوٗٹھ اوٚر اَچھُر (vowel) ییٚیہِ تَتہٕ ییٚیہِ تراونہٕ۔ مَثلَن: شُروٗع بَدَل شُروٗ۔ تہٕ "الوداع" بَدل "اَلوِدا" بیترِ۔

۴۔ یُس "ع" فارسی یا عَربی لَفظَس مَنٛزٕس ییٚیہِ تَمہِ بَدل ییٚیہِ سُہ اوٚر اَچھُر (vowel) لیکھنہٕ یَتھ مَنٛز تَمِچ آواز کأشرِس مَنٛز بدلیمٕژ آسہِ، مَثلَن: تاشوق، ماشوق، جافر، تأریف، تاجُب، تأمیر، تألیم، شأیر، تولُق، موٗمِلی، شوٗلہٕ، جَماتھ بیترِ۔

۵۔ عَربی تَنوین (ً ٍ ٌ) بَدَل ییہ، اَن، تھوَنہٕ۔ مثلَن: فورَن، جبرَن، آنَن فانَن۔

۶۔ دَست، وقت، سَخت، بیترِ ہی لَفظ ہینکِ زِ لیکھتھ پتی مہٕ 'ت' وراے تہٕ۔ مثلَن

دَس، وَق، سَخ بیترِ۔

۷۔ یِمَن لفظَن عَرَبیس اَندر "اَل" یِوان چھُ، مثلَن، ابنُ الوقت، بالکُل بیترِ، تِم ییٚن پیٚتھ کُنہٕ

لیکھنہٕ۔ اِبنُل وَقت، بِل کُل۔

۸۔ یِمَن فارسی یا عَرَبی لَفظَن گوڈٕ 'اح' یِوان آسہِ تہٕ یِمَن کاشُر آواز 'ییٚہ' تھووُنہٕ یِیرِ۔ تِم ییٚن

اَتھ سیٚتی شورو کرنہٕ۔ مثلَن: احسان تہٕ احترام ییٚن لیکھنہٕ ایٚحسان تہٕ ایٚحترام۔ مگر اَحد، اَحمد

تہٕ اَحمَق ہی لَفظ ییٚن یِتھے کُنہٕ لیکھنہٕ تہٕ کیازِ یِمَن منٛز چھُنہٕ "اح" ییٚہ، آواز دِوان۔

۹۔ عام پاٹھۍ گژھ ییہ یاد تھوُن زِ کاشِر لَفظَن کاشُر آواز موجوب لیکھنہٕ۔ مثلَن، پیدا، میدان،

شاعر، خواہش، جُرأت بیترِ بَدَل گژھ لیکھُن پادٕ، مادان، شاہیر، خاہش، جُرَتھ۔

۱۰۔ ییٚتہٕ کانہہ عَرَبی لَفظ "اع" سان شورو آسہِ ییٚدان سُہ ییہ "اع" اَکھ دُکھاتھ (DIGRAPH)

شُمٲرتھ اَچھر مانتھ۔ 'اع' سیٚتی شورو کرنہٕ مثلَن: اعتبار، اعتراض، ییٚن یِتھے پاٹھۍ لیکھنہٕ

یِتھہٕ پاٹھۍ عَرَبیس اَندر چھہٕ۔

۱۱۔ کھیٚتے، ژھیٚتے، مٮ۪تے ہی لَفظ ییٚن یِتھے پاٹھۍ لیکھنہٕ۔

۱۲۔ ۘ چھُ نِشانہٕ دِوان زِ ہرٕ اَچھرَن منٛز اَڈرٕ اَچھرٕ آسنگ: م: بزٕم، کیٚا۔

# علامَژ تہٕ ژھوٗٹرٕ

| | | | |
|---|---|---|---|
| | ہ ـــــــ بَرِوٚنٛہٕ لۆگ | | ہ ـــــــ پۆت لۆگ |
| ? : | اَمہِ پَتہٕ مَشکوٗک | ؟ : | اَمہِ بَرِوٚنٛہٕ مَشکوٗک |
| < : | آگُر، کھو ورِ لَفظٕ مَنٛزٕ دٕرامُت | > : | آگُر، دُچھنہِ لَفظٕ مَنٛزٕ دٕرامُت |
| ـہ : | (زٕری) اَچھرِ ہِلہٕ وٗن | س : | سَنسکرت |
| اَنگ : | اَنگریزی | ف : | فارسی |
| ع : | عَربی | ہ : | ہِنٛدستانٛی (اُردو/ ہِندی)۔ |
| ل م : | لَفظی مانے | م : | مِثال |
| مُ : | مُقابلہٕ چھُس | م : | مادٕ ، ن : نَر |

(اَمہِ ہُرچھِہِ بیٚیہِ تہٕ کینٛژن زَبانَن ہٕنٛدی لَفظ یِہِنٛدی ناو لۆگٕرچھِ دِنہٕ آمتی)

## تشریح

کانٛڈی عَلامَتہٕ چھِنیٚ لَفظَک آگُر ہاوان۔ یورکُن یہِ کوٚدٕ وُہرا اُوکٕہ آسہِ تتیتھٕہ چھُ تَمہِ لَفظَک آگُر دِتھہ یُس کانٛڈِس کوٚنُس نِش لیکھتھٕہ آسہِ۔ مَثلَن [ اَچھ < س : اَکشِہ > پراکرت: اَچ چھ] گو زِ کاشُر لَفظ، اَچھ چھُ سَنسکرِت، اَکشِہ، لَفظہٕ پیٚٹھہٕ آمُت۔ اَمی پیٚٹھہٕ چھُ پراکرِت "اَچ چھ" آمُت یُس کاشِرِس لَفظَس سیٚتی میلان چھُ۔ سَوالیہٕ نِشان چھُ ہاوان مَشکوٗکیتھ، یہِ چھُ مَشکوٗک کیتھہٕ گوڈٕ لیوان ہیٚتھہٕ یاٹھی : مِثال ؟ اَنتہٕ کال چھُ دٕرامُت، اِنتقال لَفظہٕ مَنٛزٕ۔ اِنتقال لَفظہٕ مَنٛزٕ چھُ اَنتہٕ کال دٕرامُت۔

# اَچھرَن تہٕ لفظَن ہٕنٛز ترتیٖب

یہ ترتیٖب چھنہٕ ڈِکشنٔری اہسس مینٹ کمیٹی DICTIONARY ASSESSMENT COMMITTEE ہٕنٛد رپورٹ نظرِ تَل تھوٕتھ یُس تمہِ جون ۲۱، ۱۹۶۵ عیسوی اَنٛدر دِیُت تہٕ ایڈیٹوریل کمیٹی ہٕنٛدِ فاصلہٕ موٗجوب دِنہٕ آمٕژ۔ اَچھرَن ہٕنٛز ترتیٖب چھنہٕ یِتھ پأٹھۍ:

## اَرٕ اَچھر

ـٔ ـٕ ـَ ـِ ـٟ ـُ ـٗ ـے / ی ـ

اع ی ئے ے ےٚ او اوٚ اوٗ

## زَرٕ اَچھر

ا ب پ پھ ت تھ ٹ ٹھ ث ج چ چھ ح خ د ڈ ذ ر ڑ ز ژ

ژھ س ش ص ض ط ظ ع غ ف ق ک کھ گ ل م ن و ہ ے

یِمو منٛز چھُ 'اع'، اَکھ دُکھاٹھ گَنٛڈٕ اَچھر ( DIGRAPH ) مانٛنہٕ یوان۔ یہ چھُ ایڈیٹوریل کمیٹیٖن ہٕنٛزِ سُفارشہٕ موٗجوب تتھ جایہ استیمال آمُت کرنہٕ ییٚتہٕ کانٛہہ لفظ عربی پٲٹھۍ آمُت آسہٕ۔

اَتھ چھِ صوٗرَتہٕ موٗجوٗب زِ آوازِ نیران۔ مَثلَن : اعتبار، اعتراض، لفظ یہِن نَتہٕ آوازِ موٗجوب ییتبار، تہٕ ییتراض لیکھنہٕ، بیاکھ آواز چھُس نیران ییٚلہٕ اعراب" ہیوٚہ لفظ آسہِ۔ یہِ اَچھر چھُ نوٚو تہٕ توٚکِنۍ چھُ سارِنۍ اَرِن اَچھرَن پَتہٕ دِنہٕ یِوان۔

عام پاٹھۍ چھےٚ فارسی تہٕ اُردوٗ ڈکشنرَین ہُنٛز ترتیب اعراب زیر زبر پیش تِرٛاوِتھ حروٗف تہٕہجیو موٗجوب دِنہٕ یِوان۔ مگر یوسہٕ اَسہِ پیٚٹھ کَنہٕ اَچھرَن ہُنٛز ترتیب دِژ تمہِ موٗجوب چھےٚ لفظَن ہُنٛز ترتیب تہِ بدلان۔ مثلَن : فارسی یا اُردوٗ ڈکشنری مَنٛز پیہِ 'باد' لفظ گوڈٕ تہٕ 'بد' لفظ پَتہٕ۔ مگر کاشُر ڈکشنری' اَندر پیہِ 'بَد' لفظ گوڈٕ تہٕ 'باد' لفظ پَتہٕ۔ تِکیازِ 'بد' لفظَس چھُ 'ب' تہٕ "زبر" (ــَـ) تہٕ 'باد' لفظَس چھُ 'ب' تہٕ 'ا'۔ اسیسمنٹ کمیٹی (ASSESSMENT COMMITTEE) ہُنٛزِ سفارشہِ موٗجوب پیہِ زبر (ــَـ) گوڈٕ تہٕ 'ا' پَتہٕ۔ یِتھےٚ پاٹھۍ 'کَرم' گوڈٕ تہٕ 'کرم' (ماکھ) ییتھ 'ک' پَتہٕ 'ر' چھُ سارِوے 'ک' تہٕ تھ سیتۍ اَرلو اَچھرو پَتہٕ۔

# لَفظہٕ ہاوُک

## ل

# م

# ن

# ل

**ل۔** فارسی ہُک سَتوُہ ہُیم، اُردوٗ ہُک تریہُیم تہٕ کاشُرِ ہُک شیٖیہ تریہُیم اَچھرُ۔ اَبجد حسابہٕ چھُہ اَتھ تریہ مول۔ شاعیر چھِ ماشوقہٕ سِندِس زُلفَن اَتھ سیٖتۍ تشبیہ دِوان۔ م: قَدچون اَلِف، لام زُلف، میم دَہَن چھُے۔

**لَب۔** [ م۔ مول: لَب > پراکرت: لِپپہٕ > س: لِپ ]۔ ۱۔ لَرِ ہُند اَندرُیم دیوار یا دیوارُک طَرَف۔ ۲۔ کُنہِ چیٖزُک اَکھ طَرَف یا لَر۔ م: ... لَب۔ ۳۔ بوٗٹھ۔ کِنار۔ م: لَبِ دَریاو

**لَبَن کھسُن، لَبَن تہٕ موٗلَن کھسُن۔** ۱۔ اَلمِن کھسُن۔ شورٕ ہُن۔ ۲۔ عُجیب کَتھ یا کار کَرٕنۍ۔

**لَبَن لاٗرُن۔** ۱۔ ہوٚکھُن۔ کمزور گَژھُن۔ ۲۔ ... داو پیوٗن۔ بہنٕ جاے نہٕ روزٕنۍ۔ وَتھرُن نہٕ وَگو تہٕ روزُن۔ ۳۔ سیٚٹھا

عُلیل گَژھُن۔ بیمار گَژھُن۔

**لَبہٕ بہُن۔** ۱۔ اَندَس یا اَندٕ گُن بہُن۔ اَڈِک پاسے بہُن۔ ۲۔ کُنہِ کامہٕ یا مامِلہٕ نِشہٕ دوٗر روزُن۔ مَنٛز نہٕ اَژُن۔ ۳۔ دوٗرِ بہُن۔

**لَبہٕ تَل۔** نکھہٕ۔ نزدیکھ۔ دوٗرِ نہٕ۔

**لَبہٕ تَلُک۔** ۱۔ نزدیٖکُک۔ ۲۔ (ہمسایہ) یُس لَرِ سیٖتۍ روزان آسہِ۔ واریاہ نکھہٕ۔

**لَبہٕ تار۔** لَبہٕ ہُند سُہ نیبر کڈِتھ لوکُٹ پلوٗ یا پَچ کھنُڈ یَتھ پیٹھ ترونگ بیٚنِتھ تھوان چھِ۔

**لَبہٕ تھوٗن۔** ۱۔ اَڈِک پاسے تھوٗن۔ اَندٕ گُن تھوٗن۔ اَلگ کڈُن۔ تلیتھ تھوٗن۔ ۲۔ (کانٛہہ شخص کُنہِ مامِلہٕ نِشہٕ) بےٚ خبر تھوٗن۔ ۳۔ (کُنہِ جماعژ مَنٛزٕ) اَلگ کَرُن۔ ۴۔ کانٛسہِ بَرژھنے کَرنے بَغٲر کام کَرٕنۍ۔ م: تمۍ تھوٚو اَفسَر لَبۍ تہٕ بِل نیٚن کڈِتھ۔

**لَبہِ ڈٕج** ۔ آرٕش ۔ پَیوٚنۍ ڈٕج ۔ سو ڈٕج یوٚسہٕ ژھیٚنۍ مِتِس پَلوٚس واٹِس بیٚتھرِ لگِہ۔

**لَبہِ ڈٕج لاگنۍ** ۔ کاٗنسہِ ہٕنٛزِ کتھِ لیٚوب تھوٚپ کرُن ۔

**لَبہِ روٗزُن** ۔ ۱۔ اَنٛدکُن بہُن ۔ اوٚک پاسے یا اوٚک طرفہٕ روزُن ۔ ۲۔ اَلگ روزُن ۔ دَخل نہٕ دِنُن (کُنہِ ماملس منٛز) ۔ (کُنہِ کامہ) شریٖکھ نہٕ آسُن ۔

**لَبہِ ژوٚک** ۔ لَبہِ اَنٛدر دارِ بڑھی لوکُٹ چوکاٹھ ۔ وٕڑبِ ژوٚک ۔

**لَبہِ کَنہٕ** ۔ اَنٛدکَنہٕ ۔ اوٚک پاسے ۔

**لَبہِ کَنٛگیک** ۔ سُہ یُس اوٚک پاسے چھُ ۔ یُس اَنٛدس پیٚٹھ چھُ ۔

**لَبہِ لَبہِ** ۔ بیٚرِ بیٚرِ ۔ اَنٛد اَنٛدرِ ۔ اوٚک پاسے ۔

**لَبہِ ہیٚنۍ** ۔ ۱۔ کتھ نہٕ دِنٕنۍ یا زِروِنۍ ۔ ۲۔ ژکھ ہیٚنۍ ۔ توٚیزٕ ۔ کھوٚشتہٕ ۔ بُرٕ طبیٚعٕ گژھُن ۔

**لَبہِ تاپَس بِہُن** ۔ پَنٕنۍ کام ہیٚبس پُشراوِتھ پانہٕ بےٚ کار روزُن ۔ پانَس توٚب ہیوٚن ۔ دِلچسپی نہٕ دِنۍ ۔

**لَبہِ تاپَس تھَوُن** ۔ ۱۔ تلنہٕ تھَوُن ۔ وِچھِہ وُن تھَوُن ۔ ۲۔ پَروا نہٕ کرُن ۔ بالاۓطاق تھَوُن ۔ ۳۔ نوکری نِشہِ اَلگ کرُن ۔۔۔

جواب کرُن ۔

**لَبہِ تاپھا** ۔ لوٚسہِ وِنہٕ سِری ٹیٚک گاہ یُس مَکانَس لَبہِ پیوان چھُ ۔

**لَبہِ تہٕ موٗنۍ ہیٚنۍ** ۔ ژوٗرِ بِہُن ۔ کوٗنجِن اَژُن ۔ ژھیپَن اَژُن ۔

**لَبہِ ہیاکۍ وَسنۍ** ۔ رینٛچہِ ہیرنہٕ ۔ ژہ پاٗری ژھینُن ۔ ترِہ وَسنہٕ ۔

**لَبہِ چوٚک** ۔ پھیرَنَس بیٚترِ دامنَس ڈٕچھنۍ تہٕ کھوورِ چاکھ ۔

**لَبہِ دونٕنہٕ** ۔ سَخ تھابرِ کَڈنہٕ ۔ گٕلو آرِدنۍ ۔

**لَبہِ ژوٚل** ۔ (سُہ کُٹھ ، بانہٕ یا پلو بیٚترِ) یتھ ڈٕیوار ، اَنٛد یا کوٗن خراب آسُن گامِتۍ ۔ یتھ لَبہِ آسُن ہیٚرکھ آنٛزِ یا ڈٕوکھ آسہِ گامٕژ ۔

**لَبہِ ژوٚک** ۔ ۱۔ لَرِ ہٕنٛز ژوٗن طرفَن ہٕنٛز دیوار بُنٛدی ۔ چیٚرا ژوٗن طرفَن ہٕنٛز لَبہِ ۔ ۲۔ مَکانٕچ کُرسی ۔

**لَبہِ ژیوٚپ** ۔ یتھ ڈٕندرِن یا اَنٛدن ژہپہٕ آسُن لجہٕ مژ ۔ یتھ کھرٕ ٹیبی آسُن ژامتٕ ۔

**لَبہِ شیٖنکھ / شنٛکھا** ۔ [<س: لگو شنکا] ۔ آبریز کرُنک حاجتھ ۔ مثرٕ یُن ۔ زَل یُن ۔

**لَبہٕ والنہٕ** ۔ شور کَرُن ۔ وٕدٕ سہٕ یُن ۔ کھُرل کَرٕنۍ ۔

**لَبہٕ ووزلنہٕ** ۔ بُتھ وٕدٕشلُن ۔ بُتھِس خمار کھسُن ۔ وٕدٕشلُن کھسُن (شرمندگی کِنۍ یا تُوپنہٕ کِنۍ) ۔

**لَبہٕ وٕسمرنہٕ** ۔ بےٚ اَتھن ۔ نُٹھ اَتھٕنۍ ۔ بےٚ یاد ڈَلنۍ ۔

**لَبہٕ ہوٚل** ۔ یَتھ دٕنٛدرِ ہجہٕ آسن ۔

**لَب پرایٹھنۍ** ۔ مکانَس دٕوس دیوار ژٕٹھتھ ژوٗرِ اَژُن ۔ نۆر ژَٹُن ۔ نَقب دِیُن ۔

**لَب دِنۍ** ۔ ۱۔ دیوار لَدُن ۔ دٕوس دِنۍ ۔ ۲۔ ژھیٚن دِیُن ۔ ژحصہٕ اَلگ تھَوٕنۍ ۔ مَنٛز رُکاوَٹھ کَرٕنۍ ۔ ٹھوٗر کَرُن ۔ ۳۔ (درگہٕ پاٹھۍ) بیٚون نیٚرُن ۔ توٗلُق ژَٹُن ۔

**لَب ژٕٹھنۍ** ۔ نۆر ژٕٹُن ۔ کانٛسہِ پتہٕ کِنہٕ تَمۍ سُنٛد کَرُن کَراوُن پھیرُن ۔ غایبانہٕ غیبتھ کَرٕنۍ ۔ چوٗغلی کھیٚنۍ ۔

**لَب گَنٛڈٕنۍ** ۔ ۱۔ پَنٕنِس بَنٛس نِشانہٕ ترٛاوُن ۔ دٕوس دِنۍ ۔ ۲۔ حصہٕ بٲگہٕ کَرٕنۍ ۔ بیٚون نیٚرُن ۔

**لَب لَگنۍ** ۔ ۱۔ مَنٛز دیوار کھسُن ۔ ٹھوٗر روزُن ۔ ۲۔ سَنٛہ کھیٚنہٕ چیزَس سیٚٹھا جوش لَگنہٕ کِنۍ دُژُن کھسُن بانٛسہ ژٕژن ۔

**لَب نہٕرِتھ ژٕنۍ** ۔ ۱۔ دیوار اَدٕرُن اَوکہِ طرفہٕ دُستھ بیٚرُن ۔ ۲۔ تَھر ژٕھٹٕنۍ ۔ ڈٕکھ نہٕ روزُن ۔

**لَب**[۲] ۔ [ن ۔ مۆل : لَب < ف : لُب] ۔ وٕٹھ ۔

**لَبَل** ۔ [< وُچھو ۔ لَب] ۔ یَتھ طرف آسن ۔ یَتھ لَبہٕ یا پاس آسن ۔ م : اَکہِ لَبَل ۔ اَٹھ لَبَل ۔ ۲۔ یَتھ لَبہٕ آسن دٕرامٕژ تہٕ بنےٚ سوٗم آسہِ ۔

**لَبَیک** ۔ [< ع : لَبَیکَ] ۔ (ل ۔ م : حاضر چھُس) یِقرار ۔ آنٛکار ۔ مانُن ۔ م : یِتھےٚ صدرَن تَقریر کوٚر سارِوےٚ بوزَن والیو کوٚر لَبَیک ۔

**لَبَیکہٕ** ۔ (ل ۔ م ۔ حاضر چھُس) خانہٕ کعبس طَواف کَرنہٕ وِزِ حاجن ہُنٛد یِقرارِ توحید ۔

**لَبَیک کَرُن** ۔ مانُن ۔ تَسلیم کَرُن ۔ یِقرار کَرُن ۔ ایمان اَنُن ۔

**لَبالَب** ۔ دٕنٛدرِ تام ۔ ٹیٚپا ٹیٚپ ۔ پوٗرِ بَرِتھ ۔

**لَبار** ۔ [< وُچھو ۔ لَب] ۔ میٚژٕ لوٚٹ ۔ بےٚ بوٗشِس ۔ بَژیٹھ ۔

**لَبُر** ۔ [ن ۔ مۆل : لَبر < وُچھو : لَب[۱]] ۔ ۱۔ تھَزِ زمینہٕ ہُنٛز جَراے ۔ اَڈوون ۔ ۲۔ دکھوَرِس کَٹہٕ ہٕنٛز (؟) ٹیٚچ ہِش یَتھ

سَنج وَگ چھنے آسان۔

**لَبرَس بہُن۔** ١۔ چمبَس بہُن۔ ٢۔ خطر ٹلی ہیُون۔ ٣۔ (زاری کنیتھ) پھٹنگتھ ژُلُن۔ سورُے ہارِتھ ژُلُن۔

**لَبرَس ترٛاوُن یا تھوٗن۔** (وَرگہٕ پاٹھی) اڈری ترٛاوُن۔ گال کھاتس کرُن۔ پَردلے ترٛاوُن (کانٛسہِ یا کُنہِ کامہٕ ہِند)۔

**لَبرَن کھسُن۔** بڈین مۄہنوین سیتی دزہبہ دِیُن۔ تھدین گرٛین کھسُن۔ پانس کُن تہٕ منسوب کرُن یا تھکُن یہٕ تلہِ ایژے آسہِ۔

**لَبُن۔** [ن۔ مۄل ولَب < س : لَبھنَہ] ١۔ اَتھہ مُشر ییُن۔ حاصِل سپدُن۔ وۄصول سپدُن۔ ٢۔ (رووُمت چیز) اَتھہ یُن۔ ژھارِتھ کانٛہہ چیز بَنُن۔ ٣۔ وَنہِ گَژُھن۔ سمکھُن۔ بُتھہِ پیُون۔ میلُن۔ ٤۔ واتُن۔ بَنُن۔ پیُون (آرام، سزا، بیترِ)۔ ٥۔ وَے زانُن۔ مُفتے زانُن۔ پتھے بوزُن۔

**لَبَن گری۔** بُل ہوسی۔ خام طمأیی۔

**لَبَن گری بوزٕنی۔** خام طمع گژھن۔ وُے آمُت زانُن۔ مُفتے زانُن۔

**لَبَن گوٗر۔** یُس یہٕ وَنہِ وُے آمُت بوزِ۔ یُس ٹلی کُنہِ پیٹھ پَتُن حق زانہِ یا تمُکہ تھکیپھ دِیہِ۔ مُہہ بَر۔ بُل ہوس۔

**لَبہٕ وُنی۔** رووُمت کانٛہہ چیز بیترِ اَتھہ اَنیچ مۄزوُری۔ بِنامہٕ۔

**لوٗبُم تہٕ کوٗرمَس لبے ناو۔** تہٕ دُپھتھ گو کانٛہہ چیز اَتھہ لگتھ تہٕ دِژُن۔ لوٗبمُت تہٕ فکرِ کھسُن۔

**لَبور۔** (وَرگہٕ پاٹھی) بنے ہوش۔ بنے سمج۔ بنے شور۔

**لَبریز۔** [< ف ، لبریز]۔ ڈُندرِ نام بُرِتھ۔ ٹیپا ٹیپ۔ پوٗرِ بُرِتھ (پیالہِ یا گلاسہٕ کُنہِ ترَل چیز سیتی)۔

**لَپَر۔** [< مُ ہ۔ لَپٹر شَپٹر]۔ بکواس۔ پراٹی۔

**لَپَر شَپَر۔** اوٚرک یوٚرک بکواس۔ فاتِر کلامہٕ۔ فتار کتھ۔

**لَپھ۔** [< آوازِ پیٹھ۔ مُ ؛ س۔ لَمپھَ]۔ ژرٛوٹھ۔ ژٛنڈ۔

**لَتَل۔** [< پرٛاکرت : لَت تا]۔ ٹھپل (اگر بیترِ)۔

**لتارِ۔** [< وُچھو "لَت"]۔ ١۔ لَتہٕ مۄنڈ۔ لَتو سیتی دبارِ۔ ٢۔ (وَرگہٕ پاٹھی) اڈزاد۔

**لَتارَس آسُن۔** ١۔ درواژَس تل آسُن۔ ٢۔ گَنس آسُن۔

**لَتارِ کرُن۔** اڈزاد کرٕنی (شُرس بیترِ)

دبار کرُن ۔

**لتاڑ گژھن** ۔ ۱۔ کھور بانو سان پٮ۪ٹھو پکنہٕ سیٹھی لتہ مۆنڈ سپدٕنۍ۔ (لتو سیتی) دباونہٕ یُن ۔ ۲۔ (درگہ پاٹھی) ذٔلیل گژھُن۔ بنے یژتھ گژھُن ۔ ۱۔ دَدار واتُن ۔

**لتاڑُن** ۔ زیٖنہٕ لتہ دِنۍ۔ کھورو سیٹھی زیٖن مانڈٕنۍ۔

**لتہٕ** ۔ [ن ۔ مؤل : لت < س ۔ لکتکہ ]۔ ۱۔ وچھ "لتہ"۔ ۲۔ ژٕل ۔ چار ۔ ۳۔ دٔڈٕ۔ ٹھنگ ۔ ۴۔ بوٚندٕ کس شورٕ بیتر ژٕلنہٕ باپتھ دَجہِ بُرتی ۔ ۵۔ تُژٕ ۔ کاک ۔ ۶۔ عرقہٕ دَجہِ یمہ بیمارس دنہٕ یوان چھےٚ۔

**لتہٕ اَنُن** ۔ ۱۔ پتھ کرُن ۔ پیپا کرُن ۔ (کانٛسہٕ ہندس رٔٹھارٕکس یا شوہرٕ ژ بیتر) زکھ داتناوُن ۔ م : نوی ایکٹرن اَنٛن سارٕنے فنکارن لتہ۔ ۲۔ ژٕل اَنُن۔ زور اَنُن ۔ ۳۔ کامہِ بیترٕ ۔ چار کرُن ۔ چھار پانٕنۍ۔

**لتہٕ دِیُن** ۔ ۱۔ ٹُرٕ تھوٕنۍ۔ تھوٚپ تھوٚن ۔ ۲۔ دٔڈٕ دِیُن ۔ ٹھنگس دِیُن ۔

**لتہٕ لگُن** ۔ دٔڈٕ لگُن ۔ مالس نہٕ خریدار یُن ۔ پتھ گژھُن ۔ ڈولُن ۔

**لتہٕ یُن** ۔ وچھ "لتہٕ لگُن"۔

**لتیچ پتیچ** ۔ بٔڑہ تٔرہ (شکل بیتر) کوٚ کار ۔ بٔنے کار ۔

**لتہٕ وُن** ۔ لتہ دِتھ سۄم کرُن ۔ شیرُن ۔

**لتھ** ۔ [م ۔ مؤل : لت < پراکرت : لت تلا ۔ ۱۔ تلہٕ لۆد ۔ کھورٕ سیٹھی دکہ ، ٹاس یا دباو بیترٕ ) ۲۔ ٹھپہ ۔ ۳۔ کھورٕ سیٹھی مانڈٕ ۔

**لتن ہُند مار وتن لارُن** ۔ یسیٚ منٛمنٛتھ ہیٚنٛو ۔ پننا واتُن ۔

**لتہٕ تل تھوٚن** ۔ ۱۔ دباوٕنتھ تھوٚن ۔ دوٚتلنہٕ نہٕ دیُن ۔ ۲۔ ذٔلیل کرُن ۔

**لتہٕ کُٹھ** ۔ گوڈٕنکہٕ پوٚرک سُہ کُٹھ یتھ منٛز نمہٕ وگوس لتہ چھہِ تُلان ۔

**لتہٕ مو ہینیُو** ۔ سُہ یُس نمہٕس بیترٕ لتہ دِتھ تُلنس پیٹھ آسہِ ۔ سُہ یُس لتہ دِنہٕ چی یاژ کام آسہِ ۔

**لتہٕ داس** ۔ نوکر ۔ غولام ۔ یُس نہٕ کانٛہہ بوٚر آسہِ ۔

**لتہٕ سارٕ** ۔ ۱۔ کھورٕ دِسیٹھی ژھارُن (آبس منٛز) ۔ ۲۔ (اَنہٕ گٹہٕ منٛز) کھورو سیتی ساری ساری پکُن ۔

**لتہٕ کرُم** ۔ لتہٕ پیٹھ لتہ (لاینۍ) ۔ پوٚنس یتھ ٹھادیُن ) کھورن تل رٹتھ دباوُن ۔

**لَتہٕ کاری** ۔ کھوٗرِس پیٹھ کھوٗنت۔ ٹھپس پیٹھ ٹھپہٕ۔ لَتے لَتہٕ (لاینہٕ)۔

**لَتہٕ کَس** ۔ پیٹھ پکنہٕ سیتی دَباونہٕ یِنہٕ یارِ یِنہٕ حالتھ۔ (دوٗگہٕ پاٹھی) کُنہٕ چیزُک زوٗر تہٕ ناجایِز استیمال (خاص کرِتھ بیلہٕ بنیے سُنز آسہ)۔

**لَتہٕ لوٗن کَرٕنۍ** ۔ ا۔ لَتہٕ کرُم کرُن، سخ عذاب کرُن۔ ذلیل کرُن۔ ۲۔ دربدری کرٕنۍ۔ خسارٕ کرٕنۍ۔

**لَتہٕ مار** ۔ لَتو سیتی اَڈِ مرٕ کرنٕچ حالتھ۔

**لَتہٕ موٗران** ۔ کھورن تَل مَتھُن۔

**لَتہٕ موٗنڈ** ۔ ا۔ کھورو سیتی دَبارٕ بار ترٛاوُن (کمانہٕ تھکُن یا دود بیتر ژُراونہٕ خاطرٕ)۔ لَتہٕ کرٛم۔ ۲۔ کھورن تَل گژھنٕچ حالتھ۔

**لَتہٕ موٗنڈ کرٕنۍ** ۔ (دوٗگہٕ) ظُلُم کرُن۔ آزار واتناوُن۔ بےمُروتی کرٕنۍ۔ ذلیل کرُن۔

**لَتہٕ موٗنڈ گژھنۍ** ۔ سخ بےعزتی، بےمُروتی گژھنۍ۔

**لَتہٕ مور** ۔ یُس کھوٗنتی آسن کُڈی متی یُس کھورو سیتی دَبار آسہٕ کرنہٕ آمُت۔

**لَتہٕ موٚنجہِ کرُن** ۔ ا۔ پیٹھ پکنہٕ سیتی خراب کرُن۔ ۲۔ (دوٗگہٕ پاٹھی) دۄ تلَنہٕ نہٕ دِیُن۔ تَل کرُن۔ ۳۔ ذلیل کرُن، بےعزتھ داوُن۔

**لَتہٕ نینٛدر** ۔ واتِرِس دانٕس کرنہٕ یِنہٕ واجینہٕ گوڈنیچ نینٛدر۔

**لَتہٕ وَٹ** ۔ سُہ تختہٕ یا موٚٹ تہٕ رِنٛڈ بُٹھ بیٹھہٕ پیٹھی ناوِ یا ہوٗسہٕ، بولس منٛز ہتھہٕ پیٹھہٕ ترٛان کران چھہٕ۔

**لَتھٕ اَلٕنۍ** ۔ (دگِس منٛز نمبر) کھورو سیتی دَبارٕ کرِتھ پختہٕ کرُن۔ ڈرٛاوُن۔

**لَتھٕ تُلٕنۍ** ۔ ا۔ تَپٕچ تُلن۔ ۱۔ (پیلوان بیتر) کھورو سیتی دَبار کران۔ لَل بُھرٛاوُن۔ ۲۔ وۄگِس منٛز نمادس) دباو کرُن۔ کھورو سیتی بار ترٛاوُن یِنہٕ ذَمہٕ تہٕ پوختہٕ گژھہِ۔

**لَتھٕ دِتھ ترٛاوُن** ۔ ا۔ رَکنہٕ، پورے دکہٕ دِیُن۔ کُنہٕ یلِہٕ جاداد یا تجارتہٕ نِشہٕ پانے دستبردار سپدُن۔ ۲۔ حقارتھ کرٕنۍ۔ نَنٛجرٕ نظر وُچھُن۔ نَنساوُن۔ ترٛاوِتھ ژھُنُن۔

**لَتھٕ دِتھ گژھُن** ۔ تھپ کرِتھ ترٛاوِتھ ژھُنُن۔ ترٛاوُن تہٕ ژلُن (کانہہ شخص

کانٛہہ چیز یا کانٛہہ کام بیترٕ)۔ (کانٛہہ کام یا کانٛہہ چیز بیترٕ) پانٔے اَتھ مَنٛز تٕراوُن یا تٕراوِتھ ژھٕنُن۔

**لَتہ کَڈِنی۔** (پلوَن بیترٕ) چھوکھ کَڈُن۔ کَل کَھڑاوُن۔

**لَتہ کھورٕ۔** ۱۔ پایہ دان۔ سُہ چیز یَتھ پیٹھ اَندر اَژنہٕ برٕونٛہہ کھور وَتھراونہٕ یِیہ۔ ۲۔ نٔچہٕ ہٕنٛز چوکی۔

**لَتہ لَدٕنی۔** ۱۔ کانٛسہِ ہُنٛد گَرٕ گژھُن یا اَژُن۔ م: یَیلہِ سُہ سانہٕ دَرواز لَتہ لَدِتھ گَژھ مُبارَک۔ ۲۔ سَوار سپدُن، سَوار گژھُن۔ م: ٹانگس لَرِن لَتہ تہٕ دٕراو۔

**لَتہ لَگٕنی۔** ۱۔ کُنہِ پلوَس چھَلنہٕ بَرٕ مَل نیرنہٕ خاطرٕ مانٛژٕ دِنہٕ یِنہٕ۔ ۲۔ دُشمَنَس، ژادرِ یا کُنہِ بیترٕ پلوَس) صابَن زَلاوِتھ دٕژھنہٕ خاطرٕ) دَبارٕ اَکٕھ دِنہٕ یُن۔ ۳۔ (ورگہٕ پاٹھی) لُکہٕ ہٕنٛزِ نَظرٕ مَنٛز گَرُن — بے عزتہٕ گژھُن۔ بوٗرٕ نہٕ روزُن۔ بیکار گژھُن۔ لَژِمُت گژھُن۔

**لَتہ لایُن۔** ۱۔ بوٗرٕ نہٕ تھوُن۔ بے عِزتی کَرٕنی۔ ۲۔ (گُرِ شُرِ بیترٕ) تٕچہ دِتھ کھورٕ سیتی تھٕر اَکھ دِنہٕ یِتھ تٕراوِتھ ژھٕنُن۔

**لَتہ لَدٕ نٕہ یُن۔** سیٹھا تَوقع سان کانٛسہِ نِش گژھُن۔ بیکار وۄمیدِ ہیتھ کانٛسہِ نِش گژھُن۔

**لَٹاوٕنی۔** لوٗٹ پاٹھی ژَلُن۔ ژوٗرِ پاٹھی نیرُن۔ بے خبر پاٹھی گژھُن۔

**لَٹٕر۔** [< پراکرت: لَٹھِ۔ م ۔ ہ: لَٹھ۔] لوٗٹھ لَفظٕک۔ نعمہٕ ژٕٹھ۔ ٹکرٕ۔ ٹوٗکہٕ۔ م: کوٗٹی لَٹٕر۔ ۲۔ ژٕٹ۔ م: بُرِتھ لَٹٕر

**لَٹٕرٕ ٹالوٗ۔** لکرٕ ٹُکن ہُنٛد دَلوٗ۔

**لَٹھٕرا۔** [< س: لُٹ]۔ ۱۔ داری۔ پھیر پھیٖر۔ ۲۔ پھیٖر۔ کُنہِ جایہِ گژھنچ یا یِنچ عمل۔ ۳۔ وَق۔ وِز۔ موقہٕ۔ م: اَکہِ لَٹہِ اَکہِ اوس سُہ بادشاہ۔

**لَٹہٕ لَٹہٕ۔** وَقتہٕ وَقتہٕ۔ وِز وِز۔

**لَٹہٕ پوٗنٕز۔** یِتہٕ گژھہٕ (کُنہِ جایہِ) ٹلہِ یُن گژھُن۔ بار بار یُن گژھُن۔

**لَٹہٕ پوٗنٕزٕ گَرُن۔** ۱۔ یُن تہٕ یُن۔ واریاہ پھیر یُن تہٕ گژھُن۔ پوٗتُس ہیٚتھ یُن تہٕ گژھُن۔ ۲۔ ٹلہٕ پھیٖر دِنی۔

**لَٹہٕ سارٕ۔** کانٛہہ چیز سیٹھا پھیر کَرِتھ ہَنہٕ ہَنہٕ کُنہِ جایہِ دٕٲنٛتاوُن۔

**لَٹہٕ لَٹھ۔** یِتہٕ گژھہٕ پھیٖرس پیٹھ پھیٖر۔

گُنہٕ جایہِ پٕن گژھن جٲری آسن۔

**لَٹھ ڈِنی۔** پھیر دِیُن۔ پھیٚر کرُن۔ کُنہٕ جایہِ گژھن یایُن۔

**لَٹھ مو کلاونی۔** (واٲتُو) پھیر لَٹہِ گژھن۔

**لَٹھ ۲۔** [م۔ مول : لُٹ < س : لُٹ ]۔ ۱۔ مرگی۔ دور۔ اکھ بیمٲری یَلہِ میک دورٕ پیینہٕ سیتی انسان واریاہس کالس بےٚ ہوش چھ گژھان تہٕ نٮ۪ور زنگہ چھ دٲری دٲری دِوان۔ ۲۔ تصرُف دیژاہ مُرژھا۔ ۳۔ گلٲی۔ ۴۔ ہونگہ۔

**لَٹہٕ لَد۔** ۱۔ یَس مرگی آسہِ یِوان۔ یَس دورٕ آسہِ پیوان۔ ۲۔ سیٹھ لد۔

**لَٹہٕ گرٕٹ۔** بٔڈ بےٚ ہوشی۔ بےٚ حِسی۔

**لَٹہٕ ینی۔** مرگی ینز۔ دورٕ پیون یتھ سٕیتس گژھیچ بیمٲری پٮ۪نی۔

**لَٹھ۔** [ن۔ مول : لَٹھ < ہ : لَٹھا ]۔ اکہِ قسمک سفید کپُر۔

**لَٹھ وٕج۔** سفید کپرٕ چھل۔ رُمال۔

**لَٹھ ژان ہیوٚہ۔** تشکہٕ روس۔ شُتُرِ پاٹھی۔ پکرٕ پاٹھی۔

**لَٹھر۔** [ن۔ مول : لَٹھر < پراکرت : لٹھہ] پارٕتھ مٕس لنگ (زنانہٕ ہنٛد)۔

**لَٹھ پٹھ تہٕ گینگٕتھ۔** اپُزے ہاوباو۔ ٹلی پٹھ۔ اپُزے چکہٕ چاو۔ ٹھِل۔

**لُچر۔** [ہ : لُچر]۔ وُسرپایہ۔ کمینہٕ۔ بےٚ مقدُرچھ۔

**لُچرگی۔** کمینہٕ گی۔ وُسر پایُت۔ ڈھیرٕ بےٚ مقدُر چھگی۔

**لچکدار۔** [ہ : لچکدار]۔ ۱۔ نرم یہ لمنہٕ سیتی زیٹھ تہٕ پتہ بینہ پننی ڈنجہِ رٕوز۔ ۲۔ یہ حالژ موجوب بدلنہٕ ہیکہِ۔

**لچہ راٲزی۔** ڈیچھو "لُچرگی"۔

**لُچکہ۔** ۱۔ بونہ تصابہٕ۔ زیٹھ ووڈ پلو قصابس پیٹھ پکُر۔ ۲۔ (اہزلہ) دستارس پیتہ کنی لٹھی تُراوِتھ ہٕژکہ۔

**لُچکہ دِیُن۔** (ورزہ پاٹھی) کُنہٕ مجلس منز پارٕتھ شرمندٕ کرُن۔ نارناوُن ــــ رِشکس دِیُن۔

**لُچھ۔** [مول : لچھ < س : لکش]۔ ہتہ سانہ ۱,۰۰,۰۰۰۔

**لُچھن ہنٛدِ لچھ۔** گژٕنہ روس۔ بےٚ شُمار۔ لا تعداد۔ سیٹھا (روپیہ بیتر)۔

**لچھ آر دِتھ کچھ ژٹُن۔** (اکانہٕ پانس کُن پھِرِتھ پایتہ) حد روس تاریف تہٕ

یَزَتھ کرِتھ موٗلی کیتھ موکھ راوٕرُن۔ یٚژ
کالک لحاظِ موٗلی کیتھ پیٹھ راوٕرُن۔

**لچھِ آرُدن** ۔ کانہہ لچھ رٔنگی رٔنزٕ ون یا تَس
تاریف کَرٕنی یا اَسٕندی گون گیونی۔

**لچھِ بوٗو**۔ ہیتہ بڈی ساس۔ واریاہ لچھ۔ گٕژُن
رٔدٕ س۔ بے شمار۔ واریاہ۔ اُنتھ روٗس۔

**لچھِ پھیٚر**۔ ۱۔ دون مَنٛز تیٚژ فَرَق یتھٕنہٕ زلیتھ
ہیکہن۔ آسمان زمینٕچ فَرَق۔ ۲۔ سٕہ
حساب کتاب۔ یا لکھ یتھ منٛز سیٹھا ہَن
رٕہ پیٚن بیتر ہُند پھیر یا غبن آسہ۔ ۳۔
(تجارتس منٛز) بٔے شمار آمدنی۔

**لچھِ تژوگن آسے**۔ (ترٕگن) ہنٛس ساس
ڈری یس زِند روزن۔ سیٹھا زیٹھ
وانٛس۔ م : گٕرٕہ ژیٚے لچھ تژدگون
آسے۔

**لچھ گوٗن آسے**۔ وُچھو "لچھِ تژدگن آسے"۔

**لچھِ نوٗو**۔ یَس بے شمار ناو آسن۔ (دُرگہ
پاٹھی) دے۔ خودا۔

**لچھِ وول**۔ یُس لچھ واد رٕہ پیہ آسن۔
سیٹھا آسن وول۔

**لچھہ بوٗن**۔ ۱۔ اکس ہنٛس ساسس رٕہ پیٚس
ملر ہیون۔ ۲۔ (دُرگہ پاٹھی) واریاہ دٕروگ
پیٚون۔ سیٚخ میٚنحنتھ کرِتھ لبُن۔ (کینہہ
حاصل کَرنہٕ خاطرٕ سیٹھا کوشش کرٕنی پیٚنٛو۔

**لَحَد**۔ [م۔ موٗل : الحد < ع : لَحَد]۔ قبرِ منٛز
قبلہٕ طرفہٕ کھنی مژ ہوے یتھ منٛز موردٕ
تھوان چھ۔

**لَحَن**۔ [ن۔ موٗل : الحن < ع : لحن]۔ میٹھ آواز۔
موٗدُر ہٕرُطے۔

**لَختہٕ، لَخت**۔ [ن۔ موٗل : لخت < ف : لخت]۔
۱۔ ماز چھِل۔ ۲۔ ٹُکرٕ ٹُکہ۔ م : کٔنی
لختہٕ گوس۔

**لختِ جِگر**۔ [< ف : لختِ جگر]۔ (دُرگہ)
دالنجہٕ کھونٹھ۔ ٹوٹھ نیچو۔ عزیز۔

**لختہٕ کرُن**۔ کام کرناوی کرناوی تھکراوُن۔
اُکی سے جایہ کُنہ کامہ لاگتھ اڈٕ موٗد کرُن۔

**لختہٕ گرٕدھن**۔ ۱۔ دُتھ گرٕدھنی۔ ۲۔ (سیٚخ
کام پیٚنہٕ کنی) پینٛہ پینٛہ گرٕدھن۔ سیٚخ
تھکُن۔

ہ۔ **لَد**۔ [< س : لَبدہ/لدَدھ]۔ دار۔ وول۔
م : پھکہٕ لد۔ بادٕ لَد۔

**لداخ**۔ [ن۔ موٗل : لداخ]۔ کشیرِ ہنٛدِ
شمالہٕ مشرقہٕ طرفک اکھ علاقہٕ۔

**لداو**۔ [< پراکرت : لدَدھ < س : لَرَد]۔

۱۔ تاٰمیر۔ ۲۔ تاٰمیر کرنچ لاگتھ۔
لداوکھشن۔ تاٰمیرہیوٚر کُن بٔڑُن۔
لداٗخ۔ ۱۔ لداخک روزُن وول۔ ۲۔ لداخس مَنٛز بوٚوُن یا بنہٕ دُن۔ ۳۔ لداخچ بوٗلی۔
لدٕ وٕنۍ۔ ۱۔ سوزنچ موٗزوٗری۔ بنہٕ دٕنۍ۔ ۲۔ ریڈس یا چھاڑس بیترِ پیٹھ (چیزٕ بیترِ) کھارنچ موٗزوٗری۔ لدٲے۔
لدٕ وُن۔ وُچھو: "لدُن"۔
لدُن۔ [ن۔ مول: لد < پراکرت: لدٕد < س: لرد]۔ ۱۔ سوزُن۔ رواںہٕ کرُن۔ ۲۔ برُن۔ م: بوہرٕ منٛز بکہ لدُن۔ زاٗرٕ منٛز ژوچِ لدٕنہٕ۔ ۳۔ رُستُن۔ ژہلُن۔ ژائُن۔ م: موٗندٕ ژسَس لدُن۔ ہیٚسٹین لدُن۔ گُرامس لدُن۔ ۴۔ (پیٚوٹھس پیٹھ) کھارُن۔ م: زیٖن لدُن۔ بکہ لدُن۔ ۵۔ بناوُن۔ تاٰمیر کرُن۔ م: مکانہٕ لدُن۔ دوٚس لدٕنۍ۔ ۶۔ (باکس کینتھ) شیرُن۔ م: بتہٕ لدُن۔
لدٕ بتہٕ۔ سُہ رَنتھ بتہٕ یُس تھالس ٹاکن بیترِ منٛز شیرتھ لوکن باگرادنہٕ ییہِ۔
لدٕ ساٗرٕ۔ باگراوُن۔ سوزُن۔ واتناوُن (کانہہ نیازٕ، توحفٕ، ہیٚوٚت دیُت بیترِ)

لدٕ وٕنۍ وُمرٕ وٕدٕ وٕنۍ گرٕ ژھنۍ۔ ۱۔ کھسہٕ وٕنۍ جوانی ضایہٕ گرٕ ژھنۍ۔ ۲۔ (ووہ ہو) ڈیٚبہٕ ژاس گرٕ ژھن۔
لدتھ لہرُن گرٕ ژھُن۔ کرٕ کرٕ ترٕ بہٕ کینہہ سارُن۔ کٕنٛتی کٕنٛتی آچھر گرٕ ژھن۔
لدوُن۔ بالہٕ دامنَس (کھسہٕ وُن لبہٕ بیٚنہ) جنگل آسہٕ آمُت۔
لَڈُر۔ [ن۔ مول: لڈُر < پراکرت: لٹھ]۔ اکہِ قسمچ ترکاری یوسہٕ سَرس تمبلہٕ بیترِ ووہ یدان چھنے۔ یہٕ چھُ زیوٗٹھ گنڈُر ہیوٚہ آسان۔ م: ژوہ کرِ لڈُر۔ وے لڈُر بیترِ۔
لذتھ۔ [ن۔ مول۔ لذت < ع: لذۃ]۔ ۱۔ مزٕ۔ حظ۔ میٖچھر۔ ۲۔ لُطف۔ آرام۔
لذتھ تُلُن۔ حظ تُلُن۔ مزٕ کرُن۔ عاٰشش کرٕنۍ۔ لُطف ژٹُن۔ نظارٕ وُچھُن۔
لذتھ دار۔ لطیف۔ مزٕدار۔ میوٚٹھ۔
لذتھ ہیوٚن۔ وُچھو "لذتھ تُلُن"۔
لذتھ یُن۔ آرام یُن۔ لُطف یُن مزٕ یُن۔
لَرٕ۔ [م۔ مول: لر < پراکرت: لٹی۔

نٹھ سبے۔ کانپھ۔ خوف

**لرزِ۔** [ن۔ مۆل : لرز < ف : لرزہ]۔ نٹھ نٹھ۔ تھر تھر۔ اَلِہ۔

**لرزِ اَژُن۔** ترٛاس کھیۆن۔ نٹُن۔ کانپھ اَژُن۔

**لرزِ بہُن۔** وُچھو "لرزِ اَژُن"۔

**لرزِ ژانُن۔** ہیبتھ ہیُون۔ تھر تھر ژانُن۔

**لرزِ وۄتھُن۔** تھر اَژِنی۔ نٹُن۔ اَلِہ اَلِہ اَژُن۔

**لرزِ ناوُن۔** (کانٛسِہ) اَلِہ اَلِہ ژانُن۔ تھر تھر ژانُنی۔ سخ کھوژناوُن۔

**لرزُن۔** کانپُن۔ تھر اَژِنہٕ۔ نٹُن۔

**لڑ۔** [م۔ مۆل : لڑ < پراکرت : لڈ < س : رٹہ]۔ ۱۔ مان مان۔ مقابلہٕ۔ دبدب بیتر۔ ٹھوسہٕ ٹھوس۔ ۲۔ جھگڑُس منز گاٹر گیٹھ۔

**لڑ کرنہٕ۔** دب کرِنی۔ گیڈ کرِنی۔ مان کرِنی۔ مقابلہٕ کرُن۔ لڑاے کرِنی۔ فساد کرُن۔ آکر کرِنی۔ اَکڑ کرِنی۔

**لڑ تھوَنی۔** لگنہٕ تھوَنی۔ آکر تھوَنی۔ اَندرِ اَندرِ ٹھوسہٕ ٹھوس تھوَنی۔ رنجش تھوَنی۔

**لڑ لاگنی۔** مان مان کرِنی۔ اَکڑ لاگنی۔ شرارتھ لاگُن۔ حو جتھ یا ٹھوسہٕ ٹھوس لاگنی۔

**لڑاکو۔** [< پراکرت : لڑاوکو]۔ ۱۔ جنگی۔ ۲۔ لڑُن وول۔ لڑاے ژانن وول۔ ہر گوٚر۔ ہر کرن وول۔

**لڑاو۔** چلانا وارن یا گانٹھ بیرن ہنٛد پانہٕ وٲنی مقابلہٕ۔

**لڑاوُن۔** ۱۔ (زاری گنتھ) رۄپیہٕ پیسہٕ نیبر کڈنہٕ یا داوس لاگنہٕ۔ نقدس زار گنڈُن۔ ۲۔ (کانٛسہٕ کانٛسِہ سیتی) ژۄدٕ ناوُن۔ ہر کرناوُن۔ ۳۔ جنگی ہتھیارو سیتی جنگ کرناوُن۔ ۴۔ (کوتر بیترِ) پانہٕ وٲنی ہسکاوِتھ زینہٕ ناوُن۔ اَکھ پتنگ بییس پتنگس سیتی ہسکاوُن۔

**لڑایل۔** [وُچھو۔ لڑاے]۔ لڑایہٕ گوٚر۔ ہرِل۔

**لڑاے۔** [م۔ مۆل : لڑاے < پراکرت : لڈٲ]۔ ۱۔ جنگ۔ ہر ہر۔ ۲۔ جھگڑہٕ۔ فساد۔

**لڑایہٕ گژھن۔** سپاہ ہنٛدِ مادس پیٹھ نیرُن۔ جنگ کرنہٕ گژھن۔

**لڑایہٕ گوٚر۔** شہ بیینٛہ ژۄنس پیٹھے تھووِمت آسِہ۔ فسادی۔

**لڑاے آسنہٕ۔** [illegible] ٹھوسہٕ ٹھوس آسنی۔ نیاے آسُن۔ ہشر بہٕ آسُن۔ تناز آسن۔

**لڑاے بہنی۔** ۱۔ جنگ بند گژھن۔ امن سپدُن۔ جنگ بنٛدی گژھنی۔

۲۔ دُشمنی دٲر گژھنۍ۔ نیاے زھینُن۔ جگڑٕ نکُن۔ صُلح گژھنۍ۔

**لڑائے ترٛاوُنۍ۔** پانہٕ وٲنۍ صُلح کرُن۔ ملالہٕ دۆر کرُن۔ نیاے ژٕٹُن۔ تناز موکلاوُن۔

**لڑائے تھوُنۍ۔** لگ تھوُنۍ۔ فساد تھوُن۔ ٹھوسہٕ ٹھوس تھوُنۍ۔ نیاے روزُن۔ لین دین ژٕٹُن۔ واسطہٕ تھوُن۔

**لڑائے کرُنۍ۔** ہرکرٕنۍ۔ جگرس بُتہٕ نیرُن۔ فساد تُلُن۔ نیاے کرُن۔

**لڑائے گژھنۍ۔** جگرٕ ووتھُن۔ فساد گژھُن۔ ہرگژھنۍ۔ نیاے گژھُن۔ تنازٕ ووتھُن۔

**لڑائے لگنۍ۔** جنگ ووتھُن۔

**لڑائے لاگنۍ۔** ۱۔ ہرکرٕنۍ ہیٚنۍ۔ ۲۔ لڑ لاگنۍ۔ ژٕونۍ۔

**لڑائے مُلہٕ ہیٚنۍ۔** زبر بوزے فساد تُلُن۔ یوزے جگرس زیر دِنۍ۔ شرارتھ دیُن۔ زورٕ نیاے تُلُن۔ ژٕرکرٕنۍ۔ ہس دیُن۔

**لڑائے موکلنۍ۔** وُچھو "لڑائے ژہنۍ"۔

**لڑائے ووتھنۍ۔** ۱۔ (دوٚن دٔرمیٛن یا ملکن) جنگ لگُن۔ ۲۔ فساد ووتھُن۔

**لڑُن۔** [ن۔ مٲل: لڑ (پراکرت۔ لڑ]۔ ۱۔ لڑائے کرٕنۍ۔ ہرکرٕنۍ۔ ٹھوسہٕ ٹھوس ہیٚوٕنۍ۔ ۲۔ ضد کرُن۔ آہرکرٕنۍ۔ ٹکر کرٕنۍ۔ ۳۔ مُقابلہٕ کرُن۔ ۴۔ جدوجہد کرٕنۍ۔ ژٕکھُن۔

**لڑِتھ بوزُن۔** لڑائے کرِتھ، ہتھی لاگے یا لحاظ ژٕٹِتھ مُشخص کرُن۔ م: آنچہ میننہٕ۔

**لڑِتھ کھیٚوُن۔** ۱۔ مقابلہٕ کرِتھ لوزِتھ ہیٚوُن۔ میننہٕ تہٕ تولِتھ ہیٚوُن۔ ۲۔ وُچھن کس کس پوشہٕ۔

**لڑِتھ ہیٚوُن۔** وُچھو "لڑِتھ کھیٚوُن"

**لڑی لڑی ہیٚوُن۔** ہتھ لاگے کرِتھ حاصل کرُن۔ لوز لوز ہیٚوُن۔

**لز۔** [م۔ مٲل: لز (س: لجا/لج]۔ ۱۔ شرم۔ حیا۔ ۲۔ گال۔

**لز روٚس۔** بے شرم۔ بے حیا۔

**لز لانتھ۔** سو یا سہ پتھری کنی لوکن منز شرمندگی تُلنۍ پیٚیہِ تہٕ انسان گژھِ تھوکرٕ نکھہٕ کرٕ۔ م:
پڑھ کور گیہِ لز لانتھ۔

**لزا۔** [م۔ مٲل: لزا (س: لجا]۔ شرم۔ حیا۔ گال۔

**لزُن۔** [ن۔ مئول: لزُ < س: لبدھ/ پراکرت: لدَّنہ < س: لردنہ]۔ اینہ ڈنگ ریسم رواج۔ لوُ ازمات۔ لازمداری (کور ہشار یا بلینہ ہشار داڑکو خاطر)

**لزُن پزُن۔** دار دہستار۔

**لَڑھ۔** [م۔ مئول، لَڑھ < ج س: لوشٹ]۔ ژھوٹھ۔ گرد۔

**لَڑھ کرُن۔** ا۔ بے قدری کرنی۔ قدر نہ کرنی بُور نہ تھوُن۔ ۲۔ ضایہ کرُن۔ راورادُن۔

**لَڑھ گژھن۔** بور نہ روزُن۔ یزتس خلل گژھن۔ بے قدری گژھنی۔ ضایہ گژھن۔ لوژر لگُن۔ قدر نہ روزنی۔

**لَڑھ گومُت۔** ا۔ بنہ یزتہ۔ یُس نہ کانہہ آسہ ہزژھان۔ کھوتہ گومُت۔ ۲۔ ضایہ گومُت۔

**لَڑھ نُلینی۔** گرد غبار تُلُن۔ ژھوٹھ کرُن۔

**لَڑھ کرنی۔** ا۔ ژھوٹھ کرُن۔ ۲۔ یزتہ والُن۔ لوژر دیُن۔ ذلیل کرُن۔ بے وقری کرنی۔

**لَڑھ گژھنی۔** بے یزتی گژھنی۔ ناوس دبہ لگُن۔ وکھنی بور نہ روزُن۔ ذلیل گژھن۔

**لَڑھ والِنی۔** لبُن، طاقچن ہیتر لَڑھلہ سیتی گرد نہ ہاے ہیتر والِنی۔

**لَڑِھج۔** [م۔ مئول: لَڑھج < وُچھو۔ لَڑھ]۔ زیچھن تجن بنوومت ڈوبہ یا پَچھ اکھ سامانہ۔ ڈوُنی۔ مازن۔

**لَڑِھج وِنی ڈوُ دیُن۔** اَندرینہ مو کلاوُن (یہ چھ اکھ وہ ہو)۔

**لَڑِھج لگنی۔** ڈوُلگُن۔ اندرینہ مو کھُن۔

**لَڑھجو سیتی دیار ڈوُنی۔** یژ پونسہ زیننی، ہزر نفع بٹُن۔

**لَڑھجہ بٹول۔** اکھ بوٗڈ یوہ سہ شرٗ بٹہ ہیتر لگان چھئے۔ یُر لَڑھجہ ہند بٹول۔

**لَڑھجہ گاسہ۔** اکر قسمک گاسہ یتہ مازنہ بناوان چھ۔

**لَڑھل۔** [ن۔ مئول: لَڑھل < وُچھو۔ لَڑھ]۔ اکھ ڈوُنک سامانہ۔ کھڑ رد بلین جتر ڈوُنی۔

**لسُن۔** [ن۔ مئول: لس < س: لسنہ]۔ ا۔ زُدُن۔ زندگی پژاونی۔ زندہ روزُن۔ ۲۔ بچُن۔ بلُن (کانہہ سخ بیماری کدنہ پتہ)۔ ۳۔ چھکُن۔ پرزلُن (زندگی منز)۔ ۴۔ (آہی پژھو) زیٹھ وانس

پٔراوِنۍ۔ نۄن تہٕ پھۄلُن۔

**لَسَن بیٛول۔** شُری بہٕ سنٛدِ خاطرٕ تِم طاقتی چیز بیترٕ یِمو سیٛتۍ شُہ اَوٕر دٔوٕر روزِ۔ کینٛژھا مینٛژھا۔

**لَسُن لَبُن۔** [< س: لَسنہٕ + وَسنہٕ]۔ ۱۔ زِنٛدگی پٔراوِنۍ تہٕ دُنیہِک وِلو ہار پکناوُن۔ ۲۔ (آہن) نۄن تہٕ پھۄلُن۔ گرٕ بار کرُن۔

**لَسُن لایَق۔** شُہ شُریس جان اَطوار آسُن۔ شٔریف تہٕ فرمانبردار شُر۔

**لَستہٕ لگُن۔** بنٛد اَلگ گژھُن۔ ژھستہٕ لگُن۔

**لَستہٕ۔** [ن۔ مۄل: لَسَن < س: لَس]۔ اَکھ قٕسمٕچ قیمتی کٔنۍ۔

**لَشکَر۔** [م۔ مۄل: لَشکَر < ف: لَشکَر]۔ ۱۔ فوج۔ سِپاہ۔ ۲۔ جمانٛھ۔ وارِیاہ لُکھ۔ ۳۔ برٕ۔ ہۄجوم۔ ییٚلہٕ۔ م: ریٚیہٕ لشکَر۔

**لَشکَر شِکَس۔** [< ف: لَشکَر + ف: شِکست]۔ ۱۔ عاَمِ شِکَس لَد۔ نۄٹُکھ سِتہٕ لَد۔ ۲۔ (بیٚیِن پانَس سیٛتۍ) وٕتھ راوٕرِن وول۔ بے ہِمتہ کرُن وول۔

**لَطافتھ۔** [م۔ مۄل: لَطافت < ع: لطافۃ]۔ ۱۔ مزٕ۔ لذتھ۔ میٹھرٕ۔ شیٖرِ ہِنۍ۔ ۲۔ زآوی جار۔

**لَغزِش۔** [م۔ مۄل: لَغزِش < ف: لَغزِش]۔ ۱۔ رسُھو۔ ژلِنۍ۔ پھِرٕنۍ۔ ۲۔ رَل آلایش۔

**لَفنٛگہٕ۔** [ن۔ مۄل: لفنٛگہٕ < ہ: لَفنٛگ < ف: لاف]۔ بَدراہ۔ بَدچلَن۔ غُنٛڈٕ۔ لُنٛڈٕ۔ رفع تبلُہو۔ دَربدَری۔ آوارٕ۔

**لَفنٛگہٕ گی۔** وُچھو "لَفنٛگل"۔

**لَفنٛگل۔** دربدری۔ بدماشی۔ لُنٛڈگی۔ آوارگی۔

**لَفظ۔** [ن۔ مۄل: لَفظ < ع: لفظ]۔ ۱۔ کتھہِ ہنٛز اِکٲیی۔ کتھ۔ تہٕ یہ کینٛژھا زیٚوِ نبرٕ، یہ زیٚوِ سیٛتۍ ونہٕ یِیہ۔ یہ زیٚوِ کِڈ ز۔ شبد۔ ۲۔ واد۔ بقرار۔

**لَفظ بہٕ لَفظ۔** اَکھ اَکھ لَفظ۔ حرفہٕ حرفہٕ۔ کانٛہہ کتھ یا لَفظ منٛز ترٛاونے۔ اَکھ اَکھ حرفہٕ۔ پٔرادِ پٔرد۔

**لَفظ پوٗرٕ کرُن۔** واد پوٗرٕ کرُن۔ یہ زباَنۍ سوداگوٗمت آسہِ تہٕ پوٗرٕ کرُن۔

**لَفظ پھِرُن۔** کانٛہہ مامَلہٕ یا نبرٕ خطے کرِتھ پَتہٕ بہٕ تَتھ پیٚٹھ روزُن۔ کُنہ کتھہِ بیترٕ بقرار کرِتھ پتہٕ اِنکار کرُن۔ زبان پھِرٕنۍ۔ وادس ڈٔلُن۔

**لَفظ پھُٹُن۔** ۱۔ واد ڈٔلُن۔ وادس پیٚٹھ نہٕ روزِتھ ہیکُن۔ ۲۔ پیٚنہٕ نس وُزِتس

پیٹھ نہٕ روزُن۔

**لَفِظ دِیُن۔** واد کرُن۔ زبان کرٕنۍ۔ سودا گرٛزھن۔

**لَفِظ کرُن۔** ۱۔ واد کرُن۔ یقرار کرُن۔ ۲۔ (نِرخ بیترِ) طے کرُن۔ مُشخص کرُن۔ سوداگرٛزھن۔

**لَفِظ گرٛزھن۔** ۱۔ واد گرٛزھن۔ کینہٕ مُشخص گرٛزھن۔ زبان گرٛزھنۍ۔ فاصلہٕ گرٛزھن۔ سودا سپدُن۔ کنہ طے سپدٕنۍ۔

**لَفظس پیٹھ روزُن۔** یہ فاصلہٕ گومُت آسہِ تتھ پیٹھ ڈٔرتھ روزُن۔ یہ سودا آسہِ طے گومُت تتھ نہٕ زبان پھیرٕنۍ۔

**لَفظی ترجمہٕ۔** سُہ ترجمہٕ یُس لفظ بہ لفظ آسہِ۔ حرفہٕ بتہٕ حرفہٕ اکہِ بولہِ منز بییس بولہِ منز تارُن۔ (خاص کرتھ) سُہ ترجمہٕ یتھ منز اصلی مانیک خیال آسہٕ نہٕ تھوومُت۔

**لَفظی مانے۔** لغوی مانے

**لَقَب۔** [ن۔ مؤل: لقب < ع: لقب]۔ سُہ ناو یُس کانٛسہِ تارِیفہِ پٹھ دِنہٕ آمُت آسہِ۔

**لَقَب دیُن۔** ۱۔ سرکارکہٕ یا کُنہ مُستند جماژ ہنٛدٕ ذٔریعہٕ کانٛسہِ کانٛہہ بوڈ ناو عطا کرُن۔ ۲۔ (کانٛسہِ) تارِیف کرٕنۍ۔ بجر دِیُن۔ شہزر دیُن۔ اہمیت دِنۍ۔

**لَقَب کھارُن۔** ۱۔ (کانٛسہِ) تاظیم کرُن۔ یزتھ کرُن۔ ۲۔ (ہزلہِ) پوش کھاوِنۍ۔ ٹھر کھارٕنۍ۔

**لکوٹہٕ۔** [ن۔ مؤل: لکوٹ < س: لیکھ+پٹ]۔ ۱۔ لوٗر ہیوٗ ڈلتہٕ تھوو نہٕ آمُت کاگز بیترِ ۲۔ (زورگہٕ پاٹھی) دستاویز۔

**لکلہٕ۔** سیوٗد سادٕ۔ چور۔ سپھڑوت۔

**لکچھ۔** [م۔ مؤل: لکچھ < س: لکشمی]۔ اکھ زنانہٕ ناو۔ یہ سہ بٔڑ ہش آسہِ۔

**لکچھ نٔرنۍ۔** شکس دِیُن۔ ہار ناوُن۔ لاجواب کرُن۔ کھلر کرٕنۍ۔

**لکچھ گرٛزھنۍ۔** ۱۔ کمزوٗری زٕنۍ۔ کھلر گرٛزھنۍ۔ نوتوانی زٕنۍ۔ ۲۔ شکس لگُن۔ ہارتھ ہتہ پشیمان گرٛزھن۔

**لکھُن۔** [ن۔ مؤل: لکھ < س: لکھ]۔ (منز) زانُن، برُن، سٹن، لسُن، ٹھکُن۔ م: موٚنڈٕ لکھُن

**لکھین۔** [م۔ مؤل: لکھین < س: لکشنہ]۔ ۱۔ (بان یا ناکارہٕ) صِفتہٕ۔ کوڈٕر پھیچھ۔

کیرُن۔ م ا رٕتِ لکھچن، کو لکھچن۔
۲۔ شۄگوُن۔ فال۔ کانٛہہ تِتھۍ نِشانہٕ
یِنہٕ تِکہٕ شۄگوُن نی زٕ۔

لَکھچھُن ۔ [ن۔ مۆل : لکھچن (س : لکشنَہ]۔
(کُنہٕ جایہ زٕسہٕ پیٹھ) کزٕرٕن دانہٕ ہیُوہ۔

لَگ ہا ۔ [م۔ مۆل : لَگ (س : لگ]۔ رِواج۔
دۆستوٗر۔ رۆش ۔

لَگ لگِنہٕ ہا۔ دۆستوٗر بَنُن۔ رِواج نیرُن۔

لَگ ٹا۔ لڑٕ۔ مان۔ ٹھوسہٕ ٹھوس۔ فَساد۔
ٹکر۔ اَکڑ۔

لَگ آسِنۍ۔ مان مان آسِنۍ۔ لڑٕ آسِنۍ۔
ٹھوسہٕ ٹھوس آسِنۍ۔

لَگ لگِنہٕ ٹا۔ ٹھوسہٕ ٹھوس ووتھنۍ۔ لڑٕ لگنۍ۔
مان مان لَگنۍ۔

لَگَن ۔ [م۔ مۆل : لگَن (س : لگنَہ]۔ ا۔ کَل۔
دِیان ۔ ۲۔ (کانٛسہٕ ہِنٛزا) مالۍ
مُحبتھ۔ عِشق ۔

لَگَن ہار ۔ [(س لگنَہ + ہار]۔ ا۔ بکار یوُن۔
کار آمد۔ لَگہٕ ہار ۔ ۲۔ قٲبِل۔

لگاتار۔ [ ( ہ : لگاتار]۔ پۆتُس پتھ۔ اَژھین۔
ژِھد روٗس۔ پیاپے۔

لُگام ۔ [م۔ مۆل، لگام (ف : لگام]۔ لاکَم۔

راس۔

لُگام دِنۍ۔ ا۔ رُکاوُن۔ بنٛد کرُن ۲۔ زِھد پیٛر
کرناوُن۔ اَتھس لاکَم کرٕنۍ۔

لگان۔ [ن۔ مۆل : لگان (س : لگ/ لاگ]۔
مالیہ۔ سۄ آمدنی یُس زمینہٕ والٮ۪س
نِشہٕ ٹیکسہٕ کِنۍ پرٛژھۍ وۄمۆل ییٖہ کرنہٕ۔

لگاو۔ [ ( پراکرت : لگّاو (س : لگ + ہ:
آو]۔ مایہ۔ مُحبتھ۔ لۍ۔ مالۍ۔

لگاوُن۔ [ن۔ مۆل : لگاو]۔ ا۔ (کُنہِ) لایُن۔
بَرِتھ دِیُن۔ ۲۔ کُنہٕ کامہٕ مَنٛز تراوُن۔
کامہٕ تراوُن۔ ۳۔ مُلازِم بَناوُن ۴۔ نالۍ
تراوُن۔ ژھُنُن۔

لگہٕ۔ [ن۔ مۆل : لگ (س : لگ]۔ پُشرٕ۔
(یہ دِیُن پییہ) ہیٚیٚر۔ ڈَنٛڈ (خاصکر یِتھ
زارٕس مَنٛز)۔ تاوانہٕ۔ جُرمانہٕ۔ ۲۔ سۄ
پونٛسہٕ یُس پونٛسہٕ گَتہٕ گِنٛدنَس مَنٛز کُنہٕ
غلطی بیتر پیٹھ ڈنٛڈ پرٛژھی دِیُن پییہ۔
۳۔ دۆش۔ خطا۔ چھوٚہ۔

لگہٕ برُن۔ (زارٕس مَنٛز) پُشرُن۔ تاوانہٕ
دِیُن ۔

لگہٕ برُن ۔ وُچھو "لگہٕ برُن"۔

لگہٕ ٹلُن ۔ (زارٕ کُنہٕ) چھیتل ٹلنۍ۔ نال کڈُن ۔

**لگہٕ دیُن** ۔ وُچھو "لگہٕ بَرُن"

**لگہٕ لگُن** ۔ ۱۔ دوُشُس کھسُن ۔ راہ کھسُن ۔ ۲۔ پوٗنسہٕ گُتہٕ گِنٛدنَس منٛز اَدلہٕ بَدل پوٗنسہٕ مارُن نہٕ جُرمانہٕ دیُن ہیٚون ۔

**لگہٕ ہیٚون** ۔ ( پوٗنسہٕ گُتہٕ گِنٛدنَس منٛز ) باز نٕژ اوُتھ مارنہٕ سٕتی بَدل پوٗنسہٕ مارُن ( یُس نہٕ باج مارُن وونٛمُت آسہِ ) تہٕ یہِ چھوُہ کھسنَس پیٹھ مُلکط بَنِتھ مارُن وٕزِلیس مُناوانہٕ ہیٚون ۔ گُنٛزہ ہیٚون ۔ جُرمانہٕ ہیٚون ۔

**لگہٕ شیٖنٛکا** ۔ [ م ۔ مۄل : لگہٕ شیٖنکا > س : لگھُشنکا ] ۔ لوٗکُٹ اِدرار ۔ مُتھر ۔ پیشاب ۔ زَل ۔

**لگہٕ لوٗگ** ۔ [ ن ۔ مۄل : لگہٕ لگ > س : لگ ] ۔ ہِوُس ہیوٗہ ( یُتھ یورٕ تِتھے اور ) ۔ رِسیہِ ۔ برابر ۔

**لگہٕ ہار** ۔ [ ن ۔ مۄل : لگہٕ ہار > س : لگ + ہار ] ۔ وُچھو "لگن ہار" ۔

**لگُن** ۔ [ ن ۔ مۄل ۔ لگ > س : لگنہ ] ۔ ۱۔ ( کُنہِ سٕتی ) چِھی گژھنۍ ۔ م : مُنٛہ لوٗگُس بُتھس سٕتی ۔ ۲۔ ( کُنہِ سٕتی ) داٹنہٕ یُن ۔ م : پوسٹر لوٗگ تارِ کوٹھس ۔ ۳۔ رِسیہِ بہُن برابر گژھُن ۔ م : یہِ ٹھانہٕ لگہٕ نہٕ بوتلہِ ۔ ۴۔ پھسُن ۔ ہیٚنہٕ یُن ۔ بَنار گژھُن ۔ م : خالُس لگُن ۔ ۵۔ بکار یُن ۔ م : یہِ چابی لگہٕ نہٕ اَتھ ڈبہِ ۔ ۶۔ راس یُن ۔ دیُن ۔ براہ یُن ۔ م : تَس چھےٚ دارِی وِس اَنٛدر لگان ۔ ۷۔ منظوٗر آسُن ۔ م : رقہٕ پےٚ لگیا یینہٕ لگمیٚ ۔ ۸۔ کارگر گژھُن ۔ آیہٕ بہُن ۔ نِشانَس پیٹھ پیٚون ۔ ۹۔ ییٚتھےٚ ہیوٗہ گژھُن ۔ ناراض گژھُن ۔ م : دِلَس لگُن ۔ ۱۰۔ چوٚٹ یُن ۔ زخم کھیُن ۔ م : گِنٛدنَس منٛز چھُہ لگُن آمُت ۔ ۱۱۔ ہانٛژہ ہیٚنۍ ۔ وُلاپہٕ یُن ۔ م : شُہر لوٗگ بِچوٗر اَپُنٛ ۔ ۱۲۔ ( نوکری ) بنٛنۍ ۔ ( مُلازِم ) سپدُن ۔ م : سُہ لوٗگ پُلیسس اَنٛدر ۔ ۱۳۔ شستٕر لَنہٕ ہۄنٛدُرن شٕٹھُن ۔ م : وَنٛدس اَنٛدر چھُہ آب لگان ۔ ۱۴۔ دَگ گرٕنۍ ۔ م : ذیٚرِ سٕتی لگُن ۔ ۱۵۔ پھسُن ۔ م : تپالہٕ لگُن ۔ ۱۶۔ محسوٗس گژھُن ۔ م : بوچھہٕ لگنۍ ۔ ترٛیش لگنۍ ۔ ۱۷۔ جاری گژھُن ۔ م : چھوٗر لگُن ۔ ۱۸۔ کُنہِ کُن سپدُن ۔ م : وَلَس مُتہٕ لگُن ۔ ۱۹۔ بَرُن ۔ مُناسِب آسُن ۔ م : یہِ لگہٕ نہٕ کرُن ۔ ۲۰۔ گنٛڈِنگ سٕتۍ کرُن یا شوٗر کرُن ۔ م : پرُس کُن لگُن ، مارنہٕ لگُن ۔

۲۱۔ لگہٕ ہار آسُن ۔ م : یہ شُر لگہٕ نہٕ
اَتھہٕ کھُرِ دِلہٕ ۔ کاہسہٕ لگُن ہٕ ۔ ۲۲۔
بیٚنہٕ زِد روزُن ، جَل روزُن ۔ م :
شُر لگُن ستاوِنہٕ بُن ۔ م ابلایہٕ لگُن ۔

**لگُن لایق** ۔ نہٕ وَنَن یاگرُن ، بیٚمہٕ سِتی
دِل دُکھی گژھہٕ ۔ بیٚمہٕ سِتی مَن پھُٹہٕ ۔

**لگتھہٕ گژھُن** ۔ ۱۔ شِشر بَنُن ۔ ہوٚشارُن ۔
۲۔ بَند گژھُن ، پھَسُن ۔ ۳۔ تارِ گژھُن ۔
روٗٹہٕ گژھُن ۔

**لوٗگ نتہٕ جوٗگ آو پوٗت پھیر تھہٕ** ۔ نہٕ دیٚچھ
گوہسہٕ چیز بیتر ییٚمتیک نہٕ ضوٗرد رتھہٕ
آسہٕ لسہٕ لوٗگ آسہٕ تَن یا نا لگہٕ ہار آسہٕ تَن
یا سہٕ جان آسہٕ تَن یا ناکارٕ آسہٕ تَن)
تمیٚک آسُن نہٕ نہٕ آسُن چھہٕ ہِشی کتھا ۔

**لگ بَگ** ۔ [ م ۔ ہ : لگ بھگ ]۔
تقریبَن ۔ یہ ڈیٚپی زِنہٕ ۔ اُمہٕ یٚیمہٕ اَنداژن ۔
الہٕ پلہٕ ۔

**لَل ۱** ۔ [ م ۔ مٔول : لَل ]۔ ۱۔ بڈلس گُنہٕ جایہٕ
الوٗند ماز ۔ ۲۔ (یالس گُنہٕ جایہٕ) ماز
ہیٚوٗہ کھَسُن ۔ ہَنر ۔ وَرِم ۔ ماز لبتہٕ ۔

**لَل کھسنی** ۔ (یالس گُنہٕ جایہٕ دزنہٕ کنی یا
لگنہٕ کِنی ) ماز ہیٚوٗہ کھَسُن ۔ ہِلُن ۔

**لَل وُسنی** ۔ ۱۔ بڈلس گُنہٕ جایہٕ ماز الوٗند گژھُن ۔
۲۔ (دُرگہٕ یا اَٹھی) وہٕ ہٹُن ۔ بیڈ کھسنی ۔

**لَل ۲** ۔ [ س : لَلا ]۔ ۱۔ لل دید ، للا ئل ،
زنانہٕ ۔ اَکھ مشہوٗر کاشُر زنانہٕ
صوٗفی شاعیر ہُند ناو ۔ اَہندی واکھ
چھہٕ مشہوٗر ۔ ۲۔ سو زنانہٕ یوٚسہٕ سیٚٹھا
شریف آسہٕ ۔ شبیہ مارج ۔ پاک نہٕ
خولقی زنانہٕ ۔ شلہٕ مان ۔

**لَلہٕ واکھ** ۔ [ ن ۔ مٔول : للہٕ واکھ < س :
للا + واکیا نہٕ ]۔ لل دیدِ ہُند کلام ۔

**لَلہٕ پوٚت** ۔ [ ن ۔ مٔول : للہٕ پوٚت < پنجابی :
للا پتو < ہ س : لل + پتر ]۔
۱۔ چور ۔ فاتُر ۔ ۲۔ بٔنے مانہٕ کتھہٕ ۔
بکواس ۔

**لَلہٕ پوٚت وَنُن** ۔ ۱۔ بٔنے ہُنی باد کتھہٕ وَننہٕ ۔ ۲۔
(اکثر) پننہٕ مطلبہٕ اَپزی تاریف کرٕنی ۔
خوشامد کرٕنی ۔

**لَلہٕ کھوٚل** ۔ [ ن ۔ مٔول : لَلہٕ کھل < س : لل ]۔
پایم ۔ وِلوہار ۔ خرچ برچ ۔

**لَلہٕ کھوٚل کرُن** ۔ پایم کرُن ۔ خرچ برچ
کرُن ۔

**لَلہٕ ناوُن** ۔ [ ن ۔ مٔول : لَلہٕ ناو < س : لول ۔ لل ۔

۱۔ (شُرِس) کھوہ نہِ مُنٛز گوٗرِ گوٗر کرُن۔
کھوہ نہِ ٹُلُن۔ کھوہ نہِ کھوہ نہ پھِرِوُن۔ ۲۔
رُچھِن ریپالُن۔ ۳۔ پیٚتر ُن۔ اَنٛدری
ہیوٗن۔ اَنٛدری ژ ڈرِ تھاوُن لکا نٕہ
مُصِیبَتھ یا دود ڈگ ہیٚتر) ۴۔ کاٗنسہِ دود
ڈگ شیٛنہلاوُن۔

**لَلہِ وُن۔** وُچھِو، لَلہِ ناوُن۔

**لَلہِ وُن تھاوُن** ۱۔ ہَیب تھاوُن۔ ہیٚم
تھاوُن ۲۔ شُرتھوٗن۔ اَرمان تھوٗن۔

**لَل بُگو۔** [ن۔ مۆل: لَل بُگ]۔ اَکھ قِسمُک
ژوٗنٹھ۔

**لَم ۱۔** [ن۔ مۆل: لَم <؟ س: لِمپ]۔ ۱۔
مٕنٛز بوٗن۔ مٕنٛز لبُر۔ ۲۔ سو جاے
ییٚتِہ مٕنٛز گَڈِتھ کُٹھ ہیوٗ آسہِ گومُت۔

**لَم وُسنہ یُن۔** ۱۔ مٕنٛز بوٗن یا لبُر آدِسُن۔
۲۔ (وَرگہِ پاٹھو) ہٕنٛگہِ تہٕ مَنٛگہِ سیٚٹھا
روپیہ بَننہِ۔ خزانہٕ بَنُن۔ کیٚنہہ نَتہٕ
اَتھِ لگُن۔ یٚمیسِنٛد نہٕ ووٚمیدے آسہِ۔

**لَم ۲۔** [م۔ مۆل: لَم <س: لَمبہ]۔ ۱۔ دَزَرہٕ
دَزِ۔ زور رَٹُن۔ کھچ۔ ۲۔ ہیٚٹھ۔ اَڈکا دٕرِ
گنٛڈر۔ ۳۔ چار۔ تہٕ یَتھ زور لگاوُن
پٮ۪یٮ۪۔

**لَمُن۔** لَمہٕ۔ دَزَرہٕ۔ کھیٚشِچ۔

**لَمُن رَز۔** [م۔ مۆل: لَمُن رَز <س: لمبنہ +
رَجُہ]۔ سو رَز یٚمہِ سیٚتی دَزَرہٕ رَٹان
چھِہ۔ سو رَز یٚمہِ سیٚتی لَمان چھِہ (ناو ہیٚتر)۔

**لَمہٕ۔** [م۔ مۆل: لَم <س: لَمبہ]۔ ۱۔ ایٚچھِن۔
دَزَرہٕ۔ ۲۔ تار۔ اَڈکاوِ رِہِر۔ لبُر گوٗش۔

**لَمہٕ تار۔** تاکھِر۔ ژیر پُسنی۔

**لَمہٕ رَز۔** [م۔ مۆل: لَمہٕ رَز <س: لَمبہ + رَجُّ]۔
تِلہٕ وآنی واٮ۪ہٕ چِہ کاژِ مَنٛز بَنٛد۔ سو رَز
یَتھ سیٚتی (دانس لَمہٕ موکھ)۔ داند
گَنٛڈِتھ چھُہ یوان۔

**لَمہٕ لَگِنہٕ۔** ژیر گرژھن۔ ہیٚٹھ لَگِنہٕ۔

**لَمہٕ لَم۔** [سخ کھیٚشِچ سیٚٹھا گٕژھِمٕ]۔ ۱۔ اَکہِ طَرفہٕ
نہٕ دَزَرہٕ رَٹُن تہٕ بیٚیہِ طَرفہٕ نہٕ دَزَرہٕ
رَٹُن۔ دۆشوَے پاسو لَمُن تہٕ لَمُن۔
۲۔ (وَرگہِ پاٹھو) دَو دَو۔ (دۆن جمآژن
ہُنٛد) پانس پانس کُن کھیٚچُن۔ ۳۔ ہیٚٹھ۔

**لَمہٕ لَم کَرِنی۔** رَز ہیٚتر دۆشوَے طَرفو دَز کَرُن۔
دَز دَز کَرِنی۔

**لَمُن۔** [ن۔ مۆل: لَم <س: لَمبنَ]۔ ۱۔
کھیٚچُن۔ دَزَرہٕ کرُن۔ زور سان پانس کُن
اَنُن۔ ۲۔ نیبرُن۔ گرژھن۔ قَدَم دیُن۔

بژوشہ پکُن ۔۲۔ ناوِ پکناوِنۍ ۔ ناوِ چلاوِنۍ

**لَمَن وول** ۔ ۱۔ موزور (یُس ریڈٕ سٕ پکناوان چھُ)۔ سُہ موزورِ موہنیو یُس بدنہٕ باپتھ ناوِ چلاوٕ نہٕ خاطرٕ آنہٕ پیہ ۔ ناو چلاوَن وول ۔ ۲۔ یُس نیرُون آسہِ ۔ یُس نیرنس تیار آسہِ ۔

**لُمی لُمی** ۔ [ (وُچھو ۔ لَم ] زورٕ زار ۔ بڑٕ مُشکلَن ۔ کشالہِ ۔

**لَموٗڈ** ۔ [م ۔ مؤل : لَموٗڈ (س : لمبہٕ + توٗ ] ۔ ہیٹھ ۔ زیر ۔ تأخیر (کُنہِ کامہِ منز) ۔

**لَموٗڈٕ لَد** ۔ یُس (کُنہِ کامہِ منز) ژیر کرنک عادتھ آسہِ ۔

**لَموٗڈ لگُن** ۔ ہیٹھ گژھُن ۔ ژیر گژھُن ۔ تأخیر گژھُن ۔

**لَمب** ۔ وُچھو "لَم" ۔

**لَمبَر** ۔ [ن ۔ مؤل : لمبر (انگ : نمبر (NUMBER) ] عَدد ۔ گرٛنر ۔ نمبر ۔

**لمبردار** ۔ [ن ۔ مؤل : لمبردار (انگ : نمبر + ف : دار ] ۔ مقدم ۔ گامک زیٹھ ۔ سرکارکہ طرفہٕ گامہٕ منز مقرر کورمُت سُہ زیٹھ یُس سارِ نے گامُس مادیہ وۄتھنۄل کران چھُ تہٕ سرکارکہ خزانس بَران چھُ ۔

**لمباسہٕ** ۔ دراز ۔ دراز ونتھ یا لن ترٛاوُن ۔

لمباسہٕ دِیُن ۔ دراز دِیُن ۔ ژنگہٕ دِہرِتھ شونگُن ۔

**لمبارے** ۔ زیچھر ۔ کاڈ ۔ راو ۔

**لَمبہ** ۔ زیوٹھ ، تھوٚد ۔ قداوار ۔

**لَمبُکھ** ۔ [ن ۔ مؤل : لمبک (س : لمبکَ ] ۔ گوٚن (اوٚبرُ یا دِہہ) ۔ ٹکہٕ ۔ گیتھ (اکھ راکہ وَٹہٕ (دوٚیتھ گُن ، دِہہ وُن دِہرہ آب بیترِ کنا وبرِچ یا دِہچ گُنی پھل ۔

**لَمبرٕ** ۔ [ انگ : نمبر ] ۔ ۱۔ یُس نشانہٕ کرِتھ یا ترٛاوِتھ آسہِ ۔ ۲۔ یُس پولیسہِ مُجرِم رجسٹری منز ناو درج آسہِ ۔ سزا یافتہٕ ۔ (م : علہ لمبری) ۔

**لَمبری بدماش** ۔ سُہ ژوٗر یُس سزا آسہِ پیومُت تہٕ پُلیس رجسٹری منز آسیس ناو درج ۔

**لمبری چاے** ۔ تیاری نہٕ رژ چاے ۔

**لَمبری گرٕ** ۔ تیاری گرٕ ۔

**لَمپہ** ۔ [ن ۔ مؤل : لمپ (انگ : لیمپ LAMP ] ۔ (بجلی) بتھ ۔

**لَمس** ۔ [ن ۔ مؤل : لمس (ع : لمس ] ۔ ساریتھ موجسوس کرُن ۔ اتھہٕ لاگِتھ وُچھُن ۔

**لَم الیسر** ۔ کاوٕ رُن ۔ (کام بیترا اُنہٕ رادِنۍ ـــ

کاین کُش . گوش .

لَم یَسَر تراوُنی . گوش دِین . کَنہٕ ڈول دِین . اَڈٕ کایر لاگُن . شوٗنگ تراوُنی .

لَم یَزَل . [ < ع : لم یزل ] . لازوال . ہمیشہٕ روزٕوُن . یہ چھُ خُدایِ سُند اَکھ صِفَتھ .

لَن ترانی . [م . مٔول : لَن ترانی < ع : لن ترانی ] . ل . م : ژٕ ہیککھ نہٕ مےٚ وُچِھتھ . (وَرگہِ) تھَپکُن ، بَبھٕ .

لَنٛجَر . [ن . مٔول : لنٛجَر < س : لَنٛگَر ] . لَنگش . زَنگہٕ ہُجَر آسُن لہٕ قدم تُلنس تراونس مَنٛز) کَسَر آسنۍ .

لَنٛجُل . [ن . مٔول : لَنجُل < س : لَنٛجہ ] . ا . یمتھ (کُلس بیتر) یَسلہٕ شاخ آسَن . ۲ . ییٚمِس بوڈ قبیلہٕ آسہِ . یُس وارِیاہ رِشتہٕ داری آسہِ . شُرۍ مُرۍ دول .

لَنٛجُرُن . (کُلس بیترِ لَنٛجَن) تراش ہیوٚن . لَنٛجہٕ ہیٚنٛہٕ .

لَنٛڈُر . [ن . مٔول : لَنٛڈُر < پراکرت : لَنٛڈاہ ] . یُس نہٕ شُرۍ باژ آسَن . یُس نہٕ کہنی آسہِ . گژھے .

لَنٛڈَر باپار . (وَرگہِ) غَیر ذِمہٕ وارۍ .

لَنٛڈُر موٗٹھ . ا . یُس نہٕ کانٛہہ آشنا وۍ آسہِ . چھوڑ لگیٚ . ۲ . لَنگہٕ لُنچھو روٗس کُل . ۳ . (وَرگہِ پاٹھۍ) غَیر ذِمہٕ وار .

لَنٛکا . [م . مٔول : لنکا < س : لنکا ] . راونٕہ سٕنٛز راز دانی . ایشیا ہس منٛز اَکھ مُلک ناو سیلون .

لَنٛگ . [ن . مٔول : لنگ ] . ا . کُلیک اَکھ بوڈ شاخ . ۲ . زَنگہٕ ہُنٛد پَینٛٹھیُم حِصہٕ (کوٹھہٕ پیٹھٕ روٗنکس تام) ۳ . کُنہٕ طرفہٕ کینٛہہ زیٹھہٕ ونٛد مَت آسُن . کوس . م : لنگ کاسُن . ۴ . ہِس کھیٚش ہِس نوٹھ (زنانہٕ ہُنٛد) .

لَنٛگ تھوٗن . اَوند تھوٗن . کینٛہہ نہٕ کینٛہہ کَسَر تھووُنی . چھانہٕ کیٚنٛہہ تھووُنی . کوس تھوٗن .

لَنٛگ روٗزُن . کینٛہہ نَتہٕ کینٛہہ کھور ، جگرٕ یا کھٹنگ روٗزُن . اَتی نوتہٕ کینٛہہ کَسَر روزٕنی .

لَنٛگ کاسُن . ا . کھور کَڈُن . وَر ژَلاوُن . کوس کَڈُن . ۲ . بے کھٹنگ روٗزُن . کُنہٕ ذِمہٕ داری ہُنٛد بار نوژراوُن . ۳ . تَناز موکلاوُن .

لَنٛگ اُنٛد . رِشتہٕ داری

لَنگ یُن۔ کوس یُن۔ کھُر یُن۔ وَر یُن۔
پیچ یُن۔ ٹھوٗر یُن۔ رُکاوٹھ پیٚنۍ۔

لَنگَر۔ [ن۔ مۆل: لنگر < ف: لنگر]۔ ا۔ سولیہُر رَنٛنِہ جاے۔ ۲۔ بیٚتہِ داریاہَن لوٗکَن ہِنٛد خاطرِ رَنٛنہِ یِیہ۔ ۳۔ خاراتہٕ خانہٕ۔ بیٚتہِ مسکینَن تہٕ مُسافرَن کھین ییہِ دِنہٕ۔ بیٚتہِ عامہِ کِہ خاطرِ رَنٛنہٕ ییہِ۔ بیٚتھِن کھین بیٚترِ وَقف آسہِ۔ (یہِ چھُہ خاص کٔرِتھ گٔنہِ اَستانَس نکھہٕ آسان)۔ ۴۔ ڈیرِ ڈٲگہِ۔

لَنگر پکُن۔ ا۔ آسُن بَسُن پوشُن۔ دان چَلہٕ وُن روزُن۔ آباد روزُن۔ ۲۔ گُزارِ چَلہٕ وُن روزُن۔

لَنگر تراوُن۔ ڈیرِ تراوُن۔

لَنگر تھَوُن۔ سُہٕ جایہِ غریبَن ہِنٛدِ خاطرِ کھینہٕ چنک انتظام تھَوُن۔ عامکِ خاطرِ کھینک چنک مرکز بناوُن۔

لَنگرِ ہیوٗن۔ (وَرگہٕ) سُہ لیٚس ڈیرِ ڈیر آسہِ پھیران۔ دَر بدَر۔ گَرِ گَرِ پھیرُن۔ لیٚس یہِ میچھِ مینٛڈ آسہِ ژامُت۔

لَنگرٕ۔ [ن۔ مۆل: لنگر < س: لنگر]۔ لَبہٕ ژیٚون، دیوارِ سَلامی دار یا ہوٗل۔

لَنگرِ ییوٗن۔ ہوٗل گژھُن۔ سیٚود نہٕ گژھُن۔

(ژیٚون، دیوار بیٚترِ بناوُن وِزِ)۔

لَنگر گرُن۔ دولہِ روزُن (تھمِ بیٚترِ)۔

لَنگُن۔ [ن۔ مۆل: لنگَن < س: لَنگھنہٕ]۔ بَتہِ ڈنگَس تھکہ۔ فاقہٕ۔

لَنگُن گرُن۔ فاقہٕ تھَوُن۔ اکہِ ساتک کھین تراوُن۔

لَنگرۍ، لَنگارۍ۔ [م۔ مۆل: لنگرۍ < ف: لنگرۍ]۔ ا۔ بَتہِ بیٚترِ تیار آسُن (لنگرَس پیٹھ)۔ ۲۔ بَتہِ نیٚنگ۔ رم: اَکھ لنگرۍ کھیٚیِن۔

لَنگُن۔ [ن۔ مۆل: لنگ < س: لَنگ / ف: لَنگ]۔ (زنگہِ لنگہٕ بیٚترِ کہِنۍ) قدم تہٕ سیٚود تراوُن، ٹیکتھ تہٕ ہیکُن۔ لوٚنگ کٔرِتھ پکُن۔

لنگوٚر۔ [ن۔ مۆل: لنگوٚر < پراکرت: لنگوٗلی < س: لانگوٗلی]۔ اَکھ واندر ذاتھ یمن چھُہ نوٚٹ ریٚوٹھ آسان۔

لنگوٚر۔ [ن۔ مۆل: لنگر < ف: لنگر]۔ بَتہِ بیچھ۔ سُہ لیٚس لنگرَس پیٹھ مُفت کھینہٕ آسہِ گژھان۔

لوٗ۔ [ن۔ مۆل: لو < س: لو]۔ ہنٛدکہِ کاٹک ژر۔ وُٹھنۍ دِتھ ہنٛکھ گاٹہٕ۔

لو بردر۔ گاسہِ لوٗن، ہُنٛد بوڑ بوٗر۔ دُکھس

اُلوٗنار ترٛوومُت)۔

لَوگاسہٕ ۔ جَنگلہٕ منٛز لُو بناونہٕ باپتھ سوٚمبرووٗمُت گاسہٕ ۔

لَولاے ۔ ژ‍ٕمینس بیرن بیترِ گاسہٕ لونہٕ ٹنک وَق ۔ لو تیار گژھنُک وَق ۔

لوٗٹھ۔ [ن۔ مٔول : لوٗٹ]۔ اَکِہ قسمُک شِکٲری جانادار۔

لوٗر۔ [م۔ مٔول : لوٗر<س : لَو]۔ لوٗ چانہٕ وُٹھمژ رَز۔

لَوٗنٛد۔ [دٕ : لوند]۔ (نیترِ روٗس) دَربدَری آوارہٕ۔

لَواس۔ [ن۔ مٔول : لواس <ع : لوس]۔ اَکِہ قسمٕچ ٹٔنٛی تہٕ وۄہرٕ اُدِتھ۔

لَواسہٕ نَمرٕنۍ۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) اُدَرِ بتھا پٔکھنہٕ۔

لَواحق۔ [ن۔ مٔول : لواحِق <ع : لواحق]۔ (وارِث دَر) رِشتہٕ دار۔ آشناو رُوشتاو۔

لَوٕا ۔ [م۔ مٔول : لو<س : لَو]۔ ا۔ آبہٕ چھکہ۔ ۲۔ رٕوٕدکھ نٔنی نٔنک چھرکاو۔ ۳۔ شبنم۔

لُوڈرج ۔ [م۔ مٔول : لُودَرج]۔ سو ماز چھل یوسہٕ دِہلِے یوت آسہٕ تہٕ زنہٕ تلہٕ سبنہٕ نہٕ۔ دِہلہٕ ماز۔ ماز دِہلہٕ۔

لوُ دِنہٕ۔ ا۔ آبہٕ چھکہٕ دِنہٕ۔ سوٗتلی چھرکاو کَرُن۔ ۲۔ منساوُن۔ ترٲوِتھ ژِھلُن۔

لوُ ڈوٗنۍ۔ نَم ڈوٗنۍ یِم راتھ کیٚنٛت کُلن وَسی پیے ہیتی آسن تہٕ صُبحن ین سوٚمبرنہٕ۔

لُوگرنہٕ۔ ا۔ لوُ دِنہٕ۔ آبہٕ چھکہٕ ترٛاونہٕ۔ ۲۔ وَرزُن۔ منساوُن۔ اَتھہٕ منٛز ترٛاوُن۔

لُوگاسہٕ۔ لوُ ہوٚت گاسہٕ۔ مٲدانس منٛز یُس گاسہٕ یُس چاروٲے سری یہٕ کھسنہٕ برٛونٛہہٕ کھین۔

لُوہوٚت۔ ا۔ یتھ لُو آسہٕ پیمِژ۔ یتھ آبہٕ چھرکاو آسہٕ کرنہٕ آمُت۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) تَر۔ اوٚدُر۔ شہُل۔ ۳۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) نازُک (سبزی بیترِ)۔

لُوہا۔ [م۔ مٔول : لَو]۔ آدٕرٕ ٹھ۔ شُھپہٕ (جنہٕ بیترِ سینٛز)۔ پژاہ۔

لُوتلنہٕ۔ پژاہ ژٕلراوُن۔

لُوگژھنہٕ۔ ا۔ تَصرُف گژھُن۔ آدٕرٕ ٹھ گژھُن۔ ۲۔ (تَصرُف آدنہٕ کِنۍ) بےہوش گژھُن۔ مُرژھا گژھُن۔ اوٚرک یور ووٚن۔

لُووتھنہٕ۔ پژاہ ژٕلُن۔

لوٗٹ۔ [م۔ مٔول : لوٗٹ]۔ (واڑہٕ پٔرٕ) کوٗر۔ اُرٕ دُرکُٹ۔

**لوٗوٹ۔** [ن۔ مٲل: لوٗٹ]۔ اوٚر دوٗر کوٚٹ۔ چھابر۔

**لوآٹر۔** سُہ زیوٗٹھ ٹرٕ کوٚٹ یُس پِشہٕ کِس سَرِ لوٗس تلہٕ چھُ ترٛاونہٕ یِوان۔

**لوٗژار۔** [م۔ مٲل: لوٗژار]۔ خوازٕ کِہ تھمبہٕ لبہٕ سیٚتۍ تھونہٕ چھِ یِوان۔

**لولاک** [مٲل: لولاک < ع: لولاکَ]۔ حدیثہٕ قدسیُک اِبتدٲیی لفظ۔ حدیث چھُ لولاکَ لما خلقت الافلاک، یانے اگر تھۍ آسہو نہٕ یتھ دُنیاہس منٛز ینہٕ والۍ، کرہا نہٕ کاینات پٲدٕ۔ اَوے چھُ آنحضرت صلعم ہُند اکھ لقب "صاحبِ لولاک"۔

**لہہ۔** ژمہٕ کھوٚژ منٛز لبتہٕ ہشہٕ (موٗرٕ ٹاس بیٚترٕ پیٚنہٕ کِنی)۔

**لہہ کھش۔** موٗرٕ یا چھانٹہٕ بیٚترٕ سیٚتۍ چوب دِنہٕ کِنۍ لَبنہٕ ہشہٕ کھٔش۔ سَخ مار پیوٚن۔ سَخ شلکھ گرٕن۔

**لہہ کھارنہٕ۔** موٗرٕ یا چھانٹہٕ بیٚترٕ سیٚتۍ چوب دِنۍ یتھ ژمہٕ پیٹھ داغ گژھن۔ الِسرالِسر دِنۍ۔ وُلٹہٕ شلکھ گرٕن۔

**لہر۱۔** [م۔ مٲل: لہر < س: لہر]۔ ۱۔ ملر۔ ۲۔ (ترنگ) موج (تمنیچ) زیر و بم۔ ۳۔ (اُودریچ) زیٹھ گرٕکھ۔ ۴۔ خوش بوٗنۍ آواز۔ راگ۔

**لہر بہر۔** [< وچھو "لہر" م۔ ۵: لہر بہر]۔ سوکھ ساوے۔ دَنہٕ دیار۔ آسُن لسُن۔ یہ چھےٚ اکھ اُہی۔

**لہر گژھنۍ۔** کُنہٕ کُن ہاوُن۔ شکل گنڈٕنۍ۔ وُتھنہٕ یُن۔

**لہر ہیتۍ۔** تہٕ گرُن یہ پانس خوش پیہ ترنگ موج یُن۔ گلن گژھنۍ۔ شکل گنڈٕنۍ۔

**لہر۲۔** [م۔ مٲل: لہر < س: لہری]۔ خوشبوٗدار آواز۔ موٗدر ہوٚرٹ۔

**لہر ترٛاونۍ۔** مدرِ ہٹہٕ گیوٗن۔ خوشیہٕ لیہ گیوٗن۔

**لہہ۔** [< س: لگھُ]۔ لوٚت گرٛاے۔ لوٚتہٕ وادِ گرٛاے۔

**لہہ پرٛاہ گژھُن۔** تصرف گژھُن۔

**لہرُن۔** [ن۔ مٲل: لاہ < س: لاس، لس۔ م: ۸: لاسنا]۔ ہارٕ نلہٕ یا معہ ہر پُلچھہٕ بیٚترٕ سیٚتۍ ڈٕنۍ ہیچہٕ معہہر دِینہٕ۔ و روشن گرٕن۔

**لہرن ٹل، لارن ٹل۔** (ڈٕنۍ لکرِ بیٚترٕ معہہر دِنک پلیٹ

**لہَرِن موہُر۔** اَکھ شیشہٕ پوٗنٛچ یمیٚہِ سیٚتی روشَن کرنہٕ یوان چھُ۔ پُلَٹ۔

**لَے۔** [مؤل ، لے > س ، لیہ]۔ ا۔ ہیلیتھ گَژھنٕچ حالَتھ۔ لین گژھنٕچ حالَتھ۔ مجذوٗبیتھ۔ ۲۔ بیٚیمہِ اَندرٕ دژاو تھَتھی سٟتۍ بیٚیہ اَڑن تہٕ دٕیتھ گو قیامتھ گژھنی پٔرلے گژھن۔ ۳۔ مالے۔ مارے۔ شریٚہ ہال۔ ۴۔ سوٗرنال۔

**لَیہِ اَڈُن۔** پانَس کُن پھِرُن۔ پانَس کُن محو کرُن۔

**لَیہِ روزُن۔** ا۔ ڈَنجہِ روزُن۔ دارِوَتہٕ روزُن۔ ۲۔ ہال گژھنی۔ کاَتسہٕ ہنٛدِ وارِ (مُوجوٗب) روزُن۔

**لُیہِ یُن۔** وَتہٕ یُن۔ سیٚود گژھُن۔ مانہٕ لَس تیار گژھُن۔

**لَے روزٕنۍ۔** ہال روزٕنۍ۔ مالے روزٕنۍ۔

**لَے سَمِنۍ۔** گیوٗنَس مَنٛز گیوَن والین ہنٛزِ آوازٕ مَنٛز ہشر یُن۔ گیوٗنَس مَنٛز آواز رَلِنۍ۔

**لَے کَرٕنۍ۔** پانَس سیٚتی ہال کَرٕنۍ۔ لول بَرُن۔

**لَے کَرُن۔** دُکنہِ مَنٛزا لیٚین کرُن۔

**لَے گژھنۍ۔** ہال گژھنۍ۔ مارے بٔڑنۍ۔

**لَے گژھُن۔** محو گژھُن۔ جذب گژھُن۔

**لَے نیرٕنۍ۔** سوٗر برابر یُن۔ وہ کھنے یِنۍ۔

**لَے یِنۍ۔** ا۔ مزہٕ یُن۔ لُطف یُن، مس گژھُن۔ ۲۔ مارے گژھنۍ۔

**لَیُن۔** [ن۔ مؤل ؛ لے > س ؛ اَرہَتہٕ]۔ قیمتھ آسُن۔ مول آسُن۔ لوٗن۔

**لَیَن ہار۔** موٗلُل۔ قیمتی۔

**لَیلَتُ القَدر۔** [> ع : لیلتُ القَدر]۔ شبِ قدر۔

**لا۔** [> ع : لا]۔ ا۔ کلمہِ طیٚبک گوڈنیک لفظ۔ چھُنہٕ۔ ۲۔ وَرایے۔ روٚس۔ مُجِہ۔ ژھوٚر۔ م : لاعلم۔ لاپتاہ۔ لاپروا۔ ۳۔ نَکار۔ اِنکار۔

**لااِلٰہ۔** (کلمے طیبک گوڈُ حصہ) چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗد۔

**لا اِلٰہ اِلَّا اللہ۔** چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗد سوایہ اللہ تعالٰی۔

**لا اِلٰہَ اِلَّا اللہ مُحَمَّدُ رَّسُولُ اللہ۔** کلمہِ طیب۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗد خُدایس سوائے۔ حضرت محمدؐ چھِ خُدایہ سُنٛد رسوٗل۔

**لا اِنتِہا۔** [> ع : لاانتہا]۔ یتھ نہٕ کٕنہِ اَنٛدٕ اَسہِ۔ انٛتھ روٚس، حد روٚس۔

**لا اُبال۔** خُدایہ سُنٛد اَکھ صِفتھ۔ بے نیاز۔

**لا اُبالی۔** [م۔ مؤل ؛ لااُبالی > ع : لااُبال]۔ ا۔ شانِ بے نیازی۔ ۲۔ بے پروائی۔ بے فکری۔ بے غمی۔

لابُوٗدی ۔ لازمی ۔ ضروٗروٗری ۔ یمِتھ نہٕ کانٛہہ چارٕ آسہِ ۔ مجبوٗری ۔

لاپناہ ۔ [ع : لا + ہ : پناہ] ۔ ۱۔ اسےٚ پےٚ ۔ یُس نہٕ کانٛہہ تھوٗ پناہ آسہِ ۔ ۲۔ روومُت ۔ ۳۔ بٕچھرٲری ۔

لاپرواے ۔ [ع : لا + ف : پروا] ۔
۱۔ خدایہ سٕندٕ اکھ صفتھ ۔ بےٚ نیاز ۔
۲۔ یُس نہٕ پروا آسہِ ۔ بےٚ فکر ۔ بےٚ غم ۔
۳۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) لیوٗژھ ۔ یُس کام کرنس مَنٛز ڈیٖجر آسہِ تراوان ۔ غافل ۔

لاپرواٲیی ۔ [م ۔ مؤل : لاپرواٲیی ع : لا + ف : پروایی] ۔ بے نیازی ۔ بےٚ فکری ۔ بےٚ غمی ۔ بےٚ غرض آسنٕچ حالتھ ۔

لاتیداد ۔ [مؤل : لاتیداد ع : لاتعداد] ۔ گَژرٕ نہٕ روٗس ۔ بے شمار ۔

لاثٲنی ۔ [مؤل : لاثانی ع : لاثانی] ۔ ۱۔ بے مِثال ۔ جورٕ روٗس ۔ ۲۔ خدایہ سٕندٕ اکھ صفتھ ۔ لاشریکھ ۔

لاجواب ۔ [مؤل : لاجواب ع : لاجواب] ۔ ۱۔ بے مِثال ۔ یمِتھ نہٕ کُنہِ جورٕ آسہِ ۔ بے نظیر ۔ ۲۔ یمِتھ ژھوپہٕ گژھِ ۔ یمِتھ نہٕ جواب کھورِ ۔

لاجواب کرُن ۔ ۱۔ تیتھ کینٛہہ وَنُن یا کرُن یمِتھ نہٕ ادرٕ کینٛہہ بھورِ یا تگہِ ۔ ۲۔ ژھوپہٕ کرناوُن ۔ ۳۔ بحثس منٛز ناکام کرُن ۔

لاجواب گژھُن ۔ یورٕ نہٕ کینٛہہ تہٕ وَنُن ہیکُن یا چَلُن ۔

لاچار ۔ [مؤل : لاچار ع : لا + ف : چارہ] ۔ ۱۔ مجبوٗر ۔ ۲۔ غریب ۔ تنگ دَس ، مُفلِس ۔ نیٛدٕ ہُور ۔

لاچٲری ۔ ۱۔ مجبوٗری ۔ یمِتھ نہٕ کانٛہہ چارٕ آسہِ ۔ ۲۔ غریبی ۔ مُفلِسی ۔ تنگدستی ۔

لاحوٗل ۔ (ع : لاحول) ۔ لاحول ولا قوۃ اِلا باللہ جُملک گوڈنیک لفظ ۔ یہ جُملہٕ چھہ تمہٕ وِزِ پرنہٕ یوان ییلہِ کُنہِ بلایہِ یا بلتہٕ نِشہِ پناہ آسہِ مَنگُن ۔ مانے چھُس کانٛہہ طاقتھ یا قوت چھِنہٕ سوایہ اللہ تعالاٰ سٕندِ خاطرٕ روٗس ۔

لاحوٗل پرُن ۔ ۱۔ پناہ مَنگُن ۔ اِستِغفار کرُن ۔ "دے رٔچھِن" وَنُن ۔ ۲۔ جِن یا بلاہ ژٕلراونہٕ موکھہ لاحول ولا قوۃ الا باللہ پرُن یا کَہٕ ناوُن ۔

لاخار ۔ [مؤل : لاخار ع : لاخیر] ۔ یُس نہٕ کانٛہہ خار کرِ ۔ یُس نہٕ ہیٚکِہِس

پژر کر یا پیٹرہ۔

**لادوا۔** یمتھ نہٕ کانٛہہ دوا کارگر گژھہِ۔

**لادلوا۔** [ مؤل : لاداوا <ع : لادعویٰ]۔
خارخطو۔

**لادین۔** بنے دین۔ لامذہب۔

**لازوال۔** [ مؤل : لازوال <ع : لازوال]۔
اَبدی۔ لافانی۔ یُتھ یا یُس نہٕ زوال
آسہِ۔ یہ یا یُس نہٕ زانٛہہ سورِ۔

**لاشریکھ۔** [ مؤل : لاشریک <ع :
لاشریک]۔ کُنُے۔ یُس نہٕ کانٛہہ شریکھ
آسہِ۔ خُدایہ سُنٛد اَکھ صفتھ۔

**لاطمع۔** [<ع : لاطمع]۔ بنے غم۔ یُس نہٕ
کانٛہہ اَرزوے آسہِ۔

**لاعلم۔** [ مؤل : لاعِلم <ع : لاعلم]۔ ۱۔ اَن پڑ۔
ناخاندٕ۔ ۲۔ یُس نہٕ کُنہِ کتھِ ہُنٛز خبر
اَثر آسہِ۔ بےخبر۔ اَزاٗنی۔

**لاعلاج۔** [ مؤل : لاعِلاج <ع : لاعلاج]۔
۱۔ سُہ دود یمتھ نہٕ کانٛہہ دوا آسہِ۔ ۲۔
سُہ بیمار یُس نہٕ کانٛہہ دوا لگہِ۔ ۳۔ یمتھ
نہٕ کینٛہہ چارٕ آسہِ۔ مجبوری۔ لاچاری۔

**لاکرُن۔** ۱۔ تٔراوُن۔ ترٛاوِتھ گژھُن۔
۲۔ اِنکار کرُن۔

**لامحال۔** [ مؤل : لامحال <ع : لامحال]۔
کُنہِ تہِ صورتس منٛز۔ یقیناً۔
ضرور۔

**لامحدود۔** [ مؤل : لامحدود <ع : لامحدود]۔
یُتھ نہٕ کانٛہہ حد آسہِ۔ اَنٛتہِ روٚس۔

**لامذہب۔** [ مؤل : لامذہب <ع :
لامذہب]۔ ۱۔ بنے دین۔ بنے ایمان۔
کافر۔ ۲۔ (دُرگہٕ پاٹھی) یُس نہٕ پٔرزِس
پیٹھ آسہِ۔ یُس نہٕ پننِس لفظس
پیٹھ روزِ یا یُس نہٕ خُدایہ سُنٛد خوف آسہِ۔

**لامکان۔** [ مؤل : لامکان <ع : لامکان]۔
سُہ مقام یینتہِ نہٕ جایہ ہُنٛد تصوُرے
روزان چھُ۔ عالمِ قُدس۔ مُقامہٕ ہیٚر۔

**لامنتہا۔** وُچھو "لا انتہا"۔

**لاولد۔** [ مؤل : لاولد <ع : لاولد]۔
سُہ شخص یُس نہٕ کانٛہہ شُر مُر آسہِ۔
لاوارث۔ بنے اولاد۔

**لاوارث۔** [ مؤل : لاوارث <ع : لاوارث]۔
۱۔ سُہ شخص یُس نہٕ کانٛہہ شُر ہنٛز اولاد
آسہِ۔ ۲۔ سُہ جاداد یمتھ نہٕ کانٛہہ حقدار
یا مالکھ آسہِ۔

**لاہوت۔** [<ع : لاہوت]۔ تصوُفس منٛز سُہ

مقام یتھ منز سالِک فنا فی اللہ کِہ درجہ
اپور چھُ واتان ۔

**لایمُوت ۔** [ مؤل : لایموت ‹ع : لایموت] ۔
۱۔ یُس نہ موت سپدِ ۔ لافانی ۔ ۲۔ خُدایہ
سُنٛد اکھ صِفتھ ۔ اکال ۔

**لایزال ۔** [ مؤل ، لایزال ‹ع : لایزال] ۔
ہر ہمیشہ روزن وول ۔ یُس نہ کانٛہہ
زوال آسہِ ۔ لافانی ۔ اَبدی ۔ خُدایہ سُنٛد
اکھ صِفتھ ۔

**لاب ۱ ۔** [ ن ۔ مؤل : لاب ‹س : لابھ ] ۔
۱۔ نفع ۔ مُز ۔ حاصِل ۔ فایدٕ ۔ سود ۔
۲۔ (کانٛہہ کام کرنٕک ) غرض مطلب ۔
مفاد ۔

**لابہٕ رٕوس ۔** یتھ نہ کانٛہہ فایدٕ آسہِ ۔ بےسود ۔
بےپھل ۔ یمِیُک کُنہ سۆرتی نہ کینٛہ حاصِل یا
فایدٕ آسہِ ۔

**لابہٕ ساوُر ۔** سیٹھا فایدٕ ۔

**لابہٕ سۆست ۔** یتھ واریاہ نفع آسہِ ۔
یتھ فایدٕ فایدٕ آسہِ ۔

**لابہٕ سوو ۔** پوٚر پاٹھۍ نفع بخش یا سوٗدمند
آسُن ۔

**لاب تُلُن ۔** فایدٕ تُلُن ۔ مُز تُلُن ۔ سود ہیوٚن ۔

**لابہٕ (جو)** نژر نٕظم ۔ باٗل ۔ بیٚہوال ۔

**لابُر ۔** [ن ۔ مؤل : لابر ‹س : لابھ + اُلُ] ۔
سودَس پیٹھ رٕقم دِنہٕ زُم دِنہٕ وول ۔
سوٗدُر ۔ صراف ۔

**لابرگی ۔** ۱۔ سوٗدرگی ۔ سوٗد راز ۔ سوٗد بابار ۔
۲۔ (ورگر پاٹھۍ) سودرٕ سنٛدی پاٹھۍ
بیٚیس پوٚنسہٕ کڈنک خوے ۔

**لاٹری ۔** [ م ۔ مؤل : لاٹری ‹انگ : لاٹری ۔
LOTTERY ] ۔ چیر تژادنھ وچھن زِ
کس بۆزِ کانٛہہ رٕقم یا چیز دیُن ۔

**لاٹری نیرٕنۍ ۔** ۱۔ چیرِ وۆتھنۍ ۔ ۲۔ (ورگر
پاٹھۍ) رُت نصیب آسُن ۔ کھسہٕ دُن
طالیع آسُن ۔

**لاٹھ ۱ ۔** [ن ۔ مؤل : لاٹھ] ۔ ۱۔ دَر ۔ اکھ
وَر ۔ وٕکھتُن (دستارک) ۔ ۲۔ پیٹھ
اَندرٕ مَن لوگمُت وَرِہیوٕ ۔

**لاٹہٕ اَنُن ۔** تنگ اَنُن ۔ پریشان کرُن ۔

**لاٹہٕ آمُت ۔** تنگ آمُت ۔ پریشان
گومُت ۔

**لاٹہٕ یُن ۔** تنگ یُن ۔ بےصبر یُن ۔

**لاٹہٕ لاٹہٕ والُن ۔** ہنہ ہنہ خجل کرُن ۔ بتھ
دِنہٕ لایق نہ تھوُن ۔ پوٚرہٕ پاٹھۍ بےوقری کرٕنۍ ۔

لاٹھ لگنی۔ ۱۔ ہیچھ ہِنی۔ ۲۔ دوہ نیرِ ہِن۔

لاٹھ ۱۔ [ن۔ مۆل : لاٹ]۔ رنیہ۔ نارِ بڑیہ۔ شولہ۔

لاٹھ ۲۔ [< انگریزی : Lot]۔ ڈیر۔ اَنبار۔ دارِیاہ (چیزِ ہیتر)۔

لاٹھ صاحب۔ [< انگ : لارڈ۔ Lord]۔ (بُزِلہِ) بوڈ موہنیو۔

لاجوری۔ [مۆل : لاجور < ف : لاجورد]۔ دوزِ جارِ سان نیوٗل رنگ۔

لاچھ ۱۔ [م۔ مۆل : لاچھ < س : لاکشا]۔ اکھ قسمک دوزِ جارِ سان مسالہ یُس کینہہ خاص کیمی بناوان چھِ، اَمہِ سیتی چھِے وبگلاوِتھ موہر لوان ترٲونہِ۔

لاچھ ڈبہ۔ یُس ڈبہ یتھ لورِ ہشہ وٹہِ ہِن۔

لاچھِ ژٹ۔ لاچھِ ٹِکی۔ یِنہِ جایہِ وبگلاوِتھ لاگمژ لاچھ۔

لاچھِ موہر۔ کانہہ چیز موہر بند کرنہ باپتھ تمتہ پیٹھ وبگلاوِتھ لاچھ ترٲوِتھ کنکہِ ناوک ٹھپہ ترٲوُن۔

لاچھ ۲۔ [م۔ مۆل : لاچھ < س : لومشا]۔ سہ ہنیچ ڈیج یوسہ دٲژ مشر ترٲونہِ لوان چھِے۔

لاچھ ڈٹ۔ پلوس پیوند کرنہ باپتھ پٹو پھپر ٹکہ ڈیج۔ پٹو ڈیج (لاچھس ہیتر پیوند کرنہ باپتھ)۔

لاچھہال۔ [ن۔ مۆل : لاچھ ہال < س : لاکشا شالا]۔ بڑژ لادنہ باپتھ بنووُمت بازُ ہنٛد مکانہ۔

لاچھو۔ [مۆل : لاچھو < س : لومشہ]۔ مُنُل۔ پٹیو۔ م : لاچھو پھپرن۔

لاد ۱۔ [م۔ مۆل : لاد < س : لرد]۔ پھپرن پاژس ہیتر رادکنہ دامنہ ہیور پہن ٹیب دِتھ ہیتر ہنز پھٹ۔

لاد ہینی۔ پھپرن، پاژس ہیتر رادکنہ پھٹ، ہیٹھ ٹیب دِنی۔

لاژپن۔ [ن۔ مۆل : لاژپن < دچھو۔ لاد]۔ لوکٹ لاد۔ لاژ ہیوٗتت۔

لاژ تلوہاوُن۔ پرانی بڑپی تھکنی۔ پتہ بجر ہاوُن۔

لاد ۲۔ [م۔ مۆل : لاد < دچھو۔ لاد]۔
۱۔ وڈر ہنز دوٗنہ۔ ڈڈر ہنز دامن۔
۲۔ ڈاکر ہیتر ڈندر ہیور لاگر آمژ ہر کجہ (اژونگا یہ گہہ ہیتر وانزاونہ موکجہ)۔

لاد دِنی۔ ۱۔ ڈاکر ڈندر ڈندر لور ٹکر ہیتر

پیٹھٕکۍن پھساوُنؠ (یتھ اَتھ مَنز زور
گاسہٕ یا کاٹھ بیتر واتِہ)۔ ٹوکر بیتر جاے
گَژھنہٕ باپتھ پیٹھکۍن ہَر تھوتھ پُٹس
ترٛاوُن۔

**لادکھارٕنؠ۔** ڈَندر تانٛہ بالس کھیٚن برُن۔

**لادَن۔** [م۔ مؤل: لادَن < پراکرت:
لَدّھ < س: لبدھ]۔ مہربانی، مِنَت۔

**لادَن تھوٗنؠ۔** (کانٛسہِ) مہربانی کرٕنؠ۔
کانٛسہِ تیٚتھ کیٚنہہ بَد گرٛن یتھ کِنہِ سُہ
شرمندٕ روزِ۔ مِنَتھ تھوٗنؠ۔ احسان
کرُن۔

**لادَن کھیٚنؠ۔** مِنَتھ کھیٚنؠ۔ (کانٛسہِ ہُنٛد
اَتھ رٹِکھ) شرمندٕ روزُن۔ مشکور
روزُن۔ احسان مَند روزُن۔

**لادٕ۔** [م۔ مؤل: لادے < س: لردٕ]۔
(نیٚکہ شوگوٗنہٕ باپتھ) سُہ لوٗگ یُس ناوہ
یا رُنگ یُس چھانٛس یا دِسو لِس
مکانس برانٛدٕ ہیر بیتر کھارن وِزِ
دِوان چھِہ۔

**لاڈنے۔** [م۔ مؤل: لاڈِنے]۔ مِنتھ۔ احسان۔

**لادوٗاز۔** [م۔ مؤل: لادِ واز < س: لرد]۔
کَنڈٕکلی سُنٛد پیشہ۔

**لادِ دور۔** [ن۔ مؤل: لادِ وار]۔ سُہ ڈنٛڈ یتھ
سیٚتۍ گوٗنی کھارن وِزِ لوو پلہٕناون
چھِ۔

**لاڈُو۔** [ن۔ مؤل: لاڈو < س: لڈکٕ]۔
کَنٛڈٕ کلی۔

**لار ۱۔** [ن۔ مؤل: لار]۔ ۱۔ کٔشیرِ ہُنٛد
اَکھ (پرون) پرگنہٕ۔ ۲۔ کٔشیرِ
ہُنٛد اَکھ گام۔

**لارک، دارگۍن۔** اَرِ جاے ہُنٛد اَستھ بیٚیہ کُنہ
طرفس کُن لگُن۔ اکہِ طَرفہٕ بدٕل
بیٚیہِ طرفہٕ لگُن۔ ٹھانٛٹھ لگُن۔ ۲۔ وَتہٕ
ڈلُن، راوُن۔ دربدر گژھُن۔

**لارک دار دُنُن۔** ۱۔ اورک یور وُنُن۔
کٔتھن مَنز یہٕ ہشر آسُن۔ ۲۔ کُنھ
ٹالنی۔ اَلَم گلَم کرُن۔

**لارکی کنی لوہُور۔** ۱۔ دوٗرِ وَتہٕ۔ سیٚزِ وتہٕ
نہٕ۔ وِلیٚژنگ۔ ۲۔ وَتہٕ ڈلُن۔ راوُن۔

**لار ۲۔** [م۔ مؤل: لار]۔ ۱۔ باتھبر۔ جلدی۔
۲۔ دَو۔ دور۔ ٹھکہ۔ ۳۔ خوف۔ بے۔
ہٲبتھ۔ ۴۔ لَٹھ۔ دور۔

**لارِ گژھُن۔** ۱۔ باتھبر ژلُن۔ تیز قدم ترٛاوُن۔
۲۔ شرارتہٕ ہنٛت گژھُن (لڑائے بیتر کرنہٕ خاطرٕ)

**لارِلَد** ۔ ۱۔ کھوٗژمُت ۔ یُس خوفہٕ کِنہٕ ژوٗلمُت آسہِ یا ژٕلِہ ۔ بانبر ٹوٗمُت ۔ ۲۔ کھوٗژ بُڈ ۔ وُہمہٕ لَد ۔ ۳۔ یُس چھار آسہِ ۔ ۴۔ لُٹہٕ لَد ۔

**لارِیُن** ۔ ۱۔ دورِ یُن ۔ کُنی دِیُن ۔ شانٛتہٕ ہوٚت یُن ۔ شرارتہٕ ہوٚت یُن ۔ ۲۔ کانٛسہِ پَتہٕ دٔوُن ۔ کانٛہہ ژٕلراوُن ، دور کَڈناوُن ۔

**لارِ لار** ۔ ۱۔ (ژوٗواپاری) دِوٕ دِوٕ ۔ ۲۔ (ہُر کانٛسہِ) بانبرِ بانبر ۔ ۳۔ افراتفری

**لار اَژٕنی** ۔ ۱۔ تنگ یِنہٕ کِنہٕ ژٕلنس وانٛتُن ۔ ۲۔ (دُرگہٕ پاٹھو) تہٕر اَژنہٕ ۔ کھوٗژُن ۔ شیتہٕ یِنہٕ ۔

**لار ہینٛز** ۔ چھار پینی ۔ بانبر پیٚنہٕ ۔

**لار ژٕلٕنی** ۔ ۱۔ کانٛہہ ژٕلراونہٕ خاطر مجبوٗر کَرُن ۔ ۲۔ تہٕر ژٕلنہٕ ۔ تنگ کَرُن ۔ ۳۔ چھار پاٹھی ۔ بانبر پاٹھی ۔ کانٛسہِ (کانٛہہ کام بیتر) جلدی کَرنس پَتے روزُن ۔

**لار ژٕھنٛنی** ۔ ۱۔ چھار پاٹھی ۔ بانبر پاٹھی ۔ ۲۔ (کانٛہہ) تنگ کَرُن ۔ کانٛسہِ جیر اَنُن ، ژٕلراونس پیٹھ مجبوٗر کَرُن ۔

**لار کَرٕنی** ۔ کانٛسہِ پَتہٕ دٔوُن ۔ ژٕلراوُن (کانٛہہ) ۔

**لار گَنٛڈٕنی** ۔ وُچھو " لار ژانٛنی " ۔

**لار لگٕنی** ۔ تہٕر اَژنہٕ ۔ ژٕلہٕ ژٕلہٕ لگُن ۔ جیر یُن ۔ ژٕلنس پیٹھ وانٛتُن ۔

**لارَن** ۔ [م ۔ مؤل ، لارَن ‹س ؛ لَکتہٕ ۔ م ؛ مراٹھی ۔ لاٹینین ] ۔ ۱۔ (ہیٚر بوٚنہٕ) دِنَن ۔ لَٹھ ۔ دور ۔ ۲۔ گلَن ۔ زیرٕ ۔

**لارَن کَرٕنی** ۔ گَژھتھ سُہل ژوٗر گژھنہٕ یا اوٚدُر آسنہٕ کِنہٕ وارِ وارٕ نیرُن یا بہنہٕ گژھُن ۔

**لارَن گژھٕنی ، پینو** ۔ تھَر تھَر اَژٕنی ۔ کھوٗژُن ۔ پار ہیُن ۔ نٔٹُن ۔ (ہیٚر بوٚنہٕ) دِنَن گژھنہٕ ۔ تہٕر پھٹٕنی ۔ لَٹھ یِنی ۔

**لارِنہٕ لَد** ۔ یُس لارِنہٕ آسن گژھان ۔ یُس دَرِ آسن گژھان ۔ لُٹہٕ لَد

**لارٕمٕٹ** ۔ وُچھو " لاری اَنٛتھ " ۔

**لارٕوُن** ۔ ۱۔ یُس ژٕلہٕ وُن آسہِ ۔ ۲۔ یُس پَتے دوران چھُ ۔

**لارُن ۱** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ لار ] ۔ ۱۔ پَتہٕ دورُن ۔ دٔوُن ۔ ۲۔ ژٕلُن (ہیمہٕ کِنہٕ یا کانٛسہِ ہنٛدِ پَتہٕ دورنہٕ کِنہٕ) ۔

**لارُن ۲** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ لار ‹س ؛ لابیتہٕ / لی کہٕ ] ۔

۱. مَتھنہٕ یُن۔ ۲. چھِی لگنہٕ کِنہٕ ترُن / لاگ لَگنہٕ۔ م : گرمی لاریٚ۔ ۳. گاٹنہٕ ہُنر مالے آسنہٕ کِنہٕ تَس پیٚتہٕ پکُن۔ طالِب بَنُن۔ ۴. وٕٹھہ یُن۔ (کانٛسہِ لِش) کیٚنہٕ فاَیدہ ترُن۔ حاصِل گژھُن۔

**لاس۔** [ ن۔ مؤل : لاس < تبتی : لاسا ]۔ ۱. (اوُرگہٕ) بوٚڈ نفع۔ وارِیاہ فایدٕ۔ ۲. (ہزلہٕ) خزانہٕ۔ ۳. تبتس منٛز اکھ مشہور شہرُک ناو۔

**لاس اَتھہٕ لگُن۔** سیٹھا دولتھ بَنٛنہٕ۔ تِژھہ کام بَنٛنہٕ یتھ وارِیاہ نفع آسہِ۔ یٮ۪تھ پٮ۪نہٕ دوٚہ بیدہٕ آسہِ سو دولتھ بَنٛنہٕ۔

**لاس اَتھہٕ یُن۔** وُچھو "لاس اَتھہٕ لگُن"۔

**لاس بَنُن۔** وُچھو "لاس اَتھہٕ لگُن"۔

**لاس زیٚنُن۔** وارِیاہ دولتھ کماوٕنہٕ۔ بوٚڈ نفع بَنُن۔

**لاس لبُن۔** ۱. سیٹھا دولتھ بَنٛنہٕ۔ نایاب چیز بیسٹر بَنُن۔ ۲. (ہزلہٕ) تیٚتھ کیٚنہٕ بَنُن یہ سیٹھا باسہِ امانتہٕ کِنہٕ آسہِ نہٕ کھٮ۪نہٕ۔

**لاسَن۔** [ م۔ مؤل : لاسَن < انگ۔ لایسنس LICENSE ]۔ ٹیٚرِن۔ اجازتھ نامہٕ۔

پَروانہٕ۔

**لاسہٕ وُن۔** [ ن۔ مؤل : لاسو < س : لَس ]۔ (شُربیٚترٕ) رَچھُن، پالُن۔ بڈٕرُن۔ یہ چھیٚنے اکھ آہی تہٕ۔ م : خُدا لاسہِ وِنے۔

**لاش۔** [ م۔ مؤل : لاش < ف : لاش ]۔ مورد جسم۔ مَیِت۔ شَو، ہیٚچھ۔

**لاشہِ گٹہٕ۔** ۱. ٹُکر کرٕنہٕ۔ اَلگ اَلگ کرُن۔ پینٛتی گرٕنہٕ۔ تلمہٕ کرنہٕ۔ ۲. پوٚرِ شکس دِیُن۔ اڈکھوٚٹہٕ کَڈٕنہٕ۔

**لاغر۔** [ مؤل : لاغر < ف : لاغر ]۔ نوتوان۔ نہٕ ہیٚکن وول۔ کمزور۔

**لاغر گژھُن۔** ہیٚکتھ نہٕ روزٕنہٕ۔ نوتوانی یِنہٕ۔ کمزور گژھُن۔

**لاف۔** [ ن۔ مؤل : لاف < ف : لاف ]۔ بَجر تھَکُن۔ بڈٕتھ تہٕ بوٚلتھ وَنُن۔ دَم (دِنہٕ)۔

**لاف دِنہٕ۔** دَم دِنہٕ۔ پَنُن بَجر تھَکُن۔ خود ستایی وَنٛنہٕ۔

**لاف زَن۔** بڈٕتھ تہٕ بوٚلتھ وَنَن وول۔ تھَزر تھَکہٕ وَن وول۔ دَم دِنہٕ وول۔

لاف زٔنی کَرٕنی، وَنٕنی ۔ دَم دِنی ۔ بُڈٕتھ پَنٕہ بۆلِتھ وَنُن ۔ پَنُن بَجر ہاوُن ۔

لاف وگزاف ۔ بے ہوٗدٕ کَتھ ۔ بے وقوٗفی ۔

لاکم ۔ [م ۔ مٔول : لاکم < ف : لگام ] ۔ راس (گُرِس سٕتۍ)۔ وَگ ۔ (خاص کٔرِتھ دالو) ۔

لاکم چاڑٕنی ۔ ۱۔ حدٕ نٕہ نیٖرنٕہ دِیُن ۔ گَنڈِتھ رَٹُن ۔ ۲۔ سَختی کَرٕنی ۔

لاکم دِنی ۔ (کانٕہہ) ژھوٚپہٕ کَرناوُن ۔ (کانٕہہ) کَتھ نٕہ دِنی کَرنٕہ ۔ اُمِس تھوٗپ دِیُن ۔

لاکم رَٹٕنی ۔ حدَس مَنٛز رَٹُن ۔ اَتہٕ تَلہٕ نٕہ گژھنہٕ دِیُن ۔ گَنڈِتھ رَٹُن ۔

لاکم لَگٕنی ۔ کَتھ کَرنَس پابنٛد گژھُن ۔ کَتھ نٕہ کٔرِتھ ہیکُن ۔

لاکم لاگٕنی ۔ ۱۔ (گُرِس) راس گَنٛڈٕنی ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھۍ) کانٕہہ خاموش کَرناوُن، کَتھ نٕہ دِنی کَرنٕہ ۔ لوٚہ نٕہ پاٹھۍ بیٚہناوُن ۔

لاکیٹ ۔ [ن ۔ مٔول : لاکیٹ < انگ : لاکیٹ LOCKET ] ۔ اَکھ ہُنٛڈ وَس یُس ناٗلی روزان چھُ ۔

لاکھ ۔ [م ۔ مٔول : لاکھ < س : لا ] ۔ ۱۔ (رَز گَنٛڈِتھ یا بوہر بٔرِتھ) تیٚوٚت بور یوٗت اَکہٕ وِزِ ساٗرِتھ ہیٚکو زٕ ۔ ۲۔ سیٹھا ۔ بُڈ کھیپہٕ ۔ م : لاکھ لاکھ نوان تٕہ باکھ باکھ دِوان ۔ ۳۔ (ہَرلہ) بَتہٕ ڈٕنگ ۔

لاکہِ لاکہِ ۔ اَکہِ اَکہِ پھیرِ ۔ اَکھ اَکھ بور نوان نوان ۔

لاکہِ ساٗر ۔ داریاہ پھیرِ ۔ پھیرِ کَرِ کَرِ بور ساران ۔

لاکھ لاکھ نٕنی تٕہ باکھ باکھ دِنی ۔ نی نی تٕہ بارٕو دِنی ۔ اَسِتھ باٗرِتھ نٕہ ناشُکری کَرٕنی ۔

لاکھ ہیٚنی ۔ ۱۔ یوٗتاہ باٗرِس ہیٚکو زٕ تٕہ رَز گَنٛڈنٕہ پیٚہ تیوٗتاہ داتُن یا نِیُن ۔ مَوزوٗرِ سٕنٛد اَکھ باٗر، داناہ نِیُن ۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھۍ) سیٹھا کیٚنہہ واتُن ۔

لاگ ۱ ۔ [م ۔ مٔول : لاگ < پراکرت : لَگا < س : لَگ ] ۔ ۱۔ بیمار ہُنٛد تیٚتھ ہالَس ہُنٛد سوٗ نیٚبِس لار ۔ بیمارِ ہُنٛد حھی لَگنہٕ سٕتۍ تَرُن ۔ بیماری ہِشتھ آسنٕچ حالَتھ ۔ ۲۔ آلایش ۔ کانٕہہ چیٖز گنٕہ لور آسُن ۔

**لاگ ترٛنۍ۔** کانٛسہِ بٔچھِ سُند ہُرُن چھی لگنہٕ سیٖتۍ ترٛن۔

**لاگ دار۔** ۱۔ یُس لاگ ترٛہٕ آسہِ یا لاگ ترٛنہٕ کنۍ آسہِ بیمار ہُند اندیشہٕ۔ ۲۔ سُہ بیمارٛی یۄسہٕ لاگ ترٛہِ۔

**لاگ لگنۍ۔** کانٛسہِ ہُنٛز بیمارٛی ترٛنۍ، لارٕنۍ۔

**لاگ ۲۔** [م۔ مۄل: لاگ < پراکرت: لگا < س: لگ]۔ ۱۔ دۄستوٗر۔ (ہیٚنہٕ دِنک) رِواج۔ کُنہٕ مُبارکس پیٹھ نقد یا جِنس پیش کرنک رِواج۔ ۲۔ مانٛگیہِ بیترِ ہُند رِواج۔ ۳۔ گنڈٕ ٹکی۔

**لاگہِ رۄس۔** سُہ کام یتھ اندر نہٕ کیٚنہٕ تیٚز دِین پیٚنہِ یا منتھ کھسہِ۔ بےٚ غرض کام۔

**لاگ دار۔** ۱۔ لاگ رٹُن وول۔ یُس کُن لاگ تارِ زِ۔ ۲۔ کُسٕم چوٗکی۔

**لاگ لگنۍ۔** ہیٚنہٕ دِنک رِواج بنُن۔

**لاگتھ۔** [م۔ مۄل: لاگت < س: لگتہٕ۔ م۔ ہ: لاگت]۔ ۱۔ یِم پوٚنسہِ کُنہٕ کامہِ پیٹھ لاگنہٕ ین۔ مۄل۔ قیمتہِ خرید۔ ۲۔ یِہ کیٚنہٕ اِنسٕنس پیٹھ یا بناونس پیٹھ خرٕچ آسہِ گومت۔

**لاگتھ بوزنۍ۔** ۱۔ کُنہٕ بناوٕنہِ منٛس چیٖزس حِساب کرُن زِ خرٕچ کوٚت لوٚگُس یا لگِس۔ کارخانس منٛز کُنہٕ مالس حِساب کرُن زِ کیٚتس گوٚ تیار۔ ۲۔ مۄل مُشخص کرُن۔ حِساب کرُن زِ مزدوٗری کاتاہ لجِس۔

**لاگتھ لگنۍ۔** پوٚنسہِ لگنۍ۔ کانٛہہ چیٖز بناونس خرٕچ لگُن۔

**لاگتھ لاگنۍ۔** خرچہ کرُن۔ پوٚنسہِ لاگنۍ۔ (کیٚنہٕ بناونہٕ یا مرمتھ کرنہٕ باپتھ)۔

**لاگتھ ینۍ۔** خرٕچ گژھُن (کانٛہہ چیٖز بیترِ بناونس) پوٚنسہِ لگنۍ۔ قیمتس پیوٚن۔

**لاگے۔** [م۔ مۄل: لاگے < س: لگ]۔ ۱۔ اکھتھ یا کھتھ کیٚنہٕ کرُن۔ پانٛتھر۔ م: چھوکہِ لاگے۔ ۲۔ مِثٕل (گژھُن) م: ہتھی لاگے۔ ۳۔ تھل لاگنیچ کام۔

**لاگہِ نے۔** ۱۔ (دوٚہ یُس اتھِ) تھل لاگناوٕنیچ کام۔ ۲۔ زمین زِراتھ۔ فصل۔ ۳۔ کاشتکاری ہُند حق۔

**لاگہِ نے کرٕنۍ۔** کاشتکاری کرٕنۍ۔

**لاگنیہِ وول۔** ہالی۔ کاشتکار۔ زمین کھاون وول۔

لاگُن ۔ [ن ۔ مٔول : لاگ < س : لاگیتہٕ ]۔
۱۔ نالی تراوُن ۔ ژھٕنُن ۔ م : کوٹ
لاگُن ۔ ۲۔ مُتھُن بینتر ۔ م : دوا لاگُن ۔
۳۔ کانٛسہِ ہنٛدِس کینہہٕ کرانٛس گنٛیٖکھ
م : ہکینٛس لاگُن ۔ ۴۔ رلاوُن ۔ بِلاوُن
برابر کرُن ۔ م : وٕٹی سیٹھٕی پیالہٕ لاگُن ۔
۵۔ زالس مَنٛز اَنُن ۔ بنٛد کرُن ۔ م :
زالس لاگُن ، تالس لاگُن ۔ ۶۔ نوکری
داوِنۍ ۔ کُنہِ کامہِ مَنٛز تراوُن ۔ م : چھِیر آسو
دلاگِمُت ۔ ۷۔ آکھِتھ ، آکھتھ کانہہ بنٛاکھ
بوڈ تھِنیٛو بینتر بنُن ۔ پاتھر کرُن ۔ م :
تھراز لاگُن ۔ ۸۔ آباد کرُن ۔ کمناوُن
م : زٔمین لاگُن ۔ ۹۔ ہاز تھوٚونۍ ۔ م : ژوٗر لاگُن ۔

لاگِتھ تھوٚوُن ۔ ۱۔ چھپان کرُن ۔ مرُن ۔
واٹِتھ تھوٚوُن ۔ ۲۔ ہاتھ اَنٛنۍ ۔
کانٛسہِ کُن تہٕ منسوب کرُن یہٕ تہٕ تمہ
وٕنمُت یا کورمُت آسہِ ۔ اَپُز
راہ کھارُن ۔ تو ہمتھ کرُن ۔

لاگِتھ ژوٚوپرِتھ ۔ ہرِ مُرِ زورِ گینٛژھا
نوٚو رِتھنہ

لال ۱ ۔ [ن ۔ مٔول : لال < ف : لعل ]۔
۱۔ جواہر ۔ اَکھ خاص موہلج کنۍ ۔
۲۔ اَچھ ہُنٛد مَنٛز پھوٗل ۔ ۳۔ سیٹھا رُت ۔
خوش پوٗن ۔ مِلنسار ۔ ہاوُن باوُن لایق ۔
۴۔ خولقی ۔ اَیخلاقہٕ وول ۔

لالہٕ کانۍ ۔ پرٛون موہلُل جواہر ۔

لالہٕ پھوٗل ۔ ۱۔ ٹوٹھ نیٖچوٗ ۔ یُس سیٹھا
پرٛیہٕ وُن آسہِ ۔ خوشہِ وُن ۔ ٹنٛٹھر بون ۔
۲۔ اَچھ ہُنٛد مَنٛز پھوٗل ۔

لال جواہر ۔ موہلجہِ کنہِ یمہٕ جرانٛس لکان
چھینے ۔

لال شناخ ۔ ۱۔ یُس لال پرزناوُن تگہِ ۔
یُس جواہرن ہنٛز زان یازان کاری
آسہِ ۔ ۲۔ قدر کرن وول ۔ یُس ماٹُن
زانُن آسہِ ۔ ۳۔ (ورگہٕ) بڑر یارُت
اِنسان پرزناوُن وول ۔

لال شناس ۔ وُچھو "لال شناخ" ۔

لال فروش ۔ [ن ۔ مٔول : لال فروش
< ف : لعل فروش ]۔ جواہرن ہُنٛد
باپاری ۔ لال کِنن وول ۔ مَنٛز ۔

لال ۲ ۔ [م ۔ مٔول : لال < س : لالا ] آسک
روٗطواہتھ یُس پشہِ ۔

لالہٕ موت ۔ یُس لال پشپان آسہِ ۔ یُس
بزاٹی آسن وُنھی ہتی ۔

لال پُشپِنی۔ آ۔ٹ۔ رتوطۆیتھ نیرُن۔

لال وَسنی۔ وچھو، لال پُشپِنی۔

لال ع۳۔ [مۆل، لال < ہ، لال]۔ سۆرُخ۔ وۆزُل۔

لالَم۔ [م۔ مۆل: لالم < س: لالَم]۔ (شرِس) لال وۆتھراونچ دٕچ۔ یٲژسیٚج لال رٕٹنہٕ باپتھ اَکہِ قٕسمُک سوٚتھ پلو یُس شُرِس ہٕٹس نالی یوان چھُ ژھٕننہٕ۔

لالہِ مالہِ بہُن۔ مَزسان بہُن۔ دار پٲٹھی بہُن۔

لالہِ ۱۔ [ن۔ مۆل: لال < ف: لالہ]۔ اکھ گُلالہٕ۔ مَنز باگہٕ کرُہُن داغ کرِتھ اَکھ سۆرُخ پوشُک ناو۔ ۲۔ ٹوٹھ۔ م: بٲے لالہِ۔ مامہِ لالہٕ۔ ۳۔ ماشوق۔ یٚدُن۔

لالہِ روے۔ خوبصوٗرتھ۔ سۆندر شکل۔ خوش پوُن۔

لالہِ روخ۔ [مۆل: لالہٕ روخ < ف: لالہ رُخ]۔ وۆزُل بُتھ۔ خوبصوٗرتھ، پزبیہوُن۔ خوش لوٹ۔

لالہِ ۲۔ [ن۔ مۆل: لال < ہ: لالا]۔ کھٔتری۔

لالر۔ [م۔ مۆل۔ لالر]۔ اکھ دٕسنی سبزی یوسہٕ سونتہٕ کالہِ دٕجن مَنز بوۆلن چھےٚ۔

لال ٹین۔ [ن۔ مۆل، لال ٹین < انگ: لن ٹرن LANTERN]۔ مینٛز تیلہٕ بتی یتھ ژھٔنی آسہٕ تہٕ اُتھس کیٛتھ آسہٕ گاش ہاونہٕ باپتھ اَکہِ جایہِ پیٚٹھ۔ بیٚیس جایہ نینہٕ یوان۔ گاش ہاونہٕ باپتھ یَنہٕ مینٛز تیلہٕ بتی۔

لال ٹین ہاوُن۔ ۱۔ اَچھو نشہٕ دور کرُن۔ اَکٕرتھ ژھٕنُن۔ ۲۔ وچھان وچھان ہیٚٹھ ژولُن۔ شُپہٕ نیُن۔ ٹھکپھ دِنی۔ پھٹہٕ لٔد کرُن۔

لام۔ [م۔ مۆل: لام < فرینچ: لارمے LARME]۔ فوجُک سٔمُن۔

لامہِ گرُژھن۔ جنگس گرُژھن۔ محاذس پیٚٹھ گرُژھن۔

لام لگٕنی۔ ۱۔ فوجس مَنز اَژنہٕ باپتھ لاَن لگٕنی۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھی) اکھ اَکس پیٚٹھ گٕنہٕ جایہِ دوُن ہیُن۔

لاما۔ [م۔ مۆل: لاما < ؟ س: لاما]۔ ۱۔ لامہٕ۔ ۲۔ شکتی ہُند اَکھ رۆپ یُس ماتٕرکاتہٕ چھہٕ وَنان۔

لاماڑگر۔ [ن۔ مۆل: لاماڈگر < س: لاماچکرٕ]۔ ماترِ ژکر۔

**لامہٕ** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ لام < تِبتی : بلاما (ب خاموش)] ۔ بوٚدن ہُنٛد مَذہبی رٕہنُما ۔ بوٚدن ہُنٛد گوٗروٗ ۔

**لامُن** ۔ [م ۔ مؤل ؛ لامن] ۔ کوٚہہٕ دامَن ۔ بالہٕ دامَن ۔

**لامنٕ لامنٕ** ۔ کوٚہہٕ دامنٕ دامنٕ ۔

**لامنٕ لامنٕ پھیرُن** ۔ دَرٕ بدَرٕ پھیرُن ۔ جایہٕ جایہٕ پھیرُن ۔

**لامُچ** ۔ بوٚڈٕ چاکھ ۔ زیوٗٹھ نَژٕتھ ۔ راد ۔

**لانَتھ** ۔ [م ۔ مؤل ؛ لانت < ع : لعنة] ۔ ۱ ۔ نَفرین ۔ تھوٗ تھوٗ ۔ پھِٹکار ۔ تھوکہٕ (ژھٕننہٕ) ۔ ۲ ۔ تیٚتھ کیٚنہٕ یِہ نہٕ زَروٗرٕ ۔

**لانَتھ پِشپینٕ** ۔ ۱ ۔ بٔنے دِوتھ آسُن ۔ بُتھِس پٮ۪ٹھ شوٗب آسنٕ ۔ کھٔرُن لایق آسُن ۔ کوٚ کور ۔ بَدٕ شکل ۔ ۲ ۔ کوٚ کار کَرنہٕ یا بدکاری کِنۍ بُتھہٕ پٮ۪ٹھ بدبختی ژٕننٕ ۔ اَتھ کَرنہٕ کِنۍ بُتھ دِلَس لایق نہٕ روزُن ۔ ۳ ۔ بَسی بٔنے یِزتی ہُنٛد بُتھ آسُن ۔

**لانَتھ پٮ۪ننٕ** ۔ ذٔلیل گژھُن ۔ تِژھ ناکارٕ گی کَرٕنۍ یُتھ لوکَن مَنٛز مَنٛد چھاوٕنہٕ یِیہ ۔

**لانَتھ ژھٕننٕ** ۔ ۱ ۔ (کٲشُر) تھوکہٕ ژھٕننہٕ نَفرین کَرُن ۔ ذَلالتھ کَرٕنۍ ۔ ۲ ۔ مَنسادُن ۔ نٔشرٕ آوِتھ ژھٕنُن ۔

**لانَتھ نالہٕ گژھنٕ** ۔ ۱ ۔ بَلاے اَکادِ گژھنٕ ۔ کیٚنہٕ تیٚتھ نَٹہٕ کھَسُن یِیمہٕ سٟتۍ مَنٛز چھاوٕنہٕ یِیہ ۔ ۲ ۔ بَدٕ زَنانہٕ اَکادِ گژھنٕ ۔

**لانَتھ وَسنٕ** ۔ وُچھِو " لانَتھ پِشپینٕ " ۔

**لانَتھ والنٕ** ۔ ذٔلیل کَرُن ۔ تھوکہٕ ژھٕننہٕ ۔ بے یِزتی کَرٕنۍ ۔ لَژھ کَرٕنۍ ۔

**لانتہٕ مَنٛز چوچھا** ۔ (ہٕزلہٕ) حَرامکہٕ مالہٕ مَنٛز رَژھا ۔ ژوٗرِ اَنۍ مِتہٕ مالہٕ یا روپیہِ مَنٛز کینژھا ۔

**لانتُن طوق نالہٕ گژھُن** ۔ بَلہٕ بَدنامی اَندر ہیٚننہٕ یُن ۔ تیٚتھ کیٚنہٕ نٔٹہٕ کھَسُن یِیمہٕ سٟتۍ ذٔلیل گژھوٗ زِ ۔

**لانَتی** ۔ [< ع : لعنة + ف ۔ ی] ۔ یُس لانَتھ وُژھنٕ آسہِ ۔

**لانہٕ طانہٕ** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ لانہٕ طان < ع : لعن طعن] ۔ آڈٕ زاڈ ۔ بیوٲری ۔ بے یِزتی ۔ لانہٕ طانہٕ کَرُن ۔ لانَتھ ملامتھ کَرُن ۔ بیوٲری کَرٕنۍ ۔ ذَلالتھ کَرٕنۍ ۔

**لانٛچھ** ۔ [م ۔ مؤل ؛ لانٛپ < س : لمپھا] ۔ زیوٗٹھ قَدَم یُس ہِکہٕ نُلنہٕ یِیہ ۔ دوہٕ ٹھ ۔

لانپہ تڑاونہ۔ زہٹھی زہٹھی قدم تُلِنۍ، نہ ڈُبھ گوڑتھی پکُن۔ تیز پکُن۔ دور تُلِنۍ۔ دوٗ تراوٕنۍ۔

لانپہٕ لانپھ۔ وڈٕ تڑاونس گندُن (شُرِن ہُنڈ)۔

لانپہ میلنہٕ۔ زہٹھہٕ زہٹھی قدم تڑاوٕنۍ۔ تیز پکُن۔ ژٕتھی پکُن۔ دور تُلِنۍ۔ دوٗ تُلِنۍ۔

لانپھ تڑاوٕنۍ۔ وڈٕ تارٕنۍ۔ ہکہٕ زیوٚٹھ قدم تڑاوُن۔

لانپھ ارٕنۍ۔ (کُنہ پیٹھو) وڈٕ ترُن۔

لانجھ۔ [ن۔ مول: لانجھ > س: لانچھنٕ]۔ ۱۔ ہانژہ۔ ۲۔ کھُر۔ مُسیبت۔ ہیچہ۔

لانجہِ بور۔ لانجس پیٹھ لانچ (لُونا)۔ ہر رنگہ لنٹی تہٕ لانچ (ٹینی)۔

لانجہِ روٚست۔ ۱۔ یُس نہٕ ہانژہ آسہِ لاگنہٕ آمُت۔ ۲۔ کانُہہ کام یا کانُہہ مامِلہٕ بیترِ یتھ کانُہہ کھُر بیترِ آسہِ نہٕ۔ شوٚد تہٕ صاف۔

لانجہِ دار۔ ۱۔ کھُری دار۔ وَردار۔ پیچدار (کانُہہ کام بیترِ)۔ ۲۔ شہ یُس ہانژہ آسہِ آمُت۔ شہ یُس کُنہِ کھُرس مَنز ہیلنہٕ تہٕ نہٕ آسہِ آمُت۔

لانجِ کھسُن۔ کُنہِ کھُری دار کامہِ مَنز ہانژہ یُن۔ کانُہہ پیچدار مسلہٕ نالی گژھُن۔ ٹہٕ اَٹس کھسُن۔

لانجِ کھارُن۔ کانُہہ ٹہٕ اَٹس کھارُن۔ کانُہہ کُنہِ کھُری دار کامہِ بیترِ مَنز پھساوُن۔ ہانژہ لاگنۍ۔

لانجِ لوٚٹھ۔ ہانژہ بیترِ۔ کھُر دُر۔

لانجِ ہیوٚن۔ کھُری دار کام بیترِ یا لس پلیٹھ نمہٕ ہیٚنۍ۔ کانُہہ پیچدار مسلہٕ یا کانُہہ مصیبتہٕ کام وُمہٕ ہیٚنۍ۔

لانجِ یُن۔ کُنہِ کھُرس مَنز ہیٚنہٕ یُن۔ کُنہِ اَپزِ ہانژِ مَنز پھسُن۔

لانژر۔ [ن۔ مول: لانژر > س: لنجہٕ]۔ ۱۔ اَکھ زیوٚٹھ لانگ یتھ اَکِہ اَندہٕ کوٚو کرِتھ شتر اَکھ چھِپہٕ لاگتھ آسان، اَمہِ سیٚتی چھِہ تُلِن پَن بیترِ والان۔ ۱۔ اَلہِ باتہٕ ہُنڈ شہ وَردار لکرٕ لکرٕ یتھ مَنز پیٹ بند چھِپہٕ روزان۔ ۳۔ پَشک شہ اَرُورِ کوٹ یُس سَر لوس نشہٕ اَتھ تڑاوان چھِہ

لانژر، لانژھُر۔ [ن۔ مول: لانژر > س: لونا]۔

ہُنبر۔ دَرِم۔

**لانٹرھ۔** [ن۔ مؤل : لانٹرھ <س : لایشہٕ]۔ ۱۔ نامَرد۔ ہِسدٕ گوٗر۔ تُرمہ ہنیُو یُس نہٕ مَردی آسہِ۔ ۲۔ تُہ مَردیُس زَنانہٕ چال آسہِ۔ ۳۔ (وَرگہٕ) بُزدِل۔ کھوٗژٕ بُٹھ۔

**لانٹرھ رَنٛح۔** زَنانہٕ رَنٛگہٕ پلَو پوشاکھ یُس لانٹرھ نالی چھِ لاگان۔

**لانٹرھ کَتھ۔** ۱۔ لانٹرہٕ سِنٛدی پاٹھی کَتھ باتھ کَرٕنۍ۔ مَردٕ سُنٛد زَنانہٕ ہِنٛدی پاٹھی کَتھ کَرٕنہِ۔ ۲۔ تمہِ کَتھہٕ یُمَن نہٕ کانٛہہ بوٗز آسہِ۔ بےٚ باش کَتھ۔

**لانٹرھ گَنٛگنَی۔** یُس لانٹرہٕ سِنٛز چالہِ مُس اُنیرتھ تَھو یا اَسم کَڈٕ۔

**لانٹرہٕ گَلُن۔** لانٹرہٕ وَر۔ لانٹرہٕ سِنٛز ہش تُلہٕ ترٛاو۔

**لانٹرہٕ ہُنیُو۔** بُزدِل اِنسان۔ کھوٗژٕ بُٹھ۔

**لانٹرہٕ وَر۔** لانٹرہٕ سِنٛدی شُخرٕ گلُن۔ لانٹرہٕ سُنٛد وٗطیر۔

**لانٹرھ گَرٛژھُن۔** ۱۔ مَردی پھٹٕنۍ۔ نَفسانی خاہِش نہٕ گَرٛژھنۍ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ہِیہَتھ پھٹٕنۍ۔ جوٗرتھ نہٕ رٕزٕن۔

**لانٛکھ ۱۔** [م۔ مؤل : لانٛکھ <س : لنٛکا]۔ جزیرٕ۔ دُو۔ سُہ زمیٖن یا خوشکی یتھ اَنٛدی اَنٛدی ژوشوٕے طرفو آب آسہِ۔

**لانٛکھ ۲۔** وُچھو "لانٛپھ"۔

**لانٛگ۔** [ن۔ مؤل : لانٛگ]۔ (گُلیچ زیٹھ) شاخ، اُنٛڈ۔

**لانٛگہٕ زیوٗٹھ۔** ۱۔ زَنٛگہٕ یا نَرٕ زیوٗٹھ۔ یُس زیٹھی قَدم آسہِ ترٛاوان۔ ۲۔ تھوٗد۔ قَداوَر۔ ۳۔ تُہ کُل یتھ لَنٛجہِ زیٛچھ آسَن۔

**لانٛگری۔** [ن۔ مؤل : لانٛگری <ف : لنگر]۔ ۱۔ واز۔ وُرہِ ہُنٛد بوٚڈ واز۔ رَنَن والیٖن ہُنٛد زیُٹھ۔ ووستہٕ۔ ۲۔ لنگرُک مالِکھ۔ یُس لنگر چلاوان آسہِ۔ یُس لنگرُک خرچہٕ بیترٕ دِوان آسہِ۔

**لاوے۔** [ن۔ مؤل : لاوے <س : لاوَ]۔ اَکھ کاٲشِر کرٛام۔

**لاوٕ۔** [ن۔ مؤل : لاو]۔ ۱۔ کھے۔ زَنگارٕ۔ دُبہٕ۔ ہوٗ ژُن۔ ۲۔ میوٕ کُلیٖن ہنٛز اَکھ بیمارٕ دیِتھ مِہ سٕتی لَنٛجَن پھمب ہیوٗہ چھُ نیران۔

لاۄبٹھ ۔ [ مۄل : لاۄبچھ ] ۔ (وَرگہٕ) ہوورِک
یا وارٕ ژوگرٕ ییتہٕ سوٗرٕ ے لاۄنیرِ ۔
لاۄبۄرٕت ۔ ییتھ زنگارٕ آسہٕ لوگمُت ۔
(شہ کھینہٕ باوبیتر) یتھ وُپہٕ آسہٕ
کھوٚتمُت ۔
لاۄناوکڈُن ۔ کھٔے وٕے تڑاوٕنۍ ۔ ارمان
کڈُن ۔ سوٗرٕ ے طمع نیرُن ۔
لاۄناونیرُن ۔ سوٗرٕ ے شِکس کھٔے بیتر
دُور گژھنۍ ۔ ارمان نیرُن ۔ طمع نیرُن ۔
لاۄکڈُن ۔ ارمان کڈُن ۔ طمع جمع اُنُن ۔
یِژھ پوٗر کرٕنۍ ۔
لاۄکھسُن ۔ زنگارٕ لگُن ۔ وُپہٕ کھسُن ۔ باسی
گژھُن ۔
لاۄلد ۔ زنگارٕلد ۔ کھیہٕ لد ۔ یتھ وُپہٕ آسہٕ
کھوٚتمُت ۔
لاۄلگُن ۔ ۱۔ خُمبہٕ کھسُن ۔ ستڑُن ۔ کھٔے لگنۍ ۔
۲۔ داغ لگُن ۔ چھِہہٕ کھسُن ۔ بیکار
گژھُن ۔
لاۄہوٚت ۔ وُچھو ۔ لاۄبۄرٕت ۔
لاۄس ۔ [ن ۔ مۄل : لاوس ] ۔ ماگہٕ زوٚنہٕ
پنچھ ژودِس ، اکھ بوڈ دوہ ۔
لاوسہٕ برٛور ۔ شہ دِ ہتایس لاۄس
دوہ ہہ پوٗرا گرانٕ چھِ ۔
لاوسہٕ ژوداہ ۔ ماگہٕ زوٚنہٕ پچھٕ ژوداہ ییٚمہٕ
دوہ ہہ لاوس مناوان چھِ ۔
لاوٕر ۔ [ن ۔ مۄل : لاوٕر < س : لاوٗ <
پراکرت : لگہ ] ۔ ۱۔ زلہٕ وُن تہٕ
سرتازٕ آسنٕچ حالتھ ۔ تازگی ۔ نوٕر ۔
۲۔ جوانی ۔ یاوُن ۔ تازٕ یاوُن ۔
لاوٕشکر ۔ ۱۔ فوٗج ہہٕ بارٕ ے ۔ بڈلشکر ۔
۲۔ دُم دام ۔ ۳۔ پزنہٕ پینٹھ چکہٕ چاد ۔
لاہ : لہہ ۔ [< ع : لا ] ۔ ۱۔ دُنی یا ) تڑاوُن ۔
لین دین نہٕ تھوٗن ۔ توٗلق ژٹُن ۔
۲۔ پرہیز ۔
لاہ کرُن ۔ ۱۔ دُنی یا تڑاوُن ۔ پرہیزگار
بنُن ۔ ۲۔ منساوُن ۔ اتھہٕ منزٕ تڑاوُن
(کاتھہہ جاداد بیتر) ۔ (کنہٕ چیزٕ لِشہ)
اتھہٕ چھلُن ۔
لاے : لایہ ۔ [ م ۔ مۄل : لاے < پراکرت :
لایہ < س : لاجا ] ۔ ۱۔ تاوٕ سیتی
پھوٗلتھ آمُت زیچھل بیتر ۔ م :
مکایہ لایہ ۔ ۲۔ آبہٕ سیتی بھاسونہٕ
آمُت چوٚنہٕ ۔
لاے پھٹِنۍ ۔ ۱۔ توٚنہٕ سینۍ ( انا جک) پھوٗلُن ۔

۲۔ (ورگہ پاٹھی) گرمہ ستی بٕزنہٕ یُن۔

**لاے کڈنی۔** ۱۔ اناج جوشہ ستی پھاٹہٕ وُن۔ پھکٕہ کھالنی۔ پۆر تُن۔ ۲۔ چوٗنہ پھاسہٕ وُن۔

**لاے شیرنی۔** ۱۔ اناجک بیتٕر توٗنہ ستی پھوٚلِتھ یُن۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) گرمہ ستی بٕزنہٕ یُن۔

**لایہ لوے۔** [مۆل: لایہ ہاے]۔ سُہ شُریُس لگنہٕ وزِ مِہر یِنہٕ ہُند گنڈان بوج بناونہٕ ییہ۔

**لایہ جان۔** لایہ بیتٕر کھنن وول۔ لایہ گوٚر۔

**لایہ کھر۔** دہ دس منز بنوومت لایہ وگر۔

**لایہ گوٚر۔** وُچھو "لایہ جان"

**لایہ لڑر۔** [۱۔ وُچھو۔ "لایہ لوٚڈ" ر ]۔ ۲۔ موٚٹ تہٕ دژوٚٹ شُر۔

**لایہ لوٚڈ۔** لایہ پھلین دہ دس منز کھنڈ نژ اوِتھ بناوِہ متی دہ گل۔

**لایہ موٚنڈ۔** لاین تہٕ گورس بنوومت دوٚر۔

**لایق۔** [مۆل: لایق < ع: لایق]۔ ۱۔ واجب۔ مناسب۔ شوٗبہٕ وُن۔ ۲۔ قابل۔ لیاقژ وول۔ لوٚز وول۔ ۳۔ رُت۔ جان۔ م: لایق شُر

**لایقِ کار۔** قابلِ کار۔ کامہ لایق۔

**لایبریری۔** [م۔ مۆل: لایبریری < انگریزی: لایبرٔ ے ری LIBRARY]۔ پیٚنہٕ پرنہٕ خاطر کتابہٕ آسن۔ کتاب گر۔

**لایُق۔** [ن۔ مۆل: لایق < ع: لایق]۔ ۱۔ لایق ژوٗر۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) بوٚڈ بار بدماش۔ دپہٕ دوٚر ژوٗر۔

**لائُن۔** [ن۔ مۆل: لاے < س: لاگینہٕ]۔ ۱۔ چوب دِنی۔ مار دِیُن۔ ۲۔ کانٛسہِ کُن کینہٕ دارِتھ دِیُن۔ ترِتھ دِیُن۔

**لایہ لاے۔** چوبہٕ چوب۔

**لائُن پیوٚن۔** چوب پیٚنی۔ مار پیوٚن۔

**لائُن کھیوٚن۔** وُچھو "لائُن پیوٚن"۔

**لُت۔** [م۔ مۆل: لت < س: لتا]۔ ۱۔ نوٗزُک اندام زنانہٕ۔ اوِج تہٕ زاوِج زنانہٕ، سونٛدر۔ ۲۔ وٕلس

**لُتی۔** [م۔ مۆل: لُتی < س: لتا]۔ ہے سونٛدری۔ ہے (مثالی) ویٚلسی۔

**لیٚتھر۔** ہٹی قلمہٕ۔ سُہ رنٛگ یا رنٛز بیٚمہ ستی ہٹ آہہ ستی لانٛزس منز

بَند چھیٚے روزان۔

لٹ۔ ۱۔ جانورَن پوٚژھ رکِنی الاگر زنہِ مشتاہم گگر لٹ۔ ۲۔ اُنٛدِہِم حصہٕ۔م دِکو ہائیلٹ۔ ۳۔ پٹھکِہ ہ۳ رشتنکر۔

لچہ ٹاس۔ زڈ۔

لچہ ٹاس کرٛن۔ پٔنٕنی زڈ کڈنی۔ پننی کام کرٛنی تہٕ پتہٕ نہٕ بیٚیہِ کانٛسہِ ہُنٛد پرواے کرٛن۔

لچہ اپیچم۔ ۱۔ لچہٕ مرٛن۔ لچہٕ ورِ (کٹس، ژھاوجہِ بیتر یکہٕ ناونہٕ باپتھ) ۲۔ ٹکو۔ زیر زیر۔

لچہ اپیچم کرٛن۔ ۱۔ ٹکو ٹکو کرٛن۔ زیر زیر دِنی۔ ۲۔ پھر کرٛن۔ ۳۔ مذاق کرٛن۔

لچہٕ واٹھ۔ ۱۔ پانہٕ واٗنز مٔیل۔ ۲۔ اُٹ۔

لٹ تُلتھ گژھُن۔ تہٕ ڈیٚکھ گو تلہٕ کنہٕ نہٕ رکھنہٕ، ٹھباے۔

لٹ تُلنی۔ ۱۔ (کانٛسہِ) زیر دِنی۔ ہس دیُن۔ ۲۔ ٹاوس تُلُن۔ رٔژھہٕ تُلنی۔

لٹ ژوٹ۔ ۱۔ یُس ژھوٹ لٹ آسہِ یا یُس لٹ ژٹنہٕ آسہِ آمژ۔م : لٹ ژوٹ ہوٗن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) کھعہٕ ٹھ زد۔ ۳۔ لاوارث۔ ۴۔ بدنام۔

لٹ گلہٕ ونی۔ ۱۔ دٕہ کُر کرٛن۔ تگن گری ہاونی۔ ۲۔ چالی ہاونی۔ یٔتھ ہاونی۔

لچھُن۔ [< وُچھو۔ لچھ]۔ ۱۔ یتھ اکھ لچھ موٗل آسہِ۔ یُس یا یہِ ہتھ ساس روپیہِ لوان آسہِ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) وارِیاہ دٔرتوگ۔

لحظہٕ۔ [ن۔ موٗل : لحظ > ع : لحظة]۔ بُرٛنز۔ ژیوٚہ۔

لحظ لحظہٕ۔ ساتہٕ ساتہٕ۔ وِزِ وِزِ۔ دمہٕ دمہٕ۔

لدرٕ پھلی۔ [م۔ موٗل : لدرپھلی > س : رُدراکشہ پھلہ]۔ اکِہ قسمکی پھلی یم سمنٛدرس ژرٛس تَل آسان چھہٕ۔ یمہٕ چھہٕ کیٚمی بناوان نہٕ اتھہٕ چھیٚے مالہٕ بنان۔

لڈی شاہ۔ [ن۔ موٗل : لڈی شاہ > پراکرت : لڈ + ف : شاہ]۔ ۱۔ دٔہرس پیٹھ شار ونَن دول۔ ۲۔ کاشرِ شاعری ہُنٛد اکھ صنف یتھ انٛدر یُتھ پاٹھی ہزل نہٕ مذاق بیتر ونٛنہٕ چھُ یوان۔

لر۔ [م۔ موٗل : لر ]۔ مکانہٕ۔ نشہٕ۔ جاے۔ بسن جاے۔

لرِپاوُر۔ [ن۔ موٗل : لرِپاور]۔ لوکٹ

اخام مکانہٕ۔ پُہرٕ۔ حُجرٕ۔
**لَرِ پور**۔ [ن۔ مؤل : لرِ پور]۔ ۱۔ مکانک اکھ منزِل۔ طبقہٕ۔ ۲۔ بسَن جاے۔
**لَرِ تژنگر**۔ جایہ گنیر۔ ییٚنتِھن وارِیاہ مکانہٕ لرِ لوٚر آسن۔
**لَرِ ترٛوپر**۔ ییٚنتِھن وارِیاہ مکانہٕ ترٛنگرٕ گرِتھ آسن۔ ییٚنتِھن وارِیاہ لرِ نکھہٕ نکھہٕ آسن۔
**لَرِ ژوک**۔ [ن۔ مؤل : لرِ ژاک]۔ ژورو طرفو یمہٕ ژور لرِ یمَن گنٛے آنگن آسہِ۔
**لَرِ کاٹِھل**۔ [م۔ مؤل : لرِ کاٹِھل]۔ مکانک مسالہِ بیترِ ہیٚنک کِننک پیشہٕ۔
**لَرِ کون**۔ [ن۔ مؤل : لرِ کان]۔ یُس پرانہِ لرِ ہیوان آسہِ تہٕ دٲلیتھ تمن ہُنٛد ملبہٕ پیٚتھٕ بیترِ کِنان آسہِ۔ یُس مکانک ملبہٕ ہیٚون کِنُن پیشہٕ آسہِ۔
**لَرِ کھوپر**۔ [م۔ مؤل : لرِ کھوپر]۔ آدسیٚمٕتِس لرِ۔ پھٹمژ لرِ۔ جونٛپر۔
**لَرِ گراکے**۔ [م۔ مؤل : لرِ گراکے < لرِ + س : گراہکہٕ]۔ مکانہٕ بیترِ ہیٚنہٕ کِننک پیشہٕ۔
**لَرِ گراکھ**۔ [ن۔ مؤل : لرِ گراک < لرِ + س : گراہکہٕ]۔ ۱۔ مکانہٕ ہیٚنہٕ وول۔ یُس بسَن جاے ملہٕ ہیٚنہٕ خاطرٕ ژھاران آسہِ۔ ۲۔ مکانہٕ وول۔ یُسنٛد مکانہٕ آسہِ۔ ۳۔ یُس مکانَس اَنٛدر روزان آسہِ تہٕ یُس نہٕ ناوِ بیترِ کیٚنہٕ لسان بسان آسہِ۔
**لَرِ مرِ بوگ**۔ [ن۔ مؤل : لرِ مرِ باگ]۔ لرِ جایہٕ ہُنٛد حصہٕ یا گے۔
**لَرِ ناو**۔ [م۔ مؤل : لرِ ناو]۔ ہوس بوٹ۔
**لَرِ لہرٕ نی تہٕ مور لرُن**۔ تہٕ دٕ پیٚتھ گوٚبُڈ کام اَتھہٕ منٛز تراوٕنی تہٕ موٗلی کامہٕ پیٚتھہٕ دورُن۔ سیٚٹھا لاگتھ لاگتھ اَنٛتھہٕ نہٕ کیٚنہٕ یُن۔ مُ : مٹ پھٹرِتھ بولُس گرُن۔
**لٔڑکی**۔ [م۔ مؤل : لڑکی < س : لاڈِکا]۔ کوٗر۔ کٹ۔
**لٔڑکہٕ**۔ [ن۔ مؤل : لڑک < س : لاڈِکہٕ]۔ ۱۔ کوٚٹ۔ ژاٹھ۔ مِ : مدرس لڑکہٕ ۲۔ نیٚچوٚ۔ اولاد۔
**لٔسی**۔ [م۔ مؤل : لسی < س : لسیکا]۔ آب۔ تراوِتھ چھوکہٕ نود مُت زامُت دود۔
**لٔش**۔ [م۔ مؤل : لش < س : لوکہٕ کاشٹھہٕ]۔

کلِہ دار کاپر لکھ یوسہ زِکھ دوئے
بر بر کرِتھ دزان تہٕ گاش دِوان
چھِے۔

**لَشہِ بَرگ۔** [ن۔ مۆل : لَشہِ بَرگ]۔
**لَشہِ نِلِم۔** دزِ دِنی لوکٹ لَش۔
**لَشہِ بُڈر۔** [ن۔ مۆل : لَشہِ بُڈر]۔ رِیہہ۔
اَلاو۔ جَم جَم۔
**لَشہِ ٹیوٗر۔** لَشہِ بَرگ۔
**لَشہِ دزر۔** [م۔ مۆل : لَشہِ دزر]۔
(گاش ہاوِنہٕ باپتھ) زیوٗٹھ لَشہِ کوٗن۔
**لَشہِ کرِوٗنڈ۔** [ن۔ مۆل : لَشہِ کرِوٗنڈ]۔
کنٛتر یو بنتر بانہٕ یتھ اَنٛدر لَش
زالان چھ۔
**لَشہِ کرُل۔** لَشہِ ہِنٛد تمُن۔
**لَشہِ کوٗنڈ۔** تمُن یُس لَش زالنہٕ سِتی
لگان چھُ۔
**لَشہِ کوٗن۔** وُچھو "لَشہِ بَرگ"۔
**لَشہِ کیلُم۔** سو مایہ دار ٹانٛکھ ہش یوسہٕ
دزِونہٕ لَشہِ بڑیڈان چھِے۔
**لَش دِنی۔** ۱۔ نار دیُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی)
تاراج کرُن۔ لُر پار کرُن۔ ۳۔
(ناراضگی پرٛزھو وَنان) بَلاے زِہِنی۔

**لَش گنٛڈنی۔** ۱۔ رِیہہ ودہٕ تھِنی۔ اَلاو
ہیُون۔ جَم جَم ہیُون۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی)
تپھ کھسُن۔ سیٚخ بُخار کھسُن۔ ۳۔
شرارتھ کھسُن۔ سیٚخ پھوہ زِسنی۔ ۴۔
اَزرُون یُن۔ حَسد گرٛزھُن۔
**لَش لگنی۔** ۱۔ سیٚخ نار لگُن۔ رِیہہ ودہٕ تھِنی۔
جَم جَم ہیُون۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) نار
گنٛڈُن۔ اَزرُون یُن۔ ۳۔ ڈُبہٕ ڈاس
گرٛزھُن۔ ڈاکھ گرٛزھُن۔
**لَش ہیٚنٛز۔** ۱۔ سیٚخ نار ہیُون۔ رِیہہ
ودہٕ تھِنی۔ اَلاو ودہٕ تھُن۔ جَم جَم
ہیُون۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) سیٚخ پھوہ شِنی۔
اَنٛدری دزُن۔
**لُطیف۔** [مۆل : لُطیف < ع : لطیف]۔
۱۔ نوزُک۔ نرِم۔ ۲۔ پاکھ۔ صاف۔
۳۔ لذیذ۔ لذتھ دار۔ مزدار۔ میوٚٹھ۔
**لُطیفہٕ۔** [ن۔ مۆل : لطیف < ع : لطیفہ]۔
زھوٚٹ تہٕ موٚٹ مزدار کتھ۔ چٹکلہٕ۔
چاٹھ۔
**لُطیفہٕ باز۔** چاٹی۔ چاٹہٕ گوٚر۔ چٹکلہٕ
وَنَن وول۔
**لُقو۔** [ن۔ مۆل : لُقو < ع : لقوۃ]۔

عرکتھ ۔ اَکھ بیمارٕی یتھٕ اَندر جسمک
کانہہ تان روزِنہٕ گژھان چھُ تہٕ
اَموب چونٹھ ہوٗل گژھان چھُ۔

لُقولہ ۔ ا۔ سُہ یُس لُقوٕ گومُت آسہِ ۔
۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) نابکار۔ ۳۔ (وَرگہٕ
پاٹھی) آلژھی ۔ ۴۔ (ہزلہٕ) کامہٕ ژوٗر۔

لکیر ۔ [م۔ مۆل : لکیر ﴿ہ : لکیر ﴿س :
لیکھا] ۔ رِکھ ۔ لأن ۔

لکیر پٮ۪ینۍ ۔ ا۔ رِکھ لگنۍ ۲۔ الگ۔ روزُن۔
بٮ۪ون نیرُن۔

لکر ۔ [م۔ مۆل : لکر ﴿س : لکُٹہ ] ۔
ہرٹ ۔

لکر گژھنۍ ۔ بدنکہٕ تان کاورٕی ۔ نَرِ ژنگہٕ
شروکنہٕ ۔ مونٹھُ گژھُن۔

لکھمن ۔ [ن۔ مۆل : لکھمن ﴿ لکشمَنہٕ ] ۔
رامہٕ زُندُرن بوے ، رامائنک ۔
اَکھ کِردار۔ راجہ دشرتھٕ سُند نیچوٗ
یُس تمس سُمترایہٕ ہنٛدِ مراوس ۔

لکھمی ، لکشمی ۔ [م۔ مۆل : لکھمی ﴿س : لکشمی ] ۔
ا۔ وِشنوٗ سِنٛز آشنۍ ۔ خوش نصیبی
ہنٛز دیوی ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) دولَتھ
روپیہ ۔ ہار ۔ دیار ۔ نَقدی ۔

لکھمی وان ۔ [﴿س : لکشمی وان ] ۔ وِشنوٗ ۔
نارایَن ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) دولَت مَنٛد ۔
دیارٕ وول ۔ ہارٕ وول ۔

لگن ۔ [ن۔ مۆل : لگن ﴿س : لگنہٕ ] ۔
ا۔ نیتھرُک دوہ ۔ ۲۔ نیتھرٕچ وِز
(ساتہٕ موجوٗب) ۔

لگنہٕ ئِن ۔ کأنٛسہٕ سٕتی نیتھر کرُنہٕ آمُت
آسُن ۔

لگنن اَژُن ۔ ا۔ نیتھر تیار آسنہٕ کِنہٕ
۲۔ ہتھو باتھہِ یا دۄ تھٕنس بنٛہنس اَندر
جیس کرُن ۔ بالیغ گژھُن ۔

لگنہٕ چیرو ۔ [م۔ لگنہٕ چیرو ﴿س : لگنہٕ +
چیرکا ] ۔ ساتھ نامہٕ ۔ لگنُک شینچھِ
دۆترُ ۔

لگنہٕ دِچھنۍ ۔ [م۔ مۆل : لگنہٕ دِچھنۍ ] ۔
رتمہٕ ہارٕ یِمہٕ لگنس پیٹھ برٛہمنس
دِوان چھِ ۔ لگنچ دَکھِنا ۔

لگنہٕ دوش ۔ [ن۔ مۆل : لگنہٕ دوش ]
واژ بیٛر کور کھانٛدرٕ سِپدُن یُس
مویُب مانٛنہٕ چھُ یِوان ۔

لگنہٕ دوش کاسُن ۔ لگن نکھ ژھُنُن
وٲلِنہٕ ۔

لُگنہٕ لُگن ۔ کھاندرٕ کھاندر ۔ اَکہِ بےٚ مجلس یا عَلاقَس مَنٛز داریاہ لُگن ۔ اَکی دوٚہہ داریاہن لوٚکَن لُگن ۔ آسُن

لُگنہٕ وِزٕ لُگُن ۔ یِیمہٕ وِزِ کیٚنہہ کرُن پیٚزِ تہٕ تَمہِ وِزِ تمیٚک بیارِ یُن ۔

لُلِتھ ۔ [ <س : لَلِتَ ] ۔ لَلہٕ وتھ ۔ لوٚنہٕ پاٹھی دارٕ وارٕ ۔ سٔبزرٕ ۔

لُلِش ۔ [م ۔ موٗل : لُلِش <ص، لُن + اِش] ۔ اَپرُے لول ہاوُن ۔ نیٚبرِ کُنی لول ہاوُن (کأنِسہٕ ہندِس شُرِس بیٚتر) ۔

لُمنی ۔ پیٚچش ۔ دَستہٕ ۔

لُنٛڑ ۔ ا ۔ [م ۔ موٗل : لُنٛج <س : لُنجہٕ] ۔ ا ۔ کُلیٚک لوٚکُٹ شاخ یا لنٛگ ۔ موٗر ۔ ۲ ۔ جِسمُک کانٛہہ حِصہٕ ، تٔر ، زَنگ ۔ ۳ ۔ وَیتھ مَنٛز کانٛہہ وَتھ یا شاخ ۔ ۴ ۔ کارخانُک کانٛہہ دُکانہٕ یا شاخ ۔ ۵ ۔ مألی سٕندِ یا مأجہ ہٕندِ طرفٕک کانٛہہ رِشتہٕ ۔ دوٗر ۔ پوٚکھ ۔ ۶ ۔ رُوٚنہٕ باپتھ کُلیٚک شاخ ۔ ۷ ۔ کانٛگرٕ ہٕنٛز تُھپھ ۔ کوٚپھ ۔ ۸ ۔ گُنہ ترٕ ٹیٚچ لٔر ۔ ۹ ۔ کُنہ ڈُلمہٕ یا اَتھٕ چِک حِصہٕ ۔

لُنجہٕ بُلبُل / لُنجہٕ پٔپھٹک بُلبُل ۔ ا ۔ (دِرگہٕ پاٹھی) عاشہٕ موٗت ، ساٹہٕ موٗت ۔ بےٚ غم ۔ یُس نہٕ کھیٚنٛچھ یا بٔنٛچھ آسہٕ ۔ آزاد ۔ ۲ ۔ یُس نہٕ بٔہہ وُن یا روزٕ وُن آسہٕ ۔ ژٕلہٕ وُن ۔

لُنجہٕ پھٹ ۔ سُہ کانٛگر یُتھ اَکھ تُھپھ آسہٕ نٕیرِتھ آمٕژ یا پھٕٹمٕژ ۔

لُنجہٕ پھٹُن ۔ آشناوے پھیرِتھ گژھنی ۔ طرفداران ہٕنٛز وَقتَس پیٚٹھ تٔر پھِرٕنی ۔

لُنجہٕ کٔڈنہٕ ۔ ا ۔ ہور تہٕ یور داریاہن کامن لأگِتھ لوٚسہٕ ناوُن ۔ ۲ ۔ چوب دِنی ۔ سَخ لایُن ۔ لأے لأے لِشہٕ کٔڈنہٕ ۔

لُنجہ لُنجہٕ پھیرُن ۔ (دِرگہٕ پاٹھی) عاش کرٕنی ۔ پٔرتھ جایہٕ سأل کرٕنی ۔

لُنجہٕ نیرنہٕ ۔ ا ۔ سیٚٹھاہن طرفَن یا کامن گژھنہٕ کِنی لوٚستھ پیوٚن ۔ ۲ ۔ داریاہن کامن مَنٛز ہیٚنہٕ یُن ۔

لُنٛڑی ژٕھر ۔ کُنٛڈی ژٕھر ۔ دوٚسہٕ یا دیوارچہ پٔتِمہِ ڈٕنٛڈر ۔

لُنٛڈٕ مہٕ ۔ [ م ۔ موٗل : لُنٛج <س : لَنٛگَ ] ۔ سُہ زَنانہٕ یُس اَکھ زَنٛگ بیکار آسہٕ ۔ سُہ زٕنی یُس لوٚسہٕ لوٚنٛگ لوٚنٛگ کران پکان آسہٕ ۔

لَنگِش۔ [م۔ مؤل ؛ لَنگَش > س ؛ لَنگہ + اِش ]۔ (رُژھا) لَنجہِ۔ (زَنگہِ نوقیص آسنہِ کِنی) پکِنس مَنز ٹھونٹھ (یِنی)۔ کَسَر (قدم تُلنس مَنز)۔

لَنگِش گَژھنی۔ ۱۔ لَنجہِ آسُن (قدم تراونس مَنز)۔ کَسَر آسنہِ رُکہِ رُکہِ پکُن۔ ۲۔ زَنگہِ یا کھورس نوقُص گژھنہِ کِنی پکنس اَندر فَرق یِنی۔

لو۔ [م۔ مؤل ؛ لو ]۔ کُژگب۔

لُہہ۔ [م۔ مؤل ؛ لُہہ > پراکرت ؛ لوبہہ > س ؛ لوبھ ]۔ گارِ۔ طمع۔ پَزنہِ پیٹھی سَخ لالچ۔

لُہہ گَنڈنی۔ گارِ گژھنی۔ سَخ لالچ گژھُن، طمع گژھُن۔

لُہنُن۔ [ن۔ مؤل ؛ لُہن > ]۔ ۱۔ (ژُم بیترِ) نَرمی، پشلِنی۔ ۲۔ ڈیوُل گژھُن۔ ۳۔ گرمی سِتِنی سَخ گژھُن، تُردُن۔ ۴۔ مِزازِکِنی ڈوُل گژھُن۔ اَہرُن۔ وُٹھنہِ یُن۔

لُہوُن۔ [ن۔ مؤل ؛ لُہوُن > س ؛ پلوشَنہ ]۔ ۱۔ (اناج بیترِ) توُن۔ ۲۔ (دانِس بیترِ) تاپھ دِیُن۔

لُہوُن کھش۔ ۱۔ (دانِس بیترِ) تاپہ دِوہا دِیُن۔ ۲۔ (اناجس بیترِ) توُن موہ بِنا کَرِنی۔

لَیین [ مؤل ؛ لَیین > ع ؛ لعین ]۔ لانتی۔ دوزخی۔ جہنمی۔ مَردُود۔ مَلعون۔

لاٹھی۔ [م۔ مؤل ؛ لاٹھی > پراکرت لَٹھِہ]۔ ۱۔ لوٗر۔ ڈَنڈ۔ ۲۔ کُنہِ نرم چیزس بَناونہٕ لوٗرہِش۔ م ؛ دُپہِ لاٹھی۔ ۳۔ کارتہ سوٗنس یا روپس بیترِ بَناونہٕ لوٗرہِش۔

لاٹھی چارِج۔ (اَپلَک) ہنوجومَس بیترِ چھنگ کَرِنہِ باپتھ لوٗر وایِنی۔

لاچ۔ [م۔ مؤل ؛ لاچ > م۔ ہ ؛ لوچ]۔ کُنہِ نَرم چیزچ (اَدرِ یِہ سان) رَزہِش۔ م ؛ دُپہِ لاچ۔

لاچِر۔ ۱۔ ریشِمہِ۔ ۲۔ کُنہِ مایہ دار چیزس کھرِ مژ رَزِ ہِشہِ۔

لاچہِ کھسِنہِ۔ کُنہِ اَدرِس پلوس موٹھ دِنہِ سِتی پوس ہیوٗہ کھسُن۔ کُنہِ تَرل چیزس ماتاڑ دِنہِ سِتی رَزِ ہِشہِ نیرنہِ۔ ماٹنجھرُن یا موٹ پاکھ نیرُن۔

لاچہِ نیرنہٕ ۔ وُچھو "لاچہِ کھسنہٕ"۔

لأر ۔ [ن ۔ مٔول : لأر] ۔ آلہِ چالہِ اَکہِ رأچھٕ دار کُلِکِ ہیو۔ اَتھ چھِ سَلاد بناوان۔

لأر بٔول ۔ ۱۔ لأرک بٔول (ییٚہِ چھِ شَربَتہٕ سیٚتۍ یا شیرس سیٚتۍ تہٕ تراوان)

۲۔ اَکھ دال ذاتھ۔

لأر دَور ۔ [م ۔ مٔول : لأر دَور] ۔ سُہ لأر یُس بٮ۪ٹالہِ موکھہٕ پیٚراونہٕ آسہِ آمُت ۔

لأرِم ۔ [م ۔ مٔول : لأرِم < پراکرِت : لوٹھم <س : لوشٹم ۔ مُ : بنگالی : لُڈِ] ۔ لوتیٚج ۔ گول تہٕ ڈُلوم کَنہٕ پھٔل ۔ لوکٕٹ ڈُلام آرِ کَنۍ ۔

لأری ۔ [م ۔ مٔول : لأری < انگ : لاری Lorry] ۔ بُڈ تہٕ زیٚچھ موٹر گاڑی یتھ منٛز مُسافِر یا مال اَکہِ جاےِ پیٚٹھٕ بیٚیِس جاےِ واتناونہٕ ییٚہِ ۔ بس ۔

لأری وول ۔ ۱۔ گاڑی چلاوَن وول ۔ لأری ڈرایوَر ۔ ۲۔ گاڑِ ہُنٛد مالِک ۔

لأری اَتھ ۔ [ن ۔ مٔول : لأری اَتھ] ۔ اَلہِ بانہٕ ہُنٛد سُہ حِصہٕ یتھ داند دول داند وأیِن دِرِ تھپہٕ کرِتھ پکان چھُ ۔

لأزِم ۔ [مٔول : لأزِم < ع : لازِم] ۔ ۱۔ یہِ پَزِ بَجا ۔ یہِ شوٗبہِ ۔ یہِ دَستوٗر آسہِ ۔ رَوا ۔ جایِز ۔ واجِب ۔ ۲۔ ضروٗری ۔

لأزِم دَر، دار ۔ ۱۔ یَزتہٕ دول ۔ یَزتھ دار ۔ موتہٕ بَر (کانٛہہ شخص) ۔ ۲۔ یَس یَزتھ پَزِ کَرُن ۔ یَس لأزِم پَزِن کَرٕنۍ ۔ م : لأزِم دار بوٗژھ ۔

لأزِم دأری ۔ ۱۔ مٕٹہِ دأری ۔ مجبوٗری ۔ ضروٗری ۔

لأزِمَن ۔ مجبوٗرَن ۔ واجبَن ۔

لأزِمی ۔ ضروٗری ۔ مجبوٗری ۔ واجبی ۔

لأسی ۔ [< تبتی : لاسا] ۔ سادٕ ۔ نقشہِ بیٚترِ وَرأے ۔ م : لأسی پیالہٕ : لأسی ڈبہٕ ۔ لأسی پیالہٕ ۔ چھٔپہِ رنٛگس تہٕ نقشہِ بیٚترِ وَرأے پیالہٕ ۔

لأش ۔ [م ۔ مٔول : لأش <س : لوپاشہ] ۔ اَکہِ قِسمُک یوٗژھ لوٚو ہیٚوہ جانوَر ۔

لأشہِ وأنٛل ۔ ۱۔ ژھیوٗتشرٕ ۔ سُہ یُس برأری مارن آسہِ ۔ یُس لأشن مارنس پیٚٹھٕ گُذارٕ آسہِ کران ۔ ۲۔ (وَرگہِ یا کٹھۍ) کمینہٕ کمزاتھ ۔ وَسی یابہٕ ۔ ۳۔ کرٕپُن کٕٹہِ کال ہیوٗہ اِنسان ۔

لأش پٮ۪ٹنۍ ۔ (ووہ ہَو) لأشہِ اَتھِ کھیادنادنہٕ یُن ۔ ڈاس گژھُن ۔

**لال** [م۔ مؤل: لال < ع: لیلیٰ] ۔۱۔ مجنونٕنہٕ بَسنٛز ماشوق ۔ ۲۔ نازنین ۔۳۔ (اوَرگہٕ باٹھی) زیٛٹھ داستان ۔

**لال نامہٕ۔** لال مجلوٗنہٕ سندٕ میٛنچ داستان ۔ ۲۔ (اوَرگہٕ باٹھی) زیٛٹھ زایَٹھ ۔

**لال وٕٹنی۔** دٕلیٖلٕ وَنٕنیٛز۔ زیٛٹھ زایَٹھ وَننی۔

**لان۔** [م۔ مؤل: لان < انگ: لاین LINE] ۔ ۱۔ لکیٖر۔ خط۔ ریکھ۔ ۲۔ صف۔ قطار۔ تگ۔ تنٛدل۔ ۳۔ وتھ۔ ۴۔ کار۔ م: امی وٕڑ ساری نیٖ نٕنیچوین کٔنی لان۔ ۵۔ پنوکھ۔ دوٗر۔ م: یہ شخص کمہٕ لانہٕ ہُنٛد چھُ۔ ۶۔ بجلی تار، سلسلہٕ ہُنٛدین۔ ۸۔ (اَپلسک) صدر دفتر۔

**لانہٕ بہٕن۔** تگہٕ بہُن۔ صفس مَنٛز بہُن۔

**لانہٕ روزُن۔** اکھ اَکِس پتہٕ روزُن۔ صفس مَنٛز روزُن۔ تگہٕ روزُن۔

**لانہٕ مَنٛز۔** ۱۔ قطارس اَندر، صفس مَنٛز۔ ۲۔ (نیٖبر نیٖم کارٕ بار ترٲوِتھ) دفترس مَنٛز۔

**لانہٕ ہُنٛد۔** پَننہٕ دَرگُک، عقیٖدُک۔

**لان حاضر۔** ۱۔ پلسہٕ ملازمہٕ سُند تھانہٕ، چوکی بیتر ترٲوِتھ دفترس مَنٛز حاضر آسُن۔ ۲۔ پَننہٕ عہدہٕ نِشہٕ ہٹاونہٕ پتہٕ افسرس نِشہٕ حاضر روزُن۔

**لان دِنی۔** ۱۔ بجلی دِنی۔ بجلی کنیکشن دِنُن۔ ۲۔ (کٔنہٕ) کارس لاگُن۔ کٔنہٕ وَتہٕ لاگُن۔

**لان رٕٹنی۔** کارٕ بارٕچ کانٛہہ وَتھ پانہٕ ناونی۔

**لان ژٕٹنی۔** بجلی یا ٹیلیفون تارٕ ہُنٛد کنیکشن ژٕٹُن۔

**لان لگنی۔** ۱۔ اَکھ اَکِس پتہٕ قطارس مَنٛز آسُن۔ صف لگنی۔ داریاہن لوکن بیتر ہُنٛد کٔنہٕ جایہ سمُن۔ ۲۔ کارُک کانٛہہ شوبہ اَتھ لگُن۔

**لان مان۔** [ن۔ مؤل: لان مان < انگ: لاین مین] ۔ بجلی تارن نظر گذر تھوَن وول تہٕ مرمتھ بیتر کرن وول۔

**لانژر۔** وچھو "لانژر"۔

**لانژر کھسُن۔** دَرٕم کھسُن۔ ہنبر کھسُن۔ (کٔنہٕ بیمارٕ بیتر کینی)۔

**لانژھ۔** وچھو "لانژھ"۔

**لانکہٕ بہ۔** [ن۔ مؤل: لانک < لنگ (س): النکار] ۱۔ فلانی۔ ۲۔ (ہزلیہ) تھوٗد ۳۔ افسر زیٖٹھ۔

لاٗنکہٕ ۲ ۔ [ ن ۔ مۆل : لاٗنک < س : لنکا ـــ
لنکا شبر لفظلُک ژھوٚٹ ] ۔ اَکہٕ قسمُک
سوٗتی کپُر ییٚتھ خاص پاٹھی سوٗن ہٕری یا
زرد رٔنگ چھُ آسان ۔

لاٗنکرن ۔ [ م ۔ مۆل : لاٗنکرن < س : النکرنہ ] ۔
گہنہٕ پاتھ ۔ زیوٗر ہیٚنہٕ خاص کرِتھ یہ
ہٕریٚنہٕ داجس سیٚتی دِنہٕ ییہِ ۔

لاٗنکھ ۔ وُچھو " لانکھ " ۔

لِباس ۔ [ ن ۔ مۆل : لِباس < ع : لِباس ] ۔
پوشاکھ ۔ پلو ۔ دَوٗلَتھ ۔ وٕلنی پلو ۔

لِپاے ۔ [ م ۔ مۆل : لِپاے < س : لِپ ] ۔
۱ ۔ لوٗن ۔ ۲ ۔ لوٗن موٗزوٗری ۔

لِپنی ، لوٗنی ۔ [ م ۔ مۆل : لِپنی ۔ لوٗنی < س : لیپن ] ۔
مایہِ متھُن ۔

لِپر ۔ [ م ۔ مۆل ، لِپر < س : لِپ ، لیپ ]
۱ ۔ شکس ۔ ہار ۲ ۔ کمزور (گژھُن) ۔
۳ ۔ رَب ۔ لیمب ۔

لِپر کھینی ۔ ۱ ۔ شکس لگُن ۔ ہارُن ۔ ۲ ۔ وٕنیہ
کھیوٚن ۔ پھینزار دنُن ۔ افسوس
کھیوٚن ۔

لِپٹن چاے ۔ انگریزی چاے ۔

لِپ سِٹِک ۔ [ م ۔ مۆل : لِپ سٹِک <
انگ : لِپ سٹِک ] ۔ وٕٹھن کرنک
رٔنگ ۔ وٕٹھ سوٗ رَخ کرنک اَکھ روغن ۔

لِتہٕ ـــــ ہ لِتہٕ چھِتہٕ < پراکرت : لتت < س : لِپتہٕ
اورِ یورٕ چھکرِیہٕ ین (اناجُک
ڈیر بیٚترِ) ۔ مایہِ تہٕ ضایہ گژھُن ۔

لِتہٕ چھِنہٕ کرُن ۔ اورِ یورٕ چھکرُن ۔ راوراوُن ۔
مایہِ تہٕ ضایہ کرُن ۔

لِتھٕ کھوٗر ۔ [ < س : لِپتہٕ ] ۔ ۱ ۔ کھکھر ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ
زور ۔

لِتھٕ کھوٚچ / لِتھٕ کھوٚکھش ۔ ۱ ۔ ژٕنہٕ ژٕنگی ہیٚنزٕ منڈل کھوکھچ ۔
۲ ۔ پان لِتھٕ دان پکُن ۔ لمُو لمُو پکُن ۔

لِتھٕ کھوکھچ ۔ لِتھٕ دان لِتھٕ دان ۔ (ورگہٕ
پاٹھی) ییٚتھ تیٚتھ مشکل سان ۔

لِتھٕ کھوکھٕر ۔ (ورگہٕ پاٹھی) لمان لِسان کنُ کنُ
واتُن یا کینہہٕ اندٕ واتناوُن ۔

لِتھٕ کھوکھٕر پکُن ۔ پان لِتھٕ دان لِتھٕ دان تہٕ
کھوکھشہٕ کھوکھشہٕ پکُن ۔ زورِ زارِ
پکُن ۔ سَخ مشکلن پکُن ۔ ییٚتھ تیٚتھ
بر ؤتھہِ کُن بڈُن ۔

لِتھٕ کھوکھٕر واتُن ۔ ییٚتھ تیٚتھ زورِ زارِ واتُن ۔
سَخ مشکلہِ سان واتُن ۔

لِتھٕ کھوکھٕر ۔ ۱ ۔ یُس لِتھٕ کھوکھچ پکان آسہِ ۔ ۲ ۔

۲۔ زَنگُن نو قُص آسنہٕ کِنی پان لِتھٕ دان پکُن۔

**لِتھٕ ناوُن** ۔ [ > پراکرت ، لِتّنہ > س : لیپنہ ]۔ ۱۔ (کانٛہہ شخص) پٔتھرس پیٹھ پاوُن تہٕ کھکھر بنٔن۔ ۲۔ رَبہٕ تہٕ لَرٛہہ منٛز ڈُلہٕ ناوُن ۔ ۳۔ سَخ چوب دِنی۔

**لِتھوٗ** ــــ ہ

**لِتھوٗ پرٛس**۔ [ن۔ مؤل ، لِتھوٗ پرٛس > انگ : لِتھو پرٛیس ]۔ کِتہٕ چھاپھ ۔

**لِچھ ، لِچھہ**۔ [م۔ مؤل : لِچھ > س : لِکشا ]۔ زوہ ہِ ٹھوٗل۔

**لِچھ پھہ ہر**۔ مُتسکو لِچھ پٕتلہٕ۔

**لِچھہِ کَلہٕ**۔ لِچھو سیتی بَرِتھ دوہ ڈ۔ کانٛسہ گَنٛدہٕ اِلسانس حَقارٕژ کِنی تہٕ وَننہٕ یِوان۔

**لِچھہِ کَنٛگنِی**۔ سو کَنگنی یتھ بَرٛو منٛز لِچھہ کَڈنہٕ باپتھ یِن چھُہ یِوان تارنہٕ یا چھرِ داں ٹھلی بَرِنہٕ یِوان۔

**لِچھ ووتھنہٕ**۔ ۱۔ لِچھہ پاد گژھنہٕ ۔۲۔ (ورگہ) شِکس یُن۔ ذلتہٕ یِنی۔

**لِچھل**۔ [ مؤل ، لِچھل > دُچھو ، لِچھ ] ۔۱۔ ییتھ لِچھہ آسن وَژھہڈ ۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) ذلژ لَد۔ شِکس لَد۔

**لِحاظ**۔ [ن۔ مؤل : لِحاظ > ع : لِحاظ]۔ پاس ۔ کانٛسہ ہنٛد خیال ۔مانُن زانُن۔

**لِحاظ بوزُن** ۔ ۱۔ پاس کرُن ۔طَرف کرُن۔ ۲۔ کِتھٕ وُرُن کرُن۔ کھتٕے کھیٚنِی۔

**لِحاظ چھُہ اُپٕھن دوہ ن** ۔ تہٕ دپتھ گو : بزرگہ کِنی چھُہ اکھ اکس ہُند خیال روزان تہٕ پتہٕ کِنہٕ چھُہ برابرے ۔

**لِحاظ دَر**۔ یُس سیتی مانُن زانُن آسہِ۔ یینمی سُنٛد پاس کرُن پیِیہ۔

**لِحاظ ژٕٹُن**۔ (کانٛسہ سیتی) راوٕراوُن۔ پاس نہٕ کرُن۔

**لِحاظ کرُن**۔ پاس کرُن ۔طرف کرُن۔

**لِحاظ وِچھُن** ۔ ۱۔ (کانٛسہ ہُنٛد) پاس کرُن ۔۲۔ کِتھ کھیٚنی۔ رَحم کرُن ۔ ژکھ ژا پیٚنی۔

**لِدَر**۔ [م۔ مؤل : لِدر > س : لمبودری]۔ اکھ نالہٕ یُس پہلگامہٕ کِنی وَسان تہٕ ویٚجہِ بِہارٕ ویٚتھہِ سیتی رَلان چھُہ۔

**لِسر**۔ [> لِسہ ۔م : پنجابی اِلسا ]۔ (ژٕوگ) ڈٔنجہِ رُستی۔ آڈلکا وریہ۔

**لِسر ترٛاوٕنی**۔ ۱۔ شوٗنگ ترٛاوٕنی۔۲۔ کِتہٕ ڈول

دُین۔ گوش دیُن۔

لسہٕ ۱۔ [ن۔ مٔول : لس]۔ اکھ قسمچ سبزی۔

لسہٕ ۲۔ [< وچھو "لسُر"]۔ ڈبوٚل۔ کمزور۔ شُسست۔

لسہٕ ژٕنی۔ [م۔ مٔول : لسہٕ ژٕنی < س : لسہ + کنہٕ ژٕنی]۔ سو یوٚس ژھوکھ ہاوان آسہٕ۔ ژھوٚکی۔

لسہٕ لَو۔ [ن۔ مٔول : لسہٕ لَو < وچھو۔ لسہ ۲]۔ کاوُٹر شُسست۔ یُس کاہ کُیُت لیٚوٚژھہ آسہٕ۔

لش۔ لِش۔ [م۔ مٔول : لش < س : لیشہ]۔ ۱۔ رَژھ۔ پیوٚنٹھ۔ م : ماز لش۔ ۲۔ شُج۔ لوکُٹ ٹُکر۔

لشہٕ پاشہٕ۔ [مٔول : لشہٕ پاش < س : لیشہ + پارشو]۔ ۱۔ پھٕٹنٕٹھ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی حَرفہٕ حَرفہٕ تنقید یا وِژھنے (نظمہٕ یا کُنہ کتھہٕ بیتر)۔ ۳۔ دوٗر دراز رِشتہٕ۔

لشہٕ پاشہٕ کَڈنہٕ۔ ۱۔ پھٹنٕھ کرٕنی۔ ۲۔ رِشتس مَنٛز ریار بید شر کرٕنی۔ ۳۔ (ہزلہٕ) کُنہ کتھہٕ یا مامُلس بیتر پیٹھ لُوٚر لُوٚر ٹلی کہٕ پُزنہٕ پیٹھی بحث کرُن۔ کُنہٕ نظمہٕ بیتر حَرفہٕ حَرفہٕ تہٕ وُرگہٕ وُرگہٕ تنقید یا وِژھنے کرٕنی۔

لشہٕ کَڈنہٕ۔ ۱۔ تنکہٕ کرٕنی۔ پیٹھی کرٕنی۔ پھٕٹنٕھ کرٕنی۔ چھلہٕ چھلہٕ کرُن۔ ۲۔ پُودچہٕ کَڈنہٕ (دَبدَبہٕ مَنٛز یا لڑایہٕ مَنٛز) پاوُن۔ ہر رَنگہٕ شکس دیُن۔ اوکھوٹہٕ کَڈٕنی۔ ۳۔ (ہزلہٕ) خامخاہ کُنہ کتھہٕ بیترِ پیٹھ لُوٚر لُوٚر بحث کرُن۔ کُنہٕ نظمہٕ بیتر حَرفہٕ حَرفہٕ تنقید یا وِژھنے کرٕنی۔

لش ترش۔ رَژھ۔ پیوٚنٹ۔ تلمہٕ بیترِ ٹُکرٕ وُکرٕ۔

لشَل۔ [< وچھو "لش ۲"]۔ ۱۔ یتہٕ لشہٕ آسن۔ ۲۔ پھوہر (ماز بیترا)۔

لشا۔ رَژھا۔ پیوٚنٹا۔ موٗیا۔ زٕلرِما۔

لفافہٕ۔ [ن۔ مٔول : لفاف < ع : لفافہ]۔ کاکدس بناوِتھ غلاف یتہٕ مَنٛز چِٹھی بیتر تھوان چھہٕ۔

لکھارل۔ (ہزلہٕ) مُنشی گری۔ مُنش بیتر بنگن گری۔

لکھاری۔ [ن۔ مٔول : لکھاری < س : لیکھا + کار]۔ ۱۔ مُنش۔ مُحرر۔ ۲۔ نقل نویس۔ ۳۔ ادیب۔ شاعر۔ مُصنف۔ افسانہ نگار۔

**لِکھاےٚ** ۔ ۱. لیکھہٕ بنج کام ۔ لیکھہٕ وٕنۍ ۔ لیکھنۍ موٚزوٗرۍ ۔ ۲. دٔستخط (خط) ۔

**لِکھہٕ** ۔ [ن ۔ مٲل ؛ لِکھ > س ؛ لیکھا] ۔ ۱. حِساب کِتاب ۔ (باپارس منٛز) آمدنی تہٕ خرچُک حِساب ۔ ۲. بٔہی ، کھاتہٕ ۔

**لِکھہٕ بوزُن** ۔ ۱. حِساب کرُن ۔ آمدنی تہٕ خرچ وُچھُن ۔ حِساب فہمی کرٕنۍ (دوٚن زٕنیٚن ہٕنٛز کٔنہہ لین دیٚنس منٛز) ۔ ۲. گٔلامس پرٛتال کرُن ۔

**لِکھہٕ تٔرٛک** یُس حِساب کِتاب تھاوُن ٹھِگوٗ ۔

**لِکھہٕ دیُن** ۔ حِساب دیُن ۔ حِسابُک پرٛچہٕ دیُن ۔

**لِکھہٕ کرُن** ۔ بوزُن زِ آمدنی کیا چھےٚ تہٕ خرچ کیا چھُ ۔ حِساب بوزُن ۔

**لِللہ** ۔ [> ع ؛ لِلّٰہ] خُدایہٕ سٕندِ پاسہٕ ۔ دَیہٕ ناوِ ۔ بَرایہٕ خُدا ۔

**لِلہٕ** ۔ [> س ؛ لیلا] ۔ گِندَن باشہٕ ۔ م ؛ اَسُن لِلہٕ ۔

**لِلہٕ زار** ۔ [> لِلہٕ + ف ؛ زار] ۔ زار پار ۔ اِلتجا ۔ عاجزی سان منگُن ۔

**لِنٛز** ۔ [م ۔ مٲل ؛ لِنٛز > س ؛ لِنٛدُ] ۔ پِشجار ، ماچھر ۔ لینٛچھُن ۔

**لِنہٕ لَد** ۔ پِشُل ۔ ماچھرلَد ۔

**لِنٛز گرٛٹھنۍ** ۔ ۱. رکہٕ ترٛل مادس ، ہوٚہ زٕنہٕ بیترِ کِنی) پِشجار گرٛٹھُن ۔ ۲. بٔربٔلےٚ ییٚنۍ ۔

**لِنٛز لگنۍ** ۔ ماچھر گرٛٹھُن ۔ لینٛچھُن لگُن ۔

**لِنٛپہٕ چِنٛپہٕ** ۔ لِپہٕ چِپہٕ ۔ ۱. وارِ وارِ ۔ ہٕنہٕ ہٕنہٕ ۔ رُژِھ رُژِھ ۔ حِصہٕ کرٕنۍ کرٕنۍ ۔ باگہٕ باگہٕ ۔ ۲. قِسطہٕ قِسطہٕ ۔

**لِنگہٕ**[1] ۔ [ن ۔ مٲل ؛ لنگ] ۔ طاقُک یا دَروازُک پیٚٹھِم مِحراب ۔

**لِنگہٕ پوٚٹ** ۔ مِحراب دار ۔ دارِ پوٚٹ ۔ دارِ پوٚٹ ، یتھ نقشہٕ کرِتھ آسہٕ ۔

**لِنگہٕ تھٔر** ۔ مِحرابُک نقشہٕ ۔ دارِ یا دَروازَس پیٚٹھہٕ کٔنہٕ لبہٕ پٮ۪ٹھ نقشہٕ کرِتھ آسان چھُ تمِچ پوشہٕ تھٔر ۔

**لِنگہٕ دار** ۔ مِحراب دار ۔ دَروازَس پیٚٹھہٕ کٔنہٕ کوسہٕ چالہٕ کھاجِس لَب بیترِ ۔

**لِنگہٕ دآر** ۔ مِحرابہٕ دار دآر ۔ سوٚ دآر یتھ پیٚٹھہٕ کٔنہٕ کوسہٕ چالہٕ کھاجِس لَب بیترِ آسہٕ ۔

**لِنگہٕ ژوٚک** ۔ دارِ دَروازُک چوکاٹھ یتھ مِحراب کرِتھ آسہٕ ۔

**لِنگہٕ طاق** ۔ مِحراب دار طاق ، سُہ طاق یتھ اَندرٕ اَندرٕ نقشہٕ کرِتھ آسہٕ ۔

**لِنگہٕ**[2] ۔ لیٚژٕ ۔ کمزور ۔

**لِنگہٕ وُن۔** [ن۔ مٔول : لنٛگ <س : لنٛگہٕ]۔
ا۔ یہٕ پَننہٕ جایہِ ڈٕلان آسہِ (تَھم، کُربیترٕ)
٢۔ (ورگہٕ پاٹھی) بیمار بیترٕ پتھ پتھ
گژھہٕ وُن۔ اُس زہ نگران آسہِ۔

**لِنگُن۔** [ن۔ مٔول : لِنگ <س : لنٛگ]۔
ا۔ تھَم یا کُر بیترٕ پَننہٕ جایہِ لٔتہٕ ڈٕلتھ
اَلاٗنٛز ہِش گژھنی۔ ٢۔ ڈٕہ کُن ژھوکُن۔
پتھ پتھ گژھُن۔ زہ نگرُن۔

**لو۔** [<س : لبدھ/ لِپشیَتے]۔ ا۔ لُوتاہ
کُنٛژ‌ِس واتہِ (دانہٕ بیترٕ)۔ م: دان لو۔
٢۔ (ورگہٕ پاٹھی) ژُورٕ ٹُٹیرٕ کھیبہٕ۔

**لولِ۔** [وُچھِو : لو]۔ ا۔ لَٹہِ لَٹہِ، پھِر پھِر۔
٢۔ وارٕ وارٕ۔ ہمنہٕ ہمنہٕ۔ ٣۔ قِسطہٕ قِسطہٕ۔

**لوٗن۔** [م۔ مٔول : لوٗن <س : لوٗنہٕ]۔ اَکھ
قسمُک زیٛوٹھ، پوتُر کرِتھ کھنہٕ نُک
اوزار۔

**لونہٕ پوٗتُر۔** لونہٕ ہُنٛد بنتھیٛشُم پاس، ییٚمہِ
سیٚتی مٔیٛژ، کَل بیترٕ تُلان چھِ۔

**لونہٕ پھال۔** وُچھِو "لونہٕ پوٗتُر"۔

**لونہٕ پھوٗل۔** [ن۔ مٔول : لونہٕ پھل]۔ سُہ
گرِتھ شٕشترٕ ٹُکر یُس لونہٕ پاتِرس
ہُنٛدِ پتھ چھُ لاگنہٕ یِوان۔ لونہٕ ہُنٛد شٕشترٕ پھال۔

**لوٗر۔** [م۔ مٔول : لوٗر <س : لو + پراکرت :
ڈِ آ]۔ کٲرِتھ گورِس خشخاش تراوِتھ
بَناوِنہٕ آمژ مِٹھایہِ ژٕژ نیٚچہِ۔ ریوڑی۔

**لُوٗن۔** [ن۔ مٔول : لو <س : لیَپنہٕ]۔ ا۔
ہُرِ پھش۔ ٢۔ ہُرِ پھش دِیُن۔

**لوٗن پھش۔** موسُمی لُونا۔ ہُرِ پھشا۔

**لوٗن زنگ۔** [م۔ مٔول : لوٗن زنگ]۔
رَبٕڑ دوہہ، کٲنٛسہِ رِشتہٕ دار بایہِ لونہٕ
باپتھ کیٛنہہ سلامانہٕ۔

**لوٗن کوٗنٹ۔** [ن۔ مٔول : لوٗن گنٛڈ]۔
سُہ ڈٕال بیترٕ یتھ مَنٛز اَڈرِتھ گرِتھ
مٔیٛژ بیترٕ آسان چھیٚ۔

**لوٗن ہُر۔** [ن۔ مٔول : لوٗن ہُر]۔ سُہ
دَچہِ ہُر ییٚمہِ سیٚتی لوٗن پھش دِوان چھِ۔

**لوٗ ڈُو۔** لوٗن تہٕ ڈُوٗن۔ صَفائی۔

**لوٗ ڈُوٗے۔** وُچھِو "لوٗ ڈُو"۔

**لِہٰذا۔** [<ع : لہٰذا]۔ ا۔ اَوکنی۔ ٢۔ اَدٕ بیترٕ
تَمہِ پتہٕ۔

**لیاقتھ۔** [م۔ مٔول : لیاقت <ع : لیاقۃ]
ا۔ قٲبلیت۔ (کیٛنہہ کرُن) تگُن۔
گاٹہٕ۔ ٢۔ رُت وَرتاو۔ رُت سُلوک۔

**لیاقتھ نیرٕنی۔** رُت سُلوکھ کرُن۔ رٔتی

ایخلاق ہاوٕنۍ۔ قابلِ لیتھ نیرنۍ۔

**لیپچھ۔** [ن۔ مۆل : لیپ (س : لیپہٕ]۔ ۱۔ یہِ لور آسہِ۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھۍ)۔ راہ۔ تۄمۄر۔ گونٲہ۔ ۳۔ لیتجہِ ووتھرُن۔

**لیپچھ پاپچھ۔** [ن۔ مۆل : لیپچھ پاپ]۔ کانٛسہِ دوٚش آسُن۔ تۄمۄر، راہ، گونٲہ بیترِ آسُن۔

**لیڈَر۔** [مۆل : لیڈر > انگ : لیڈر LEADER]۔ وَتہٕ ہاوُکھ۔ رٔہبر۔ زٮ۪ٹھ۔

**لیڈری۔** رٔہبری۔ وَتہٕ ہاوکی ہنٛز کام۔

**لیڈری چمکاوٕنۍ۔** (وَرگہِ) پیٹھ وُلی لاگنۍ۔

**لیزمی۔** نَرمی۔ شرمداری۔ شرافتھ۔

**لیزمی کرٕنۍ۔** شرم کرٕنۍ۔ نرمی کرٕنۍ۔

**لیزمی ہاوٕنۍ۔** شرمداری کرٕنۍ۔ نرمی کرٕنۍ۔ شرافتھ ہاوٕنۍ۔

**لیزمی ہیٚنۍ۔** نرمی وَرتاوٕنۍ۔ ہٕزرٕس منٛز روزُن شرمندگی تلنۍ۔ پشیمان سپدُن۔

**لیپہٕ۔** وُچھو "لسہٕ"۔

**لیپش۔** [م۔ مۆل : لیپش > س : لیشہٕ]۔ پیوٚنت کھنڈ۔ یہِ یتھ کُن لور روزِ۔

**لیف اُلیف۔** تُوتُو۔ واسطہٕ۔ زان۔

---

**لیکھا۔** [> س : لیکھا]۔ لِکھ۔ حساب۔ م : کرمہٕ لیکھا۔

**لیلا۔** [م۔ مۆل : لیلا > س : لیلا]۔ ۱۔ کھیل۔ گنٛدُن۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھۍ) کرامتھ۔ رَنگہٕ وٲلی سنٛدی رَنگ۔ ۳۔ سوٚہ گیوان لہٕر یا نظم یمتھ اندر کانٛسہِ اوتارس بیترِ سنٛدی گون گیونہٕ یِمن۔

**لیلام۔** [ن۔ مۆل : لیلام > پُرتگالی الیلم]۔ نیلام۔ بُولی۔ بولہِ پیٹھ کنہٕ نک دِنہٕ نک طریقہٕ۔

**لیلامی۔** [> وُچھو۔ "لیلام"]۔ ۱۔ نیلام کرَن وول۔ بُولی دِنہٕ وول۔ بولہِ وول۔ ۲۔ سُہ چیز یُس بولہِ پیٹھ ہیٚنوٚمُت آسہِ۔

**لین۔** [مۆل : لین > س : لینہٕ]۔ (دیانس) سنیوٚمُت۔ میلتھ گومُت۔ جذب۔

**لین روزُن۔** (جانہٕ پانہٕ) کُنہٕ ستی آسُن۔ مَن لاگتھ آسُن۔ جذب سپدُن۔ دیانس اندر روزُن۔

**لین گرٹھن۔** کُنہٕ ستی گُنہ بٔنُن یا سپدُن۔ کُنہٕ ستی میلتھ گرٹھن۔ دیانس اندر

روزُن۔ جذِب گژھُن۔

**لِتھ۔** [م۔ مۆل : لِت < س : لِشٹَ ]۔ ۱۔ زٕ بَنا۔ پیٹھی یَنا ۲۔ اِلے ۔ م : گانٛسہِ لِتھ م : گانٛسہِ لِتھ ، پٕرانہِ لِتھ۔ شاہہِ لِتھ۔

**لِچھ۔** وِچھو " لچھ "۔

**لِچھہ۔** وِچھو " لچھ "۔

**لِچھ کچھ۔** [م۔ مۆل : لِچھ کچھ < س : لِکشا + کَکشَ ]۔ اَکھ کچھ ذاتھ یَتھ ہِشرٕ گلَس سۆمبر نکو نیلی لوش پھولان چھہ۔ ہٹِس گومُت خُراش نٕہ بیگٕر یار۔

**لِچھر۔** لِچھر گژھُن۔ کھینہِ باوٕ رٕنہٕ نایہ بَدمَزٕ تہٕ دۆدٕ گژھُن۔

**لِلہٕ۔** [< مُ۔ ہ : للوٗ ]۔ بچہٕ۔ لۆک۔ موٗضُم۔ شُر۔

**لِہہ۔** [ن۔ مۆل : لِہہ < س : لَش ]۔ گار۔ لۆب۔ لالچ۔

لِہہ گَنڈٕنی۔ گار گژھنی۔ لۆب گژھُن۔ لالچ گژھنی۔ کُنہِ کھینہِ باوس بٕنُن کُن شکل گنڈٕنی۔

**لِہنی۔** [م۔ مۆل : لِہنی < س : لَشَنا ]۔ سو گاو یا گُر ( مادیان ) یوس نٕہ لَچ مٕژ آسہِ ، یوس نٕہ وآلی وِنی رۆزمٕژ آسہِ۔

**لِہُن۔** [ن۔ مۆل : لِہہ < ]۔ ۱۔ پوٗرٕ پٕٹھ۔ ۱ برابر پُن۔ لیٖشُن۔ ۲۔ پیٖپُن۔ نیوٗل نٕہ روزُن۔

**لے۔** [م۔ مۆل : لِے < پرٛاکرِت : لوئی۔ < س : لوچنَ ]۔ زٕرن۔ کھرپہ۔

لِیہِ ترٛاوٕ پرٕنہِ۔ ۱۔ کھرپہ۔ زٕرنہٕ بٕٹھ بَند کَرنہِ۔ ۲۔ بِلکُل اَنہِ گوٚٹ کَرُن۔

لِیہِ لوسنہِ۔ اَچھ تھکنہِ یا سو تنہِ اکٲنسہِ ( بٕرٲری بٕرٲری )۔

**لیُن۔** [ن۔ مۆل : لے < پرٛاکرِت : لَینہ < س : لَبھَنہ۔ م : پنجابی : لَینا ]۔ برابری ہیٖن۔ بیٹھُن۔ یٔڈ ییٖنہِ تَلی گژھُن۔

**لُبہِ لُباب۔** [ن۔ مۆل : لُب لُباب < ع : لُبّ لُباب ]۔ ہرٕ نرٕ۔ گوٗج ، خُلاصہ۔ سار۔ مُدا۔

**لُٹاوُن۔** [ن۔ مۆل : لُٹاو ]۔ ۱۔ ہیٛتھ ژٕلُن۔ سٲنسہِ لوٗٹھ کَرُن۔ ۲۔ کانٛہہ رَقم کُنہِ پٔٹھ گٲلِتھ بَرباد کَرُن۔ ضایہ کَرُن۔

لُٹاوِتھ تھوُن۔ لوٗٹھ کَرُن۔ سورُے کینٛہہ ہیٛتھ ژٕلِتھ کانٛہہ نہٕ پاوُن۔ دُنیا۔ د بیترٕ ژٕنگی کانٛہہ پھٕنکی کَرِتھ تھوُن۔

لُچر ۔ [ مۆل : لُچ < م ۔ ہ : لُچا ] ۔ ۱۔ کمینہ
خُبیث ۔ وُسی پایہ ۔ بے ہوٗد ۔
۲۔ بَدتمیز ۔

لُدر ۔ [ ن ۔ مۆل : لُدر < س : رُدر ] ۔
رُدر ۔ شِوٗ سُند اَکھ ناو ۔

لُر پار ۔ [ ن ۔ مۆل : لُرپار < س : لوپہ + پرہار ،
لوپہ + ہر ] ۔ تاراج ۔ بربادی ۔
پھُنہ پھاکھ ۔

لُطف ۔ [ مۆل : لُطف < ع : لُطف ] ۔
۱۔ لذتھ ۔ حظ ۔ مزٕ ۔ آرام ۔ ۲۔ تاجُب ۔
م : زیادٕ لُطف چھ یہ زٕ ۔
لُطف تُلُن ۔ حظ تُلُن ۔ مزٕ کرُن ۔ آراماہ
کرُن ۔ دوہ شوا کڈُن ۔
لُطف یُن ۔ مزٕ یُن ۔ دِل خوش گژھُن ۔

لُقمان ۔ [ ن ۔ مۆل : لُقمان < ع : لُقمان ] ۔
۱۔ اَکھ مشہور حکیمہ سُند ناو ۔ ۲۔
(ووَرکہ پاٹھی) دانا ۔ عاقل ۔ قابل ۔
گاٹُل ۔

لُکھ ۔ [ مۆل : لُک ] وچھو " لوکھ " ۔

لُنڈ ۔ [ ن ۔ مۆل : لُنڈ < پراکرت : لُنڈکہ
۔ م : پنجابی : لُنڈ ] ۔ آوارٕ ۔ بدچلن ۔
دربدری ۔

لۆب ۔ [ ن ۔ مۆل : لۆب < س : لوبھ ] ۔
لالچ ۔ طمع ۔
لۆب کرُن ۔ طمع کرُن ، لالچ کرُن ۔

لۆبی ۔ [ مۆل : لۆبی < س : لوبھی ] ۔ لالچی ۔
لبن گوٗر ۔ طماہی ۔
لۆبہ راوُن ۔ تنبہٕ لاوُن ۔ ووہ ٹراوُن ۔ دِل
بڑمراوُن ۔
لۆبہ وُن ۔ خوشہ وُن ۔ رُمبہ وُن ۔ (اَمِکس) پرٕ بہہ وُن
تشکیل ۔

لۆبُن ۔ [ < س : لوبھنہ ] ۔ رکُنہ چیز کس پیٹھ
تنبلُن ۔ کُنہ پیٹھ دِل گژھُن ۔
طمع گژھُن ۔

لۆپ ۱ ۔ [ ن ۔ مۆل : لۆپ < س : لوپہ ] ۔
منتر کانہہ لفظ بیترِ پیوٗمت آسُن ۔
کُنہِ اَچھرٕ بیترِ نہ آسُن ۔ (ییس
آسُن گژھ ہے) ۔
لۆپ دیُن ۔ پھیش دیُن ۔ ہناوُن ،
بٹاوُن ۔ لُہراوُن (اَچھرٕ ، لفظ بیترٕ)

لۆپ ۲ ۔ [ ن ۔ مۆل : لۆپ < انگ : لوپ Loop ] ۔
حمل بند کرنک اَکھ آلہٕ ۔

لۆت ۔ [ ن ۔ مۆل : لوت < س : لوتا ] ۔
ترٕمہ منز اَکھ لاگ ڈار بیماری یتھ منز

ہُنیر چھِ کھسان تہٕ پاکھ چھِ پِشیان ۔

**لۄتی پۄتی ۔** [ن ۔ مۄل : لۄتی پۄتی < پراکرت : لَکہٕ + س : پُتر ] ۔ لۄکٕٹۍ بچہٕ بیترِ ۔ شُرۍ مُرۍ ۔ عیال ۔ شُھلۍ مُلۍ ۔

**لۄٹنی ۔** [م ۔ مۄل : لۄٹنی < م ۔ ہ : لوٹا ] ۔ لۄکُٹ لوٹہٕ ۔ اکہٕ قسمُک لۄکُٹ گڈوٗ ۔

**لۄٹُر ۔** [ن ۔ مۄل : لۄٹُر < س : لُنٹھکَ ] ۔ ٹھگ ۔ لُٹیرٕ ۔ تھپہ دِنہٕ وول ۔ لۄٹِن وول ۔

**لۄٹرگی ۔** [< وُچھو ۔ لۄٹُر ] ۔ ٹھگِل ۔ لُٹیرٕ سٕنز کام ۔

**لۄٹُن ۔** [< س : لُنٹھنَہ ] ۔ ا ۔ تھپہٕ نیُن ۔ حملہٕ کٔرِتھ زبردستی نیُن ۔ ٹھگاوُن ۔ ۲ ۔ برباد کرٕنۍ ۔ تختہٕ تاراج کرُن ۔

**لۄٹہٕ اِلنی ۔** کانہہ زٕنۍ اَغوا کرٕنۍ ۔

**لۄٹہٕ نیُن ۔** لۄٹہٕ کٔرِتھ نیُن ۔ تھپہٕ نیُن ۔

**لۄٹرآز ۔** لُٹیرٕ سٕنٛد وطیرٕ ۔ لُٹیرگی تھپلگی ۔ ٹھگِل ۔

**لۄٹھ ۔** [ن ۔ مۄل : لۄٹ < س : لُنٹھ ] ۔ ا ۔ تھپہٕ نیُن ۔ غارتھ کرُن ۔ زبردستی ہیتھ زٕلُن ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) ناپُرسان ۔ بےٚ بوٗج ۔ ۳ ۔ تھپہ ۔ ۴ ۔ ٹھگِل ۔

لۄٹُس تہٕ ہوٗسس باج بہٹھ ۔ تہٕ دٕچھگو : بےٚ بوٗجس تہٕ بُل ہۄسی چھےٚ پانہٕ وانۍ اَٹہٕ ۔

**لۄٹہٕ دیار ، لۄٹہٕ مال ۔** مُفتُک دیار ۔ تم پونسہٕ یا مال یہٕ لۄٹس منز اونمُت آسہِ ۔ یم پونسہٕ تھپہٕ آسن اَنۍ ہتۍ ۔

**لۄٹھ زٕھنُن ۔** ا ۔ تھپہ دِنۍ ۔ ۲ ۔ برباد کرٕنۍ ۔ تاراج کرُن ۔

**لۄٹھ کرُن ۔** ا ۔ زورٕ زبردستی نیُن (دکانس دُکاندارس مال بیترِ) ۔ تھپہ دِنۍ ۔ تھپہٕ تھپہ کرٕنۍ ۔

**لۄٹھ مار ۔** [ن ۔ مۄل : لۄٹھ مار < س : لُنٹھ + مار ] ۔ تھپہٕ تھپہ تہٕ قتلہٕ غارتھ ۔

**لۄٹھ وۄتھُن ۔** تھپہٕ تھپہ لگنۍ ۔ تھپہ دِنہٕ ۔

**لۄچہٕ ۔** [م ۔ مۄل : لۄچ < ہ : لُچی ] ۔ کرایہٕ کٔڈۍ متۍ لواسہٕ ۔

**لۄچرٕن ۔** [< وُچھو ۔ لۄک ] ۔ زھوٗٹرن ۔

**لوٗدر ۔** [مۄل : لوٗدر < س : لُبدھ ] ۔ لالچی ۔ دیارٕ مُرید ۔

**لوٗدرآز ۔** [< وُچھو ۔ لوٗدر ] ۔ لالچ ۔ دیارٕ مُریدی ۔

لۄر۔ [م۔ مۄل، لۄر < س : لَگُٹہٕ]۔ ٹکرِ کون یُس ڈکھناونس بیتر لگان چھُ۔ ٹھیٖچھرِ۔ مۄر۔ ڈٔنڈ۔

لۄرِ لایُن۔ سَنخ شٲلکہٕ کرُن۔ لورِ سیتۍ چوب دِنۍ۔

لۄر ٹُلنۍ۔ ڈٔنڈہٕ سیتۍ چوب دِنۍ۔ لورِ سیتۍ مار دیُن۔ لڑایہِ منٛز لۄر استیمال کَرُن۔

لۄر گَڈنۍ۔ (شُرِس بیتر)۔ ہٲبتھ کرُن، بٔیم ہاوُن۔

لۄر لاینۍ۔ لورِ دَب دیُن۔

لۄر واینۍ۔ ۱۔ لۄر گٕلہٕ ناونۍ۔ ۲۔ چوب دِنۍ۔

لۄر ہاونۍ۔ روب کرُن۔ بٔیم کرُن۔ پُرِ دَب تھوُن۔

لورِ پٔرتھ۔ ۱۔ لورِ ہنٛز ژٔنڈ، دَب، ٹاس۔ ۲۔ (اَزکہٕ پٲٹھۍ) ہٲبتھ۔ وُحشتھ۔ ۳۔ صَدمہٕ۔ سۄ بَدخبر واتنۍ یا بوزنۍ یِمہٕ سیتۍ کوٚٹھۍ گژھن بہتھ۔

لورِ ہیٚنٛٹھۍ سُر پھٕچہٕ تارُن۔ کَنہِ کَنہِ منٛز فریب دیُن۔ اَتھ ہیٚنٛٹھۍ تارنۍ۔ پٔتھ لاگنہٕ پھِرُن۔

لورِ ٹاس۔ وِچھو" لورِ پٔرتھ"۔

لورِ دَب۔ وِچھو" لورِ پٔرتھ"۔

لورِ زور۔ زَبَردستی، جَبرَن۔

لورِ ژٔنڈ۔ وِچھو" لورِ پٔرتھ"۔

لورِ ژٔنڈ بِہنۍ۔ ۱۔ سَنخ صَدمہٕ واتُن۔ ۲۔ پٲرہٕ بِہُن۔ وُحشتہٕ سیتۍ کوٚٹھۍ گژھنۍ بہتھ۔

لورِ شَلکہٕ۔ لورِ سیتۍ چوب (شُرِس بیتر)۔

لورِ گٹُھن۔ ۱۔ مۄر رَٹُن۔ لۄکہٕ ٹھٕ لور رَٹُن۔ ۲۔ (وَرکہٕ پٲٹھۍ) یُس نہٕ کُنہِ بُجراہس آسہِ۔

لورِ گُر۔ [< وِچھو" لۄر"]۔ ۱۔ ٹھُباہرِ ژھَتُر۔ ۲۔ زِرو۔ ناجایز فٲیدٕ۔

لورِ گُر کرُن۔ زِرو لَدُن۔ ناجایز فٲیدٕ تُلُن۔

لورِ گُر گژھُن۔ کہٕ وَرِ رٹنہٕ یُن۔ تَل لَگُن۔

لورِ ہیٚر۔ سۄ لڑٲے یتھ اَندر اَدرِ لۄر ڈٔنڈِ ووتھُن۔

لۄرُن، لُہرُن۔ [ن۔ مۄل: لۄر < م، س: لوٚیہٕ + ہَرنہٕ]۔ ۱۔ اَمکانہٕ بلیٚنز) دالُن، پَنڈِ پَنڈ کرُن۔ ۲۔ نِہناوُن، پھیٚش دیُن۔

لۄط۔ [مۄل: لۄط < ع: لوط]۔ اَکِس مَشہوٗر پٲغمبرُن ناو۔

لۆک۔ [ ن۔ مۆل، لوک < پراکرت: لکّہ / س: لگھُ ] ۔ ۱۔ لوکُٹ (شُربیتھ) ۔ موٗمُم۔ ۲۔ واٲنسہٕ کم۔ ناتجربہٕ کار۔ یُس نہٕ زانہٕ کاری آسہِ۔ ییمیٚ نہٕ دُنیہِ کینٛہہ ہیوٚچھمُت آسہِ۔

لۆک بوٚڈ بوزُن۔ زِچھرتہٕ کأنسہِ بوزُن۔ بوزِ شوژ کرُنی زِبڈس کیاشوٗبہِ تہٕ لوکٹس کیا پزِ۔

لۆک دوٗد۔ وَنٛدک دوٗد۔

لوٗکے۔ [ م۔ مۆل: لوٗکے < س: لوکَ ] ۔ لُکہٕ اَرساتھ۔ بہر۔ شُمنہٕ وارِیاہ لوکھ۔ لوکہٕ خبر۔

لوٗکے کَرُنی۔ لُکہٕ اَرساتھ سۆمبراوُن۔ لوکہٕ ہُبراُن۔

لوٗکر۔ [ م۔ مۆل: لوکر < اُلنگر نہٕ ] ۔ سیٹھا دولتہٕ۔ دِنہٕ دیار۔ ییٚمِس نہٕ دوٗ میدِ آسہِ۔

لوکر پھرتھ ژھینٛنہٕ۔ دیار رَبتہٕ دِنی۔ بُڈ بخشیش کرُنی۔

لوٗکر لوکر لو۔ یُتھ پأٹھی، گُتُل۔ وارِیاہ۔ شُپُو تھپو (دیار بیتر)۔

لوٗکُن۔ [ < وِچھو۔ لۆک ] ۔ ۱۔ لوکٹُن۔ ۲۔ شُرِل کرُنی۔ تہٕ کرُن یہٕ لوکُٹ شُرِ کرُ۔

لوکھ۔ [ مۆل: لوکھ < س: لوکَ ] ۔ ۱۔ عوام۔ مخلقت۔ وارِیاہ اِنسان۔ ۲۔ وارِیاہن اِنسانن ہُنٛد ہوجوٗم۔ ۳۔ قوم۔ فرقہٕ۔ کُنہِ مُلکس اَندر رُبن والی۔ رُیتھ۔ ۴۔ (ورگہٕ پأٹھی) دوٗیہ۔ پُرد۔ ۵۔ عالم۔ دُنیا۔ م: پَر لوکھ۔

لوکہٕ اَرساتھ۔ وارِیاہ لوکھ۔ لُکہٕ لُکے۔ لوکن ہُنٛز ہرہٕ بارے۔

لوکہٕ بارے۔ دوٗیہ زُنانہٕ۔ سہٕ یُس سیٚتی نہٕ کانٛہہ زان کأری آسہِ، یُس سیٚتی نہٕ کانٛہہ رِشتہٕ آسہِ۔

لوکہٕ بأتھ۔ [ م۔ مۆل: لُکہٕ بأت < س: لوکَ + ع: بیت ] ۔ عام لکن ہُنٛز رلوآیتی شأعری۔

لوکہٕ بُزی۔ یہٕ ناحقہٕ لوکن اَتھہ لوٗگمُت آسہِ۔

لوکہٕ بُزی گرُٹھن۔ دوٗیہ برُسٕنٛد بنُن۔ لوکن اَتھہ کھیاوُناوُن یا کھینہٕ یُن (مال بیتر)۔ ضایہٕ گرُٹھن۔

لوکہٕ پال۔ [ ن۔ مۆل: لوکہٕ پال < س: لوکَہ پالَہ ] ۔ دُنی ہیکین لوکن ہُنٛد راچھدر۔

لۆکَن رۄچھن ووٚل (حاکم)۔

**لۆکہٕ پامہٕ۔** لۆکہٕ ہٕنٛدۍ دِنہٕ آمٕتۍ کَتھ۔

**لۆکہٕ چھوکھ۔** لۆکہٕ جماتھ۔ وارِیاد لۆکھ (سٕمنتھ)۔

**لۆکہٕ راج۔** [ن۔ مۆل: لۆکہٕ راج < س: لوکَ راجیہ]۔ عوامی راج۔ جمہوٗر۔ جمہوٗرِیَت۔

**لۆکہٕ ساوے۔** [م۔ مۆل: لۆکہٕ ساوے < س: لوکَ سوبھاگَ]۔ عامچ بیٚہبوٗدی۔ لۆکَن ہٕنٛز جانٛی۔ بیٚلمہٕ ستی ساری ہے فایدٕ آسہِ۔

**لۆکہٕ کَتھ۔** [م۔ مۆل: لۆکہٕ کَتھ < س: لوکَ کتھا]۔ ا۔ یہٕ عام وَنان آسہِ۔ بیٚلمہٕ کَتھِ ہٕنٛز شوٗہرَتھ یا نشوَوے آسہِ۔ ۲۔ سو ڈلیل یُس زَبانٛی زَبانٛی چلِتھ وِنی رۆزمٕت آسہِ۔

**لۆکہٕ کَتھَن گَژھُن۔** بیٚیے سٕنٛدِس وَنہٕ لَس کَن تھۄوُن۔ نہِ کَرُن یہٕ لُکھ وَنان آسَن۔ پَننہِ عقلہِ نہٕ کام ہیٚنٛی۔

**لۆکہٕ گیلُن۔** وِچھو ''لۆکہٕ پامہٕ''۔

**لۆکہٕ لَذا۔** لُکہٕ مَنٛز رچھ۔ دُنیٛہِ ہٕنٛز شَرم۔

**لۆکہٕ لُکے۔** رِبر بارَے رَسٕنٛخ بیہہ۔ اَرساتھ۔ خلقتِ عام۔ لۆکہٕ جَبر۔

**لۆکہٕ لۆکھ۔** [< وِچھو۔ لۆکھ]۔ رِبر بارَے۔ لۆکہٕ جَبر۔ وارِیاد لۆکھ۔ لۆکہٕ اَرساتھ۔

**لۆکہٕ نوٚٹ۔** ا۔ عوام۔ ۲۔ بیٚیے سمج لۆکھ۔

**لۆکہٕ نوٚٹ گوٚ اَنہِ گوٚٹے۔** عام گوٚ خام۔ تہٕ ڈیٚنہٕ گوٚ عام پُھٹنہٕ مانان کانٛہہ داوا ڈلیل، عام بیٚلہِ یکطرف گژھان چھُ تہٕ یَنہِ چھُنہٕ نَنان حقیقتھ کیا چھیے۔

**لۆکہٕ وہ ہوٗز۔** لۆکَن ہٕنٛز نالہٕ خاطرٕ آنٛچھ ہورٕ نہٕ خاطرٕ۔

**لۆکہٕ ہُنٛد۔** ا۔ بیٚیے سٕنٛد۔ دوٚیِمن ہُنٛد۔ ۲۔ رُیس نہٕ زانُون یا یَس ستی نہٕ کانٛہہ رِشتہٕ آسہِ تمی سٕنٛدے۔

**لۆکہٕ ہُنٛد گَنٛتھ نَتہٕ نوٚن پان،**
**لۆکہٕ ہُنٛد ژھتہٕ نیٚے پوٚنرپان**۔ تہٕ ڈیٚتھ گوٚ لۆکَن ہٕنٛز باپتھ بکھِنہٕ جوٗرِتھ گُھنہٕ پوٚنٛس اِنسانَس کیٚنہٕ تہٕ لاران۔

**لۆکہٕ ہُنٛد مال۔** ا۔ دوٚیِمس سٕنٛد چیز۔ بیٚیے سٕنٛد مال۔ یَہا اَوٚنمُت کانٛہہ چیز۔ ۲۔ (دَرگہٕ پاٹھ) کوٗر۔ بیٚنہٕ۔ م: کوٗر چھیے لۆکہٕ ہُنٛد مال۔

**لۆد۔** ا۔ شار۔ یہٕ نہٕ بَرد نہٕ زِیٹھ پیمٕت آسہِ۔ ۲۔ (رِہزلہٕ) ٹانٛتانہٕ مودلی آستھ

تہٕ یتھ یا ایس سُھر کھارنہٕ آسہِ آمُت۔

**لۄلی وچھُن** ۔ (ہزلہ) تہٕ وچھُن یہ زٕنتہٕ وُچھنئے آسنہٕ ۔

**لۄلی اَنزُن** ۔ [ن ۔ مؤل : لۄلی اَنزن ] ۔ اکہٕ قسمچ زٕگ تہٕ خوشبوٗدار توٗلہٕ ذاتھ ۔

**لوٗم** ۔ [ن ۔ مؤل ، لوٗم < انگ ۔ لوٗم = loom ] وووِرہ دان، خاص کٔرتھ یُس بجلی سیتی چلاونہٕ یِیہ ۔ دٔوری ۔

**لوٗم پھرُن** ۔ پاور مشینہٕ پیٹھ رٔفل بیترِ وونُن ۔

**لوٗنٹھ** ۔ [م ۔ مؤل : لوٗنٹھ ] ۔ ۱۔ دجر یا پوٗتر ہُند کانہہ کوٗن ۔ کُنہٕ پلوٗکھ وٕٹھتھ لگوٗٹہٕ ہیوٗہ بنوومُت اَند ۔ ۲۔ زٕنٛدٕ گُچھ (اکہٕ ترکارِ بیترِ ہُند) رم : ہمہٕ لوٗنٹھ ۔ ہُندِ لوٗنٹھ ۔ ۳۔ وانگہ یا گٔنٛڈِتھ تُلو (اکہٕ ترکارِ بیترِ ہِنٛدی) ۔

**لوٗنٹھ ہٮ۪نی** ۔ ۱۔ پلو تنتی یوت چھلُن ہٮ۪تتھ بوڈمُت آسہِ ۔ ۲۔ استنجا کرُن ۔

**لوٗنچہٕ گٔنٛڈ** ۔ ۱۔ ولہٕ تون، یارانہٕ (زنانن ہُند) ۔ ۲۔ یاداوری ہُند گٔنٛڈ ۔

**لوٗنچہٕ گٔنٛڈُن** ۔ ۱۔ (ہزلہ) اوری پانس سیتی تھوٗن ۔ بہتی تھوٗن ۔ ۲۔ خط دیُن ۔ خُلع لیکھ پٔرٕ پلوٗس گٔنٛڈِتھ تھوٗن ۔

**لوٗنچہٕ لمُن** ۔ ۱۔ دٕرسہٕ دیُن ۔ زِیر دِنی پلوٗس کُنہٕ اَندس دٕرسہٕ دیُن ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) جِس دیُن ۔ اشارٕ دیُن ۔ زِینہٕ وَن دِنی ۔ ۳۔ (اکہٕ زنانہٕ) بدنظر وُچھُن ۔ ہہ ستاو تُلُن ۔

**لوٗنچہٕ نیبرٕ نہٕ** ۔ کوٗنچ نیبرٕنی ۔ اَند بیترِ خراب گژھنی ۔

**لوٗنگو** ۔ [م ۔ مؤل : لوٗنگ < ف : لنگی ] ۔ ۱۔ چھیٹہٕ صافہٕ ۔ کھیش ۔ ۲۔ ہلہٕ گٔنٛڈن ہوٗل (اکہٕ گیپر لانگ) ۔ ۳۔ تہمتھ (مَردان ہُند) ۔ زھوٹ دوٗتی ۔

**لوٗنگہٕ پوٗزھ** ۔ ۱۔ ہلہٕ گٔنٛڈنک پلہٕ ۔ ۲۔ لوٗنگہٕ ہُند اَند یتھ ماہہٕ کرِتھ آسان چھُھ ۔

**لوٗنگہٕ شُکھر** ۔ دستار زٕٹ ۔

**لوٗنگہٕ لاٹھ** ۔ ۱۔ ہلہٕ گٔنٛڈنک لوٗنگہٕ پلوٗ ۔ ۲۔ رنگین دستارک اَکھ وار ۔

**لوٗب** ۔ [ < وچھو ۔ لَب ] ۔ ۱۔ دٔندر ۔ حاشیہٕ ۔ ۲۔ لوٗنٹھ ۔ کنار ۔ بیر ۔

**لُبی لُبی** ۔ [ < وُچھو ۔ لَب ] ۔ ۱۔ بیرٕ بیرٕ اَندٕ اَندٕ ۔ اوٗک پاسے ۔ ۲۔ دوٗر دوٗرٕ ۔ ۳۔ ژوٗرٕ ژوٗرٕ یا دتہٕ ڈٔلتھ (اکُن گژھُن) ۔

**لُبٕو لُبٕو پکُن** ۔ ۱۔ (وَنہٕ) اُنٛدٕ اُنٛدٕ پکُن۔ ۲۔ ہیٚر نہٕ ہیٚوُن ۔ ذِمہٕ داری لِنہٕ پوٚت ہیٚوُن۔ لیف اُلیف نہٕ تھوُن ۔

**لوٗب تھوُن** ۔۱۔ اَنٛدکُن یا اوٚک پاسے تھوُن۔ ۲۔ دَس گاہ نہٕ دِیُن ۔ بَجَنتیار نہٕ تھوُن ۔

**لوٗب روزُن** ۔ ۱۔ اَنٛدَس یا اَنٛدکَنہٕ بِہُن۔ اوٚک پاسے بِہُن۔ دوٗر روزُن ۔۲۔ کُنہِ مامَلَس یا جمآژ سیتیٚ نہٕ لیف اُلیف تھوُن۔

**لوٗب کُن** ۔ ۱۔ اَنٛدَس پیٹھ۔ پَتھ کُن مَنٛز نہٕ۔ ۲۔ لانٛز لُق ۔ کُنہِ کامہٕ بیتَر مَنٛز نہٕ۔ ۳۔ اَلگ پآٹھی۔ کآنٛسہِ سٕتھی نہٕ۔

**لوٗب لوٗب** ۔ [< وُچھو۔ لَب] ۔اَنٛدٕ اَنٛدٕ۔ بیرٕ بیرٕ۔ اوٚک پاسے۔ ڈُلیتھ۔

**لوٗب لوٗب ہیٚوُن** ۔ اوٚک پاسے روزُن تہٕ زَن گوٚ دوٗر روزُن، پَتھ روزُن (کُنہِ کامہِ بیتَرِ نِش)۔ کُنہِ مامَلَس مَنٛز نہٕ اَژُن۔

**لوٗب ہیٚوُن** ۔ ۱۔ اَنٛدکُن روزُن تہٕ ڈُیتھ گوٚ کانٛہہ کآم بیٚنتر کَرنَس پَتھ روزُن۔ کُنہِ مامَلہِ یا جمآژ مَنٛز اَلگ روزُن ۔ مَنٛز نہٕ اَژُن ۔ ۲۔ خَلوَکھ روزُن ۔ بیٚوان نہٕ بِدوٗن روزُن۔

**لوٗہمُت** ۔ [< س : لَبھ] ۔ ۱۔ اَتھہِ آمُت۔ ۲۔ وَنہٕ کوٚڈمُت ۔ لوٗزنہٕ آمُت۔ ۳۔ وُسنہٕ آمُت۔ وُے آمُت۔ ۴۔ تیٚتھہٕ کیٚنٛژھا پَژِ دومُت ۔ یِنٛیچ نہٕ وٕد میدٕ ے آسِہے۔ ۵۔ (اَہزٕلِہ) مَسآوی بوٗزمُت ۔

**لوٗت** ۔ [ن۔ مٗول : لوت < س : لَگھُ + تا] ۔ ۱۔ آہِستہٕ ۔ وارٕ وارٕ۔ ۲۔ وَزنہٕ کیٚنٛہ کَم ۔ ہلکہٕ ۔ ۳۔ صارانیرٕ نہٕ وَرآے۔ ۴۔ کَم ظَرف ۔ اوٚپ۔ یَس نہٕ کُنہہ وِیتھ۔ ۵۔ یَتھ کَم نَشہِ یا اَثرٕ آسہِ ۔ رم: لوٗت تموکھ۔

**لوٗتِس گوٗبِس کھیما** ۔ ہیٚوٗر بوٗن گژھنَس یا کُنہِ قٕسمچ کَمی روزنَس مآفی۔

**لوٗت لوزُن** ۔ ۱۔ کُنَن گوٚ بہرٕ آسُن، زوٗر یَہَن آسُن ۔۲۔ (وَرگہٕ پآٹھی) گوٚش دِیُن ۔ ڈیان نہٕ دِیُن۔

**لوٗت پآٹھی** ۔ ۱۔ ژٔوٗرِ ژٔوٗرِ ۔ کآنٛسہِ سٕتھی نہٕ۔ ۲۔ بَڈٕ نہٕ

**لوٗت زانُن** ۔ ہیٚچ نَظرِ دیچھُن ۔ وُسی یایہٕ زانُن ۔ حَقارَتھ کَرُن۔

**لوٗت گوٗب** ۔ ہیٚوٗر بوٗن (اَتھرٕ بیتَرِ) کُنہِ قٕسمچ کَمی۔

دُہ کنُوٗہ۔ نی ماٗنی۔ م: لوٗت گوٗب ہے گوم ماٗنی دِیُوم۔

**لوٗت گوٗب گژھُن۔** ہیوٗر بوٗن گژھُن۔ نی ماٗنی گژھُن۔

**لوٗت لوٗت۔** [< وُچھو۔ لوٗت]۔ ۱۔ وارِ وارِ۔ آہستہ آہستہ۔ ۲۔ ہلکہٕ ہلکہٕ۔ یتھ یتھ وَزَن کم آسہِ۔ م: لوٗت لوٗت چیز تُل ژِ۔ ۳۔ سہِل سان۔ ژوٗرِ ژوٗرِ۔

**لوٗت وَنُن۔** ۱۔ شھدِ نہٕ وَنُن۔ تِتھ پاٹھی وَنُن یتھ پاٹھی وَزَن ووٗلے یوت بوٗزِ۔ ۲۔ آہستہ وَنُن۔ نرمی سان وَنُن۔ ہُتھ پھرِتھ نہٕ وَنُن۔

**لوٗٹ۔** [ن۔ م: لٹ < پراکرت: لَٹھ]۔ ۱۔ دُم۔ جیوانہٕ سُند پتہٕ ژھر۔ ۲۔ دَن (مہوٗک یا سبزی ہُند) م: ہاکہٕ لوٗٹ۔ وَچھ لوٗٹ۔ ۳۔ دَن یتھ پہٕ اَکُس ہٹھی یا رُک بیتر) ۴۔ (وَرگہٕ پاٹھی) لانچھِر ہانژہ۔ ۵۔ یُس سُند اَکھ عَدد۔ م: گاد لوٗٹ۔ ۶۔ (وَرگہٕ پاٹھی) اَتھ۔

**لُٹھ تارُک۔** دُم دار تارُک۔ تارُک یتھ سِندِ اَکہِ طرفہٕ لٹ ہِش باسہِ (یہِ چھُ بَدشُگون مانہٕ یِوان)

**لُٹھ رود۔** اَکھ کیوٗم یُس رِبہٕ ہنجا سِتہٕ بیترِ منز آسان چھُ۔

**لُٹھ کھنیچ۔** ۱۔ پلوٗکِس دامنس دزامِژ لوٗنچہٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) پلو۔

**لُٹھ لَد۔** ۱۔ یُس توٗہمتہ آسہِ تَھکُر ژھ۔ یُس ہانژہ آسہِ آمُت۔ ۲۔ یُس گرِ گرِ لانچھ یا کھر آسہِ لوان۔

**لُٹھ مُرُر۔** مرُزک اَکھ قسم۔

**لُٹھ موٗرُن۔** ۱۔ اگاد یا ژُژھس برونٹہٕ کُن پکناونہٕ خاطرٕ) لٹس وَرِ دِنہٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) لوٗت پکُن سزا دِنہٕ۔ گنہٕ ذرہِش ہینی۔

**لُٹھ موٗنی۔** سُہ نرِ چار ووے (خاص کرِتھ دانَد) یُس پوٗژھر سفید رنگہٕ آسہِ۔

**لوٗٹ اَتھس کُتھ وُزُن۔** افسوس لارُن۔ کھینی نہٕ اَتھ یُن۔

**لوٗٹ کھژُن۔** ہانژہ ہیُن۔ توٗہمتہ گنی الزام لگُن۔

**لوٗٹ کھارُن۔** بلہٕ ہانژہ لاگُن۔ توٗہمتہ لاگُن۔

**لوٗٹ نے آسہِ لرُژھُل لُوٗرُن یا لاگُن:** ٹھوٗن۔ کینہہ نتہٕ کینہہ ہرُو مرُد ہانژہ آسِی۔

توتہٕ کینہٕ لاگ اُنُن۔

**لۆٹ یُن۔** ۱۔ کھُریُن۔ ۲۔ ہاڑتھ ہیٚی۔ تو ہمتھ لگیٚہ۔ اِلزام کھسُن۔

**لۆٹھ۔** [ن۔ مۆل: لٹھ < پراکرت: لَٹھ]۔ ۱۔ ڈنٛڈٕ۔ ڈیس۔ ژھوٹ تہٕ موٚٹ لوٗر۔ م؛ دوٚ بنہٕ لۆٹھ۔ ۲۔ سُہ ڈنٛڈٕ ییٚمہِ سیٚتۍ لٹھ کیٚہہ گنڈنہٕ یوان چھُ۔

**لُٹھ دِنۍ۔** لٹھ سیٚتۍ چوب دِنۍ۔ مار دیُٛن۔ شاکھ کرُن۔ اُلسۍ اُلسۍ دِنۍ۔

**لُٹھ کَج۔** سُہ گرٕتھ تہٕ ژرِتھ لوکٕٹ لوٗر ٹکرِ یتھ لٹھ سیٚتۍ (ژری) ٹھاں گنڈان چھہ۔

**لُٹھ کَج لۆٹھ۔** لوٗر سیٚتۍ ٹھلن گنڈ بنٛچ اکھ کھیل۔

**لُٹھ ہَر۔** لڑایہ منٛز ڈنٛڈٕ تہٕ ڈرمہ تُلیٚنۍ۔ لوٗر لڑٲے۔

**لۆٹھ گرٕ ٹھن۔** ڈیس گرٕ ٹھن۔ سخ تھکُن۔

**لۆٹھ ۲۔** [ن۔ مۆل: لوٹھ < پراکرت: لٹھا]۔ اویزان مس لَگن۔ پورِمت مس لگ وانکھ۔

**لۆٹھ پارُن۔** مستس وانکھ کرٕنۍ۔

**لۆچھ۔** [ن۔ مۆل: لوچھ < س: رُوکشہ]۔ ۱۔ خوشکی۔ ۲۔ سخ۔ سپٹھا دَر۔ ۳۔

مزُتلہٕ پوٚٹھ۔ لکھنہٕ آمت ۴۰۔ اِنسان یُس نہٕ اَندر کینہٕ تر۔ یُس نہٕ کچہ کچھ گرٕتھ۔ مینہٕ کنۍ پوٚٹھ۔

**لۆد۔** [ن۔ مۆل: لَد < س: لَرد]۔ ڈالۍ۔ توحفہٕ۔ یہ کانٛسہٕ سوزنہٕ یِیہ۔

**لۆد پۆد۔** ڈالۍ۔ توحفہٕ۔ یہ کورِ ووتنہٕ وَتہٕ واریُو سوزنہٕ یِیہ۔

**لۆدر۔** [ن۔ مۆل: لدر < س: لودھرَ]۔ ہیرجان۔ (یہ چھُ سمندرِ منٛز کھسان)۔

**لۆدر مال۔** لودرِ پھلین ہنٛز بناوِ ہار مال۔

**لۆدر ہوٚٹ۔** [م۔ مۆل: لودرہا ہرٹ < س: لودھرَ + پیٛنشٹہ]۔ لودرہ پھلین بنومُت ہٹۍ وس۔

**لۆڈ۔** [ن۔ مۆل: لڈ < س: لَڈڈُ]۔ اکہ قسمچ دۄدگل مٹھاے۔

**لڈرۍ ہُم۔** لڈین ہُنہٕ ہَرُن۔

**لۆر۱۔** [ن۔ مۆل: لر]۔ تالو۔ تالوس پیٹھ یُس بُر تہٕ رب بیتر ترٲوان چھہ۔

**لۆر۲۔** [ن۔ مۆل: لرٕ < ہ: لڈ]۔ لرٕدار۔ داوِدار۔ داون ہُنٛد بنومُت۔ م؛ اوک لوٗرِ تژ لوٗر بیتر۔

**لوٗزراوُن۔** ۱۔ دَرُن کم کرُن۔ بار کم کرُن۔

۲۔ آسان کَرُن ۔ نَرمی کَرٕنۍ ۔۳۔ خالی کَرُن ۔۴۔ پھَرُن ۔

**لۄڑلَتھ** ۔ ۱۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) آسانی ۔ راحتھ ۔ آرام ۔ ۲۔ فرق گژھُن (بیمار بیترِ) سۄ ہۄلتھ ۔

**لۄڑلَتھ کَرٕنۍ** ۔ آسان بَنُن ۔ سَہل بَنُن ۔ رِژرٕ بَنُن ۔ بلاے ڈلیتھ گژھٕنۍ ۔

**لۄڑلَتھ گژھٕنۍ** ۔ وُچھو " لۄڑہ لَتھ کَرٕنۍ " ۔

**لۄڑھ** ۔ [ن ۔ مۄل ؛ لوڑھ] ۔ ۱۔ کُنہٕ ماچھر بِہٕدار چیزُک ڈیر ۔ رم : تھوٚو کرٕ لۄڑھ ، کھِتھ لۄڑھ ۔۲۔ بڑ لۄڑبر ۔ گیوڈ ۔ رم : گیٚن لۄڑھ ۔

**لۄگ** ۔ [ن ۔ مۄل ؛ لگ < س ؛ لگ] ۔ ۱۔ برابر ، ہِوس ہیوٚہ ۔۲۔ پہ وِیہٕ ۔ وِیہٕ وُن ۔ بُراہ ۔ راس ۔۳۔ وار ویستار ۔ قرار ۔۴۔ لگہٕ ہار ؛ بیٚیمہٕ سٟتی کام نیرِ ۔ مُوافِق ۔۵۔ سیٚپہٕ ۔

**لۄگ آسُن** ۔ ۱۔ نکھہٕ آسُن ۔ نزدیکھ آسُن ۔ قریب آسُن ۔۲۔ وِیہٕ وُن آسُن ۔ راس آسُن ۔ دایِس دوا آسُن ۔ کارگر آسُن ۔ موافق آسُن ۔

**لۄگ بوزُن** ۔ مادی زانُن ، سَہلے بوزُن ۔

**لۄگ گژھُن** ۔ ۱۔ (دوا بیترِ) کارگر گژھُن ۔ مُوافِق یُن ۔ بُراہ یُن ۔ سیٚپہٕ یُن ۔ ہِوس ہیوٚہ بنُن یا یُن ۔

**لۄگ لون** ۔ ۱۔ کَس کِہ ہے ۔۲۔ یہٕ قِسمتس آسہِ ۔ کینہٕ تہٕ بنُن یہ لاٹرِس آسِہ ۔ رم : بنُن اُسُس لۄگ لون ۔

**لۄگ یُن** ۔ ۱۔ بُراہ یُن ۔ یہ بیٚیڑھی زٕتی بنُن ۔ راس یُن ۔۲۔ اکار بکار یُن ۔ حاجتہٕ وِزِ لگُن ۔۳۔ مَنٕس برابر یُن ۔ مرضی مُوجُب آسُن ۔

**لۄگمُت** ۔ [ < وُچھو ۔ لۄگ ] ۔ چھ رتہٕ ۔ کُنہٕ پاٹھۍ بنٕتھ سپھیوٚمُت ۔

**لۄل** ۔ [ن ۔ مۄل ، لل < س ؛ لل ] ۔ (اَہَر لیہ) سوچھ ۔

**لۄنڈ** ۔ [ن ۔ مۄل ؛ لَنڈ] ۔ مکانُک یا دیوارِ بیترِ گِرِتھ زیہہِ یِتھ ، بُرز یا ژھیٚپھ بیتر دِتھ آسہِ ۔

**لۄنڈِس نار دِیُن** ۔ برہم کَرُن ۔

**لۄنڈِس نار گَژھُن** ۔ ۱۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) کُتہٕ گژھُن ۔ سخ غوصہٕ کھسُن ۔ شرارتہٕ سٟتی وو زلُن ۔۲۔ تباہ گژھُن ۔

**لۄنڈوٹُن** ۔ بُرز یا ژھیٚپھ زیہہ یا منڈرِس بارٕنیہٕ سٟتی اندروٹُن ۔

لۄنگ ۔ [ن ۔ مؤل : لنگ < س : لنگٚ] ۔
۱۔ یَس اَکِس زَنگہِ نوقص یا زَنگہ چھُٹیٚر آسہِ ۔ یُس لَنٛجُر آسہِ ۔ یُس نہ قدم سیٚود پٔلِیہِ ۔ ۲۔ جورٕ اَنٛدرٕ اَکھ پیٚومُت آسُن ۔

لنٛگی چوٗٹۍ ۔ ہُزلہِ پأٹھۍ لنٛگِس لوان وَننہٕ ۔

لۄنگ گرُن ۔ ۱۔ کأنسہِ زَنگ بیکار کرٕنۍ ۔ ۲۔ سَنزِ لنٛگِس مَنٛز اَکی زَنگہِ پکُن یا دۄن ۔ ۳۔ کأنسہِ ہُنٛد کھوٗرٕ بأنہ بیتر ژوٚر تھوٗن تہِ یُس نہ ادرٕ یور پھیٖرُن تھوٗرن لأیق تھوٗن ۔ بیکار کرُن ۔

لۄنگ گژھُن ۔ ۱۔ زَنگہِ نوقص گژھُن ۔ ۲۔ کانٛہہ چیز (بوٗٹ بیتر) نہ آسنہٕ کِنی ادرٕ یور نہ نیرِتھ ہکُن ۔

لۄنگ لیٚوژھ ۔ کمزورٕ تھوٗک بوٚٹھ ۔ اَکھ زَنگہِ نوقص تہِ پُشہِ ڈیٚول ۔ موزوٗر ۔

لۄنگوٗٹۍ ۔ [م ۔ مؤل : لۄنگوٗٹۍ < س : لِنگ + پٔٹہ] ۔
۱۔ ۂلہِ گنٛڈُن ۔ یُس بَلوٗ یُس سَتنٛرٕ چھن جأیَن پرٕدٕ کرنہٕ بأپتھ گنٛڈٕ نہ چھُ لوان ۔ ۲۔ شرأنہٕ پٔٹہ بیتر ۔

لۄنگوٗٹۍ کرِتھ ۔ (کۄرِ کہ پأٹھۍ) پوٗرٕ تیار (خاص کرِتھ لڑایہِ خأطرٕ) ۔ کمر گنٛڈِتھ ۔ ہتول گنٛڈِتھ ۔

لۄنگوٗٹۍ یار ۔ ۱۔ جأنی یار ۔ سُہ یار یُس سارِی بِیہ دأقِف آسہِ ۔ ۲۔ کانٛہہ بد کام کرنہٕ وِزِ سیتی بوج ۔

لۄہ ۔ [ن ۔ مؤل : لۄہ < س : لوپانشہ] ۔
پوژہ لوو ۔

لو ۔ یہِ چھُ ہُنز پأٹھۍ شارِس مَنٛز لَیہِ پُرٕ ژھو رُدیفِس سیتی زٕلاد نہ لوان ۔ رم :
یہِ چھُ دُنیا نوِ کھوتہٕ نوٚو میٚ لو ۔

لوت ۔ [ن ۔ مؤل : لات] ۔ اَکھ زیرِ کڈانکھ دار بوٗٹۍ یوسہ مُنکہ بأپتھ زالنس لگان چھیٚ ۔

لوٹ ۔ [ن ۔ مؤل : لوٹ < س : لُٹ] ۔
۱۔ پیچش ۔ کرونہٕ ۔ ۲۔ پوٚت صلاح

لوٹ پھیٖرُن ۔ ۱۔ پیچش کرٕنۍ ۔ مُردانہٕ پھیٖرُن ۔ ۲۔ پوٚت صلاح پیوٚن ۔

لوٹہِ ۔ [ن ۔ مؤل : لوٹ < ہ : لوٹا] ۔ اَکہِ قسمک آبہ بانہٕ ۔ نَکھہِ دار گڈوٕ بیتر ۔

لوچر ۔ [ن ۔ مؤل : لوچر < دُچھو ۔ لۄک ۔] ۔
لۄک ۔ آسنچ حالتھ ۔ لۄکچار ۔

لوچرِس کوچہ پھیٖر گژھُن ۔ ۱۔ لۄکچارٕ مُصیبتہ پیٛٹھٕ) ۔ کھسیہِ وِنس یا وٲنس تاوان پیوٚن ۔

٢. (دوہو) لوکہ چارے راوُن یا کھاندرِ پتہٕ باُنز ژھینہٕ گژھُن۔

**لوچھ۔** [ن۔ مؤل : لاچھ < س : لوہ تہ] ۔ اُمنُل۔ ییر پلو۔ ٢. (دَرگہِ یا گھُو) ہٹی پھیرُن۔

**لاُچھ اَمُن۔** ییر بیترِ دزُنک مُشکہِ گژھُن، مُشکہ۔

**لاُچھ پلو۔** پٹھی پھیرُن۔ مُنلی پلو۔

**لاُچھ جَنٛڈ۔** پژون مُنُل۔ ژھیلہ مُت پھیرُن۔ گیہ مُت مُنُل۔

**لاُچھ زٹ۔** تُسہٕ مُنلی پلو یتھ ریچِھ آسُن دَژھشہ۔

**لوحِ محفوٗظ۔** [ن۔ مؤل : لوحِ محفوٗظ < ع : لوحِ محفوظ] ۔ سو مَشق یتھ پیٹھ خودا صاُبن ساری نے ہندی کرِ تہٕ کراوتہِ اِبتدا پیٹھ اِنتہاہس تام لیکھتھ تھوٗرٕمتی چھِ۔

**لوح وقلم** ۔ ١. (خاص کرِتھ) قودرتُک قلم تہٕ سو لیکھ پُٹ یتھ پیٹھ خودایہ سِندی اَحکام لیکھتھ چھِ ٢. تقدیر ٣. (دَرگہِ یا گھُو) سورُے عالم، تمام زرِ ذراتھ۔ اِنسانی میراث۔

**لودہار** [ن۔ مؤل : لادیا۔ اَکھ کُل ییتھ مَنز ہیُن آبُس مَنز پاکہٕ نابِتھ رنگھ چھِ گڑان۔

**لودٕ۔** [ن۔ مؤل : لاد < ج : پراکرت : لَدّی] ۔ ١. اَمبار۔ ڈیر (خاص کرِتھ سوٚزُک، گھیٹک، لیٹز بیترِ ہُنُد) ٢. زمبہ دار۔

**لاُدی لوٗبُر۔** گُہ ڈیرِ مَنز کوڈمُت کاتھہ لوٗبُرُس زاُلِتھ تیل ہیوٚہ تراوان چھُ تہٕ داُدس بیترِ مَہلابہٕ بَدل لاگنہٕ یوان چھُ۔

**لود کھارُن۔** واریاہ قَرض کھارُن۔ واریاہ بَرداشت [illegible] کرُن۔

**لودٕہ۔** بُڑبُطُل۔ بے وقوف۔ یہ لفظ چھُ شودِ لفظس پتہٕ صِدا پاٹھی یوان۔ رم : لودِ شودِ۔

**لودِ شودِ۔** بُڑ بُش۔ بے وقوف۔

**لور۔** ١. مُنتھتہِ فرتھ ٢. پتے سِینی ٣. مال خور

**لور آسُن۔** ١. پتے آسُن۔ سِتی مَری آسُن۔ ٢. کُنہٕ مُنتھتہ مُرتھ آسُن۔ لاگتھ آسُن۔ کُنہٕ ترل، مادِ سِتی بَند آسُن ٣. وفادار آسُن۔ ہیکُن آسُن۔ رم : تُسہ چھُ ماجہ لور۔ ٤. ژورِ ہندس، ماُلس بیترِ اَتھدارس پیٹھ آسُن یا مال خور آسُن۔

۵. کنہ سیتر لگاو آسُن۔ کینچ ہال آسن۔

لور روزُن۔ ۱۔ کنہ سیتی لگاو تھوُن۔ کینچ ہال گرِنی۔ ۲۔ پتے روزُن۔ تھپھ نہ تلنی۔ سیتی سیتی روزُن۔ ۳۔ ژوُر ہالس بیتر ہال خوٗر روزُن۔

لور ہٕٹ۔ ۱۔ تہٕ یہ کنہ سیتی لگتھ آسہ۔ کینچ آلاپتھ کنہ بایہ دار چیز۔ بیتر کنہ بالس سیتر لگتھ آسُن۔ ۲۔ یُس کنہ کاسہ بیتر ہنز چکی یا مالے آسہ۔

لوُرُن۔ کمزور گژھن۔ تھس گژھن۔ رلُن۔ ہیہ کھُن اژُن۔

لوز۔ [ن۔ مؤل: لوزع: لوز] ۔ اکہ قسمچ کنکہ اُٹس بناومُژ بادام شکلہِ یا بادام ترٲوِتھ مِٹھاے۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھی) میوٗ ٹھکھینہ باو۔ ۳۔ لولہ تہتہ لاے۔

لوز کرنہ۔ ۱۔ لوز مِٹھاے بناونی۔ ۲۔ رنگہ رنگہ تیناُنژ بناونہ۔ ۳۔ (ورگہ پاٹھی) لولہ متہ لاے کرُن۔

لوسہِ ملا۔ [ن۔م۔ لوس ها] ۔ مُس۔ تھکُن۔

لوسہِ اژُن۔ تھکُن۔ ننوس اژُن۔

لوسہِ تہٕ غوصہٕ نیرُن۔ مُس تہ بنالہ نیرُن۔

پتیُم برٕ دنٹھیُم ارمان نیرُن۔ یزی دوہ پھیرنی۔

وسہِ ہٕ۲۔ یوسہٕ حلالے پتیا ژ آسہ۔ یوسہ وُنہ برس پیٹھے آسہ۔ پتیاول۔

لوسہِ آزار۔ پژسن دود۔

لوسہِ تب۔ پژسنہ پتہٕ کھسہ وُن (دسنح) بُخار۔

لوسہِ زر۔ ویچھو "لوسہِ تب"۔

لوسہِ زُری مُرُن۔ پژسنہ کرہ بہانہ مرُن۔

لوسہِ گاسہ۔ ۱۔ سُہ گاسہ یُس سوندرِ دعہ آبس منز گژھ یتھ لوسہ آب شیرلس لگان چھُ۔ ۲۔ سُہ گاسہ یُس لوسہِ وتھرلس تل تزادان آسی۔

لوسہِ لیتچ۔ سُہ بانہ یتھ منز لوسہِ کیُت کھین بیتر رننہٕ یوان چھُ۔ لوسہِ ہنز پسہنیر لیتچ۔

لوسہِ ہوتر۔ سُہ گاسہ یُس لوسہِ پژسن وزِ تلہ چھہ تزادان۔

لوسہِ ہٕ۳۔ بُمبہٕ سنی۔ بُمبہ سنی۔

لوسہِ ناوُن۔ ۱۔ تھکہ راوُن۔ ہوٗمراوُن۔ ۲۔ پژار ناوُن۔

لوسُن۔ ۱۔ تھکُن۔ پینز پنہ گژھن۔ ژھنیتھ بیوٗن (کاسہ سیتی یا کمزوری کنی درتہ)۔

٢. ژھوٚکُن ۔ م : جوانی لوٗستہٕ چھُ بُجر یوان ۔
٣. غوٚرٕ دُب سپدُن ، سرِ کیُک اَسُت گژھُن ۔ م : سرِ ہَس لوٗسُو ، گاشہٕ تارٕکھ لوٗس ۔

**لوٗستہٕ پیوٗن ۔** سیٚزٕ تھکُن ، کام بیتر کٔرِتھ کرٕ ژھینتہٕ پیوٗن ۔

**لوٗسمُت ۔** ١. تھوٚکمُت ۔ ژھینتہٕ پیومُت ، ژھوٚکیوٚمُت ، ژھیتہٕ گومُت ۔ ٢. (وَرگٕ باپتھ) موکلیوٚمُت ، مَرنَس تیار ۔ ٣. اَسُت گژھُن ۔

**لوکاٹ ۔** [ن ۔ مؤل : لوکاٹ < جاپٲنی : لُکاٹ LOQUAT ] ۔ اَکھ زَرٕد رنگُک اَکھ میوٕ ۔

**لول ۔** [ن ۔ مؤل : لُول < س : لولہٕ ۔ لَل کہ ] ۔ ١. عشق ۔ لے ۔ لگن ۔ خوٗ لوٗس ۔ مایہ ۔ محبتھ ۔ درٕد ۔ ٢. یٚژھ ۔ شوق ۔ تمنا ۔

**لولہٕ ۔** [< وُچھو ۔ لول ] ۔ مایہٕ سان ۔ محبتہٕ ستی ۔ دردٕ سان ۔ یٚژھ یٚژھ ۔

**لولہٕ باتھ ۔** تِم باتھ یِمن منز حُسن تہٕ عشقُک مامِلہٕ وَرٕنناونہٕ آسُن آمُت ۔

**لولہٕ بورُت ۔** مایہٕ ہوٚت ۔ لول بَرُن دول ۔

**لولہٕ بیمار ۔** یُس کانٛسہٕ پتہٕ ہورمُت آسہِ ۔ یُس کانسہِ پتہٕ مَتہٕ آسہِ گومُت ۔ یُس کانسہِ ہٕنٛز رٕنج آدٕرمُت آسہِ ۔

**لولہٕ بیمٲری ۔** (کانسہٕ ہنٛد) سیٚزٕ عشق آسُن گومُت ۔

**لولہٕ تَب ۔** وُچھو " لولہٕ بیمٲری " ۔

**لولہٕ سان ۔** مایہٕ ہوٚتھ ۔ محبتہٕ سان ۔ دردٕ سان ۔

**لولہٕ شاعری ۔** سُہ شاعری یتھ منز عشقہٕ ماشوقی ہنٛدِ ہِری آسُن وَننہٕ آمٕژ ۔ عشقہٕ شاعری ۔

**لولہٕ کار ۔** سُہ کام یُس یٚژھ تہٕ پٔژھ کرِتہٕ یِیہ (کھانٛدٕر بیتر) ۔

**لولہٕ موٚت ۔** عاشق ۔

**لولہٕ نار ۔** محبتُک جوش ۔ عشقُک تیوٚہ ۔

**لولہٕ وول ۔** ١. یُس دٕرد آسہِ ۔ عاشق ۔ یٚژھ بَرن وول ۔ مایہٕ وول ۔ ٢. پٔژھٕ وول ۔ ٣. یُس دردٕ سان کٲمہٕ کران یا دِوان آسہِ ۔ یُس دیرِ سٕندی ناوی کٕنہٕ دِوان آسہِ ۔ م : لولہٕ والہٕ دِ خاکراتھ ۔

**لولہٕ ہِری ۔** لولہٕ وَژن ۔ تِم باتھ یِمن منز حُسن تہٕ عشق دَکھناونہٕ آسہِ آمُت ۔

**لولہٕ ہوٚت ۔** مایہٕ ہوٚت ۔ لولہٕ سان ۔

**لول بَرُن ۔** ١. مایہ بَرُن ۔ محبتھ کرُن ۔ ٢. (کانسہ) شوقہٕ سان ڈالِ سوزنی یا دِنی ۔ دِلبری کرٕنی ۔ ٣. ژھاین تہٕ گرایِن وُچھن پیالہٕ

بَرداری کَرٕنۍ۔

لول باگرُن ۔ ماے محبتہٕ وَرتاوُن۔

لول گرٛژھن ۔ ماے گَژھنۍ۔ شوق گرٛژھن۔

لوب گرٛژھن ۔

لول یُن ۔ ماے وۄن تلہتہٕ یِنۍ۔ (کاٗنسہٕ ہِندِ دادٕ)
ہول گرٛژھن ۔

لولکھ ۔ [ن ۔ مۄل : لوٗنک > س : لُل] ۔ دۄر۔
گوشوار۔

لولکھ کَن ۔ دۄرِ کَن ۔ اَکہِ کنگ اَکھ گوشوار۔

لولکھ ہۄر ۔ دۄرِ جور ۔ زون کَنَن ہِندی
زٕ گوشوار۔

لولو ۔ [ن ۔ مۄل : لولو > لولاب۔ راج ترنگنی] ۔
کشیرِ ہِندِس شُمالہٕ مغربس اَندر
اَکھ وآدی ۔ لولاب۔

لولر ۔ [م ۔ مۄل : لولر] ۔ ۱۔ کاشُر لکہٕ اَدبک
اَکھ (زَنانہٕ) کِردار۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ)
ماشوق ۔ محبوب (زَنانہٕ) ۳۔ ماے عشق۔

لولر ۔ ماہہٕ پُرژھی ویر۔

لوٗلیچ ۔ [ن ۔ مۄل : لولچ > س : لالسہٕ] ۔ لالچ۔
بَرَم ۔ فریب ۔ ژھل ۔ خام طمائی ۔

لوٗلیچ کَرٕنۍ ۔ بَرَم دِیُن ۔ فریب دِیُن ۔ ژھل
کَرُن ۔

لولو ۔ ۱۔ لِنگارو۔ ۲۔ نمرٕلُن تہٕ لوکہٕ گیتن منٛز
لوٗلس آنو دِنہٕ پٔرژھو اَکھ لفظ یُس دوند
بُرنی ژنگی تہٕ گنڈٕ تہٕ لیان چھ۔ ۳۔ کاشرِ
لُکہٕ ستاپری ہُند اَکھ صِنف ۔ لولہٕ وژُن۔

لون ۱ ۔ [ن ۔ مۄل : لان] ۔ ۱۔ قسمتھ ، تقدیر۔
۲۔ باگہٕ (خاص کرِتھ زَدَن)۔

لاُنی باز ۔ قسمتُک کھیل۔

لاُنی باگے ۔ یہٕ قسمتہٕ موجوب حِصس ییہ۔
یہ وۄن باگن مُقدرس آسہ۔

لاُنی ژُور ۔ ماشوق ، محبوب۔

لاُنی کوس ۔ قسمتُک کھر۔ ڈلہٕ تہٕ پٔژرن۔
بَدقسمتی۔

لاُنی لِلہٕ وَن ۔ ۱۔ تقدیرُک واٹھ۔ ۲۔ باگیہ بِن۔

لاُنی ہُنیر ۔ وُچھو "لاُنی لِلہٕ وَن"۔

لاُنی نیلے ۔ تقدیرُک وَر۔ قسمتُک پھیر۔
لاُنی کوس ۔ (ایٛژ پاٹھۍ) زَنانہٕ ہُند بیپلِن
باگس سیتی نہٕ وار آسُن۔

لون میلُن ۔ کھانڈرٕ سپدُن ۔ پانس برابر
باگہٕ بَنُن۔

لون ۲ ۔ [ف ۔ مۄل : لون > انگ : لون Loan] ۔
قرض خاص کرِتھ سرکارُک قرض یُس
کاٗنسہٕ کُنہٕ ژنگی ترقی کرنہٕ باپتھ دِنہٕ ییہ۔

لیکچر کرُن۔ تقریر کرُن۔
لیکچرار۔ [مؤل: لیکچرار < انگ: لیکچرر Lecturer]۔ ا۔ کالجک وہ ستاد۔ زبانی تالیم پرناوَن وول ماسٹر۔ ۲۔ (لوکن منز) تقریر کرن وول۔
لیکھ۔ [م۔ مؤل: لیک < س: لکھ]۔ ناشایان کلامی۔ گالہِ ہنز کتھ۔ بدزبانی۔ تہ پیرنہ وَنُن پرز۔
لیکِن ٹلُن تہ لیکی بیہناوُن۔ نوکر یا کانہہ ماتحت سخ بے یزتی کرِتھ کام کرناوُن۔ (مُہنوس) بیتر پرٹتھ وزِ بنے واری کرنی۔ سیٹھ کتھ نہ کرنی۔
لیکَن ہلم دارُن۔ یژ شرافتھ مادنی سیٹھا نیرمی کرِنی۔ اَمیلی وَرتاونی۔
لیکَن یُن۔ ناش فاش کرنہ موکھ حلہ کرُن۔
لیکہ پور۔ سیٹھا لیکہ۔
لیکہ پھینہ۔ بے یزتی گژھنہ۔ بیوآری پھینہ۔
لیکہ تھوکہ۔ ا۔ ناشایان کلامہ بیتر۔ ۲۔ بیوآری۔ بہانہ تہ۔
لیکہ ٹوس۔ لیکہ ہنا۔
لیکہ زپول۔ یُس زبانی پیٹھ لیکھ آسہ لیُن ہر وِز ناشایان کلامہ آسہ کران۔
لیکہ شلکھ۔ سخ لیکہ یژ بدزبانی کرِنی۔

لیکہ ژآرِ ژآرِ بہانہ کرِنی۔
لیکہ گڈنہ۔ ناشایان کلامہ کرُن۔ تہ دُن پہ پرز۔ بدزبانی کرِنی۔
لیکہ لوٹھ۔ ا۔ کتھ کتھ پیٹھ بدزبانی بدیس کتھ کتھ پیٹھ بدزبانی آمہ کران۔
لیکہ لیکھ۔ ا۔ بدکلامی۔ ۲۔ ناشایان ترکتھ۔ کہ کار۔
لیکہ واتل۔ یُس ناشایان کلامہ کرنک عادتھ آسہ۔ بدزبان۔
لیکہ ہر۔ سہ کرٹاے یتھ منز حرف بدزبانی کرنہ پیہ۔ اَکھ اَکس ستی ناشایان کلامہ (کرُن)۔
لیکہ چھاکھو کھ زِلارنہ گژھہ۔ تہ دیتھ گو کانہہ ہندِ لیکہ ژارِ ستی ھُنہ کینہ تہ چھوناں۔ گانسہ ہندِ بدزبانی کرنہ ستی چھا اتی تی بناں۔
لیکھ دِنی۔ (کانسہ ستی یا تس متلق) ناشایان کلامہ کرُن۔ بدزبانی کرِنی۔
لیکھ ژارِنی۔ وچھو "لیکھ دِنی"۔
لیکھ گڈنی۔ وچھو "لیکھ ژارنی"۔
لیگ۔ [م۔ مؤل: لیگ]۔ اکھ سفید مایہ ہیوہ یُس اچھن دود بیتر آسنہ کنی اچھن منز

جمع گژھان چھ۔ بڑکھ۔

**لنگہِ اچھ۔** اُچھن منز درد بیتہ آسنہٕ رنگی سفید مایہ یا ماذ ہیوہ جمع گومُت آسُن۔

**لنگہِ نوژھہ۔** اُچھن منز اَبتر درد بیتہ آسنہٕ رنگی وارِیاہ سفید مایہ یا ماذ جمع گومُت آسُن۔

**لبل۔** [م۔ مؤل: لبل]۔ واویلا۔ اَفسوس کرنہٕ باپتھ تر دِنہٕ برُد برُد۔ کانہہ بد کامہِ کچھنہٕ باپتھ اَفسوس کرُنک یا تمہِ لاگُن۔ یہ چھُ دودہ ہوکرُنک اکھ طریقہ۔

**لبلہِ وؤتر۔** لبلہ کرد کرد دود دیُن۔

**لبلہِ ووہو۔** لبلہ کرئ کرئ بدرد دوُن یا دود ہوُن۔

**لبلہِ وانی۔** واویلا۔ ماتم۔ اَفسوس کرنچ باکہِ باکھ۔

**لبل کرُنی۔** واویلا کرُن۔ باکہِ باکھ دِوان تر بڑی بڑی دِنہٕ۔ کانسہِ ماتم یا اَفسوس کرنہٕ باپتھ یا تہِ کرُن۔

**لیمب۔** [م۔ مؤل: لیمب < س: لمپ۔ م۔ پنجابی۔ لیمبی]۔ سہ رب یُس ٹھہرتھ آبس تلہٕ کنی روزان چھے۔ کولہِ ہنز لنہٕ دار رب۔

**لیمبہِ پوشش کھچھن۔** مؤبلی انسانس ہادن لایق بیچو زیُن، سہ پُت زیوُن۔

**لیمب کھینز۔** اچھِ گژھن۔ اَفسوس کھیون۔ بیٹر کھینو۔

**لنگ۔ لِنگ۔** [ن۔ مؤل: لینگ < س: لِنگ]۔ ۱۔ عُضوِ تناسُل۔ ۲۔ شِوجی سٕنز مورتی ہُنز نِشانہ۔

**لیوُن۔** [ن۔ مؤل: لیو < س: لیہن]۔ ۱۔ زیوِ سیتی پھیش دیُن۔ ۲۔ سمانہ۔ کھدینہ یا بیتر زیوِ سیتی تر ہتھ نیُن۔ ۳۔ (درگہ یا ٹھی) خوشامد کرنہٕ۔ رنگُن۔ بتہ پیٹھ پکُن۔ ۴۔ زنانہٕ حد رؤس نابیا روزُن۔ ۵۔ لیوِنی دِنی۔ ۵۔ صاف کرتھ تھوُن۔ (پیٹھنت پیٹھنت ہیتھ ترلُن)۔

**لیدتھ نیُن۔** ۱۔ زیوِ سیتی پھیش دیُن۔ سورُے کھیتھ یا چٹتھ تھوُن، کہنہ کُن نہٕ کینہہ تراوُن۔ ۲۔ (درگہ یا ٹھی) بےشونکی یا ٹھی بُرتھ ژھنُن۔

**لیوِ برُور۔** [ن۔ مؤل: لیوِ برلور < س: لیہہ+برالہ]۔ سُہ بُس ہر کُنہ چیز پیٹھ آسس آب آسہِ لیوان (خاص کر شُرِس)

**لیُتھ۔** [ن۔ مؤل: لِنذ < س: لِیتہ]۔

سٕنٛز تھکنہٕ لوسنہٕ سیٖتۍ یا شیٖنَس
روٗدَس اَنٛدر سفر کرنہٕ سیٖتۍ لِتھونہٕ
یِنٛچ حالتھ۔

لیُتھ کرُن۔ ۱۔ پنتھر پاوُن۔ ووتھراوُن۔
پھش پھرُن۔ ۲۔ ذلیل کرُن۔

لیُتھ گژھُن۔ سٕنٛز تھکنہٕ لوسنہٕ سیٖتۍ یا
شیٖنَس روٗدَس اَنٛدر سفر کرنہٕ سیٖتۍ
لِتھونہٕ یُن۔

لیُتھجہ۔ [ن <س: روٗکشہٕ۔ لوٗکشہٕ]۔ ۱۔
سُہ کھیٖنہٕ باوُس ژاہہ تَلہٕ نَرم آسہٕ نہٕ۔
کَھرٕ دُن۔ ۲۔ کمزور۔ لیۆژھ۔ ۳۔ کٲژر۔
کرٕ ووٗٹھ۔

لیٖکھ۔ [ن۔ مۆل: لکھ <س: لکشیہ]۔ ۱۔
اَیہٕ کرٕنک نِشانہٕ۔ گولہٕ بیترِ ہُنٛد نشانہٕ۔

لیٖبُن۔ [م۔ مۆل: لِبنی]۔ جنگلَس مَنٛز اَکھ
قسمُک زَنٛڈلہٕ (یتھ جان تہٕ دَرلوَر
چھِنہٕ بَنان)۔

رلنیُو۔ [ن۔ مۆل: لرلنیُو]۔ لنو زَنٛدُک۔
لنہٕ ہُنٛد بنیومُت۔

لنی کاٹھ۔ اکھ قسمہٕ ہٕنز کانہٕ یمہٕ سیٖتۍ دَر
پھٔتنہٕ آسان نہٕ کانٛگرٕ۔ پھوتی۔ بیترِ
وونَس لگان چھِنہٕ۔

لیوٗٹ۔ [ن۔ مۆل: لیٹ]۔ ۱۔ اکھ دَوائی کِھ
یا بوٗٹی۔ م: بُطخ لیوٗٹ۔ ۲۔
پھر۔ چھپرِ کٕھٹھ۔ م: ووہ دِلیوٗٹ۔

لیوٗنٹ۔ [ن۔ مۆل: لینٹ]۔ سُہ چھپر کٕھٹھ یُس
گوڑٕ نِچہِ لٹہِ نیٖتھنہٕ آسہِ آمُت۔

لیٚوب۔ [ن۔ مۆل: لیٚب <س: لِمپہ]۔ ۱۔
رَبہٕ یا گھیہہ بیترِ چ ہٕکپھ۔ ۲۔ گِنہٕ بالَس
رَبہٕ بیترِ سیٖتۍ وٕ ومُت گول۔

لیٚوب تھوٗپ کرُن۔ یتھ تتھ کٕتھ بیترِ نہٕ
داتشگاف گژھنہٕ دیُن۔ کٕتھ بیترِ وُرُن
کرُن۔ مامِلہٕ نہٕ زیٖٹھراوُن۔

لیٚوب کرُن۔ اگول وٕتُن (رَبہٕ بیترِ سیٖتۍ)
۱۔ بالَس گول رَبہٕ سیٖتۍ بَنٛد کرُن۔
۲۔ (وَرگہٕ) عٲیب وُرُن کرُن۔

لیٚوٹھ۔ [ن۔ مۆل: لیٹھ]۔ ۱۔ ژھوٹ
دَتھ۔ ژھوچہ دَتہٕ۔

لیٚوُدُر۔ [ن۔ مۆل: لیدر <س: ہردرا]۔
۱۔ زرد۔ ۲۔ (وَرگہٕ پانٹھی) شُس۔
کمزور۔ م: ژھکھ بُتھ لیوٗدُر۔

لیٚوُدُر بَم ژوٗنٹھ ہیُوہ۔ ۱۔ بَم ژوٗنٹھ رَنٛگہٕ۔
زرد رَنٛگہٕ۔ سٕنٛز لیوٗدُر (رتھ کم آسنہٕ کِنۍ)
۲۔ سٕنٛز کمزور، بُسہٕ نیٖومُت۔ بُسہٕ لٔد۔

لیۄدُر کوٚنگ ہیوٚہ ۔ سیٚخ لیۄدُر۔ سیٚخ
بُہ نیوٚمُت ۔ کمزور۔
لیۄدُر گگر ہیوٚہ ۔ ۱۔ سیٚخ لیۄدُر۔ ۲۔ (درگہٕ پاٹھۍ)
کم زور، ایِس بُتھس رَنگ ڈوٚلمُت آسُن۔
لیۄڑ۔ [ن ۔ مۆل : لیٚژ] ۔ ڈیٖوٗل۔ کمزور۔
ناتوان۔ سُست۔
لیۄڑلوٚنگ ۔ ۱۔ کامہٕ سٟتۍ یا پکنہٕ کٕنۍ
ڈیٖوٗل یا نرزنگہٕ گومُت۔
لیۆکھ تژوکھ ۔ [ن ۔ مۆل : لکھ تژکھ (س:
لکھ + پوت صداہ ۔ تژکھ] ۔ لکھ ہتر۔
لیڈل۔ [ن ۔ مۆل : لیڈل] ۔ ۱۔ ٹِبڈ لیٚچ۔ بۆڈ
بانہٕ ۔ ۲۔ (ہزلہٕ) ٹِڈ۔
لیٖلی لوٚے۔ لیٚچہ ہُند مُتک اَتھن نژدِتھ
گوکھہٕس کُنٕے کَل۔
لیٖلو کترٕ۔ ۱۔ کترِ لیٖلیک نوبُوت تژوک
یُس کترِ وتاوکن استیمال سپدان
چھُہ۔
لیٖلی ہوٚکھ بتہٕ۔ بتہٕ یُس لیٖلس منز ہوٚکھ ناوِتھ
رِپھتہٕ یوان چھُہ۔
لیٖول ژھٹن ۔ (درگہٕ) آمدنی زوال یُن۔
گرٕ داران گژھن ۔ زی نہٕ روزنی۔
زی کلۄ شُند مرُن۔ یہِ چھُہ اکھ وۄہ تہِ۔

لیٖول تژکھ تہٕ گوٚل تژکھ گژھن ۱۔ بتہٕ ہُنن۔
ہوٚپ تہٕ دوٚپ گژھن ۔۲۔ سیٚخ شرارتھ
کھسُن۔ سیٚخ طیش یُن ۔۳۔ اَنٛدرِ ی
پھوٚشہٕ کنی بتہٕ کھسُن۔ ہوٚپ دوٚپ
گژھن۔
لیۄمب ۔ [ن ۔ مۆل : لیمب (س: لمپہٕ] ۔
سیۄمب ۔ سو ہیٚژ ہیتر لوہہٕ تژر
وَسو لِس آیس ژٕکس بہان چھےٚ۔
لیٚتر ۔ [م ۔ لیٚتر (س: لوتر] ۔ آرہ ۔ کلمہ ہتر۔
دَنٛد کرِتھ اکھ سامانہٕ ییٚمہٕ سٟتۍ لکر
چیرنہٕ یوان چھےٚ۔
لیٚترِ دِنۍ ۔ (درگہٕ پاٹھۍ)۔ منز بھاس
دِیُن ۔ پانہٕ دانۍ ژھین کرِتھ دِیُن۔
لیٚترِ لگنۍ ۔ (درگہٕ) برباد ی گژھنۍ تباہی
گژھنۍ۔ بچھس یُن ۔ یہِ چھُہ اکھ وۄہ ۔
لیٚترِ والنۍ ۔ آری کشی کرنۍ ۔ ارکش کام
شوٗرٕ کرنۍ ۔ زٕٹکہٕ کرنۍ۔
لیٚترِ وایِنۍ ۔ ۱۔ آری کشی پیٹھ گذارہ
کرُن ۔ لیٚترِ مزوٗری کرنۍ ۔۲۔ زٕٹکہٕ
دِنۍ کرِتھ ۔ بھاس دِیُن کرِتھ۔
لیڈر۔ [م ۔ مۆل : لیڈر (س: ہُر دزا] ۔
اکھ زرد رنگہٕ مسالہٕ یُس سنس ہتر

ژرادان چھِہ

**لیٚدرِ ژٲج بٕہِہ** ۔ ( زیٚٹھ یا ٹُٹھر بیماری کٕنٛ ) مُتھس رنٛگ بگرُن ، کمزور گژھن ۔

**لیٚدرِ زٔصٛ پھیرٕنۍ** ۔ ۱۔ اَتھر نوٚن گژھنہٕ کنۍ بُتھس اَدلہٕ بدلی گژھنۍ ، رنٛگ ڈلُن ۔ ۲۔ دامہٕ کنۍ بُتھس رنٛگ ڈلُن ۔

**لیٚدرِ گٔنٛڈر** ۔ لیٚدرِ موشُجہ ہُند مۆل ۔ لیٚدرِ گُجہِ ہنٛز مٔنٛڈ یوسہٕ زُمینس تل چھےٚ آسان ۔

**لیٚدرِ وَل** ۔ اکِہ قسمُک لیٚوٗدر پوش ۔

**لیٚدرِ وَل پوش** (درگ) اُسیہِ نیوٗمُت ۔

**لیَدرُن** ۔ ک ن ۔ مۆل : لیُدر < وُچھ ۔ لیٚدر ] ۔

۱۔ زرد ُن ۔ ۲۔ رنٛگ بگرُن ۔ ۳۔ کمزور گژھن ۔ اُسیہِ گژھُن ۔

**لیٚدرِیوٗمُت** ۔ ۱۔ زرد یوٗمُت ۔ یَتھ زرد یار پھیوٗرمُت آسہِ ۔ ۲۔ خستہٕ گومُت ۔ زُوِ کنۍ موکلیوٗمُت ۔ بگڑیوٗمُت ۔

# م

**م** ۔ عربی ، اُردو ، ژوُرُس ، فارسی ، یا اُٹھوِ دُہِیم ، اُردو ، اکِتریُہِیم تہٕ کٲشُر یک سَتہٕ تریُہِیم اَچھَر ۔ اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ ژٔتہٕ جیہہِ مول ۔

**مَہ ر** ۔ [ < س : ما ] ۔ ٹھاکہٕ کرنُک لفظ ۔ نمہِ ساتہٕ وَنان یژِہٕ کانٛسہِ کُنہِ ٹھاکہٕ کرُن آسہِ ۔ رم : مَہ کر ، مَ کر ، مَہ با ، مَہ ستٔ ۔

**مَبلغ ، مو بلغہٕ** ۔ [ مۆل : مبلغ < ع : بلغ ] ۔ روپیَن ہِنز ہُنٛد تیداد یا دِنہٕ وزِ وَنان ۔ رم : مو بلغے داہ روپیہ ۔

**مَبنی** ۔ [ مۆل : مبنی < ع : بنی ] ۔ دٔرِنٛھ ، مُنحصر ۔

**مَت ، مَتہٕ** ۔ ا ن ۔ مۆل : مَت < س : مَتہ ] ۔ ( مذہبی ) عقیدٕ ۔ نظریہٕ ۔ خیال ۔ رم : بُدھ مَت ۔ شیو مَت ۔

مُتا، مَتہٕ۔ [ < س : مانۃ ]۔ ۱۔ (بانٛد بانٛد کرِتھ)۔ مَنع کرَنُک لفظ۔ تمہِ سانہٕ وَنان یِیِلہِ کانٛسہِ کُنہٕ ٹھاکھ کرِتھ یہِ باوُن آسہِ زُنتہٕ آسہِ بنٛنہٕ لانٛج۔ ۲۔ تمہِ سانہٕ نہٕ وَنان۔ یِیِلہِ لوٗرک نہٕ بوٗزِتھ کانٛہہ بِلنہٕ مرضی باپَتھ ترٛاوُن آسہِ۔ م : مُتہٕ کھیتہٕ آسہِ کیا۔

مُتُن۔ [< س امتہٕ]۔ ۱۔ موٗت گژھُن، پاگل بَنُن۔ مژرُن۔ ۲۔ پانٛچ نہٕ خبر روزٕنۍ۔ ۳۔ مَتہٕ سندٕ پاٹھی کرکرِ دِنہٕ یا کینہٕ ژعارُن کرُن۔ ۴۔ بُنے دایہ اَگادِ گژھُن۔ ۵۔ روٗہ داب کرُن، بیوآری کرٕنۍ۔

مُتیو مُتہٕ۔۔ ۱۔ موٗت گوٗمُت۔ باورِ گوٗمُت۔ ۲۔ ژُچایہِ پاٹھی اَگادِ گوٗمُت۔

مُتو مُتو درامُت۔ ۱۔ یُس بِنہٕ مژر یا شوخ طبعیتہٕ کِنۍ موشوٗر آسہِ گوٗمُت۔ یُس کُنہٕ جایہٕ سیزر آسہِ نہٕ بہان۔ ۲۔ دربدری لد۔ یُس نہٕ کانٛہہ گنڈ آسہِ۔ ۳۔ کُنہٕ پنہٕ ووکھ پاٹھی لوٗگمُت۔

مُتو مُتو نیرُن۔ ۱۔ (کانٛسہِ یا کُنہٕ پنہٕ) دیوانہٕ گژھُن۔ ۲۔ دوہہِ کھوتہٕ زیادہ آوارہ گژھُن۔

مُتھ۔ [ن۔ مؤل، متھ < س : مَتہٕ ]۔ ۱۔ رائے۔ خیال۔ ۲۔ خواہش۔ پژھ۔

مَتھ گژھُن۔ ۱۔ مَنس گژھُن۔ خواہش گژھنۍ، خیال گژھُن۔ ۲۔ کینہٕ کرنس سیٖخ پاٹھی میٖنگہٕ دوشمنہٕ اَمادار نہٕ آسُن۔

مَتھر۔ [< س، متھرا]۔ وُیٚتھ پوٚٹھ تہٕ وٚکھر زنانہٕ۔

مُتھُن۔ [ < مَتھنہٕ ]۔ ۱۔ مٔلُن، کھش دۍ دۍ کانٛہہ ترل مادٕ بینترِ کُنہٕ مُنتر شترِ براوُن۔ ۲۔ کانٛسہِ یا کُنہٕ اَثرِ گردِ مُنتر پھکرِ رٕنۍ۔ ۳۔ (زنانہٕ کِنہٕ) کلس ژنہٕ بایتھ گیو یا تھُنۍ۔

مَتھنہٕ ییُن۔ ۱۔ کُنہٕ لارُن یا ترٛشُن۔ ملنانہٕ ییُن۔ ۲۔ لژٕ گژھُن۔

مُتھتھ ترٛاوُن۔ ۱۔ لیتھ دُن۔ پہہ ترٕپھتراوُن۔ ۲۔ منساودِتھ ترٛاوُن۔ ۳۔ مسٲوِ بوزُن۔

مُتھتھ نِیُن۔ ۱۔ رہبیتہٕ کرِتھ کُنہٕ سٔتۍ لارُن۔ ۲۔ کاٹرِ یا موٚرتہٕ تٔل اَنِتھ مارِتھ زعلُن۔ م : گٲرِ آس تیٖژ تیٖز زِ وتہٕ پیکان نیٖن نفر تارٕ مُتھتھ۔

مُتھوٗر۔ [ن۔ مؤل اَستہٕ رد س : مہت تَر]۔

ویُوٹھ پوُٹھ تہٕ ویُوپھٹ اِنسان۔

مَٹُر۔ [ن۔ مؤل: مَٹرِ (ہ: مٹر]۔ کرٕ۔ کرٕ ہلیم۔

مَٹن۔ [ن۔ مؤل: مٹن (س: مارتنڈ]۔ اننت ناگ ضِلعُک اکھ شہر (قصبہ) یتھ منز سری مندر چھ۔

مَٹہٕ۔ شانن پیٹھ۔ بار، ذمہ۔

مَٹہٕ آسُن۔ ذمہ آسُن۔ کُنہِ ذمہ داری ہُنز کُنہِ سٕلس پیٹھ آسُن۔

مٹہٕ کھسُن۔ کانہہ ہُنز ذمہ داری پیٹھ یا اتھ بیترِ بار کھسُن۔

مٹہٕ کھارُن۔ اکِس سُنز ذمہ داری بیٚیس پیٹھ تھاوُن۔ اکِس سُند اتھ بیٚیس ناو تھاوُن۔

مٹہٕ گژھُن۔ کانہہ کینہہ بار کھسُن، ذمہ روزُن۔

مٹہٕ مٹہٕ (دِنی)۔ شاباش شاباش کرُن۔ پھیکی پیٹھ کانہہ اتھ نہٕ اتھ تھوتھ تس حوصلہٕ افزائی کرٕنی۔

مٹہٕ مرٕ کرُن۔ پُشراوُن۔ اکادِ کرُن، مٹہٕ کھارُن۔

مٹہٕ مرٕ گژھُن۔ نکھس کھسُن۔ بارِ لدنہٕ یُن۔ ذمہ گژھُن۔

مٹہٕ مرٕ نہٕ یُن۔ شانن پیٹھ کھنہ نہٕ یُن۔ (ورگہٕ پاٹھی) ذمہ کرنہٕ یُن، بار لدنہٕ یُن۔

مٹہٕ ہانژن۔ [ن۔ مؤل: مٹہٕ ہانژ (س: مٹھ ہانژ]۔ سہٕ ہانزِ یُس بجن بجن بہساژن کیتھ زیٖن بیترِ ساران آسہِ۔

مٹھہٕ۔ [ن۔ مؤل: مٹہٕ (پراکرت: مٹھ]۔ گلہٕ کھول تہٕ ذرٕ ڈولوم اکھ بوڈ کُتُر یُو بانہٕ۔ بوڈ نوٹ۔

مٹھہٕ۔ [ن۔ مؤل مٹھ: س: مٹھ]۔ زرٕ ریتھ چالہٕ اکھ قسمک مذہبی اداز۔ مندر۔

مٹھارُن۔ [ن۔ مؤل: مٹھار (س: مرشٹ (پراکرت: مٹھ م۔ ہ: مٹھارنا]۔ ۱۔ ڈدٕ کرٕ بیترِ بیتو نوُدوب دِتھ کھرُوب کڈُن، یا ہوا، پیترِ بیترِ بیترِ راوُن یا ستراوُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سنٕج شکلہٕ کرٕتھ وتراوُن۔

مٹھہٕ۔ [ن۔ مؤل: مٹھ (س: مشٹ]۔ ۱۔ دِلاسہٕ، تسلا۔ ۲۔ شاباش شاباش۔

مٹھ مدار۔ تسلا تہٕ شاباش۔ ٹیٹھ مٹھ۔

مٹھ مدار کرُن۔ تسلا بیترِ دیُن، شاباش شاباش کرُن۔ دِلاسہٕ دیُن۔

مَٹھ ۲۔ ۱۔ ٹھُٹھُس مَنز کانٛہہ کٔنٛہہ ہینہٕ ژلِنۍ کام۔ م : ٹھُٹھس مَٹھ کرُن۔ ۲۔ ٹھُٹھ باشی۔ گیٚنٛد گیٚنٛد۔ م : وُچھس ژٕھ قُلف لٔجِس ژٕھ ٹھٔٹھ کیٛاہ کرِ مٹھا نو تَتہٕ لو
(اَجبہٕ خوتون)

مَٹھ کرُن۔ ٹھُٹھ کرُن۔ مَولہٕ کرُن۔

مَٹھ گژھن۔ ٹھُٹھ باشی اَندرٕ کانٛہہ کانٛہہ چیز ہینہٕ ژلُن۔

مَٹھ ۳۔ [< پراکرت : مَٹھو او]۔ ۱۔ آستہٕ۔ لوٚتہٕ۔ قرار۔ ۲۔ رَنٛدِ یتھ تیز اَندرکُن آسہِ۔

مَٹھ رَنٛد۔ سُہ رَنٛدِ یُس تیز اَندرکُن آسہِ موکھ ٹھیکہ باگٹی کام دِیہِ نہٕ۔

مَٹھ مَٹھ پَکُن۔ آستہ آستہٕ پَکُن۔ قرار کرٕ کرٕ پَکُن۔ پَکان پَکان ہیہہ ہیہہ گژھن۔ م : داند ژھ مَٹھ مَٹھ پکان۔

مَٹھُن۔ [ن۔ مؤل : مٹھ < س : مرتٕکہ مرتن]۔ مَٹھُن، مُشنہٕ گژھن۔ ژٕھنس نہٕ روزُن۔

موٚٹھمت۔ مُشمہ گومُت۔

مَثَل۔ [م۔ مؤل : مَثَل < ع : مَثَل]۔ لوکہٕ دَنُن

لوکہٕ وَنُن، لوکہٕ کَتھ۔

مَثلاً۔ [< ع : مثلاً] مثالہٕ پاٹھی۔

مَثنٕوی۔ [م۔ مؤل : مثنوی < ع : مثنوی]۔ شاعری ہنز اَکھ صِنف۔ اَتھ صِنفِ مَنز چھ پرتھ پانٛتِک قافیہ بیٛون بیٛون آسان منظوم داستان۔

مُج۔ [ن۔ مؤل : مج < س : مارجکہٕ / مرجیٛہٕ] دال ژمین سوٚتراونہٕ باپتھ اَکھ خاص قسمُک موٚنٛڈ۔

مُج پھرُن۔ پھش اَنُن، تباہ کرُن۔

مُج دِیُن۔ موٚنٛڈیا بچہ بیترِ ستی ژمین سوٚتر کرُن۔

مجسٹریٹ۔ [مؤل : مجسٹریٹ < انگ : میجسٹریٹ : MAGISTRATE]۔ علاقُک سُہ اَفسر یُس فوجداری مُقدمہ بوزان آسہِ۔ جج۔

مجاز ۱۔ [مؤل : مجاز < ع : مجاز]۔ بااختیار۔ پانہٕ یختیاری، یُس کُنہِ کِنہ اختیار دِنہٕ آمُت آسہِ۔

مجاز ۲۔ (تصوفہٕ موجب) ظاہری۔ دُنیاوی (عشق)

مُجال۔ [مؤل : مجال < ع : مجال]۔ جُرأتھ۔ طاقتھ۔ ہِمتھ۔ کانٛہہ کام بیترِ کرنُک

سۄمب کوٚنٹھ۔

مَجال چھا۔ کانٛسہِ ہُند طاقتھ چھُنہٕ تہٕ ڈیٚتھ گوٚ: یہٕ ہیٚکہٕ نہٕ ہُنتھ یا کَرِتھ ہیٚتھ۔ یہٕ چھُ نامُمکِن۔

مَجازی۔ [<ع: مجازی] ۱۔ دُنیاوی۔ ۲۔ کرٛتِم۔ اَصلی نہٕ۔ م: مَجازی خودا۔

مَجبوٗر۔ [ مۆل: مجبوٗر <ع: مجبور ]۔ ۱۔ چورتہٕ بَند۔ یَس نہٕ پَنٕنہِ ہیٚکہِ وار آسہِ۔ لاچار۔ ۲۔ تنٛگ دِل۔

مَجبوٗرٕن۔ جَبرٕن۔ زورِ ظُلمن۔ پَنٕنہِ مرضی سٟتۍ نہٕ۔ کانٛسہِ ہٕنٛدِ باند باند کَرنہٕ یا چورتہٕ گَژھنہٕ کِنۍ۔

مَجبوٗر کَرُن۔ چورتہٕ کَرُن۔ باند باند کَرِتھ کانٛہہ کام بیٚتر کَرناوُن یا اَنِ راوُن۔

مَجبوٗر گَژھُن۔ کانٛہہ چارٕ نہٕ لَگُن۔ چورتہٕ گَژھُن۔ تِھسکَرس گَرُن یا نانہٕ نیٚہ پیوٚن۔

مَجبوٗری۔ [م۔ مۆل: مجبوٗری <ع: مجبور + ف: ی ]۔ جَبرٕن۔ بَند آسنہٕ کِنۍ کانٛہہ چارٕ نہٕ لَگنہٕ کِنۍ۔ پَنٕنہِ ہیٚکہِ وار نہٕ آسنہٕ موکھہٕ۔

مَجبوٗری پٔٹھۍ۔ چورتہٕ گَژھِتھ۔ کانٛہہ تہٕ کام ہیٚنۍ بیٚٹھ کِنۍ نہٕ پَنٕنہِ کھیبرِس وار آسہِ

مَجبوٗری کِنۍ۔ مَجبوٗر آسنہٕ کِنۍ۔ یِمہٕ رنٛگہٕ آسنہٕ موکھہٕ۔ لاچار گَژھِتھ۔

مَجلِس [م۔ مۆل: مجلِس <ع: مجلِس ]۔ ۱۔ سَبھا۔ سۄ جاے یتہِ لُکھ وارِیاہ لوٗکھ ہیٚتھ آسن۔ مَحفِل۔ ۲۔ لوٗکن ہُند سُہ مَجمہٕ یتھ اَنٛدر اِمامَن ہٕنٛدۍ مَرثیہٕ بیٚتر پَرنہٕ یِن۔

مَجلِس کَرٕنۍ۔ ۱۔ سَبھہِ اَنٛدر مَرثیہٕ پَرُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ) ژٕرہٕ یہٕ کَرنہٕ۔

مَجلِس لاگٕنۍ۔ سَبھ بناوٕنۍ۔ لوٗکھ اَکِس جایہِ جمع کَرٕنۍ۔ مَجادلِہ لاگُن۔ ہٹہٕ لاگٕنۍ۔

مَجمہٕ ۱ [ن۔ مۆل: مَجمہٕ <ع: مجمعة ]۔ وارِیاہ لوٗکھ یِم اَکِس جایہِ جمع آسن۔ جمگٹھ۔

مَجمہٕ لاگُن۔ لوٗکھ جمع کَرٕنۍ۔ ہٹہٕ لاگٕنۍ۔

مَجمہٕ ۲۔ [ن۔ مۆل: مجمہٕ <ع: مجمعة ]۔ بوڈ تھال یا تشٛر آو یتھ کیٚتہ لَدِتھ ژٕروچھ تہٕ نابَد بیٚتر ساران چھہٕ۔ خان۔

مَجمہٕ پاراوٕنۍ۔ (نِشانہٕ یا کھاندرس پیٚٹھ) سوٗنہٕ نیٚن ہوٗکھ اوٗدرس وُزن۔

مَجمہٕ لَدٕنۍ۔ مَجمن اَنٛدر لَدِتھ کانٛسہِ ڈاز بیٚتر موزٕنۍ۔

مجموعہ۔ [ن۔ مؤل: مجموعہ > ع: مجموعة]۔ یتھ اندر کینہہ جمع آسہ۔ یتھ اندر کینہہ سومبرتھ آسہ مثلاً شارن ہندٕ سومبرن۔

مجنوٗن۔ [ن۔ مؤل: مجنوٗن > ع: مجنون]۔ ۱۔ موٗت۔ پاگل۔ باور۔ دیوانہٕ۔ ۲۔ لالکہ ہنٛد عاشق یُس موٗت گژھتھ نجدٕ وٕنس پھیوٗر۔ ۳۔ عاشق۔

مچامہ۔ ۱۔ اکہ قسمچ کَر یا چھنہٕ ترٛاوتھ سالہ دار۔ ۲۔ کاشرِ ہنٛز اکھ کرام۔

مچامی۔ نچامہ بناون یا کنُن وول۔ یُس تہٕ پیشہٕ نچامہ کنُن آسہ۔

مچُل۔ ۱۔ پھیٚکِس منٛز باگُک حصہٕ۔ ۲۔ تھزٕر ہیوٚہ یُس دانِس ہیٚنٛز تھر پیٹھ آسان چھُ۔

مچلِ ژٔنڈ۔ تُہنٛز مچلِس پیٹھ ٹاس (یہ آسہ برونٛہہ کالہ شُرین سزاہ یہ رٕنگی دِوان)۔

مچُل دِگُن۔ تُہس مچلس مشتو سٚتی دِگہ بار کرُن۔

مچلس لدُن۔ ۱۔ کانسہ پھیٚکِس پیٹھ بوٗر تھوُن۔ ۲۔ کانہہ زبردستی بوٗر سازنادٕ بیگار لاگُن۔

مچھر۔ [ن۔ مؤل: مچھر > س: مزش]۔ کاربار کٔرِ منٛزٕ، گشر۔ کاربارِ منٛدٕ آسنچ حالتھ۔

مچھرٕ آسُن، گژھُن۔ کاربار یا ہیوٚن کنُن سٚتی منٛدٕ آسُن۔ کاربار کم گژھُن۔

مچھر دانی۔ [م۔ مؤل: مچھر دانی > ہ: مچھر دانی]۔ جالی یہ سہ مُہو بیتر نش بچاوٕ باپتھ چارپایہ اندی اندی گنڈان چھِ۔

مچھل۔ [ > س: مکشکا + اُل]۔ مچھو سٚتی بُرتھ۔ یتھ وارِیاہ مچھ آسن۔

محض۔ [ > ع: محض]۔ صرف، فقط، خالِص۔ یوتاہ۔ رُچھرا۔

محل۔ [م/ن۔ مؤل: محل > ع: محل]۔ ۱۔ منٛدور۔ بڈٕ لر (خاص کٔر تھ چھِ محل تتھ منٛدورس ونان یتھ منٛز بادشاہ روزان آسہ)۔ ۲۔ موقعہٕ۔ فرصتھ۔ موکل ۳۔ گنجایش۔

محل نہٕ آسنی۔ ۱۔ گنجایش نہٕ آسنی۔ ۲۔ موقعہٕ نہٕ آسُن۔ فرصتھ نہٕ آسنی۔ موکل نہٕ آسنی۔

محلہٕ خانہٕ، محلہ خانہٕ۔ ۱۔ زنانہٕ خانہٕ۔ زنانن ہنٛد کٔر لر یا منٛدر ہنٛدٕ سُہ کُٹھ بیتر یتھ منٛز صرف آنہ چھِ زنانہٕ ودتھان بہان آسن۔ ۲۔ منٛدھ۔ کوٹھو۔

محلدار۔ [ > ع: محال + ف: دار]۔ ونٛگی ہنٛدٕ

دفترُک اَکھ مُلازِم۔ گُزٕر وول۔

مَحلدار بایے۔ سوٗ ژٕنۍ یوٗس بد لحاظ آسہِ۔ بُجری۔ ڈر۔

مَحلدار بکرُ۔ محالدار بُتھ۔ کو بُتھ۔ بد بُتھ۔ بد لحاظی۔ محالدار سِنٛدی پاٹھۍ پوٚت بُتھ۔

مَحو۔ [ مۆل : مَحو > ع : مَحو ]۔ اَکِنہٕ سیٚتۍ آوُر، مشغول، شُنیتھ۔

مَحو گژھُن۔ مَحو سپدُن۔ ۱۔ کُنہِ (خیالس بیتر) اَسُن۔ ۲۔ (کُنہِ منٛز) جذب گژھُن۔

محاذ۔ [ن۔ مۆل : محاذ > ع : محاذ ]۔ ۱۔ سوٗ جاے یتیٚتھ لس دوٚن فوجن پانہٕ وانۍ جنگ لگہِ۔ مورچہ۔ لام۔ ۲۔ سرحد یا بنہٕ بیتر (خاص کرِتھ یتیٚتھ لس جنگ سپدِ)۔ ۳۔ مُقابلہٕ۔

محاذس پیٹھ گژھُن۔ جنگ کرنہٕ گژھُن۔ سرحدس پیٹھ جنگ کرنہٕ گژھُن۔ لامہٕ گژھُن۔

محاذِ جنگ۔ سُہ بنہٕ یتیٚتھ لس جنگ چلان آسہِ۔ لڑایہٕ ہنٛز جاے۔

محاذ کھڑا کرُن۔ ۱۔ کانٛسہِ مُقابلس وٕتھُن۔ کانٛسہ برخلاف جنگ کرُن ۲۔ (وُرگہٕ) ہنگامہٕ لاگُن۔

محاذ لاگُن۔ مُقابلہٕ کرُن۔ ہنگامہٕ لاگُن مخالفت کرُنس پیٹھ کمر گنڈُن۔

محاسبہٕ۔ [ن۔ مۆل : محاسب > ع : محاسبۃ ]۔ ۱۔ باز پُرس۔ پرژھ گار۔ پُرسِش۔ ۲۔ خرچُک بیتر حساب۔

محاسبہ کرُن۔ حساب ہیوٗن (خرچ گامُتس رقمس بیتر)۔

محاصرٕ۔ [> ع : محاصر ]۔ گیہرٕ، گیہراو ناکہٕ بنٛدی۔

محاصرٕ کرُن۔ گیہراو ترٛاوُن۔ گیہرٕ ترٛاوِتھ وٕنہٕ بنٛد کرنہٕ۔ ناکہٕ بنٛدی کرٕنۍ۔

محال۔ [ مۆل : محال > ع : محال ]۔ نہٕ ہیٚکنۍ۔ ناممکن۔ یُس نہٕ سہل سہل سپدِتھ ہیٚکہِ۔ مُشکل۔ کژوٕٹھ۔

محال آسُن۔ ناممکن آسُن۔ بنِتھ یا اَنِتھ نہٕ ہیٚکُن۔

محاورٕ۔ [ن۔ مۆل : محاور > ع : محاورۃ ]۔ سُہ فِقرٕ یتھ لفظی مانے علاوٕ تلیتھ کانٛہہ بیاکھ یا عجیب مانے نہٕ آسہِ یُس نہٕ اَمہ کین لفظن ہنٛزٕ رِ پاٹھۍ لبنہٕ آسہِ یوان۔

مُحَبَتھ - [ن۔ مٔول : مُحبت <ع : محبة]۔ لول ، ملے ، پٔرے ، پریم ، عٔشق۔

مُحَبَتی۔ سہ یُس مَحَبتھ دٔرناوِ۔ یُس ہِنز کأنسہِ سیتیٚ ژُدِ ژُو کرِ۔ مُژھئیل رٔلیٚوٕنۍ میلیٚوٕن۔

مَحَبَتہٕ چہٕ رٔگہٕ ہُمژ رَتہٕ پتہٕ۔ کأنسہِ کُن ہمدردی وِہ تلینۍ۔ کأنسہِ ہُند لول ییٚن یا جوش ییٚن۔

مُحَبتھ کرُن۔ کأنسہِ لول برُن۔

مُحَبتھ گرٛژھن۔ کأنسہِ ہُند دِلس گرٛژھن۔ عٔشق گرٛژھن۔ گَل گَژھنۍ۔

مَحَبتھ دٔرناوُن۔ کأنسہِ ہُنز دے یا نفرتھ نہٕ تھاونہٕ۔ سارِنیٚ سیتیٚ لول وٕرتاوُن۔

مَحبُوب۔ [ن۔ مٔول : محبُوب <ع : المحبوب]۔ ۱۔ ٹوٹھ۔ یار۔ ۲۔ ماشوق۔ نٔدن۔

مَحبُوبُ العالَم۔ ل۔م۔ دزِس دُنیہٕ ہِنٛد ٹوٹھ۔ حضرت سلطان شُند لقب۔ مخدوم صابُن اکھ ناو۔

مَحبُوبہٕ۔ [<ع : محبوبة]۔ ماشوقہٕ۔ ٹاٹھ۔ لولر۔ ۲۔ یہٕ چھُ اکھ ناو تہٕ۔

مَحدُود۔ [مٔول : محدُود <ع : محدود]۔ ۱۔ گنٛڈِتھ۔ بوٗزِتھ۔ یتھ نہٕ ہرہ برہ پارنگ دار آسہٕ۔ ۲۔ تنگ۔ دسی نہٕ۔

مُحَرَم ۱۔ [مٔول : مُحرَم <ع : مَحرَم]۔ ویٚود۔ پیٚود۔ واقف۔ سُہ یُس کأنسہِ ہِنزن سرن واتھ آسہِ۔ یُس کأنسہِ ہِنز سارِے خبر آسہِ۔ یُس سیتیٚ سیٹھا پانہٕ نیار آسہِ۔

مَحرَمِ راز۔ رازدار۔ سِرٕ ژوٚن۔ واقف۔ پیٚود۔

مُحرَم کرُن۔ رازس واقف کرُن۔ سر کأنسہِ باوُن۔

مُحرَم گرٛژھن۔ واقف سپدُن۔ زان سپدٕنۍ۔ اندٕریٚمُنز دگرٛژھن۔ سرس واتُن۔

مُحَرَم ۲۔ [ن۔ مٔول : محرم <ع : محرم]۔ ہجری سنہٕ چھا یہٕ ژُدُیک گوڈنیک رِیتھ۔ (اتھ رِتَس اندر چھ کربلاہک جنگ سپدمُت تہٕ تو کینۍ چھِ اَمہ ماتمک رِیتھ وَنان)۔

مُحَرَمُ الحرام۔ دٕیکھو "محرم ۲"۔

مَحرُوم۔ [<ع : محروم]۔ دٕیکھو "مَوٕحرُوم"۔

مَحشَر۔ دِچھو "حَشر"۔

مَحصُول۔ [ن۔ مٔول : محصُول <ع : محصول]۔ چیٖزَن پیٹھ سرکأری زٕچ۔ مال اتُرنس، گٕنہٕ نس، سوزنس یا تھاونس پیٹھ یمہٕ بار قونونہٕ مُطأبق حکومتس دیٚکھن۔

مُحضَر۔ [ <ع : مُحضر ]۔ کانٛسہِ خلاف مَحلہِ والین ہُندِ یکِٹ۔ یکہ وٕلہِ رلیتھ مَحلہِ والین ہُند کانٛسہِ خلاف دٕہ نٕھن۔

مُحضَر نامہٕ۔ حاکمَن ہندِ دٕسی تصدیق کٔرِتھ عام لُکن ہُنٛز کٔنہہ شکایژ ہُند تحریر۔

مُحضَر نامہٕ دِیُن۔ یکُت کٔرِتھ (مَحلہِ والین ہُنٛد) کانٛسہِ خِلاف شِکایژ ہُند تحریر دِیُن۔

مَحفِل۔ وُچھو "مُحفِل"۔

مَحفوُظ۔ [ مؤل : مَحفوظ <ع : مَحفوظ ]۔ وُچھو "موحفوُظ"۔

مُحکَم۔ [ <ع : مُحکَم ]۔ دٕڑر، مضبوُط۔

مُحکمہٕ۔ [ن۔ مؤل : مُحکم <ع : مَحکمة ]۔ اَدارٕ، کٔنہہ خاص مُقصدِ باپتھ قائم کرنہٕ آمُت کانٛہہ ادارٕ یا دفتر (ییٚژ پاٹھۍ سَرکاری)۔ مأکی مہٕ شُنٛد دفتر۔ سَرِشتہٕ۔

مَحکوُم۔ [ مؤل : مَحکوم <ع : مَحکوم ]۔ ۱۔ سُہ یَس پیٹھ حُکم چلاوی ز۔ ماتحت، تأبی ۲۔ سُہ یَس پیٹھ ظُلم سپد۔

مَحلہٕ، مُحلہٕ۔ [ن۔ مؤل : مَحل <ع : مَحلة ]۔ ۱۔ شہرٕچ یا قصبہٕچ آبادی ہُنٛز کانٛہہ اکھ اکأیی۔ ۲۔ مَحلکۍ ساری روزَن والۍ۔

مَحلہِ بوج۔ کانٛسہِ ہندِ پنٕنہٕ مَحلک بناکھ زوٚن۔

مَحلہِ تُلُن۔ سٕخ زٔرہ نادتہٕ شور لاگُن۔ تیٚتھ شور لاگُن یُتھ پانٛس اَندی پَکھۍ یَس والۍ بوزَن۔ بوٚڑ ہنگامہٕ کَرُن۔ رم:
تمو ژُرِ تِرِتھ زٕ مَحلہٕ تُلکھ نِکھس۔

مَحلہِ زیٛٹھ۔ سُہ یَس پننِہ مَحلکی مالہٕ اُنزرا وُنک یَختیار آسہٕ۔ سُہ یُس مَحلَن پنٕنہٕ طرفہٕ بُتھ تھووُمت آسہٕ۔

مَحلہِ گَنٛڈ۔ مَحلہِ والین ہُند پانہٕ دٕفُ سُت۔ کُنہِ کتھِ یا مالس بیتر پیٹھ مَحلہِ والین ہُنٛز کُنی موٛکھ۔ کُنہِ مالس پیٹھ مَحلہِ والین ہُند اکی رایہ تِزاپہٕ یکُن۔

مَحلہِ مُحضَر کَرُن۔ کانٛہہ شِکایتھ آسنہٕ کنہٕ مَحلہِ والین ہُند کانٛسہِ خلاف یکُت کَرُن تہٕ سُہ مَحلہِ اَندر یکٔرتھ ژھِننہٕ ناوُن۔

مَحلہِ مام۔ ۔ (ہزلٕ) مَحلکہٕ طرفہٕ بُتھ لگن دول۔ سُہ یُس مَحلہِ کین ساری نٕے مالَن ہنٛز پَرٕ اَپرٕ دخل آسہٕ دِوان۔ یُس پرٕ تھ مالس مَنٛز زَنٛگ آسہٕ ژھِھان۔

مَحلہِ وأل۔ مَحلس مَنٛز روزَن وأل۔ مَحلکۍ بَسکین۔ تہٕ دٕ یٹھ گو پانٛس اَندی پَکھۍ یَس وأل۔

مَخولہٕ۔ [ن۔ مؤل : مَخول < ]۔ ٹھٹھٕ۔

مَخولہِ زائُن۔ ٹھٹھٕ باشی زانُن۔ اَہستہٕ یا

ھۆرۆرتھ نہٕ سٔہر کرٕنۍ۔ سَہل زانٕتھ مَنساوُن۔

**مَخولہٕ کرُن** ۔ ٹھٕٹھہٕ کرُن۔

**مَخولی** ۔ ٹھٕٹھہٕ گوٗر۔ چاٹہٕ گوٗر۔ مَسخرٕ، اسہٕ ناوُن۔

**مَخدوٗم (صاب)** ۔ [ن۔ مۆل : مخدوٗم <ع : مخدوم]۔ حضرتِ شیخ حمزٕ سٕند ناوِ پہنٕز زیارتھ کوہِ مارانس پیٹھ چھےٚ۔

**مَخرَج** ۔ [ن۔ مۆل : مُخرج <ع : مخرج]۔ بٔلی کانٕسہِ کھور رُمت ہُد۔ کمام۔ تھُر۔ چاٹلی۔ چھل۔

**مَخرَج کھارُن** ۔ چھَل کھارٕنۍ۔ دُش کھارُن۔ تھُر کھارٕنۍ۔

**مَخزَن** ۔ [ن۔ مۆل : مَخزن <ع : مخزن]۔ خزانہٕ۔ گَنجینہٕ۔ گودام۔

**مَخصوٗص** ۔ [مۆل : مخصوٗص <ع : مخصوص]۔ خاص کُنہٕ بابتھ۔ کانٕسہِ یا کُنہٕ سٟتی وابستہٕ۔

**مَخلوٗط** ۔ [ن۔ مۆل : مخلوط <ع : مخلوط]۔ مِلہٕ مِش دار، رَلہٕ۔ بٕہتھ رَل آمٕژ۔

**مَخلوٗق** ۔ [مۆل : مخلوٗق <ع : مخلوق]۔ پادٕ ٲمِژ۔ سوٗرُے دُنیا۔ یہِ کینٛژھا خودایَن پادٕ کوٗر۔ زُوٕ ذاتھ لیہ یہ دُنیا پٮٹھ اَندر چھےٚ۔

**مَخلوٗقاتھ** ۔ [ن۔ مۆل : مخلوقات <ع : مخلوقات]۔ یہِ کینٛژھا پادٕ کرنہٕ آو، ساری زُوٕ ذاتھ۔

**مَخمَل** ۔ [ن۔ مۆل : مخمل <ع : مخمل]۔ ۱۔ دوٚزِ جامُس سان اکھ خاص قسمُک، پشُل کپُر۔

**مَخمٔلی** ۔ [<ع : مخمل + ی]۔ ۱۔ مخمل کپرس بنومُت۔ ۲۔ مخلس ہیوٗہ۔ تیتھے یتھ مخمل آسان چھُ۔ ۳۔ اکھ خاص قسمُک کیٖک یُس کنکہٕ اطلس پیٹھ بناونہٕ یِوان چھُ۔ ۴۔ جافرِ پوشُک اکھ قسم۔

**مَخموٗر** ۔ [ن۔ مۆل : مخموٗر <ع : مخمور]۔ خُمارِ ہوٚت، مست۔ نشس منز۔

**مَد** ۔ ۱۔ [ن۔ مۆل : مد <س : مد]۔ ۱۔ نشہٕ۔ نشاوُر چیز کھٮ۪نہٕ یا چٮ۪نہٕ سٟتی ٲمُت خُمار۔ ۲۔ ژھوکھ۔ کپُر دُز بُز۔ ۳۔ شہر یہ بیتر یُس ہسِتس برٛیش لگنہٕ یا سور بیتر گژھنہٕ دزِ ہٕنگَن پیٹھ پیدا ان چھُ۔ ۴۔ دوٚرگہٕ یا کھٹی شراب۔ سہٕ ترل چیز یُس چٮ۪نہٕ سٟتی اَچھن خمار کھسہِ نہٕ سٕہس ہوش پانس اَتھ روزِ نہٕ۔

مدپان (مدٕ پان)۔ مہوس بنوومت شراب۔

مدٕ روس ۔ ۱۔ یس نہٕ کانٛہہ نشہٕ آسہِ۔
۲۔ ییمہِ عتتی نہٕ نشہٕ کھسہِ۔

مدٕ ماز والُن۔ تیتھہ پھٹراوُتھ چھنہٕ راوُن۔ تیتھہ واالتھ نہٕ بُتھ دیُن لایق تھوُن۔

مدٕ مأنٛزِ پری۔ مستی سان قدم مستانہٕ چال۔

مدٕ موت ۔ پُرخمار۔ خمارٕ ہوت ۔

مدٕ موت یاوُن ۔ خمارٕ ہٕژ جوانی۔

مدٕ وسُن ۔ نشہٕ نہٕ روزُن۔ ہمن۔ گمنڈ پھٹُن۔

مدٕ والُن ۔ نشہٕ ہمراوُن ۔ نشہٕ والُن۔ کانسہِ گمنڈ پھٹراوُن ۔ ڈگرٕ ڈگرٕ والُن۔

مدٕ ووٚتھ۔ یُس مد ووٚتھمُت آسہِ۔ یُس نہٕ وونی نشہٕ آسہِ۔ نہٕ ڈیٚھٹھ گوٚ یُس سُگنہِ ژنگی ڈب لوٚگمُت آسہِ۔

مدٕ ہوٚت ۔ یُس سخ نشہٕ آسہِ۔ یُس زھوکن ژدٕ ٹمُت آسہِ۔

مدٕ ہوٚس ۔ (ل۔م) بژلیشہِ لدٕ ہوٚس ۔۱۔ سخ متردُر بہٕ زبردس ۔۲۔ وٕنٛھٕ بلاے یکنہ نہٕ پوٚشی زِ۔

مدٕ پھوٚنکُن ۔ سخ نشس مٕنٛز آسُن ۔ تیٚتھ گیٚنہٕ وٕنُن یا کرُن زِ نتہٕ کانٛہہ فکری آسہِ نہٕ کھسان مُ ڈیٚہہ ترٛاوُن ۔

مدٕ کھسُن ۔ ۱۔ اُچھن ترٛاپہ جار گژھُن ۔ خمار کھسُن ۔ نشہٕ کھسُن ۔ ۲۔ تکبر گژھُن ۔ گمنڈ گژھُن ۔

مدٕ لگُن ۔ ۱۔ نشہٕ کھسُن ۔ خمار کھسُن ۔ ۲۔ بژلیش پٕنہٕ ۔ سوار گژھُن ۔

مد ۲۔ [ن۔ مؤل ؛ مد < ع : مد ]۔۱۔ دفعہ (زنہٕ سِلسِلک)۔ ۲۔ اکھ اوٚر اچھر۔ الفہِ چہٕ زیچھرِ آوازٕ ہُند نشانہٕ۔

مدٕ فذمٔول۔ ہٕرِیمانٕ۔ تہٕ ییٚمُنٛک۔ نہٕ ہرگز نہٕ نموور وٚرتھ آسہِ۔

مدِ نظر۔ یہ اُچھن برٛونٛہہ کنہٕ آسہِ۔ یہ اچھین تل آسہِ۔ یہ درٛینٛٹھان آسہِ۔ یہ ویٚود آسہِ۔ یہ خیالس تل آسہِ۔

مدح ۔ [م۔ مؤل ؛ مدح < ع : مدح ]۔ تأریف ، استوتھ۔

مدح خأنی ۔ تأریف کرٕنی ۔ گون گیوٕنی۔

مدد ۔ مدتھ ۔ [ن۔ مؤل ؛ مدد < ع : مدد ]۔ اتھ روٚٹ ۔ یلژُن ، اکار بکارٕ یُن)۔

مدد دیُن ۔ مدد کرُن ۔ یلژُن ، بکار یُن اتھ روٚٹ کرُن ۔

مَدگار ۔ پَلنٛزن وول ۔ یُس اَکار یکار ییہِ یا اَتھ رَٹ کرِ۔

مَدکھ ۔ [ن ۔ مۆل : مدک > س : مادَکہ]۔ اَفیمِ رَلاوِتھ پانہٕ وتھرن بنٛدوٗمت اَکھ نَشہِ دار جوہر ۔ یہ چھُ چرِس کو پاٹھی چِنہٕ یِوان ۔

مَدَم / مَدہم ۔ [ن ۔ مۆل : مَدم / مَدہم > لا : مَدہم > س : مَدھیَمہ]۔ سیتار چالہِ اَکھ ساز۔

مَداح ۔ [مۆل : مَداح > ع : مداح]۔ گُن گوَن وول ۔ اَستُتھ کرن وول ۔ تاریف کرن وول ۔

مَدار ۔ [ن ۔ مۆل : مَدار > ع : مَدار]۔ ۱۔ گرزہٕ ہند اَکھ مَثال ۔ سہ دٲیرہ یتھ یَتھ اَندی اَندی گرٛہہ پھیران چھُ۔ ۲۔ دار مدار ۔ وسا۔

مَدار آسُن ۔ وسا آسُن ۔ پھسر آسُن ۔

مُدار ۔ [ن ۔ مۆل : مدار > ف : مدارات > ع : مداراۃ]۔ مَٹھ مٹھ، دِلاسہ۔

مُدار کرُن ۔ مٹھ مٹھ دِیُن ، دِلاسہ دِیُن ۔ تسلا دِیُن ۔

مَدٔری ۔ [مۆل : مدری > س : مدرِیہ می]۔ نشہِ یُس مَدم (ساز) وایُن ترٛکان آسہِ ۔ یُس مَدم وایہِ ۔

مَداری ۔ [مۆل : مداری > س : مداری]۔ بازگر تماشہ ہاوَن وول ۔

مَدُن [ن ۔ مۆل : مدن > س : مَدنہ]۔ ۱۔ کامہ دیو ۔ ۲۔ تہ دپتھ گو خوش پوٗن پٕشکیل ماشوق ۔ سہ یُس نہٕ بڑے آسہِ تہٕ یس نہٕ گڈن گیوٗزر۔

مدنوار ۔ دِلبر ۔ ماشوق ۔ یُس پیٹھ دِل لوگمُت آسہِ ۔

مَدٕنی ۔ خوشبوٗ تہٕ آری منٛز دِزنی ) سون یوسہِ دِل متہہ زنہِ ۔ نازنین ۔

مَدیان ۔ [ن ۔ مۆل : مدیان > س : مدھیانہ]۔ منٛدٕریُن منٛز دزہ ۔ دُپہرٕ کہ دق ۔ مَدیان وچھین ۔ جوتشس اَندر وق گنٛزراونہ باپتھ منٛز دُہک وقت گنٛزرُن یا معیاری وق وچھن ۔

مَدرسہ ۔ [ن ۔ مۆل : مدرس > ع : مدرسۃ]۔ سبق پراٹھہ بال ۔ سُہ جاے یتہِ شُر جنٛز پرِاونہٕ آسن یوان ۔ سکوٗل ۔

مَدرسس لڑکہ ۔ سُہ شُر یُس سکوٗلس اَندر پران آسہِ ۔

مُدفَن ۔ [ن ۔ مؤل : مدفن < ع : مدفن ] ۔ قبر ، یتھ نِش کانْہہ دفن آسہِ ۔ وُڈرا دِنہٕ جاے ۔

مَدکی ۔ [ مؤل : مارکی < س : مادوگری ] ۔ یُس مُدرک نشہِ کران آسہِ ۔

مَدنی ۔ [ مؤل : مدنی < ع : مدن ای ] ۔ ۱۔ مدینک ۔ مدینہٕ زامُت ۔ مدینہٕ پیٹھہٕ آمُت ۲۔ اکھ کرام ۔

مَدہوش ۔ [ مؤل : مدہوش < ع : مدہوش ] ۔ ۱۔ مست ۔ نشس منز ۲۔ بے ہوش ۔

مدہوشی ۔ مستی ۔ نشہِ ۔ خُمار ۔

مڈگاڈ ۔ [ن ۔ مؤل : مڈگاڈ < انگ : مڈگارڈ MUD-GUARD ] ۔ ساۓ بیسکلک ۔ یا گاڑِ بیترِ ہُند سُہ حِصہٕ یُس پہیس پیٹھ لاگنہٕ آسان چھُ تہٕ رٔب بینہٕ رُکاوان چھُ ۔

مُذاق ۔ [ن ۔ مؤل : مذاق < ع : مذاق ] ۔ ۱۔ ٹھٹھ ، مخول ۔ ۲۔ کھبارہ ۔ اپٕنہٕ تُسلا ۔ ۳۔ بِہر ۔ ۴۔ ییہٕ تہٕ اَچھِ یُن لایق آسہِ ۔ ۵۔ (علمی ادبی) ذوق ۔

مَذاق کرُن ۔ ۱۔ مخول کرُن ، مُسرادُن ۔ ۲۔ تیتھ کینہہ کرُن یا دیُن یہ ٹھٹھس برابر آسہِ ۔ ۳۔ بے قدری کرٕنی ۔ پرواے نہٕ کرُن ۔

مَذاق گرٛھن ۔ ۱۔ موقوسی گرٛھنہٕ یہ وۄہید آسہِ تہٕ نہٕ بٔنُن ۔ ۲۔ بلی یتھ پننی پالنس کیاہتام بوزُن ییُن ۔

مَذاقی ۔ [ مؤل : مذاقی < ع : مذاق + ی ] ۔ ٹھٹھ باز ۔ مذاق کرن وول ، ٹھٹھ مسخری کرن وول ، مُسراوَن وول ۔

مَذکوری ۔ [ مؤل : مذکور < ع : مذکورہ + ی ] ۔ عدالتک سُہ ملازم یُس سمنَن بیترِ تامیل کرناوان چھُ ۔

مَذہَب ۔ [ن ۔ مؤل : مذہب < ع : مذہب ] ۔ دین ۔ مت ۔ دَرم ۔

مَذہَب پالُن ۔ دِینس پیٹھ پکُن ۔ دینہٕ چہ کامہِ کرٕنہٕ ۔ نیکی کرٕنی ۔

مَذہَب دار ۔ مذہب زانَن وول ۔ مذہب پالَن وول ۔

مَذہَبی ۔ [ < ع : مذہب + ی ] ۔ ۱۔ مذہبک ۔ مذہبہٕ موجب ۔ یتھ یا یس کُنہہ مذہبس سیتی واٹھ آسہِ ۔ ۲۔ دین دار ۔ ۳۔ سکھ ہندِ اکہ فرقک نٲو ۔

مَذہَر ۔ [ن ۔ مؤل : مذہر < ع : مظہر ] ۔ (اورگہ) دوہ باہ ۔ تباہی ۔ کون ۔ مرچ

مَذہرلَد۔ دہ بازد۔ یُس تیٚالی آشر آسہِ۔
یہ چھ کاٗشُرِ دہ ہوٚ یہ نفرژ پرٛژھُن دِنان۔

مَذہر وُتھُن۔ دہ با دہ تھُن۔ کون ییٚن۔
مُرچ پیٚنہٕ۔

مَذہر ییٚن۔ دہ باییٚن، تیٚالی ییٚنہٕ۔ یہ چھُ
دہ ہوٚ پاٹھو دِنان۔

مَرٕ۱۔ ہ

مَرِپچھیر۔ [ وٕچھو "مَروانہٕ" ]۔ گوڈ کینہٕ کرُن
تہٕ پتہ یہ پھُھنہٕ ہینو کوٚ ٹھیو کرُن۔
کینہٕ باگرَنس کیٚت لوکھ امیہٕ ناوِنی۔

مَر۲۔ [ ‹س : مَٹھ ]۔ ۱۔ علاقہٕ، صوبہٕ۔
زٕمین۔ ۲۔ گرٕ، اول بیٚترِ۔

مَر۳۔ [ ن۔ مؤل : مَر ‹س : مَٹھ ]۔ روزن
جاے۔ ٹھِکانہٕ۔

مَرَس ژوٚنگ دُزُن۔ یِتھ کُن اولاد بیٚترِ
روزُن رِشرٕ مُرِ سہنڈی کِنہٕ گرٕ
آباد روزُن۔

مَراز۔ [ن۔ مؤل : مَراز ‹س : مَڈو راجیہَ ]۔
کٲشیرِ ہُنزِ وآدی ہُند سری نگرِ
ہینورکُن جنوٗبی حِصہٕ، امیُک
برٛٔنٹھیُم ناو چھُ مَڈو راجیہ اوسمُت۔
م : کمراز۔

مُراسلہٕ۔ [ن۔ مؤل : مراسِل ‹ع : مراسلة ]۔
خط پتر۔ چِٹھی۔

مُراقبہٕ۔ [ن۔ مؤل : مراقب ‹ع : مراقبة ]۔
کَلہٕ نوٗمرتھ دِیان (فِکر)۔

مُراقبس بِہُن۔ دِیان کرُن۔ کَلہٕ نوٗمرتھ
وٕظیفہٕ بیٚترِ پرُن۔

مَرٲزی۔ [ مؤل، مَرٲزی ‹ وٕچھو، مَراز ] مَرٲزی۔
یتھ یا یُس مَرازس سیٚتی واٹھ آسہِ۔
مرازٕ دہ پدیو مُت۔

ہ۔ مَرٕ۱۔ [ ‹ع : مرة ]۔ گژھنہٕ ہُند اکھ
پوت لوٚگ۔ ٹگ بگ۔ اُٹھ سٹھ پاٹھو۔
ہلوہ۔ پھِرٕ۔ م : اٹھ مَرٕ، دہٕ مرٕ بیٚترِ۔

مَرٕ۲۔ ہ، مَرمَر۔ [ مؤل : مَر ‹س : مُرٕ + مُرٕ ]۔
۱۔ واریاہن لوٚکن ہُند اکھ اکس
پتہ مرُن اکینہٕ ناگہانی بیمارِ بیٚترِ سببہٕ۔
۲۔ مرنہٕ سر۔ مرنس تیار۔

مُرمُر۔ مُرنگ بیہ۔ (کاٗنہٕ) مرنس
کُن ہوومُت آسُن۔

مُرمُر اژُن۔ مرنس کُن ناوُن۔ مُرنگ
بیہ اژُن۔

مُرمُر گژھُن۔ مرُن۔ مُرتھ گژھُن۔
مُرمُر لگُن۔ مرنس کُن ناوُن، مرنس واتُن۔

مَرنہٕ سَر آسُن۔

**مَرد۔** [ن۔ مٔول، مَرد < ف، مرد]۔ ۱۔ مُہنیُو، زَوٗن۔ مَنُش۔ ۲۔ بُہودُر، دِلیر۔

**مَردبَنُن۔** جُرَتھ ہاوُن۔ حوصلہٕ تھوُن۔

**مَرد لاگُن۔** حوصلہٕ کَرُن۔ ہِمَتھ کَرٕنۍ۔

**مَردِ خُدا۔** بُزرگ۔ دَرویش۔

**مَردِ کامِل۔** کمالس ووتمُت (بُزرگ)۔ کامِل اِنسان۔ پرٛتھ رَنگہٕ پوختہ تہٕ باصلاحِیَتھ مُہنیُو یُس نہٕ کُنہِ رَنگہٕ نہٕ کَمی آسہِ۔

**مَردِ مَیدان۔** بُہودُر۔ بَلہٕ وٕہر۔

**مَردِ مُجاہِد۔** بُہودُر۔ ننڈر۔

**مَردِ مومِن۔** ایماندار مُہنیُو۔ پزِ پور مُسلمان۔

**مَردٕ زَن۔** مَرد تہٕ زَنانہٕ تہٕ۔ زٕ زُکھیو زَنہٕ تہٕ دٕ بیتھ گوسارٛی، پرٛتھ کانٛہہ۔

**مَردٕ مُہنیُو۔** وُچھو "مَرد"۔

**مَرٕژ۔** [ن۔ مٔول؛ مَرٕژ < س: مَرِچ]۔ اَکھ قِسمُک خوشبوٗدار تہٕ مَزٕ تلہٕ ٹیوٗٹھ دانہٕ یُس اَکس کُلِس نیران چھُ۔

**مَرٕژ زاپُن۔** ژکہٕ مَنٛز سخ کَرکہٕ دِنہٕ، پھوشنہٕ سیٹھاہ شورِ محشر تُلُن۔

**مَرٕژ مَتھُن۔** پھوشنہٕ سیٹھا پان پرٛزٕنُن۔ کَرکہٕ ناد بیتر لاگُن۔ شرارتس مَنٛز شور تُلُن۔ مُ، مینٛژ مَتھنۍ۔

**مَرٕژ پوٗنٛد۔** تکبُر۔ کِبر۔ گمنڈ۔ نَشہٕ۔

**مَرٕژ پوٗنٛدٕ تراونہٕ۔** پھوٗکُن۔ دَبدبہٕ ہاوُن۔ نَشہٕ ژھٹُن (بانٛس کھوتہٕ کَم پایَن پیٹھ)

**مَرٕژ پھلِس سوٗمب۔** سیٹھاہ لوکُٹ پیوٗنت۔

**مَرٕژ پھوٗل۔** (وَرگہٕ) تیز مِزاز۔ وٕژل۔

**مَرٕژ ٹینٛچھ۔** (وَرگہٕ) تیہہ۔ شرارتہٕ سیتی یا عادتہٕ کِنہٕ مومولی کتھن بیتر پیٹھ وُتھی وُتھی گرٕژھنچ حالتھ یا عمل۔

**مَرٕژ گاسہٕ۔** اَکھ وُہنۍ گاسہٕ ذاتھ یتھ مَرژہٕ مُشکھ آسان چھُ، یہٕ چھُ میٹھاہ داد ِس دَوا لگان۔

**مَرٕژ گوسوٗنۍ۔** (وَرگہٕ) تیز طبیعتہٕ۔ توٗہ تُلُن شُر۔

**مَرٕژ چھٕ نہٕ نابَد کُنہٕ ڈلِھ آسنہٕ۔** ساری گذار آسُن۔ کُنہِ رَنگہٕ نہٕ کانٛہہ دِتھ آسُن۔ پرٛتھ کانٛہہ چیز اُتھل گُتھل آسُن۔ دیار پینٛٹھو گامتی آسُن۔

**مَرَض۔** [ن۔ مٔول: مَرَض < ع: مرض]۔ ۱۔ بیمارۍ۔ دود۔ مَنٛزر۔ ۲۔ ناکارٕ عادتھ۔ ماَل۔ چینٛکی۔ بٔڑاد۔

**مرضہ لد** ۔ ۱۔ یس کانہہ ڈلہٕ بیمارٕ آسہِ۔
یس ڈلہٕ دود آسہِ۔ ا۔

**مرگ ۱** ۔ [ن۔ مؤل : مرگ > ف : مرگ ]۔ ۱۔ موتھ، اجل، قضا۔ ۲۔ کانٛسہٕ ٹاٹھہِ ہندٕ مرنک دۄکھ۔

**مرگ کھرن** ۔ کانٛسہِ ہندِ مرنہٕ سیتیٕ سخ صدمہ سپدن۔ وجارٕ گژھن۔ تباہی گژھنی۔

**مرگ رٹن** ۔ کانٛسہِ ہندٕ مرنک دۄکھ رٹن۔

**مرگہِ مفاجات** ۔ الہٕ فاٛبُن موت۔ ہنگتہٕ منگک موت۔

**مرگہِ لۄنی** ۔ کنہِ گرٕچ سو مٹٕر زنانہٕ ییمہِ (یا لس برٛونہہ) پننہٕ نین واریاہن ٹاٹھین ہندی جنازٕ وچھمتی آسن۔

**مرگہٕ زدٕ مرگ لد** ۔ یس مرگ چھورمت آسہِ۔ یس کانٛسہِ ٹاٹھہٕ سنز دگ آسہِ۔

**مرگہٕ ویوت** ۔ دۄکھ لد۔ سُہ یس کانٛسہٕ ٹاٹھہِ سندِ مرنک سخ دۄکھ آسہِ ووتمُت۔

**مرگہٕ ہوت** ۔ دۄکھ لد۔ سُہ یس کانٛسہٕ ٹاٹھہِ سندِ مرنک سخ دۄکھ آسہِ ووتمُت۔

**مرگ ۲** ۔ [م۔ مؤل : مرگ > س : مارگہ]۔ بالس پیٹھٕ کنہِ سۄتُر گاسہٕ ماٛدان۔ نے۔

**مرم** ۔ [م۔ مؤل : مرم > س : مرمہ ]۔ ۱۔ جسمکہِ کنہِ تانٛک سُہ نوزُک حصہٕ ییتھ کینہہ وکانہہ گژھنہٕ سیتی مرنک خطرٕ آسہِ۔ ۲۔ کنہِ کتھہِ چیزٕ ہند اصلی تہٕ کھٹتھ لمنے۔ کُنگ سارٕ ۳۔ کانٛسہِ ہند اندرٕ ون، اندرونی رازٕ یا اصلی ارادٕ بیترٕ۔

**مرن ۱** [ن۔ مؤل : مر (پراکرت : مڑھ > س : مرشٹہ]۔ (مایہٕ بیترٕ سیتی کینہہ کنہٕ سیتی) چپان کرن یا لاگن۔

**مرن ۲** ۔ [ن۔ مؤل : مر > س : مرنہ]۔ ۱۔ شاہ کھسہِ وس بند سپدنی۔ ییمہِ عالمہٕ گژھن۔ زِندٕ شہٕ گژھن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سخ زور ژٹن، سخ مییچھنہ کرنی ۲۔۱ (کانٛسہٕ پیٹھ) فدا سپدن۔ دِل لگن۔

**مرن گرٕ** ۔ مرنک وق۔ موتک سمے۔

**مرن نینگ** ۔ مرنہٕ برونٛہہ زوکھسنک وق، ییتس کالس زوکھسہٕ یا کانہہ مرنہٕ سرٕ آسہِ۔

**مرن وان** ۔ (کانٛسہِ ہندِ) مرنچ شاوٕ گژھنی یا افواہ پھالٕنی۔

**مرن وان پیٹھ** ۔ (کانٛسہِ ہندِ) مرنچ افواہ یا شاوٕ گژھنی۔

مَرَن وِز۔ مَرنک ژرٕی، موتک عقد۔
مرُون۔ ۱۔ مَرنس ووتمُت، یُس زُو کھسان
آسہِ۔ ۲۔ سخ عليل۔ گُزرِ ژومُت۔
مَرہاتہ گرِکُس تھاوُن۔ تہِ گو انسانس چھہِ
شرٕ پن، باقئن ہنزِ کنی تیتر ذِمہ داری
کلس پیٹھ آسان زِ مرِنہِ کِس دمس
تام تہِ چھس نہٕ تمن ہنز فکر تراوان۔
مَرُن چھُہ۔ یہِ چھہِ تمہِ وزِ وَنان ییلہِ کانٛہہ کُنہِ
کتھِ ہنزٕ باوتھ کرنس مجبور گژھہِ۔
تہِ ڈیٹھ گو؛ پُوزنے وَنہٕ تہِ دوٚیمس
عالمس منز چھُم جواب دیُن۔
مَرُن زانُن۔ موت ژیتس تھاوِتھ رٕژ دِتہِ
پکُن۔ گو نہٕ ہک ثواک خیال تھوٚوتھ
کینہہ کرُن۔ کُنہِ کامہِ بیتر منز مساوی
نہٕ زانُن۔
مَرُن زیُون۔ دوکھ نہٕ شادی۔
مَرُن زیُون بدسنہٕ خوٚدا۔ تہِ ڈیٹھ گو؛
مرنس ننٛز ہِنس اندر چھنہٕ انسانس
کانٛہہ بختیار۔ یہِ چھہِ خودایہ سِے تام۔
مَرُن ماشوتھ۔ وُچھِو "مَرُن مُشرِتھ"۔
مَرُن مُشرِتھ۔ ۱۔ مرُن مُشرِتھ یا مَرنک
خیال تروٚاوِتھ۔ ۲۔ (دُرگہِ پاٹھی) کانٛہہ کام
کار تمہِ اتمانہٕ کرُن زَنتہِ انسانس مَرنُے
چھُہ نہٕ۔ بے پروا پاٹھی کینہہ کرُن۔
گو نہٕ ہک ثواک خیال تھوٚنے کینہہ کرُن۔
مَرُن مُشرِتھ بیہُن۔ ۱۔ فکرِ ذِکرِ روٚس آسُن۔
دوکھَن بیترِ نہٕ زیٛادِ سنٛتُن۔ ۲۔ تمِتھ
پاٹھی دُنی یا ہس لور روزُن زَن نہٕ مَرنُے
آسہِ۔
مَرُن مُشرُن۔ ۱۔ موتک یا مَرنک نہٕ کانٛہہ
خیال تھوُن۔ ۲۔ (دُرگہِ پاٹھی) کینٛہہ
نہٕ پرواہی کرُن تہِ پننِس کامہِ کارس
سیٛتی مشغول روزُن۔
مَرنس نہٕ فرصت آسنۍ۔ کُنہِ کامہِ اندر سخ
آوُر آسُن۔
مَرنس نہٕ وار آسُن۔ سیٹھا بڈ ذِمہ داری
کلس پیٹھ آسنۍ۔
مَرِنہِ پیُون۔ ۱۔ (کُنہِ مُصیبتہِ مُوجب) ا۔
سیٹھا سختی گژھنۍ۔ بُرحالتھ گژھنۍ۔
۲۔ (خوفہِ کنی) لاچار گژھُن۔
مَرِنہِ سُر۔ مَرنس تیار •
مَرِنہِ کِس دمس تام۔ یوٚت تام مَرُن واتہِ۔
ییلہِ سانہٕ مر۔ سارِ وانسہِ۔ عُمر
دُران۔ ہمیشہ۔

مَرنِنۍ دیاَنۍ۔ موتنِنۍ نٹھ۔ مَرنچ پریشانی۔

مَرنِنۍ زھرٹھ۔ ۱۔ موتنہٕ نٹہِ وِد تَل بُجہِ گرنہٕ ۲۔ (اُدرِگہٕ پاٹھۍ) مُصیبتَس منٛز پھسیتھ پنٛدۍ زُرنگ۔

مَرنِنۍ کبرٕن۔ ۱۔ سکو کبرٕن۔ ۲۔ ٹاٹھنیارِ کنی تیٚنز شُرِس بلاے دوٗر کرنہٕ باپتھ دِنان۔

مُرتبہٕ۔ [س، مرتوٗا]۔ مَرنہٕ پتہٕ۔ بیٚیہِ عالمہٕ گژھتھ یا گزرنہٕ پتہٕ۔

مُرتھ گژھُن۔ مرُن، گزرُن۔

مُرتھ مرتبہٕ۔ زِنٛدہ زُوس مازنہٕ بدل مَرنہٕ پتہٕ ہدکھارُن۔ مَرنہٕ پتہٕ کانٛسہٕ ہُنٛد بجر تہٕ ہیاُن۔ مَرنہٕ پتہٕ کانٛسہٕ یزتھ افزائی کرٕنۍ۔

مُرتھ مرتبہٕ ہُرُن۔ (کانٛفہٕ) زِنٛدس نہٕ پُرژھُن امایوز مَرنہٕ پتہٕ کہام کھارُن۔ مَرنہٕ پتہٕ کانٛسہٕ ہُنٛد بجر تہٕ بکُن۔ یہ چھِ تمہٕ ساتہٕ دِنان ییٚلہِ کانٛسہٕ بنہٕ زِندگی منٛز رنٛگہٕ رنٛگہٕ موحتاج آسہٕ رُود مُت امایوز ییٚلہِ مَرِ ییٚلہِ کرِتس گجہ گاہ ——

م: زِنٛدس نہٕ سوٗر ساس مُرتھ اطلاس۔

مُرتھ یُن۔ مَرِنَس واتتھ تہٕ بیٚیہِ پھیرُن۔ کُنہِ سخ داد یا حادثہٕ بیتر کلہِ بچُن۔

مُرنۍ باگہٕ۔ مَرنچہِ علاماژ۔ موتنۍ آثار۔

مُرنۍ باگہٕ ہیٚنۍ۔ مَرنکۍ نِشانہٕ پادہٕ گژھنۍ۔ مَرنچہِ علاماژ ظاہر گژھنہٕ۔ موتنۍ آثار آسنۍ (وِدہ ہو بُرژھی تہٕ دِیان)۔

مُرنۍ دراہ / مُرنۍ وِداٰنۍ۔ یایہِ کینٛشہِ ھب بنہٕ کرِیا کرمہٕ باپتھ پتہٕ کُنۍ تھوونہٕ ییہ۔

مُرنۍ نیٚنگ۔ مَرنچ وِز۔ مَرنک ساتھ۔

مُرنۍ نیٚنگن۔ مرُن وِزِ۔ ہران ترٛاون وِزِ۔

مُرنۍ وان۔ (کانٛسہٕ ہُنٛدِ) مَرنچ افواہ یا شاوے۔

مُرنۍ وان پیٚنۍ۔ (کانٛسہٕ ہُنٛدۍ) مَرنچ شاوے گژھنۍ یا افواہ پھالنۍ۔

مُرنۍ وِناٰنۍ۔ اَخراجاتھ بیتر یُس کرمہٕ باپتھ سمبالتھ تھوونہٕ ییٚن۔

مُرنۍ وونۍ۔ ۱۔ تُہ آب یُس چنہٕ مُردس۔

م: اَمی کیاہ مُرنۍ وونۍ چھُنہٕ چومُت۔

۲۔ (اُدرِگہٕ) مَرنک بہانہٕ۔ موتک زر۔

مُرنۍ وونۍ چومُت آسُن۔ بلہٕ موتک زر آسُن۔

مُرۍ مُرۍ۔ بڈ مُشکلن۔ زور زارِ۔ م: مُرۍ مُرۍ دژا یہٕ تَس کو بجو تَس کُل ترٛئے رِد پییہ۔

مُرۍ مُرۍ رُزُن۔ سیٹھاہ مُشکلہِ سان زِندگی

گزارنی۔ وائنسہ اندر سیٹھاہ مُشکلاتھ پیئنی یا بیمارین اندر گہیر گژھن۔

**مُری مُری یُن** ۔ ۱۔ واریاہ لٹہ مرنہ سرا آسنہ تہ بچُن۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) بیتہ پیٹھہ نہ کانہہ وہ مبدےے آسہ تتہ پھیرتھ یُن۔ مُشکلو منز بچتھ نیرُن۔

**مَرُون** ۔ [ن۔ مؤل: مَرُون < انگ: مرون: MAROON]۔ مولہ رنگ۔

**مُرید** ۔ [ن۔ مؤل: مُرید < س: مژدا] چونہ۔

**مُرید رِکھ / مُری دِ رِکھ** ۔ ۱۔ حدبندی باپتھ تراونہ چونہ رِکھ۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) جاپہ لِنہ ہلنس ڈلنس ٹھاکھ رِحصار۔

**مَریضہ** ۔ [ن۔ مؤل: مَریض < ع: مرض] مرضہ مانند، عادتِ بد۔

**مَرتبانہ، مَرتابانہ** ۔ [ن۔ مؤل: مَرتبان، مُرتابان < ف: مرتبان۔ م: س: مرت + بھانڈ] میٹھو یا چینو روغن دار اکھ خاص قسمُک بانہ۔

**مَرتبہ** ۔ [ن۔ مؤل: مَرتب < ع: مرتب رتبہ کہ]۔ تھزرُک یا سبجرُک پود درجہ، ہُدہ۔

**مَرتبہ کھارُن** ۔ ۱۔ ہُدہ کھارُن، درجہ بڈراوُن۔ مُخرجہ کھارُن۔ کمام کھارُن۔ چالی کھارُنی۔

**مَرتہلوکھ** ۔ [ن۔ مؤل: مَرتہلوک < س: مرتیہ لوک]۔ دُنیاے فانی۔

**مَرثیہ** ۔ [مُرثیہ < ع: مرثیة]۔ شایری ہُند اکھ صِنف۔ یُس باتھ یتھ منز کانسہ ہُندِ مرُنک یا شہادتُک بیان آسہ۔ خاص کرِتھ یُس نظم یتھ منز کربلاکہن شہیدن ہند شہادتک واقہ درج آسن۔ ماتم۔ ماتمس پیٹھ دِنہ ینہ والو وبداکھ۔

**مَرثیہ خٲنی** ۔ مرثیہ پرُن۔

**مَرثی** ۔ وُچھو "مرثیہ"۔

**مَرثی کرٕنی** ۔ ماتم کرُن۔ دوکھ ہیون۔

**مَرحبا** ۔ [ع: مَرحبا]۔ شاباش۔ یہ چھہ تمہ وزِ ونان ییلہ کانہہ کانسہ ہُندِ گوکُنہ کرِ۔

**مَرحلہ** ۔ [ن۔ مؤل: مَرحل < ع: مَرحلة] کانہہ کرُوٹھ سفر۔ کریٹھ کام، مُشکل، دُشواری۔

**مَرحلہ پیون، یُن** ۔ کانہہ کریٹھ کام پیئنی، دُشواری ییئنی۔

**مرحوم** ۔ [مؤل: مرحوم < ع: مرحوم]۔ جنتی۔

سوٗرگہٕ واسیٚ۔

مَردانہٕ۔ [ < ف: مردانہ ]۔ ۱۔ مَردَن ہُنٛدٕ، مَردَن لایَق۔ ۲۔ بہوٗدُرن سُنٛدٕ پاٹھۍ۔

مَردانہٕ وار۔ مَردَن ہنٛدی پاٹھۍ۔ بہوٗدُر پاٹھۍ نِڈر پاٹھۍ۔

مَردانگی۔ [ < ف: مردانگی ]۔ ۱۔ مَردیٖتھ، مَردس جِنسی حِس آسُن یا سوٗر آسُن۔ ۲۔ بہوٗدُری، دِلیری۔

مَرداوُن۔ [ ن۔ مٔول: مرداوِ < س: مَردَنہ ]۔ ۱۔ پھش دیُن، کینہٕ مَلُن، مَتھُن، نرماوُن۔ ۲۔ گسہٕ اَنُن (بانہٕ بیترٕ)۔ رِنراوُن (اکلہٕ بیترٕ)۔

مَرداونہٕ یُن۔ پھش گژھُن، وَہساونہٕ یُن (پھیپھر بیترٕ نیک مونکھ)۔

مَردِ بیتھ۔ [ م۔ مٔول: مَردیت < ف: مرد ]۔ وُچھِو "مردانگی"۔

مَردی۔ [ م۔ مٔول: مردی < ف: مردی ]۔ ۱۔ مَرد آسُن یا مَرد آسنُک طاقتھ۔ ۲۔ بہوٗدُری۔ دِلیری۔

مَرُدم۔ [ ن۔ مٔول۔ مَرُدم < ف: مَرُدم ]۔ عام لۆکھ۔ اِنسان۔

مَرُدم آزٲری۔ لۆکَن تَکلیف دیُن۔ لۆکھ سَتاوُنۍ، تنگ کَرُنۍ۔

مَرُدم شناس۔ اِنسان پرچھانَن وول۔ رُت تہٕ بُد اِنسان پرچھانَن وول۔

مَرُدم شُماری۔ لۆکہٕ گنزرُن۔

مَرُدُن۔ [ ن۔ مٔول: مَرد < س: مَردَنہ ] مَلُن، مَتھُن۔ گنٛڈِنٛگ پھش پھش دیُن۔

مَردوٗد۔ [ مٔول: مَردوٗد < ع: مردود ]۔ ۱۔ یہ رَد کَرنہٕ آمُت آسہِ۔ تروومُت، ترٛاونہٕ آمُت۔ ۲۔ ناکارٕ، ذلیل۔

مَرٕژِ پیپنۍ۔ [ م۔ مٔول: مَرٕژِ پیپنۍ < س: مَرِچ + پیپ پیپ آوازِ پیپھڑ ]۔ ۱۔ گاٹری شکلِ اکہٕ قسمٕچ کنزرِ وسیٹی۔ ۲۔ اکہٕ قسمُک گنٛڈن تماشہِ یُس نژناونہٕ یوان چھُ۔ اکہٕ قسمٕچ برٕ بتہٕنۍ۔ ۳۔ سو یُس نہٕ اکِس جایہِ قرار آسہِ۔ جایہِ جایہِ پھیرن واجینۍ۔

مرٕژِنۍ ۱۔ [ م۔ مٔول: مَرٕژ < س: مَرِچ ] پھوپھنۍ۔ ژرنۍ۔ ژکھ آسنۍ۔ پھپھنۍ۔

مَرٕژِنۍ ۲۔ واٹر کرُس۔

مَرٕژِ وانگُن۔ [ ن۔ مٔول: مَرٕژِ وانگُن < س: مَرِچہ + واٹنگنہٕ ]۔ ۱۔ زیٚچھِ گوژِ شکلِ اکہٕ خاص کَلیٚنگ پھل یُس سبزی تہٕ چینٛٹنۍ بیترٕ ٹینٛچھر بناوتھ نژاوان چھِ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) تیز طبیعت وول۔ ترٛوٗش مِزاجِ وول۔

مَرژٕ وانگَن قورمہٕ۔ مَرژٕ وانگَو، شیٖرِس پیٖٹھ تیار کوٚرمُت اکھ سیٖن۔
مَرژٕ وانگَن لگٕنۍ۔ ۱۔ کانٛہہ کتھ بیٚترٕ ناگوار گژھٕنۍ۔ بَرداش نہٕ گرٕن۔ ۲۔ اَکِس جایہِ نہٕ قرار لگُن۔
مَرضی۔ [م۔ مٔول: مرضی < ع: مَرضی]۔ کٲنٛسہِ گرٕنس یا دِلس اندر کانٛسہِ ہٕنٛز پلنٛتی راے۔ خوٚشی۔ رضا۔
مَرضی آسٕنۍ۔ خوٚشی آسٕنۍ۔ کُنہِ کتھہِ پیٹھ راضی آسُن۔
مَرضہٕ۔ [ن۔ مٔول: مرض < ع: مرض]۔ وُچھو "مرض"۔
مَرضہٕ دِلو۔ عادتِ بد۔ عاٲبِ بد۔
مَرضہٕ لاگُن۔ عادتہِ بد لاگُن۔ ناکار ہٕل گژھٕنۍ۔
مَرغولہٕ۔ [ن۔ مٔول: مَرغول < ف: مَرغولہ]۔ پیٚچھ، پیچہٕ لاٹھ۔
مَرغولہٕ پھیرٕنۍ۔ پیٚچھ دِنۍ، مرڈٕ دِنۍ۔ (دٲرِگہ یا ٹھاکھ کیٚنہہ دِلس گرٕنس نہٕ دوندٕ دِنُن یا ژھرٕ گژھ لگٕنۍ۔)
مَرکبان۔ [ن۔ مٔول: مَرکبان < ع: مرکبتا]۔ ٹنٛڈٕ دول۔ گرٕن کھرٕن بیٚترٕ پیٹھ بور

سارٕن دول۔
مَرکز۔ [ن۔ مٔول: مَرکز < ع: مرکز]۔ ۱۔ (دایرٕک بیٚترٕ) مٔنٛز یُم نقطہٕ۔ ۲۔ سٕتے مٔنٛز۔ ۳۔ مَیدر مُقام۔ سُہ عَلاقہٕ یا جاے یوٚت تٕس پَرتھ طرفٕکۍ لوکھ واتان آسَن۔ ۴۔ سمن بل۔
مرکزی۔ سٕتے مٔنٛزٕک۔ مٔنٛز ہانٛگ۔
مَرگزار، مَل گُزار۔ [ن۔ مٔول: مرگزار، مَل گزار < س/ف: مر+ف: گُزار۔ یہ لفظ چھُنہٕ مُرغ زار]۔ قبرستان، سُہ جاے یتہِ مورٕدن ڈٔرٕ اون۔
مرگزارٕ پیٹھی آمٕت آسُن۔ لوٚدٕ ہابڈٕ آسُن۔ رٕدوٕمُت ہیٚدٕ آسُن۔
مَرمُتھ۔ [ن۔ مٔول: مَرمَت < ع: مرمتہ]۔ ۱۔ پرٛسیدٕ گومُت، پھُٹمُت یا گیہٕ آمُت کیٚنہہ شیٖرٕن سٕنبالُن۔ ۲۔ (دِرگہٕ) لاین، چوب، شلکھ۔
مَرمَر۔ [ن۔ مٔول: مَرمَر < ف: مَرمَر]۔ اکھ خاص قٕسمٕچ پلٕنٛز کٔنۍ۔
مَرمہٕ۔ [ن۔ مٔول: مَرم < س: مَرمَ]۔ وُچھو "مَرم"۔
مَرنانٔت۔ [ن۔ مٔول: مَرنانت < س: مَرنانتہ]۔

مَرن گر، اَنتہٕ سمے، آخری وَق۔

**مُرنانٹھ۔** [ن۔ مٔول ؛ مَرنات < س : مَرنانٹھ]۔ وُچھو "مَرنانٹ"۔

**مَرنانٹھس تام۔** مَرن وُقتس تام۔ آنہس تام۔

**مُروان۔** [ن۔ مٔول ؛ مُروان < س : مَر+ وانی] کُنہِ اندیشہٕ کِنہ آئت بٮ۪اکھ خیال۔

**مُروانُن پھیٖر / مروانُن پھیور۔** تیٖتھ کوٚفیل یٮ۪تھ سیتی فتنہٕ ووتھہِ۔

**مروانُن پھیوٚر ترٛاوُن۔** فتنہٕ تُلُن۔ پھنٛڈی تُلنی۔

**مَروانہٕ۔** [ن۔ مٔول ؛ مُروان]۔ کُنہِ خاص وِزِ ہِنز کامہٕ پٔژھی اَندرٕ ژیم کانٛہہ وُلٹہٕ خیال۔ بیٖچھ۔ کوٚڈر۔

**مروانہٕ پھیرُن۔** ۱۔ نیت بدلنی۔ ۲۔ فتنس کُن ہاوُن۔

**مُراہم۔** [ن۔ مٔول ؛ مَراہم < ف : مَراہم]۔ ٹہلامہٕ چھوکَس بیتر مَنتھنک دَوا۔

**مَرہٹی۔** [ن/م۔ مٔول، مرہٹی < س: مہاراشٹری]۔ مہاراشٹرٕ کی روزَن والی۔ ہندوستانٕچ ہنز اکھ ذاتھ۔

**مَریَم۔** [م۔ مٔول ؛ مَریَم < ع : مَریَم]۔ حضرت عیسیٰ ہنٛزِ ماجہ ہُند ناو۔

**مَزگ / مرگ۔** [ن۔ مٔول ؛ مَرگ < س : مرگہ]۔ ہانگُل۔ رُوٗس۔

**مَرگہٕ شُور ۔۔۔** جوتشس مَنٛز پنٛژہِ نٮ۪چھترٕ مرک ناو۔ اکھ ساتھ۔

**مَزار۔** [ن۔ مٔول ؛ مزار < ع : مزار]۔ موٚردٕ ڈٔڈراو ینٛچ جاے۔ قبرستان۔ گوٚربَل۔

**مزارس آژُن۔** ۱۔ مَرُن۔ ڈٔڈراونہٕ یُن۔ ۲۔ قَسَم درٕ کرنہٕ۔ ۳۔ ہمتھ کِنہ ژھیپھ دِنی۔

**مزاربَل۔** قبرستان۔ سوٚ جاے یتہٕ موٚردٕ ڈٔڈراونہٕ آسن یوان۔ گورٕبَل۔

**مَزاربَل تام ہزار بلایہٕ۔** تہٕ ڈٔیتھ گوٚ مَرنَس تام چھُ سیٹھا بِن مُشکِلن مُقابلہٕ پٮ۪وان کَرُن۔ مُصیبتھ چھنہٕ زانٛہہ تہٕ ژلان۔

**مُزاربَل واتہٕ ناوُن۔** دَفن کَرُن۔ ڈٔڈراوُن۔

**مَزار پوشس۔** سوٚسن پوش۔ اکھ پوشہٕ ذاتھ یوسہٕ یُتہٕ پاٹھی مَزارن پٮ۪ٹھ رُونہٕ یِوان چھےٚ۔

**مَزار ٹیٚنگ۔** سُہ مقبرٕ یُس وِڈُر پٮ۪ٹھ آسہٕ۔ دوٚگُن مَزار۔

**مَزار رَٹُن۔** ۱۔ مَرُن۔ یٮ۪تھہٕ دُنیا گژھُن۔

مَزار شکھدر۔ ۱۔ مَزار روچھ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) ووکھ تہٕ پھیٚپھِل انسان۔
مَزار گۄژھُن۔ قبر گژھٕنۍ، مَرُن۔ یہِ چھُ ووٚہو تہٕ۔
مَزار موشہِ۔ سوسن موشہِ۔
مَزآرۍ پیٚنٹھ آمُت۔ رووُمُت ہیوٚہ۔ بولہِ گومُت۔

مَزآرۍ۔ [ن/م۔ مٔول: مَزآرۍ (ع: مزار+ی]۔ ۱۔ مَزارس نَظر گُزر تھوَن وول۔ ۲۔ مَزارِ طَرفُک۔ ۳۔ مَزارس اَندۍ پکھو روزن وول۔

مَز۔ [ن۔ مٔول: مَز (ف: مزہ]۔ ۱۔ چیٖزن ہُنٛز سو خوصوٗصیتھ یِمہٕ سۭتۍ تِہُنٛد سپدِ سواد۔ (اَنٛہر، ترٛوکیر، ٹینیچھر تہٕ میٚٹھر) لُطف۔ آنٛند۔
مَزس مَنٛز۔ لُطفہٕ سان۔ کُنہِ فکرِ ذکرِ ورٲے عآشہٕ سان۔
مَز اَژُن۔ چشکہٕ اَژُن۔ پیدٕ اَژُن۔
مَز تُلُن۔ حَض تُلُن۔ لُطف تُلُن۔
مَز دار۔ یِمہٕ سۭتۍ لُطف یِیہِ۔ یُس کھینہٕ سۭتۍ سواد یِیہِ۔ میوٚٹھ۔ یَتھ مَز یِیہِ۔
مَز اوُن۔ تیُتھ کینٛہہ گژھُن یِمہٕ سۭتۍ تہٕ بڑو ونٹھیٖم ہیوٚہ لُطف باسہِ۔
مَز ژھِٹنۍ۔ عآشس گَژھنۍ۔ لُطف تُلُن۔
مَز ژانُن۔ شیٖہر ژانُن۔ پیدٕ ژاہنی۔ ژاپھ ژاہنی۔ کٲنٛسہِ کیٛچ ناآل گَژھنۍ۔
مَز سان۔ بٔٹ پھِرُک پاٹھۍ۔ کُنہِ تکلیفہِ بغیر وَرٲے۔ عآشہٕ سان۔
مَز کَرنۍ۔ ۱۔ عآش کَرنۍ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) تَجرُ کَرنۍ۔ تماشہٕ یا وَرگَرنۍ۔
مَز لگُن۔ رَس لگُن۔ لُطف یُن۔ کینٛہہ وُچھتھ یا کُنٛہ تجربہ کٔرِتھ آنٛندیُن۔
مَز موٚت۔ سُہ یُس مَزس لور آسہِ۔ عآشہٕ موٚت۔
مَز وُچھُن۔ ۱۔ سواد وُچھُن۔ سواد سَرگُرُن۔ ۲۔ عآشہٕ یا پیٚتھ کانٛہہ یا کینٛہہ اَزماوُن۔
مَز ہاوُن۔ بَدلہٕ ہیوٚن۔ آنٛچ ہوُرُن۔
مَز ہیوٚن۔ سواد وُچھُن۔ لُطف تُلُن۔
مَز یُن۔ سوادیُن۔ لُطف یُن۔

مَزیٖٹھ۔ [ن۔ مٔول: مَزیٖٹھ (س: منجِشٹھا]۔ ۱۔ اَکھ قسمُک بوٗٹۍ یا کُل یَتھ رَنٛگ نیران چھُ۔ ۲۔ اَکھ دال ذاتھ۔

مُزر۔ [ن۔ مٔول: مُزر (س: مَتّہ/مُتسَر]۔ مُتہٕ لآز، مُتیٛگی، مُتل، پاگل پَن۔

مَژَر اُن ۔ ۱۔ کانہہ پاگل بناوُن ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھی) اَنہِ تنگ کرُن ، ستاوُن لُن ۔
اَتھ کُتھ تہٕ دِنی ۔

مَژَر تُلُن ۔ جیر اُنُن ، تنگ کرُن ۔

مَژَر لاگُن ۔ ۱۔ آکھتہ مۆت لاگُن ۔ ہُلی مَتی ورکرِنی ۔ ۲۔ ڈامب تراوُن ۔ ڈُٹھے لاگِنی ۔ ۳۔ اَگاد گژھُن ۔

مَژَریُن ۔ ۱۔ مۆت گژھُن ۔ پاگل گژھُن ۔ ۲۔ سخ مال پیُن ۔ ۳۔ سخ پریشان گژھُن ، تنگ بُن ۔

مَژگٹ ۔ [م ۔ مۆل : مژگچھ ، (مژ + س : کٹہ)] ۔ اکھ قسمہِ ترکاری ، یہ چھِ آبس منز سوتھ نلان تہٕ پتہ چھنے رنہٕ لوان ۔

مَژہ لار ۔ [ن ۔ مۆل : مژہ (پراکرت : مچھ < س : متسیہ] ۔ ۱۔ بڈ گاڈ ۔ ۲۔ وشنو سُند گاڈ ریہ اوتار ۔

مَژہ کگر ۔ اکھ گگر ذاتھ یوسہ یژ پاٹھی بگلن منز آسان چھے ۔ دیان چھِ زمین گگرن چھنے یکہہ تہٕ آسان ۔

مَژہ ہٕر ۔ [م ۔ مۆل : مژہ (پراکرت : مچھ] ۔ ہچنکس تہٕ کھوتہٕ ولس درمیان نرمنند جسم ۔

مَژہو اَندرِ خوٗن گژھُن ۔ سخ میز نہ تہٕ کرِنی ۔ زوز ژھُنی ۔

مَژہ کھش دِیُن ۔ پانس پیٹھ زگہ ہیوُن ۔ ژو ہپہ مینی ۔

مَژہ کھش لگُن ۔ پننہِ چنِدِ اندر لوپنس ٹونک ہتر گژھان ہیوُن ۔

مَژہ گر ۔ مژہ گر ۔ گر یوسہ مژس گنڈان چھِ ۔

مَژہ ماز کھیوُن ۔ ۱۔ سخ تکلیف برداشت کرُن ۔ پریشان گژھُن ۔ ۲۔ زبردست بے تاب گژھُن ، سخ بے قرار گژھُن ۔

مَژہ بنڈ ۔ مژہ گنڈنک اکھ زیور ۔

مَژہ زور ۔ ۱۔ طاقت ، بل ۔ ۲۔ (وگر پاٹھی) جُرتھ ، ہمتھ ، جبروتھ ۔

مَژہ ژاپنہ ۔ سخ افسوس کھیوُن ۔ دیُن پیوُن ۔

مَژہ ہ۲ ۔ [م ۔ مۆل : مژہ (پراکرت : مچھ] ۔ ڈگتھ ماز ، گفتہ ۔

مَژہ دال ۔ دال تہٕ مژہ یکہ وٹہ رنتھ اکھ سیُن ۔

مَژہ دوگل ۔ ۱۔ ڈگتھ مازس بنومت گولہ ہیوہ ہار ویوٹھ پوکھ انسان ۔ گولہ ہیوہ شر بامو ہنیو ۔

مژہ گنڈ۔ مژہ وٕہمژ ڈُلام بیٹ ہش، کباب گنڈ۔

مژہ گنڈٕ مس تھوٗن۔ کانہہ چیز بیتر کانسہِ ہنٛد باپتھ بڈ احتیاط سان تھوٗن۔

مژہ موٗنڈ۔ تیلس پیٹھ تیار کرنہٕ آمت مژہ ہنٛد پیر ہیٚوہ۔

مژہ ووٚر۔ گفتس بناوِنہٕ موٗنڈ۔

مژہ ہار [م۔ موٗل، مژہ (پراکرت: مچھ]۔ لالچ، آنپھ، م: مژہ دتھ ناوِ والُن۔

مژہ دِنی۔ لالچ دیٚن، کانسہِ کیٚنہہ آنپھ تھوٗنی۔

مس ہار [ن۔ موٗل، مس (س: مدیہ]۔ مے، شراب۔

مس چاوُن۔ ۱۔ شراب چاوُن ۲۔ (ورگہ) برمراوُن۔ لالچ دیٚن، پانس کُن اَنُن۔

مس چوٚن۔ ۱۔ شراب چوٚن ۲۔ نشہٕ کرُن۔ رکبر گژھُن۔

مس چھوٚر۔ سہ زنانہٕ یس جوانی ہنٛز مستی آسہِ۔ مدہش۔

مس دیٚن۔ کینہہ کرناوِنہٕ باپتھ کانسہِ لالچ دِنی۔ برمراوُن، ترغیب دیٚن۔

مس کھاسی برٕنی۔ پیالن شراب برُن۔ پیالہٕ برداری کرٕنی۔

مس کھاسہِ چشمہٕ۔ سیٚٹھاہ خوبصورتھ تہٕ گوہوٗنہٕ اَچھ۔

مس کھوس۔ شراب چینک بانہٕ، پیالہٕ، پیمانہٕ۔

مس لگُن۔ ۱۔ رس لگُن۔ گرفتار گژھُن۔ ۲۔ مزہ یُن۔

مس ملر۔ [ل۔م۔ شرابہٕ نوٹ]۔ پھٹہٕ پھٹہٕ سرُوِ نہ تہٕ خمار برٕنی۔

مس ووٚنٹھ۔ بوڈ شرابہٕ نوٹ یا مٹھ۔

مس ووٚنچہ پیٹھ بیٚٹھنہٕ۔ شرابہٕ مٹس پیٹھ بیٚنٛدرِ پٚنی، آسنی یا مٚراوُنی۔ (ورگہ) بے پروا پاٹھی روزُن۔ فکر ذکر وراے آسُن۔

مس ہار۔ [ن۔ موٗل، مس (س: مستہٕ]۔ ٹوٗپ۔ انسانہٕ بٚنٛدِ کلکہ وال۔

مس پارسے۔ ۱۔ مس شیر تہٕ پسر تھ تھووٕنچ کام۔ ۲۔ خھریٚنہٕ سزان کرِتھ مس پارِتھ تھوٗنگ ہٕ دیم۔

مس پارُن۔ مس شیٚرِتھ پسرِتھ تھوُن۔ مٚتس کنگنی دِنی تہٕ وانکہٕ بیتر کرٕنی۔

مس رٕ ہمبہٕ۔ سُہ مس ییتھ زٕڈھ کامرٕ آسہِ۔ پالڑنی تہٕ شیرنی مس۔

مس کلہٕ۔ ۱۔ (کلس) واریاہ مس۔ جٹہٕ کلہٕ۔

کَس پیٹھ اَدٕ سر کھوٗ سر مَس آسُن۔
مَس کلٕسے۔ مٕہرا ژس کھاندرٕ کیٚنہٕ دوہ برٛونٹھ
مَس کاسُنک رَسِم۔
مَس کاسُن۔ ۱۔ مُنڈُن کرُن۔ کھوٗرِ بیتر مِستی
مَس ہیٚوٚن یا ہونٛاوُن۔ ۲۔ (ورگرٕ پاٹھی)
کانٛہہ کیٚنہٕ لِشہِ لوٗٹرٕ آوُتہ تھوُن۔
مَس کاس۔ ۱۔ سہ زَنانہٕ یُس کیٚنہٕ اتھرِ موکھ
مَس آسِیکھ کو سمٛت یِہ بےٚ شوٗب
بَدنام تہٕ منحوٗس زَنانہٕ۔
مَس لٹھُر۔ یکہٕ وٚٹہٕ پارِتھ تھوٚوُمُت مَس لوٗٹھ۔
مَس لَنٛگ۔ اوٚیزان مٕتیٚنچ کھیٚش۔ زُلف۔
مَس لوٗٹھ۔ پارِتھ مَتَس بنٛا دیترٕ داٛنٛگھ۔
مَس وال۔ ۱۔ دہٕ ڈُہنٛد وال۔ زُم۔ ۲۔
(ورگرٕ پاٹھی) آوٚیل زایِل شُر۔
مَس۲، مَست۔ [ مؤل: مَس۔ مَست < ف:
مَست ]۔ ۱۔ نَشس مَنز۔ یُس کاف
آسہِ۔ ۲۔ سُہ یُس کیٚنٛہہ تہٕ فِکرا ذِکرا آسِہ۔
مَس قلنٛدَر۔ دوٚمُت درویش۔
مَس گژھُن۔ ساف کھسُن۔ نَشہ کھسُن۔ کیٚنہٕ
کانٛہہ یا تفریحس بیتر پکرٕ پاٹھی سَنُن۔
تژہہ عالَمس گژھُن یتھ اندر نہٕ بیلیہ
کُنہِ تہٕ ہوش رودٕ۔

مَس مَو شیچ بہُن۔ (ورگرٕ) نوت پاٹھی ییٚلہ
ہَسنٛدٕ پن دیارن عاشا کرُن۔
مَس نیٚنٛدر۔ گوٚب نیٚنٛدر۔
مَسَح۔ [ن۔ مؤل: مَسح < ع: مَسَح ] غوسل
یا وٗضو کرنہٕ برٛونٹھ اَدٕ دُر اتھ کیٚنہٕ تہٕ تانٛس
پیٹھ پھرُن۔
مَسَخ۔ [ن۔ مؤل: مَسخ < ع: مَسخ ] شَکل
بگراوٕنۍ۔ شَکل ڈالُنۍ۔
مَسخہِ صورَتھ گژھُن۔ [ ذلالتھ گژھُن۔
خجل گژھُن۔ روٗسیاہ گژھُن۔ مُتعجِب
تمُن گژھُن۔
مَسالہٕ۔ [ن۔ مؤل: مَسال < ع: مصلح ]
۱۔ کانٛہہ چیز بنٛاونکی ضروٗریات۔ سُہ
سامانہٕ ییتہِ بیتر یُس سیتی کانٛہہ چیز بنِہ
نُواد۔ ۲۔ چوٗنہٕ سُرخہ بیتر یُس سِہ لَداوَس
لگہٕ۔ ۳۔ بیٹری ہُنٛد بیتر سُہ خاص
چیز ییُس سیتی تتھ لہر وو نشان چھِہ۔
۴۔ گرم مَصالہٕ۔ ۵۔ سوتھ راز چھا
یا کینٛکھ بیتر۔
مَسالہٕ دگُن۔ کھاندرٕ بیتر یا بیتھ مَسالہ
ژٹینک ووژھب۔
مَسالہٕ کُنی۔ بل، پھِشہ کُنی۔ سو خاص قسمچ کُنی

کھوٚ بنہِ پیٹھ ہتھو بارٕس دار تیزِ راوان چھہ۔

مَسالہٕ کھارُن ۔ مۄنٛڈِس ژٔین تیز راونہٕ باپتھ زیر زیر دِنی (لٹاپہ بینز)۔

مَسالہٕ گوٚر۔ مسأل یُس سوتھ راز مہاتہٕ وٚنِکھ بینٛز کرِنہٕ۔

مَسأل ۔ وچھو "مَسالہٕ گوٚر"۔

مَسام ۔ [مۆل : مسام >ع : مسام]۔ بدنکۍ تِم زِکۍ زِکۍ گَڈرٕ یمو کِنی گرٕم نیران چھہ۔

مَسامَسا ۔ [مۆل ، مَسامَسا > پنجابی : مسا] ۔ کھِوتام کھُوتام۔ بۄڈٕ بڈٕ یم ۔ ٹمی ٹمی ۔ م : مَسا مَسا آسہٕ سُہ اَٹھ وُہر ۔

مَساوات ۔ [مۆل : مساوات] ۔ ہِشَر ، براٰبری ، ہیُوے ہُند ترٛیچ حالتھ۔

مَساوی ۔ [>ع : ساد] ۔ ۱۔ براٰبرے ۲۔ سہَل آسان۔

مَساوی بوزُن ، مَساوی زانُن ۔ [مۆل : مَساوی ] ۔ ہِشی کتھا زانِنی سَہل اَنکاری دَرتاونی۔

مَسایِل ۔ [ن ۔ مۆل : مسایِل >ع : مسایِل] ۔ وچھو "مسلہٕ" ۔ داریاہ مَسلہٕ۔

مَستانہٕ ۔ [ن ۔ مۆل ، مَستان > فہ : مثانہ] ۔ ۱۔ سُہ یُس حقس سیتی لین آسہٕ گومُت ۔ ۲۔ سُہ یُس بہٕ دُنی یاہس لوٚر آسہٕ ۔ ۳۔ عاشقس تہٕ دپان سہ یُس اَنہٕ رِکِنی پننہٕ بلیسے وبو بارٕس سیتی روزان آسہٕ ۔ یُس پنٕنہٕ پانٕک ہوش آسہٕ ۔

مَستانہٕ اَدا ۔ مستی چال ۔ نخرٕ ۔ ناز ۔

مَستانہٕ ل ۔ [م ۔ مۆل ، مَستانہٕ ل > ف : مستانہ + ل] ۔ مَستانہٕ سُند ہیوٚہ طور طریقہٕ ۔ مستانٕ ہنٛز ہِش چال ڈال آسنی ۔ دیوانگی ۔ بےٚ فکری ۔

مَستوٗر ۔ [م ۔ مۆل : مستوٗر >ع : مستورة] ۔ زنانہٕ ۔ پردٕ دار زنانہٕ ۔ م : تھَوٗمن یتھ داغ مَستوٗرے رواچھا ۔

مَستوٗل ۔ [ن ۔ مۆل : مستوٗل > پُرتگالی : مستو] ۔ ۱۔ سمندری جہازک بینز ہنز یم کوٚٹ یُس ووہ دنہٕ آسان چھہ تہٕ یتھ سیٚتی بادبان گنٛڈِتھ آسان چھہ ۲۔ بادبان ۔

مَسجِد ۔ [م ۔ مۆل : مَسجِد >ع : مسجد] ۔ ٹھِید ۔ سو جاے یتہٕ مُسلمان نِماز پران چھہ ۔ مُسلمانن ہُند عبادت خانہٕ ۔

مَسجِدِ اَقصیٰ ۔ مُلکِ شامس اَندر اکھ مشہور مَسجِد یتہٕ پیٹھٕ آنحضرتؐ معراجس گٔی ۔ بیتُ المقدس ۔

مسجدِ جامع ۔ بڈ مشید۔
مسجدِ حرام ۔ خانۂ کعبہ۔
مسجدِ نبوی ۔ مدینہ منورس اندر تمہ مسجدِ ہُند ناو یتھ حضرت محمدؐ صاحبُن روضہ شریف چھُ۔
مسخرہ۔ [ن۔ مؤل: مسخر (ع: مسخرۃ]۔ ٹھٹھ باز، سُہ یُس ترٛٹھ کتھ یا حرکژ بیتر کرِ یمن پیٹھ لوکن اسُن ییہ۔ جوکر ۔ بہانڈ۔
مسخر پانھر۔ مسخری، مسخرُ سُند طور طریقہ یا مسخر سُند ہیوٗ طور طریقہ۔
مسخر لاگُن۔ مسخر پانھر ہاوُن۔ ڈراماہس بیتر منز مسخر سُند پارٹ کرُن۔
مسخرگی۔ [ع: مسخرہ + ف: گی]۔ ٹھٹھ بازی۔ بانڈ پانھر۔ مسخرل۔
مسخرل۔ [م۔ مؤل: مسخرل (ع: مسخرۃ + ل]۔ وُچھو "مسخری"۔
مسخری۔ [ع: مسخرۃ + ی]۔ ترٛٹھ کتھ یا حرکتھ یتھ پیٹھ اسُن ییہ۔ ٹھٹھ بازی۔
مسخری کرٕنی۔ ٹھٹھ بازی کرٕنی۔ ترٛٹھ کتھ یا حرکژ کرٕنہ یمن پیٹھ اسُن ییہ۔
مسرت۔ [م۔ مؤل: مسرت (ع: مسرۃ]۔ خوشی۔

مسرور۔ [مؤل: مسرور (ع: مسرور]۔ خوش، خوش حال۔
مسروقہ۔ [ع: مسروقۃ]۔ ژوٗر نیومُت۔ م: مالِ مسروقہ۔
مسکن۔ [ن۔ مؤل: مسکن (ع: مسکن]۔ روزن جاے۔
مسلہ۔ [ن۔ مؤل: مسل (ع: مسئلۃ]۔ ۱۔ ترٛٹھ کانہہ کتھ یتھ پیٹھ ذِیاے آسہ۔ کانہہ پیچیدہ مامل۔ ۲۔ کانہہ مذہبی کتھ۔ شرعہچ کانہہ کتھ۔
مسلہ تلُن ۔ بوٚڈ کتھ پیٹھ بحث لاگُن۔ کنہِ معمولی کتھ پیٹھ بوٚڈ ذِیاے تلُن۔
مسلن (ا، دِیُن ۔ ذِیاے اندرُن۔
مسلہ کھڑا کرُن)۔ ہنگہ منگہ کانہہ مشکل پادٕ کرُن۔ معمولی کتھ پیٹھ بوٚڈ ذِیاے تلُن۔
مسند۔ [ن۔ مؤل: مسند (ع: مسند]۔ ۱۔ اچھٕ گدٕ تہ اکہ قسمک دکھرٕ نی بالہ۔ ۱۔ ناموٚس پاتھ سجادٕ نشین یا بادشاہ بیتر ہُند بیٹھکہ تکیہ دار فرش۔ ۲۔ جاے۔
مسند بارٕنی۔ یزنہ پیٹھی پیالہ برداری کرٕنی۔

مَسنٛنٛدٕ وَتھرٕنۍ۔ وُچھو "مَسنٛنٛدٕ پاَرٕنۍ"

مَسوَل۔ [م۔ مۄل : مَسوَل < س : مَدھ + وَلی]۔ ۱۔ اَکھ پوشکہ ناو۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھو) مآری مُنٛز تہٕ شوٗبہٕ وِنۍ زٕنۍ۔ ۳۔ کاشرِ شاَیِری منٛز ماشوقس تہٕ وَنان۔

مَشاق۔ [ن۔ مۄل : مَشاق < ع : مُشاق]۔ ماہِر، تجربہٕ کار۔

مَشالچی۔ [ن۔ مۄل : مَشالچی < ف : مشعلچی < ع : مشعل + چی]۔ وُچھو "مَشالِہ ۲" لفظس تَل مانے ۱۔

مَشالہِ ۱۔ [م۔ مۄل : مَشال < ع : مشعل + ی۔ م۔ ہ : مشال]۔ سو لوٗر یتھ تہٕرِس پیٹھ کاش ہاوِنہٕ باپتھ لُش ہِش دزان آسان چھِنے۔ درر۔

مَشالہِ ۲۔ [ن۔ مۄل : مشال < ع : مشعل + ی م۔ ہ۔ مشال]۔ ۱۔ مُشالی تُلن وول۔ شُہ یُس کھاندرن بیترِ پیٹھ مَشالی تُلان آسہِ یا مَشالی ہیتھ پکان آسہِ۔ مَشالچی۔ ۲۔ (بٕزلہِ پاٹھی) اَچھ تۄتھ اکاُنسِ بیترِ بیترِ نیَکِن دول۔ ۳۔ دالنیٖر۔

مَشہٕ۔ ہ مَشہِ گرٕھن۔ [ن۔ مۄل : مَش < ]۔ ۱۔ شُری سُنٛد لولہِ تہٕ مایہِ سیٖتی پنہٕ لس ناَلس ماجہِ اَلنہٕ وَلنہٕ یُن۔ ۲۔ آلو، ناد (دِیُن)۔

مُشق۔ [م۔ مۄل : مُشق < ع : مَشق]۔ ۱۔ کیٛنہہ پرٕنۍ یا لیکھنۍ ہاَل۔ ۲۔ کُنہِ کامہِ بیترِ پیٹھ وارِ وارِ اَتھ دٕر راوُن۔ پرٛیکٹس۔ ۳۔ (وَرگہٕ) دۄدٕج۔ دۄدھٕ پیٹ۔

مَشق کَرٕنۍ۔ کیٛنہہ پرٕنس یا لیکھنس ہاَل کرٕنۍ۔ کُنہِ کامہِ بیترِ پیٹھ وارِ وارِ اَتھ دٕر راوُن۔

مَشِک۔ [مۄل : مَشک < س : مَشکَ]۔ آب سارنہٕ باپتھ بستہٕ۔

مَشکہِ دونۍ۔ بستہٕ کیٛتھ سورمُت آب۔

مَشکو۔ [ن۔ مۄل : مَشک < س : مَشکَ]۔ بستہٕ یا مَشکہِ سیٖتی آب سارن وول یا چھکن وول۔ سقہٕ۔

مُشکھ۔ [م۔ مۄل : مَشک < ع : مشق]۔ دۄدٕج۔ دۄدھٕ پیٹ۔

مَشکہٕ پیٹ۔ دۄدھٕ پیٹ۔ مُشکھ۔

مَشم۔ [م۔ مۄل : مَشم < ]۔ تھنہٕ بیترِ کارنہٕ سیٖتی پیٹھ کُن کھوتمُت مَل۔

مَشُن۔ [ن۔ مۄل : مَش < س : مَرشنہٕ]۔ ژہٕنس تہٕ روزُن۔ مَشتھ گرٕھن۔ مَشُن۔

مُشتھ گرٕھن۔ ژہٕنس تہٕ روزُن۔ یاد تہٕ روزُن۔

مُش مُش۔ بےٚ مالہِ پاٹھو۔ گوش دی دی۔

مُش مُش گرٕھن۔ بیٛنیہِ تہٕ بیٛنیہِ مُشتھ گرٕھن۔

ہرگز نہٕ یاد روزُن۔

مُشید اَل۔ [م ۔ مؤل ؛ مُشیدٲل (ع ؛ مشہد+س ؛ الاُبٕ]۔ اَکھ اَلہٕ ذاتھ یوس اَندرٕ ووزٕنج آسان چھےٚ۔ پاَرم اَل

مُشرٕبہٕ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مُشرب (س ؛ مُرث۔]۔ مُش مُش گژھنچ حالتھ، ژھتس نہٕ روزنچ حالتھ۔ مُشرُن۔ تھیان۔

مُشرٕبہٕ گرُن / مُشرٕپھ گرُن۔ ۱۔ مُشراوُن، ژھتس پٔتھ مُشُن۔ ۲۔ (دٲرگہٕ پاٹھی) یَب گرُن یا کُنہِ یَب کرنہٕ باپتھ گوش دیُن۔

مُشرٕبہٕ گژھُن۔ مُشتھ گژھُن۔ یاد نہٕ روزُن۔

مُشرٕپھ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مُشرپھ (س ؛ مرشہ]۔ وُچھو "مُشرٕبہٕ"۔

مَشرِق۔ [ن ۔ مؤل ؛ مَشرِق (ع ؛ مَشرِق]۔ ۱۔ کھوٚتُن طَرف۔ سُہ طَرف یَپاری سِری ہِ کھسہٕ۔ یَپاری اَفتابہٕ کھسان چھُ۔ ۲۔ ایشیاَیی مُلک۔

مَشرِقی ۱۔ پوٗرٕبُک۔ پوٗرٕ طرفُک۔ ۲۔ ایشیا تہٕ افریقاہُک۔

مَشرِقی تہذیب۔ ہندوستان تہٕ اَتھ ہمسایہٕ مُلکن ہِنٛز ہُنٛد تہذیب۔ ایشیا تہٕ افریقا ہِندیٚن مُلکن ہِندیٚن لُکن ہُنٛد وۄتھُن بِہُن بیترٕ

مَشرُوط۔ [مؤل ؛ مَشرُوط (ع ؛ مشروط]۔ یُتھ شَرط آسہِ۔

مَشغلہٕ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مشغل (ع ؛ مشغل] شوغُل۔

مَشغوٗل۔ [مؤل ؛ مشغوٗل (ع ؛ مشغول]۔ آوُر۔ مَصرُوف، کُنہِ کامہِ بیترٕ سیتی لگتھ آسُن یا مست آسُن۔

مَشقَتھ۔ [م ۔ مؤل ؛ مشقت (ع ؛ مشقة]۔ سخ میٛنَتھ۔

مَشکوٗر۔ [مؤل ؛ مشکوٗر (ع ؛ مشکور] شُکُر گزار۔ اِحسان مَند۔

مَشکوٗک۔ [مؤل ؛ مشکوٗک (ع ؛ مشکوک]۔ یُتھ یا یُس پٮ۪ٹھ شَکھ آسہِ۔

مَشوٗرٕ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مشوٗر (ع ؛ مشورة] پانہٕ وٲنۍ بوز شوٗز، پانہٕ وٲنۍ اَکھ اَکِس راے پرٛژھنۍ۔ دلاے، دوپ۔

مَشوٗرٕ پرٛژھُن۔ کُنہِ مالِس پٮ۪ٹھ کانٛسہِ دلاے ہیوٗن۔ راے پرٛژھنۍ۔

مَشوٗرٕ دیُن۔ کُنہِ مالِس بیترٕ پٮ۪ٹھ کانٛسہِ پَنٕنۍ راے وَننۍ۔

مَشوٗرٕ کرُن۔ کُنہِ مالِس پٮ۪ٹھ اَکھ اَکِس سیتی بوز شوٗز کرٕنۍ۔ اَکھ اَکِس راے پرٛژھنۍ دلاے پرٛژھنۍ۔

مَشوٗرٕ ہیوٗن۔ وُچھو "مَشوٗرٕ پرٛژھُن"۔

مشوٗرٕ یٕن، مشوٗرٕ پیوٗن۔ مناسِب باسُن،
جان لَبنہٕ یِن۔

**مَشہوٗر۔** [ مٔول ؛ مشہوٗر < ع ؛ مشہور ]۔ یُس یا
ییٚتھ سیٹھا شۄہرتھ آسہِ۔ سُہ یُس یا ییٚتھ
ہُرٕ پاٹھو لوٗکھ زانان آسَن۔ ناماوار۔

**مَصالہٕ۔** [ ن۔ مٔول ؛ مَصال < ع ؛ مصالح ]۔
۱۔ خوشبوٗ یا مزٕ بیتر باپتھ ہم چیز یِمن
بیتر نزاوان چھ۔ ۲۔ سُہ ساماہٕ ییٚتھ کانہہ
چیز بناونہٕ یِیہِ یا بییمہِ سٟتی کینہہ رلاونہٕ
یِیہِ۔ ۳۔ سوٗتھ وارِ مٹھ بیتر۔

**مَصالہٕ کھارُن۔** بلوکانُسہٕ تھر کھارٕنی۔ رنگ
کھارُن۔ اپزی تاریف کرٕنی۔

**مَصالہٕ گوٗر۔** ڈب ماہ بیتر سوتھ کرن وول، ڈل
مصالہٕ بناوُن تہٕ کرن وول۔

**مَصالی۔** [ مٔول ؛ مصالی < ع ؛ مصالح ]۔ وُچھِو
"مَصالہٕ گوٗر"۔

**مَصدَر۔** [ ن۔ مٔول ؛ مَصدَر < ع ؛ مَصدَر ]۔ (کُنہ
لفظک) آگُر۔

**مَصرَف۔** [ ن۔ مٔول ؛ مَصرَف < ع ؛ مصرف ]۔
۱۔ خرچہ۔ ۲۔ کُنہ چیز بیتر ٹیک استیمال۔
م ؛ یہ قلم کتہ مصرفس لگہِ۔

**مَصروٗف۔** [ مٔول ؛ مَصروٗف < ع ؛ مصروف ]۔ آوُر۔
مشغوٗل۔

**مَصلحتھ۔** [ م۔ مٔول ؛ مَصلحت < ع ؛ مصلحۃ ]۔
۱۔ صلاح، مشوٗرٕ۔ کینہہ مُناسِب زانُن۔
۲۔ ییٚتھ اَندر دار زاتی زِ سا (اورکِم) ذِمہ داری۔
مجبوٗری۔

**مَصلحتھ زانٕنی۔** مُناسِب زانُن مشوٗرٕ کرِتھ
ٹھیکھ زانُن۔

**مَصلحتھ کرٕنی۔** پانہٕ وانی صلاح مشوٗرٕ کرُن۔

**مَصنوٗعی۔** مٔول ؛ مصنوٗعی < ع ؛ مصنوع + ی ]۔
بَناوٹی۔ یہ نہٕ قودرتی آسہِ۔ بنوٗدُمت۔
گوٗرمُت۔

**مَضبوٗط۔** [ مٔول ؛ مَضبوٗط < ع ؛ مضبوط ]۔ ۱۔ دوٚر۔
پایدار۔ ۲۔ طاقتوٗر۔

**مَضبوٗطی۔** [ < ع ؛ مضبوط + ف ؛ ی ]۔ دٔرٕر۔
پایدأری۔

**مَضرَتھ۔** [ م۔ مٔول ؛ مَضرت < ع ؛ مضرۃ ]۔ ۱۔
تکلیف، ازاد، ۲۔ تھکادتھ۔ مُس
(آاُن)۔

**مضرتھ تلٕنی۔** ۱۔ سخ تھکُن۔ ۲۔ ازاد لگُن

**مضرتھ لگٕنی۔** کانہہ کام کار کران سخ تھکُن۔
۲۔ ازاد واتُن۔

**مَضموٗن۔** [ ن۔ مٔول ؛ مضموٗن < ع ؛ مضموٗن ]۔

خاص موضوٗ ہس پیٹھ لیکھنہٕ آمٕژ عبارتھ۔
سُہ تحریر یُس کُنہِ خاص موضوٗ ہس
پیٹھ لیکھنہٕ یِیہِ۔ تہٕ یتھ پیٹھ یا اَتھ مُتلق
کینہہ لیکھنہٕ یِیہِ۔

مَضموٗن نِگار۔ مَضموٗن لیکھن وول۔

مُطبوٗعہٕ۔ [ مؤل ، مُطبوٗع <ع : مَطبوعة ]۔
چھاپنہٕ آمُت۔

مَطلَب۔ [ ن ۔ مؤل : مَطلب <ع : مَطلب ]۔
ا۔ مَقصَد ، مُدا۔ غَرض ۔ مَنشا۔ ۲۔ سُہ
مانے یُس ژارنہٕ یِیہِ۔ مانے۔

مَطلبس واتُن۔ ا۔ کٔنہہ واتُن ، کٔنہہ فِکرِ
تَرُن۔ ۲۔ کُنہِ مامُلس مَنز کامیاب
گژھُن۔

مَطلبیچ کتھ کَرٕنۍ۔ پَنُن اَصلی مقصد باوُن۔
یِی غَرض آسہِ تِی وَنُن۔

مَطلَب آسُن۔ کُنہِ قسمُچ لالچ آسٕنۍ۔
غَرض آسُن۔

مَطلب نیرُن۔ مُدا بایل یُن ، کام نیرٕنۍ۔
غَرض پوٗر گژھُن۔

مَطلَبی۔ [ مؤل ، مَطلبی <ع : مَطلَب + ی ]۔
غَرض مَنٛد۔ خود غَرضی۔ لالچی۔

مَظلوٗم۔ [ مؤل ، مَظلوٗم <ع : مظلوم ]۔ سُہ یُس
پیٹھ ظُلم کَرنہٕ آمُت آسہِ۔ یُس یتھی کانٛہہ
سختی وَرتاونہٕ آسہِ آمٕژ۔ بیچور۔ لاچار۔

مَظہَر۔ ا۔ ظاہِر سپدنُک حالتھ۔ اِظہارُک شکل۔
روٗپ۔ ۲۔ (دوہمو)۔ (ڈٕلہِ گژھُن یا زنگہِ
پھٹنہٕ بیتر)

مِعراج۔ [ ن ۔ مؤل : معراج <ع : معراج ]۔
ا۔ کمال ، کمالس واتُن۔ ۲۔ (انتہاٲیی)
روٗحانی بُلنٛدی۔ ۳۔ خوداین سٕتۍ
بٔڈ مہربٲنی۔

معراجُ النبی۔ سُہ قربِ الٰہی یُس آنحضورٕن
صلعم ستووُہمہ رجب ذَرِ آسمانن
حاصِل سپُد۔

معراجِ عالَم۔ سُہ بوٚڑ دوہ یُس معراج النبی کِس
شانس مَنز دُنیاہس اَنٛدر مَنادنہٕ
یوان چھُ۔

معراج کَرُن۔ بوٚڑ ثواب زیُن۔

معذرت۔ [ م ۔ مؤل : معذرت <ع : معذرة ]۔
وُچھو "ماذرتھ"۔

مَغز۔ [ ن ۔ مؤل : مَغز <ف : مغز ]۔ ا۔ کوٚڑ۔
کاڈٕی۔ ۲۔ گُنٛج گوٗج۔ گوٗل۔ ۳۔
(دَرگہِ پاٹھی) لود۔ کاٹھ۔ عقل سام۔ (درگہِ
پاٹھی) کوٚڈر۔

مغز ٹھونی۔ حِس ہوش ٹھونُن۔ پوٗر پاٹھۍ دیان ٹھوکُن۔

مغز ڈٕلنۍ۔ ۱۔ عناصرٕ ڈنجہِ روزنہٕ۔ کہنہ سوچُن نکُن۔ نَلہٕ گژھُن۔ ۲۔ پاگل گژھُن۔

مغز راونۍ۔ ۱۔ حاران گژھُن۔ کَتھ نہٕ فکرِ ترٕنۍ۔ ۲۔ فضوٗلہ وَنینۍ۔ بکواس کرُن۔

مغز ژاپنۍ۔ سیٹھ شرارتھ کھسُن۔

مغز کھینۍ۔ ۱۔ سِنگہٕ کھینہٕ۔ ۲۔ بکواس کرُن۔ شور بیترِ لاگِتھ کانٛہہ سیٹھ تنگ انُن۔

۳۔ پرٕ پرٕ کٔرِتھ پریشان کرُن۔

مغز ماری کرٕنۍ۔ ۱۔ (کانٛہہ سمجاوان) پانس کلہٕ دود تُلُن۔ ۲۔ فضوٗل سوچُن (کتھ بکواس لاگِتھ)۔ کانٛسہِ کلہٕ دود تُلُن۔ سیٹھا سوچُن۔

مغز ووٗڈنۍ۔ ۱۔ سیٹھ دٕزٕ بُزٕ آسُن۔ سرٕ سرٕ آسُن۔ شرارتس مَنٛز آسُن۔ ۲۔ کانٛہہ خطرناکھ کام یا شیطنت کرنس آمادٕ آسُن۔

مغرب۔ [ن۔ مٔول : مغرب < ع : مغرب]۔ ۱۔ وَسہٕ وُن طرف، سُہ طرف یپارٕ سِرِ یہ لوسان چھُ۔ پچھم۔ ۲۔ یوٗرپ تہٕ امریکا ہِکۍ مُلک۔

مغربی۔ [< ع : مغرب + ی]۔ مغربُک۔ مغرب طرفہٕ روزن وول۔ یوٗرپی۔

مغرور۔ [مٔول : مغروٗر < ع : مغرور]۔ ژھوٗکی۔ شکری۔ سُہ یس تکبُر آسہِ۔

مغفرت۔ [م۔ مٔول : مغفرت < ع : مغفرة]۔ (گونہَن) بخشایش یا مآفی۔

مغفرتھ کرٕنۍ۔ گوناہ بخشنۍ۔

مفلر۔ [ن۔ مٔول : مفلر < انگ : مفلر — MUFFLER]۔ گلوٗبنٛد۔

مفہوم۔ [ن۔ مٔول : مفہوم < ع : مفہوم]۔ مانہٕ مطلب۔

مقد۔ [ن۔ مٔول : مقد < ع : مقعد]۔ آسن، پون، ژرٕکھ۔ بیٛنہہ۔

مقالہٕ۔ [ن۔ مٔول : مقال < ع : مقالة]۔ بعلوٗ ماتی مضموٗن۔

مقام، مُقام۔ [ن۔ مٔول : مقام < ع : مقام]۔ ۱۔ سُہ جاے یتہٕ لٔس ٹھکہ رٕزٕ — یتہٕ لٔس قرار کٔری زِ۔ ٹھکانہٕ۔ جاے۔ ۲۔ مَنٛزِل۔ یکھتہ جایہ واتُن آسہِ۔ ۳۔ موسیقی مَنٛز راگ راگنی ہٕنٛز اِصطلاح

مقامات۔ دار یاہ جایہ۔ دار یاہ مَنٛزِلہٕ۔

مقامِ ابراہیمؑ۔ خانہٕ کعبس برٛونٛہہ کنہٕ سُہ کٔنۍ

یوسہٕ حضرتِ ابراہیم علیہ السلام کعبہٕ
شریف تعمیر کران ڈیکھ کنہٕ بدل استعمال
کرٕہٕ آس۔

مَقامِ محمود۔ روحانی دُنیہِ منز اکھ مقام
یُس تہجد پرن والس حاصل سپدِتھ
ہیکہِ۔

مَقام بندی۔ موسیقی منز راگ راگنی ہنز
درجہ بندی۔

مَقامی۔ ۔ کُنہِ خاص مقامُک۔ لوکل۔

مَقبَرٕ [ن۔ مؤل: مقبر (ع: مقبرة]۔
قبر۔ قبرستان۔ کلہٕ گزار۔ مدفن۔ روضہٕ۔

مَقبوضہٕ [مؤل مقبوض (ع: مقبوضة]۔
یتھ قبضہٕ کرنہٕ آسہِ آمُت۔

مَقبول۔ [مؤل: مقبول (ع: مقبول]۔۱۔ قبول
کرنہٕ آمُت۔ منظوُر۔ مانہٕ آمُت۔
پسند۔ ۲۔ مشہور۔ ناماوار۔

مَقتَل۔ [ن۔ مؤل، مقتل (ع: مقتل]۔
ییتہِ کُنہ کانہہ قتل سپدِ۔

مَقتوُل۔ [مؤل: مقتول (ع: مقتول] قتل
کرنہٕ آمُت۔ مار کورمُت۔ مارنہٕ آمُت۔

مَقدوُر۔ [ن۔ مؤل: مقدوُر (ع: مقدور]۔
۱۔ حُتی یتھ۔ گنجایش۔ ۲۔ طاقت۔ ۳۔
مال دولتھ۔ ۴۔ قسمتھ۔ لون۔

مقدوُرٕ نیبر۔ حُتی یتھ نیبر۔

مُقرُوض۔ [(ع: مقروض]۔ قرض دار۔

مَقصَد۔ [ن۔ مؤل، مقصد (ع: مقصد]۔
مطلب۔ مُدا۔ غرض۔ منشا۔ کتھہِ ہند مانہٕ۔
مقصد بامل یُن۔ مطلب نیرُن۔ مُدا نیرُن۔

مَقطع۔ [ن۔ مؤل: مقطع (ع: مقطع]۔
لیکھتھ۔ غزلہِ ہند آخری باتھ ییتہِ اندر
شاعر عموماً پنُن تخلُص انان چھُ۔

مَکر۔ [ن۔ مؤل: مکر (س: مکر]۔ اکہِ راشہِ
ہُند ناو۔

مَکار۔ [مؤل: مکار (ع: مکار]۔ دوکھہٕ باز۔
ژھلہٕ گور۔

مَکان۔ [ن۔ مؤل: مکان (ع: مکان]۔
جاے۔ ییتہ منز کینہہ وسِہ یا روزِ۔
مکان دار۔ مکانُک مالکھ۔ سُہ ییمی کانہہ
مکانہٕ کرایہِ دیُتمُت آسہِ۔

مَکانہٕ۔ [ن۔ مؤل: مکان (ع: مکان]۔
لر۔ گر۔ تشرٕ۔ جاے۔

مَکاری۔ [م۔ مؤل: مکاری (ع: مکار+ف:
ی]۔ دوکھہٕ بٲزی۔ ژھل بازی۔

مُکاے۔ [م۔ مؤل: مُکاے (س: مرکہ]۔

اَکِہ قسمُک اَناج، اَکھ گُلہ چھِہ سام
فَصلِہ مُنٛھوکھوہ تہٕ تَتھٕ دی آسان تہٕ یہ
اَناج چھُ کَشیر پلیٹھ وَیتھین پھلین ہُنٛز
شَکلِ آسان۔
مَکایہ پھوٗل۔ ۱۔ مکایہ دانہٕ۔ ۲۔ گُنہٕ اَکِس
جایہ سوٗمبرِتھ تھوٚوٚمُت مَکاے۔
مَکایہ تیوٚمُت۔ مَکایہ داڑھ۔
مَکایہ جامہٕ۔ مَکایہ وَچھہ ڈُلتھ وُتھر۔ تم پنہٕ وُتھر
یِم مکایہ وَچھہ ڈلنہٕ آسان چھہٕ۔
مَکایہ ڈُج۔ سُہ زمینہٕ ژُکل بیتر یتھ مکاے
وَوِنہٕ آسہِ یوان۔
مَکایہ ڈوٚنگ۔ تھزرس پیٹھ بناونہٕ آمُت
مَچایہ راچھ سُنٛز جاے۔
مَکایہ ژوٚٹ۔ مَکایہ اَٹس بناونہٕ آمُت ژوٚٹ۔
مَکایہ سوٗت۔ توٚتھ مکایہ اوٚٹ۔
مَکایہ کُشر۔ مَکایہ کُلنیک سُہ حصہ یُس
بمائین مَنٛز آسان چھُ تہٕ یتھ پیٹھ مکایہ
پھلی آسان چھہٕ۔
مَکایہ کانٛڑ۔ مَکایہ کُلیہ چہ لنٛگ لنٛجہ یا سورے
مَکایہ کُل۔ مَکایہ کُلین ہُنٛد سرٛالنگل۔
مَکایہ واڑھ۔ مَکایہ وِگرہٕ۔
مَکایہ وُٹ۔ مَکایہ پھلی وُرِتھ کَشر لیوٚس
جامَن مَنٛز آسان چھُنہٕ۔ مَکایہ پھلی وُرِتھ
کَشیر۔
مَکایہ وُٹ گَرٛژھنی۔ زبردست شُتلی یا غارتھ
نیرُن۔ شُتلیو سِتی اَنٛگ اَنٛگ آدرِتھ
یُن۔
مَکایہ وۄر۔ مَکایہ آلینک ژھچہ وۄر۔
مَکہٕ۔ [ ن۔ مۄل : مَک < ع : مَکۃ ] عرب کہ
مشہوٗر شہرک ناو یتہٕ پیغمبر اسلام
حضرت محمدؐ زامتی آسی تہٕ یتہٕ خانہٕ کعبہ
چھُ تہٕ یوٚت لوکھ حج کرنہٕ گَژھان چھہٕ۔
مَکہٕ ڈُج۔ خانے کعبہ چہ غِلافہٕ ہُنٛز تھیل یُس
تولُو دس پیٹھ تَراوان چھہٕ۔
مَکر۔ [ ن۔ مۄل : مکر < ع : مکر ] ۱۔ ڈامب۔
۲۔ فَنٛد، فریب؛ دوکھہٕ، دغا، ژھل کپٹھ۔
مَکر کَرُن۔ تارُن۔ دوکھہٕ دِیُن۔ فریب
کَرُن۔ داس رنٛگ یا نخرہٕ بیتر کرِتھ
فریب دِیُن۔
مَکرِ زَن۔ زنانہٕ مکر۔ زنانہٕ ہِنٛدی ژھل۔
زنانہٕ ہِنٛدی فَنٛد فریب۔
مَکِژ۔ [ م۔ مۄل : مکژ < س : مکہ ]۔
بڈ تیمبر۔ لوکُٹ مکھ۔
مکژ ژھنٛژ۔ مکژِ ہُنٛد دب والُن۔ مکژ سِتی

کھش کرُن۔

ٹکڑ وایِنۍ۔ ۱۔ ٹکڑِ سیتۍ پھالُون۔ تبہر لاگُن۔ ۲۔ پھاس تزاوُن۔ ژھلہِ پھلہِ کرُن۔

ٹکڑِ دان۔ ٹکڑِ ہِنز ہیچو تھپھ۔ ہیچو ڈُنڈ یُس ٹکڑِ سیتۍ ہند آسان چھُ۔

ٹکڑِ گونژھ۔ ٹکڑِ ہندۍ ہیتۍ دار اَند۔

ٹکُر ٹکوٗر۔ [ن۔ مؤل: ٹھکُر < س: ٹھکُر]۔ بُتھ وُچھنک شیشہ، آنہ۔ رم:

ٹکرس زن مل ژوٚلم منس
اَدِ مےٚ لٔبم زِنس زان!
(لل دید)

ٹکتب۔ [ن۔ مؤل: ٹکتب < ع: مکتب]۔ سبق ژاٹہِ ہال۔

ٹکتوٗب۔ [ن۔ مؤل: ٹکتوٗب < ع: مکتوب]۔ چِٹھۍ۔ خط۔

ٹکروٗہ۔ [مؤل: ٹکروٗہ < ع: مکروہ]۔ بتھ کراہت آسہ۔ یہ کھیوٗن یا کرُن بیترِ مذہبس منز ناجایز آسہ۔

ٹکھ۔ [ن۔ مؤل: ٹکھ < س: ٹکھ]۔ لوہَٹ ٹکڑ، تبر۔

ٹکھ تبر۔ [م۔ مؤل: ٹکھ تبر]۔ لوہَٹ تبر یتھ سیتۍ کُلِس لنگ لنجہِ ژھلان چھہ

ٹکھ دیُن۔ ۱۔ ٹکڑِ سیتۍ ٹکھ دیُن۔ ۲۔ (دِگرِ پاٹھۍ) مؤل گالُن۔ تباہی کرُن۔

ٹکھ ژھٹُن۔ وچھو "ٹکھ دیُن"۔

ٹکھ لگُن۔ ۱۔ کانہہ یا کُنہ کامہ بیترِ دب لگُن۔ ۲۔ بہ ٹکھ لگُن۔

ٹگ ۱۔ [م۔ مؤل۔ ٹگ < س: ٹگھا] جوٚتشس اَندر اکِہ نیچھترک ناو۔ زِدٕنہ ہُند ڈاہیُم بُرج۔

ٹگ ۲۔ [< پراکرت: مگگو < س: مارگ]۔ ہنگُن ہُند مَس۔ کُتن پتہ کنیُک تہ برٚونہہ کُنیُک مَس۔

ٹگ ۳۔ [م۔ مؤل: ٹگ < انگ: Mug]۔ لوٹہِ چالہِ اکھ خاص تزلیشہِ بانہ۔

ٹگر ۱۔ [< پنجابی: مگر] اَگادِ۔ پتے۔

ٹگر تھوٗن۔ (کانہہ کانٛہہ) پتے تھوٗن۔ تھپھ نہ ترٛلناوُن۔

ٹگر رِژُن۔ اَگادِ ژُھن پتے رِژُن۔ تھپھ نہ ترٛلُن۔

ٹگر لگُن۔ تھپھ نہ نیُن۔ پتے روزُن۔ اَگادِ گژھن۔

ٹگر ۲۔ [ن۔ مؤل: ٹگر < س: مکر]۔ ٹگر مژھ لفظک ژھوٚٹ۔

گمرمژھ ۔ کرِم ۔ اَکھ اُلی جانور سُند ناو ۔

گمر ۔٢۔ [ < ف ؛ مگر + مہ + اگر ] ۔ امابوز ۔ لیکن ۔

گگل ۔ [ مۆل ، مگل < پراکرت ؛ ملگو < س ؛ مارگر ] ۔ ییٚمہ تگہ تھوِ یڑ آسن ۔ یُس زیچھ زیچھ لگہٕ آسن ۔

گمن ۔ [ مۆل ، گمن < س ؛ گمنہ ] ۔ ا۔ مشغول ۔ مست ۔ محو ۔ لین ۔ کُنہِ کامہِ بیتر سیتی لگتھ آسن ۔ ٢۔ خوش ۔ بےٚ فکر ۔

گگن آسن ۔ ا۔ کُنہِ کامہِ کارس سیتی دِلہٕ جانہٕ لگتھ آسن ۔ زبردس سوچس منز آسن ۔ محو آسن ۔ ٢۔ خوش آسن ۔ بےٚ فکر آسن ۔

گمن گژھن ۔ کُنہِ کامہِ بیتر سیتی مشغول گژھن ۔ محو گژھن ۔ لین گژھن ۔ کُنہِ کامہِ بیتر سیتی دِلہٕ جانہٕ لگُن ۔

گگر ۔ [ ن ۔ مۆل ؛ مگ ] ۔ لٹہٕ مژٕ ۔ اکھ خاص مژٕ ذاتھ ۔

مل ۔١۔ [ ن ۔ مۆل ۔ مل < س ؛ ملہ ] ۔ ا۔ گندگی ۔ ناگی ۔ میکر ۔ لژھ ژھوٹھ بیتر ۔ شہ سیٚومب یُس پانس سیتی بیبر وستہ ڈۄگرن بیتر منز سمان چھُ ۔ ٢۔ ادرار ۔ ٣۔ ہیل ۔ پاہ بیتر ۔ ۴۔ (تھٕ منتہ مقبوب)

اولۄدگی ۔ کثافتھ ۔ ییٚمہ سیتی کینہ وَلنہٕ ییہِ ۔ ۵۔ گدورتھ ۔

ملس بہن ۔ ا۔ کھاندرِ برونٹھہ مہرِ ینہٕ ہنٛد کینٛژن دۄہن مس کُترِتھ بہن (اسران کرنے) ۔ ٢۔ (مانمس منز) ترِ تامتھ پیٚتھے پاٹھی روزُن یوٚت تام رسمی طور چھیلو زِ چھکو زِ ۔

ملہٕ بیوٹھ ۔١۔ سیٚومب بہتھ صاف گومت یا صاف کرنہٕ آمُت آب بیترِ ۔

ملہٕ بیوٹھ ۔٢۔ سیٚومب بیتر سمنہٕ کِنی بیوٹھ گومت زمین ۔

ملہٕ وۄتھن ۔ مانمہِ منز نیرُن ۔ ماتمی پلو کڈِنی ۔ چھلُن ۔

مل بوٗرت ۔ یتھ مل کھوٚتمُت یا پیٚومُت آسہِ ۔ گنٛد ۔ یتھ مالہٕ لور آسہِ ۔

مل پلو ۔ سہ موٚٹ پلوٗس گرس زینہٕ کاٹھہِ تل نہٕ عرق گیر پیٹھہ چھہِ ترٛاوان ۔

مل پہا ۔ روت پہا ۔ ادرار یا گُہ بیتر یُس پہا پژھر زمینس ترٛاوان چھُ ۔

مل پیوٗن ۔ کُنہِ چیزس بیتر مل لاگُن ۔ کینٛہ مالہٕ گژھن ۔

مل پھش ۔ دانہٕ پیٹھ والنہ باگن بیتر

کرنہٕ آمژ تژھ۔

**کل پھش ہیون** ۔ دانہٕ پھیٹھ ڈالتھ بانن بیتر تژھ کرنی۔ کوٚنڈ گرُن۔

**کل پھو ہر** ۔ کل ژکل یم کنہٕ بھتھ یا گتھ آسن۔ داریاد کل۔

**کل ترٛاوُن** ۔ ناکہ تراوُن۔ ماتمہٕ کین دوہن ہنْد پلو بیتر کڈنی۔ ماتمہٕ پتہٕ چھلُن۔

**کل تان** ۔ مکانکی تام ڈکھ یم رُبہٕ بیتر منز آسان چھ۔

**کل تژھ** ۔ کل بیتر دوہ تھراونک پلو۔ گرد نہٕ لژھ بیتر دوہ تھراونک پلو۔

**کل خو ر** ۔ ژٕ پلو بیترا۔ یتھ مل بوزنہٕ یمہٕ یہٕ۔

**کل ڈج** ۔ زنانہٕ پھیرنس گردنہٕ پتہٕ کنہٕ لاگتھ ڈج یوسہٕ لٹھرٕ نیک کل بیتر رٹان چھے۔ متٕ ڈج۔

**کل ژنی** ۔ ۱۔ (ورگر) بیوآری۔ آڈ زاڈ۔ یہانتھ۔ لکہ ووہو۔ ۲۔ گنڈہٕ زنانہٕ شکس لدنی۔

**کل کتر پینی** ۔ لانتھ پینی اَس دنان یتھ سنخ دے آسہٕ گامتہٕ کھچے آسہٕ ژٹنی)۔

**کل کتر ژھنی** ۔ مالہٕ بانہٕ تراوتھ ژھنن ترٛاوُنی منشاوُن۔ گڈوتھ ژھنُن۔

**کل کتر** ۔ سہٕ بانہٕ ییتر یتھ منز مالہٕ گی یا گنڈہٕ گی بیتر تھوی ز۔

**کل کڈُن** ۔ ماتمہٕ منز نیرُن۔ ماتمہٕ کین دوہن ہنْد پلو کڈنی۔ چھلُن۔

**کل کرُن** ۔ نیبر نیرُن۔ ما دان کرُن۔

**کل کاسُن** ۔ ڈگ۔ کوٚدوٚرتھ دور کرُن۔ کانسہٕ ہنْز بدظنی یا دلس اَندر تھاونی دل صاف کرُن۔

**کل کت، کوٚت** ۔ ملہٕ بوٚرت۔ یتھ مل آسہٕ یہٕ مالہٕ آمہٕ گومت۔ یہٕ صاف آسہٕ یہٕ۔

**کل کھارُن** ۔ (پاش بانتھ) وہن پازُن۔

**کل گرٛاے** ۔ مالہٕ بلون ہنْز گدڈسنج چھل چھن گھ۔

**کل گز** ۔ سنخ یا لوٚرہٕ بیتر یمہٕ ستہٕ نلی چس کل کڈان چھہٕ۔

**کل گز کرُن** ۔ ۱۔ (ججیر) نلی چس یا پتس صفاے کرنی۔ ۲۔ آسنخ یہانتھ کرنی۔

**کل لدُن** ۔ ژھونکہ : لژھ بیتر ہنْد امبار کھارُن۔

**کل لون** ۔ اکھ خاص قسمُک لون ییمہٕ ستی آبہٕ نلہٕ

میٚژر بیتر کھارنہٕ یوان چھِے۔ (لوٗن چھِ زٔمین کھَنہٕ نِکِس اُکِس ہتھو یارس وَنان)
مَل مٲژر۔ گوڈنیچ مٲژر۔ مٲژر راٚژ بٔاگ گَک سٕہ دۄہ چ بیٚلہِ کہرتہٕ مٲژر مَتھان چھِہ۔
مَل واس۔ کامہِ وِزِ پلو بچاوٕنہٕ باپتھ لوگُٹ اکھ وَسنَک کَرتہٕ۔ وِچھو مَل پلو۔ ہِیٚہ۔
مَل وۄتُر۔ کِتابِہ کٲپی بیترٕ ہُند کاکدُ جِلد۔ مَل وُرُق۔
مَل ووُنۍ۔ ۱۔ مٲلہِ آب۔ ۲۔ سُہ آب یِمہِ مَنٛز تزہ بیترِ آسہِ کَرِتھ۔ ۳۔ سُہ گَنٛدٕ آب یُس کُوچِہ پاٚنس سٟتۍ وولمُت آسہِ۔
مَل ہٮ۪م۔ پَلوٗس بیترِ پیٚپژ موٚٹ مَلہِ رِکھ۔
مَل ہیوٚن۔ ۱۔ مَل ٹُلُن۔ صاف کَرُن رِصفٲیی کَرٕنۍ۔ ۲۔ (دُوٚرگہِ پاٹھۍ) مٲمس بٕہُن۔
مَل ژٲر۔ گَندگی۔ ناصٲفی۔ تکریر۔ مَل بیترِ آسُن۔
مَل ۲۔ مُگَنٛدٕ بیٚٹھ مَنٛگَن تام بُتھیُک حِصہٕ۔
مَل ۳۔ [ن۔ مٔول : مَل (س : مَلٕ]۔ پہلوان۔ ٹکرباز۔
مَلَک ۱۔ [ن۔ مٔول : مَلک (ع : مَلَک]۔ مَلٲیکھ فرِشتہٕ۔
مَلکَن ہٕ خبر نِگیٚنہٕ۔ کٲنہہ اُکِس تہٕ نہٕ پے لَگُن۔
ژھوپہٕ دَم کَرِتھ کانٛہہ کٲم کَرٕنۍ۔
مَلکُل موت۔ یمرازٕ۔ موتُک فرِشتہٕ۔ عزرٲییل۔ سُہ مَلٲیکھ یُس رُوح کڈان چھُ۔
مَلکُل موتَس نٔظھ۔ سخ بیٚم۔ سَخ بیٚہ۔ آہرٕ۔
مَلکھ ۲۔ مَلرٕ۔ آہرٕ لَہرٕ۔
مَلکھ وۄتھنۍ ۱۔ آبِس لہرٕ وۄتھنہٕ۔ مَلرٕ وۄتھنۍ۔ ۲۔ کُرٕک ناد وۄتھُن۔
مَلَنٛگ، مَلَنٛگہٕ۔ [ن۔ مٔول : مَلَنٛگ (ف : مَلَنٛگ] ۱۔ قلندر۔ نَنٛگہٕ مَستانہٕ۔ ۲۔ (دُوٚرگہِ پاٹھۍ) سُہ یُس کُنہِ چیٖز فِکرا ہیٚیہِ نہٕ۔ یُس بیٚہ غم پاٹھۍ پھیران نٔھوران آسہِ۔ ۳۔ ننٛوٚبد۔ سُہ یُس نہٕ کانٛہہ فِکرٕ کھسہِ۔
مَلالہِ۔ [ن۔ مٔول : مَلال (ع : مَلال]۔ دِلَس لَگُن۔ رٕنجِش۔ روشُن۔
مَلالہِ رَٹُن۔ روشُن۔
مَلالہِ کَرُن۔ تُھتھ کَنہٕ کَرُن یِمہِ سٟتۍ بیٚیِس دِلَس لَگہِ۔
مَلالہِ گٔرٕھُن۔ رٕنجِش گٔرٕھنۍ۔ دِلَس لَگُن۔
مَلامتھ۔ [م۔ مٔول : مَلامت (ع : ملامة]۔ اَڈٕ زاڈ۔ فضیحَتھ۔ لانہٕ طانہٕ۔ بٕدوٲری۔
مَلامتھ کَرٕنۍ۔ فضیحَتھ کَرٕنۍ۔ اَڈٕ زاڈ کَرٕنۍ۔ بٕدوٲری کَرٕنۍ۔

مُلنگی۔ [م۔ مؤل: مُلنگی < ف: ملنگ + ی]۔ ۱۔ قلندری۔ مستانہٕ گی۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) لاپرواہی۔

مَلاے ۱۔ [م۔ مؤل: مَلاے < س: منٛٹھواکا]۔ ۱۔ دوٗدُک ہُر۔ دوٗدٕچ زیل یوسہٕ گرٛکناوُنہٕ ستی پیٹھ کُن یہان چھے۔ ۲۔ جوہر (کُنٹیک)۔ سۆری رَنٛگ ہیوٗ یُس چیز یتھ مَلایہٕ رَنٛگ آسہِ۔ ۳۔ (وَرگہٕ پاٹھی) نازنین۔

مَلایہٕ کُلفی۔ یخ بستہ کرنہٕ آمٕژ مَلاے۔

مَلاے ۲۔ [< پراکرت: مَلہٕ < س: ہٕرد]۔ لیلہٕ وٲنی۔ وَچھہٕ ژیٹے۔

مَلایہٕ کرنہٕ۔ وَچھہٕ ژیٹُن تہٕ لیلہٕ کرنہٕ۔

مَلائِکھ۔ [ن۔ مَلائِک < ع: ملائِک]۔ وُچھو "مَلکھ"۔ مَلکھ لفظُک عربی جمع۔

مُلائِم۔ [مؤل: مُلائِم < ع: مُلائِم]۔ نرم حلیم۔

مُلائِمی۔ نرمی۔ حلیمی۔

مَلہٕ ۱۔ [ن۔ مؤل: مَل < ع: مَلاح]۔ ہانٛز۔ ناو بیٹہٕ چلاوَن وول۔

مَلہٕ باے۔ مَلہٕ ستہٕ آشینہٕ۔ ہانٛزنی۔

مَلہٕ کوٗٹ۔ ہانٛز کوٗٹ، ہانٛز غُبر، یہ چھہ ہنٛزلہٕ پُرٕھی تَس وَنان یُس نہٕ کٔنہہ بانتھ ہُند باسِس آسہِ۔ بدتمیز تہٕ بےشعور لۆکہٕ۔

مَلہٕ گوجر کرنہٕ۔ (کٔنٛہنہٕ یا بییہٕ کانٛسہٕ ہٕنٛز) دولتھ بتے وایہٕ پاٹھی تہٕ بے دردی سان وُڈاوٕنی۔

مُلہٕ ۲۔ [ن۔ مؤل: مُل < ترُکی: مُلا < ع: مولی]۔ قبرٕ کھنن وول۔ مورٕدس ژٕڈراوُن وول۔ ۲۔ اوخُن۔ عالِمِ دین۔

مُلَس ٹکہٕ مُشِد تام۔ تہٕ دپتھ گو: ہرتھ کانٛسہٕ چھے تہنٛزے نظر یوت تَس ہتر یا پلو آسہِ۔

مُلَس گانٛہہ حلال۔ تہٕ دپتھ گو غریب وز چھہ پرتھ کانٛہہ فرض اصل تام پتھ کرنکہٕ ہیٚتھنہٕ گران۔

مُلہٕ بانٛگ۔ (وَرگہٕ) واریاہ سُل گاش پنہٕ برونٛہہ۔

مُلہٕ بانٛگہٕ۔ (وَرگہٕ) سٕٹھا سُلہٕ۔

مُلہٕ چیٖتی۔ ۱۔ شہ گٔشِکا بہ بیتر یتھ اندر اوخُن صاحبَس بٕتہٕ چھہ دِوان۔ ۲۔ شہ بٕتہٕ یُس مُلَس مورٕد ہٕسنٛد ناوٕ دِوان چھہ۔

مُلہٕ ڈُپیاز۔ اکبر بادشاہ سٕندِ اکھ درباری یُس تَس دِل بہلاوِنی کران اوس۔

مَلہٕ طبیح۔ ۱۔ مَلہٕ چھنہٕ ۲۔ مَلہٕ سٕند یڈ بٔرِتھ کھیٚن (یُس تَس بنیاژ ژنگی میلان چھُ)۔ ۳۔ (وُرگہٕ پاٹھی) یڈڑ سٕند (بٔڈ اَنداز) کھیٚن۔

مَلہٕ کھاہ۔ سِرینگرس اَندر اکہٕ بٔڈ قبرستانک ناو۔ بوڈ ملگزار۔

مَلہٕ کھاہ سوزُن۔ قبرِ لَدُن۔ مارِتھ وُڈراوُن۔ (یہٕ چھیہ دُعا موو)۔

مَلہٕ کھاش، مَلہٕ کھوش۔ ۱۔ قبرِ کھنُن وول۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) بے دَرد۔

مَلہٕ گُزار۔ مزار۔ قبرستان۔

مَلہٕ گُزارِ پیٚٹھی آمُت۔ روومُت۔ رٔد بوٚدِ۔ بوولہٕ۔

مَلہٕ گُزارِچ ژھوپہٕ۔ ۱۔ سَخ ژھوپہٕ یُس حالَتھ یتھ اَندر نہٕ کُنہِ کُنی تہٕ آواز گژھہٕ۔ ۲۔ سَخ دہشت یمہٕ کِنی کرِتھ ترٕ نہٕ گُمٕراتھ ہیٚکہِ زِ۔

مَلہٕ والہٕ واش۔ مَلہٕ سٕند بیم۔ مَلہٕ سٕند خوف زِ سہٕ کیا وَنہِ۔

مَلہٕ ۲۔ [ن۔ مۆل ؛ مَل <س : مَلَ]۔ یَج سلوان۔

مَلہٕ گُڈی نلینہٕ۔ کرِ کہٕ ناد لاگُن۔ سَخ شور لاگُن۔

مَلہٕ گُڈی ووتھنہٕ۔ سَخ ووژناٹھ ووتھُن۔ ٹبنی ٹبنی ووتھُن۔ بوٚرج لگُن۔

مَلہٕ دَر۔ [ن۔ مۆل ؛ مَل دَر <س ؛ مَلَ+ دھَر]۔ ژٕمہٕ ہٕنز اکھ بیماری۔

مَلر۔ [م۔ مۆل : مَلر <س : مَلَ + اِر < ژھوٹر بناونک پوٚت لونگ]۔ بوٚڈ لوٹ۔

مَلہٕ ماس۔ [ن۔ مۆل : مَلہٕ ماس <س : مَلَ ماسہ]۔

مَلہٕ ماس۔ ژٕندرِ ماس (قمری) حسابہٕ سٕہ پُشرہٕ رِتھ یُس ترٕیمہٕ ترٕیمہٕ وٕہری گُژھرنہٕ یوان چھُ نہٕ یتھ کِنی باقہٕ ماس (شمسی) حسابس برابری انان چھُ۔

مَلہٕ ماسی۔ مَلہٕ ماسیچ رِیتھ پائن والی۔

مُلر۔ [ن۔ مۆل ، مُلر <س : مُلَ] آبہٕ مُلکھ۔ آبہٕ لہر۔

مُلکھ۔ [ن۔ مۆل : مُلک <س : مُلکَ]۔ پان مُلر۔ گیتھِ ستی ہیوٚر کھوٚتمُت آب۔

مُلکھ ووتھنہٕ۔ تیز داوِ ستر کِنی آبس مٲر ووتھنی۔ آبس لہر ووتھنہٕ۔

مُلُن۔ [ن۔ مۆل ، مُل <س : مُلنَہ]۔ منتھُن۔ پھش پھش دِتھ کانہہ ترٕل مادِ کُنہ شٔر براوُن۔ اَنکھو ستی کُنہ گگھر دِنی۔

مَلیچھ / مَلیچھرہ۔ [ن۔ مؤل : مَلیچھ < س : مُلیچھ]۔ ۱۔ گر یوٗمُت۔ برشٹھ۔ ۲۔ گنٛدٕ۔ بدتمیٖز۔

مَلیچھگی۔ ملیچھ سُنٛد (ہیوٗہ) طور طریقہٕ۔

مَلیریا۔ [ن۔ مؤل : مَلیریا < انگ : ملیریا MALARIA]۔ یہ بیماری چھےٚ اَکس خاص تٕہی سٕندِ ٹھہ پیٚہ ستۍ یادٕ گژھان تہٕ اَتھ اَندر چھُ سخ تیٚپھ کھسان۔

ملیشیا۔ [ن۔ مؤل : ملیشیا < انگ : ملیشیا MILITIA]۔ رضاکار فوج۔

مَلبہٕ۔ [مؤل : مَلب < بیٖراکرت : ملےٚ اَوٗ، مُ ۔ہ : ملبا]۔ ۱۔ ژھوٗٹھ۔ سوٗڑ۔ ۲۔ کنہٕ بیٖرِ تہٕ پچھہٕ بیتٕر یمہٕ لُہراوہٕ آمتِس یاوٗسی پیمتِس مکانٕس نیٖران چھےٚ۔

مَل دَر۔ [ن۔ مؤل : مَل دَر < س : مَلہٕ + دھر]۔ ژمہٕ ہٕنٛز اَکھ بیماری۔

مَل دٕرِ۔ وُچھو "مَل دَر"۔

مَل سیٚس۔ [م۔ مؤل : مَل سیٚس < س : مَلہٕ + ۔ج]۔ اَکھ قسمٕچ بیماری یتھ ستۍ ژمہٕ پیٹھ بٔڈی بٔڈی سفید داغ یا وٕچھ گژھان۔

مَل سیٚسَل۔ یُس ژمہٕ مَل سیٚس پیٚشرآسہٕ۔

مَلکوٗت۔ [ن۔ مؤل : مَلکوٗت < ع : مَلکوٗت]۔ مَلایکن ہٕنٛد عالَم۔

مَلکوٗتی صِفات۔ فرشتَن ہنٛز ہِش خصلتھ۔ نیک سیرتی۔

مَلمَل۔ [م۔ مؤل : مَلمَل < ف : مَلمَل]۔ ۱۔ اَکہ قسمُک زاوٕل سوٗتی کپٕر، یہ چھُ کھجر کم تہٕ زیٖچھر سیٹھاہ آسان۔ ۲۔ دستار۔ صافہٕ۔

مَل ماس۔ [ن۔ مَل ماس < س : مَلہٕ ماسہٕ]۔ ژندر ماس (قمری) حسابہٕ سٕہ رٕتھ یُس ترٕیہٕ ترٕیہٕ وُہری گژھان چھُ تہٕ بانہٕ ماس (شمسی) حسابس برابری آنان چھُ۔

مَل ماسی۔ مَلہٕ ماسس رٕتہٕ پالَن والی۔

مَلمُلی۔ ۱۔ دستار۔ صافہٕ۔ ۲۔ اَکھ زاوٕل سوٗتی کپُر۔

مَلمُلی گنٛڈٕنی۔ کٔرتھ اَفزایی کرٕنی۔ خِلعتھ بخشُن۔ دستار گنٛڈُن۔

مَل وارے۔ [ن۔ مؤل : مَل وارے < س : مَلہٕ + طایہ]۔ ۱۔ شٹلیوٗ حوٗلجہٕ، وا پیٹھیوٗ پیٖٹھ یتہٕ روزٕہِتھ کٔسنہٕ بیتٕر۔ ۲۔ دوٗرگہٕ اَملو روشن۔ دوٗر گژھُن۔

مُل واٗے گژھُن ۔ ژ بہٕ ہٕنز کُنہٕ بیمارِ پیٚتہٕ کیٚنہٕ کسر روزٕنی ۔

مُماثَلتھ ۔ ہِشر ۔ برابری ۔

مُمانِیَتھ ۔ [م ۔ مؤل : ممانیت > ع : ممانعۃ] ۔ مَنع ۔ ٹھاکھ ۔ روک ۔ روٚٹ ۔

مُمانیٚتھ آسنی ۔ ٹھاکھ آسُن ۔ اِجازتھ نہٕ آسُن ۔

مُمانیٚتھ کرٕنی ۔ ٹھاکھ کرُن ۔ مَنع کرُن ۔

مَمی ۔ [> اِنگ ۔ ممی : MUMMY] ۔ سوہ لاش یۄس مُختلف دَواے یا تیٚل ہٕنٛدِ زورٕ سٕتہٕ لاش مۄحفوظ تھاونہٕ آسہٕ آمٕژ ۔

مُمنا ۔ [م ۔ مؤل : ممنا > س : خمنا] ۔ ۱۔ میون آسُنک اینٛحساس ۔ ۲۔ (خامہٕ سرٕ تہٕ ماہرٕ ہُند) موجبکھ ۔

مُمتاز ۔ [مؤل : ممتاز > ع : ممتاز] ۔ بٔڑ دول ۔ رۆتُھ دول ۔ نادار ۔

مُملِکتھ ۔ [بادشاہی ۔ حکومتھ ۔ تاجدآری ۔

مَمنوٗ ۔ [ن ۔ مؤل : ممنوٗ > ع : ممنوع] ۔ یَتھ ٹھاکھ آسہِ ۔ یَتھ مَنع آسہِ ۔

مَمنوٗن ۔ [ن ۔ مؤل : ممنوٗن > ع : ممنون] ۔ (کانٛسہِ ہُند) اینٛحسان مَند ۔ شُکر گُزار ۔ مَشکوٗر ۔

مَمنوٗنِ اینٛحسان ۔ کانٛسہِ ہِنٛدِ طرفہٕ وَرتاونہٕ آمتہٕ بٔزرُک اینٛحسان مَند ۔ کانٛسہِ ہُند شُکر گُزار ۔

مَمنوٗن آسُن ۔ اینٛحسان مَند آسُن ۔ شُکر گُزار آسُن ۔ کانٛسہِ ہِنٛدِ شُکر بر آسنی ۔

مَن ہا ۔ [ن ۔ مؤل : مَن > س : مَنہ] ۔ ۱۔ یُس یمہٕ سیٚتی سوچان ، اینٛحساس کرٕنہٕ تہٕ کٲل بیٚترِ گَنڈٕنہٕ یوان چھِے ۔ ژیتھ ، وۄتھ ۔ ۲۔ دِل ، جذبات ۔ م : کانٛسہِ پیٚتھ مَن گژھُن ۔ ۳۔ یاداش ، یادٕ وۄتُر ۔ م : مَنٕس مَنٛز کتھ روزٕنی ۔

مَنٕس بٔہُن ۔ دِلس بٔہُن ۔ پٔرٕ لایق باسُن ۔ پسند بُہُن ۔

مَنٕس پیٹھ بار ہیوٚن ۔ فکر ہیٚنی ۔ کُنہٕ فکرِ کِنی وہ دآسی گژھُن ۔ پوٚت کٲل روزٕنی ۔

مَنٕس تھٲوُن ۔ ۱۔ دِلس مَنٛز تھٲوُن ۔ کانٛسی نہٕ وَنُن ۔ ۲۔ زانٛہہ نہٕ مَشراوُن ۔ ژٕ یتَس تھاوُن ۔

مَنٕس روزُن ۔ ۱۔ کُنہٕ کتھ بیٚترِ ہُند مَنہٕ مَنٛز روزُن ، ہٕشَر نہٕ ژھٹنہٕ یُن ۔ ۲۔ دِلس مَنٛز کُنہٕ کتھٕ ہُند کٲل روزُن ۔

کَتھ نہٕ مَنٕنی۔

مَنَس گَژھُن۔ کَنہِ شوق یا طمع گَژھُن۔ وُزٕ وُزٕ گَژھُن۔ دِل وٕہ ٹھ کَڈُن۔

مَنہِ بہُن۔ مَنَس برابَر یُن۔ شُرٕ پَتھ گَژھنی (کانٛسہِ ہُنٛز یا کُنٛہِ چیز) دِلَس مُوافِق یُن (کانٛہہ کتھ یا خیال بیٛتر)۔

مَنہِ بیٛہناوُن۔ پَژھ اَنٛنی یا بیہناوٕنی۔ دِل کُنہِ کتھِ یا خیالس بیٛتر پیٛٹھ پَژھ کرناوُنی۔

مَنہِ روزُن۔ مَنَس مَنٛز روزُن۔ مَنہِ مَنٛز نہٕ نیرُن۔ ژٕھٹس روزُن۔

مَنہِ کامَن۔ مَنٛیچ یَژھ۔ اَنٛدرِم یَژھ۔ دِلی خاہش۔

مَنہِ کامَن آسٕنی۔ کانٛسہِ ہُنٛد وَسٕ آسُن۔

مَنہِ پُزٕ۔ یَتھ مَن بَرٕ۔ یَتھ دِل اِجازَتھ دِیہ۔ مَنَس ژَھہ دُن، پَژٕ یٛیہ دُن۔ دِلَس بیٛہہ دُن۔

مَنہِ پیٛٹھ بارلوتُن۔ فِکر ژٕلنی۔ کانٛہہ اَنٛدیشہٕ نہٕ روزُن۔ توت کَل نہٕ روزٕنی۔

مَنہِ سوو۔ دِلہٕ جانہٕ کام کوٚٹ کَرَن وول۔ یُس مَن دِتھ کینٛہہ کَرِ یا کَران آسہِ۔ دِلہٕ بوٚڈ۔

مَنہِ فَنٛوُد۔ یُس صاف مَن آسہِ۔ یُس دِلس مَنٛز کانٛہہ کھوٹ کھٹاے آسہِ نہٕ۔

مَنہِ کَژٕ کوٚٹھ۔ سَنٛگدِل۔ دِلہٕ دوٚر۔ یُس نہٕ سُہل سُہل اَثر گَژھہ۔

مَنہِ کامنا۔ مَنہِ کامَن۔ دِلُچ خاہش۔

مَنہِ کامنا پوٗر سپدٕنی۔ یہِ دِل بیٛتر ہ تہٕ بانٛل یُن۔

مَنہِ کمُل۔ نَرٕم دِل۔ نَرٕم مِزاز۔ شریف۔

مَن بَدلُن۔ راے بَدلٕنی۔ دِل بَدلُن۔ بَدل کُنہِ چیزٕچ راے گژھنی۔

مَن پَژُن۔ وَعدٕ یُن۔ دِل مانُن۔ دِلس مُوافق آسُن۔

مَن پسنٛد۔ دِلَس پَژٕ یٛیہ دُن، خوش کَرُن۔

مَن پھِرُن۔ دیان ڈالُن۔ توَجہ ڈالُن۔ راے بَدلاوٕنی۔

مَن پھیرُن۔ مَن کَرُن۔ مَن یُن۔ گُذایہ گژھنی۔

مَن پھیٛر لَگُن۔ وَرہ کھاہش پھیرٕنی آدلُن ہیوٚہ یُن۔

مَن تھیر گَرُن۔ ڈری یا ٹھی مَنُس سعدُن۔

مَن لیکھ کَرُن۔ کُنہِ پیٛٹھ مَن ڈراوُن۔

مَن ڈلُن ۔ ۱۔ دیان ڈلُن ۔ ۲۔ رائے ڈلِنۍ ۔ رائے بدلِنۍ ۔ ۳۔ دِلَس گرائے لگنۍ ۔ ۴۔ دردٕکھ ہش پھیرنۍ ۔

مَن رٹُن ۔ مَن گنڈِس تھوُن ۔ مَن توبو کرُن بدِل توبو کرُن ۔ دِلَس نہٕ درٕٹھ تلنہٕ دِنۍ ۔

مَن سرُن ۔ دِل ہُندرُن ۔ کانسہٕ ہندی تسلا گژھنۍ ۔

مَن کرُن ۔ ۱۔ مَن یژھن ۔ دِل اِجازتھ دِیُن ۔ ۲۔ کُنہِ خواہش گژھنۍ ۔

مَن گرُو ۔ ۱۔ مَن پھیرُن ، گرانہٕ ۔ ۲۔ سخ لقربٕ ۔

مَن کھلُن ۔ دِل نرمُن ۔ زیاد ہٹھ درِم نہٕ لاگُن ۔

مَن کھوٚنڈر ۔ مَنَس لوگمُت کھوٚ ۔ پریشانی (فکر یا جوشہٕ بیتر سپدی) ۔

مَن لگُن ۔ دیان لگُن ۔ دِلچسپی گژھنۍ ۔ دِل ...

مَن لاگُن ۔ دیان دِیُن ۔ دِل دِیُن ۔

مَن لٹی نیبار ۔ دِلَن ہُنٛد کرٕنہٕ کھوٚٹھ کھوٚٹے ۔ کُنہِ کامہِ بیتر مَنس (لوکن) دِلَن ہُند نا رائبری ۔ اَکھ اَکِس سیتی یِہ ہشر آسُن ۔

مَن مانی ۔ کانسہٕ ہُند نہٕ مانہٕ تی کرُن یہ پنُن مَن یژھہِ ۔

مَن میچھر ۔ کُنہِ کامہِ بیتر مَنز اَکھ اَکِس سند پریم ۔

مَن میل ۔ وچھو "مَن مِیل" ۔

مَن مِیل ۔ اَکھ اَکِس سند مُحبتھ ، پریم ۔ کُنہِ کامہِ بیتر مَنز لوکن ہُند اَکھ اَکِس سیتی میل مِلاپ نہٕ شمت بیتر ، بُندت مزاج رلُن ۔

مَن ہیوُن ۔ مَن یژُن ، مَن اِجازتھ دِیُن (مَنس مُوافق آسُن) ۔

مَن یژھُن ۔ خواہش گژھنۍ ۔ دِل یژُن ۔ (رغبتھ آسُن) ۔

مَن یُن ۔ ۱۔ دِل یژُن ۔ دِل لگُن ۔ کُنہِ کُن مائل گژھُن ۔ ۲۔ دردٕکھ ہش پھیرنۍ ۔

مَن ۲ ۔ [ن ۔ مٕول : مَن < ہ : مَن < س : مانہٕ] ۔ ۱۔ اَکھ وزن ۔ ژتجھن سیرن ہُند وزن ، (انگریز اژ تجھ سیر ۔ ۲۔ اَکا شر حسابہٕ) خام ڈٕہ ڈسیر ۔ مُنٹا ۔

مَن ۳ ۔ [ن ۔ مٕول : مَن < س : منٛتر] ۔ اَکھ مۆہ لج گنی ۔

مَنسکار ۔ [ن ۔ مٕول : مَنسکار < س : مَنسکار] ۔

پہ مَنَس اندر آسہ نَمہ سارِ کُے جِس،
مَنیچ آگہی۔ ظوٗن رِجِس۔
**مَنسکار روزُن۔** پوٗرٕ پوٗرٕ ظوٗن روزُن۔
پوٗرٕ جِس روزُن۔
**مَنع۔** [ن۔ مۄل: مَنع < ع: منع]۔ ٹھاکھ،
روک، روٗٹ۔
**مَنع کَرُن۔** ٹھاکھ کَرُن۔ روٗٹ کَرُن۔
کانْہہ کُنہ کامہِ نِشہٕ پَتہٕ رَٹُن۔
**مَنَن ۱۔** [ن۔ مۄل: مَنَن < س: مَنَنہ]۔
کُنہِ کتھِ پیٹھ سوٗن وِژار یا سوٗنچ۔
کانْہہ کتھ مَنَس تَنز راوٕنی۔
**مَنَن ۲۔** [م۔ مۄل: مَنَن]۔ ۱۔ کانْہو [illegible]
ہینزٕ یا گَترِ دِ کانْہہ گر۔ ۲۔ آنگیٹھو
رم، آگنہٕ مَنَن۔
**مَننہٕ تیل دُزُن۔** کُنہِ بَلایہٕ مَنز پوٗرٕ پاٹھی
ہینہٕ یا وَلنہٕ یُن۔
**مَننہٕ تیل زالُن۔** کانْہہ کُنہ بلایہ مَنز تھہٕ
پاٹھ وَلُن، مُتھ
**مَنافہٕ۔** [ن۔ مۄل: مُناف < ع: منافع]۔
نَفع۔ فایدٕ۔ اَصل زَرَس پیٹھ زیونُت
یا اَنسہٕ ٹوٗنک۔
**مَناوتھ۔** [م۔ مۄل: مَناوت < ہ: مَنوتی]۔

پَننہٕ بَدَل بیٚیس گانْٹہ کُن قَرضہٕ ہورنہٕ
باپتھ بَراتھ دِنی۔ قرض بیتر وگراونہٕ
باپتھ بیاکھ کانْہہ تھہٕ تھوٗن یا بیٚیس
کانْہہ بَراتھ دِنی۔
**مَناوُن۔** [ن۔ مۄل: مَناو < س: مانَنہ]۔ کُنہ
دُنیک رَسم پالُن یا ریتھ پالنی۔
**مَناہ۔** [ن۔ مۄل: مَناہ < س: مَنَہ] بَنَ کھنڈِ
(کوزنہٕ تَلہٕ) سیٹھا، واریاہ، کافی۔
**مَنادی۔** [م۔ مۄل: مَنادی < ع: منادی]۔
ڈۄنڈۄرٕ۔ شراوے۔ شادے۔
**مَنادی پھِرنی یا پھِروٕنی۔** ڈۄنڈۄرٕ وایان
اعلان کَرُن یا اعلان کَران گژھُن۔
ڈۄنڈۄرٕ دِیُن۔
**مَنادی نیرنی۔** ڈۄنڈۄر دِنہٕ نیرُن شراوے
پھِرناونہٕ نیرُن۔ اعلان کَرُن۔
**مَناری۔** [م۔ مۄل: مَناری < س: مَنہٕ +
کاریہٕ]۔ ۱۔ یاراوک ساماںٕ تہٕ بکنہٕ
رکنہٕ چیز بیتر کنن وول بِساطی
سامانہٕ۔ ۲۔ یاراوک سامانہٕ تہٕ باقی
بکہ رکہ چیز بیتر۔
**مَنارِ فروش۔** بِساطی۔ یاراوک سامانہٕ
تہٕ بکہ رکہ چیز کنن وول۔

**مَنارِ وان ۔** بِساطٕ وان ۔ بِساطی دُکان ۔
سُہ وان یتھِ لٔس پاراوکر، سامانہٕ بیتر کِنٕنٕ آسان چھُ ۔

**مَناظِر ۔** [ مؤل : مَناظِر > ع : مَناظِر ] ۔ (...) نظارٕ ۔ گوش ۔

**مَنہٕ ۔** [ن ۔ مؤلہ : مَنٛ > س : مَنہٕ ] ۔ اَچھ ۔ اَچھ ہٕنٛدِ لال ۔

**مَنہِ پھوٗل ۔** اَچھ ہٕنٛد لال ۔

**مَنہِ پھیرنہٕ ۔** (دُرگہٕ پاٹھی) اَچھ پھِرتھ گژھنہٕ ۔ لِحاظٕ نہٕ روزُن ۔ اَچھَن مَنٛز نہٕ آب روزُن ۔

**مَنہِ پھیٚر ۔** اَچھَن نہٕ لحاظٕ روزُن ۔ ماے محبتھ نہٕ روزُن ۔ بَدلحاظٕ گژھُن ۔

**مَنہِ کامِنٛ ۔** وُچھو "مَن ۲" لفظس تل ۔

**مَنہٕ سلوا، مَن وسَلوا ۔** [ > ع : من سلوا ] ۔
۱ ۔ سُہ خاص کھیٚن یُس خداے تعالا حضرتِ مؤسیٰ سٕندِس وٕمٛتس سوزان اوس ۔ ۲ ۔ خاص نیامتھ ۔ ۳ ۔ کھیٚن یُس گُنہ میٚحنتہٕ ورأے اَتھِ لگِہ ۔

**مَنہٕ ناوُن ۔** [ن ۔ مؤل : مَنہِ ناو > س : مانَنہٕ ] ۔
رُوٹھمت بیٚیہ اَکھ اَنُن ۔ ٹیٚٹھہ میٹھ کرِتھ کاٛنٛسہ کینٛہہ کرنس پیٹھ آمادٕ کرُن ۔ خوشامد بیتر کرِتھ کانٛسہ پانَس کُن پھِرُن ۔

**مَنہٕ وُن ۔** وُچھو "مَنہٕ ناوُن" ۔

**مَنہٕ ووٛنی ۔** [ن ۔ مؤل : مَنہٕ واد > س : مَنٛد + بانہِ ] ۔
سُہ پوٚنی یُس دہ دُس ژامَن بناونہٕ پَتھ کُن روزان چھُ ۔

**مَنہٕ ووٛنی چومُت آسُن ۔** پکہٕ پکھ کرٕنی ۔ گِنہٕ نہٕ قرار آسُن ۔ بینہِ نہٕ آسُن ۔

**مَنٛٹ ۔** [ن ۔ مؤل : مَنٛٹ > س : مَنہٕ + وٹ ] ۔
۱ ۔ لگ بگ ڈوڈ سیر یا ڈوڈ سیر وزنُک ۔ ۲ ۔ لگ بگ ڈوڈ سیریُن ورِنہٕ سُہ بانہٕ بیترِ یتھ لگ بگ ڈوڈ سیر دانان آسہٕ ۔

**مَنٛٹی دَب ۔** (دُرگہٕ) ۔ ۱ ۔ دُسرِ نفع ۔ ۲ ۔ کوہ ورٹاس ۔

**مَنٛٹی دَب بِیوٗن ۔** کوہ ورٹاس لگُن ۔ سخ زکھ واتُن ۔

**مَنٛٹی دَب کھیوٗن ۔** (سزا بیتر لگنہٕ ملتی) ژھوٗ پہ دَم کرِتھ بہُن ۔ گٔژر ڈہُن، ساڈی حیب نہٕ ژٕنٛ ۔

**مَنٛٹی میٚنٛتھ کھیٚنٛ ۔** بانہٕ وٕنی ژٕر ژٕریتھ اَتھر ہینٛتس حساب بوزُن اَر سخ ژٕونی ۔

مُنٹھ میٹِنی۔ پانہٕ دِنی زرٕ زرٕ تہٕ پیٹھِس پیٹھِس حساب بوزُن۔ پتہٕ میٹہٕ۔ سخ زُردی

مُنُٹ پیٹھ گژھُن۔ یَس نہٕ یُوت۔ پانہٕ آسہٕ تَس تیوٗت بَنُن، پھٹنس یُن۔

مُنٹس پانٔژو گژھُن۔ تیوٗت بَنُن یوٗت نہٕ بتٕر آسہٕ۔ پھٹنس یُن۔

مُنٹھٕ لیٖجہٕ پانٔژو گژھُن۔ وُچھو "مُنٹس پانٔژو گژھُن"۔

مُنُر۔ [ن۔ مؤل: مُنر < س: مُنہٕ + کار]۔ جوٲہرن بیتر موٗلجن کنین ہُنٛد کار بارکَرَن ودل یا تمہٕ گرَن وول۔

مُنر تھاج۔ مُنری ہُنٛدٕ چرخ یتھ پیٹھ ژہ جوٲہرن بیتر چوٗر بنادہ نہ بایتھ کھاران چھ۔

مُنروان۔ ۱۔ سہٕ دُکان یتہِ جوٲہر بیتر کنی آسن۔ ۲۔ مُنری ہُنٛد کارخانہٕ۔

مُنٛش/ مِنوٗش۔ [< س: مُنُشیہٕ]۔ اِنسان۔ موہنیو۔

مُنشہٕ لوے۔ اِنسان ہُنٛد شکٕ۔ مأثرٕ بوے۔ یہ چھ تمہٕ ساتہٕ وَنان ییلہٕ گُنہٕ ترِہہٕ جایہ تہٕ انسان مؤجوٗد آسہٕ یتِنہٕ نہٕ سہٕ عام پٲٹھی آسُن پزِہے۔

مُنشہٕ ذاتھ۔ آدم ذاتھ۔ انسان ذاتھ۔ اِنسانی ذاتٕ مُنشر۔

مُنشہٕ لوٗکھ۔ (یِہ) دُنی یا۔ ژگُنہٕ۔

مُنوٗش۔ وُچھو "مُنٛش"۔

مَنوہر۔ [ن۔ مؤل، مَنوہر < س: مَنوہرٕ]۔ خوش کَرَن، لوبہٕ وُن۔ دِلس پھٕہنہٕ رٕوُن۔

مَنیجر۔ [مؤل: مَنیجر < انگ: منیجر (MANAGER)]۔ مُنتظِم۔ انتظام چلاوان وول۔

مُنتھر۔ [ن۔ مؤل: منتھر < س: مُنتٕر]۔ ۱۔ ویدَن ہُنٛد کانٛہہ واکھ، ویدواکھ۔ ۲۔ (کانٛہہ دوٗناپسندٕ ناوی) ژھومبہٕ کتھ۔ ۳۔ سو ژھومبہٕ کتھ بیتر یمہِ سیتۍ کانٛہہ کرامتھ بیتر کرنہٕ یِیہ۔ مأنتھر۔

مَنٛجن۔ [ن۔ مؤل: منٛجن < پراکرت: منجنم < س: مارجنَہ]۔ ڈنٛد صاف کَرنچ پھکہ۔

مَنجولہٕ۔ [ن۔ مؤل: منجول < ہ: مجنولا]۔ ہموار ژوٗک۔ کرنہٕ لو کُٹ پُٹرلہٕ۔

مَنجہوٗر۔ [ن۔ مؤل: منجہر < س: مارگہٕ شیرشا]۔ دلیس حسابہٕ ایٚٹھیم رِیتھ۔ سہٕ ریتھ یُس کارتکہٕ پتہٕ یوان چھ۔

مَنحوٗس۔ [ مؤل: مَنحوٗس < ع: منحوس]۔ ریٚتھ یا

یُس نوٚ خوٗتہٕ پٔشپان آسہِ۔ ہتوٗہُن۔
نوٚ خوٗتہٕ لَد۔ ۲۔ سپیٚشِل۔ بدنُسوٗگوٗن۔

مَنٛدَچھ۔ [م۔ مٔول : مَنٛدَچھ (س : مَنٛدکشی] شرم، حیا۔ گال۔

مَنٛدَچھ پیٚنہٕ۔ مَنٛدچھاوٕنہٕ یُن۔ شرمندگی گژھنہٕ۔ مَنٛدچھنس لایُق گژھُن۔

مَنٛدَچھ تُلِتھ ترٛاوٕنۍ۔ بےٚ مَنٛدچھ لاگُن۔ بےٚ شرم بنُن۔

مَنٛدَچھ تُلنۍ۔ بےٚ مَنٛدچھ یا بےٚ شرم بناوُن۔ بےٚ حیا تہٕ بےٚ شرم لاگُن۔

مَنٛدَچھ کاسٕنۍ۔ شرم ژُلراوٕنۍ۔ مَنٛدچھن دوٗر کرُن۔

مَنٛدَچھ گژھنۍ۔ شرم گژھنۍ۔ گال گژھنۍ۔

مَنٛدَچھ وۄتھنۍ۔ بےٚ حیا بنُن۔ بےٚ شرم بنُن۔ لحاظہٕ روزُن۔ بُتھہِ پیٹھٕ تُلُن۔

مَنٛدَچھ ہینۍ۔ مَنٛدچھن، حیا گژھُن۔ شرم ہینۍ۔ لحاظ گژھُن۔

مَنٛدَچھ بُتھ۔ یُس مَنٛدچھ یوان آسہِ۔ حیا وٕنوت۔ یُس بیٚیس برٛونٛہہ کُن یِنس بُتھہِ سمان آسہِ نہٕ۔

مَنٛدَچھ وٕہٕ شُر۔ حیا وٕنوت آسُن۔ مَنٛدچھ آبسۍ۔ لحاظہٕ آسُن۔

مَنٛدچھ وٕنوت۔ مَنٛدچھ بُتھ۔ یُس مَنٛدچھان آسہِ۔ یُس حیا آسہِ۔

مَنٛدَر۔ [ن۔ مٔول : مَنٛدر (س : مَنٛدِر] ٹھوکُر دوار۔ دوٗر۔ پوزاپہٕ ہنز جاے۔ عبادت خانہٕ۔

مَنٛدِج۔ [م۔ مٔول : مَنٛدِج (س : مَنٛڈلہ۔ یہ چھُ مَنٛدل لفظُک ماد (مَنٛدِل) بُٹھ۔

مَنٛدِنۍ۔ [م۔ مٔول : مَنٛدِنۍ (س : مَنٛتھنی] سہ رزٕ یمہِ ستۍ دٔدرس چھوٚمپہ دِنہٕ وِزِ بانہٕ منٛز دیوٗن نِشرناونہٕ یوان چھُ۔

مَنٛدُل۔ [ن۔ مٔول : مَنٛدل (س : مَنٛڈلہ] ۱۔ لَنٛگُک اَندرِم پاسہٕ۔ لَنٛگ۔ ۲۔ ژٕرٕکہٕ۔ ۳۔ مَنٛدل بُٹھہٕ۔

مَنٛدَل بُٹھ۔ مَنٛدِج۔

مَنٛدَل بُھر۔ مَنٛدَل کھوٚرُکھ۔ مَنٛدلہٕ ستۍ پٔکُن۔

مَنٛدَل ہَست۔ سخ لاپروا۔

مَنٛدَل وٕنوٚٹھ۔ (دٕگہٕ) وٕنیوٚ پوٚٹھ۔

مَنٛدُن۔ [ن۔ مٔول : مَنٛدُن (س : منتھنہٕ] ۱۔ چھوکُن، چھوکہٕ کُون، چھوکہٕ دِیُن۔ ۲۔ بانہٕ دٔدرس دیانہٕ ستۍ چھوٚمپہ دیُن۔

مَنٛدور۔ [م۔ مٔول : مَنٛدور (س : مَنٛدِر] بڈ نٔکھلہٕ ڈلہٕ ٹر۔ عالیشان مکانہٕ۔

**مَنٛدُن۔** [ن۔ مؤل: مَنٛدن < س: مدھیاہنہ]
مَنٛز دوہ۔ دُپہرٕ پتِک وُق۔

**مَنٛدِنٛہنَس۔** وُچھو "مَنٛدِنٛہِن"

**مَنٛدِنٛہنَس بآگِین / بآگٕ۔** وُچھو "مَنٛدِنٛہِن بآگِن، بآگی"۔

**مَنٛدِنٛہِن۔** مَنٛدِنٛس کیُت۔ مَنٛدِنٛ وَقتَس۔

**مَنٛدِنٛہِن بآگِن، بآگی۔** لَگ بَگ مَنٛدِنٛس کیُت۔ مَنٛدِنٛس ہیوٗہ یا مَنٛدِنٛ وَقتَس ہیوٗہ۔

**مَنٛدِنٛہِن شام گژھُن۔** خوٗشی اَندر ہنٛگتہٕ مَنٛگہٕ کانٛہہ وَکانٛہٕ گژھُن۔ خوٗشی اَندر غم ییُون۔ واہ وُستہٕ گژھُن۔

**مَنٛدِنٛ بہہ۔** بہوار ۱۔ سود سایہٕ دار جاے۔ بیتہٕ لَس نیرٕ ہشند وُنٛگُن یا تیپر مَنٛدِنٛہِن بآگی تھکہٕ دِن۔

**مَنٛدِنٛ بہوال۔** بہوار ۲۔ اوٗر دوٗر آسنہٕ اصل وَقتَس پیٹھ کام نہٕ کَرَن وول۔

**مَنٛدِنٛ ٹھگ۔** دوٗہلی لُٹاوَن وول، دُچھان دُچھان بآزی دِنہٕ وول۔

**مَنٛدِنٛ ژوٗر۔** دوٗہلی یا گاشلی سَن دِنہٕ وول۔ دوٗہلی ہیرکن وول۔

**مَنٛدِنٛ گَرٕ۔** ۱۔ مَنٛز دُنٛگ اَنہٕ کوٗٹ۔ ۲۔ اوٗر گَرٕ یٕچھ بے بوٗج۔ نا پُرسان۔ آدی خوٗ کوٗ تھو۔

**مَنٛدِنٛ کاش۔** دُپہرٕ کِ گاش۔ سبہٕ ٹائیز گاش نِنز پاٹھی۔ مَنٛدِنٛ گاشس۔ بَرٕ مَنٛدِنٛس نَنہٕ وانہٕ۔

**مَنٛدچھاوُن۔** [ن۔ مؤل: مَنٛدچھاو < س: مَنداکشٕ]
۱۔ خجِل کَرُن۔ ۲۔ شَرمِنٛدٕ کَرُن۔ ۳۔ بدنام کَرُن یا بدنامی کَرٕنی۔

**مَنٛدچھاوَن کٕتھ۔** آلس ماجِ مَنٛدچھاوَن دوال شَرمُر۔

**مَنٛدچھاونہٕ یُن۔** بدنام گژھُن۔ بےعزتی گژھِنۍ۔ خجِل گژھُن۔

**مَنٛدچھُن۔** [ن۔ مؤل: مَنٛدچھ < س: مَنداکشٕ]
مَنٛدچھ ییِنہٕ۔ شَرم ییِنہٕ۔ حیا گژھُن۔ گُتھ تٕھنُن

**مَنٛدچھ مَنٛدچھ۔** باحیا پاٹھی۔ کھوژِ کھوژِ۔ نِڈر پاٹھی نہٕ۔ بہرِ نہٕ ہیکنہٕ کٔنی۔

**مَنٛدچھس تہٕ تٔنہٕ۔** نہٕ دُیتہٕ گو: لیٚ مَنٛدچھُن واتہٕ تٔنٛد اَدرٕ نخرٕ کَرٕنۍ۔

**مَنٛڈپھ۔** [ن۔ مؤل: مَنٛڈپ < س: مَنٛڈپ]
کانٛہہ (مَذہبی یا سماجی) رسم پانٛنہٕ خاطرٕ پیٚنٛڈ بیٚترٕ۔

**مَنٛدل / مَنٛڈل۔** [ن۔ مؤل: مَنٛڈل < س: مَنٛڈل] علاقہٕ۔

**مَنٛڑن۔** [ن۔ مؤل؛ مَنٛڑن < س: مَنٛڈَ]۔ ۱۔ زَرِ کاٹے، شرِس کٕٹس گوڈنیک مَس کاسُن ۲۔ مگٲر یِتھٕ ماجہ ہنٛد (مُرنہٕ پتہٕ اُڈبہ دہہ یَس) کاسُن۔

**مَنٛڈو۔** [ن۔ مؤل؛ مَنٛڈو < س: مَنٛڈَپَ]۔ ۱۔ پلینٛڈر۔ م: مخدوم مَنٛڈو۔ ۲۔ مکانک پور۔ ۳۔ کوٹھ۔

**مَنٛڈِج۔** [م۔ مؤل؛ مَنٛڈِج < س: مَنٛڈلی، مَنٛڈل لفظک مادٕ]۔ آرِ کرِتھ بیٹھِ ہنٛز لوکھ۔ (لوکھ ہنٛز) جھوکھ۔

**مَنٛڈٕ بہٕ کَرٕنہٕ۔** ٹوکُج کَرٕنہٕ۔ سازِ شہ کَرٕنہٕ۔

**مَنٛڈُل۔** [ن۔ مؤل؛ مَنٛڈل < س: مَنٛڈلٕ]۔ ۱۔ دائرٕ۔ آر۔ ۲۔ (گُنہٕ مٲرِس دہہ یَس) چونہٕ بیترِ سیتی پھِرِس پیٹھ بنومُت آر۔

**مَنٛڈُل شیہلُن۔** ۱ (گرِ باٹھی) وارِیاہس کالس گرمی روزنہٕ پتہٕ (وُدِ بیترِ سیتی) شبنہہ ہارِ گرٕزُن۔

**مَنٛڈُن ہٕ۔** [ن۔ مؤل؛ مَنٛڈن < س: مَرٕدَنَم]۔ لَٹہٕ گٕس کرِنہٕ سٲتی پوٹ ژھٕلُن یا زَد مراوُن۔

**مَنٛڈُن گور۔** پوٹ بیترِ مَنٛڈن دِول یا گوزٕر۔ اِیُتھ ہیشہٕ پوٹ مَنٛڈٕنہٕ آسہٕ۔

**مَنٛڈُن وودھُل۔** سُہ پوڈ لوٹہٕ کھُل یا کٔشرِ سیدٕ یتھ مُنٛز پوٹ مَنٛڈان یا ژٕٹس بیترِ لٕٹھ دِوان چھِ۔

**مَنٛڈٕ وٕنی۔** [< س: مَرٕدَنَ + پَٹّ]۔ پوٹھ۔ بیترِ مَنٛڈناوٕ سنٛج مُزوٗری۔ مَنٛڈان گرُد یِستنٕ اُجرتھ۔

**مَنٛڈُن ہٕ۔** [ن۔ مؤل؛ مَنٛڈن < س: مَنٛڈَنَ]۔ سجاوٕن۔ شوبہٕ راوُن (جان پلو بیترِ لاگِتھ) م: پوٹ مَنٛڈٕ پونبرٕ مَنٛڈٕے خانہٕ دارٕی کلس گنٛڈٕے

**مَنٛز۔** [ن۔ مؤل؛ مَنٛز (پراکرِت: مَجھ) < س: مَدھیَہ]۔ ۱۔ اَنٛدر، شامِل۔ ۲۔ درمیان (دریاٲنی جلے۔ وَق، کال)

**مَنٛزٕس۔** ۱۔ مَنٛز باگ۔ ۲۔ کُنہٕ اَنٛدر شامِل۔

**مَنٛزٕس ژٕن۔** (کُنہٕ اَنٛدر) شامِل آسُن۔

**مَنٛزٕ۔** ۱۔ اَنٛدرِ کَنہٕ۔ اَنٛدرِ پیٹھ۔ ۲۔ کینٛژھٕ اَنٛدر۔

**مَنٛز بُڈ۔** یُس پَنہٕ بُڈ آسہٕ۔ یُس کُنٛہ کال دولتہٕ بیٚتِس گوٚمُت آسہٕ۔

**مَنٛزٕ مَنٛزٕ۔** ۱۔ کُنہٕ وقتہٕ۔ وِزٕ وِزٕ۔ م: تِم مَنٛزٕ مَنٛزٕ یِوان۔

**مَنٛز وودھُن۔** کانسہٕ بیٚتر کُنہٕ ژٕٹھ یعنی کُنہٕ درٲٹھ۔ کُنہٕ مُنٛزرٕ یِنا۔

مَنزٕ یُن ۔ ۱۔ دوٚن دَرمیان رُکاوُٹھ بنُن، ٹھوٚر بنُن ۔ ۲۔ دَخل دیُن ۔ بیٚیہ پنٕنِس ماملس زٕنگ تراوٕنی ۔

مَنزٕ اَتھس کُنھ اَنُن ۔ ناری ۔ بازی دِنی ۔

مَنزٕ اَتھس نار پیوٚن ۔ کانٛہہ سخٕتی درپیش یِنی ۔ مُشکل پیوٚن ۔

مَنزٕ اَتھ ۔ ماوِنہٕ اوٚنگجِن مَنزٕ باگ اَتھک، حِصہٕ ۔ ژالہٕ ہُند مَنزیُم حِصہٕ ۔

مَنزٕ اَژُن ۔ ۱۔ دَخل دیُن ۔ ۲۔ نیایس بِہتھ فٲیصلہٕ کرُن ۔ ۱۔ (کانٛسہٕ پنٕنہٕ خاطرٕ) ضامن بنُن ۔

مَنزٕ اَژُن گو کَنزٕ اَژُن ۔ تہٕ ڈیشتھ گو: بیٚیہ سُند گھر کاسنچ کوشش کرُن گوٚیا پانہٕ پیٚہ گھر اَتُن ۔

مَنزٕ باگ ۔ ۱۔ کُنہٕ جایہ ہُند مَنزیُم حِصہٕ، دَرمیانی جاے ۔ ۲۔ کُنہِ ینک اَندرٕ یُم پاسہٕ ۔ ۳۔ اَندرٕ، اَندرٕ کنہٕ ۔ ۴۔ اَنزٕ مَنزٕ اَدرٕ پور ۔ پٕتھ ہی تراوٕتھ ۔ ۴: اَگر کانٛہہ کُنہِ کام تہٕ مَنزٕ باگ رٕوٚٹھمس ۔

مَنزٕ باگَن ۔ سیٚٹھہٕ مَنزٕ س ۔ مَنزی مس حِصَص اَندرٕ ۔ دَرمیانی جاے ۔ اَندرٕ کنہٕ ۔

مَنزٕ باگُک ۔ اَندرٕ یُم ۔ اَندرٕ مِہ جھکک ۔ گوہر اَندرُک پُگول ۔

مَنزٕ خبر ۔ توحفہٕ بیٚنہٕ رِیُس کھاندرٕ پیٹہٕ کورِ ہُنٛد دادِ یو سوزان چھہٕ ۔

مَنزٕ خبر سوزٕنی ۔ کھاندرٕ پیٹہٕ کورِ ہُنٛد دادِ یو نابد فوٹ بیٚتر سوزُن ۔

مَنزٕ دَل ۔ مُنٛنہٕ وِزہٕ دانس دوٚیُم دَل ۔

مَنزٕ گنٛڈ ۔ نِکرادِ تر گاڈِ ہُند مَنزیُم حِصہٕ یا ٹکرٕ ۔

مَنزٕ مُنزٕ لہٕ کرُن ۔ بیٚیَن ہندین ماملَن مَنزٕ دَخل دیُن ۔

مَنزٕ ماّدانس نیرُن ۔ مُقابلہٕ کرنہٕ نیرُن ۔ (بیٚیہ رایہ پاٹھی) بُتھ نیرُن ۔

مَنزٕ نیٚشر ۔ دوٚیُم نیٚشر ۔ مونٹھ نیٚشر ۔

مَنزٕ ہیتُھن ۔ (کانٛسہٕ) پنٕنہٕ جماژ مَنزٕ جاے دِنی ۔ پنٕنہٕ ٹلِکِک گنزرُن ۔

مَنزٕر ۔ [ن ۔ مؤل ۔ مَنزر (س : مَنٛد + ار)]
۱۔ بیمارد ۔ دود ڈگ ۔ لیٚوژھ اسنچ حالتھ ۔ ۲۔ ژڈتر بہٕ آسن تیز نہٕ آسُن ۔

مَنزِل ۔ [ن ۔ مؤل : مَنزِل (س: سَنچہٕ)]
اکہٕ قسمک شُری چیز ٹنگ ۔

مَنزِلہٕ باتھ ۔ باتھہٕ یُم شُرِس نٕنڈرٕ پاوَن وِز

بوزناونہٕ یِوان چھہٕ۔

مَنٛزِلی ہُر۔ وُچھِو "مَنٛزِلی باتھ"۔

مَنٛزِ لیٚکھ چھُنہٕ مَنٛزِلی روزان۔ یِہ دَپِتھ گوٚو: شُر چھُنہٕ ہمیشہٕ شُرُے روزان۔ انسان چھُنہٕ ہر ہمیشہ اَکِسے حالَتس پیٹھ روزان۔

مُنساوُن۔ [ن۔ مؤل: مَنساو < س: مَنَس]۔ ۱۔ کانٛہہ چیز بیٚنہ دَرمَس دیُن۔ دانُو دیُن، دان کرُن۔ ۲۔ (اُوٚرگہ پاٹھۍ) اَمانَتس ترٛاوُن، اُوٚرکہ ... یِہ پیٚروٚلے یہٕ کرٛاو، تسراوان۔

مَنٛسُن۔ [ن۔ مؤل: مَنَس < س: مَنَس] ۱۔ کانٛہہ چیز بیٚنہ دَرمَس دیُن، دانَس دیُن یا دان کرُن۔ ۲۔ کانٛہہ چیز یا کُنہ ترٛاوِتھ ژھینٛز۔ گالکھاتَس ترٛاوُن۔

مَنسوخ۔ [مؤل: مَنسوخ < ع: مَنسوخ] خَتَم کرنہٕ آمُت۔

مَنسوخ کرُن۔ رَد کرِتھ ترٛاوُن۔ نامنظوٗر کرُن۔

مَنٛشا۔ [ن۔ مؤل: منشا < ع: مَنشأ]۔ ۱۔ یژھ، مرضی، مَطلَب، مُراد۔ ۲۔ رائے، ارادٕ۔

مَنٛشہٕ۔ [ن۔ مؤل: مَنشہ < ع: مَنشا]۔ وُچھِو "مَنٛشا"۔

مَنٛشہٕ بَدلُن۔ کُنہٕ مُتلق رائے بَدلٕنۍ۔ یِراد بَدلُن۔

مَنٛشہٕ پھیرُن۔ بَدل رائے گَژھنۍ۔ یِراد بَدلُن۔

مَنٛشہٕ موٗجوٗب۔ یتھ کُنۍ یژھِ زِ تِتھے کُنۍ۔

مَنشوٗر۔ [ن۔ مؤل: مَنشوٗر < ع: مَنشور]۔ (سماجی سیاسی) پروگرامہٕ بیٚنہ ژیٚک اعلان۔ ضابطہٕ عملک اعلان۔

مَنصَب۔ [ن۔ مؤل: مَنصَب < ع: مَنصب]۔ رُتبہٕ۔ ہُد۔ عوہدٕ۔

مَنصوٗر۔ [ن۔ مؤل: منصوٗر < ع: منصور]۔ اَکھ بُزرگ یُس ناویُس انالحق وَنہٕ لَس پیٹھ دارس کھوٚرُکھ۔

مَنصوبہٕ۔ [ن۔ مؤل: منصوب < ع: منصوبة]۔ شُر، سنٛز (کُنہٕ کامہٕ پیٹھ) کانٛہہ کام اَنٛد واتناونہٕ باپتھ بنوومُت (بُنیادی) خاکہٕ یا پروگرام۔

مَنصوبہ بَنٛدی۔ کانٛہہ کام اَنٛد واتناونہٕ باپتھ بُنیادی خاکہٕ تیار کرُن۔ پلاننگ۔

مَنصوبہٕ گَنٛڈُن۔ شُر کرنہٕ۔

مَنطِق۔ [ن۔ مؤل: منطق < ع: منطق]۔ ۱۔ سُہ عِلم یَمیُک موٗجوٗب کانٛہہ مَسلہٕ عقلی دلیلو سٟتۍ ثابتھ کران چھُ۔ ۲۔ زیرکی۔

۲. کاکُل۔ خوشبَک۔ بحث۔

**مَنظَر۔** [ن۔ مؤل : مَنظَر > ع : مَنظَر]۔ اِنظار۔ گوشہ۔ فِضا۔ ۲۔ خوشنُما جاے۔ ناٹکہٕ کِہ کُنہِ اَنگُک کانہہ حِصہٕ۔

**مَنظوُر۔** [مؤل : منظوُر > ع : منظور]۔ مانَنہٕ آمُت۔ قوٗبوٗل یا تسلیم کورُت۔ یتھ آ لنکار کرنہٕ آمُت آسہِ۔

**مُنظوُر نَظَر۔** یَنہِ وِتر رکھتھ ہُند) یَنہِ آیہِ۔ یَتُن خاص مُہنیُو۔

**مَنظوُر آسُن۔** تسلیم آسُن۔ قوٗبوٗل آسُن۔ مانُن۔

**مَنظوُر سپدُن۔** مانَنہٕ یُن۔ قوٗبوٗل یا تسلیم سپدُن۔ اِجازتھ یُن۔

**مَنظوُر کرُن۔** مانُن، قوٗبوٗل کرُن۔ منظوٗری دِنی۔ اِجازتھ دیُن۔

**مَنظوُری۔** [م۔ مؤل : منظوٗری > ع : منظور ہٕن یٖ]۔ کینہہ مانُن، کُنہِ آ لنکار کرُن۔ اِجازتھ۔

**مَنظوُری دِنی۔** کینہہ کرنس اِجازتھ دیُن یا کانہہ ہُند درخاس قوٗبوٗل کرُن۔

**مَنظوُم۔** [مؤل : منظوُم > ع : منظوم]۔ باتن اَندر۔ شارن اَندر۔

**منفی۔** [ع : منفی]۔ (حرارتھ میٖنہِ نس اَندر) صِفر درجہ بون۔ زیرو ڈِگری بون۔ م : منفی اَٹھ درجہ سینٹی گریڈ۔

**مَنقَبَتھ۔** [ن۔ مؤل : مَنقَبَت > ع : منقبة]۔ شعری اَدبُک اکھ صِنفہِ نظم یتھ اَندر ولییَن یا بُزرگَن ہِندی تاریف (مدح) کرنہٕ آمتی آسَن۔

**مَنقبَتھ خٲنی۔** مَنقبَتھ پرُن۔

**مَنقَل۔** [م۔ مؤل : مَنقَل > ع : منقل]۔ نارِ کونڈُل۔ اَنگیٹھو (نار) مَنُن۔

**مَنقوٗلہٕ۔** [مؤل : منقوٗل > ع : منقولة]۔ جاداد بیتر یُس اکہِ جایہِ پیٹھہٕ بیٚیس جایہِ سارتھ یا ڈالتھ ہیکو زِ۔ م : اغار منقوٗلہٕ۔

**مَنکہٕ۔** [ن۔ مؤل : مُنک > س : مَنکہ]۔ ۱. مالہِ پھوٗل۔ ۲. کرانکھ۔ کریٚنکھ۔ ۳. اکھ موٗلج کُنی، دِیان یہِ چھ سر پھولتھ یر ہُند زہر زِ آہتہ کَران۔

**مَنکوٗحہٕ۔** [مؤل : مَنکوٗح > ع : منکوحة]۔ زَنانہٕ یَس نِکاح سپدُت آسہِ بیتر گراکھ۔

**مُنگ۔** [م۔ مؤل : مُنگ > پراکرت : مَگگنہٕ > س : مارگنہ]۔ ۱. یژھ۔ خاہش۔ حاجتھ۔ ۲. مَطلب (بازرس اَندر) خریداری۔

**مَنگہِ مَنگ** ۔ ۱۔ (گَرِ پتہٕ گَرِ) کانٛہہ چیز مَنگان روزُن۔ کُنہِ چیزَس بیٚترِ پتےٚ روزُن۔ ۲۔ دُعا۔

**مَنگہِ مَنگ کَرٕنۍ** ۔ ۱۔ کینٛہہ گَرِ پتہٕ گَرِ مَنگُن۔ کُنہِ چیزَس بیٚترِ پتہٕ تھٕپھِ تُلِنۍ یا پتےٚ روزُن۔ ۲۔ دُعا کَرُن۔

**مَنگ آسٕنۍ** ۔ ۱۔ کُنِہ سٕنٛز بَڑھے یا خاہِش آسٕنۍ۔ سٕنٛز طَلَب آسُن۔ ۲۔ بازرَس مَنٛز کُنہِ چیزَس بیٚترِ جان خریدارۍ آسٕنۍ۔ بازِ مِقدارَس مَنٛز چیز بِکٕنۍ۔

**مَنگ لَگٕنۍ** ۔ کُنہِ چیزَس بیٚترِ مَنگہِ مَنگہِ بازرَ تمَن یا تمہ جایِ گِزٕ اَکِل یا دِگَرٕھنۍ۔

**مَنگ پیٚنۍ** ۔ کُنہِ چیز باپتھ دُور دُورِ پیٹھہٕ لُکھ واتٕنۍ۔ کُنہِ چیزَس پیٚٹھ علاقَس مَنٛز گزٕ اَکِل یا دِگَرٕھنۍ۔

**مَنٛگَل** ۔ [ن۔ مٔول : مَنٛگَل < س : مَنٛگَلم] ۔ ۱۔ شادی، خُشی۔ ۲۔ رٕژر۔ جانی۔ ۳۔ بوم اَکِہ پھیرِ وِٕنہِ تارکھ یا گرٕہیہ رٕنگ ناو۔

**مَنٛگَتی یارۍ** ۔ [م۔ مٔول : مَنٛگَتی یارۍ < س : مانگہٕ + وِہارِی] ۔ مَنٛگنُک پیشہٕ، بیچھُن کانٛسہِ برٛونٛہہ کُنہِ اَتھہِ دارُن۔

**مَنٛگَتی یار** ۔ [ن۔ مٔول : مَنٛگَتی یار < س : مارگنہٕ + وِہار] ۔ ۱۔ یُس کینٛہہ کانٛسہِ مَنٛگہِ، یُس کانٛسہِ برٛونٛہہ باپتھ اَتھہِ دارِ۔ بیچھہ۔ ۲۔ بیٚڑھن کانٛچھِن وول، مَنٛگَن وول۔

**مَنٛگہِ ناوُن** ۔ [ن۔ مٔول : مَنٛگہِ ناو < س : مارگنہ] ۔ ۱۔ فرماش کَرِتھ دُور پیٹھہٕ اَنناوُن۔ ۲۔ ناد دِتھ اَنناوُن، بُلاوُن۔ ہیٚز ناوُن یا مانہِ ناوُن۔ رم : مآنی مَنٛگہِ ناوُن۔

**مَنٛگہِ وُن** ۔ [ن۔ مٔول : مَنٛگہِ وُن < س : مارگنہ] ۔ یُس کینٛہہ مَنٛگہِ یا مَنٛگان روزِ۔ بیچھہِ۔ بیچھہِ وُن۔

**مَنٛگہِ وُن روزُن** ۔ ۱۔ دوہے آویزِ روزُن۔ کانٛسہِ ماتحت روزُن۔ ۲۔ پلنےٚ پتہٕ یَنٛن گزارِ کَرِتھ ہیٚکُن۔

**مَنٛگُن** ۔ [ن۔ مٔول : مَنٛگ < س : مارگنہ] ۔ ۱۔ کانٛسہِ کینٛہہ دِنہِ باپتھ وَنُن۔ کانٛسہِ نِش کینٛہہ بَڑھُن، کانٛچھُن۔ ۲۔ کُنِہ بَڑھے، خاہِش۔ ۳۔ بیچھُن۔

**مَنٛگَن بانہٕ** ۔ مَنٛگنُک شوٗنٛڈ، مَنٛگنُک بتھ۔

**مَنٛگَن بتھ** ۔ بیچھَن بتھ۔ بیچھہِ بَکرِ بیچھَن ڈنٛڈ۔

**مَنٛگَن وول** ۔ یُس مَنٛگہِ، یُس اَتھہِ دارِ۔ بیچھہِ۔ یُس کینٛہہ کانٛچھہِ۔

مُنگُن نار۔ ا۔ یُس مُنگُن واتِہ، یُس نش اَتھ دارُن شوٗبہِ۔ ۲۔ یہِ مُنگُن واتِہ۔ ۳۔ مُنگُن وول۔

مُنگُن لایق۔ ا۔ یتھ چیز بیتر یُس مُنگِتھ ہیکو۔ ۲۔ شہ یُس واتہِ آسہِ یُس مُنگِرِتہِ دِیہِ۔

مُنگُنگ تُدورُک۔ [ دُشہِ تھوٗی تھوٗی تہِ کانچھ کانچھ زامنس شُری سُند کرِ بچھر یا تیٚندِ رٚنگی کانھہ مُصیبتھ، تمِ ساتہ وَنان بیٚلہِ یوٗر حُمت تہِ کوٗچھمت شُر کوٗٹ اوٗرے نیٚبر زانہِ۔

مُنگِتھ دِیُن۔ وُچھو "مُنگنہِ دِیُن"۔

مُنگِتھ نیُن۔ ا۔ یرژِتھ نیُن۔ ۲۔ پیٚہہ نیُن۔ ۳۔ مُنگنہِ رٹُن۔

مُنگنہِ۔ [ مۆل : مُنگُت < س : مارگِتہِ ] مُنگِتھ اوٗنمُت شُر کوٗٹ۔ مُتبنا۔

مُنگنہِ اَنُن۔ مُتبنا اَنُن۔

مُنگنہِ دِیُن۔ پنُن شُر کوٗٹ بیٚیس کانسہِ مُنگُن والِس (مُتبنا) دِیُن۔

مُنگنہِ رٹُن۔ مُتبنا اَنُن۔

مَن مستھ۔ [ن۔ مۆل، مَن مُتھ < س : مَنمتھ ] ا۔ کامہِ دیو۔ ۲۔ عشق۔

مَو۔ [س: ما] پانہِ نیٚار سان پانس برابر انسانس یا پانس ڈیٚستھ ٹھاکھ کرنہِ دِزِ وَنان۔

رم : تو روشن شاہہِ سوندورو
مر۔ مہِ۔ نہ۔ رم : یہِ مَوکر۔

مَور۔ [م۔ مۆل : مَور ]۔ اکھ رٚنگ توٚلہِ داتھ۔

مَول۔ [م۔ مۆل : مَول < س : مَولہِ ] ا۔ گاڈ دارٔنہِ ہندِ بن گِیننہِ تہِ کو کرن بیتر ہُنر گرِدنہِ ہُنر لاد۔ ۲۔ (اکھ کرُسند) پھوٚنگ۔ ۳۔ اکھ پوشہِ داتھ یوسہِ رٚنگہِ باپتھ سنس تراوان چھِ۔

مولہِ رٚنگ۔ رٚنگ یُتھ مولہِ آسان چھُ۔

مَواد۔ [ن۔ مۆل : مَواد < ع : مَواد ] ا۔ مادہِ رس یا پاکھ بیتر۔ ۲۔ (مضمونس بیتر خاطرِ) مسالہِ۔

مُوازنہِ۔ [ < ع : موازنہ ]۔ پانہِ وأنز تولُن۔ مُقابلہِ، مولہِ تول۔

مَواس۔ [ن۔ مۆل : مَواس < ع : معاس + ف : ی ]۔ باغی۔ بغاوتھ کرن وول۔

مواصلاتی نظام۔ تار، ٹیلیفون یا ڈاک بیتر ییٚمہِ کانہہ تہِ ذٔری یہِ، ییٚمہِ سیتی دۆن مُلکن یا شہرن بیتر پانہِ وأنز توٗتی آسہِ۔

حاکم ۔ ۲۔ یَزتہٕ پُژھی کاٗنٛسہِ لوان دٕنہٕ ۔

مَہاراز ۔ [ ن ۔ مٕول : مہاراز (س: مہاراجہ]
یُس نیٖتھٕر سپدِن وِزِ آسہِ با تاز
تاژے نیٖتھٕر سپدِمُت آسہِ ۔

مہارازٕ مٲرُن ۔ ۱۔ ٹھاٹھنٛیارٕ سان مہارازس
وَنان ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سُہ یُس مہاراز
سناوِتھ پاٹھی شیرِتھ لوٗرِتھ آسہِ نٕندبون ۔

مہاراجی ژرٕ ٹھٕٹھ ۔ اکھ مشہوٗر ژرٕ ٹٕھنی ذاتھ ۔

مہاراجی سَڑَکھ ۔ شاہراہ ۔ جرنیلی سڑکھ ۔

مہاراجی سیہہ ۔ اکِہ خاص گرٕتیچ زاوِج
سیہہ ، یہ آسہِ ہٕنٛدہ کالہ لداوِس لاگان ۔

مہارانٛی ۔ [ م ۔ مٕول : مہارانٛی (س: مہا+
پراکرِت : رانی ] ۔ مہراجہٕ سٕنٛز زنانہٕ ۔
خوٗکوٗمتھ کرن واجینٛی ۔ ملِکاہ ۔

مہاروٗدرٕ ۔ [ ن ۔ مٕول : مہاروٗدرٕ (س:
مہاروٗدرٕ ] ۔ شوٗشنٛد اکھ رٕیتھ ۔

مہارٕنہٕ نوٗن ۔ مہرٕنۍ آسنیچ حالتھ ، مہرٕنۍ
ہِش باسنیچ حالتھ ۔

مہارٕنہٕ گگوٗش تہٕ دیگہٕ پکھر گوٗش ۔
تہٕ ڈیچھ گو : یتیمہٕ ساتہٕ بہٕ پرٕز تمہٕ ساتہٕ
نہٕ تہٕ آسِن ما اتہٕ بنے وقتہٕ بہلٕنٛ ۔

مہارٕنۍ ۔ ۱۔ سُہ (کوٗر) یُس نیٖتھٕر آسہِ یا
یِمہٕ سِہ تازِ تاژے ہُرد شادی آسہِ آیہٕ ۔
۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سُہ یُس مہارٕنۍ ہنٛدِ
پاٹھی شیرِتھ پیرِتھ آسہِ ۔

مہارٕنۍ کوٗر ۔ داتہٕ ہرِیا بالِغ کوٗر ، نیٖتھرس
لایق کوٗر ، بٔڈ کوٗر ۔

مہارٕنۍ مہاراز ، مہرٕنۍ مہراز ۔ (ورگہٕ)
کھیل تماشہٕ ۔ م : یِتہٕ گیا مہرٕنۍ
مہراز چھا ۔

مہارٕنۍ موج ۔ یَزتہٕ پُژھ مہرِنہٕ وَنان ۔

مہارٕ لیوٗش ۔ [ ن ۔ مٕول : مہارٕمش (س:
مہرشہٕ ] ۔ بوڈ تہٕ زٕیٹھ رِیوٗق ، ستھا
نیک تہٕ جان مہاشو ، مہرشی ۔

مہاشکتی ۔ شوٗشنٛد بل ، شوٗ ینٛز قدرتھ ۔

مہاکلپانٛتھ ۔ سُہ وقت ییلِہ اکھ مہاکلپہ
موکلِہ تہٕ سوری گژھن فنا ، بٔڈ قیامتھ ۔

مہاکلپہ [ ن ۔ مٕول : مہاکلپ (س: مہاکلپ ] ۔
نبوٗت زمانہٕ یتھ کالس اکھ برٕہما
روزان چھُ ، اکِس برٕہما سٕنٛز عمرس ۔
یہ چھُ ژورن لکھ تہٕ دہ ہتہٕ ترٕہ کرور وری ۔

مہاکال ۔ [ ن ۔ مٕول : مہاکال (س:
مہاکالہٕ ] ۔ ۱۔ شوٗشنٛد مہارٕ رٕیتھ ۔
۲۔ ملک الموت ۔

مَہاکالی۔ [م۔ مؤل: مہاکالی (س: مہاکالی]۔ اَکھ دیوی ہُند ناو۔ پاروتی ہُند اَکھ ناو۔

مَہالکشمی۔ [م۔ مؤل: مہالکشمی (س: مہالکشمی]۔ دَنہٕ دولتِچ دیوی۔ وِشنو ہِنز بارریا۔

مَہامایا۔ [م۔ مؤل: مہامایا (س: مہامایا]۔ ۱۔ دُنیا پوشِرُون آسنک (بوڈ) بَرم۔ مہاشکتی، دُرگا بگوتی۔

مَہانوم۔ [م۔ مؤل: مہانوم (س: مہانومی]۔ اَشدِ زٕونہٕ پَچھ نوم، یہ چھُ دُرگا بگوتی ہُند دوہ مانہٕ یوان۔

مَہاویر۔ [ن۔ مؤل: مہاویر (س: مہاویر]۔ ۱۔ ویرَن ہُند ویر۔ بوڈ یا زیٹھ ویر۔ سارِنے ہِند اکھ تہٕ زیادٕ بہادر۔ سیٹھا طاقتوَر۔ بلِہ دان۔ ۲۔ جین مَتک بانی: وردھمان مہاویر۔ ۳۔ (مہابلی)۔ ہنومان۔

مَہاوِدیا۔ [م۔ مؤل: مہاودیا (س: مہاودیا]۔ ۱۔ تھزِ علم۔ روحانی علم۔ دیہ زان۔ گیان۔ نفس آگہی۔ ۲۔ سرسوتی، شاردا یا تمہ جہہ دیوی ہُند ناو۔

مَہارتھ۔ [م۔ مؤل: مہارت (ع: مہارۃ]۔ دودستہ کاری۔ تگُن۔ گنیج پُور پٹھی زان۔ تجربہ کاری۔

مَہارُن۔ [ن۔ مؤل: مہار (ن: مُشتر]۔ پھولناوُن۔ گُنچہٕ ٹھیر بیتر پھلِ ہیون بیون کرنہٕ باپتھ مُوران دِنی۔

مَہامَہا۔ [ن۔ مؤل: مہامہا (آوازِ پیٹھ۔ دِچھ "ماہ" = معنی]۔ ۱۔ خانہٕ گھر، خانہٕ باجر۔ تکھس کھارُن۔ ۲۔ یاش یاش۔

مَہامَہا گرُن۔ خانہٕ ماجر کرُن تکھس کھارُن۔
مَہامَہا گژھُن۔ تکھس کھسُن۔ خانہٕ ماجر گژھی۔

مَہاوتھ۔ [ن۔ مؤل: مہاوت (ہ: مہاوت]۔ ہوس نکہٕ ناوُن وول۔

مَہِمہ۔ ن۔ مؤل
بزرگی، شان۔ ۲۔ بیان خاص بُتھہ۔ گنیج جانی۔ گون۔ صفت۔

مَہِمناپار۔ [ن۔ مؤل: مہمناپار (س: مہمناپار]۔ شوبہ سُند گون گوینچ اکھ پرارتھنا۔ یہ پرارتھنا چھےٚ "مہمنا پارم" لفظ سیتی شوروٗ گژھان۔

مَہیش۔ [ن۔ مؤل: مہیش (س: مہیش]۔ شوشنہٕ اکھ ناو۔

مہتاب۔ [ن۔ مۆل : مہتاب < ف : مہتاب]۔ زۆن۔ ژٔندرم۔

مہتاب روے۔ خوٗبصوٗرتھ، حسین تہٕ ٲرِ مۆنٛد بُتھ، یِہ چھِ ماشوٗقس وَنان۔

مہتابی۔ [م۔ مۆل : مہتابی < ف : مہتابی]۔ ۱۔ ناوِ منٛز نَم رٔٹنہٕ چہ جایہ بٔرؤنٛتھ کٔنہٕ پَچِن ہُنٛد بنومُت ڈوٚنگ۔ ۲۔ دَرواز س پیٛٹھ کُنہٕ لٲجِمٕژ نقشہٕ دار ہَنگہٕ پٹ۔ ۳۔ آتشبازِ ہُنٛد اکھ قسم۔ ۴۔ اکِہ پوٗشک ناد۔

مہجوٗر۔ [ن۔ مۆل : مہجوٗر < ع : مہجور]۔ ۱۔ جُدا گومُت۔ دوٗرِ پیومُت۔ ۲۔ کاشرِ زبٲنۍ ہُنٛد اکھ مشہوٗر شاعر۔

مہدی۔ [ن۔ مۆل : مہدی < ع : مہدی]۔ مُسلمانن ہِنٛدِس ٲخرِس اِمامَس ناو۔ یُس قیامتٕچ برونٛہہ یِہِن ووتھِ نہٕ دُنیاہَس اَنٛدر نیکی پھہلاوِ۔

مہراج۔ وُچھِو "مہاراج"۔

مہراز۔ وُچھِو "مہراز"۔

مہرازٕنۍ۔ وُچھِو "مہرازٕنۍ"

مہر [ن۔ مۆل : مہر < ع : مہر]۔ ۱۔ سُہ رقم یُس کھانٛدرس پیٛٹھ مردِ سٕنٛدِ طرفہٕ زنانہٕ کُن اَدا کرُن پَوان چھُ یا بالٕغ تھوٚوتھ طلاقہٕ وِزِ دِنہٕ پَوان چھُ۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھۍ) لازمی حق۔

مہرٕنیٚنۍ۔ وُچھِو "مہارٕنیٚنۍ"

مے۔ [ن۔ مۆل : مَے < ف : مے] مَس۔ شراب۔

مے خانہٕ۔ [ن۔ مۆل : مے خان < ف : میخانہ]۔ مَس وان۔ شراب وان، سُہ جاے یَتہٕ شراب بِیٚترِ کِنان تہٕ چیوان آسَن۔

مٮ۔ [< س : ما]۔ مہ۔ مہہ۔ یِہ چھُ ٹھاکھ کرنہٕ لفظ۔

مٮ تہٕ۔ [< س : میہ]۔ بوٗزنُن۔ لۆٚر۔ رم، شِشوے، شوٗے شو۔

مَیَتھ۔ [م۔ مۆل : میَت < ع : میت]۔ مۆرد۔ شو۔ لاش۔

مِیاد، مٮٛاد۔ [ن۔ مۆل : مِیاد < ع : میعاد]۔ کُنہٕ کامہ باپتھ مُقرر کرنہٕ آمُت وَق۔ سُہ گنٛڈِتھ وَق یَتھ منٛز کانٛہہ مُقرر کام بِیٚترِ کرنہٕ گژھِہ یِنۍ۔

مِیر۔ [< ع : مع]۔ سان۔ سیتۍ ہیٚتھ۔

مے دان۔ [ن۔ مۆل : مے دان < ]۔ اکھ زنگ تۆلِہ ژانُن۔

**ما**۔ [< ع: اما]۔ ۱۔ دلیٖ، بٔنِزِ چھُ، شایَد۔ اَما۔ م: تُہ ما چھُہ یوٗرِ یِکان۔
۲۔ مَہ (تاکیٖدِ سان)۔ م، ما کھٮ۪ے۔ ماگژھ۔

**مایہِ دَولَتھ**۔ [< ف: مایہ دولت]۔ (ل۔ م) بٔ نِہ میانٛی دَولَتھ۔ تہِ دٕپتھ گو: بٔ صاب۔ یہِ چھُہ پادشاہ وَنان یِیٚلہِ تِمَن پٔننِہ بٔجرُک یا شہنشاہی ہُند اِباس دِیُن مَقصَد آسہِ۔

**مات**۔ [م۔ مؤل: مات < ف: مات]۔ ہار، شِکست۔ شطرنجَس مَنز گٔنہ خانک موہر کھیٚنہٕ یُن۔

**مات دِنۍ**۔ ہارناوُن۔ شِکست دِنۍ۔ یَتھ تراوِنۍ یا تراوُن۔

**مات کرٕنۍ**۔ ہارناوُن۔ شِکست دِنۍ۔ یا لَس یَتھ تراوِنۍ یا تراوُن۔

**مات کھیٚنۍ**۔ ہارُن۔ شِکست کھیٚنۍ۔

**مات گژھنۍ**۔ ہارُن۔ شِکست کھیٚنۍ۔

**ماتَم**۔ [ن۔ مؤل، ماتَم < ع: مأتَم]۔ ۱۔ (کانٛسہِ ہُندِ مَرنُک) دوٗکھ۔ لِیلہِ دانٛی۔
۲۔ غَم، پریشانی، فکر، دِیُن۔

**ماتَم پُرسی**۔ تازِیَتھ۔ میتہِ سُندِ گَرِ گٔژھِتھ دوٗکھ ہاوُن۔ گَرِ گژھُن۔

**ماتَم ہیٚوُن**۔ ۱۔ دوٗکھ پیٚوُن۔ مَرگ بَرُن۔
۲۔ دِیُن پیٚوُن۔ آزار دِنہِ کٔنۍ نہٕ بییٚہِ سُند خوشی یُن۔ م: یِمَو کوٗرِ کھاندَر ہُمَن پیٚو ماتَم۔

**ماتَم داری**۔ دوٗکھ ہیٚوُن۔ ماتَم۔ شوک۔

**ماتَم سَرائے**۔ سُہ جاے یتِنہِ دارِیاہ لُکھ ٔسمِتھ ماتَم آسَن کران۔ اِمام باڑہ۔

**ماتَم کرُن**۔ دوٗکھ ہیٚوُن (اکِس مَرنَس پتہٕ پیٚٹھ)۔

**ماتَم وَدُن**۔ وَدُنک بیتر سُنٛ ہِیے وَدُن۔

**ماتَم ہیٚوُن**۔ دوٗکھ ہیٚوُن۔ سوگ رٹُن۔

**ماتَمَس بِہُن**۔ مَرنُک دوٗکھ ہیٚوُن۔ کانٛسہِ پٔننِہ ہِنٛدِ مَرنہِ پتہٕ سٕکھنہِ یِنہِ والِین ہِندِ ہا یَتھ کیٚنژَن گنٛڈِتھ دوہَن گَرِ رُوزُن۔

**ماتَمی دُھن**، ماتَمی باجہِ۔ تُہ خاص ساز یُس کانٛسہِ ہِندِس مَرنَس پتہٕ وایِنہِ پیٚیِہ۔ سازِ چ سُہ خاص لَے یَمہِ طرز لِکُن دوٗکھ وِز وایِنہِ یِیہِ۔

**ماتَمی لِباس**۔ سَرٕہنۍ پلو یِم ماتَمَس پیٚٹھ لاگان چھِہ۔

**ماتَمہٕ لَد**۔ یُس ماتَم آسہِ۔ دوٗکھ لَد۔ مُصیبَتہٕ زَد۔

پریشان ہیوٚ تہٕ فِکرِ و کھیٛوٗمُت۔

**ماتمہٕ ویوت۔** دوہ کیٛہ ہُرِتھ۔ مُصیبتہٕ زدٕ۔ غمو تہٕ فِکرو ژوٚمُت۔

**مانا۔** [م۔ مؤل : مانا < س : ملا]۔ ماج۔ بنوٚ پٮ۪ن باٮ۪ زامُت اسُن، کانٛسہِ زُنانہِ یزتہٕ پزٕھی تہٕ وٕنان۔

**ماتا مال۔** [ن۔ مؤل : ماتا مال < س : ماتا+پھلکہ]۔ ماجہِ ہُند مالیُن۔ ماجہِ بڈی بہیٚنہِ ستہ گر۔

**ماتا مال پوٚکھ۔** ماتا مالہِ طرفٕکی اشناو۔ ماجہِ ہُندِ طرفٕکر اَنگ اشناو۔

**ماتا مال دوٗر۔** وُچھو" ماتا مال پوٚکھ"۔

**ماتا مال رگ۔** ماتا مالہِ طرفیُج اشناوی، نزوٗنک رِشتہٕ۔

**ماتا مال رِشتہٕ۔** ماتا مالہِ پاسہٕ دوٗر درازٕچ اشناوی۔

**ماتا مال زانُن۔** سُہل زانُن، مُساوی بلاوُن۔

**ماتحتہٕ۔** [مؤل : ماتحت < ع : ماتحت]۔ ا۔ عوہدس اندر، دستہٕ تَل۔ ۲۔ کانٛسہِ ہُند آوزِ، سُہ یُس نہٕ پانہٕ خۄدی کینٛہ کٔرِتھ ہیٚکہِ۔ تابیا۔

**ماتحتہٕ روزُن۔** (کانٛسہِ) تابیا روزُن۔ آوزِ روزُن۔

**ماتحتہٕ لگُن۔** کانٛسہِ تَل لگُن۔

**ماتحتی۔** [م۔ مؤل : ماتحتی < ع : ماتحت+ی]۔ کانٛسہِ تَل آسنٕچ حالتھ۔ کانٛسہِ ہُند آویزٕ آسنٕچ حالتھ۔

**ماتحتی آسُن۔** پانہٕ پُختیاری نہٕ آسُن۔ کانٛسہِ ہُند آویزٕ آسُن۔ کانٛسہِ تَل آسُن۔

**ماتحتی کرٕنی۔** ا۔ تابیا روزُن۔ کانٛسہِ ماتحتہٕ روزُن۔ ۲۔ نوکر آز کرٕنی۔

**ماٹھ۔** [ن۔ مؤل : ماٹھ < س : ملٕہ+ستھانہٕ]۔ ٹھکانہٕ۔

**ماٹھس پیٚٹھ ہیٚنُن۔** ٹھکانہٕ کرُن۔

**ماٹھ شلے۔** وُچھو" ماٹھ"۔

**ماٹھالہٕ۔** [< وُچھو : ماٹھ]۔ ماٹھ، ٹھکانہٕ۔

**ماجُل۔** [ن۔ مؤل : ماجل < وُچھو ماج]۔ ا۔ شُربینہِ یُس یُتھ پاٹھی ماجہِ لور آسہِ۔ ماجہِ گوبُر۔ ۲۔ مَندٕچھ بُتہٕ۔

**ماچس۔** [م۔ مؤل : ماچس < انگ : میچز MATCHES]۔ گنٛدکھ ڈبی۔ گنٛدکھ تیٖلہِ۔

**ماچھ۔** وُچھو" مانچھ"۔

**ماچُھر۔** [ن۔ مؤل : ماچھر < س : ماکشا+آر]۔ لیس یا موٚچُھر یُس تیٖلس بیٚنہِ آسان چھُ۔

ماچھر لگن۔ تیلہٕ بنٕنہٕ ٹیک موچر لارُن۔ لیس کھسُن۔

ماچھرُن۔ وُچھو" ماچھر"۔

ماحول۔ [ن۔ مٔول : ماحول ﴿ع : ماحول] ۱۔ اوٚنٛد پوٚکھ۔ ۲۔ لوٚکہٕ ہنٛز صوحبتھ۔ لوٚکن سٕتی دوٚہس بیہُن۔

ماخذ۔ [ن۔ مٔول ؛ ماخذ ﴿ع : ماخذ] ۱۔ آگُر۔ تہٕ ییٚمہٕ اَنٛدرٕ کینٛہہ نیرِ۔ ۲۔ اَصل ، بُنیاد۔

مادٕرٕ۔ [﴿ف : مادر] ۔ ماج ۔ یَس زیٚوٚ دِ۔

مادٕرزاد۔ شکمہٕ پیٚٹھٕ ہیوٚہ ۔ تیٚتھے یُتھ زینہٕ گرِ آسِہ۔ نیٚشہٕ نوٚنے۔

مادٕرزاد ننگہٕ۔ زینہٕ گرِ ہنٛدی یا ٹھو نیٚشہٕ نوٚنے۔ تہٕ دُیمہٕ گو ہیٚرٕ بوٚن ننگے۔ یَس نہٕ کینٛہہ ناگہِ آسِہ۔

مادرِ وطن۔ سُہ مُلک یتھ تھٕنہٕ پیٚنے زِ ییٚنہٕ کانٛہہ زامُت آسِہ۔ پنُن مُلک۔

مادٕل۔ [م۔ مٔول ، مادٕل ﴿س : [illegible] ] ۔ اَکھ وُسٕنی پوٚشہٕ ذاتھ۔ اَکہِ بوٚڑِ ہُنٛد ناو۔

مادٕہ ۱۔ [ن۔ مٔول : مادٕ ﴿ع : مادہ ] ۔ ۱۔ کُنٛہِ تِک اَصل ۔ یِہ کینٛژھا یُس اَنٛدرٕ چیز تہٕ بیٚتھ گَڈٕنہٕ یِیہ۔ [illegible] بیتہٕ کانٛہہ چیز بنہٕ۔ نہٕ یِہ جاے رٕٹہٕ یا ذٕلن تَعاوٕ ۔ ۳۔ قابلیتھ

سوچنٕک سمجنٕک طاقتھ ۔ صَلاحیتھ ۔ بوٚد ، ذِہٕن۔

۴۔ پاکھ یا زہریلہٕ مواد یتھ رُس پھیپھرس پیٚٹھ چیرتھ گِلا [illegible]

مادٕپرست۔ ۱۔ سُہ یُس نہٕ رُوحٲنی ٹیٚک قٲیِل آسِہ۔ ۲۔ دُنیا پَرست۔

مادٕہ ۲۔ [م۔ مٔول : مادٕ ﴿ف : مادہ] ۔ نَرس مُقابلہٕ جِنسی ذاتھ۔ موٚنث۔

مادری ۱۔ [ مٔول ، مادری ﴿ف ، مادری] ۔ ماجِ زاینُ۔ تہٕ ییٚتھ پیٚٹھ ماجہِ ہُنٛد آسنہٕ کنہٕ حق آسِہ۔

مادری زبان۔ ماجِ زیٚو۔

مادری ۲ ، مادری زال۔ [﴿تامِل : مُدرپاس : جالہٕ] ۔ اکہِ قسمٕک زاوُیل گیُر۔

ماڈل۔ [ن۔ مٔول : ماڈل ﴿انگ ؛ موڈیل۔ MODEL] ۔ ۱۔ تہٕ کینٛژھا یِہ نوٚمونہٕ پُرٕژھی تھونہٕ یِیہ۔ رٕم : ماڈل سکوٗل۔ ۲۔ کُنٛہِ تِک بنوومُت ہوبہو نقشہٕ یا مُجسَمہٕ۔ رٕم : مکانٕک ماڈل۔ ۳۔ طرز۔ طَریقہٕ۔ چال۔ رٕم : ژُوژراہ ماڈل گاڑی۔

ماذرتھ۔ [م۔ مٔول : ماذرتھ ﴿ع : معذرتھ] ۔ کھٕنٛس جِنٛس پَرٕژھن۔

ماذرتھ کرٕنی۔ پُرٕژھس بیٚتہٕ کھینہٕ چینہٕ باپتھ پرٕژھن

مار۱۔ [ن۔ مؤل : مار (ف : مار] سُرپھ۔
مارِ پیچان۔ محبوبہٕ سُنٛد وُٹھوٗ وُٹھوٗ زُلف۔
مارخور۔ اکھ جنگلی ژھاولِ ذاتھ۔
مار۲۔ [ن۔ مؤل : مار (س : مار] ۱۔ خوٗن۔
قتل۔ م : لڑایہ منٛز گو مارِ۔ چوب، شُلکھ۔
مارِ بُتھ۔ خوٗنی راکھیُس۔ ہیتی بور۔ دیو۔
مارِ چیپرِ۔ کاٹنہٕ پھہہِ دِنٛچ وارٕنٹ۔
مارِ دیو۔ مرگک مصیبتھ۔ م : ناو دیو چھہ
سَنٛبالان اَداوُز مارِ دیو نہٕ۔
مارِ مارے۔ بانہٕ وِنی جنٛگ یُجنگ کرنٛچ
یا اکھ اَکس چوب بیتر دِنٛچ عمل۔
مارِ مار۔ لڑایہ لڑایہ۔ اکھ اکس چوب
دِنی۔ لایہ لاے۔ قتلِ قتل۔
مارِ واتُل۔ ۱۔ یُس پھہہ دِیہ، پھانٛسی دِنہٕ
دول، جلاد۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھی) ظالِم،
بے اِنصاف۔
مارِ وارِ ہینی۔ سہ وارہینی یُس زنانن اَڈلیوک
آسہِ نگان کرُن۔
مارِ ہانٛژھ۔ ۱۔ خوٗن یا قتل کرنُک الزام۔
قتلُک چُھہہ۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھی) بوڈ الزام۔
تُہُتھ ہیوٗہ اِلزام ییُمہ منٛز نہٕ زنٛگ موکلِن۔
مار پیوٗن۔ چوب بیٚنی۔ شُلکھ پیوٗن۔

مار دیُن۔ لایُن، چوب دِنی۔ شُلکھ کرُن۔
مار کرُن۔ کانٛہہ مارتھ ژھلُن، خوٗن کرُن۔
قتل کرُن۔
مار کھسُن۔ قتلُک الزام کھسُن، قتل کھسُن۔
مار کھیوٗن۔ چوب کھینی۔ شُلکھ پیوٗن۔
مار گرٛژھن۔ ۱۔ خوٗن گرٛژھُن، قتل سپدُن۔
۲۔ (دورگہٕ) سخ ظُلم گرٛژھُن۔ بیداد گرٛژھنی۔
مار گنٛڈ۔ شُلکھ بیتر۔ لایُن مارُن۔
مار مہٕ ٹھکُن۔ ۱۔ قتلُک الزام لگُن۔ ۲۔
بلاے اَکادِ گرٛژھنی۔
مار ہیوٗن۔ کانٛہہ تیٚمنہٕ گرُن یُتھ شُلکھ پیٚیہ۔
مار۳۔ [م۔ مؤل : مار (س : مہاسَر]۔
ڈلہٕ منٛز کڈنہٕ آمُت لوکٹ کول۔
نالہِ مار۔
مار۴۔ [ن۔ مؤل : مار (س : مار]۔
کامہِ دیو۔
مارِ موٗت۔ ۱۔ بَدنوار۔ عاشق، محبتس
منٛز پھلدا کرُن وول۔ ۲۔ سخ محبتھ۔
مارِ موٗت آسُن۔ وَسہ آسُن، کانٛسہٕ ہُنٛد سرپہ آسُن۔
مارُے۔ [م۔ مؤل : مارے (س : مار<
مار لفظُک دوگنیار]۔ مارِ مار۔
لایہ لاے، قتلِ غارتھ۔

**مارٕ** [ن۔ < س : مار]۔ ۱۔ مارُن یا مارٕ باپتھ۔ ۲۔ کھشن کرُن، مُصیبتھ زدٕ۔

**مارِ سپدُن۔** تٕرا۔ گرٛزھن، گرٕٛ مُصیبتس منز ہینٕٛ یِن، تباہ گرٛزھن۔

**مارِ کرُن۔** ۱۔ مأرنہٕ زھلُن۔ گالُن۔ ۲۔ (درگہ پأٹھی) کأنٛسہِ ہنٛزِس کامہِ کارس بیٚتر منٛز تھوس أنٛتھ تٕہ خراب کرُن۔ أتھ دتھ نٕہ دِتھ کأنٛسہِ ہنٛدِس کارس بارس کھرٛ أنُن۔

**مارٕ گرٛزھن۔** ۱۔ گرٕٛ خادٕنس منز مرُن کھشنہٕ ٹکرٕ گرٛزھن۔ ۲۔ خراب گرٛزھن رُکھریُن۔ بُتھ کرٛ پیچھر پیٚوان۔ أتھ وتھ نٕہ زٕنی۔

**مارچ۔** [ن۔ مٔول : مارچ < انگ : مارچ MARCH]۔ عیسوی سنٕہ حسابہٕ وُریُک ترٛییِم ریتھ۔

**مارچ پاس۔** [ن۔ مٔول : مارچ پاس < انگ : مارچ پاسٹ MARCH PAST]۔ فوجی أندازس أندر ریکُن یا سلأمی دِنٕہ بیٚتر۔

**مارِ وٲنی۔** [م۔ مٔول : مارِ وٲنی < س : مار + ہینیٛہ]۔ ۱۔ تمہ مارِ ہِمہ کأنٛسہِ کانٛہہ مارنہٕ، چوب دِنٕہ، کھشن کرنٕہ یا أتھ بیٚتر کرنٕہ پزٕھ کھسن یادٕ نہٕ یِن۔ ۲۔ اگر نٔمپلہ ...

ناوِیتھ مَنز لوکچہِ لوکچہِ پینٛدٕ گرٕٛ خاص نِشانس پیٹھ لاینٕہ یوان چھے۔

**مارِوُن۔** [ن۔ مٔول : مارِوَن < س : مار + وُن]۔ ۱۔ سٕریُس مار۔ ۲۔ بوٚڈ ہٕٹرِ یا گوٚہ بوٚنیہ نیٚتمہ سٕنٛزی گتہ پیٹھ گنٛزٕ وۄدی دتی ہٕٹرِ یا پرٛأنٛسہ ہیتر پاران چھ۔

**مارک۔** وُچھو "مارکیٹ"۔

**مارُن۔** [ن۔ مٔول : مار < س : مارنہٕ]۔ ۱۔ قتل کرُن۔ زُوٕ نِشہٕ کرُن۔ کھشن کرُن۔ ۲۔ شُلکھ کرُن۔ چوب دِنٕہ۔ ۳۔ آے کرُن۔ نِشانس پیٹھ ترٛاوُن۔ ۴۔ سٕرسٕٹر یا سِکہٕ بیٚترِیُس گتہٕ گنٛزٕنس منز (وپینہ) مارنس لگان چھ۔ ۵۔ گلہٕ دُن۔ سکٕڑُن۔ رم : اَسرٕ تٕہ موٗرس رنہ پیہٕ ہنٛتھا۔ ۶۔ مار کرُن۔

**مأرِتھ ترٛاوُن۔** کھشن کرُن۔ قتل کرُن۔

**مأرِتھ زھلُن۔** وُچھو "مأرِتھ ترٛاوُن"۔

**مأرِتھ شُہلِس ترٛاوُن۔** سیٹھاہ اِزاد واتنٕہ نأدِتھ تٕہ نوٚتہِ لحاظ کرُن۔ یزٕنٕہ پیٚٹھی ظالم نٕہ لاگُن۔

**مأرِ رکھ۔** پیاپے مار دِنہ۔ لأے لأے سیٚتھ مأرِتھ سیٚتھ شُلکھ کرِتھ۔

مارٹنگ ۔ [ن ۔ مؤل : مارک < س : مارکہ ]۔ ۱۔ ہٹس ژھننہٕ بأپتھ رزِ ہنٛز شرٛنگ۔ پھاٚنسی ۔ ۲۔ کمنٛد ۔ اکہٕ قسمچ رزٕ ہیر ۔ (وُلِہنٛز کھسنہٕ بأپتھ) ۔

مارپیچ نہٕ ۔ [ن ۔ مؤل : مارپیچ < ف : مارپیچ ]۔ اکہٕ قسمچ جیتھیٚر یتھ گنٛڈ چھُورِن پیٹھ آسان چھُ ۔

مارتور ۔ [ن ۔ مؤل : مارتور < ہ : مارتول < پُرتگالی : مرتیلو]۔ چھانٛ سُنٛد اکھ ہتھیار یمہِ سیتۍ کلۍ گٔڑنہٕ تہٕ چھِ یوان ۔

مارشل لا ۔ [ن ۔ مؤل : مارشل لا < انگ : مارشل لا : MARTIAL LAW ]۔ فوجی حکومتھ ۔ ملٹری ہنٛدِ ڈسی چلاونہٕ یِنہٕ وأنۍ حکومتھ یتھ اندر لوکن ہنٛدی عام حقوق منسوخ کرنہٕ ین ۔

مارکہٕ ما ۔ [ن ۔ مؤل : مارک < ع : معرکۃ ]۔ ہنگامہٕ ، شورشر ، کٹہ چکھ ، مقابلہٕ بأزی ، جنگ ، لڑاے ۔

مارکہٕ کھڑا گژھن ۔ ہنگامہٕ وۄتھن ، شورشر وۄتھن ، لوٗج وۄتھن ۔

مارکہٕ ۲ (چأٹی) ۔ [ن ۔ مؤل : مارک < انگ : مارک MARK + گ : چأٹی ]۔ کیٚپرس نشانہٕ تھۄنہٕ بأپتھ پشرٕ سُنٛد رنگدار چاک ۔

ماز ۔ [ن ۔ مؤل : ماز < س : مانٛس ]۔ ۱۔ اُڈدجہٕ دالوٚتہٕ ژمہٕ ورأے جسمچ سورے حصہٕ یمنیٚک جسم بنیومت چھُ آسان ۔ ۲۔ ناٹہٕ ۔ ذننہٕ ۔ ۳۔ دلس یا کُنِہ اندری کٔنہٕ مؤگ یا سبزِ ہیر ہنٛدار نرم حصہٕ ۔

مازٕ اُڑٕ ای کھسُن ۔ ماز سیٚتھا وۄنٹھن ، چرب کھسُن یا لڈان ۔ ۲۔ فربہٕ آسُن ۔

مازلوٗرے ۔ خونہٕ کہ رشتہٕ سببہٕ پانہٕ وأنۍ اکھ اکی سُنٛد شریک ۔

مازبیر ۔ مازک ... ینہ یتھ منٛز ذرت ہنٛدِ مؤل آسان چھُ ۔

مازبیرکھسُن ۔ مازبیرن ہنبر گرُن ۔ ماز بیر پھولنہٕ ۔

مازبیر پٮ۪ہ ۔ مازبیر پھولنۍ ، مازبیرن ورُم کھسُن ۔

مازٕ پتُل ۔ ژمہٕ سان تُلتھ نیمُت مازٕ چُھل ۔ (خاص کرتھ سیٚنک ماز) مازٕ پلو ۔

مازپلو ۔ ژمہٕ سان تُلتھ انیمُت مازٕ چُھل مازٕ پتُل ۔

مازپھٹُن ۔ سخ تکلن تھکہٕ کنہٕ ژن

زنگن رگ کرٕنۍ۔
ماز پھوٗل۔ ناٹہٕ پھوٗل۔ بٔنٕہ پھوٗل۔
ماز تِکھ۔ لوکٕٹ ناٹہٕ پھوٗلۍ۔ لوکٕٹ
ماز پھوٗل۔
ماز تٕلُن۔ لٲرِ لٲرِ لہائی کھارٕنۍ۔
ماز دٔزُن۔ سخ پھوٹھ شُنی۔ شرار تہٕ کٕھسُن۔
زکھہٕ نی۔
ماز دٔگُن۔ ۱۔ (مازس) مرٕزہ بناوٕنۍ۔ ۲۔
(دٕرگہٕ پاٹھی) سخ چوب دِنۍ۔ دٔگہٕ مار
کرُن۔
مازران۔ بوو۔ باکوٗمِہٕ منہ
ماز شبرُن۔ (ذبح کرٕتھ) مازس چھلو کرٕنۍ۔
ماز نیراوُن۔
ماز کوٗٹ۔ زٕہِٹھ ماز جھیل۔
ماز کھاو۔ اکھ آبہٕ کیوم یُس زٔرپہ لٕوان
چھُ۔ ۲۔ اکھ بیماری یمہٕ سِتی ماز زٔردی
گژھی گژھی چھینان یِیہ۔
ماز کھیل۔ (کھسِتہٕ قسمیچ) اکھ مہدٕر ذاتھ۔
ماز اٹھُن۔ ۱۔ وہٕتھٕنٕ۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھی)
خوش گژھُن، شاہٕ دوٗ گژھنۍ۔
ماز لل۔ (جنگ۔) اوٗندٕر ماز۔
ماز لِش۔ لوکٕٹ ماز رٕنھ الیہ وٕندٕ برس

بیسر اندر بٔنِتھ ہیکہٕ گژھتھ)۔
ماز لوپُن۔ ۱۔ زٕصوٗٹ تہٕ موٗٹ انسان۔
۲۔ وِیوٗٹھ لوٗتھ، اما عقلہٕ زوٗس۔
ماز میچھر۔ اکھ اکہِ سٕندی مائے محبتہٕ، پانہٕ وٲنۍ
اکھ اکہِ سٕنز شٕنز پیٹھ۔
ماز ہیُل۔ ۱۔ خونک رِشتہٕ۔ ۲۔ پانہٕ وٕنی سخ برابری۔
ماز نکرُن۔ وُچھو "ماز شیرُن"۔
ماز وُدی گژھُن۔ (چوٗٹ بیتر لگنہٕ کنی)
مازس نیبر پھیرُن۔
ماز وہٕتھرُن۔ وُچھو۔ وینٹھ لوٗتھ امابہ قِل
(ازنانتھ) بٔنی باش۔
مازان۔ [م۔ مؤل : مازن < س: مارجن]۔
لٔشہٕ ہیچ خاص کرٕتھ دہ کیم لٔشن یا
گنڈی لٔشن گنڈ ہٕنز لٔشہٕ ہیچ
مازان دِنۍ۔ ڈوٗن۔ ڈوٗن پھش دِنۍ۔
مازان گنڈٕنۍ۔ زِیچھ لٔشہٕ سٕنز موٗنٹہٕ
تلہٕ دانِس گیٖن انگ گنڈٕن۔
مازاغ چشم۔ ترمہ اُچھو یمہٕ ذاتہٕ باری سٕند
جلو دِشان اور ہورگیہ۔ آنحضرتؐ
ہٕنزن چشمن مُبارکن ہنز کیفیت
یلہٕ سیٹھا تھٕند صفت تہٕ بنی یہ۔ اچھ
ٹیٹھہٕ دراے نظر۔

**ماژُن۔** [ن۔ مۆل: ماژ < س: ماد۔ مدٕ ]۔
۱۔ ناًل کرُن۔ ۲۔ پرداے کرُن، منگ کرُن، پزٕژِھن، خیال تھوُن۔

**ماس ۱۔** [ن۔ مۆل: ماس < س: مانسہ]۔
ریٖنٛز۔ م: ہٕشِ شُر ماس، ٹلہٕ ماس۔
**ماسن آندرٕ۔** شُر بیتر یہٕ وُنہٕ واُرٕ ٹس گوُمُت آسن، تُس شُریُس وُنہٕ ریتہٕ نے ہُنٛدٕ آسہٕ۔
**ماسن ہُنٛد۔** وُچھو "ماسن آندرٕ"۔
**ماسہٕ نیٖتھر۔** تُہ بوٗد دوہہ یُس زاشُر ماً پیٖن گژھنُس پیٖچھ کرنہٕ یوان چُھ۔
**ماسہٕ وار۔** رٕنٛگک شُراد (یہٕ چُھ موردس صِرف گوُڈنکس وُرِ یُس بادنہٕ یوان)۔

**ماس ۲۔** [م۔ مۆل: ماس < پراکرِت: ماسہٕ < س: ماتِرٕ شوسٕر]۔ ماجہِ ہُنٛز بیٚنہٕ۔
**ماسہٕ نانی۔** ماجہِ یا ماًلِ ہِنٛز ماس۔
**ماسہٕ ہُش۔** (زنانہٕ) رِفی ہِنٛز ماس۔ ہٕنٛزِ ہِنٛز بیٚنہٕ۔

**ماسانٛتھ / ماسانٛتھ۔** [ن۔ مۆل: ماسانت < س: ماسانٛتہٕ]۔ سرِ دِ یہٕ حسابہٕ رٕیتُک آخری دوہہ۔ سنکراتُز کالک دوہہ۔

**ماسوا، ماسوایہٕ۔** [< ع: ماسِوا]۔ ورأے۔ بغار۔ رُوس۔ سِوأے۔
**ماسِوا اللہ۔** خُدایس ورأے۔

**ماسُو۔** [ن۔ مۆل: ماسو < س: ماتِرٕ شوسٕرُ]۔ ماسہٕ ہُنٛد رُکن۔

**ماسُتُر۔** [ن۔ مۆل: ماستر < س: ماتِرِ سوٗسٕرییہٕ]۔ ماسہٕ ہُنٛد۔ ماسہٕ ہِنٛدِ طرفٕک۔
**ماستر بیہِ کاکنٕز۔** ماسترِس بأے ہٕنٛزِ آشنٕز۔
**ماستر بیٚنہٕ۔** ماسہٕ ہِنٛز کوٗر۔
**ماستر زام۔** (زنانہٕ) رِفی ہِنٛز ماستر بیٚنہٕ۔
**ماستر سال۔** (مردانہٕ) زنانہٕ ہِنٛز ماستر بیٚنہٕ۔
**ماستُر بوے۔** ماسہٕ ہُنٛد نیٚچُو۔
**ماستُر بیٚنہٕ۔** ماستر بیٚنہٕ ہُنٛد رُون۔
**ماستُر وُزے۔** (زنانہٕ) ماسہٕ ہٕشہٕ ہُنٛد نیٚچُو، رِفی سُنٛد ماستُر بوے۔
**ماستُر ہِہُر۔** (مردانہٕ) زنانہٕ سُنٛد ماستُر بوے۔

**ماسٹر۔** [ن۔ مۆل: ماسٹر < انگ: ماسٹر]۔ وُچھو "ماشٹر"۔

**ماشاءاللہ۔** [مۆل: ماشاءاللہ < ع: ماشاءاللہ]۔
ل، م: یہٕ خُدایُن ٹرٕھ۔ ۱۔ یہٕ چُھ کیٚنہٕ رُت وُچھتھ وَنان) ٹیٚنٛرھ نے، یوشہٕ نے۔ ۲۔ یہٕ چُھ کُنہٕ پیٖٹھ حأران گژھنہٕ وِزِ تہٕ وَنان۔

**ماشہٕ ۱** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ ماش < س ؛ ماشہ ] ۔ اَکھ وُزن ۔ تولُک ہیٚشِم حصہٕ ۔

**ماشہٕ ۲** ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ ماش < ] ۔ نِشانہٕ ۔ یہ چھُ کنہٕ پارس اَندر مارنہٕ یوان ۔

**ماشہٕ کرُن** ۔ آے کرُن ۔ پارُن ۔

**ماشہٕ مارُن** ۔ نِشانہٕ مارُن ۔

**ماشہٕ ماری ماری** ۔ ۱۔ نظرٕ بچاوِتھ ۔ ۲۔ گونٚس دِی دِی ۔

**ماشہٕ وُن** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ ماشہٕ وُن ] ۔ ۱۔ آیہٕ ناوُن ۔ آے وُچھُن ۔ ۲۔ خیال کرُن رٕسنٕز کرُن ۔

**ماشوق** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ ماشوق < ع ؛ معشوق ] ۔ یُس سیتۍ عِشق آسہٕ ۔ محبوب ۔ مدلار ۔ ٹوٹھ ۔

**ماشٹر** [ن ۔ مؤل ؛ ماشٹر < انگ ؛ ماسٹر ؛ MASTER ] ۔ ووستاد ۔ پرُن لیکھُن ہیٚچھناوَن وول ۔

**ماشٹرانۍ** ۔ ۱۔ ماشٹرِ سنٛز زنانہٕ ۔ ۲۔ پرُن لیکھُن ہیٚچھناوَن واجٕنۍ ۔ ووستانۍ ۔

**ماشٹری** ۔ [م ۔ مؤل ؛ ماشٹری ( وُچھِو "ماسٹر" ] ۔ ماشٹرُن سُند پیشہٕ ۔

**ماف** ۔ [ < ع ؛ معاف ] ۔ بخشمت ، ترومُت ، مَنسومُت ۔ کأشرِ ہُند کأتہہ اتھ یا کأشرِ بوزناوِنہٕ آمُت سزا بیترِ وأگنٛدار کوریٚتھ

**ماف تھوُن** ۔ مأفی دِنۍ ۔ بخشُن ۔ ( یہ چھُ بیٚیمَن وأرِس وَنان ) ۔

**ماف کرُن** ۔ بخشُن ، ترأوُن ، مَنسأوُن ، درگُذر کرُن ۔

**ماف گژھُن** ۔ بخشنہٕ یُن ۔ ترأونہٕ یُن ۔ م ؛ فیس ماف گژھُن ۔

**ماکُن** ۔ وُچھِو " مأنکُن " ۔

**ماگ** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ ماگ < س ؛ ماگھ ] ۔ اَکھ رٕتُک ناو ۔ شہ رٕتہٕ لیس یُس پوہس پتہٕ تہٕ پھاگنس برونٛہہ یوان چھُ ۔

**ماگہٕ بتہٕ** ۔ ماگہٕ ہیٚنشِم دۄہہ یُس بتہٕ کھاوُن ترأونہٕ یوان چھُ ۔

**ماگہٕ تیٖر** ۔ ماگنہٕ رٕتہٕچ سردی ۔ زبردست تیٖر ۔ ( ماگس منٛز چھِنیے باقی رٕتو کھۄتہٕ زیادٕ تیٖر آسان ) ۔

**ماگ درُن** ۔ ماگنس رٕتس فاقہٕ دِیُن ۔ تہٕ ہمکہٕ باقی لۄ آزِم پکرٕ کرِنۍ ۔ یہ چھُ بٹَن منٛز اَکھ مذہبی رسم ۔

**ماگ لگُن** ۔ شِشرٕ لگُن ۔ رِکٕٹ کوٚتس لگُن ۔

**ماگ ماس** ۔ ماگُن رٕتھ ۔ زھونٛٹی یا ٹھی ماگس تہٕ اَمہٕ رٕتہٕ کین مذہبی رسمن کُن اِشارہٕ

پُڑھو وُنہٕ یِوان۔

ماگُن۔ [ن۔ مؤل: ماگُن < س: مُہاگُنی]۔
۱۔ زُہتہ بانڈ۔ بانڈِ پاتھرٕ چلاوَن وول
۲۔ سُہ بانڈ بیترِ یُس بانڈٕ پاتھرس
مَنٛز بادشاہ آسہِ بَنان۔ ۳۔ (دَرگہ پاٹھی)
گُرُک سُہ باڈ بیترِ یُس کام کار نہٕ آسہِ
وَرٕ تہٕ بیترِ بوٗن تہٕ بوہہ ہیتور آسہِ کَران۔

مال ۱۔ [ن۔ مؤل: مال < ع: مال]۔ ۱۔ جاداد،
سامانہٕ، گہنہٕ پاتھہ، دَنہٕ دیار۔ یہ
کینٛژھاہ قبضس مَنٛز آسہِ۔ ۲۔ چوچار واے
گُرٕ گُین بیترِ۔

مالِ حرام۔ حرامُک مال۔ حرامہِ کمٲے۔

مالِ غنیم، غنیمت۔ ۱۔ لوٗٹہِ مال۔ یہ کینٛژھا
دُشمن ستہِ تس مُلکس پیٹھ حملہٕ کٔرِتھ
اَتھہِ لگہِ۔ ۲۔ (درگہ پاٹھی) مُفتُک مال۔

مالِ مُفت۔ سُہ جاداد بیترِ یُس پتھہِ بنیوٗ مُفت
آسہِ۔ توحفہٕ بیترِ ژُنگی تور مُفت جاداد
یا سامانہٕ بیترِ۔

مالِ مُفت دِلِ بے رحم۔ تہٕ ژُن گو: لوکہٕ
ہُنٛد مال ہش مُش پاٹھی خرچ ہنہٕ یُن۔

مالہٕ بُرژھ۔ یُس پیٹھ یانس مال آسہِ کُنہٕ
بُرژھ آسہِ۔ یا آسُن وول۔

مالہٕ سوو۔ یُس سیٹھا مال جاداد بیترِ آسہِ یُس
سیٹھا دَنہٕ دیار آسُن۔ اَمیر۔

مالہٕ وول۔ یُس سیٹھا مال جاداد آسہِ۔
یُس دَنہٕ دیار آسُن۔ اَمیر۔ مالدار۔

مال جاداد۔ پونسہٕ ٹونٛک تہٕ باقٕے سامانہٕ بیترِ۔

مال خانہٕ۔ گُدام۔

مال دار۔ آسُن وول۔ اَمیر۔

مال ذاتھ۔ پیٹھہٕ کماوَن واجِنۍ۔ مُلزِم۔
خراباتی ما گاز۔

مال ذاتِل۔ کَمینہٕ گی۔ گاہٕ گی۔

مال کھاو۔ یُس اَمانتس خیانتھ کَرِ یُس
اَمانتھ تھوٗدمُت چھُنہٕ بیترِ کھینہٕ۔

مال گاڑی۔ گاڑی یتھ اَنٛدر مال ساران چھِ۔

مال گُزار۔ مالہٕ بَرن وول۔

مال گُزاری۔ مالہٕ۔ زمینُک ٹیکس۔

مال مست۔ یُس آسہِ بسہٕ کُن اُس
مَنٛز آسہِ۔

مال و متاع۔ مال جاداد بیترِ۔ دَنہٕ دولتھ

مال ۲۔ [م۔ مؤل: مال < س: مالا]۔ ۱۔ ہار۔
۲۔ سِلسِلہٕ۔ م: سٕنگر مال، دُنٛد مال۔
۳۔ سوٗ اَٹی بیرٕ ہش یوسہٕ کھل پھہنہٕ
وَرٕ گرٹس اَنٛدی اَندی کھسان چھےٚ۔

۲۔ توٚمب (سچھمبک بیرک بیتر)۔

**مالہٕ پَن۔** مالہٕ ہنٛز سوٚ داو بیترٕ یَتھ بیٚھٹھ داہ یا پوٚش ہیترِ ورٕنٛھ چھُ آسان۔

**مالہٕ پھوٚل۔** مالہٕ ہنٛد یُو داوٕ منٛز اَکھ دانہٕ۔

**مالہٕ گَنٛڈ، مالہٕ گنٛڈ۔** پھلہٕ یُتھ پھلہٕ مالہٕ منٛز ترادُیٚتھ۔ شُرکٕ ترٛیٚی بیترٕ ہنٛد سارِے کھوٚتہٕ دیوٚٹھ پھوٚل یُس گَنٛڈس نِش ورٕنٛھ آسان چھُ۔

**مالہٕ پھولنہٕ۔** سوٚہ نالُن گاش ہیوٚن۔

**مالہٕ پھوٚلوٗن۔** گاش ہیوٗ ونُے۔ صُبحٕ سُلی۔ اَوَل صُبح۔

**مالہٕ ترٛوٚٹ۔** سو مال یُتھ واریا لٕر آسن۔

**مالہٕ کَرٕنہٕ۔** ۱۔ مالہٕ بناونہٕ۔ ۲۔ لولہٕ منٛزٕ لٕے کرُن۔

**مالے۔** [م۔ موٗل: مالے > ع: مائِل]۔ لَے۔ کَل۔ مالے موحبتھ۔ وَسہٕ۔

**مالے آسنٕی۔** کانٛسہٕ ہُنٛد وَسہٕ آسُن۔ کانٛسہٕ سیتٕی لٕے آسنٕی۔

**مالے تُلنٕی۔** محبتھ مُشراوُن۔ کَل کاسنٕی۔

**مالے کاسنٕی۔** محبتھ مُشراوُن۔ پانہٕ وٲنٛزٕ ہشر کتھاوُن۔

**مالے مَشنٕی۔** محبتھ مَشُن۔ لورٕنہٕ روزُن۔ مَنس نہٕ (کانٛسہٕ ہُنٛد) سنٛریٚہ۔ روزُن۔

**مالے وٕچھنٕی۔** وٕچھو "مالے مَشنٕی"۔

۵۔ **مالا۔** یہٕ چھُ اَکھ پوٚت لوٚگ۔ م: دیپ مالا۔ جَم جُم مالا۔ سِلسِلہٕ، خاص کٔرِتھ ربیہ آسنُک۔

**مالامال۔** [موٗل: مالامال > ف: مالامال > ع: مال]۔ ۱۔ مالدار، اَمیر۔ دیارٕ وول۔ ۲۔ (دَرگہٕ یا ٹھٲی) آباد۔

**مالامال سپدُن، گژھُن۔** (کانٛسہٕ ہنٛد دَستہٕ کانٛہہ) اَمیر بنُن۔ مالدار بنُن۔

**مالامال کَرُن۔** ۱۔ (کانٛسہٕ) سیٹھا دٕنہٕ دیار یا مال جاداد بیترٕ بخشُن۔ (کانٛہہ) دولتھ مَنٛد بناوُن۔ ۲۔ پھیرٕتھ ژھنُن۔

**مالایانٕی۔** ۱۔ فوٚضوٗل کَتھہٕ۔ بکواس۔ ۲۔ بدکلامی۔

**مالہٕ موٚہ۔** [ن۔ موٗل: مالہٕ موٚہ < "سنٛگرمالہٕ ہُہ" لفظُک ژھوٚٹ > س: مالاکُمہ]۔ ۱۔ کٔشیرِ منٛز اَکھ گامُک ناو۔ مالہٕ موٚہ ژوٚنٛھا ژاشِر سان اَکھ ژوٚنٛٹھ ذاتھ۔

**مالیُن۔** [ن۔ موٗل: مالِن > ک: مال + اُن > س: مہٲلک]۔ نیتھرٕ گرٕ اَکھ زَنانہٕ ماٲلِس ماجِہ ہُنٛد گرٕ۔

**مالنِہ نَجَر۔** مالِنٛیک دٕگہٕ دَگہٕ یا ڈُوٚکھ بیترٕ۔

**مالنِہ بڈ۔** سوٚ زَنانہٕ یُس نٔھیکُن لایِن مالنِہ دوٗر آسہٕ۔

مالنی پوکھ۔ مالنو دوٗر۔ مالنو باٹھ۔ مالی ہٕ طرفٕ کر (لوکھ)۔
مالنی دوٗر۔ وُچھو "مالنو پوکھ"۔
مالنو کرزون۔ ئُرس ماجہ ہنزِ طرفٕکو ساری اُشناو۔ مالنو پکھکو ساری اُنگ اُشناو۔ (زنانہٕ) مالنو قبیلہٕ۔
مالنو وِہڑھے (زنانہٕ) مالِنُن نہٕ روزُن، یِہنزِ سِتی مالِنُن بوزِنہٕ یوان چھُ تم ہٕ روزِنہٕ۔
مالٹہٕ، مالٹاہ۔ لٹا [ن۔ مؤل: مالٹا < انگ: مالٹا۔ اکہِ جاپہٕ ہُنٛد ناو۔ MALTA ] ۔ میوٗک اکھ قیٖسم ۔ سنگترٕ جالہٕ۔
مالکوٗس۔ [ن۔ مؤل: مالکوٗس < س: مالہٕ کوشہٕ]۔ اکھ راگ۔
مام۔ [ن۔ مؤل: مام < س: مامہٕ]۔ ۱۔ ماجہِ ہُنٛد بوے ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) ٹُلہ دخل دِنہٕ وول۔ ہنگہٕ منگہٕ مُنز اڑُن وول۔
مامہٕ رگ۔ مامہٕ سُنٛدِ طرفٕچ رِشتہٕ داری۔
مامہٕ نابُد۔ سُہ نابُد یتھ پٮ۪ٹھ ہٮ۪نٛتھر سُنٛدِس نیٚترِس پیٹھ تٔسنٛدِ ہوورِ طرفہٕ مامَس تران چھُ۔
مامہٕ ہُہُر۔ رِنُی سُنٛد یا کوٚلیہِ ہُنٛد مام۔
مامہٕ یارُز۔ یِتھُن مطلب کڈُنہٕ بابَتھ اَیرے دوستانہٕ۔
مام لاگُن۔ ٹُلہ زیٖٹھ لاگُن۔ اَپُرے ہاوُنی۔ ٹُلہ دخل دِیُن۔
مامُس۔ [ن۔ مؤل: مامُس < س: مانُسہٕ]۔ ماز۔ نیٚنہٕ۔
مامُنز۔ [مؤل، مامنز < س: مامہٕ + ان]۔ ۱۔ مامہٕ سٕنز آشنہٕ۔ ماجہِ ہنز بٮ۪ے کاکنہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) ٹُلہ زچھر لاگَن واجنہٕ۔ ٹُلہ دخل دِنہٕ واجنہٕ۔
مامتُر [ن۔ مؤل: مامتر < س: مامہٕ + تر]۔ مامہٕ سُنٛدِ طرفک۔
مامتر گاو ہُنٛد پوٚپھتر لوٗٹ۔ تہٕ دٕپتھ گو، سیٹھا دوٗر ٹیک رِشتہٕ۔
مامترِ بے کاکنہٕ۔ مامترِس بٲےِ سٕنز آشنہٕ۔ مامہٕ سٕنز نوشس۔
مامتر بٮ۪ینہٕ۔ مامہٕ سٕنز کوٗر۔
مامتر بوے۔ مامہٕ سُنٛد نیچو۔
مامتر بیمہٕ۔ مامہٕ سُنٛد زامتر۔ مامترِ بٮ۪ینہٕ ہُنٛد رٕدن۔
مامِلہٕ۔ [ن۔ مؤل، مامِل < ع: معاملة]۔ ۱۔ کانٛہہ خاص کتھ یا کام۔ کانٛہہ پیچیدہٕ کتھ یا مسٔلہٕ نیٖلے ۔ ۲۔ مالیہٕ، زمیٖنک ٹیکس

یُس سَرکارَس کُن بَران چھ۔

**مالۓ ہٕ آسُن۔** سَنتھ ہٕ تَلہٕ کَنہٕ کَہٕنٛز آسنہٕ۔ تیوٗت۔ لوٗڈ مَلۓ ہٕ آسُن۔ سَماہلہٕ کَتھ آسنہٕ۔

**مالہٕ زیٹھُن۔** نیٚاے زیٹھُن۔ اَتھٕ زَنہٕ بَدل کَتھہٕ کھٕریُن۔

**مالہٕ سوٚمبرُن۔** زمیندارَن نِشہٕ مالیہٕ وٕصوٗل کَرُن۔

**مان۔** [ن۔ مؤل: مان ﴿س: مانہٕ]۔ ۱۔ عِزَتھ تٕعظیم۔ آدر۔ ۲۔ تکبُر۔ گمنٛڈ۔

**مانہٕ سوٚست۔** ۱۔ یُس سیٹھا عِزَتھ آسہٕ۔ یُس ساری آدر سَتکار کَران آسَن۔ ۲۔ شُہ کام کار یتھ ہٕ ہان آسہٕ۔ جان تہٕ رُت پیشہٕ۔

**مانہٕ ویوٚت۔** ۱۔ عِزَتہٕ وول۔ عِزَتھ دار یُس سیٹھا عِزَتھ بیترِ آسہٕ۔ ۲۔ شُہ کام کار یا پیشہٕ بیترِ یمہٕ سیتۍ اِنسانَس عِزَتھ ہُرِ۔ عِزَتھ دار کام کوٚٹ۔

**مانہٕ ہان۔** عِزَتَس ہان یِنۍ۔ بے عِزَتی۔ عِزَتھ نہٕ روزُن۔ عِزَتَس مَنٛز خلل سپدُن۔

**مان رٹُن۔** بیٚیَن عِزَتھ تھوٗن۔ بیٚینٛہ نٛس عِزَتَس پانہٕ تٕھپھ کَرٕنۍ۔

**مان کَرُن۔** عِزَتھ کَرُن، تٕعظیم کَرُن۔

**مان والُن۔** ۱۔ دِوَتھ والِنۍ۔ ڈُقر والِنۍ۔ ۲۔ ژھوکھ کاسُن۔ نِشہٕ والُن۔

**مان ۲۔** [م۔ مؤل: مان ﴿س: مانہٕ]۔ ۱۔ کُنہٕ کامہٕ بیترِ اَندر اَکھ اَکِس سیتۍ مُقابلہٕ ٹَگ۔ م: دورِ چھے مٕنٛے سیتۍ مان۔ ۲۔ (اَدرگہٕ یا ٹھی) ٹھوسہٕ ٹھوس۔

**مان کَرٕنۍ۔** کُنہٕ کامہٕ وُژھ بیترِ کَرنہٕ پُژھھو پانہٕ دٲنۍ مُقابلہٕ کَرُن۔

**مان لَگٕنۍ۔** اَکھ اَکِس سیتۍ ٹَگ لَگٕنۍ مُقابلہٕ لَگُن۔

**مان مان۔** ۱۔ کُنہٕ کارِ کارَس بیترِ مَنٛز اَکھ اَکِس برٕونٛہہ نیرنٕچ کوٗشِش یا خٲہِش ٹھوسہٕ ٹھوس۔ ۲۔ (اَدرگہٕ یا ٹھی) چھاوَن دٲسی۔ اَکھ اَکِس کام چھاوِنۍ۔

**مان مان کَرٕنۍ۔** ۱۔ کیٚنٛہہ کَرٕنَس مَنٛز اَکھ اَکِس برٕونٛہہ نیرنٕچ یا پتھ تراونٕچ کوٗشِش۔ ۲۔ اَکھ اَکِس کام چھاوِنۍ۔

**مان مان لَگٕنۍ۔** ۱۔ کیٚنٛہہ کَرٕنَس مَنٛز اَکھ اَکِس سٕندِ برٕونٛہہ یا پیٚتھ نیرنٕچ کوٗشِش کَرٕنۍ۔ ۲۔ چھاوَن دٲسی لَگٕنۍ۔

**مان مٲنی۔** اَکھ اَکِس سٕندِ خار یا رَشکہٕ۔

اَکھ اَکِس سیتی مُقابلہٕ دٲری کرِتھ اَگَر
کامہِ بیترِ منٛز)۔

**مان ٹانی۔** مان مان کرُن، لگُن یا آسُن کُنِہ
چھاوُن دٲسی یا ٹھوسہٕ ٹھوسہٕ تہٕ بہ
(اَکھ اَکِس سندِ خابہٕ)۔

**مان ٹانی چھِنے گُزر رازداری فَنا۔** ۱۔ پانہٕ وانہٕ
دٲسی سیتی پیٹھ بُڈی گر خراب گاہ چھِ۔ ۲۔
تہٕ دیتھ گو: اَکھ اَکِس پیشہٕ رُشکہٕ
سیتی چھِ بُڈی بُڈی تباہ گامتۍ۔

**مان نہٕ آسُن۔** برابری نہٕ آسٕنۍ (نیزی کُنہٕ
تہٕ پیٹھ وَنان)۔

**مانتھ۔** [ م ۔ مؤل : مانت < س : < س: مانتا]۔
اعتقاد ۔ کُنہِ کتھِ یا انسانس پیٹھ پیٹھ
پَرژھ۔

**مانتا۔** [ م ۔ مؤل : مانتا < س : مانتا ] ۱۔ مان۔
پَزرِتھ۔ آدر۔ ۲۔ مُجبرا ہی۔ مُجرَہس انُن۔

**مانتا دِنۍ۔** ۱۔ پَزرِتھ کرُن۔ آدرستکار کرُن۔
۲۔ مُجرا ہی دِنۍ۔ تار کھسُن۔

**مانہٕ ریٛنی۔** [ م ۔ مؤل : مانہٕ ریٛنی < س :
مانہٕ + راجنی ]۔ ۱۔ بَڈ باپہٕ تہٕ پَزرِتھ راجی
زنانہٕ۔ پَتُن پَزرِتھ تھَوَن واجنی۔ ۲۔
دُف دار آشنی۔

**مانہٕ ناوُن۔** [ ن ۔ مؤل : مانہٕ ناو < س : مانہٕ ]۔
کُنہٕ کتھِ بیترِ پیٹھ راضی کرُن۔ آمادہٕ کرُن۔
کانہہ کُنہِ مُطہٕ ہیو ناوُن۔ آنکار کرناوُن۔
تسلیم کرناوُن۔ کانسہِ کُنہِ پَزرہٕ انِنۍ۔
قایِل کرُن۔

**مانہٕ وُن۔** [ ن ۔ مؤل : مانہٕ وُن < س : مانہٕ ]۔
۱۔ مانُن وول۔ یُس کُنہِ مانہٕ یا مانان
آسہٕ۔ ۲۔ یُس کُنہِ پیٹھ اعتقاد یا پَزرھ آسہٕ۔

**مانُن۔** [ ن ۔ مؤل : مان < س : مانُن ]۔ ۱۔
آنکار کرُن، تسلیم کرُن، مُطہٕ ہیوُن۔
۲۔ فرض کرُن، زانُن۔ ۳۔ کانہہ کُنہِ بَجرٕ
کُنی بُزرُگس لایق زانُن، ہُبرٕ وول،
آستھ کانسہِ پَزرِتھ کرُن۔ ۴۔ منظور۔
قبول کرُن۔ ۵۔ آن اَنی، اَکھ اَکِس
زانُن مانُن۔

**مَنراوُن۔** تسلیم کرناوُن۔ آنکار کرناوُن۔
قبول کرناوُن۔

**مانے۔** [ مؤل : مانے < ع : معنی ]۔
مُطلَب، یہ کُنہِ کتھِ بیترِ منٛز نیران
آسہٕ۔ مَقصد۔

**مانہٕ مُطلَب آسُن۔** کانسہِ سیتی کانہہ
غرض آسُن۔ لین دین آسُن۔

مانے دار۔ ۱۔ کِتاب۔ یتھ منٛز یتھ مُشکِل لفظَن ہِندی مانے تہٕ دَرج آسَن۔ ترجمہٕ دار۔
م: ملنے دار قرآنِ شریف۔ ۲۔ کتھ منٛز یتھ کانٛہہ مطلب آسہِ۔

مانے دِین۔ پننہِ غرضہِ کانٛہہ مطلب کڈُن۔ زورٕ کانٛہہ بَدل مطلب کڈُن۔

مانٛٹھ۔ [ن۔ مؤل: مانٛٹھ (س: مانتہٕ + سُتھانہٕ]۔ رکینٛہ گرنہٕ یا یتھ منٛز رٕنٛز) سمَن جاے۔ سُہ نشانہٕ یتھ تانی دور ترٛاوٕنی آسہِ۔

مانٛٹھ یاے، شلے۔ دیکھو "مانٛٹھ"۔

مانجُن۔ [ن۔ مؤل: مانٛج (س: مارجنہ]۔ سینکہٕ یا میٹرٕ بیتھ منٛز کھیتہٕ یارنٛیہ یا یتھ منٛز پھش پھش دِتھ صاف کرُن۔ یا یتھ منٛز ناوُن۔

مانجُن اُر۔ گاسہٕ بیتھ منٛز آریتھ سیٚنی باتھ پھش دِوان چھِ۔

مانٛجِتھ ترٛاوُن۔ بِلکُل صاف کرِتھ ناوُن۔ صاف کرِتھ کرِتھ چمکاوُن۔

مانٛچھ۔ [ن۔ مؤل: مانٛچھ (س: ماکشکہٕ]۔ سُہ ترٛاے، یُس اکھ خاص تٲلرِ ذانٛتھ پوشَن دیوٕر تُلتھ سومبراوان چھِ۔

مانٛچھ کھر۔ قِسمہِ سالٕن مانٛچھ۔

مانٛچھ تٲلر۔ ۱۔ اکھ خاص تُلرِ ذات یُس مانٛچھ ترٛاوان چھِ۔ ۲۔ تیز طرار زنانہٕ ونان۔

مانٛچھ طاق۔ دوان طاکھن منٛز تھووُمُت مانٛچھ۔

مانٛچھ قشر۔ مانٛچھ کارنہٕ پتہٕ دٲمُت کوٚش بیترِ۔

مانٛچھ گُن۔ ۱۔ تٲلرِ کیٚنہہ ذیتہٕ ترٛوو ہبر یتھ منٛز مانٛچھ تٲلرِ مانٛچھ سومبراوان چھِ۔

مانٛچھ گنڈ۔ دیکھو "مانٛچھ گُن"۔

مانٛچھ زٕر۔ سُہ خاص ژٕھین یتھ اَندر مانٛچھ تیار کرنہٕ یوان چھُ۔

مانٛچھ ہیٚوٕ۔ موٚدُر۔ میوٚٹھ۔

مانٛچھُر۔ [ن۔ مؤل: مانٛچھر (س: ماکشکہٕ + ار]۔ مایہ دار یا لیس دار آسُن۔ تیتھ آسُن یتھ لاری گژھہِ۔

مانٛچھُر آیُن۔ ۱۔ ... (اَکِس چیزس) لیز کھسٕن۔ ۲۔ پشچار یا دٕ گژھُن۔

مانٛچھُر۔ [ن۔ مؤل: مانٛچھر (س: ماکشکہٕ]۔ لیس یا موچرٕ بُس تیلس گیوٚس بیترِ آسان چھُ۔

مانٛچھُر لگُن۔ لیس گژھُن۔ تیلک بیترِ موچرٕ لارُن۔

مانڈ۔ [< پراکرت: منڈا (س: مردتہٕ]۔ ۱۔ آڈُرُن۔ آلس بیترِ سیتۍ ژٕکینٛہ رلاونہٕ یتھ لنہٕ گرٕ یا موٚٹھ۔ ۲۔ بڑے۔

**مانڑِ اڑن** ۔ ۱. مانڑنہِ یا اڈرنہِ ین ۔ ۲. گنہ جمأژ منز اُتھ تمہ چہ کامہ منز لگن ۔ یہ ساری کران آسن تی گرن ہیون ۔ ۳. منڑہ سیتی موٹن نہ ژھوٹن (منلنگ) ۴. آٹنہ واٹنہ اُٹن ۔

**مانڑاٹن** ۔ ۱. مانڈن ۔ اڈرن ۔ رلاون ۔ ۲. موچھ منز اٹن ۔ پانس تل رٹن (کاٹھ یا کینہہ) ۔

**مانڑِ اونمت** ۔ ۱. اڈروومت ۔ موٹھ یا اتہ گنہ تلہ کوڈمت ۔ ۲. یتھ پھیشرتہ پھیشر دینہ سیتی بڑے آسہ آیہ ۔ ۳. موچھ منز اونمت ۔ پانس تل کڈمت (کاٹھ ۔ یتھ شہ لوڑک یکدم مانہ) ۔ ۴. لگاتار سوٗژِ شوٗ سیتی حل کورمت ۔

**مانڑِ ژامت** ۔ یتہ سیتی کھومت (نیرِ گیو) ۔ شہ یس نی گران گژاوان آسہ یہ یتہ وَنتھ کران آہتی آسن ۔

**مانڑِ ین** ۔ ۱. ژھوکن ۔ شرہ کن (منل بیتر) اڈراونہ ین ۔ رلاونہ ین ۔ مانڈنہ ین ۔ موچھ منز ین یا انتھس تل لگن (کاٹھ ہنز) ۔ سوٗ گژھن ۔ لگاتار کوشش سیتی کانہہ مشکل حل گژھن ۔

**مانڈ دِنی** ۔ ۱. نرماونہ یا رلاونہ یا پھنہ گنہ لتہ گس دین یا موٹھ دِنی ۔ اڈراون ۔

**مانڈ گژھنی** ۔ بڑے ووٹھنی ۔ آنہ مانہ گژھن ۔

**مانڈکھ** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مانڈک (س ؛ مانڈوکہ] ۔ اکہ خاص قسمچ گیوٗن لہر ۔

**مانڈرن** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مانڈ (س ؛ مردنہ] ۔ ۱. مانڈ دِنی ۔ اڈرن ۔ رلاون ۔ ۲. آزماوِتھ تراون ۔ ۳. وتھ مانڈنی ۔

**مانڈتھ تراون** ۔ دارِیاہہ پھِر آزماون ۔ گنہ وتہ بیترِ داریاہہ لٹہ پکن ۔ م ؛ مے چھِنہ یہ وتھ مانڈتھ ترادمژ ۔

**مانگن ، مانگن** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مانگن (س ؛ منگنہ] ۔ ۱. اکھ گیٹہ ذاتھ ۔ یہ چھِ ہٹر پاٹھ تیہرن دوہ کھان ۔ ۲. یُس نہ سہل سہل پننہ کتھ وَنہ ۔ ۳. زوٗبہِ ۔ ۴. یُس نہ تھر بتھ لوزنہ یِیہ ۔

**مانگے** ۔ [م ۔ مؤل ؛ مانگے (س ؛ مارگہ] ۔ ۱. کینہہ منگنچ عمل یا کینہہ منگن ۔ ۲. شہ موچھ پھول بیتر یُس طایفہ دران ہر کرہ ورزِ گژھِسہ نیتہ نیشہ تران چھ ۔

**مانگے دِنی** ۔ طایفہ دران ہر دِہ موچھ پھول دین ۔

۲۔ بٔے۔ سَخ شور۔

مُشرِک نادان۔ ۱۔ مو جاے ییٚتہٕ عملن ہُند حساب ہیٚنہٕ پیٚیہ۔ ۲۔ مو جاے ییٚتہٕ ترٛٹہٕ بزٕن ووچھ۔

مُشَر ووتھُن۔ سَخ شور ووتھُن۔ ۲۔ بٔے ووتھُن۔ ترٛٹہٕ بزٕن ووتھُن۔

مُحفِل۔ [م۔ مؤل: مُحفِل (ع: محفل]۔ مجلس سبھا۔ وارِیاہَن لُکَن ہُند کُنہِ خاص کامہِ باپتھ کُنہِ جایہِ سَمُن۔

مُحلہٕ۔ [ن۔ مؤل: مُحل (ع: محلۃ]۔ وُچھو "مَحلہٕ"۔

مُحلہٕ خانہٕ۔ [ن۔ مؤل: مُحلہٕ خان (ع: محلۃ + ف: خانہ]۔ وُچھو "محل"۔

مُدینہٕ، مَدینے شریف۔ [ن۔ مؤل: مدین (ع: مدینۃ شریف]۔ عربُک اکھ مشہور شہر ییٚتہٕ آنحضرتن ہُند روضہ شریف چھُ۔

مُدریر۔ [ن۔ مؤل: مُدریر (س: مادھریہ]۔ وُچھو "مؤدریر"۔

مُر۔ [م۔ مؤل: مُر]۔ مہوک، اُناجک یا چیز بینسر ہُند اندرِم گۆل۔

مُرچ۔ [م۔ مؤل: مُرچ (س: مرچ/مرچ ]۔ ووہا، ووہاٮ۪ بیمارٕ، ملاے۔

مُرکِ چھرٕ بٔ۔ کالرا، دستہٕ تہٕ قے یکہٕ وٹہٕ گژھنچ بیمأری۔

مُرٕ چھرٕ دپو۔ مُرٕچھرٕ بیمارٕ ہُند لُوتھ۔ کانہہ وُدکھ بیمأری، کالرا۔

مُرٕ چھرٕ گَون۔ مو ہلکھ ووبا۔

مُرن وودنی۔ [ن۔ مؤل: مُرن ودنی (س: مرنہ + پانیہ]۔ وُچھو "مُرن" لفظس تَل۔

مُریخ۔ [ن۔ مؤل: مُریخ (ع: مریخ]۔ بوم۔ اکھ پھیرُون تارٕک (سیارٕ)۔

مُریض۔ [مؤل: مُریض (ع: مریضۃ]۔ بیمار۔ یُس کانہہ بیمأری ہیتھ آسہِ۔

مُرینہٕ۔ [ن۔ مؤل: مُرین (انگ: مرینو]۔ رُفل۔ اکہِ خاص قسمک پوٹ یا مَنٛل۔

مُرد دیادم۔ [مؤل: مُرد دیادم (ع: مرد + آدم]۔ ۱۔ بُڈٕ مو ہنیو۔ دانِشہ آمُت ووانسہٕ۔ ۲۔ بُزرگ۔ گاٹُل۔ تجربہ کار۔ سنجیدٕ۔

مُزید۔ [مؤل: مُزید (ع: مزید]۔ ہُر علاوٕ۔ بینٛٹھی۔

مُژ ہا۔ [م۔ مؤل: مژ (س: مَتّہ]۔ مَتیٚمژ زنانہٕ۔ پاگل زنی۔

مژ پھبار۔ ۱۔ بیوقوف زنانہٕ ہُند بکواس۔ ۲۔ (ووگرٕ) چارِ زامُت شُرٕ۔

مُحَدِث ۔ [ مؤل : مُحدِث ‹ع : محدث]۔
۱۔ حدیث پوٚر پاٹھی زانن وول۔ ۲۔
یُس حدیثک صحی پاٹھی شرح تہٕ
تاویل کر۔

مُحَقِق ۔ [ مؤل : مُحقق ‹ع : محقق ]۔
تحقیق کرن وول ۔ کُنہٕ علمس یا مَسلس
چھان بین کرن وول۔ رِسٕرچ سکالر۔

مُحَمد ۔ [ن۔ مؤل : محمد ‹ع : محمد]۔ آنحضرتؐ
ہُند نام پاک ۔ پیغمبرِ اسلام سُند
اِسمِ شریف۔

مُحَمدی ۔ ۱۔ حضرتِ محمد صابُس کُن مَنسوب ۔۲۔
حضرتِ محمد صابنی پاروکار مُسلمان ۔

مُحاصرٕ ۔ [ن ۔ مؤل : محاصر ‹ع : محاصرة]۔
اندٕرٕ اندٕرٕ تزِ دومت گیبرٕ ناکہٕ بندی۔

مُحافِظ ۔ [ مؤل : محافظ ‹ع : محافظ ]۔
حِفاظت کرن وول ۔ راچھ کرن وول۔

مُحافِظ خانہٕ ۔ سُہ دفتر یا جاے یتہِ سرکاری
کاگذ تہٕ مِثلہِ بیتر رٔژھرتھ تھونہٕ ین۔

مُحِب ۔ [ مؤل : مُحِب ‹ع : مُحِب]۔ سُہ یُس
حُب آسہِ ۔ دوٗسھ ۔ یار ۔ ہیرٕ سُندی
خاص مُرید۔

مُحرِر ۔ [مؤل : مُحرِر ‹ع : مُحرِر]۔ ۱۔
مُنشی ۔ یُس کاربارُک حساب کِتاب
تھوان آسہِ ۔ ۲۔ سُہ یُس کُنہٕ خاص قسمکہ
تحریر لیکھنس لگان آسہِ ۔

مُحسِن ۔ [ مؤل : مُحسِن ‹ع : مُحسِن]۔ ایحسان
کرن وول ۔ اَتھہٕ روٗٹ کرن وول ۔
رُت وَرتاوَن وول ۔

مُحسِن کُش ۔ یُس ایحسان کرن والِس پیٹھ
بدی وَرتاوِ ۔ یُس نہٕ کُنہٕ زانِہ ایحسان
یاد روزِ ۔

مُخالفت ۔ [م۔ مؤل : مُخالفت ‹ع : مخالفة]۔
۱۔ اِختِلاف ۔ کُنہٕ یا کانسہِ خِلاف
کینہہ وَنُن یا کَرُن ۔ ۲۔ دُشمنی ۔

مُخالفت سیدٕنی ۔ کانسہِ ہندِ طرفہٕ اعتراض
سیدُن ۔ دُشمنُت وَرتاونہٕ یُن۔

مُخالفت کرٕنی ۔ کُنہٕ یا کانسہِ خِلاف کینہہ
وَنُن یا کَرُن ۔ کَشورِ بیتر وِزِ یتُن
اعتراض بیترِ وَنُن ۔

مُخاطب ۔ [ مؤل : مُخاطِب ‹ع : مُخاطب]۔
سُہ یَس کُن یا یَس سیتی کتھ کران آسن۔
یُس کتھ کرن وِز برونٹھ کُنہ آسہِ
مُخاطب سیدُن ۔ کانسہِ کُن کینہہ وَنُن ۔

مُخالِف ۔ [مؤل : مُخالِف ‹ع : مُخالِف]۔

ا۔ کُنہِ یا کاٹُسہِ خِلاف ۔ یُس کُنہِ قسمُک اعتراض آسہِ، بَرخِلافی کرُن دول۔ ۲۔ مُقابلہٕ ۔ بُتھہ (کُنہٕ لڑایہِ بیتر اَنارر) ۳۔ دشمن۔

**مُخبِر** [ مؤل: مُخبِر < ع: مُخبِر ]۔ ا۔ ژرژُن دول۔ جوسوس۔ ۲۔ مُنافِقت کرُن دول۔ ۳۔ بدکانچھُن دول۔ خارخاہ نیرُن دول۔ سی۔ آئی۔ ڈی۔

**مُخبر نیرُن**۔ سُہ یُس بدکانچھنہٕ کنہ کاٹسہِ خِلاف حکومتَس اطلاع دِیِہ۔

**مُخبری**۔ ا۔ شیبِکُن۔ ژرژُن۔ جوسوسی۔ ۲۔ مُنافقت۔

**مُخبری کرٕنی**۔ ژرژُن۔ جوسوسی کرٕنی۔

**مُختلِف**۔ [ مؤل مختلِف < ع: مُختلِف ]۔ الگ۔ بیۆن۔ نہ رَلِہ وُن۔ کُنہِ نشہِ بیۆن۔ یہِ نہ کُنہِ یا کاٹسہِ ہیوٗہ آسہِ۔

**مُخلِص** [ مؤل: مُخلِص < ع: مُخلِص ]۔ ا۔ یُس خۆلوص آسہِ۔ ۲۔ شۆد تہٕ صاف۔ پۆز یار۔ یار یُس نہ مطلبی لاگہِ۔ جانٛ یار۔

**مُدَبِر**۔ [ مؤل: مُدبِر < ع: مُدبِر ]۔ تدبیر زانَن دول۔ سُہ یُس بوزِ شۆژ کرِتھ کانہہ وَنہہ کڈن تگہِ۔ یُس ٹھیکہ پاٹھی سوٗچِتھ ہیکہِ۔ عالِم۔ عاقِل۔ سمجھدار۔

**مُدَتھ**۔ [ ن۔ مؤل: مُدت < ع: مُدّۃ ]۔ ا۔ داریاہ وَق۔ سیٹھاکال، زمانا اکھ۔ ۲۔ میاد۔ موہلتھ۔

**مُدَتھ تھوُن**۔ میاد تھوُن۔ موہلتھ دِنی۔

**مُدَتھ لگُن**۔ سیٹھا وَق لگُن (کُنہِ کامہِ بیتر) ہیٹھ لگنی۔

**مُدتک ار**۔ داریاہ کالُک۔ یتھ کافی وَق گومُت آسہِ۔ پرٛون۔

**مُدلَل** [ مؤل: مُدلَل < ع: مُدلل ]۔ (بیان بیتر) پۆر پاٹھی وِزِ ہنتھ۔ یتھ پۆر پاٹھی دَل دِتمُت آسہِ۔ واضِح، یتھ سیٹھی دلیل آسہِ۔

**مُدَو**۔ [ ن۔ مؤل: مُدو < س: مُردِتہ ]۔ گگھر تہٕ گگھر لگنہٕ سیتی لوگمُت چھوِہ کھہ

**مُدَو اَنُن**۔ ا۔ (گرِس) گگھرِ سیتی تھرٕکِتھ دالہِ گیسہِ انُن۔ ۲۔ درگہِ پاٹھی سخ عذاب کرُن۔ مُصیبتَس لاگُن۔

**مُدَو پُن**۔ گگھر تہٕ گگھر لگنہٕ سیتی چھوِن کھ لگُن مُسلہٕ ووٚتھنہٕ سیتی اَڈرج سیتی۔

**مُدَوس اَچھ یہِنی**۔ ژُنگر تُلنہٕ، تُندُن۔

**مُدے**۔ [ م۔ مؤل: مُدے < ؟ ]۔ ژرتھ ژھُن گنہٕ دُچھان دُچھان نہٕ اَچھ ٹٹہٕ دَمار تہٕ

گژھن ۔ لگاتار وُچھان روزُن ۔

مُدے گنٛڈٕنۍ ۔ اَکہِ سے چیٖزِس کُن نظر ٹھیکرٲوِتھ وُچھان روزُن ۔ دٔرِتھ وُچھُن ۔

مُدا (مُدعا)۔ [ن۔ مۆل : مُدا < ع : مُدعا ]۔
۱۔ غرض، مطلب، ملنے، مقصد۔
۲۔ یژھ ۔ خٲہش ۔

مُدا بامُل پُن ۔ مُدا العمل پُن ۔ یہ یوٗژ ہمُت آسہ تہٕ برابر پُن ۔ شرنیرُن ۔ آتس پوٗرٕ گژھنۍ۔

مُدا بوٗزُن ۔ ژھنوٗڈ پاٹھو ۔ اَکی کتھ ۔ الغرض ۔

مُدا دار ۔ یُس لِنشہِ مطلب پوٗر گژھہِ (وٗرگہِ پاٹھو) ماشوق، محبوب ۔

مُدالہ (مُدعاعلیہ)۔ مُدادار ۔ سُہ یُس ییٚٹھ دیوٲنی مُقدمہِ چلان آسہِ ۔

مُداخلتھ ۔ [م۔ مۆل : مُداخلت < ع : مداخلت]۔ کُنہٕ کامہِ یا مامُلس بیٚنٛز اَندر دٔیتھ مُت ۔ دخل ۔ منٛز اژُن ۔ ژنگ ژھنُن ۔

مُداخلتِ بے جا ۔ اجازتہٕ روٗس کانٛسہِ ہنٛدِس ملکیَتس منٛز اژُن ۔

مُداخلتھ کرٕنۍ ۔ دخل دیُن ۔ منٛز اژُن (کُنہ کتھِ یا بیاکِس بیٚنٛز)۔

مُدام ۔ [< ع : مُدام ]۔ ہر ہمیشہ، پوشہ وُن، روزُن ۔

مُدیر ۔ [ مۆل : مُدیر < ع : مُدیر]۔ ایڈیٹر ۔

مُدرٕ ۔ [م۔ مۆل : مُدر < س : مُدرا ]۔ جسمٕچ کُنہٕ حرکت ہیٚنٛز کانٛہہ علامتی تراے ۔ م: ژھوہ یہٕ مُدرٕ اَتہٕ ییہٕ پرٛویش ۔ (الک دیہ)۔

مُدوار، مُدار ۔ [م۔ مۆل : مُدوار < س : مدھیٔہ دھارا ]۔ ییٚنکلہٕ بیٚٹھ کُنہٕ لرِ ہنٛدی زٕ پَکِش زٕ لیچ جلے ۔

مُدے ۔ [ مۆل : مُدے < ع : مدعی ]۔ دیوٲنی مُقدمہٕ کرن وول ۔ داوا کرن وول ۔

مُدے کرٕنۍ ۔ کُنہٕ کتھِ بیٚنٛز مُقابلی کرٕنۍ ۔

مُدے لگُن ۔ ۱۔ کُنہٕ کتھِ بیٚنٛز بُتھ لگُن، مُقابلس لگُن ۔ ۲۔ مُقابلہٕ کرِتھ بوٗزِتھ ہیٚون ۔

مُدے مُدے کرٕنۍ ۔ ادرِ یور بُتھی لاگٕ کرٕنۍ ۔ اَکھ اَکِس برٛونٛہہ کنہٕ مُقابلہٕ کرُن (خاص کٔرِتھ کُنہ غاسِژ بیٚٹھ)۔

مُڈٕ ۔ [مۆل : مُڈٕ < س : مُوڈھہ ]۔ بیقل ۔ ڈُڈٕ ۔ زڈٕ مونٛڈ ۔ کُند ذہن ۔ ۲۔ ان پڑ ۔

مُڈٕ چھہ پر ۔ تَس وَنان یُس عاقل آسُن گژھہ اما پوز آسہِ ڈُڈٕ ۔

مُڈگی ۔ [م۔ مۆل : مُڈگی < س : موڈھ + ف : گی ]۔ زڈٕ مونٛڈ آسنٕچ حالتھ ۔

مُرٕ ١ ۔ [اَنٲم مٔول : مُرٕ < س : مُرَ ] ۔ ١ ۔ ہُلِم ۔ دامِنہٕ ۔ ۲ ۔ پاجامک یا پَتلوٗنک بیترٕ بوٗنِم اَنٛدٕ تہٕ تَمِیُک کھُر ۔

مُرٕ ہیتھ دارِ پھِنزٕنۍ ۔ بتھس پیٛتھ آدُرادُ کَرٕنۍ ۔

مُرٕ ہوٗن ۔ بَرٕ ژھنہٕ کِنہٕ رٕو رٕو ہوٗن ۔

مُرٕ بنٛزٕ ۔ ٹِبہٕ یِمہٕ مٔشینہٕ سیتۍ پیزارس مٔرِن تَل کَڈان چھِہ ۔

مُرٕ بَلو ۔ نالہِ بلوٗک ، خاص کٔرِتھ پھیرنک یا قمیضہٕ بیترٕ مُنٛد بَرٕژھٕنٛٹھِم پاسہٕ ۔

مُرٕ دُج ۔ ہُلمس بیترٕ رِیمٔژِ جایہٕ لٲجِنہٕ دُج بیترٕ

مُرٕ مٔنگُن ۔ ہُلِم دارِتھ کانٛسہِ کینٛہہ مَنٛگُن ۔ کانٛسہِ بَرٕژھٕنہٕ کِنہٕ سَخ تابٕزی کَرٕنۍ ۔ کُنہِ باپتھ سَخ زارٕ پارٕ کَرُن ۔

مُرداران ۔ کینٛہہ رَٹنہٕ باپتھ کانٛسہِ بَرٕژھٕنہٕ کِنہٕ بَنُن داماںٕ یا ہُلِم واہُرُن ۔ (وَرٕگہٕ) کینٛہہ کانٛسہِ مَنٛگُن ۔ خاطرٕ اتھٕ مَنٛگُن ۔

مُرگٔژھٕنۍ ۔ چارِپٲیہٕ یا ژٕل گٔژھٕنہٕ کِنۍ کاو بیترٕ بَنٛد اَتھٕ گَژھُن ۔

مُرٕ ہینۍ ۔ ١ ۔ سَخ نُقصان گَژھُن ، سَخ دَدارِ واتُن (اَتھٕ کاربارس بیترٕ بٔنٛدٕ پَتھٕ زُو درٕ) ۔

٥ ۔ مُرٕ ۲ ۔ [< مُرٕ لفظُک پۆتٕ نَسلا ] ۔ م ؛ شُرُمُرٕ ۔

مُرَبعَ ۔ [مٔول ، مُرَبع < ع : مُرَبع ] ۔ ١ ۔ سُہ سیٛدٕ ژوٗک یَتھ ژٕرٕ شوٗے پاسہٕ بَرابَر آسَن ۔ ۲ ۔ اَکہِ قِسمُک رَنٛگدار نَہٕ مٔوٹ کاکَد ۔

مُرَبی ۔ [ مٔول : مُرَبی < ف : مُرَبی < ع : مُرَب ] ۔ سَرپَرَست ، زیٹھ ، رٔچھِن وول ۔ اَتھٕ ہیٛتھ تھٲوَن وول ۔

مُرَتَبہٕ ١ ۔ وُچھِو "مَرتَبہٕ" ۔

مُرَتَبہٕ ۲ ۔ [م ۔ مٔول : مُرتھ < س : موٗرتہِ ] موٗرتھ ۔ موٗرتی ، شَکل ، تصویر ۔

مُرژِگَر ۔ موٗرتھ بَناوَن وول ۔ کُنٛج یا کانٛسہِ ہُنٛز تصویر بَناوَن وول ۔ مُصَوِر ، یُس پُتلۍ بَناوٕنۍ آسَن تَگان ۔

مُرژِگَری ۔ ١ ۔ مُرژٕ بَناوُنک پیشہٕ ۔ ۲ ۔ مُرژٕ بَناوٕنۍ تَگُن ۔

مُرَکَب ۔ [ مٔول ؛ مُرَکَب < ع : مُرَکَب ] ۔ (کیٚنٛژَن چیٖزَن ہُنٛد) رَل ، مِلہٕ مِش ۔

مُران ۔ [م ۔ مٔول ؛ مُرَن < پراکرت : مُرا : مَر ] ۔ ١ ۔ اَتھٕ یا کھور بیترٕ سیٛتۍ زور کٔشِتھ دِتھٕ وَٹھٕنۍ ۔ ۲ ۔ کَشیرِ ہُنٛد اَکھ گام ۔

مُرن دِنی۔ ۱۔ وِڈھُن۔ وِڈھُن دِنی۔ ۲۔ ژھِٹھ
ہیتنی۔
مُرن لگنہٕ۔ مۆرنہٕ یُن۔ وِڈھنہٕ یُن۔ چھیرتھ
یِس بیتر نیرُن۔
مُراد۔ [ن۔ مۆل: مُراد < ع: مُراد] یِژھے،
مقصد، مطلب، خاہش۔
مُرادس واتُن۔ مطلب نیرُن۔ مَنزِل واتُن۔
مُراد باکل یُن۔ خاہش پورٕ سپدنی۔ یہ
یِیژھ زِنی سپدُن۔
مُراد باوُن۔ پنُن مقصد دُن۔ پننہٕ مطلبچ
دیژھنے کَرُنی۔
مُراد نیرُن۔ یِژھ حاصل یُن۔ کانہہ
مطلب نیرُن۔
مُراسلہٕ۔ [ن۔ مۆل: مُراسل < ع: مُراسلۃ]۔
رقعہٕ۔ چِٹھ۔ پتر۔ خط۔
مُرادی۔ [م۔ مۆل: مُرادی < س: مار۔ م۔ ہ:
مراد]۔ ۱۔ مالزادہ، بد عاشس زنانہٕ۔
بازری زنانہٕ۔ مور دار۔ ۲۔ بد عاشہٕ
دستر زنانہٕ۔
مُراری۔ [ن۔ مۆل: مُراری < س: مُرار] اَنگوان
کرشنہٕ سُند اکھ ناو۔
مُرمُر۔ [م۔ مۆل: مُرمُر < آوازٕ پیٹھ]۔ تُری منٛز
بتہٕ پُھلی۔
مُرمُر سوٚت۔ تُری منٛز بتس نوٗ دُمت
سوٚت پیٹھ تُری دُمت بتہٕ۔
مُرید۔ [ن۔ مۆل: مُرید < ع: مُرید]۔ (پیر
سُند) چیلہٕ۔ زاٹھ۔ سُہ یُس کانٛسہٕ
بُزرگس یا پیرس پیٹھ بُنیتھ کرُتھ آسہٕ۔
شش، پارکھ۔ مُتیٔ قد۔ شاگرد۔
مُرمُر۔ [م۔ مۆل: مُرمُر < وچھو۔ مۆرُن]۔
ژھاپہٕ ژل۔ سیخ ریر۔
مُرتضیٰ۔ [ع: مُرتضیٰ]۔ حضرت علیؓ سُند
اَکھ لقب۔
مُرتیٚن زٕے۔ [مۆل: مُرتیٚن زٕے < س:
مُرتیٚن جیہ]۔ یِیمی موت آسہٕ زیٚومُت،
اکال شو، شو سُند اکھ ناو۔
مُرژھا۔ [م۔ مۆل: مُرژھا < س: مۆرچھا]۔
گتہٕ، غش، بے ہوشی۔
مُرژھا پھیرنی۔ گتہٕ یُن، غش یُن، بے ہوش
گژھُن۔
مُرسل۔ [ن۔ مۆل: مُرسل < ع: مُرسل]۔
رسول۔ صاحبِ کتاب پاغمبر۔
مُرکھ۔ [مۆل: مُرکھ < س: مۆرکھ]۔
مُڈ، چور۔ بیوقوف۔ ڈڈ۔

مُرکھ بوزٕ گژھن۔ بیقلہٕ سٕنزٕ کتھن کُن گژھن۔ پانہٕ ہٕ سوچُن۔ بیقلہٕ ہٕنزٕ وتہٕ پکِتھ تباہ گژھن۔

مُرکھ لوٗد۔ بیقلہٕ سٕنز رلے۔ یہٕ چھہٕ کُنہٕ کُنہٕ پانس مُتلق ظلمی سان وَنان۔

مُرکھ موٗنٹھ۔ زبردس یٔڈ۔ ہیچہٕ کلہٕ۔

مُرکھہٕ گی۔ [م۔ مؤل ؛ مُرکھہٕ گی > س : موٗرکھ + ف : گی]۔ مُرکھوٗت ، مُڈگی ، چارٕ گی۔ چور آٹس ۔ مُرکھ سُند طور طریقہٕ۔

مُرکھوٗت۔ [ن۔ مؤل ؛ مُرکھت > س ؛ مُرکھتوٗ]۔ مُرکھہٕ گی ، مُڈگی ، چار یہٕ۔

مُرَوَتھ۔ [م۔ مؤل ؛ مُرَوَت > ع : مُروۃ]۔ ۱۔ اِنسانٕ یتھ ۔ مہربٲنی۔ ایٚحسان۔ اَتھہٕ رٹ۔ ۲۔ مَدتھ۔ رَفاقتھ۔

مُرَوَتھ کرٕنۍ۔ اَتھہٕ روٗٹ کرُن ، ایٚحسان کرُن۔ مہربٲنی کرٕنۍ۔ کھٲلہٕ دِلہٕ پٲٹھۍ یُن۔ رَفاقتھ کرٕنۍ۔

مُرَوَج۔ [مؤل ؛ مُروج > ع : مُروت]۔ یٚمیُک رِواج آسہٕ۔ یٚمیُک چلے جاو آسہٕ۔

مُزوٗج۔ [م۔ مؤل ؛ مُزوٗج > س ؛ مُکھ + جالہٕ]۔ کفنٕک سُہ حِصہٕ یُس ہینٛدی مودٕ رٕس

تُمبس پیٹھہٕ ترٛاوان چھہٕ۔

مُزکہٕ۔ [مؤل ؛ مُزک > ]۔ نیٚک اِنسان۔ (قَدٕ یا) وٕنیچھرٕ بیترٕ کِنۍ سیٚٹھاہ کم (کٔفرٕ بیترٕ) لوکٕٹ۔ توٚنوٚکھ تہٕ کمزور۔

مُژ۔ [ن۔ مؤل ؛ مُژ > ف ؛ مُزد]۔ خرچاوٕتھ کرِتھ یہٕ کینٛژھا یِتھ کُن مودٕ یا رودٕ۔ نَفع۔ فٲیدٕ۔ بالٲیی۔ (دُرگہٕ پاٹھی) مُجرٲی۔

مُژ نیرُن۔ اوہٕ نیرُن۔ نَفع وُتھدیُن۔

مُژگری۔ [م۔ مؤل ؛ مُژگری > س ؛ مُکھ + جھگڑا]۔ رٕنجش ، ناراضگی ، ژونہ کِہ۔

مُژگری گژھنۍ ، ووٚتھنۍ۔ پانہٕ وٲنۍ ناراضگی گژھنۍ۔ رٕنجش گژھنۍ۔

مُژرُن۔ [م۔ مؤل ؛ مُژرُن > س ؛ مُچ]۔ ۱۔ کینٛہہٕ بٕلہٕ ترٛاوٕنیچ ، واہراوٕنیچ یا ڈیٖول کرٕنیچ عمل۔ ۲۔ مُشکِل کٲمہِ بیترٕ واتش کَڈٕنیچ عمل۔

مُژرُن وَر۔ وَر ژلراوٕنہٕ بایتھ رٕزٕ بیترٕ دِتھمُت وُلٹہٕ وَر۔

مُژراوُن۔ [ن۔ مؤل ؛ مُژراو > دیکھو۔ مُژرُن]۔ ۱۔ گنڈ ڈیٖول کرُن ، گنڈٕ یلہٕ ترٛاوُن۔ کھولُن ، دوٗتھ کرُن۔ ۲۔ واپرُن۔ رم : اُس مُژرُن۔ ۳۔ کُنہٕ بٔنٛد چیزس یا

صوٗندوٗقس بیترٕ ٹھانہٕ تُلُن

مُژراوِنہٕ یُن ۔ یَلہٕ گژھُن ، ڈیوٗل گژھُن (گنٛڈ بیترٕ) دواہراوِنہٕ یُن ( یہِ کینٛژھا ڈٹھ آسہِ ) اَنٛدرِیُم نیٛبر ژھٹُن ، سِرن نیٛبر کرُن ۔ (دِل) کھُلُن ۔ راز باوُن ۔

مُژرُن ۔ وُچھو "مُژراوُن" ۔

مُژرنہٕ یُن ۔ ۱۔ (گنٛڈ بیترٕ) یَلہٕ گژھُن ، ڈیوٗل گژھُن ۔ بَند ٹھانہٕ بیترٕ وَتھ گژھُن ۔ ۲۔ کنٛہہٕ کران کران کھُلُن ، اَنٛدرِم ہِسر وَنُن ۔ وَرٕہ وانٛجہٕ کنٛتھ کرنہٕ ۔ ۳۔ دِل کھُلُن ، دَے گژھُن ۔ ۴۔ دِل کُشادٕ سپدُن ۔

مُس ۱ ۔ [ن ۔ مٔول : مُس < ؟ ] ۔ ٹھکاوُٹھ ۔ پان پھُٹُن ۔

مُس اَژُن ۔ سَخ ٹھکُن ۔ ژھینٛتھٕ ہیوٗن ۔ لوٗسِتھ ہیوٗن ۔

مُس کَڈُن ۔ ٹھکاوُٹھ ژٕلراوِنی ۔

مُس نیرُن ۔ ۱۔ ٹھکاوُٹھ ژٕلنی ۔ ۲۔ طمع نیرُن ۔ مُدا پائل یُن ۔

مُس ۲ ، موٗس ۔ [ن ۔ مٔول : مُس ، موٗس < ] ۔ یَچ گہ گژ ۔ م ، گہ گژہٕ مُس ۔

مُسہٕ ہیٛم ، موٗسہ ہیٛم ۔ نہٕ ییٛنہٕ ستی گُذار چلہِ وُن روزُن ۔

مُسہ ہیٛم کرُنی ۔ ییتھ تیتھ پٔٹھ گُذارٕ چلاوُن ۔

مُسَدَّس ۔ [ن ۔ مٔول : مُسدَس (ع : مُسدَس ] سو نظم ییتھ اَکِس بَندَس شیٚن شیٚن مِصرٕ آسن ۔

مُسَل ۔ [ن ۔ مٔول : مُسل (س : مُسلہٕ ] ۔ مُہلر چالہٕ اَکھ ہتھیار ۔

مُسَلَّح ۔ [مٔول : مُسلح (ع : مُسَلَّح ] ۔ یُس سِلاح سامانہٕ گنٛڈِتھ آسہِ ۔ ہتھیار بَند ۔

مُسَلَّم ۔ [ مٔول : مُسَلَّم (ع : مُسلم ] ۔ ۱۔ تسلیم کوٗرمُت ۔ مانہٕ آمُت ۔ ۲۔ سالِم ۔

مُسَلسَل ۔ [مٔول : مُسلسل (ع : مسلسل ] ۔ لگاتار ۔ ژھدرٕ روٚس ۔ پیاپے ۔

مُسلمان ۔ [ ۔ مٔول : مُسلمان (ف : مسلمان (ع : مسلمین ] ۔ سُہ یُس سُند مذہب اِسلام آسہِ ۔ ییٚمی اِسلام قبوٗل آسہِ کوٗرمُت ۔

مُسلمان سپدُن ، گژھُن ۔ ۱۔ اسلام اَنُن ۔ کلمہٕ پرُن ۔ ۲۔ مانُن ۔

مُسلمانی ۔ [م ۔ مٔول : مُسلمانی (ف : مُسلمانی] ۔ ۱۔ اسلامی عقیدن پیٹھ ہکُن ۔ ۲۔ (وارگرِ پاٹھی) ایماندارٕی ۔ پزر ۔

مُسلمانی وَنٕنی۔ پوٚژ دُنُن۔ پُرزر باوُن۔ یہ
سپُدمُت آسہِ تی دُنُن۔
مُسافر، مُسافِر۔ [ن۔ مۄل: مُسافر (ع: مُسافر]۔
۱۔ پردیسی۔ ۲۔ بێ کس یا بێ اولاد۔
پُرزٕ ژھینوٚن۔ ۳۔ بیچھ وُن۔ فقیر۔
مُسافرِ بائے۔ ۱۔ بیچھ وٕنی۔ ۲۔ سۄ یُس نہ
پننہِ برٛونٛہہ کانٛہہ نہٕ آسہِ۔
مُسافرِ بان۔ بێ کس۔ بیاہ سَر
مُسافِر ژاوٕ آنگن ہوٗلِس وۄتھ لچہ دود۔
دِ ڈیپتھ گو: کانٛسہِ موحتاجس رَفاقتھ
کرٕنۍ وِنژنٕیس ٹلۍ اُزرُون یُن۔
مُسافرت۔ [ن۔ مۄل: مُسافرت (ع: مُسافرۃ]۔
۱۔ سَفرس اَندر آسنچ حالتھ۔ ۲۔ (اَدرگہِ
پاٹھو) لاچاری۔ مِسکینی۔ غورَبتھ۔ تنگی۔
مُسافرتس لگُن۔ لاچاری کنۍ نہٕ کُنہِ جایہِ
ٹھکانہٕ آسُن۔
مُسافِر۔ [ن۔ مۄل: مُسافِر (ع: مُسافر]۔
۱۔ سَفر کرُن وول۔ یُس سَفرس منٛز
آسہِ۔ ۲۔ بیچھ وُن۔
مُسافرخانہٕ۔ سَرائے۔ سۄ جاے یتہٕ مُسافر
راتس ٹھکھ دِن۔
مُسِل، مُسہِل۔ [مۄل: مُسِل (ع: مُسہِل]۔

۱۔ بیادِ ڈیول آسنچ حالتھ۔ دستہٕ
جولاب۔ ۲۔ بہ چیز یتھ کرِ کھینہٕ سیتی بیاد ڈلہِ۔
مُسِل گژھُن ۱۔ دستہٕ گژھُن۔ اِدرار تۄن تہٕ
پھِری پھِری پکُن۔ ۲۔ خوف اَژُن۔
مُسہٕ۔ (اہزلہٕ) عشقہٕ بازی۔ عاشقی۔
مُسہٕ ژٹنی۔ عاشقی کرٕنۍ۔
مُسہٕ کرُن۔ وُچھو "مُسہٕ ژٹنی"
مُسٹہٕ۔ [ن۔ مۄل: مُسٹ (س: مُسِچ]۔
یلہِ یہ نہٕ گنیجہِ تشنز آسہِ۔ یتھ نہٕ گنٛڈھ نادِتھ
آسہِ۔ یہ نہٕ گنٛڈ آسہِ۔
مُسٗر، مۄسٗر۔ [ن۔ مۄل: مُسر (س: مَسوٗر]۔
۱۔ اَکہِ دالہِ ہُنٛد ناو۔ ۲۔ سۄ یُس بچھِس
شُتلو اَکھ آسُن۔
مُسٗر کرُن۔ ڈگتھ سۄت کرُن۔ ٹنگ ٹنگ کرُن۔
مُسُن۔ [ن۔ مۄل: مُس]۔ بێ وُتیر کھینوٚن۔
ہمہ چیچھ پاٹھی کھینوٚن۔ بوچھہِ تی سٹاری
پاٹھو تھپہِ دِنہٕ۔
مُستحب۔ [مۄل: مُستحب (ع: مستحب]۔
سۄ کام یتھ ییٹھ ثواب کھسہِ نہٕ ییمہ کرِ
نہٕ کرٕنہٕ کنۍ گوناہ تہٕ کھسہِ نہٕ۔
مُستحق۔ [مۄل: مستحق (ع: مستحق]۔
۱۔ حق دار۔ یُس نٛد حق آسہِ۔ ۲۔ یُس پٔز

یُس واتہِ۔ ۳۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) غَرٕز بہٕ ٹھِین یُس ذکاتھ ہیتھ دِنہٕ واتہِ۔

**مُستحکَم۔** [ مؤل ؛ مُستحکَم (ع ؛ مستحکم ]۔ دۄر۔ پایدار۔ پوٚختہٕ۔ مضبوٗط۔

**مُستَرَد۔** [ن۔ مؤل ؛ مُستَرَد (ع : مُسترد ]۔ رَد کوٗرمُت۔ تراونہٕ آمُت۔

**مُستَرَد کَرُن۔** رَد کَرُن۔ مانُن نہٕ۔

**مُستَطیل۔** تُس سیدٕ کوٗنجَل ژوٗک یتھ مُقابلکی پاس برابر آسن۔

**مُستَقبَل۔** [ن۔ مؤل ؛ مستقبَل (ع ؛ مستقبل]۔ یِنہٕ وول زَمانہٕ۔

**مُستَکھ۔** [ن۔ مؤل ؛ مُستَک (ع ؛ مُستَکٌ ]۔ اَکھ خوشبوٗدار بوٗٹہِ ہِنٛد ناو۔

**مُستَنَد۔** [ مؤل ؛ مُستَنَد (ع : مستَنَد ]۔ ا۔ تُس تحریر یا کتھ یتھ سَنَد آسہِ۔ ۲۔ (خبر بیتر) صحی، پٔز۔ موتبر۔

**مُستَقِل۔** [ مؤل ؛ مستقل (ع : مستقل ]۔ ا۔ دٔرِوُن۔ یہِ نہٕ عارضی آسہِ۔ پوشہِ وُن۔ پایدار۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) تُس لیٚتھٕ نوکری پایدار آسہِ۔

**مُستَقیم۔** [ مؤل ؛ مستَقیم (ع : مستقیم ] ا۔ سیوٚد ۲۔ صحی۔ دُرُست۔ م : صِراطِ مُستقیم۔ خطِ مُستقیم۔

**مُسلِم۔** مُسلمان۔

**مُسمات۔** [م۔ مؤل ؛ مُسمات (ع ؛ مُسماۃ ]۔ یہِ چھُہ زَنانَن ہِنٛدِس ناوَس بُتھہِ وَننہٕ یا لیکھنہٕ یوان۔ م ؛ مُسماتِ موٚختی۔

**مَسوَد۔** [ن۔ مؤل ؛ مُسوَد۔ (ع ؛ مُسودۃ]۔ اَتھٕ سیتی لیکھتہٕ کانٛہہ تحریر یا کِتاب بیتر کوٚچ تحریر۔

**مُش، مُشت۔** [ م۔ مؤل ؛ مُش (ف ؛ مُشت]۔ ا۔ موٚٹھ۔ ۲۔ مُکہٕ۔

**مُشتہٕ آپرنہٕ۔** بیمِس تَل تھوٚنٛچ کوٗشش کَرٕنۍ۔

**مُشتہٕ ہاوٕنہٕ۔** آنگہٕ ہاوُن۔ عیب کَرُن۔

**مُش دِتھ کھیٚون۔** فَنٛد کٔرِتھ یا دغا بیتر دِتھ سوٗرُے کیٚنٛہہ کھیٚون۔ (کارِ بارَس یا کُنہِ لین دینَس منٛز)۔

**مُش دِتھ موکٔل۔** ا۔ سارِے لُتھ دِتھ بےغَم آسُن۔ ۲۔ بلکُل ہیٚے گژھُن۔ کیٚہنی نہٕ نکھہِ ڈُکھہِ آسُن۔ ۳۔ یُس نہٕ کانٛہہ جورٕ آسہِ یُس یَنہٕ شِنٛک گژھُن آسہِ۔

**مُش ژھٔنٛز، کَڈٕنۍ۔** ا۔ مکالی کَڈٕنۍ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) کیٚنٛہہ ہیٚس کِنہٕ تُس منٛز ژھل کَرُن، فَنٛد کَرُن۔

مُش لاینہٕ۔ مُکاڈ لاینہٕ، ٹکہٕ لاین۔
مُش ہاوٕنہٕ۔ ۱. (وُرگہٕ پاٹھو) پرواے نہٕ کرُن۔
ٹاس دیُن۔ ۲. ریب کرُن ۳. انگہٕ
ہاوُن، یہ چھُ اکھ ناشائِستہ اِشارٕ۔
مُشاعِرٕ۔ [ن۔ مٔول: مُشاعِرٕ < ع: مُشاعرة]۔
واریاہن شاعرن ہُنٛد کُنہٕ مجلِسہٕ اَندر
اَنوارٕ کرِتھ پننُی پننُن کلام بوزناوُن۔
مُشک مُشکھ۔ [ن/م۔ مٔول: مُشک < ف: مُشک]۔
۱. تہٕ یہ کینٛژھا اَنتہٕ سیٛتہٕ مۄحسوٗس
سپدِ کرِنہٕ۔ خوشبوٗ یا بھکھ بیترٕ، ہپھوٗنکھ
م: ناستہٕ مُشک۔
مُشک دیُن۔ زٕچہٕ واٹہٕ یا آپریشنہٕ موکھہٕ
بیمارس کلوروفارم دیُن (یُتھ نہٕ کینٛژھس
کالس بےخود روزِ)۔
مُشک رٹُن۔ اِشارٕ رٹُن۔ اِشارٕ تلنے زینُن۔
مُشک وٕتھُن۔ کُنہٕ چیٖزس ہیوٚ زٕنہٕ سیٛتہٕ
بُدبوے وٕتھنہٕ، پھکھ دٕتھُن۔
مُشک ہیوٚن۔ ۱. نَتہٕ سیٛتہٕ شاہ کھارِتھ
کُنہٕ مۄحسوٗس کرُن، ہپھوٗنکھ ہیوٚن۔ ۲.
(وُرگہٕ پاٹھو) ژُرزُن، شیٖنٛکن ہپیس
روزُن۔
مُشکیُن۔ ۱. خوشبوٗ ہیوٚ، بدبوٗ ہیوٚ۔ ۲. کُنٛگ

اِشارٕ لگُن یا نیپ ہیوٚہ باسُن بٔنکن۔
مُشکہٕ بدٕج۔ اکھ کھٔشنٛد دان ذاتھ یتھ خوشبوٗدار
توٗل نیران چھُ۔
مُشکہٕ تیل۔ گلہٕ تیل یتھ خوشبوٗ لاگِتھ آسہِ۔
مُشکہٕ اَدفر۔ کاتٔی مُشک۔ مُشکہٕ دار۔
مُشکہٕ دار۔ سیٹھا خوشبوٗ۔ مُشکہٕ اَدفر۔
مُشکہٕ دیر۔ بڑیٚڈی مُشک گُل۔
مُشکو۔ [< ف مُشکی]۔ یومبرزنٛگہٕ چاردوے۔
(ییٚژ پاٹھو گرِن بٔرِھ وَنہٕ یوان)۔
مُشیر۔ [ن۔ مٔول: مُشیر < ع: مشیر]۔
مشورٕ دِنہٕ وول۔
مُشیرِمال۔ مالُک وزیر۔ محکمے مالُک بوڈ افسر۔
مُشت۔ [م۔ مٔول: مُشت < ف: مُشت]۔
وُچھو "مُش"۔
مُشترکہٕ۔ [مٔول: مُشترک < ع: مشترکہ]۔
شرٕ ڈیک۔ یتھ واریاہ شریکھ آسن۔
شراکژ ہُنٛد (مال بیترٕ)۔
مُشتاق۔ [ن۔ مٔول: مُشتاق < ع: مُشتاق]۔
تُس یُس کُنٛہ شوق آسہِ۔ فریفتہٕ،
عاشق۔
مُشتاق گژھُن۔ کُنہٕ یا کانسہٕ پیٹھ دل گژھُن۔
مُشتعِل۔ [مٔول: مُشتعِل < ع: مشتعل]۔

يس اِشتِيال کهٕس، يس ڏلِ غوهٕ کهٕس.
نارِباد.

**مُشٹَنڈڙ**. [ن. مؤل؛ مُشٹنڈڙ (س: مُنشِط. م ه؛ مُشٹنڈڙا]. ١. موٹ ڌڙوٹ اِنسان.
٢. اَلہِ بال.

**مُشخَص**. [ن. مؤل؛ مُشخَص (ع: مُشخَص]. مُقرر، کهڙ.

**مُشخَص کَرُن**. ١. مُقرر کَرُن، کهڙ کَرُن (کانهہ کام کار بیتر). ٢. کانهہ اکھ (دِہ بیدار) ژارُن، اِنتخاب کَرُن.

**مُشران**. [ن. مؤل؛ مُشران (ویدِک. س: مُشیوَن]. ١. جن، لوٹھ. ٢. (وَرگہ پاٹھی) دیوِڑ پوڙ تہٕ دیوکهٹ اِنسان.

**مُشران پیوَن**. دیو ٹکرُن، تصرف گژھُن. (دِہ چھ دوٚ ہیو پُژھی وَنان).

**مُشران دِلہو**. سُہ یُس کو مُبھ آسہ، یُس وُچھتھ کھوٚژی زِ.

**مُشران موٚنڈڙ**. دیوکهٹ تہٕ وکرٹنی لد. بڑور تہٕ کو دور اِنسان.

**مُشرِک**. [مؤل؛ مُشرِک (ع: مُشرِک]. سُہ یُس خوداییس سِتی بیٚیہ کانسہ شریک ٹھہراو.

**مُشکِل**. [مؤل؛ مُشکِل (ع: مُشکِل]. ١. یِہ نہٕ سَہل آسہ، سَنح، دُشوار، کٹھِن.
٢. مُصیبتھ، بَناوَتھ، سِتَم.

**مُشکِلن**. زور زار، سَہل پاٹھی نہٕ، کِنھ تام پاٹھی.

**مُشکِلی سان**. زور زار. کِہ تام کِہ تام.

**مُشکِل پیوَن**. بُتھٕ مُصیبتھٕ یُن. بَناوتھٕ یُن. تَکلیفس مَنز پھٔسُن. کرِ یوٹھ گژھُن.

**مُشکِل کُشا**. مُشکِلن سَہل کَرن دول. حضرت علیؓ سُنڈ اکھ لقب.

**مُشکِل گژھُن**. گُذر گژھُن، ذُرِتھ نہٕ ہیکُن. بینیج تہٕ دِہ میٚے آسہ تی سَپدُن.

**مُصَدِقہ**. [ع: مُصدِقة]. پوز ثابت سَپدمُت. کهڙ کرنہٕ آمُت.

**مُصَلا/مُصَلی**. [ن. مؤل؛ مُصَلا (ع: مُصَلیٰ]. مُصَلہٕ رِ بَستہٕ ترم. دالہ. ٢. نِمازِ پُرٹ یا فرد. جایہ نِماز. یِہ چھنیٔ پُرٹ پاٹھی تور بانہٕ کِٹھ سِتنر بُستہٕ بَنادنہٕ یوان.

**مُصَنِف**. [ن. مؤل: مُصنِف (ع: مُصنِف]. دِکتاب بیتر) لیکھن دول.

**مُصَور**. [ن. مؤل: مُصَور (ع: مُصَور]. ژِتر کار. تصویر بَناوَن دول. مُرژگر.

**مُصِر**. ژٹھ (کُنہ کَتھہ پیٹھ).

**مُصِر آسُن** ۔ کُنہِ کتھہ پیٹھ ڈٹِتھ آسُن،
پَتہٕ ژلِتھ آسُن ۔

**مُصیبتھ** ۔ [ن ۔ مؤل : مُصیبت < ع : مُصیبۃ ]۔
بَناوَتھ، دٕکھ، تکلیف ۔ پیڑا ۔

**مُصیبتس لگُن** ۔ کُنہِ بَناوَتس لگُن ۔ کانہہ
مُشکِل پیٚوان ۔

**مُصیبتھ پیٚوان** ۔ بَناوَتھ یُن ۔ دٕکھ پیٚوان ۔

**مُصیبتھ ژلُن** ۔ دٕکھ دود ژالُن ۔ تکلیف ژلُن ۔

**مُصیبتھ زد** ۔ یَس بَناوَتھ آمُت آسہِ ۔ دٕکھوِلہ ۔

**مُصطفیٰ** [ن ۔ مؤل : مصطفیٰ < ع : مُصطفیٰ ]۔
حضرتِ محمدؐ صابُن اکھ لقب ۔

**مُضِر** ۔ [ < ع : مُضر ]۔ یہ تہٕ وِیہ ۔ ییٚمہ سٟتۍ
ضرر واتہِ ۔ نوقصان واتناوَن وول ۔

**مُضِر گژھُن** ۔ مُشکِل گژھُن ۔ ووتھ نہٕ یُن ۔

**مُضِرِ صحت** ۔ زُوس کیُت ناکار ۔ یہ تہٕ وِیہ ۔

**مُطالہٕ** ۔ [ن ۔ مؤل : مطال < ع : مُطالع ]۔
پرُن ۔

**مُطالہٕ کرُن** ۔ پرُن ۔

**مُطالبہٕ** ۔ [ن ۔ مؤل : مطالب < ع : مُطالبۃ ]۔
۱۔ منگ ۔ تقاضہٕ ۔ کینہہ منگُن ۔ داوا ۔

**مُطالبہٕ کرُن** ۔ منگُن ۔ ژھانڈُن (حق بیترِ)۔
داوا کرُن ۔

**مُطابِق** ۔ [ مؤل : مُطابِق < ع : مُطابِق ]۔
(کُنہِ) حِسابہٕ، موجوب ۔ چالہٕ ۔

**مُطمئِن** ۔ [< ع : مُطمئن ]۔ سیر ۔ راضی بٕنِتھ ۔

**مُطمئِن آسُن** ۔ راضی آسُن ۔ شکھ نہٕ آسُن ۔
فِکرِ نہٕ آسٕنۍ ۔

**مُطمئِن کرُن** ۔ پژھ بٕیہناوُن ۔

**مُظاہرٕ** ۔ [ن ۔ مؤل : مُظاہر < ع : مظاہر ]۔
ناراضگی بیترِ ہاوٕنہٕ موکھہ کانٛسہٕ خلاف
کوڈمُت جلوٗسہٕ ۔

**مُعزز** ۔ [< ع : معزز ]۔ یزتھ وول ۔
یزتھ دار ۔

**مُعطر** ۔ [< ع : معطر ]۔ خوشبوٗدار ۔

**مُعطل** ۔ (موطل) ۔ [< ع : معطل ]۔ کڈِتھ
ژھنمُت ۔ کٔڈِتھ آمُت ۔ ڈِسمِس ۔

**مُعطل کرُن** ۔ (نوکری بیترِ منز) کڈُن ۔

**مُعلم** ۔ [ مؤل : مُعلم < ع : معلّم ]۔ ۱۔ عٕلم
پرناوَن وول ۔ ۲ ۔ حاجن ہُندِ وَتہٕ ہاوکھ ۔

**مُعاینہٕ / مآینہٕ** ۔ [< ع : معاینۃ ]۔ موقس
پیٹھ گژھتھ وُچھُن ۔

**مُغالطہٕ** ۔ [ن ۔ مؤل : مُغالط < ع : مغالطۃ ]۔
بُل ۔ پھیر ۔

**مُغالطہٕ گژھُن** ۔ بُل گژھُن ۔ پھیر پیٚوان ۔

مُفصَّل۔ [ مؤل : مُفصل < ع : مُفصَل ]۔
تفصیلہٕ سان۔ وِبہٕ ہِتھ۔

مُفید۔ [ مؤل : مُفید < ع : مُفید ]۔ ترٕیٚمہٕ
سیٚتۍ فائدٕ دانہٕ۔ دِیہٕ وُن۔

مُفت۔ [ن۔ مؤل : مُفت < ف : مُفت ]۔
۱۔ یِتھے۔ یہ کینٛژھا حاصِل کرٕنۍ یا ہیٚنہٕ
بابتھ کانٛہہ پائٕنہٕ ٹوٗنک دِیُن پیٚیہِ نہٕ۔
ہیٚنہٕ دِنہٕ روٚستُے۔ قیمتہٕ یا موٗزوٗرِ ورٲے۔
۲۔ بٔلۍ۔ ہنگہٕ منگہٕ۔ اپٕزی۔ ناحقہٕ۔ م:
یہ روٗ ٹھس مُفتَس پیٚٹھ۔

مُفتَس مُنٛزٕ۔ ۱۔ پائٕنہٕ ٹوٗنک دِنے کرٕنے۔
۲۔ ہنگہٕ منگہٕ۔ ناحقہٕ۔ یِتھے۔ ہیٚنہٕ دِنہٕ
روٚستُے۔

مُفتُک شراب چھُ قاضیس تہِ چوٗ مُت۔
تِہٕ ڈیٚتھ گو: یُس نہٕ یٚزِ سُہ تہِ چھُ مُفتُک
مال رٹان یا مُفتُکِس مالَس لور روزان۔

مُفتُک مال۔ یہ کینٛژھا یِتھے اَتھِ آسہِ اَمُت۔
یہ بٔلۍ آسہِ نہٕ پیٚوٗمُت ہیٚون۔

مُفتُے۔ یِتھے۔ ہاروٗدیارد ورٲے۔

مُفت خور۔ یُس مُفتکے کھیٚیہِ۔ یُس ہیٚنٛتھر
مشقتہٕ ورٲے کھیٚن چین ژھارِ۔ تِہٕ ڈیٚتھ گو:
یُس نہٕ کانٛہہ کٲم کار کرِ تہٕ مُفتکے ژھانٛڈِ۔

مُفتی۔ [ مؤل : مفتی < ع : مُفتِی ]۔
فتوا دِنہٕ وول۔ سُہ یُس شرٕع موجوب
نیایہٕ بیٚترِ فاصلہٕ دِیہٕ۔

مُفصِلات۔ [ مؤل : مُفصِلات < ع : مفصلات ]۔
شہرٕ نیٚبر یُم اڈٕ ند لوٗکھ۔ گام تہِ سرٕ بیٚترِ۔

مُفلِس۔ [ مؤل : مُفلِس < ع : مُفلِس ]۔
نیٚڈیوٗ۔ غریب۔ نہٕ آسَن وول۔ نادار۔

مُفلِسی۔ [م۔ مؤل : مُفلِسی < ع : مُفلِس+ی]۔
غریبی۔ نادٲری۔

مُقدَر۔ [ن۔ مؤل : مُقدر < ع : مُقدَر ]۔
لوٗن۔ تقدیر۔ قسمت۔

مُقدرس آسُن۔ لاٗنس آسُن۔ نصیبس
لیکھتھ آسُن۔

مُقدر آزماوُن۔ قسمت ازماوُن۔

مُقدَّس۔ [ مؤل : مُقدس < ع : مُقدس ]۔
شُرٕ ژُر۔ پاکھ۔ پاکھ جیٚز یا جاے بیٚترِ۔

مُقرر۔ [ < ع : مُقرر ]۔ تقریر کرن وول۔
یُس جان تقریر آسہِ کرُن ژَٕگان۔

مُقابِلی۔ [م۔ مؤل : مُقابِلہ < ع : مُقابِل+ی]۔
بُتھِس برونٛہہ کنہِ نار یہ آمژ صفأی
وُچھِو "مُقابلہ"۔

مُقابِلی کرٕنۍ۔ کانٛسہِ مُتلِق دِنہٕ مژ کنہِ بیٚترِ بُتھِس

برٛوٚنٛہہ کنہٕ صفایی تارٕنۍ۔

**مُقابلہٕ۔** [ن۔ مؤل : مُقابل (ع : مُقابل]۔
۱۔ اَکھ اَکِس بُتھہٕ بُتھہِ لاگُن۔ ۲۔ کُنہٕ چیٖزس سٟتی ہٕشر دُچھُن۔ پرتال۔ ۳۔ ٹھٔمبہٕ ٹھٔم۔ اَکھ اَکِس سٟتی ٹھولہٕ ٹھول۔ لڑٲے۔ جنگ۔

**مُقابلہٕ کرُن۔** ۱۔ بُتھہٕ لگُن۔ لڑٲے کرنہٕ نیرُن۔ (کٲنٛسہٕ سٟتی)۔ ۲۔ کُنہٕ یا کانٛسہٕ سٟتی رلاوِتھ پرکھاوُن۔ ہٕشر دُچھُن۔ ۳۔ بُتھِس پیٹھ دُنُن۔ بُتھِس برٛوٚنٛہہ کنہٕ کانٛہہ کنٛھ ثابتھ کرٕنۍ۔ سو کہہ مُدے کرٕنۍ۔

**مُقیم۔** دژال، خاص کرِتھ کٔشیرٕ دژال۔

**مُقیمانہٕ۔** دژالِنہ۔ دژالہٕ ہار۔

**مُقیش۔** [(ع : مقیش]۔ زٕری تار۔ زٕری داو۔

**مُقتدی۔** [مؤل : مُقتدی (ع : مُقتدِ]۔ یُس اِمامس پتہٕ کنہٕ نماز پرِ۔ امامس پتہٕ کنہٕ نماز پرن دول۔

**مُقدمہٕ۔** [ن۔ مؤل : مُقدم (ع : مُقدمة]۔
۱۔ عدالژ اَندر کانٛہہ نیاے۔ ۲۔ گوڑُکتھ۔ تمہید۔ دیباچہٕ۔

**مُقدمہٕ باز۔** یُس مُقدمن پیٹھ درٛیوٗمت آسہِ۔ یُس مُقدمہٕ بازی خوش آسہِ کران۔

**مُقدمہٕ بازی۔** عدالتن منٛز مُقدمہٕ کرُن۔ مُقدمن پیٹھ مُقدمہٕ کرنُک عمل یا کام۔

**مُقدمہٕ بازی لگنۍ۔** پانہٕ وٲنۍ اَکھ اَکِس خلاف عدالتن منٛز مُقدمہٕ دٲیر سپدٕنۍ۔

**مُقدمہٕ وان۔** عدالتھ۔ سو جاے یتہِ مُقدمہٕ بوزان آسن۔

**مُقدمہٕ وانَن لگُن۔** عدالتھ وانَن لگُن۔ مُقدمہٕ بازی گژھٕنۍ۔

**مُقرر۔** [(ع : مُقرر]۔ ۱۔ گنڈِتھ، چکاوِتھ۔ ٹھوٗکِتھ۔ ۲۔ کھٔر۔ ثبٕت۔

**مُقرر سپدُن۔** کھٔر سپدُن۔ مُشخص سپدُن۔

**مُقرر کرُن۔** کھٔر کرُن۔ ثبٕت باتھ کٔنٛہہ چکاوِتھ تھٲوُن۔ ٹھوٗکِتھ تھٲوُن۔

**مُک، مُکہٕ۔** [ن۔ مؤل : مُک (؟ س: مُشٹکم]۔
۱۔ مُشٹ۔ دٔوگ۔ ۲۔ نوٗس۔ یُس دُبہ نَس آسہِ۔

**مُکہٕ بازی۔** سو کھیل یتہٕ اَندر اَکھ اَکِس مُشتہٕ لٲے لٲے پاد ینٛچ کوشش کرنہٕ یوان چھےٚ۔ (الباکسنگ)۔

**مُکہٕ نَس۔** دُبہٕ نَس کرِتھ (زٕنۍ)۔

**مُکہٕ نوٗس، مُکہٕ نوٗسٕت۔** دُبہٕ نَس کرِتھ (زنون)۔

مُکُٹہٕ ۔ [ن ۔ مؤل : مُکُٹ ﴿س : مُکُٹہ] ۔ تاج ۔
یا تاجس ہیؠوٕ ووڈٕ ڈٕنگ کانٛہہ چیز ۔
مُکرّر ۔ [﴿ع : مکرّر] ۔ دُبارٕ ۔ بییہِ اکہِ پھِرِ ۔
مُکرَم ۔ [﴿ع : مُکرم] ۔ یزتہٕ پُرٛزھو کانٛہہ
وَنان ۔ جناب ۔
مُکاوُن ۔ [ن ۔ مؤل : مُکاو ﴿ پراکرت : مُکّ] ۔
چُکاوُن ۔ اُنزراوُن ۔ سودا بیترِ طے
کرُن ۔ (کانٛہہ کام کار بیترِ) موکلاوُن ۔
اَندِ واتناوُن ۔ پوٗرٕ کرُن ۔
مُکاوُن کام ۔ سو کام یتھ مَنٛز بیگار کرِ ییہِ
والنہٕ ۔ کانٛہہ کام دُلہِ دُلہِ اَندِ واتناوُنچ عمل ۔
مُکالی ۔ وُچھِو "مُکھالی" ۔
مُکُن¹ ۔ ۱ ۔ وَدُن ۔ رُوٗن ۔ م : مُکُن ہال ۔
۲ ۔ بتھہِ لدِتھ پہُن ۔ بوم لدُن ۔
مُکُن ہال ۔ وَدُن کُٹھ ۔ تہٕ کُٹھ بیترِ یتھ مَنٛز
زنانہٕ (کانٛسہِ) وَدُن یا وَدان آسَن ۔
تازِ یتیچ جاے ۔
مُکُن ہاژ پہُن ۔ کانٛسہِ ہِشدِ مرنہٕ دار یا ہَن
ہُند باکھ تزادنہٕ پہُن ، وَدنہٕ پہُن
مُکُن² ۔ [ن ۔ مؤل : مُک ﴿ پراکرت : مُکّہ
﴿؟ س : مُکتہ] ۔ ۱ ۔ سوداگرُھن بنڈن ۔
۲ ۔ اَندُن (یِباے بیترِ) ۔ ۳ ۔ تھسپہ دتھ تھَنُن ۔

۲ ۔ کھبہٕ باد اذ نمجہٕ ٹینڈ پوسہٕ تُھ تلہتھ
اَسَس مَنٛز دوٗر برتھ دِیُن ۔
مُکھہ ۔ [ن ۔ مؤل : مُکیہ] ۔ اکہِ پھِرِ کھوہ ۔
مُکوٗش ۔ [ن ۔ مؤل : مکوش ﴿ع : مقیاش ﴿؟] ۔
سہ نہُرِ یا رہ پہٕ ہُرِ کہ وَرِقن بنوومُت
اُرتلہٕ ژُن ۔
مُکرُن ۔ [﴿ہ : مُکرنا] ۔ واداس پھیرُن ۔
مُکمل ۔ [مؤل : مُکمل ﴿ع : مُکمل] ۔ ۱ ۔ پوٗرٕ ۔
سالِم ۔ سَربَسَر ۔ ۲ ۔ اَندِ ووتمُت ۔
اندیومُت ۔ انجام آمُت ۔
مُکمل کرُن ۔ پوٗرٕ کرُن ۔ اَنجام اَنُن ۔ اند
واتناوُن ۔
مُکھالہٕ ۔ نہٕ شرَپُن ، نہٕ بجُن ۔
مُکھالی ۔ [﴿س : مُسکہ] ۔ ٹکہٕ مُش ۔
مُکھالی دِنۍ ، تُرٛ ہنٛز ، لایِنۍ ۔ ٹکہٕ دِیُن ۔
مُش لایِنۍ ۔ ٹوٗس لایُن ۔
مُکھتی ۔ [م ۔ مؤل : مکھتی ﴿س : مُکتہ] ۔
نجات ، آزادی ، موکجار ۔
مُکھتی دوار ۔ موکھتی دوار ۔ نجاتُک درواز ۔
آزاد گژھنچ وَتھ ۔
مُگنٛڈ ۔ [ن ۔ مؤل : مُگنڈ ﴿س : مُکھ گنڈ] ہمبرُوبہٕ
دَنہٕ دِ ٹِنگ پینٹھ ٹھُم حصہ ۔ گگلین ہنٛز پینٹھی مراد ڈچر ۔

مُگنڈٕل ۔ [ < س : مُگھ گنڈوال ] ۔ یُس تھد وُگنڈ آسن ۔

مُل ۔ [ < ف : مُل ] ۔ شراب ۔ مَے ۔

مُلے ۱ ۔ [ < س : مُولیَو ] ۔ ۱۔ تَلہٕ کِنہٕ ۔ تلے ۔ دَر اصل ۔ ژٕرکہٕ ۔ ۲۔ سَرِ تَو بُونٛہ ۔ لَچہٕ پاٹھی ۔ ۳۔ مُول ہیتھ ۔ مُولہٕ پیٹھ ۔

مُلے نہٕ ۔ بلکل نہٕ ۔ ہرگز نہٕ ۔

مُلہٕ تَلہٕ ۔ ژٕرکہٕ ۔ دراصل ۔ بُنیادی طور ۔

مُلَے ۲ ۔ [ < س : مُول ] ۔ سِہ کُنہٕ کامہٕ یا سوداہہٕ باپتھ دِتمُت پیشگی رقم ۔

مُلاحظہٕ ۔ [ ن ۔ مُول : مُلاحظہ < ع : مُلاحظۃ ] ۔ ماینہٕ ۔ وُچھُن ۔ زٕکینہٕ چھُہ ۔ جاینزٕ ۔

مُلاحظس گژھُن ۔ ماینہٕ کَرنہٕ گژھُن ۔ کُنہٕ کامہٕ کارُک ۔ جاینزٕ نِنہٕ یا کانٛسہٕ ہُنز کارکردگی وُچھنہٕ گژھُن ۔

مُلاحظہٕ کَرُن ۔ آینہٕ کَرُن ۔ جاینزٕ نیُن ۔ کارکردگی وُچھنی ۔

مُلازمتھ ۔ [ م ۔ مُول : مُلازمت < ع : مُلازمۃ ] ۔ نوکری ۔ سرکاری نوکری ۔

مُلاقاتھ ۔ [ ن ۔ مُول : مُلاقات < ع : مُلاقاۃ ] ۔ اکھ اَکِس سمکھُن ۔ میل مِلاپ سپدُن ۔

مُلاقاتس گژھُن ۔ کانٛسہٕ نِش گژھُن ۔ کانٛسہٕ سِنٛز گٕنہٕ مالِس پیٹھ گژھتھ باتھ کَرنہٕ گژھُن ۔

مُلاقاتھ دِیُن ۔ سمکھنہٕ دِیُن ۔ پانس برونٛہہ کُن یِنہٕ دِیُن یا یِنک اِجازتھ دِیُن ۔

مُلاقاتھ کَرُن ۔ اکھ اَکِس سمکھُن ۔

مُلاقاتھ کَرناوُن ۔ کانٛہہ کانٛسہٕ سمکھاوُن ۔ کانٛہہ کانٛسہٕ سیتۍ زان کَرناوُن ۔

مُلاٗزِم ۔ [ مُول : مُلازم < ع : مُلازم ] ۔ نوکر پیشہٕ ۔ سرکارُک بیترِ نوکر ۔ سُہ یُس تنخواہس پیٹھ کانٛہہ کام کَران آسہٕ ۔

مُلُک ۔ [ ن ۔ مُول : مُلک < ع : مُلک ] ۔ سُہ کانٛہہ علاقہٕ یتھ حٕکومت یا قومیتُک ہُنٛد سُن گنڈ آسہٕ ۔

مُلک تُلُن ۔ (دٕرگہٕ پاٹھی) کُنہٕ نادٕ لاگُن ہنگامہٕ لاگُن ۔ کُنہٕ ناکار یا کُنہٕ کتھِ خلاف واریاہن ہُنٛد یکہٕ وٕٹہٕ وُتھنہٕ ہُن ۔

مُلہ وینی ۔ [ م ۔ مُول : مُلہ وینی < س : مُولہٕ + پرنہٕ ] ۔ ۱۔ مُجہٕ گہ گجہٕ پاٹھ ۔ مُجَو گہ گجَو دَرآے حرف تھنٛز پتٕرے پاٹھ (یہ چھنٛے نیچ نہٕ زنٛنہٕ لوان نہٕ ہیو کھنادتھ نہٕ) ۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھی) یہ نہٕ کینٛہہ لیہ ۔

مُلہ وینی لوٗتُھ ۔ مُلہ وینی وانہٕ ہُنٛد اکھ ٹُکر ۔

مُلہ وینی وانگُھ ۔ مُجہٕ گہ گجہٕ پُتٕرن بیترٕ رٕمہٕ کھنادنہٕ

باپَتھ بےتُر شرُ رزِ ہش۔

**مُلتوی۔** [مؤل؛ مُلتوی (ع: ملتویٰ)]۔ کانْہہ کام کار بیترِ کرِنہ وَق یا دوہ پتھ نِیُن۔

**مُلتوی کَرُن۔** مُلتہ تھوُن۔ یتھہ کُنہ وزِ پیٹھ نِراوُن۔

**مُلحِد۔** [مؤل؛ مُلحِد (ع: مُلحد)]۔ بےٗ دین۔ لامذہب۔

**مُلزِم۔** [مؤل؛ مُلزِم (ع: مُلزِم)]۔ یُس قُصوٗروار آسہِ۔ یُس فوجداری مُقدمہ آسہِ کرنہ آمُت۔ یُس پیٹھ اِلزام آسہِ۔

**مُلکی۔** [ع: مُلک + ی]۔ ۱۔ اَصلی باشِندٕ۔ ۲۔ یتھ کُنہِ خاص مُلکس سیتۍ تعلُق آسہِ۔

**مُمکِن۔** [ع: مُمکِن]۔ بنِنی۔ بنہٕ وُن۔ سپدٕ وُن۔ ییٚمیُک اِمکان آسہِ۔ یہ بنتھ ہیکہِ۔

**مُنجِم۔** [مؤل؛ مُنجِم (ع: منجم)]۔ جوتِش۔ عِلمہِ نجوم زانن وول۔

**مُنزِہ۔** [ع: منزہ]۔ پاک۔ شۆد۔

**مُنتظِم۔** [مؤل؛ مُنتظِم (ع: منتظم)]۔ ٹھیکہ پاٹھی ترتیب دِتہ۔ یتھ رُت اِنتظام آسہِ۔ نظم و ضبط سان۔ یتھ اَندر ڈِسپلِن آسہِ۔

**مُنکھ (مُنکٕھ)۔** [م۔ مؤل؛ مُنک (ع: منقلی)]۔ اَکھ خاص قسمُک کش مش۔

**مُنُن۔** تہرُن ہندز منگُن۔

**مُنوَر۔** [ع: مُنور]۔ نوُر بورُت۔ پرٕزلاوُن۔ گاہ ژھٹہٕ وُن۔ چمکہٕ وُن۔ ناٹپہٕ وُن۔

**مُنوَر سپدُن۔** ۱۔ ناٹپُن، چمکُن۔ پرٕزلُن۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھی) کانْسہِ ہندِ دُسی بجا سپدُن، مالامال سپدُن۔

**مُنوَر کرُن۔** بجا کرُن۔ مالامال کرُن۔

**مُناجاتھ۔** [ن۔ مؤل؛ مُناجات (ع: مُناجاة)]۔ ۱۔ سُہ نظم یتھ اندر خُدایس سندِ حمد تہٕ دُعا بیترِ لیکھنہٕ یِیہِ۔ ۲۔ حمد خُدایہٕ سِندۍ تاریف تہٕ تمہ سیتۍ سیتۍ کرنہٕ آمُت اِلتجا۔ توتا۔ استوتہ۔

**مُنار۔** [ن۔ مؤل؛ مُنار (ع: منار)]۔ برزُنگ

**مُنافرتھ۔** [مؤل؛ مُنافرت (ع: مُنافرة)]۔ (پانہٕ وٲنی) نفرتھ۔ دِرے۔ ہش۔

**مُنافِق۔** [مؤل؛ مُنافِق (ع: منافق)]۔ ۱۔ یُس اَندرٕ اَکھ تہٕ نیبر بیاکھ آسہِ۔ یُس زبانہِ سیتۍ اَکھ تہٕ کردارٕ کِنۍ بیاکھ آسہِ۔ مکار۔ ریاکار۔ پاکھنڈی۔ ۲۔ یُس اَکِس سٕتۍ کتھ بیٚیس وَنہِ۔ وناوٕنی کرن وول۔

مُنافقت۔ [ن۔ مۄل: منافقت > وچھو: مُنافق]۔ اکھ سنز کتھ بنیس دُشمنک عادتھ۔ وناوُن۔ غائبھ۔

مُنافقت کرُن۔ اکھ سنز کتھ بنیس دنیِ۔ کاتسہِ متلق اپز مپز وَنُن۔

مُناسِب۔ [< ع: مُناسِب]۔ یہ شوبہ، یہ بز یا واتہِ۔ جائز۔ موزوٗن۔

مُنہِ اُڈیک۔ [< مۄل < س: میشورنہ+ادھکا] سُہ تیوٗر یُس نز رچھو نہ بدل رچھن دول تسُنز مۄن یا بیر رٹہِ۔

مُنہِ وَنی۔ [م۔ مۄل: مُنہِ وَنی < س: مرناتہ+پنیہ]۔ دہ گہ وَنی، کینہہ مُنہ تیجِ موزوری مُنُن دیار۔

مُنش [ن۔ مۄل: مُنش < ع: مُنش]۔ سُہ یُس کُنہ کارہ بارک یا بین دینگ تحریری حساب کِتاب تھولُس تہ اتھ متلق خط کتابتھ کرُنس پیٹھ تھونہ آسہ آمُت۔ محرر۔

مُنُن۔ [ن۔ مۄل: مُنن < س: مرناتہِ]۔ ۱۔ دہ گہ وُدی دوگ دِین، دال دِین، خاص کرِتھ دانِس توٗل گڈنہ یا بنیہ کنہ اناجس دیل تُلنہ باپتھ۔ ۲۔ (ورگہ یاٹھ) ڈگتھ تراوُن، شریٹھ دِین۔

مُنی۔ [< س: مودَ]۔ ۱۔ دم، زھعہ پز۔ ۲۔ روب، بے، نہیب۔

مُنی ہیُن۔ تراس کھیوٗن۔ روب ہیُن۔ تاڈنہ ووہ تھُن۔ بیہ سپنی رۄزنہ گژھُن۔

مُنی ووتھُن۔ روب ژلُن، تاڈ ووتھُن۔ شاپھ ژلُن۔

مُنی دانہِ۔ اکھ دال داتھ یمیک توٗلہ پھول اکہ طرفہ کڈہُن تہ بنیہ اندرُک رنگہ آسان چھُ۔

مُنتخب۔ [مۄل: منتخب < ع: منتخب]۔ ژورمُت، ژارنہ آمُت۔ ژارتھ کوڈمُت۔ سارِی وِے کھوہ تہ کڈِتھ۔

مُنتخب کرُن۔ ژارُن۔

مُنتشِر۔ [مۄل: منتشر]۔ ژھکرِتھ ژھکرنہ آمُت۔

مُنتظِر۔ [مۄل، منتظِر < ع: منتظِر]۔ پرارِ دُن۔ یُس پرارن آسہِ۔

مُنتظِم۔ [مۄل: منتظِم < ع: منتظِم]۔ انتظامی۔ انتظام کرن دول۔

مُنتقِل (کرُن)۔ [< ع: منتقل]۔ جایہ بدلی کرِنی۔ اکہِ جایہ تُلتھ بنیس جایہ تھوُن۔

انتقال کرُن. اُکی سنٛدِ ناو ژٹِتھ
بێیس سنٛدِس ناوَس گنڈُن۔

مُنصِف۔ [ مذٔل : مُنصِف > ع : مُنصِف ]۔
اِنصاف کرُن وول۔ فاصلہ۔ ژَج۔

مُنصِفی۔ [ م۔ مذٔل : مُنصِفی > ع : مُنصِف + ی ]۔ عدالتھ۔ سو جاے یتہِ نیشا یُن فاصلہِ دِوان چھِ۔

مُنفرِد۔ [ مذٔل : منفرد > ع : منفرد ]۔ ۱۔ کُن۔ تنہا۔ کَنٛے۔ ۲۔ یکتا۔ یتھ یالس جوڑ نیر نہٕ۔

مُنقہ۔ [ ن۔ مذٔل : مُنق > ع : مُنقیٰ ]۔ اکہِ قسمِچ وێٹھ کشمش۔

مُنکَر۔ [ > ع : مُنکَر ]۔ تمو دون ملائکو اَندرٕ اَکھ یم قبرِ اَندر مورَدس پرژھ گاٹھ کران چھِ۔ تُم اَنکیر۔

مُنکِر۔ [ > ع : مُنکِر ]۔ اِنکار کرن وول۔ خدایس اِنکار کرن وول، کافر، بیٚھِ گوٚنٛت

مُنکرِ خودا۔ خدایس اِنکاری۔ کافر۔

مُنکر سپدُن۔ اِنکار کرُن۔

مُوافِق۔ [ > ع : مُوافِق ]۔ بَراہ، مُناسِب، لایق، ٹھیک۔ برابر۔ ہیوٚہ۔

مُہہ۔ مدا۔ [ ن۔ مذٔل : مُہہ > س : موہ ]۔ ۱۔ بَرَم۔
فریب، دوکھ۔ ۲۔ کانٛسہِ ہنٛز سیٚنٛز مایہ، لگاو۔ ماے۔

مُہس گژھن، بَرَمُن۔ دوکھس مَنٛز یُن، بُل گژھن۔

مُہہ زال۔ ۱۔ بَرَم۔ فریب۔ ۲۔ موٗ حبتچ دالہ وانش۔

مُہہ زالس لگُن۔ کانٛسہ ہنٛدِس مُحبتس اَندر پھسُن۔

مُہہ ژھنُن۔ بَرَم دیُن۔ بَرَماوُن۔ کانٛسہِ لوٗلچ تھپہ کرٕنی۔

مُہہ گژھن۔ ۱۔ بَرَم گژھن۔ دوکھ لگُن۔ فریب لگُن۔ ۲۔ کانٛسہِ ہنٛز مایہ یا تھپہ گژھن۔ ۳۔ عقل یا کھنی۔

مُہہ مایا۔ ۱۔ آسنگ۔ بَرَم۔ یہ نہٕ آسہ تی لبنہٕ یُن یا ہاوُن۔ ۲۔ اپزٕ زِنٛتھ یوز باسُن۔

مُہہ ۲۔ [ مذکر : مُہہ > س : مُکھ ]۔ بُتھ، مُکھ۔

مُہہ سمُن۔ بُتھ سمُن۔ بُتھ دِتھ ہکُن۔ کتھ یا لحاظہ نہٕ گژھن۔

مُہہ ووتھُن۔ ننگ کرُن۔ حیا ووتھُن۔ بُتھ سمُن۔

مُہذب۔ [ مذٔل : مُہذب > ع : مُہذب ]۔ یُس تہذیب آسہ۔ شایستہ، مو ہنیو، تمیز دار۔

**مُہم** ۔ [ع : مُہِم ] ۔ ۱ ۔ سَختی ؛ بَند وَق ۔ مُصیبتُک وَق ۔ ۲ ۔ نہ آسُن ۔ غریبی ۔ تنگ دَستی ۔ ۳ ۔ کُنہِ چیزُک آباو یا نہ بوّن ۔ م ۱ سِنز مُہمہِ سوژُل
پرزِ مُہمہ کھَنڈ واو

**مُہمی پھوّتی** ۔ پھوتہِ پھوتہِ مُصیبتہ یا غریبی تہِ ڈیٹھ گوٚ : سَخ نہ آسُن پیوٚن، سَخ مصیبتہ پیوّن ۔

**مُہمُک یار** ۔ یہِ یا ییٚس مُصیبتس منز بکار پییہِ ۔ یینمہِ سِتہِ سَختی وِزِ رفاقتھ واتہِ ۔ سَختی وِزِ بلہِ زوُن ۔

**مُہم پیوّن** ۔ آسُن وأرِس نہ آسُن گژھُن ۔ مصیبتس منز دَلنہِ یُن ۔ غریبی پیٹھ پیٚنہ ۔

**مُہم زَد** ۔ غریبی ژوپمُت ۔ نہ آسنَن تہِ کُنہِ لایق تھوّومُت ۔ مصیبتو کھیوٚمُت ۔

**مُہم ژھلُن** ۔ کانہہ مصیبتس پیٹھ واناوُن ۔ کانسہِ سوزِ کیٚنہہ ہیتہ ژلُن، خاکس پیٹھ بیہناوُن ۔

**مُنج** ۔ [ < "مُہل" لفظُک ژھوٚٹر ۔ ڈیچھ "مُہل" ] ۔ نوٚزُٹ مُہل ۔ ژھوٚٹہِ ۔

**مُہر** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مُہر < س ؛ مُشکہ ] ۔ پانی ییٚنہِ سِنز نِسہ یِتھ مرزنگن زول

اکھ کینوم یُس یُژ پاٹھی ٹھکین پیٹھ آسان چھ

**مُہرِ دوو** ۔ رہ پیٹھ پُنک دوو ۔ دوٚتھو دٔتھی چھوو مُتُت مُوٚٹ رہ پیٹھ پَن ۔

**مُہل** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مُہل < س ؛ مُشلہ ] ۔ دانہ بیتر مُنہ نَک اکھ ڈنہک بُڈ تہِ مُوٚٹ ژھوٚٹہِ ۔

**مُہن** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مُہہ < س ؛ موہنہ ] ۔ ۱ ۔ برم دیُن ۔ ۲ ۔ ہیتھ ژلُن ۔ فَقَد کرِتھ نیُن ۔

**مُہوٚرتھ** ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ مہوٚرتھ < س ؛ مُہوٚرتہ ] ۔ (رُت) ساتھ ۔ رژگر، رُت شوگون ۔

**مُہرتھ** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مُہرتہ < س ؛ مہوٚرتہ ] ۔ ساتھ ۔

**مُہرتھ رٹُن** ۔ (رُت) ساتھ رٹُن ۔ مُہرتھ زِن کانہہ رِنز کام کرنہ مُناسب تہِ پرزَن نوَس پیٹھ ژرُٹ کرنہ بیِہ ۔

**مُہلِک، موہلِک** ۔ [ع ؛ مُہلِک ] ۔ یہِ یا ییٚس مارِتھ ژھنیہِ ۔ یینمہِ سِتہِ مرُن پیہِ ژنڈ یا ییٚمُک حملہ زُو ہیتھ ژلِہ ۔

**مُہنی، موہنی** ۔ [ ن ۔ س ؛ موہنی ] ۔ سہ زُنی بیتر یوس (بیٚیس) پانس کُن مُہیتھ نیہ ۔ تہِ ڈیٹھ گوٚ سہ یُس سِتہِ نظر پیوٚ نہِ پھسِ زِ ۔

مۄجوٗب۔ [< ع : موجب]۔ ۱۔ سۄ کھ۔ کرٕ۔ سببہٕ۔ ۲۔ مُطابِق۔

مَوجوٗد۔ [< ع : موجود]۔ ۱۔ حاضِر۔ ۲۔ پَتھ کُن۔ رُودمُت۔ یہٕ باتہٕ چھےٚ مو زیوٗمت آسہٕ، (یا تٕہ ٹوٗنک بیتِر)۔ ۳۔ زِندٕ۔

مَوجوٗد تھَوُن۔ پَتھ کُن بَچاوِتھ تھَوُن۔

مَوجوٗد روزُن۔ ۱۔ حاضِر روزُن۔ دستیاب روزُن۔ برزٕنہٕ کُن روزُن۔ ۲۔ پَتھ کُن بَچُن۔ پَتھ کُن مۄشُن (یا تٕہ ٹوٗنا نیتھ)۔ ۳۔ زِندٕ روزُن۔ زیٛٹھ واٮ۪س آسنۍ۔ پوشُن۔ لسُن۔ (یہٕ چھِ آہی پٔرٕمی وَنان)۔

مۄچ۔ [ن۔ مۄل : مۄچ < س : موچکہٕ]۔ ژُمُر۔ دالہٕ کٲم کَرن وول۔ کھوٗربانہٕ شیرُن یا بناوُن وول۔

مۄدی۔ [۔ مۄل : مۄدی < س : مرتہٕ]۔ مۄہتی۔ ییم نٕہ دوہٕ نی بیتھ سمارس منزٕ آسن۔

مۄدی ملے۔ مۄدی ہنٛز سنٛز ہِش ژھوہ بہٕ۔ تہٕ ڈ پتھ گو ژعہ بہٕ دَم۔ ہیر سلاہہ دراے۔

مۄڈٕ۔ [ن۔ مۄل : مۄڈ < س : مۄڈھ]۔ بیوٚقوف۔ نَدِ مۄنٛڈ۔ مۄرکھ۔

مۄڈپاو۔ بیعقل آسنٕچ حالتھ۔

مۄڈٕ۔ [ن۔ مۄل : مۄڈ (انگ : موڈ۔ Mode)]۔ کانٛہہ کٲم بیتِر کرنٕہ باپتھ موزوٗن طبیعتھ یا مَن۔ مَنٕچ ترٛاے۔ مَنٕچ حالتھ۔ مِزاج۔

مۄڈس منٛز۔ (درگہ پاٹھی) مِزس منٛز۔

مۄڈھ۔ [< س : مۄڈھتو]۔ بیعقلاز۔ کم عقلی۔ کہ زانن۔

مۄذی۔ [مۄل : مۄذی < ف : موذی < ع : موذ]۔ ۱۔ ایذاہ دِنہٕ وول۔ سختی واتناوَن وول۔ بییٚن سٕنٛدِ سیٹھی ضَرر واتہٕ۔ نوقصان واتناوَن وول۔

مۄرٕ۔ [م۔ مۄل : مۄر]۔ ۱۔ کُلیٚچ لادلنٛڈ۔ ۲۔ (درگہ پاٹھی) بیم۔ بَیہٕ۔ رم : ژُورس نے مۄر آسہٕ سَن کیتھ شٔرٕ پھیس۔

مۄرن ماز تلُن۔ مۄرِ پوٚسیتہٕ لاے لاے لاہ کھارنہٕ، گمنی تنہٕ شلکہ کرُن۔

مۄر کرُن۔ پوٗت پھیرِتھ ہاتژھ لاگنی۔ مُلزِم سٕنٛد سہ اِلزام یُس سہ کانٛہہ بے گوناہس دِیہ۔ ژُور سٕنٛد وگٕر کرُن۔

مۄرٕ۔ انہار۔ دگنٛج یا کانٛسہٕ ہنٛز ژھانٛپھ۔ برد تن۔

مۄرتھ۔ [م۔ مۄل : مۄرت < س : مۄرتہٕ]۔ تصویر، شَکل۔ پوتُل۔ بُت۔ مۄرتی۔

مۄرَن۔ وٕچھیو "مُرَن"۔

مۆرُن ۔ [ ن ۔ مۆل ؛ مۆر < س ؛ مُٹ ]۔ ۱۔ اَتھہٕ گگھر بیترِ سیتۍ دِلہٕ تلُن یا کاٹھ پھٹراوُن۔ م ؛ چنہٕ مۆرُن ۔ چرِس مۆرُن ۔
۲۔ پھشہٕ سیتۍ یا گھگھرِ سیتۍ کُنہ پلٹھکو دانہٕ الگ کَرُن۔ م : مَکاے مۆرِنۍ ۔ ۳۔ وُٹھُن ۔ وُٹھُن دِنۍ ۔ م : اَتھہٕ مۆرِتھ نیٚن۔
۴۔ دِنہٕ دِشُرِ شُنڈ کوچہٕ مَنز تۆرِ تۆرِ اَژُن۔ م : کوچھ مۆرُن ۔

مۆرتی ۔ [ م ۔ مۆل ، مۆرتی < س : مۆرتہٕ ] تصویر ۔ شکل ۔ بُت ۔ پوتُل ، مۆرتھ ۔
مۆرتہٕ مان ۔ ساکھیاتھ ۔ عان تہٕ غان ۔ ہدبہو ۔ مُجسمہٕ ۔

مۆس ۔ [ ن ۔ مۆل ، مۆس ]۔ ۱۔ اَنگ ۔ ٹھپہٕ ۔
۲۔ سُہ آلہٕ یمہٕ سیتۍ کُلس بیترِ اَنگ تراوان چھہٕ ۔
مۆس تراوُن ۔ (کُلس بیترِ) ۔ نِشان تھاوُن ۔ اَنگ تراوُن ۔ ٹھپہٕ دیُن ۔

مۆسا ، مۆسیٰ ۔ [ ن ۔ مۆل ؛ مۆسا < ع ؛ موسیٰ ]۔ ۱۔ اَکھ مشہوٗر پٲغمبر یُس بنی اِسرٲیٖلن ہُنٛد رہبر اوس۔ [illegible]
۱۔ اَکھ مشہوٗر مُرسل یُس بنی اسرٲیٖلن ہُنٛد [illegible] چھہٕ ۔ حضرتِ مۆسیٰ ۔ ۲۔ اَکہٕ موٗلچہٕ گنہٕ ہُنٛد ناو ۔

مۆسم ۔ [ ن ۔ مۆل ؛ مۆسم < ع ؛ موسم ]۔ ۱۔ سِرۍ یہٕ کُنہٕ جایہٕ دۆر یا نِکھہٕ آسنہٕ کِنۍ جایہٕ دُرۍ تہِ بَگے ۔ ۲۔ وَقتُک آبہٕ ہوا ۔ م ؛ اَزکل چھُ تَتہٕ مۆسم خوشگوار آسان ۔
مۆسمِ بہار ۔ سونتھ ۔ سونتہٕ کال ۔
مۆسمِ خزان ۔ ہَرُد ۔ ہَردہٕ کال ۔

مۆسیقار ۔ [ مۆل ؛ مۆسیقار < ? ف ؛ موسیقار ]۔ ساز وایَن دول ۔ گیوٗن دول یُس لیس گیوٗن تہٕ ساز وایُن زانہٕ ۔

مۆسیقی ۔ [ م ۔ مۆل ؛ مۆسیقی < ع ؛ موسیقی ]۔ ۱۔ سُہ عِلم یتھ اَندر ساز تہٕ رۆد ہیٚچھناوان چھہٕ ۔ ۲۔ گیوٗن ۔ ساز وایُن ۔

مۆقلم ۔ [ < ف ؛ مو + ع ؛ قلم ]۔ کُھتر ہُنٛد یا دالُن ہُنٛد بنوومُت بُرش یمہٕ سیتۍ تصویر بناوان چھہٕ ۔

مۆکالہٕ ۔ [ ن ۔ مۆل ؛ مۆکال < ہ : مُنہہ کالا < س ، مُکھہ + کالہ ]۔ رُسوٲیی ۔ خجالتھ ۔
مۆکالہٕ کَرُن ۔ رُسوٲیی کَرنۍ (کُنھِس) ، تُھمن کَرُن ۔ رَب مَتھُن ۔ سۆنٛ بیترِ گَرُن ۔
مۆکالہٕ گژھُن ۔ خجالتھ گژھُن ۔ (کُنھِس) رَب مَتھنہٕ یُن ۔ سۆنٛ بیترِ گژھُن ۔

مۆکل ۔ [ ن ۔ مۆل ؛ موکل < ع ؛ موکل ]۔ ۱۔ یمی وکیل آسہٕ کۆرمُت یا وکیل

کَرُن دول۔ ۲۔ دوٗ۔ مێن کٲم سپدِ کَرُن
دول۔

مۆل۔ اَ ن۔ مۆل: مۆل (س: مولٚ)۔ ۱۔
کُلِس کھ سہ حِصہٕ یُس زمێنِس تل آسان
چھُ۔ بُٹھ۔ ۲۔ دَنڈک سہ حِصہٕ یُس ماز
بیرُن منٛز آسان چھُ۔ ۳۔ بُنیاد۔ کوٚن۔
۴۔ آگُر۔ ۵۔ اَصل زر۔ اَصل لاگَتھ۔
نفع تہٕ ٹھُتھ سہ رقم یُس اَصلس ووٚتھ آسہِ۔

مۆلس چھوٗنُن۔ کاٹھ پیوٗن۔

مۆلن درۆت پٹرُن سَگ۔ اَصس کانٛہہ
پھٕرِس مدار۔ بُنیادٕ گالِتھ بانہِس
لینہلاو۔

مۆلہٕ۔ ۱۔ بنٛداٰتی۔ اَصل۔ ۲۔ سَتھ۔

مۆلہٕ تلہٕ۔ زُکہٕ تلہٕ۔ بُنی بازِ کنی۔ تلہٕ کنہٕ۔

مۆلہٕ دان۔ اَصل زر۔ سہ رقم یتھ ستی
کانٛہہ کٲم یا کاربار ہیتھٕ شۆرُو کَرُن۔

مۆلہٕ راٹھ۔ مۆلہٕ کھۆر۔ خیراہ کھوٗر۔ زاتھ
راٹھ۔ بنٛداٰتی لٹا یہٕ گۆر۔

مۆلہٕ گَب۔ گُلِس ہیتھ مۆلس نش دراٰمت
لوو دُتھریا کوٚٹ ہیتھ۔

مۆلہٕ گالُن۔ سَر تہٕ بوٚنِہ کالِتھ زِکھ ننٛس۔ بوٚہ
موشجہِ ناشِس کرُن۔ نیال ہٕ تھوٗن۔

مالہٕ مۆ شجہٕ۔ بُنیاد ہیتھ، تلہٕ پیٹھ، اُکہٕ
پیٹھ۔ سراسر۔ سالِم پاٹھی۔

مۆل پراٹھنی۔ (دُرگہِ پاٹھی) بُنی بادٕ گالنی۔

مۆل دِنی۔ ۱۔ مۆل دیراونی۔ مۆل سٹزر اونی کل
بیترِ زمێنس منٛز دُرُن۔ ۲۔ (کانٛہہ
ہُنز گنہٕ جایہِ) دُرتھ گرٕچھن۔ پتن اتھ
ردِ سوٗرخ پہاڑ لاوُن۔

مۆل زھینی۔ ۱۔ یتھ پیٹھ یا ییمہٕ ہیتھ دُرتھ
آسی زتہٕ کس گوڈس ٹکھ لگُن۔ گنہٕ جایہٕ
یہٕ کانٛہہ بُنیاد رودزی کانٛہہ دُزکھ یا
سُمہار نہٕ روزُن۔ ۳۔ (دُرگہ پاٹھی)
واتھ یا توت نہٕ روزُن۔

مۆل گاٹرُن۔ ۱۔ تلہٕ پیٹھ دِکراوُن اُنُن۔ مۆلہٕ
پیٹھ پراٹھتھ گڈُن (کُل بیترِ)۔ ۲۔
(دُرگہ پاٹھی) بُنیاد تام گالنی۔ کھور ٹھیکراوُن
نہٕ دُتھ یا گُنجائش تھوٗنی۔ تباہ کرُن۔

مۆلہٕ موشجہ گالُن۔ ۳۔ گنہٕ کتھہٕ بیترِ
شُنتھ تمہٕ کس زرکس تام واتُن۔

مۆل نیرٕنی۔ ۱۔ یتھ پیٹھ وددٕنی آسی زِ مس
بُنیاد پراٹھہٕ نیرِ۔ ۲۔ دُزکھ نیرِتھ زتہٕ
کانٛہہ سُمہار نہٕ روزُن۔ ۳۔ گنہٕ کتھہٕ بیترِ
شُنتھ تمیک زرکہٕ تام نوان نیرٕن۔

**مۆل ہِنۍ۔** ۱۔ تازٕ ناز زٕوومُت یا دیُتمُت ٹُل کوٚٹ زٕمینَس مَنز ہِنۍ مۆل وٕہراوُن یا سُتٕزراوُن۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھۍ) کانٛہہ کُنہٕ جایہِ لگِتھ ہیوٚہ گرٛھن۔ کانٛہہ کُنہٕ جایہِ تِتھٕ کٕنۍ ہِتھ گرٛھن زَنہٕ مۆل دِتھ ہِنۍ آسنَس، نَفوٚدٕے نہٕ وٕدٕتھُن۔

**مۆل۲۔** [م۔ مۆل : مۆل < س : مۆلا]۔ اَکہِ ساتَک یا نیٖچھتٕرک ناو۔

**مۆلہِ ہیٖٹھ زیٚون۔** ۱۔ تَمہِ ساتہٕ زیٚون ییٚلہِ مۆل لَگِتھ آسہِ (یُس اَکھ نیٖچھتٕر زیوٚتھ چھُ یانَس کیُت جان نہٕ مالِس ماجہِ کیُت گوٚب مانہٕ یوان)۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھۍ) مالِس ماجہِ کیُت گوٚب نیرُن۔

**مۆلہِ لۆہ رُش۔** ۱۔ خانداَنک زیٚٹھ۔ سُہ یُس پنٕنہِ پیٖٹھہٕ کُنہٕ خاندانَس یا کولَس گوڈٕ آسہِ لوٚگمُت۔ ۲۔ بیٚتٕرن ہُنٛدِ ناوِ سٕراَدس پیٖٹھ بَناونہٕ آمُت لوٚڈ پینٛڈ۔

**مۆلہِ کوٚنٛد طرٛج۔** زانہٕ کُک گرٛہدی ژٕکھر۔

**مۆلادار۔** [ن۔ مۆل ، مۆلادار < س : مۆلادھار]۔ ۱۔ جَد، کوٚک آگُر۔ مۆلہِ لۆہ رُش۔ ۲۔ نابِستانَس تَلہِ کُنہِ گوڈنیُک ژٕکھر۔

**مۆمِن۔** [مۆل : مۆمِن < ع : مومِن]۔ سُہ یَمہِ ایمان اَنمُت آسہِ۔ ایمانہٕ وول مُسلمان۔

**مۆمیا۔** [ن۔ مۆل : مۆمیا < ف : مومیا]۔ شِلاجیت۔ یہِ چھُ اَکھ دَوایہِ دَگَس یا چوٚٹَس پیٖٹھ لگان چھُ۔

**مۆمیِ ران۔** [ن۔ مۆل : مۆمیِ ران < ف : مومیِ ران]۔ اَکھ دَوایہِ دَگَس یا پھوٚکَس پیٖٹھ لگان چھُ۔

**مۆن۱۔** [م۔ مۆل : مۆن < ہ : مینشو رَنہٕ]۔ ییٖر۔ تیٖرہٕ لیتھ۔

**مۆنہِ دار۔** ۱۔ اَدٕنۍ گیٖرَس اَندٕ اَکھ خاص تَرٛیک وَستھٕر گیٖر۔ ۲۔ سُہ تیٚوٚر یُتھ یَس پیٖٹھ مۆن وَسہِ، یُس کافی ییٖر دِمہِ۔

**مۆنہِ وٕوٚتھ۔** ۱۔ سُہ تیٚوٚر یَس پیٖٹھ ییٖر دِسان آسہِ۔ ۲۔ نیٖوٕ مُت تیٚوٚر۔

**مۆن اَنٛدنۍ۔** سُہ بوزنہٕ سیٖنۍ نمہٕ شاکھتھ لاریوٚن پریشان گرُن۔

**مۆن اَکِس اَنٛدنۍ۔** (وَرگہِ پاٹھۍ) یِمہِ پاچھ کانٛہہ گرِ گرِ زارہِ پارہِ گرِتھ تہٕ تازٕنتھ سُہ ناراضٕ گرُن۔

**مۆن کھسُن۔** وُچھِو "مۆن ہِنۍ"

**مۆن ہِنۍ۔** سُہ بوزنہٕ کِنہٕ سیٖٹھا تنگ یُن۔

**مۆن مۍ۲۔** [ن۔ مۆل ، مۆن]۔ کُنٛجہِ اَنٛدرِم لب۔

مۆہن کھسُن ۔ ا۔ لُبن کھسُن ۔ شُرِ بِندد یاٗٹھ پٔرتھ کُنہِ سیٚنز بیتھ دِہنز۔ ۲۔ وُتھو ڈُتھو گڈھُن۔ دُم تلُن۔ سیٚنز پھوشنی یا کٔرذد کھسُن۔ پھوشنہ سیتٕر المِن کھسُن۔ کھُن کھسُن۔ ۳۔ بےٚ باشر، یاٗٹھ کام کوٚرٕٹ گران اوریٚ یور تٔپیہ دِنہ۔

مۆنی ۔ [ن ۔ مۆل : مۆنی < س : مَونی ]۔ سُہ یٚمہِ مون دارنگ پٔران آسہِ گورُمت۔

مۆنترُن ۔ وُچھِو "ماٗنترُن"۔

مۆنٹھ ۱ ۔ [ن ۔ مۆل : مۆنٹھ < س : مۆڈھ ۔ < باسان چھُہ زِ "مۆنٹھ" چھُ "وۆنٹھ" لفظُک لگار]۔ ڈُڈ، ہٕچہِ کٔلہ۔ بیڈ فوڈ۔

مۆنٹھ ۲ ۔ [ن ۔ مۆل : مۆنٹھ ]۔ دہن چھوان ہندر زِ اُتھ۔

مۆنٹھو نُرۆ ۔ پ ۔ دہن پٔلون ہِندی زِ اُنار رلاٗوِتھ دِرٕہِ ٹیب۔

[م ۔ مۆل : مۆنٹھ < وُچھو "مۆنٹھ" ]۔ ۱۔ اِسر، ڈیبر۔ ۲۔ کاگدس یا کپرس بیتر ہٕنز زنٕہ گینٹ۔

مۆنشُر ۔ [ن ۔ مۆل : مۆنشُر < س : مَنتر ]۔ آٔبِزی۔ یُس کانہِ گوٚش آسہِ دِوان۔ یُس نہٕ وُدیوگ آسہِ۔ لِسر تراوُن دول۔

مۆنشُرھرُن ۔ [ن ۔ مۆل : مۆنشرھون < س : مُنتقر ]۔ ہُسر گٔشر، گوٚش دِنٕچ حالتھ یا عمل۔

مۆنشُرھراوُن ۔ [ن ۔ مۆل : مۆنشُرھراو ]۔ گوٚش دِیُن، کاٗیِن۔ لِسر تراوِنی۔

مۆنشِر ۔ [ن ۔ مۆل : مۆنشِ < س : مُہشر ]۔ ماٗنشِ کوٚٹ، ماٗنش ذاتہٕ ہُندر۔

مۆنگیا ۔ [< ہ : مونگیا ]۔ مونگہٕ رنگ۔

مۆہ ۔ وُچھِو "محبہ"۔

مۆت ۱ ۔ اِہ موت۔

مُتٕ ذور ۔ سُہ گٔنہ یا پاپ [ ٹانٹھ بیترِ یُس کرِ گوڈرٕچہِ لٔہٕ دارِد گژھتہ دِرہٕتی دِوان چھِہ۔ لٔہِ چھُہ تس پٔتہٕ بیترِ نالہ موت بیترِ کرِنہٕ وزِ تۆہہ رنگہٕ دِز آسان۔

مۆنت کرُن ۔ نالہ موت کرُن۔

مۆت ۲ ۔ [ن ۔ مۆل : مَت < س : مَتّ ]۔ ۱۔ پاگل۔ دیوانہٕ۔ یُس نہٕ پانس نام آسہِ۔ ۲۔ مستانہٕ۔ قلندر۔ درویش۔ ۳۔ بزرگ۔ مست۔ ۴۔ لات یا ڈُن۔ ۵۔ یُس کُنہِ یا کانٕسہِ پٔتھ دِل دِتمُت آسہِ۔ کانٕسہِ پٔتھ فِدا۔ ۶۔ بر جستہ جہارس ہرُنز۔ ۷۔ عاشق۔ ۸۔ ہُنہٕ مورِشی۔

مَتھواٗنی تہٕ تس سۆنہٕ دِزایہ مٔرِے۔ تہٕ دِپتھ گوٚہِ رسس چھُ بڈوِے شمکھان۔

**مُتس زیرِ بَس کَرُن ۔** تہِ وُچھتہٕ گو: پنہٕ نِس پوٗسس خبر دار ۔

**مُتہ آلہٕ ۔** ۱۔ (دَرگہٕ پاٹھو) لارُن ۔ ۲۔ طلاطم ۔

**مُتہ آب ۔** ۔ ساری زُنتہٕ مُتیمتی آسنو اَنہر بدامنی ۔ اَنیاے ۔ ۲۔ وُہ ژِراٹھ ۔ بوحران ۔

**مُتہ آب ووتھُن ۔** پزرتھ اَنار لاقونونیت بدامنی پھاٹن ۔ مُتریے مُتُر آسُن ۔

**مُتہ پاٹھ ۔** مُتہ سُند ہیوٗہ ہور طریقہٕ ۔ تی یہِ مُتی کران آسن ۔

**مُتہ پھش ۔** کُنہ کُنہ پھِر یہ ہے مُتر ہیوٗہ ین ۔ مُتریتھ آلاپش ۔ مُتہ گلن ۔

**مُتہ حُسن ۔** تسہٕ یُس مُتہ سُندی پاٹھو کینہہ کران کراوان آسہِ ۔ تسہٕ یس وُچھتھ مُتہ سُند باس گژھہ ۔

**مُتہ حسابہٕ ۔** پنہٕ نین جانن اندر نہٕ آسُن) پانُن تام نہ زِ کُو مُت آسُن) ۔

**مُتہ سُند دوٗپ چھُ بلایہِ تھوٗپ ۔** تہٕ وُچھتہٕ گو: تلنگدر ہنز کتھ چھنے مُسبتو نِشہٕ بچاوان ۔

**مُتہ گلن ۔** وُچھو "مُتہ وَر" ۔

**مُتہ گلن ہیٚنہٕ ۔** مُتہ ہرکژ کرنہٕ ۔ مُتی سُندی پاٹھی کینہہ کرُن ۔ مُتُر کرُن ۔

**مُتہ لاز کرنہٕ ۔** مُتہ حرکژ کرنہٕ ۔ مُتہ سُندی پاٹھی کینہہ کرُن ۔ مُتُر کرُن ۔

**مُتہ لاز ۔** [م ۔ مثل: مُتہ لاز < ] ۔ مُتبل مُتہ گی ۔ پاگل پن ۔

**مُتہ میلہٕ ۔** واریاہن لوکن ہُند اکہ وٹھ مِلُن ہیوٗہ (شراب یا بنیہٕ کانہہ نشہ آور چیز پیتھ کھینہٕ چھنہٕ سیتی)

**مُتہ وَر ۔** مُتُر ۔ مُتہ سُند ہیوٗہ وَرتاو ۔

**مُتہ وولی ۔** وُچھو "مُتہ آب" ۔

**موت کرُن ۔** مُتراوُن ۔ بچھلاوے کرُن ۔

**موت گژھُن ۔** کُنہ یا کانسہِ پتہ پھلوٹے گژھُن ۔

**موت لاگُن ۔** غرضہٕ باپتھ اکھتہ دیوانہ لاگُن ۔

**موت لاگتھ سالہٕ بتہ کھیوان ۔** تہ وُچھتہٕ گو: سادہ بہڑول لاگتھ پنُن مطلب کڈُن ۔

**موٹ ما ۔** [ن ۔ مثل: موٹ (م ۔ ہ: موٹا] ۔ ۱۔ دیوٹھ ۔ یس واریاہ ماز کھوتمت آسہِ ۔ لُوٹھ ۔ ۲م: موٹے گیٹھ، موٹ گتہ بیتر ۔ ۲۔ یتھ نہ تُنی ٹانٹھ آسہِ ۔ ۲م، موٹ گچھو بیتر ۔ ۴۔ ژیربہ دار ملز ۔

**موٹ دژوٹ ۔** دیوٹھ پوٹھ ۔ ہٹہ کٹھ ۔ ییمہ واریاہ ماز تُو دمُت آسہِ ۔

مۆٹ کوڈ۔ کُند ہِغز۔ یُس نہٕ کہِنہٕ فکِر تُر۔ ڈُڈُ۔ مُڈ۔ بیوقوف۔

مۆٹ ہٕ۔ [ن۔ مۆل : ہَٹ > ]۔ پھینکِھن دوٕن مَنٛز باگھ جاے۔ شانہٕ۔

مُٹہٕ بور۔ پھینکِھن ہیٛٹھ تُلنہٕ آمُت یا تُلنہٕ ینہٕ وول بور۔ شانو پیٛٹھک بور۔

مُٹہٕ پلَو۔ سُہ پلَو یُس بور سارنہٕ وِزِ پھینکِھن پیٛٹھ تھوان چھہٕ۔ پھینکی پلَو۔

مُٹہٕ دُج۔ پھیرنُس بیترِ لأجِتھ شانَن ہٕنٛز جایہِ مَل دُج۔

مُٹہٕ سار۔ پھینکِھن پیٛٹھ سارُن۔

مُٹہٕ وورتھ۔ سُہ پلَو بیترِ یمہِ ستّی صِرف شانے یا تِ دُلتھ ہیٛکِز۔

مۆٹ دارُن وول۔ سُہ یُس نرم طبٕرح ہتھ آسِتھ کینٛہہ بتہٕین پلزنک عادتھ آسہِ۔ یُس پرتھ کانٛسہِ اَتھ روٗٹ آسہِ کران۔

مۆٹ دارُن۔ ۱۔ مَرہِ ہیوٗن۔ ۲۔ مُصیبتہٕ تُلنہٕ باپتھ تیار گژھُن۔ مٕ : بلایہِ تَن دِژ۔ ۳۔ کانٛہہ کام کوٗٹ اَند واتناونہٕ باپتھ کانٛسہِ پانٛسہِ ٹوٗنٛدہِ ژنگ مدد کرنک بار تُلُن۔

مۆٹرُن۔ [م۔ مۆل : مۆٹرُن > وِچھِو ’مۆٹ‘]۔ کانٛہہ یا کینٛہہ وُیتھراونچ یا مۆٹہٕ راونچ عمل۔ کُنیک حجم بڑاونچ عمل۔

مۆٹراوُن۔ [ن۔ مۆل : مۆٹراو > وِچھِو ’مۆٹ‘]۔ ۱۔ وُیتھراوُن۔ مو حِر کھارُن۔ ۲۔ اکِس ترل چیزس بیترِ) ٹانٛٹھ گژھہٕ راونی۔ ۳۔ حجم بڑاوُن۔ ضخامت بڑراونی۔ ۴۔ (اَدرِ یا ٹھی) تیار راوُن۔ آمادٕ کرُن۔

مۆٹرُن۔ وُچھِو ’’مۆٹراوُن‘‘۔

مۆٹھ۔ [ن۔ مۆل : مۆٹھ > س : مرشٹ]۔ ۱۔ ناگہ بار یہ یا یُس نہٕ نٕ لگہ۔ یُس نہٕ ژُنی بگو آسہِ۔ تراوِی متھِن ستّی آسُن۔ ۲۔ یُس مۆٹھِ آسہِ، یُس مۆش آسہِ گژھان۔ ۳۔ گوٗش، یُس تراوُن وول۔

مۆٹھ کرُن۔ مۆشرایُس ستّی کرُن۔ اَدرِ گُنٛژرس ستّی تراوُن۔ کانٛسہِ ہٕنٛزِ کرنہٕ بجہِ کامہِ نہٕ رٕژھ تہٕ اہمیتھ دِنی۔

مۆٹھ گژھُن۔ تراوِی متھِن ستّی گژھُن۔

مۆٹھمُت۔ [ن۔ مۆل : مۆٹھمت > س : مرشٹ]۔ ۱۔ گال کھاتِس ستّی ترٕووُمت۔ سُہ یُس نہٕ کہِنہٕ خبرگیری کران آسِ ز۔ ۲۔ روٗومُت ہیوٗہ، رٕژلوٗدٕ۔

مۆٹھ نِنٛدر۔ [م۔ مۆل : مۆٹھ نِنٛدر]۔ آخری نِنٛدر۔

مۆحبتھ۔ وُچھِو ’’محبتھ‘‘۔

**مۆدُر۔** [ن۔ مۆل؛ مۆدُر (س: مدھر]۔ ١۔ ہیوٗٹھ۔ شیرین۔ ٢۔ مزدار۔ پریٚیہِ دُن۔

مۆدُر زیو۔ (دورگرِ) سہ یُس میٚیچھر پتھ کتھ کرِتھ پنن مطلب کڈان آسہِ۔ یُس اَکِس بێیِس تارێف کرِ کرِ اَنزِس منزس اتِہ۔

مۆدُر ماچھ ہش۔ (دورگرِ) سہ یُس سٹھا میٚیچھر آسہِ۔ یوٚسہ سٚخ مایہٕ گژھہِ۔

مۆدُر مِقراض۔ سہ یُس میٚیچھہ کتھ کرِتھ دوٚن منز باگ پھاس تراوِ۔ یُس برونہہ کنہ رُت پھِرتھ پتہٕ پتہٕ کُرت کرِ۔ یُس برونہہ کنہ رُت وَنہِ تہٕ پتہٕ پتہٕ گنگ کھسہِ۔

مۆدُر قَند ہیوٗ۔ یتھ سٹھا میٚیچھر آسہِ۔

مۆدُر کلام۔ ١۔ میٚیچھہ کتھ۔ ٢۔ شیرین کلام۔

مۆدُر مَس۔ ١۔ (دورگرِ) چشکہ، رَس۔ ژایہ۔ م؛ قرضن چھُہ مۆدُر مَس۔ ٢۔ شیرین کلام۔

مۆدُر مَس دِیُن۔ کُنیک شیر ژاٹن، گنیچ ژایہ ژاٹنی۔

مۆدُر مَس لگُن۔ کُنیک چشکہ اَژان اَکنیک رَس لگُن، کُنہ یا کانسہ یتھ مَتُن۔

مۆدُر ماچھ ہیوٗ۔ مایچس ہیوٗ میٚوٗٹھ۔ نہ ڈیٚتھ گوٚ یتھ سٹھا میٚیچھر آسہِ۔

مۆدُر کتھ کرُن۔ ترشہ کتھ کرنہ یِم برونہہ اکھ ہیا کھ نوٗشس گژھہِ۔

مۆدُر مِٹھہ۔ دگیوُن وِد) ترشہِ آواز منز یوٚسہ نوٗشس کرونی آسہِ۔

**مۆدراوُن۔** [ن۔ مۆل؛ مۆدراو (وِچھو: مۆدُر]۔ ١۔ مۆدُر بناوُن، کُنہ میٚیچھر پاد کرُن۔ ٢۔ لیراوُن۔ (میٚیچھو میٚیچھو کتھو بێتر سٚتی) کانہہ پانس کُن پھِرُن۔

**مۆدُرُن۔** [ن۔ مۆل؛ مۆدُر (وِچھو: مۆدُر]۔ ١۔ میٚیٹھُن۔ ٢۔ لیریُن۔ م؛ بدِ چھِہ مدن مۆدر ژوٗمت۔

**مۆدریر۔** [ن۔ مۆل؛ مۆدریر (وِچھو۔ مۆدُر]۔ ١۔ کھنڈ شکر بێتر۔ ٢۔ میٚیچھر کُنہ چیز گ بێتر میوٗٹھ آسُن۔

**مۆر۔** [ن۔ مۆل؛ مر (س: مٹھ]۔ ١۔ گرِ یتھ منز بسرن۔ ٢۔ سو جاے یتھ منز کوٚکر یا کوتر بێتر تھوان چھِہ۔ ٣۔ (دورگرِ پاٹھی) جسم۔ شَرِیر۔

مُرس بہُن۔ ڈنجہ آسُن۔ وارِوتہٕ آسُن۔

**مۆزۆر۔** [ن۔ مۆل۔ مۆزۆر (ف: مزدوٗر]۔ ١۔ میٚحنتہٕ مشقتہٕ کرِتھ روزی زیٚنن وول۔ ٢۔ مۆزۆر ہیوٗ اوٚنمت نفر۔ ٣۔ بور بێتر سارَن وول۔ قلی۔

موٗزوٗری۔ [م۔ موٗل : موٗزوٗری < ف : مزدوٗری ]۔
۱۔ موٗزوٗر ہِنٛز اُجرتھ۔ یہِ کینٛژھا کُنہِ جایہ ٹیکھتھ زیٖنٛنہٕ۔ ۲۔ ماونہٕ رپھل۔ اَجر۔

موٗزوٗری دِنۍ۔ ۱۔ کُنہِ کامہِ ہُنٛد ماونہٕ دِیُن۔ ۲۔ (ہزلہٕ) رٔژس کُرٛت کرُن۔ یور جانی کرِتھ اور بٔدی کرٕنۍ۔

موٗزوٗری کرٕنۍ۔ ۱۔ رۄزی زیٖنٛنہٕ باپتھ میٖنٛتھ مُشقتھ کرٕنۍ۔ ۲۔ بور سارُن۔

موٗژرُن۔ [م۔ موٗل : موٗژرُن < س : موچنہٕ ]۔ کینٛہہ پتھ پلہِ تھوٗنٛچ یا ہُرراونچ عمل۔

موٗژرُن۔ [ن۔ موٗل : موٗژر < س : موچنہٕ ]۔ دارِیاہ خرچاوٕنہٕ کرِتھ کینٛژھا پتھ پلہِ تھوٗن، ہُراوُن۔

موٗشر۔ وُچھِو ' مُشر '۔

موٗستوٗر۔ [ن۔ موٗل : موٗستوٗر ]۔ زامنہٕ دہٕ دک پوٗنۍ۔ سُہ (ژٕدک) آب یُس زامنس دہٕ دس نیران چھُ۔

موٗک۔ [ن۔ موٗل : موک ]۔ دودٕ وانٛگ سُہ اَوزار یُتھ مَنٛز بینٛی آسان چھٕنہٕ تہٕ یُس کُپُر دونہٕ وِزِ ادرٕ یوٗزنارنہٕ پوان چھُ۔

مُکہ تارٕنۍ۔ ۱۔ دودٕ وانس پیٹھ موٗک تہٕ موٗک ادرٕ یور پھِر وان روزُن۔ ۲۔ (دورگہِ پاٹھۍ) گرِتھ گرٕ اَکے تہٕ ہشی تمام گرٕن روزُن۔ ژھرٕ ٹھ دِنٛنہٕ۔

موٗکُر [ن۔ موٗل : موٗکر < ع : مکروہ ]۔ ۱۔ مَلٕہ گنٛد۔ ناصاف۔ ژھیٚوٹ۔ ۲۔ چار دٔلیس بیتر بِنٛز لاشہ۔ ۳۔ حرام۔ یہِ نہٕ جایز آسہِ۔

مُکرٕ گرٕ گژھُن۔ ۱۔ کُنہِ حادثہٕ بیتر کِنۍ مرُن۔ بِنٛے قضا مرُن۔ ۲۔ اُڈ کھُش گژھُن یعنی کھُش گژھُن۔

مُکرٕ موت۔ سِٹھا مَلٕہ تہٕ گنٛدٕ لانسان بیتر یُس ہینٛر بدن مُل پھوٕہ آسَن۔

مُکرِس پیوان۔ تھُپہِ دِنہٕ۔ حرامچ براد اَدِنۍ۔
مُکرِس لور آسُن۔ مُکرِچ مُکہ آسنۍ۔ حرامچ براد آسنۍ۔

موٗکُر سپدُن۔ ۱۔ مَلٕہ یا ناصاف سپدُن۔ ۲۔ اُڈ کھُش گومت آسُن۔ تکبیر پرٕنے مارنہٕ آمُت آسُن۔ بِنٛے قضا مار گژھُن۔ ۳۔ لُکَن ہِنٛزَن نظرَن مَنٛز گرُن۔

موٗکُر کرُن۔ ۱۔ گنٛد کرُن، مَلٕہ کرُن۔ ناصاف بناوُن۔ ناپاکھ کرُن۔ ژھیٚوٹ کرُن۔ ۲۔ اُڈ کھُش کرُن۔ تکبیر پرٕنے مارُن۔ ۳۔ حرام کھیاوُن، ناجایز کھیاوُن۔ ۴۔ کُنہِ لایق نہٕ تھوٗن، لُکَن ہِنٛزَن نظرَن مَنٛز

گراوُن ، پاوُن۔ ۵۔ بے قضا مارُن۔

مۆکُر کھیۆن۔ ۱۔ ژھیتوٚ کھیۆن۔ ناپاک کھیۆن۔ ۲۔ حرام کھیۆن۔ ناجایز کھیۆن رشوَژ ٹُن۔

مۆکُر گرٛژھُن۔ ۱۔ ناپاکھ گرٛژھُن۔ ۲۔ اَڈکھٕتی گرٛژھُن۔ ۳۔ اخلاقہٕ کِنۍ گِرُن۔ بِرشٹ گرٛژھُن۔

مۆلُت۔ [ن۔ مۆل : مَلت > س : مَل]۔ ماٚلِہ۔ گنٛدٕ۔ ناصاف۔

مۆلۆل۔ [> ع : ملول]۔ پریشان۔ فکرِ مَنٛز۔ وٕدٲسی۔ غمگین۔ ویاکُل۔ اوزُرد۔ اوٚری یِہ یٚوُرکۍ۔

مۆلۆل گرُن۔ پریشان گرُن۔ فکرِ مَنٛز تراوُن۔ اوزُرد گرُن۔

مۆلہٕ۔ [> س : مولیہٕ]۔ قیمتھ دِتھ۔ قیمتھ اَداکرِتھ۔ پاٚنٕس۔

مۆلہٕ ہیۆن۔ ۱۔ قیمتھ اَداکرِتھ حاصل کرُن۔ پاٚنٕسٕ اَنُن۔ ۲۔ غولام بناوُن (دیار دِتھ یا خرچ تھ)۔

مۆنٛد۔ [ن۔ مۆل : مند > س : مَند]۔ ۱۔ اَڈٕ کایِر۔ سُہ یُس کامہِ کارَس کُنٕت ژھۆٚٹ آسہِ نہٕ۔ کایِل۔ آلٕژی۔ ۲۔ اَڈلیوک۔

یُس نہٕ زُودار یا زُوٚس مَنٛز آسہِ۔

مۆنٛڈ ۱۔ [م۔ مۆل : مونٛڈ > س : مُنٛڈ]۔ ۱۔ گوگُل ہیۆہ یُس کُلس مولہٕ کِنہِ آسان چھُ۔ سَبزی بیترِ ہِنٛد گوگُل یُس مَنٛزِ تُل آسان چھُ۔ ۲۔ وِنٛیژ پوٚٹ۔ ۳۔ کُنٛج دِتھ یا ٹیر۔

مۆنٛڈِس پیٹھ گرٛدَن تھاوٕنۍ۔ سخت تکلیفس رٲٹھۍ سپدُن۔

مۆنٛجہٕ رٕ۔ گُلہِ مونٛجن ہٕنٛدۍ ژُن اَنزٕ بیاری۔
مۆنٛجہٕ روغن جوش۔ دَم مۆنٛڈ۔ مونٛجن ہٕنٛد اَکھ وٕزُل سٲن۔
مۆنٛجہٕ قُلیہٕ۔ یینٛدرِ تراوِتھ اَکھ خاص مونٛجہٕ سیُن۔
مۆنٛجہٕ گنٛڈٕ۔ بے کار زٕہن۔ گُلہِ ژھٕنٛڈ دِنٛز۔
مۆنٛجہٕ کاٹھ۔ ۱۔ مونٛجہٕ ہٕنٛز اَنٛدرِم اَر۔ ۲۔ ناٹی گماٹہِ مۆنٛڈ۔
مۆنٛجہٕ گُڈ۔ پتٕرِ ہیتھ گنٛجہٕ تہٕ وارِیاہ مونٛجہٕ۔
مۆنٛجہٕ ہاکھ۔ پھرا ہاکھ۔ ہاکہِ مونٛجہٕ ہٕنٛدۍ اَڈ۔

مۆنٛڈ ۲۔ [ن۔ مۆل : مونٛڈ > س : مُنٛڈ]۔ گُنٛد گَن۔ ژھۆٹہِ تہٕ مۆٹہِ کوٚٹ۔

مۆنٛڈی اَلہٕ۔ ۱۔ تیتھۍ اَلہٕ اَلہٕ یِتھ کِنہِ جایہِ بارٕ مۆنٛڈ پھرٕ دِنہٕ سۭتۍ گرٛژھان چھُ۔ ۲۔ (اوزگرٕ پاٹھۍ) ڈُبہٕ ڈاس۔ وَکھدار۔ تباہ ان۔ ۳۔ سُہ بوٚڈ مۆنٛڈ ییمہِ سۭتۍ ژٕنٛیتۍ سوتراوٕنہٕ یوان چھُ۔

**مۆنڈٕری پاکھ۔** (وَرگہٕ پاٹھۍ) داریاہس کالس رٕنۍ پاکرُون۔ سیٹھاہس وقتس گژھ دٕزِوِنۍ تھوٗنۍ۔

**مۆنڈٕری زِنٛن۔** زالنہٕ باپتھ مۆنڈٕری۔ مۆنڈٕری چھلہٕ پھلہٕ بوتھ مۆنڈٕ۔

**مۆنڈٕ ترٛاوُن۔** (سزا ہہ پٕرٛھی) کانٛہہ مۆنڈٕس سیتۍ گنڈُن۔ یہٕ آسہٕ یتھ کالہٕ ترٛاوان۔ پاگل بیتر مۆنڈٕس گنڈِتھ تھاوُن۔

مۆنڈٕ ۳ [ن۔ مۆل؛ مۆنڈٕ < پرٛاکرت: مُنڈٕ]۔ ۱۔ یہٕ یُس تیز آسہٕ نہٕ۔ کُنٛد۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) کم فہم۔ کُنٛد۔ یُس نہٕ کانٛہہ کنہٕ بیتر سٕہل سٕہل فِکرِ تران آسہٕ۔ یُس یادِ ووٗتر آسہٕ نہٕ۔ یُس نہٕ ذِہن تیز آسہٕ۔

**مۆنٛجہٕ زِہُن۔** ۱۔ بے کار زِہُن۔ کام کار نہٕ روزُن۔ کامہِ کنٛہہ لِشہٕ اَتھہِ چھلُن۔ ۲۔ کاریلہ بیتر ٹھیپہٕ زِہُن۔ کارِ بارس ٹھونٛٹھ زٕ۔

**مۆنٛجہٕ بیٛہناوُن۔** ۱۔ (کانٛہہ) کامہِ کارِ نِشہٕ اَتھہِ چھلناوُن۔ (کانٛسہِ) کام کوٚٹ نہٕ تھوُن۔ ۲۔ کارِ بارس بیتر دٕیہٕ یا ٹھیپہٕ دیُن۔

**مۆنٛجہٕ ٹھیپہٕ۔** بے کار زِہُن

**مۆنٛجہِ شٕنز اَکہِ سیتۍ کھش کرُن۔** ۱۔ کھشہٕ بکرٕ کرُن۔ اَڈِ کھش کرُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ) سخ پیدا دِیُن۔

**مۆنڈٕمہٕ۔** [م۔ مۆل؛ مونڈٕ < س: مُنڈٕ] کنہٕ کھیٛدِ باوِچ ٹلنہٕ ژرٕژٹ یا دوٗر۔ رم؛ ہُٹوٗلِ مۆنڈٕ۔ نارری مۆنڈٕ۔

**مونٛجہِ گاڈٕ۔** گاڈ ہکور۔ اوٹ بیتر رلاوِتھ تیجہِ مٕنز گاڈٕ۔

**مونٛجہِ گوٚل۔** گارِ گوجہِ ہکور۔ اوٹ بیتر رلاوِتھ تیجہِ مٕنز گاری گوجہِ۔ مینسہٕ ہکور۔

**مونٛجہِ گوٚر۔** مونٛجہِ گوٚل بیتر بناوان تہٕ کھنٛن وول۔ مونٛجہِ گاڈٕ کھنٛن وول۔

**مۆنڈٕ ۵ ۔۔۔ ۶۔** مۆنڈٕ دِیُن۔ [< س: مُردنہٕ]۔ پلوس بیتر لٕنٛتھ دِنۍ۔ پلو بیتر منڈُن۔

**مۆنڈٕرَن۔** [م۔ مۆل؛ مۆنڈٕرَن < پرٛاکرت: اَمنڈٕ]۔ ۱۔ تیز ہُشیار مۆنڈٕ بناونٕچ کام۔ ۲۔ زٕبین اِنسان بیتر مُنڈٕ بناونٕچ کام۔

**مۆنڈٕرُن۔** ۱۔ ہُشیارس بیتر دار بیٛہناونۍ۔ ۲۔ ٹھیپہٕ دِیاوُن بےٚ کار کرُن۔

**مۆہ۔** [ن۔ مۆل؛ نہہ < س: مُسکہٕ]۔ اَکھ قسمہٕ۔ دُدُن کیوٚم۔

**ٲہو امبرِ۔** اَکھ خوشبودار تہٕ رٕسدار ترٛیلہٕ داہ۔

**ٲہو اَنٛزُن۔** اَکھ دال ذاتھ یتھ میوٚٹھ تہٕ نیک توٗل نیران چھُ۔

**ٲہو اُڈٕج۔** نہٕ یہٕ نہٕ ممکنے آسہٕ۔ تہٕ یہٕ نہٕ بنتھ یا

میلتھ ہیکہِ۔ ترِ یہِ نہ آسی۔

ٹہی بٹول۔ اَکھ داں ذاتھ یتھ پڑن تۆمُل نیران چھُ۔

ٹہی وَن۔ اَکھ رَگ داں ذاتھ یتھ کرِ رہایہ چھنے نیران۔

ٹہی ہینگ۔ اَکھ قسمُک ہینگ ہیوٗ یُس گیٖہتھ دوا کیٚنہِ متھنہِ یوان چھُ۔

موہ ۱۔ وُچھو "موٗ"۔

موہ ۲۔ [ن۔ مۆل: مو < آواز پیٹھ]۔ ژھاوُل یَسُنز آواز۔

موبِل آیِل، مُبلیل۔ [ن۔ مۆل: موبِل آیِل < انگ: موبِل آیِل]۔ اَکھ قسمُک موٚٹ تیل یُس مشینہِ ہندین پُرزن تہ ڈبرین بیتر رَدا روزنہ تہ زیادٕ گسہِ پیٚنہِ نِش بچاونہ باپتھ تراونہِ یوان چھُ۔

موبوٗد۔ [ن۔ مۆل: موبوٗد < ع: معبود] سُہ یَسُنز عبادتھ کرِ ی زِ۔ خۄدائے۔

موت۔ [ن۔ مۆل: موت < ع: موت]۔ قضا۔ مَرُن۔ اَجل۔ زُو نیرنُک عمل۔

موتہِ کھۄتہ سخ۔ یہ نہ ہرگز تہ برداش سپدِ۔ یہ نہ ژ آلی تھے ہیکو زِ۔

موتہِ موکل۔ ملکُل موت۔ عزرائیل۔ یَم۔

موتُک دوہ کڈُن۔ مرنس تیار آسُن۔ آخری عمر آسنی۔ مشکلہِ سان وآنس گُذارُن۔

موتُنی ژھٔرژھٹہ۔ کُنہِ بیہ بیتر سببہ ژھیپیہ ژھیپھ۔

موتُن آن۔ مَرَنگ، دِق۔

موت نژناوُن۔ مرنس کُن ناوُن۔ کو فیلن سُن لگُن۔

موت یُن۔ مرُن۔ مرتھ گژھُن۔

موتُن۔ [ن۔ مۆل: موتن < ع: موت]۔ ۱۔ مرنُچ حالتھ۔ سو حالتھ یوس کُنہِ جایہ ستأنہِ ہندِ مرنہ گژھان چھنے۔ ۲۔ سوسنیار۔

موتُن پھیٖرُن۔ ۱۔ مرنُچ ہش حالتھ گژھنی۔ ۲۔ سوسنیار گژھُن، لیٚدرُن۔

موتُن یُن۔ وُچھو "موتُن پھیٖرُن"۔

موتبر۔ [مۆل: موتبر < ع: معتبر]۔ ۱۔ بزرگ، یزتہ وول، پُھتو وول، باوُن لایق انسان۔ ۲۔ گُماشتہ، پننہِ بدل کُتھِ تھووُمُت بیاکھ انسان۔

موتبر توتہ رام۔ ٹلی بیگ، سُہ یُس ٹلی پیٹھو ول لاگہِ۔

موٹر۔ [ن۔ مۆل: موٹر < انگ: موٹر MOTOR]۔ ۱۔ بجلی یا تیلس پیٹھ ٹِکن واجنی مشین یا انجن یمیہ ذریٖ یہ کانہہ دوٚیم

مشین چلان چھِنے۔ ۲۔ موٹر کار۔

موٹر بوٹ۔ اگن بوٹ۔ اِنجن لٲگتھ اکھ قسمچ ناو یوس پیٹرولس پیٹھ چلان چھِنے۔ یہ چھِنے ہاوس بوٹن بیتر لنس تہٕ لگان۔

موٹر سیکل۔ پیٹرولس پیٹھ چلن ووِل اکھ قسمک زِنگوٗر۔ ٹھسپھ ٹھسپھ موٹر۔

موٹر کار۔ تیلس پیٹھ پکن واجنٕ اکھ قسمچ گاڑ یتھ اندر سوار ساران چھِ۔

موثر۔ [ مٲل : موثر ]۔ اَثر دار۔ کارگر۔ یتھ کانٛہہ تاثیر آسہ۔

موج ۱ [م۔ مٲل : موج ]۔ وچھِو "مآج"۔

موج ۲ [ن۔ مٲل : موج > ع : معج ]۔ ۱۔ لُطف، عاش۔ مزہ۔ ۲۔ ملکھ بلر۔

موج تُلنُن، موج زٕٹُن۔ کُنہ چیزس منز لطف تُلنُن، عاشس کرُن، مزِ وُچھُن۔

موج وُچھُن۔ صِرف وُچھان روزُن، کہنی نہٕ دُنُن، شیرُن ستبالُن نہٕ۔ دخل نہٕ دِنُن۔

موجون۔ [ن۔ مٲل : موجوٗن > ع : معجون ]۔ قوام۔ داریاہ دَوا ملِتھ تُھ بناونہٕ آمت اکھ قسمک مرکب۔

موجز۔ [ن۔ مٲل : موجز > ع : معجزہ ]۔ کرامتھ۔ چمتکار۔ تِژھ کانٛہہ کتھ یا کام یوسہ نہٕ وُچھمژ آسہ تہٕ انسانہٕ سُند طاقتہٕ نیبر آسہ۔

موچہ۔ [ن۔ مٲل، موچ > س : موچیٖہ ]۔ کٲٹس بیترِ سُند اَنٹہٕ وانٹھ۔ ڈوٗنب تہٕ کرٛیہنہٕ ماز بیتر۔

مود۔ [ن۔ مٲل : مود > س : مود ]۔ ۱۔ خوشی، فرحتھ، فراغتھ۔ ۲۔ یزتھ، مان، بڈِ خصلتھ۔

مودِ وُسُن۔ دَزِ بُز ہیُن۔ بے یزتھ گژھُن۔ کُنھ دِیُن لایق نہٕ روزُن، لوکن ہندِن نظرن منز گرُن۔ پھٕہ کھ وُسُن۔

مودِ والُن۔ دَزِ بُز کاسُن۔ بے یزتی کرٕنی۔ بےموٗدی کرٕنی۔ دَوتھ والنِ۔ کُنھ دِیُن لایق نہٕ تھٲوُن۔

موذن۔ [ن۔ مٲل : موذِن > ع : موذن ]۔ بانگ پرن وول۔ بانگہٕ۔

مورٕ ا۔ [ن۔ مٲل : مور > س : مَیوٗر ]۔ اکھ خوبصوٗرتھ جاناوار یُس ہندوستانُک منز قوٗمی جاناوار مانہٕ یوان چھُ۔

مورچھل۔ موہر چھل۔ مورٕ ہندِن تیرن ہُنزٕ واوِچ۔ مورٕ تیرون ہُند گچھ گاہ۔

مورچھل بردار۔ سُہ یُس اَتھ مورٕ تیرن ہُند گچھ گاہ آسہ یا یُس یہ گچھ گاہ بیتر کُنہ خاص موقس پیٹھ پکناوان آسہ۔

مور چھل کرُن ۔ گنج گاہ کرُن ۔ سنخ دو تھاسن کرُن ۔ پیالہ بردارؠ کرٕنؠ ۔ سٹھا یژ تہ کرُن ۔ خوشامد کرُن ۔

مور۲ ۔ [ن ۔ مؤل : مور < ف : مُہر ] ۔ اَنہار ، شباہت ۔ شکل صوَرَتھ ۔

۵ ۔ مور۳ ۔ [< س : مار ] ۔ ۱ ۔ (ل ۔ م) ییمہ داریاہ مارؠ ہتی آسن ۔ م : ہتہ مور ، ثتہ مور ، پانژہ مور ۔ ۲ ۔ (ل ۔ م) مورمُت ۔ مارنہ آمُت ۔ م : نیچر مور ۔ بتہ مور ۔ (پزت لوگ تو)

مورِخ ۔ [ مؤل : مورِخ < ع : مورِخ ] ۔ تاریخ دان ۔ تاریخ لیکھن وول ۔

مورِخہ ، مورِخے ۔ [ مؤل : مورخہ < ع : مورخۃ ] ۔ (دِکُنہ) تاریخُک ییمہ تاریخہ لیکھنہ آسہ آمُت یا واقہ آسہ سپدمُت ۔

مورٕ ۔ [ن ۔ مؤل : مور < ] ۔ مُقابلہ ، بُتھ ، ٹھولہ ۔ م : بتھوُن مورٕ یژ یہ شاہ حسینس ظلمس تہ کینس تتی سپُن تمام

مورٕ دیُن ۔ مخالفس سٕتؠ وَنہ منز رُکاوٹ پادٕ کرنہٕ ۔

مورٕ رٹُن ۔ لاگتھ دِنُن ۔ اَکھ بتھ رٹتھ بٔنِس بٔیِس کتھ لاینؠ ۔ اَکس لاگتھ بٔیِس کتھ دِنؠ ۔ زُرکرٕنؠ ۔

مورٕ لگُن ۔ بُتھ لگُن ، ٹھولہ لگُن ، مُقابلس روزُن ۔

مورُن ۔ [ن ۔ مؤل : مور < س : موٹنہ ] ۔ ۱ ۔ نرملون تیٖنہ کم کرٕنؠ ، سوّ تراوُن ۔ ہوّ مراوُن ۔ م : نکھ مورُن ۔ ۲ ۔ لوّت تراوُن ، ٹھہراوُن ، قرارِ رٹُن (قدم بینز) م : کھورِ مورِتھ یُن ۔

موروٗثی ۔ [ مؤل : موروٗثی < ع : موروث + ف : ی ] ۔ وراثتس اَندر آمُت ۔ وِرثٕکی ۔ مِلکیتی ۔

معروٗف ۔ [< ع : معروف ] ۔ مشہور ۔ نامدار ۔

مورچہ ۔ [ن ۔ مؤل : مورچ < ف : مورچہ ] ۔ ۱ ۔ جنگی مُقابلہ ۔ ۲ ۔ سو جاے ییتہ جنگی مُقابلہ لگہ ۔

مورچہ بنٛدی کرٕنؠ ۔ (جنگہ باپتھ) مورچہ بناوُن ۔

مورچہ دیُن ۔ جنگ لڑنہ باپتھ صف آرآیی کرٕنؠ ۔

مورکہ پُٹ ۔ [م ۔ مؤل : مورکہ پُٹ ] ۔ سو پُٹ یو سہ پشہ کس ذیٖہس بُرژ ٹھمہ طرفہ لاگنہ آسان چھنہ ۔

موڑ ۔ [ن ۔ مؤل : موڑ < س : موڑ ۔ مُٹکہ ] ۔ ۱ ۔ سو جاے ییتہ لس سڑکہ پھیران آسہ ۔ ۲ ۔ پھیٖر ۔

موڑ پھیرُن ۔ لر پھرٕنؠ ۔ چکر پھیرُن ۔

موڑ پھیرُن ۔ ۱ ۔ گاڑؠ یا موٹر ییتر پھرٕنؠ ۔ دِ کتھ بیترا

نوٗو طرح دِیُن ۔ دَر دِیُن ۔ ۳. (دُرگہٕ پاٹھۍ)
مرحلہٕ یُن۔

موڑ ژُٹن۔ وِچھِو "موڑ پھِرُن"۔

موڑ یُن۔ کیٛنہہ نوٗو بُنتھ یُن۔ یِتھہٕ ہِلتی بِیٖرُن طرز بدلہٕ۔ نوٗو کانٛہہ طرح نیٛرُن۔ نوٗو رَنگ لَگُن۔ مرحلہٕ (بُنتھ) یُن۔

موزز، مُعزز۔ [ <ع : معزز ]۔ یزتہٕ دول۔

موزٕ۔ [ن ۔ مؤل ؛ موز <ف : موز ]۔ ۱. اَگہ ڈوٗ ہیٛور کھور ڈولیُن۔ پاڑھی جوراہ۔ ۲. دکہ کرَن بیتر پٔنچن ہنٛز تیٛر۔

موزدار۔ پنچن تام تیٛر گژِھتھ اَکھ جاناوار۔

موزِ کھور۔ جوراہ جورِ اندرِ اَکھ۔ اَکہٕ کھورِک موزٕ۔

موزوٗر۔ [ مؤل ؛ موزوٗر <ع : معذور ]۔ ۱. سُہ یُس نہٕ زَنگہٕ آسَن، سُہ یُس نہٕ زَنگَن سۄر ستھ آسہِ، ژَرہ روٗنگ۔ ۲. (دُرگہٕ پاٹھۍ) سُہ یُس نہٕ پانس حرکتھ کرِ۔ یُس نہٕ زَنگہٕ وٹھتھ بہان آسہِ نہٕ کانٛہہ کام کوٗٹ کرِ نہٕ۔

موزوٗر کوٹھل۔ (دُرگہٕ) سُہ یُس موزوٗرِ ہِندی پاٹھۍ نہٕ زَنگہٕ وٹھتھ آسہِ بہان۔

موزوٗر گژھن۔ ژٕ زَنگ نہٕ دوٚ تھُن۔ اَکہِ سے جایہ بِہِتھ گژھن۔

موزوٗل۔ [ <ع : معزول ]۔ برطرف۔ موقوٗف کرنہٕ آمُت۔

موزوٗل کرُن۔ نوکری اندر کڈُن۔ برطرف کرُن۔

موزوٗن۔ [ <ع ؛ موزون ]۔ مُناسِب، ٹھیکھ۔ حسبِ حال۔ وَیہِ دُن۔

موزوٗنیتھ۔ ہِشر۔ حسبِ حال آسنٕچ حالتھ۔

موس۔ [ <س ؛ ماسئہ ]۔ رہتہٕ ہُنٛد رِیتھُن۔ رِہتن ہُنٛد۔ رم ؛ ستہٕ موس۔

موستہٕ۔ [م۔ مؤل ؛ موست <س ؛ مُوتسکا < پراکرت ؛ مُوسو۔ مُ۔ہ ؛ مُوسا ] اَکھ خوشبوٗدار لوٗٹی۔

موشوٗر۔ وِچھِو "مشہوٗر"۔

موصُم وِچھِو "موصوٗم"۔

موصوٗم۔ [ <ع ؛ معصوم ]۔ ۱. بے گوناہ۔ بے راہ۔ بے تقصیر۔ ۲. ردہٕ شُر۔ ۳. (دُرگہٕ پاٹھۍ) سیٛود ساد۔ یُس نہٕ کانٛہہ کھوٚچر آسہِ۔

موضوٗ۔ [ن۔ مؤل ؛ موضوٗ <ع ؛ موضوع ]۔ عُنوان یَتھ پیٹھ مضموٗن لیکھنہٕ ییہِ یا یتھ پیٹھ کتھ کرِ نہٕ۔ تہٕ کینٛژھا یتھ پیٹھ کتھ بیتر کرِ نہٕ۔

موضوٗیہ بحث۔ سو کتھ یتھ پیٹھ بحث چلان آسہِ۔

یتھ یا یُس تعلق کتھ چلان آسہِ۔

**موطل۔** [ مؤل ؛ موطل > ع : معطل ] ۔ عارضی پاٹھو (نوکری بیتر نشہِ) الگ کرنہٕ آمُت۔

**موطل کرُن۔** عارضی پاٹھو (نوکری نشہِ) الگ کرُن۔

**موطلی۔** [ > ع : معطل + ی ] ۔ موطل کرُن۔ کڈُن۔ برطرف کرُن۔

**موقہٕ۔** [ن۔ مؤل ؛ موق > ع ؛ موقع ] ۔۱۔ وِز۔ ویلہٕ۔ وَق۔ ۲۔ فُرصَتھ۔ ۳۔ وَتھ۔ بہانہٕ۔ ۴۔ جاے (ییتِنیتھ کینہہ سپدمُت آسہِ)۔

**موقس پیٹھ۔** ۱۔ وَقتس پیٹھ۔ ضمی وَقتہٕ ییمہ ساتہٕ پَزِ یا شوبہِ تمہ ساتہٕ۔ ۲۔ تتھ جایہ ییتِنیتھ کانہہ وارٕداتھ بیتر سپدمُت آسہِ۔

**موقس گژھن۔** پانہٕ وُچھنہٕ گژھن۔ ماینہٕ کرنہٕ گژھن۔ حادثہٕ تیج جاے وُچھنہٕ گژھن۔

**موقہٕ آسُن۔** ۱۔ وَق آسُن۔ ۲۔ وارد بیتار آسُن، وَتھ آسنی۔

**موقہٕ بےموقہٕ۔** منزٕ منزٕ۔ کُنہ وَقتہٕ۔

**موقہٕ چارُن۔** آیہ گژایہ کرُنہ۔

**موقہٕ دیُن۔** ۱۔ وَقت دیُن۔ ۲۔ (کُنیچ) وارٕ دِنی۔ ۳۔ فُرصتھ دِنی۔

**موقہٕ ڈلنھ۔** ۱۔ ضمی جایہ یہ طرز کانہ بیتر بناوُن یا آسُن ییمہ ساتہٕ پَزِ یا شوبہِ تمہ ساتہٕ نہ۔ ۲۔ تمہ جایہ اور یا یور ییتِنیتھ کینہہ حادثہٕ یا وارٕداتھ آسہِ سپدمُت۔

**موقہٕ ژھانڈُن۔** وَتھ ژھانڈٕنی۔ وارٕ وُچھُن۔

**موقہٕ موقہٕ۔** ۱۔ وَقتہٕ وَقتہٕ۔ ساتہٕ ساتہٕ۔ ییلہ ییلہ موقہٕ آسہِ ییلہ شوبہِ۔

**موقہٕ واتُن۔** ۱۔ وقت واتُن۔ ییمہ ساتہٕ یہ سپدُن آسہِ سو گژھ واتُن۔ ویلہٕ واتُن۔ ۲۔ کینہہ کرنہٕ خاطرٕ وَق براہ یُن۔

**موقہٕ وِزِ۔** اصل وَقتس پیٹھ۔ ییمہ ساتہٕ پَزِ تمہ ساتہٕ۔ عانہٕ موقس پیٹھ۔

**موقوف۔** [ > ع : موقوف ] ۔۱۔ نوکری بیتر منزٕ کڈُن، سُبکدوش، برطرف۔ ۲۔ ملتوی، یتھ نیُن یا گژھن۔ ۳۔ منسوخ۔

**موقوف سپدُن یا گژھن۔** ۱۔ (ملازمتہٕ منزٕ) کڈنہٕ یُن، برطرف سپدُن۔ ۲۔ گونہٕ لُت دوہ یتھ بڑونٹھ نیُنہ یُن۔ مُقرر دوہس پیٹھ نہٕ روزُن۔ ۳۔ منسوخ کرنہٕ یُن۔ رد سپدُن۔

**موقوف کرُن۔** ۱۔ (کانہہ ملازمتہٕ منزٕ کڈُن۔ برطرف کرُن۔ ۲۔ یتھ نیُن (دوہ بیترٕ

کرٕ کامہٕ خاطرٕ مقرر کورمُت یا گوڈمُت
دنہٕ پتہٕ بروونٹھ نیُن ۔ ۳۔ منسوخ کرُن۔
رد کرُن۔

موقوفی۔ [ < ع : موقوف + ی ] ۔ ۱۔ بیگدوشی۔
برطرفی۔ ملازمتہ منٛز موکلاوُن یا کڈُن۔
۲۔ ملتوی کرُن۔ ۳۔ نسوخی۔

موقول۔ [ < ع : معقول ] ۔ ۱۔ مناسب۔ دیہُن۔
کتھ ییمہٕ سیٹھی کانٛہہ قابل سپدِ۔ م:
موقول جواب۔ ۲۔ کانٛہہ۔ خاطرخاہ۔ م:
موقول تنخاہ۔

موکل۔ [ ن۔ مۆل : موکل < ع : موکل ] ۔ ۱۔
ملائکھ۔ فرشتہٕ۔ ۲۔ پارکھودر۔

موکل در۔ پارکھودر۔ پاسکھ۔

مول۔ [ ن۔ مۆل : مال < س : ... ] ۔ ۱۔ ییٚس
زامُت آسِہ۔ بب۔ ۲۔ ببس برابر
۳۔ ماٹھنیار کرنہٕ تہٕ کانٛسہ وَنان۔

مالہِ بڈ بب۔ مالہِ سُند مول۔

مالہِ بوتھ۔ مول تہٕ نیچو۔ مول نہٕ گوٚبُر با
مول تہٕ تُسُند شُر۔

مالہِ نون۔ ۱۔ مالہِ سُند ورتاو یا مالہِ سُند
ہیوٗہ ورتاو۔ تی یہ مول کرہ۔ مول لاگُن۔

مالہِ زایُن۔ مالہِ سٕنز خصلژ آسٕن، مالہِ ہندی
ہوِ صفتہ بیتر آسنہٕ یہ کینژھا مالہِ ہنٛد
پتھ تورمُت آسہِ۔ مالہِ میراث۔

مالہِ ستھ۔ مالہِ سٕنز موجودگی یا مول زندہٕ
آسنہٕ کنہِ پنُن پان ییلہٕ تھوٗن۔ مالہِ
سُند ڈکھ۔

مالہِ مارُتی۔ مالہِ سندین قاتلن سیٹھی آبادی
تھاوُتھ۔

مالہِ میراث۔ ۱۔ مالہِ زایُن۔ مالہِ سٕنز وراثتھ۔
تہٕ کینژھا یہ مالہِ سٕنز وتہٕ تورمُت
آسہِ (اجداد، دنہٕ دیار بیتر ۱۔ ۲۔ یہ
کینژھا مالہِ سندِ پتھ تورمُت آسہِ۔
مالہِ سٕنز خصلژ۔ مالس ہیوٗہ آسُن۔
۲۔ سُہ چیز یتہٕ پیٹھ پور حق آسہِ۔

مالہِ نانی۔ مالہِ سٕنز ماج۔

مالہِ یتیم۔ ییٚس مول موٗدمُت آسہِ۔

مول بیچھان پوترس ناو مُراد بیگ۔ ۔ نہٕ
دپتھ گوٚ: نادار آسِتھ تہٕ دُنیا داری ہندی
دم دِنی۔

مول گوٚ ژٕروال تہٕ ماج گے اول۔ نہٕ دپتھ
گوٚ: شُر یتہٕ آسہِ تیتھ، ماج چھس ہمیشہ
بچاوان کران اما مول چھس پرژھ گار
کران، مربطہٕ ضبطس اندر تھوان۔

مول لاگُن ۔ بُب لاگُن ۔ ماْلی سٕندی پاٹھوٚ رٕژھن داچھُن بیتر ۔

مول ماج ۔ مول تہٕ ماج ۔ والدین ۔

مَولکھ ۔ [ مٗول : موٗلک < ع : میلکۃ ]۔۱۔ مُہرِس اَندر اَویزان ۔ ۲۔ اَکھ ہے جایہٕ ٹھَہرِتھ بنے حرکتھ ۔

مولا ۔ [ ن ۔ مٗول : مولا < ف : مولا < ع : مولیٰ ]۔ آغہٕ ۔ مالکھ ۔

مولانا ۔ [ ن ۔ مٗول : مولانا < ع : مولانا ]۔ عالمَن ہُند اعزازی خطاب ۔

مولوٗد ۔ [ مٗول : مولوٗد < ع : مولود ]۔۱۔ سوٚ مجلِس یتھ اَندر آنحضرتؐ ہٕنٛدِ وِلادتُک حال بیان کَرنہٕ ییہِ ۔ ۲۔ ختمِ شریف ۔

مولوٗم ۔ [ ن ۔ مٗول : مولوٗم < ع : معلوم ]۔ خَبرِ تَل ۔ وٕتیود ۔ زٲنِت ۔ یہٕ زانَن تَل آسہِ ۔

مولوٗم آسُن ۔ پےٚ پتاہ آسُن ۔ واقفیتھ آسٕنۍ ۔ خبر تَل آسُن ۔

مولوٗم سپدُن ، اَسپُن ۔ پےٚ پتاہ نیرُن ۔ واقفیتھ سپدٕنۍ ۔ فِکرِ ترُن خبر گژھٕنۍ ۔

مولوٗم کرُن ۔ پےٚ پتاہ کڈُن ۔ دریافت کرُن ۔

مولوٗم گژھُن ۔ وُچھِو " مولوٗم سپدُن "۔

مولوی ۔ [ ن ۔ مٗول مولوی < ع : مولوی ]۔ ۱۔ قرآنِ شریفُک دَرِس دِنہٕ وول ۔ ۲۔ عالِم ۔

موم ۔ [ ن ۔ مٗول : موم < ف : موم ]۔۱۔ ماچھ گَنگہٕ سُہ مادٕ یُس شمع بناونَس لگان چھُ ۔ شٹھ دوٚمُت میٚتر تیل ، چربس کوٚڈمُت اَکھ خاص قِسمُک مسالہٕ ۔۲۔ نَرم ۔ مُلائم ۔

موم بَتی ۔ شمع ۔ مومَس بناونہٕ بتی ۔

موم جامہٕ ۔ سُہ کپُر یا کاغذ یتھ نہٕ آب ترِ ۔

موم دِلُن ۔ پَنٕس بیتر دَرِ رِ بایَتھ موم مَتھُن ۔

موم کرُن ۔ نرماوُن ۔ گَملاوُن ۔ لیہٕ اَنُن ۔

موم گژھُن ۔ نَرمُن ۔ گَملُن ۔ لیہٕ یُن ۔

موٗملہٕ ۔ [ < س : مَملو : ملےٚ کٕ ]۔ آلٕژی ییٚمہِ نہٕ وُژھ آسہِ ۔ کایِل ۔ سُہ یُس موٗنیوٗمُت ہیوٚہ آسہِ ۔

موٗمُول ۔ [ مٗول < ع : معمول ]۔ یُہ یمیُک رِواج آسہِ ۔ یہٕ عملہٕ مَنز آسہِ ، چلِو وُن آسہِ ۔ یہٕ دوہے سپدِ ۔

موٗمُولی ۔ [ مٗول : موٗمُولی < ع : معمول + ی ]۔ اَدنا ۔ وُسِیتھ ۔ کَم دَرجُک ۔ کَم قیمتُک ۔

مون ۔ [ ن ۔ مٗول ۔ مون < س : مَونَہ ]۔۱۔ زھویہ ۔ وُنہٕ تہٕ دیتھ ژُھن ہر صدائہٕ آسُن ۔

مون دارُن۔ ژھوپہٕ ہُنٛد وَرتھ ٹھُون، ژھوپہٕ یَختیار کَرُن۔

مون کَرُن۔ وُچھو "مون دارُن"۔

مون ہیٚون۔ ۱۔ ژھوپہٕ دَم کَرِتھ ہُن، ژھوپہٕ لاگُن۔ ۲۔ (دَرگہِ پاٹھی) نمہٕ ساتہٕ بےٚ زُد تہٕ بےٚ حَرکَتھ لاگُن یێلہِ کانٛسہِ ہێشہِ بایُتھ جَکھُن پَزہِ۔ لوٚب ہیٚون۔ گوٚش دِیُن۔

موٚنَث [ مٲل : مونث > ع : مؤنث ]۔ مادٕ۔ زَنانہٕ۔ مُ : مُذکر۔

مونَم۔ [ مٲل : مونَم > س : مَونَم ]۔ ہُزلہِ سان ژھوپہٕ دَم کَرِتھ بیٚہنُس وَنان۔

موٗنہٕ۔ لَبہٕ۔ دہ سہٕ تہٕ دیوار۔ وُچھو "مُونٛی" تہٕ۔

موٗنٛٹھر۔ [ م۔ مٲل : مونٛٹھر ]۔ لوکٕٹ تہٕ اَگل زِنٛی مونٛڈر۔

مونٛٹھُر۔ [ ن۔ مٲل : مونٛٹھر ]۔ ۱۔ لَنگ لَنجہِ ژٹِتھ گَل۔ ۲۔ زِنٛی مونٛڈ۔

مونٛٹھُن۔ وُچھو "مانٛٹھُن"۔

مونٛژھرُن۔ وُچھو "موٗنٛژھراوُن"۔

موو ۱۔ [ ن۔ مٲل : ماو > ؟ س : مایہٕ ]۔ تزکرٕ ڈیٚنٛجہِ ہُنٛز تَھسیپ یا سُہ رَزِ مَکرِ ہِنٛز یُتھ تولَن وِزِ تَھسیپ کَران چھِ۔

موو ۲۔ [ ن۔ مٲل : ماو ]۔ بٕٹہٕ، وانٛسہِ اَمُت۔

موہَن۔ [ ن۔ مٲل : موہَن > س : موہَنہٕ ]۔ خوش بوٗوُن۔ دِلَس پَزِ بیٚہوُن۔

موے [ ن۔ مٲل : موے > ف : موے ]۔ وال۔ مَس۔ م :

"تیٚلہِ کیا کَرِ یِکھ یێلہِ میٚون موے چھَننہٕ"
(لنواز)

موےِ زِہار۔ ہنٛجہِ یٹہِ ہنٛدی وال۔

موےِ مَیان۔ زاوُیل گَر۔ موےِ وال ہیٚکہ گَر۔

موےِ مُبارَکھ۔ کانٛسہِ بُزُرگہِ سُنٛد ریشہِ وال۔ (خاص کَرِتھ حَضرتِ محمدؐ صابُن)۔

موےِ وال۔ اَکھ وال۔ مَس وال۔

موےِ والَس تہٕ خَدشہِ گژھُن۔ تہِ وُچھتھ گو : کُنہِ قِسمُک خَطَر تہٕ داتُن۔

موے چھیٚتُن۔ جَوٲنی یا یادٕہنٛز دوہ اَنٛد واتُن۔ (ل۔ م) کلَک مَس سفید گژھُن۔ بُجر یُن۔

موٕیوس۔ [ < ع : مایوس ]۔ سُہ یُس آش سورِتھ آسہِ۔ دِل بَرداشتہٕ۔ نااومید۔

موٕیوس گژھُن۔ نااومید گژھُن۔ آش سورُن۔

موٕیوسی۔ [ م۔ مٲل : مویوسی > ع : مایوس + ف : ی ] نااومیدی۔

موبلغہ۔ وچھو "مبلغ"۔

موتوال۔ [م۔ مؤل، موتوال] ۔ بتہ پھلی ہنز لینجہ اندر ٹیر کڈتھ بتھ کون روزان چھہ۔

موتوال پھلی۔ وچھو "موتوال"۔

موٹھن۔ [ن۔ مؤل: موٹ < پراکرت: مُٹّ] ۔ ۱۔ وٹھن۔ چرب لدن۔ ۲۔ کنہ ترل چیزس بیتر ٹانتھ گژھنی۔ ۳۔ پھٹن، زیتھن، وسیار لبن (کاربار بیتر)۔ ۴۔ (ورگہ پاٹھی) آماد گژھن، ماٹن، انکار کرن۔

موٹھ۔ [م۔ مؤل: موچھ < پراکرت: مُٹھ < س: مُشٹِہ] ۔ ۱۔ وٹھ اتھ ریتھ بوتاہ وٹھ اتھس منز دانہ ۲۔ موچھ یا موچھو سیتی کینہہ دباون (کینہہ پھلنہ چھو کنہ بیتر ورزیا کانسہ تھکاوٹھ ژلراونہ باپتھ) ۴۔ آلک سہ حصہ یس اتھس اندر رٹان چھہ۔ ۵۔ اتفاق، سمنہ۔

موٹھہ پھش۔ موٹھہ رژھا۔ کم کاسہ موٹ۔

موٹھہ گوگج۔ زیادٕ موٹھ دنہ سیتی کنہ چیزس بیتر گامش برن۔ کانہہ تانہ۔ زیادٕ موٹھ دنہ سیتی امنیوم مت ہیوہ آسن۔

موٹھہ تراونی۔ ۱۔ بہ موچھ منز آسہ تہ بتھر تراوُن ۲۔ زارس بیتر منز بازتراوُن۔

موٹھہ تھاونی۔ پانہ وانی اتفاق تھاوُن۔

موٹھہ دنی۔ کانہہ یا کینہہ موچھ یا موچھو سیتی دباوُن۔

موٹھہ کرنی۔ ۱۔ ژل کرنہ یا دباو تراونہ سیتی خراب کرُن ۲۔ یکٹ کرُن۔

موٹھہ گنڈنی۔ کانسہ راہ لدنہ باپتھ ہژل گنڈُن۔

موٹھہ نپشر۔ منز نپشر۔ دوٕیم نپشر۔

موچھ پھول۔ بیچھ بیچھ سومبرووُمت دانہ تومل بیتر۔

موچھ منز انُن۔ (ورگہ پاٹھی) توبو کرُن۔ پننس بختیارس تل رٹُن۔ پننس قبضس تل رٹُن۔ خدس اندر تھوُن۔

موچھ منز رٹُن۔ خدس اندر تھاوُن۔ خد کرُن۔

موچھ مانگے۔ گرگر بیچھتھ اناجہ موٹھ موٹھ سومبراونی۔

موچھ موٗرُن۔ اتھن دوٕن منز ہاگ کینہہ موٗرنہچ یا کنہ وٹھن دنچ کام۔

موچر۔ [ن۔ مؤل: موچر < وچھو۔ "موٹا"]۔

منڈے آسُن ۔ دیوٗٹھ آسُن ۔

موچھل ۔ [ < وچھو 'موٗٹھ' ] ۔ ۱۔ یُس کینژھا موچھ مٔنز ژٹھتھ ہیکہِ نہٕ ۔ ۲۔ اَتھس کینہہ ہیوٗن لایِق ۔ یَتھ ژر تھپھ روزِ (اتھی پارس ہیتھ) ۳۔ یُس نہٕ اَتھ دوتھ آسہِ ۔ کوٗنڈ، کوٗنجوٗس ۔

موچھل کاکد ۔ اکہِ قٕسمُک پرٛون کاشُر کاکد یُس داہ موچھ ژلیوٗٹھ نہٕ تۄ موچھ کھجر آسان اوس ۔

موحبّتھ ۔ وچھو "محبّتھ"۔

موحترم ۔ [ مٔول : موحترم < ع : محترم ] ۔ عِزتس لایِق ۔ یُس آدر کرُن پزِ ۔

موحتاج ۔ [ < ع : محتاج ] ۔ حاجتھ مُند ۔ بنٛد ۔ لاچار ۔ غرٛیب ۔

موحتاج آسُن ۔ ۱۔ حاجتھ مُند آسُن ۔ ۲۔ کُنہِ چیزٕچ ضرورت آسٕنۍ (کانٛسہِ) ۔ لاچار آسُن ۔ غرٛیب آسُن ۔ اتھہٕ تنگ آسُن ۔

موحتاج گژھُن ۔ بنار گژھُن ۔ کُنہِ چیزٕچ ضرورت پیٚنۍ ۔

موحتاط ۔ [ مٔول : موحتاط < ع : محتاط ] ۔ سُہ یُس اِحتیاط ورتاوِ ۔ وِچھتھ کٔرِتھ دول ۔ یُس ہوشہٕ روزِ ۔

موحتاجی ۔ [ < ع : محتاج + ف : ی ] ۔ حاجتھ مٔندی ۔ لاچاری ۔

موحدوٗد ۔ [ مٔول : موحدوٗد < ع : محدود ] ۔ گنٛڈِتھ ۔ حدس انٛدر ۔ بے گنٛڈ پاٹھۍ نہٕ ۔ بے حِساب نہٕ ۔

موحروٗم ۔ [ مٔول : موحروٗم < ع : محروم ] ۔ کُنہِ یا کانٛسہِ نِشہِ ناوۄمید ۔ کُنہِ نِشہِ گومُت ۔ یُس کُنہِ چیزٕ ورٛژے آسہِ ۔

موحسن ۔ [ مٔول : موحسن < ع : محسن ] ۔ سُہ یُس کانٛسہِ پیٹھ کانٛہہ اِحسان کرِ ۔ نیکی کرن وول ۔

موحسوٗس ۔ [ مٔول : موحسوٗس < ع : محسوس ] ۔ یمیُک اِحساس آسہِ ۔ ژھیوٗنمُت ۔

موحسوٗس کرُن ۔ ژھینُن ۔ اِحساس گژھُن ۔

موحصوٗل ۔ [ ن ۔ مٔول : موحصوٗل < ع : محصول ] ۔ ٹیکس ۔ زرِ ۔ خاص کٔرِتھ سُہ ٹیکس یُس مال بیترِ سارِنس ہیوان چھہٕ ۔

موحفوٗظ ۔ [ مٔول : موحفوٗظ < ع : محفوظ ] ۔ ۱۔ بچیتھ ۔ یتھ یا یمیتھ نہٕ کانٛہہ زکھ واتِتھ ہیکہِ ۔ سمبالتھ ۔ تلیتھ تھوومُت ۔ حِفاظتہٕ سان ۔ ۲۔ اَتھی ۔ موجوٗد ۔

موختار ۔ [ < ع : مختار ] ۔ ۱۔ اِختیار وول ۔ مجاز

پانہٕ خۄد۔ یُس نہٕ کانٛہہ پرٕژھنس آسہِ یُس
سوُے پانس تام آسہِ۔ ۲۔ سُہ یُس کُنہٕ
کامہِ باپتھ کانٛسہِ پنٕنۍ ٲختیار دِتۍ مٕتۍ آسن۔

**موختار نامہٕ۔** سُہ تحریر یمیُک موجوب کانٛسہِ
کُنہِ قسمُک ٲختیار بخشنہٕ یِیہِ۔

**موخصر، موختصر۔** [ن۔ مول: موخصر (ع: مختصر]۔
۱۔ ژھۄٹ۔ یہ نہٕ زیوٹھ یا زیٛٹھر اُدتھ
آسہِ۔ ۲۔ ژھۄٹۍ پاٹھۍ، طوالتہٕ ورٲے۔

**موربہٕ۔** [ن۔ مول: مورب (ع: مُربیٰ۔ م۔
ہ، مُربا]۔ مَدریرِ کِس قوامس منٛز
رلنٲوِتھ تھٲوِی مٕتۍ میوٕ بیتر۔

**مورتد۔** [مول، مورتد (ع: مرتد]۔ یُس
اِسلامہٕ نِشہِ پھیور مُت آسہِ۔

**موردار۔** [مول: موردار (ف: مُردار]۔ ۱۔
موُکُر، ناپاک، حرام، نجس۔ ۲۔ لاش،
موُدمُت گرٛگُن بیتر۔ ۳۔ بدماش،
مالزاتھ۔ ۴۔ یُس ٹکرِس لور آسہِ۔

**موردار گرُن۔** ۱۔ موکُر گرُن۔ ۲۔ لالچ دِتھ
کانٛہہ ناشایان کام کرناوُن۔

**مورد۔** [ن۔ مول: مورد (ف: مُردہ]۔
۱۔ موُدمُت، یُس نہٕ زِندٕ آسہِ، میٚت۔
۲۔ ہمت ہیٚپہ یا یُس سرگرم آسہِ نہٕ۔ بےحرکتھ۔
بےحس۔ ۳۔ یُس نہٕ وُدیوٗگ آسہِ یُس
نہٕ وۄدٕنہٕ ژھانٹھ آسہِ۔ سو جاتھ بیتر
یمیُک وجود نہٕ آسنس برابر آسہِ
یا سو جاتھ یوسہ وۄدٕنۍ پھٹمٕژ آسہِ۔

**مورُدس وُدان بہتھ تہٕ ہنکس وُدان ووٚنہٕ**
تہٕ دپتھ گو روزگارُک غم چھُ توٗتہ مرنٕکہِ
غمہٕ کھۄتہٕ سیٚٹھاہ زیادٕ۔

**موردٕ پرست۔** مرتھ مرتبہ کھارن وول۔
مُرتھ کانٛسہِ گوٚن گنٛوان وول۔

**موردٕ خور۔** ۱۔ موردٕ مُسند ماز کھینہٕ وول۔
۲۔ حرام کھینہٕ وول۔

**موردٕ لاگُن۔** موُدمُت لاگُن۔ بےسورتہٕ
بنے ستہ اُکی سے جایہ بہُن۔ لبٕڑ لاگُن۔
چالاکی نہٕ وُدیوٗگی سان نہٕ کانٛہہ تہٕ
کام کرٕنۍ۔

**موردٕ مال۔** موُدمٕنۍ مُسند مال جاداد بیتر
تہٕ کینژھا یہ کانٛسہِ مُرتھ آسہِ یتھ کُن
ترٕ وۄنُت۔

**موردٕ مالس خور دِلوٕ ردم۔** تہٕ دپتھ گو: لوٗکُن
یا مُفتُک مال اپھرانہٕ ہیٚمرانہٕ گرُن۔

**مورشد۔** [ن۔ مول: مورشد (ع: مرشد]۔
پیر۔ گور۔

موٗرصہٕ کاری۔ [< ع: مرصع + ف: کاری]۔ اکھ خاص قسمُک پشمینہٕ کام۔

موٗرلی۔ [م۔ مؤل: موٗرلی < س: مُرلی]۔ نے، بنٛسری۔

موٗرلی دَر۔ سُہ یُس موٗرلی آسہِ۔ بگوان کرٛشنہٕ سُنٛد اکھ ناو۔

موٗژُن۔ [ن۔ مؤل: موٗژ < س: موچنہٕ]۔ ۱۔ شرہ گُن۔ ۲۔ بیتھ گُن روزُن۔ ۳۔ ڈکھُن۔

موٗغُل۔ [ن۔ مؤل۔ موٗغل < ف: مُغل]۔ تاتاری۔ پرانہٕ ترکن ہنٛد اکھ فرقہٕ۔

موٗغل بٹُول۔ اکہِ قسمُک وٹھ دال داتھ۔ لوزہٕ رکنہٕ چھنٛہ یہِ دال داتھ موٗغلو یور اَژہٕ۔

موٗغلہٕ چاے۔ ۱۔ قہوٕ۔ ۲۔ تتھ پہاری چایہٕ دیان یتھ نُنہٕ بدلہٕ ٹدریر تراوہ۔

موٗغل ڈیشتھ گگرِ ہ فارسی پھوٗرِن۔ تہٕ ڈیٛتھ گوٗہِ زانُن دٲلس برٛونہہ کنہِ گرِ ہ کنھ کرِنٛی تکٕنی۔

موٗغلانی۔ ۱۔ موٗغل قومچ زنانہٕ۔ ۲۔ نازنین۔ ۳۔ اکھ کاشُر ناد تہٕ۔

موٗقدم۔ [ن۔ مؤل: موٗقدم < ع: مقدم]۔ ۱۔ سُہ شخص یُس گامس منٛز ٲلی یہٕ سوٗ مبراوتہٕ باپتھ تھوٗ نہٕ آسہِ آمُت۔ لمبردار۔ ۲۔ گامہٕ زیٹھ۔ ۳۔ (وٲرگہٕ پاٹھی) پیٹھوٗلی۔

موٗقدمس نے پھوہ کرِ دم آسہے گامس ٹلہٕ بے شامس تام۔ پیٹھوٗلس تہٕ نے پیٹھ کانہہ آسہِ سُہ زرنادِ تہٕ کانسہٕ۔

موٗقدم بأے۔ موٗقدم سنٛز زنانہٕ۔ نمبر دار سنٛز آشیٖنہٕ۔

موٗقدم گوٗتہٕ پھوہ کرِ دم آو۔ اکھ ظالم گوٗتہٕ ییِ اکھ آو۔ ظلمہٕ نشہٕ ژٕھ تہٕ تھپہ۔

موٗقدم لاگُن۔ (اہزلہٕ) ٹلو زیٹھا بنُن، پیٹھوٗلی کرنی ہینی، زِچھر ہاوُن نہٕ بہن۔ مام لاگُن۔

موٗقدٕمی۔ [م۔ مؤل: موٗقدمی < ع: مقدم + ف: ی]۔ زِچھر۔ پیٹھوٗلی۔

موٗقدمی کرٕنی۔ (اہزلہٕ) ٹلو پیٹھوٗلی کرٕنی۔ ماہگی کرٕنی۔ ٹلو زِچھر ہاوُن۔

موٗکل۔ [< پراکرت: موٗکلہ < س: مُکتہٕ]۔ فرصتھ۔ موٗکجار۔ کنہِ سیتی آوریر نہٕ آسُن۔

موٗکل آسنی۔ فرصتھ آسنی۔ موٗکجار آسُن۔ یلہٕ آسُن۔

موٗکل ہینی۔ فرصتھ ہینی۔ آوریر نہٕ روزُن۔

موٗکُل۔ [ن۔ مؤل: موٗکل < پراکرت: موٗکلہ < س: مُکتہٕ]۔

۱. (کانْہہ) بِلہٕ آسُن، آدرِ یَرس سینٛز نہٕ آسُن۔ مُچھ۔ فُرصتھ دول۔ ۲. یُس نہٕ پابَند آسہِ۔ ۳. خالی، ژھوٗرُے۔ (مکانہٕ بیتر) یَتھ مَنٛز نہٕ کانْہہ لٲسان آسہِ (ڈٔبہِ یا بیٛیہِ کانْہہ چیز بیتر) یَتھ مَنٛز نہٕ کینْہہ آسہِ۔

**مؤکل آسُن۔** یَلہٕ آسُن۔ فُرصتھ آسنۍ۔ آدر یر نہٕ آسُن۔ کامہِ کارِ دَرِ آسُن۔ پابَند نہٕ آسُن۔

**مؤکل روزُن۔** پَنُن پان مُچھ تھوٗن۔ پانَس نہٕ کانْہہ ذِمہٕ وٲری تھوٗنۍ۔ آزاد روزُن۔

**موکُنْد۔** [ن۔ مؤل : موکُند <س : مُکُند]۔ وِشنوٗ سُنٛد اَکھ ناو۔ کرشنہٕ سُنٛد اَکھ ناو۔

**موکجار۔** [ن۔ مؤل : موکجار <وِچھو "موکُل"]۔ ۱. کانٛسہِ یا کُنہِ لِشہِ نجاتھ۔ آزادی۔ ۲. فُرصتھ۔ کُنہِ سیتر نہٕ آدریر آسُن۔ موکل۔ ۳. خُلع۔ طلاق۔

**موکجار دِیُن۔** خُلع دِیُن۔ زنانہٕ ترٛاوِنۍ۔

**موکجار ہیوٗن۔** خُلع ہیوٗن۔

**موکلاوُن۔** [ن۔ مؤل : موکلاو <پراکرت : موکلہٕ <س : مُکتہٕ، نِچ کہ]۔ ۱. پوٗرٕ کرُن۔ اَند واتناوُن۔ خَتم کرُنی (کانْہہ کام بیتر) ۲. (کانٛسہِ یا کُنہِ لِشہِ) کانْہہ آزاد کرُن۔ موکجار دِیُن۔ ترٛاوُن۔ ۳. کانْہہ کُنہِ لِشہِ اَتھہٕ چھلناوُن۔ ۴. خالی کرُن۔ مَنٛز نہٕ روزُن یتھوٗن۔ ۵. کانْہہ یا کینْہہ بَند آسنہٕ لِشہِ یَلہٕ کرُن۔

**موکلاوِتھ ژھٕنُن، تھوٗن۔** خَتم کرِتھ تھوٗن۔ اَند واتناوُن۔

**موکلُن۔** [ن۔ مؤل : موکل <پراکرت : موکلہٕ <س : مُکتہٕ]۔ ۱. (کانٛسہِ یا کُنہِ لِشہِ) آزاد گژھُن، نجاتھ لبُن، موکجار لبُن، یَلہٕ گژھُن۔ ۲. کانْہہ کام کار بیتر پوٗرٕ کرِنۍ اَند واتناونی۔ فُرصتھ میلنۍ۔ ۳. مرُن۔ زِندگی لِشہِ اَتھہٕ چھلُن۔ ۴. کُنہِ لایق یا یِگر نہٕ روزُن۔ عَنا صِرو ڈولمُت آسُن۔

**موکلیوٗمُت۔** ۱. خَتم گومُت۔ اَند واتناونہٕ آمُت۔ ۲. زُو زِتہٕ کِنۍ بَگرِ یومُت۔ عَناصِرو ڈولمُت۔

**موکھ ۱۔** [ن۔ مؤل : موکھ <س : مُکھ]۔ ۱. بُتھ۔ ۲. آس۔ دَہانہٕ (کھیٛیہِ کر بیتر)۔

**موکھ پشوٗنی۔** سُہ توحفہٕ یُس گوڈنکہِ پھِر ژُرس بُتھ وِچھنہٕ وِزِ دِوان چھ۔

موکھہٕ پُرتھ۔ بُتھ تُرُنڈ۔ بڑوٚنہہ کُنہٕ لحاظہٕ کُنجارِ وُن۔ بُتھہٕ پیٹھ نٔلِتھ جواب دِیُن۔
موکھہٕ پُرتھ دِیُن۔ بُتھس بڑوٚنیٹھ کُنہٕ دُنُن نہٕ لحاظہٕ نہٕ کرُن۔ بُتھ کھیوٚن۔
موکھہٕ دوٚر۔ بکری دوٚر۔ گستاخ۔ بُتھی پھیٛر۔
موکھہٕ لگُن۔ ۱۔ بُتھہٕ لگُن۔ ۲۔ عائس تہٕ خاس مُشر کانٛہہ اِلزام یُن۔ کُنہٕ وانہٕ کانٛہہ اثر بیترِ بُتھس مُتصنہٕ یُن۔ ۳۔ ہانٛگہٕ تہٕ مُنگہٕ کانٛہہ بلاے پیٛنۍ۔
موکھہٕ مَنٛدچھ۔ بُتھہٕ پیٹھک حیا۔ بڑوٚنہہ کُن یِنَس مَنٛدچھُن۔ لحاظ۔ شرم۔
موکھہٕ مُدے۔ بڑوٚنہہ کُنہٕ پامہٕ پام۔ پانہٕ وانۍ مُقابلہٕ داری۔
موکھہٕ مُدے کَرٕنۍ۔ کُنتھن بڑوٚنہہ کُنہٕ مُقابلہٕ کرُن۔
موکھہٕ موکھ۔ رُوبرُو۔ اکھ اَکِس بڑوٚنہہ کُنہٕ۔ (اکھ اَکِس) بُتھِس سیدِ سیوٚد۔
موکھہٕ نیرُن۔ اکِنہٕ چیٖز وِس بیٖنہٕ اشوٚبُن، سَجُن۔
موکھہٕ یُن۔ ۱۔ بُتھہٕ یِیوٚن۔ ۲۔ بُتھہٕ لاگے گژھنۍ۔
موکھہٕ پھیرُن۔ بُتھہٕ بییس طرفس کُن کرُن۔

تَوَجُّہ نہٕ دِیُن۔ مُخالف سپدُن۔ بُتھ پھیرُن۔
موکھ دِیُن۔ (وَرگہٕ پاٹھی) نوٚن ہیوٚرہ نیرُن۔
موکھہٕ رُٹُن۔ (وَرگہٕ) بُتھہٕ پیٹھ نہٕ نظر ڈالنہٕ۔
موکھہٕ کرُن۔ (وَرگہٕ) پیٛیسہٕ کڈُن۔
موکھ۲۔ [ن۔ مُول، موکھ]۔ ماد۔ موٗر۔ رُو نہٕ بایُتھ کُنہٕ گلیچ لُنڈ بیترِ۔ ۲: ویرِ موکھ۔
موکھہٕ دِنہٕ۔ مادِ دِونہٕ۔ موٗرِ رُونہٕ۔
موکھ۳، [<س: مُکھ ستو] ۱۔ زِیُو پیٛنہٕ آسُن۔ پرژھان پرژِھانۍ جواب پھورُن۔ ۲۔ یَس سورے زِیُو پیٛنتس پیٹھ آسہٕ۔ ۳۔ (ہَزلہٕ پاٹھی) سُہ یَس نہٕ زیادِ تُنبر آسہٕ۔ یُس کُنتھے یاتہٕ آسہٕ کران اما پوٚز تَلہٕ آسہٕ نہٕ کیٛنہہ۔
موکھہٕ۔ [مُول، موکھ <س: مُکھ]۔ موجوب۔ خاطرِ۔
موکھت۔ [<س: مُکتہ]۔ آزاد (زِندگی ہٕنزِ بنٛدرِ شوٚرِشہٕ)۔ یُس نہٕ دُنی یادی رزن گَنڈِنہٕ آسہٕ آمُت۔ یِنِمۍ نجات آسہٕ لوٚبمُت۔ یَس پان اَکھ آسہٕ آمُت۔
موکھت گژھُن۔ ۱۔ (دُنیادی خاہشوٚ نِشہٕ) آزاد سپدُن۔ ۲۔ نجات لبُن۔
موکھتہٕ۔ [ن۔ مُول؛ موکھت <س: مُکتا]۔ ۱۔ اکھ موٗلُل تہٕ پُرزلہٕ وُن پھوٗل یُس

اَکہٕ خاص قسمہٕ چوٗ ہانگنوٗ منٛز نیران چھُ۔ ٢۔ گرٕ بن گیلنَن بیترِ ڈکھس پیٹھ ٹیوٗک۔ ٣۔ سیٹھا موٗلُل تہٕ قیمتی چیز۔

**موکھتہٕ پھوٗل۔** ١۔ موکھتہٕ دانہٕ۔ ٢۔ واریاہ موکھتہٕ۔

**موکھتہٕ ٹانگ۔** ٹنگہٕ چالہٕ اَکہٕ قسمُک کنہٕ وَس یتھ موکھتہٕ جٔرِتھ آسان چھُ۔

**موکھتہٕ چھکُن۔** (وَرگہٕ) جان کَتھ کرنہٕ۔ خوش پُرنہٕ کَتھ کرنہٕ۔

**موکھتہٕ گرٕ ژُنبہٕ۔** موکھتُک گُچھہٕ یتھ سیٹھا موکھتہٕ جٔرِتھ یا وُرِتھ آسہٕ۔ موکھتہٕ ہار۔

**موکھتہٕ لر۔** موکھتہٕ وُرِتھ پنہٕ داو بیترِ۔

**موکھتہٕ مال۔** ١۔ موکھتہٕ وُرِتھ اَکھ لوٗد نٕٹرٕ وَس۔ ٢۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ماشوق، محبوب۔

**موکھتہٕ نَم۔** نادر تہٕ کَرنہٕ وُن چیز بیترِ۔ سیٹھا موٗلُل، یتھ نہٕ کانہہ قیمتھے آسہٕ یا نیرِ۔

**موکھتہٕ دوٗنی۔** موکھتہٕ کڈن وول۔ یُس شُر پیشہٕ موکھتہٕ کڈُن آسہٕ۔

**موکھتہٕ ہار۔** موکھتس بنوومُت ہٕٹرٕ وَس؛ یہٕ چھُ واریاہن لرن ہُند آسان۔

**موکھتہٕ ہال۔** ١۔ اَکھ خاص قسمُک دال ذاتھ یتھ زیٹھی تہٕ زآوِلی تومِلہٕ چھلی نیران چھُ۔ ٢۔ موکھتہٕ ہال دال ذاتہٕ ہُند تومُل۔

**موکھتہٕ ہانگنی۔** اَکہٕ خاص قسمُک کاوشُپ ہیکہٕ چیز یتھ منٛز آبہٕ پھیٖرِس موکھتہٕ پھوٗل بنان چھُ۔

**موکھتہٕ ہوٗٹ۔** ١۔ موکھتہٕ ہار گنٛڈِتھ ہوٗٹ۔ ٢۔ واریاہن موکھتہٕ لرن ہُند بنوومُت ہٕٹرٕ وَس۔

**موگ۔** [ن۔ مؤل: موگ < موہہٕ لفظُک بگار]۔

٥۔ موٗگ دِیُن۔ شُرِس اَتھس منٛز بہٕ پیوٗنٛڈ دِیُن۔ موہہٕ دِیُن۔ دہہ دِیُن۔

**موٗل۔** [ن۔ مؤل: موٗل < س: موٗلیہٕ]۔
١۔ قیمتھ۔ باو۔ نِرخ۔ ٢۔ قدر، مرتبہٕ، ہٕدر، عزت۔

**موٗلہٕ برٲے۔** ردہ چیز بیترِ رُنگ ٹنگ قیمتھ برُن یہٕ راوُرمُت یا خراب بیترِ سوٗرمُت آسہٕ، ڈنڈ برُن۔

**موٗلہٕ پکہٕ وُن۔** یہٕ کینژھا گُنہٕ تہٕ قیمتہٕ کنہٕ ہیکہٕ دُز، سہٕ چیز بیترِ یتھ زبردس رنگ آسہٕ۔

**موٗلہٕ پکُن۔** وَروگہٕ موٗلہٕ کنہٕ یُن۔ تھدِ قیمتہٕ کُن یا چلُن۔

**موٗلہٕ پکناوُن۔** دَرگہٕ کنُن۔ دَرگہٕ موٗلہٕ کنُن۔

**موٗلہٕ رٔوست** ۔ ۱۔ یتھ نہٕ کانٛہہ تہٕ قیمتھ گژھہٕ
ہیٚکہِ نہٕ۔ سُہ چیٖز بیٚیہِ پُس درٕہ گرِکھوٗنہٕ
درٕہ گرِ موٗلہٕ کیٚنہٕ یا ہیٚتھ ہیٚکہِ نہٕ۔ ۲۔
(دٔرگرِ پاٹھی) نادِر تہٕ نایاب چیٖز بیٚیہِ۔

**موٗلہٕ سوو** ۔ جان موٗلک۔ تھدِ موٗلک، تھٔدِ
قیمتک۔ یتھ سیٹھا تھوٗد باو آسہِ۔

**موٗلہٕ موٗل** ۔ زیادٕ منگ آسنہٕ کِنہٕ قیمتن
منٛز ہُرہٕ ہُر یا قیمتہٕ نہٕ ڈٔنجہِ روزُن۔

**موٗلہٕ موٗلہٕ پیوٗن** ۔ (کیٛنہٕ یا کانٛہہ) داریاہ دٔنہٕ
دیار گالِتھ تہٕ زُوجان ژٹِتھ حاصِل
سپدُن۔ یہٕ کیٛنہٕ حاصِل کرنہٕ باپتھ
سخ خٲری آسہِ تلِنہٕ پییہِ۔

**موٗل تول** ۔ اَٹھ سٕتھ پاٹھی قیمتھ، باو۔
سرسری پاٹھی وُچھنہٕ زِ کوٗت لوِ۔

**موٗل کرُن** ۔ قیمتھ مُقرر کرُن۔ وُچھُن زِ
کوتاہ لوِ۔

**موٗل کھسُن** ۔ قیمتھ ہرُن۔ باو تھٔدُن۔
(دٔرگرِ پاٹھی) مرتبہٕ ہرُن۔ یہٕ چھُ ہٕرنہٕ پاٹھی
تہٕ لوان وَنہٕ۔

**موٗل کھارُن** ۔ کانٛہہ ہُند یا کیٛنہٕ قیمتھ
ہُرراوُن۔ (دٔرگرِ پاٹھی) مرتبہٕ کھارُن۔

**موٗلہٕ ناوُن** ۔ [ن۔ موٗل : موٗلہٕ ناو < س : موٗلیہ]۔
۱۔ قیمتھ کھر کرُن۔ موٗل مقرر کرُن۔ بازرس
منٛز قیمتھ سندُ ناوُن۔ ۲۔ موٗل کھارناوُن۔
لوکن ہٕنزن نظرن منٛز قدر بڑراونہٕ۔

**موٗلہٕ وان** ۔ وُچھو "موٗلہٕ ناوُن"۔

**موٗلُل** ۔ [ن۔ موٗل : موٗلُل < س : موٗلیہٕ + اُل]۔
سیٹھا قیمتی۔ تھدِ موٗلک۔

**موٗمہٕ** ۔ [ن۔ موٗل، موم < مُم : لاطینی : ممّا۔
پنجابی : ممما]۔ بب، ببہٕ زنانہٕ ہٕندِ
جسمک سُہ اَنگ یتھ منٛز دوٗد
وسان چھُ۔ یُس کیٛنہٕ چھہِ کانٛہہ پُش ہٕنز
ببہٕ تہٕ دنان۔

**موٗمہٕ ٹنگ** ۔ اَکہِ قسمُچ ٹنگہِ دانہٕ۔

**موٗمہٕ ٹیوٗنڈ** ۔ موٗمک بڑٕ ٹیٹھِم جیبہٕ (یُس
دوٗد چینہٕ وِزِ شُر آسس منٛز رٹان چھُو)۔
ببہٕ ہُند کلہٕ۔

**موٗمہٕ چیوُن** ۔ دوٗد ژٕر۔ سُہ شُر یُس وُنہٕ ماجہ
ہٕندِ بے دوٗدس پیٹھ آسہِ۔ (اَنز لہِ)
بڑیٹھیوٗمٹ۔ اَکہِ ڈاے ماشُم۔

**موٗمہٕ دام** ۔ ۱۔ دوٗدٕ باپتھ موٗمس دیٚتِمٕت
ژٕہہ۔ ۲۔ موٗمہٕ منٛز ژٕہتھ کوٗدمٕت دوٗدٕ
گوٚل۔

**موٗمہٕ دُیٖن** ۔ (دوٗد چینہٕ باپتھ) شُرس اُسس

مُنٛز بَب تٔزاوٕنۍ۔

**موٗمہٕ گُژُر۔** شُرۍ کٕتھٕ ' بُبہٕ وَنان۔

**موٗمہٕ گوٗل۔** وُچھو " موٗمہٕ دام "۔

**موٗلُن / مُمنُن / مملُن۔** [ن۔ مژل : موٗمل < ؟ وَیدِک س : مَمنٛدٕ ہَنٛدرٕ ]۔ بے حرکتھ تہٕ بے حِس ہیُوٗ گژھُن (کھوژنہٕ بیترِ سِتی)۔ بے زُو ہیُوٗ گژھُن، رُکٕرتھ ہیُوٗ گژھُن (جِسمک کانٛہہ اَنٛگ) پلوش پٔتر ژرِتھ تاپہٕ سِتی بَرہٕ ہیوٗ گژھُن۔

**موٗلُن اَژان، یُن۔** موٗمنیار گژھُن۔ بے زُو تہٕ بے حرکتھ ہیُوٗ گژھُن۔

**موٗمنُن۔** وُچھو " موٗلُن "۔

**موٗمنیار۔** [ وُچھو ' موٗلُن ' ]۔ موٗمنہٕ ہنٛز حالتھ۔ یِہوے بے زُو تہٕ بے حرکتھ ہیُوٗ گژھنٕچ حالتھ۔

**موٗنہٕ پھوٗل۔** [ن۔ مژل : موٗنہٕ پھَل < س : مَنہٕ پھلَ ]۔ اَچھ ہنٛدِ لالک سُہ مُنٛز یُم جِسمہٕ یِمہٕ سِتی بوزنہٕ یوان چھُ۔ اَچھ ہنٛد لال۔

**موٗنٛجَر۔** [ن۔ مژل : موٗنٛجر < وُچھو " موٗنڈ " ]۔ ۱۔ (اَتھو یا ژرک بیترِ) موٗنڈ یا گُنڈ آسُن۔ ۲۔ تیز ذِہن نہٕ آسُن۔ بُزدِگی۔

**موٗنٛجل۔** ۱۔ [ < وُچھو ' موٗنڈٕ ما ' ] ۱۔ آسن یَس دوٗل۔ یَس دُر پھُپھُر آسہٕ۔ ۲۔ (دُرگہٕ پاٹھۍ) یَزنہٕ وٕہل۔ یَس ساٗری آدر سٔنٛز کار کران آسن۔ ۳۔ یُسُنٛد ساٗری ژٔر لسِپران آسن۔ ۴۔ ژٔرت تہٕ بجان تہٕنٛیُو۔ یَس ہرٕنۍ گوٗن آسن۔

**موٗنٛجبہٕ۔** [ن۔ مژل : موٗنٛجبٹ < س : مُنٛڈٕ ]۔ ۱۔ موٗہار یوٗس ژرٹہٕ آسہٕ۔ ۲۔ (دُرگہٕ پاٹھۍ) سُہ یَس دَبرِنٛس آسہٕ، یَس یکوٗرنٛس آمہٕ۔

**موٗنڈ۔** [م۔ مژل : موٗنڈ < س : مُنٛڈا ]۔ موٗزنانہٕ یَس رُوٗن موٗدمُت آسہٕ۔ راٗد بٔژ (زَنانہٕ)

**موٗنڈٕ ہٕنٛز موٗہر مُٹ۔** سُہ موٗلُل چیز یُس نہٕ کُنہٕ تہٕ لگہٕ۔

**موٗنڈٕ پاٗٹھر۔** ۱۔ موٗنڈٕ ہنٛد طور طٔرز یا موٗنڈٕ ہُنٛد ہیُوٗ طٔریقہٕ بیترِ۔ ۲۔ واریاہ موٗنڈن ہُنٛد اَکہٕ جایہٕ سٔمُن۔ ۳۔ (ہٕزلہٕ) بِنے کٔسۍ ہنٛد بداد۔

**موٗنڈٕ شہزادٕ۔** موٗنڈٕ ہُنٛد نکَس کھوٗتمُت یا خراب گوٗمُت شُر۔

**موٗنڈٕ کَتھ۔** ۱۔ موٗنڈٕ ہُنٛد نیٛچُو۔ ۲۔ بے گَنڈ شُر (ہٕزلہٕ پاٹھۍ) حَرام کَتھ، حَرامُک۔

**موٗنڈٕ وَدل۔** (وِنہٕ ہو) موٗنڈٕ ہٕنٛز باش۔ رُوٗن مُرُن۔

**موٗنڈٕ ما۔** [ن۔ مژل : موٗنڈ < س : مُنٛڈر / مَنٛڈر ]۔

۱۔ گنڈنَس مَنز وٲری یا باز۔ ۲۔ سُہ نِشانہٕ ییٚتہِ پیٹھہِ گنڈَن دول گژھہِ مَنز پونٕہ بیٚترِ لایان چھُہ۔

مۄنڑٕ دَر۔ سُہ لیُس گنڈنَس مَنز لٹھہِ کُج یا پینڈ گنڈَن وٲلِس کُن دٲرِتھ دِیہِ۔

مۄنڑٕ دارُن۔ باز ہورُنۍ۔ پَنُنۍ باز کرِتھ بییِس تہِ باز کرنہٕ دِنۍ۔

مۄنڑٕ دِتُھن۔ وٲری دِنۍ۔ باز گنڈنہٕ دِنۍ۔

مۄنڑٕ رٹُن۔ باز یتھ گنڈُن ہیٚون۔ گنڈنٕچ وٲری رٹٕنۍ۔

مۄنڑٕ یُن۔ گنڈنَس مَنز باز یُن۔ گنڈنٕچ وٲری یِنۍ۔

مۄنڑٕ ۲۔ [< ہ: مُنڈا]۔ لڑکہٕ۔ کوٗٹ۔

مۄنڑٕ باز۔ اَغلام باز۔ مَردَس سٟتۍ زنانہٕ بازی کرَن وول۔ یُس مَردس زنانہٕ کام ہیٚیہِ۔

مۄنڑٕ بازی۔ مَردَس زنانہٕ کام ہیٚنۍ۔

مۄنڑٕ ر۔ [م۔ مۆل: مۄنڑر < مۆنڑ لفظک ژھوٚٹرٕ]۔ ۱۔ لوکٹ مۆنڈی ہَن۔ ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ مۆنڈ۔ ۲۔ اوگر تھوٗگر زنۍ ہٕٹ۔

مۄنڑُر۔ [ن۔ مۆل: مۄنڑر < س: مُنڈُ]۔ (ہزرٕ) چیٖرا گنٛڈ۔

مۄنڑُس۔ [< وُچھِو۔ مۄنڑ]۔ ۱۔ زنانہٕ ہُنز رنٛڈ۔ مَرنہٕ پتہٕچ زِندگی۔ ۲۔ مَرد سُنز آشنہٕ مَرنہٕ پتہٕچ زِندگی۔

مۄنڑُس کڑُن۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) مُصیبتہٕ دوہ کڑٕنۍ، تکلیفس تہٕ پریشانیَن مَنز آسُن۔ تادۍ نۍ دوہ گُذارٕنۍ۔

مۄنڑکھ۔ [ن۔ مۆل: مۄنڑکھ < س: مَنڈوٗکہٕ]۔ (نَر) مان۔

مۄنڑُن۔ [ن۔ مۆل: مۄنڑ < وُچھِو۔ 'مۆنڑ']۔ ۱۔ دارہٕ تیز روزٕنۍ، دار گنڈ گژھٕنۍ (رُتھ یارَس بیٚترِ)۔ ۲۔ مۄنڑُن۔ برٛہمُن۔ عَقل سورٕنۍ۔ (ذٕہین نہٕ گاٹلِس بیٚترِ) ۳۔ کمزور گژھُن، زُدَس مَنز نہٕ روزُن۔ لبٕژُن۔

مۄنگ ۱۔ [ن۔ مۆل: مۄنگ < پراکرت: مُگّ < س: مُدگا]۔ دالہِ ہُنٛد اَکھ جِنٛس۔

مۄنگہِ پھول۔ ۱۔ مۄنگ اَکھ دانہٕ۔ ۲۔ (اَکِنہٕ اَکِس جایہِ) سۆمبرٕ ووٚمُت مۄنگ۔

مۄنگہِ زوٗگَن۔ تہٕ یہِ بتھی کینہٕ کیٚہ باسہِ امالوٗز تولنَس یا گنٛزرنَس کیٖت سیٹھا نیٖر۔

مۄنگہِ دُج۔ ۱۔ مۄنگ وَونچ زمیٖن۔ لوکٹ زمیٖنہِ چَل یتھ مۄنگ ییہِ وَوَنہٕ۔ ۲۔ مۄنگہِ فصلہِ سٟتۍ برنہٕ زمیٖنہِ ٹُکرٕ۔ لوکُٹ مۄنگہِ ڈار۔

موٚنگہِ شال ۱۔ اَکھ دیُٹھ توٗلہِ ذاتھ۔
موٚنگہِ شال ۲۔ (وُرگہِ پاٹھی) سَنِج کھوٗژہِ بُڈ بُہ یُس کانہِ ترِیاگِنہِ تہٕ کھوٗژِتھ ہیٚکہِ۔ یُس کانہہ تہٕ کھوٗژ ناوِتھ ہیٚکہِ۔
موٚنگہِ مُزوٗر۔ موٚنگہِ رس، موٚنگہِ آب۔ موٚنگ ترٛاوِتھ پاکنووُنت آب۔ سیٚٹھا ٹھنٛڈ کھیٚتر۔
موٚنگہِ وٗوٗر۔ مَسالہِ ترٛاوِتھ تیُجہِ ہٕنز موٚنگہٕ ٹکی یا ژٕرٹ۔
موٚنگہِ ہال۔ اَکھ دیُٹھ توٗلہِ ذاتھ۔
موٚنگ ۱۔ [م۔ مٔول : موٚنگ]۔ اَکس شِکارس جانا وار سُنٛد ناو۔
موٚنگ مَرٕنی۔ مَطلَب نیرُن۔ پَننہِ زٕڑ نیرٕنی۔ تہٕ کینٛژن ہا حاصِل یُن۔
موٚنگ مارٕنی۔ پَننہِ جَپل کڈٕنی، پانس کُن کینٛہہ پکہِ پاوُن۔ ۲۔ پیٚ تھوٗنے ژَرُن۔ ژوٗر پاٹھی دَگ تھوٗنی۔
موٚنگ ۲۔ [م۔ موٚکل : موٚنگ (س: مُدگا]۔ یُہرِس پھوٗل۔
موٚنگل۔ [م۔ مٔول : موٚنگل (س: مُدگر]۔ ۱۔ بار۔ اَکھ ہیٚجو دُسل سامانہِ یُس بوٗرٕ ستراونس لگان چھُ۔ ۲۔ ہیٚجوی ٹوکی۔
موٚنگر ۱۔ [م۔ مٔول : موٚنگر (س : مُدگر]۔ ۱۔ اَڈ دٕز زٕنی ہٕٹ یا اَگ بیتر۔ اَڈٕ دوٗد موٚنٹ۔
موٚنگر گژھنی۔ دٕزِتھ ہیوٚن۔ دٕزِتھ ژٕنی گژھنی۔
موٚنگر ۲۔ [م۔ مٔول : موٚنگر (س، مُدگر]۔ گبہ یا ژھاوجہِ ہُنٛد ماد ژھو۔ ژھاوجہِ لوٗت۔
موٚنگر ۳۔ [م۔ مٔول : موٚنگر]۔ ۱۔ گل، بُتھِچ ژٕمٹھ۔ ۲۔ کانٛسہِ شوٚنگناہ ہیوٚن۔
موٚنگر ۱۔ [ن۔ مٔول : موٚنگر (س : مُدگر]۔ ۱۔ گبہ یا ژھاوجہِ ہُنٛد ژھو۔ چھٕر پوٗت۔
موٚنگر ۲۔ [ن۔ مٔول : موٚنگر (س: مُدگر]۔ ۱۔ اَڈٕ دوٗد اَگ یا زٕنی ہٕٹ بیتر۔ ۲۔ (سیر) اَگر کوٚٹ۔
موٚنگول ۱۔ [ن۔ مٔول : موٚنگال (س : مُدگا + اُل]۔ اَکہِ قسمِچ جنگلی وُستوٗ راٹھ۔ یہِ چھُ گرمی دانَن دَوا۔
موٚنگول ۲۔ [ن۔ مٔول : موٚنگال (س : مُدگا + اِل]۔ اَکہِ قسمِچ نیٚچ بینکی وُتھر پانس پیٚٹھ آسان چھُ۔
موٚنگالی بیٚول۔ (وُرگہِ) بے شمار، یِتھ یا یِمَن نہٕ کانہہ گژھندے آسہِ۔ گٔژُن زوٗس، اَنٛتہِ زوٗس۔
موٚنی ۱۔ [ن/م۔ مٔول : موٚنی (آواز بیٹھ]۔ میٚوٹھ۔ ماہ۔ مایہ مَحبتہِ یا شَفقتہِ بیتر کِنی وُچھوٚستھ

بیٚنۍ سٕندِس کُنہِ تالَس ژہ دِیُن۔

موٚنہِ پوٚت۔ شُرِس بیتر کُرنہٕ آمُت مایہ بوٗرُت ناہ نِ۔

موٚنہ کرنہٕ۔ وُچھو "موٚنۍ کرٕنۍ"۔

موٚنۍ کرٕنۍ۔ میوٚٹھ دِیُن، ناہ کرُن۔ وُٹھو سیتۍ بیٚنۍ سٕندِس کُنہِ تالَس ژہ دِیُن۔

موٚنۍ ۔۱۔ کٔز ہنیر سان۔ ۲ کٔز ہنہ رنگہٕ ووٗژہ۔

موٚوَل۔ [م۔ مٔول: موٚوَل < ]۔ وُچھو "مُوَل"۔

موٚہر۔ [م۔ مٔول: موٚہر (ف: مُہر]۔ ۱۔ سُہ چیز یتھ نِشانہٕ یا چھاپہ تراونہ بایتھ ناد بیتر کھنِتھ آسہِ یا ٹمپک ٹھپہ۔ ۲۔ اکھ سونہٕ سُند سِکہٕ۔ بدرگی۔ ۳۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) دسگاہ۔ یختیار (گانسہِ ہنٛد طرفہٕ)۔ ۴۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) زبان بنٛدی، ژھوپہ آسہِ تژوپ۔

موٚہر آسنۍ۔ یختیار آسُن۔ دسگاہ آسُن۔ سُند آسنۍ۔

موٚہر بنٛد۔ یتھ موٚہر کرٕتھ یا تراوِتھ آسہِ۔

موٚہر تراوٕنۍ۔ موٚہرِ سیتۍ ٹھپہ کرُن۔

موٚہر تلنۍ۔ دارِو داتنس پیٹھ ہشرِ بیتر ہنٛد نوشہٕ ژُتھ پیٹھ پوٚز نفوذ تُلنۍ۔

موٚہر زہر۔ سونہٕ روپہٕ گہنہٕ، سونہٕ ہنٛدِ ن تہٕ روپہٕ سٕندِ ن گہنَن ہُنٛ اشارہٕ ژھو وَنان۔ گہنہٕ پاتھ۔ ہَن دانۍ۔

موٚہر کرٕنۍ۔ ۱۔ سیلہٕ ہنٛد ٹھپہ یا مُوس تراوُن۔ موٚہرِ سیتۍ چھاپہ تراوُن۔ ۲۔ موٚہرِ سیتر چھاپہ تراوِتھ بنٛد کرُن۔

موٚہر گن۔ موٚہر بناوَن وول۔ یُسُند پیشہٕ موٚہر بناونہٕ آسہِ۔

موٚہر نبوٗت۔ ۱۔ موٚہر ہنٛد ہیوہ سُہ نِشانہٕ یُس آنحضرتن شانَن مَنٛز باگ اوس۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) نایاب۔

موٚہر واٛج۔ ناوٕچ یا نِشانٕچ موٚہر تراونٕچ واٛج۔

موٚہتمِم۔ [ن۔ مٔول: موٚہتمِم (ع: مُہتمِم]۔ اِنتِظامی۔ مینیجر۔

موٚہر ۱۔ [ن۔ مٔول: موٚہر (س: ہرشٹہ]۔ بوتلہٕ ژوک یا ہار نول بیتر یمہٕ سیتۍ گُگھر گُگھرِ دِتھ کُنہِ چیزس چمکہ ییہ کھارنہٕ۔ کانٛہہ چیز نایہٕ ناوُنک سامانہٕ۔ مہارنگ شیشہٕ ژوک۔

موٚہر دِیُن۔ مشقہٕ پٹ بیتر بوتلہٕ ژوکہٕ سیتۍ گُگھر دِنہٕ کنۍ پِشلاوٕنۍ۔

موٚہر ۲۔ [ن۔ مٔول: موٚہر (س: میوٗر]۔ موُرِ سنٛز

تیر (یم یٹھ پاٹھی شری کتابن اندر تھوان چھ)

موہر گچھ ۔ اکھ قیمتی رٹھہ دار (اوس) گاسہ۔
موہرِ گنج ۔ اکھ وسٕنز گاسہ ذاتھ یتہ سفید پوشس نیران چھ۔

موہلتھ ۔ [ م ۔ مۆل ؛ موہلتھ < ف ؛ مہلت < ع ؛ مہلۃ ]۔ ۱۔ فرصتھ ۔ موکہ جار ۔ موکل ۔ ۲۔ کانٛہہ کام بہتر انجام انٛنہٕ باپتھ کینٛژس وقتس دِنہٕ آمٕژ فرصتھ ۔ میاد پژھی مقرر کرٕی یتی کینٛہہ دوہ بہتر۔

موہلتھ دِنۍ ۔ فرصتھ دِنۍ ۔ موکل دِنۍ ۔ کام بہتر انجام انٛنہٕ باپتھ کینٛہہ وق دِنۍ۔

موہلتھ نہٕ دِنۍ ۔ بانٛبر پادِنۍ ۔ جلدی کرناوُن۔

موے ۔ موٗیا ۔ [ < ف ؛ موے ]۔ رٔژھا ، پیکٕنتا ۔ کٔمے۔

موٗے وال ۔ [ ن ۔ مۆل ؛ موٗے وال < ف ؛ موے + س ؛ بالہ ]۔ ۱۔ مٔس وال ۔ ۲۔ (کُنہٕ اندرٕ) کٔمے پیوٚنتا ۔ یِہوے مٔس والس یوت ۔ (ادر کِنہٕ پاٹھی) سیٹھا زاوُل ، ضعیف ۔

مو ۔۔ والس نہٕ خدشہٕ گژھُن ۔ کانٛہہ تہٕ نقصان نہٕ واتُن ۔ بلکہ نہٕ کانٛہہ تکلیف واتُن۔

مٔے ۔ [ < س ؛ مے ]۔ دٔنی دالس ، کٔتہ

کرُن والِس۔

میٖحنتھ ۔ [ م ۔ مۆل ؛ میٖحنت < ف : محنت < ع ؛ محنۃ ]۔ ۱۔ جکھُن جوٗرُن مشقتھ ۔ مۆزٕوری ۔ کوٗشش ۔ زوٗرٕٹُن ۲۔ ریاضتھ۔

میٖحنتھ کرِنۍ ۔ ۱۔ کینٛہہ حاصل کرنہٕ باپتھ زُد زٕٹُن ، سخ کوٗشش کرِنۍ ۔ جکھُن جوٗرُن۔ ۲۔ ریاضتھ کرِنۍ۔

میٖحنتھ کش ۔ ۱۔ میٖحنتھ کرن وول ، جفاکش ۔ ۲۔ مۆزٕوٗر۔

میٖحنتھ مشقتھ ۔ سخ میٖحنتھ ۔ زوٗرٕٹُن (کُنہٕ کامہٕ بہتر پٔتھ)۔

میٖحنتھ مۆزٕوری ۔ کام کوٚٹ بہتر یوسہ روٗزی کماونہٕ باپتھ کرِنہٕ۔

میٖحنتانہٕ ۔ [ ن ۔ مۆل ؛ میٖحنتان < ف ؛ محنتانہ ۔ بِہچھو ۔ محنت تہٕ ]۔ کام کرِنۍ اُجرتھ ۔ مۆزٕوری ۔ ماوِنہٕ۔

میٖحنتی ۔ [ ف : محنتی < ع ؛ محنۃ + ی ]۔ یُس سخ مشقتھ کران آسہِ یا یُس کُنہٕ باپتھ زوٗرٕٹان آسہِ ۔ یُس کُنہٕ باپتھ دِلہٕ جانہٕ جکھان جوٗران آسہِ ۔ یُس سخ میٖحنتھ کرُنک عادتھ آسہِ جفاکش۔

میٖحوٗر ۔ [ ن ۔ مۆل ؛ میٖحوٗر < ع ؛ محور ]۔

مَنڈُل یتھ اَندی اَندی زٕمین تْرٛان چھُ۔
تہٕ یتھ اَندی کانْہہ چیز نَشہِ۔
مێنہمان۔ [ مۄل: مێنہمان < ف: مہمان ]۔ ۱۔
پۄژھ۔ یُس سانِس آمت آسہِ۔ ۲۔ (ورگہ
پاٹھ) یُس نہٕ رۄزٕنۄن یا نہٕ درِدۄن آسہِ۔
مێنہمانداری۔ پۄژھو لاز۔ پۄژھس پیالہٕ برداری۔
پۄژھ پۄزا۔
مێنہمان داری کَرٕنۍ۔ پۄژھس یتھ شوٗبہٕ تیتھ
یژھ کرٕن۔ پۄژھ پۄزا کرٕنۍ۔ لازِم داری۔
مێنہمان نواز۔ یُس پۄژھس جان خاطر کرِ۔
مێنہمان نوازی۔ پۄژھس واتُن۔
مێنٕے۔ [ < س: مے ]۔ صِرف مٕنے تہٕ بێیہِ
نہٕ کانْسہِ۔
مێنٕے بوت۔ صِرف منے۔ منے تہٕ بێیہِ نہٕ
کانْسہِ۔
میٖٹھ۔ [ ن۔ مۄل: میٖٹ < انگ: میٖٹ ] ماز ژوٗرن
ہُنْد زٕنیٖڈ۔
میٖٹھائے۔ کھاندرکِہ دوہ یہ مہارازس ہووُر طرفہٕ
سوزنہٕ آمتہٕ چیٖز بێیتر۔
میٖٹھُن۔ [ < پراکرت: مٹھ < س: مرشٹ ]۔
۱۔ مۄدُرُن۔ مۄدُر بَنُن یا گرٕعَن (کھینہٕ باو
بیتر)۔ ۲۔ نرمُن، ڈَنرِین، خوش کرٕدُن

ٹُجُن (کوٗر تہٕ ڈوٗکُر انسان بیتر) ۳۔ کانْہہ
سیتیٚ کیتھ بیتر کران مژٕمُن۔ ۴۔ کنْہ ماسُس
بیتر مَنز دِلچسپی نَنۍ۔
میٖٹراوُن، میٖٹھرُن۔ [ ن۔ مۄل: میٖٹھراو < س:
مرشٹ ]۔ مدر کیتھ بیتر وُنْتھ لیداُن،
دُتہٕ اَگُن۔ مۄدراوُن۔
میجَر۔ [ ن۔ مۄل: میجر < انگ: میجر ]۔ کپتانس
کھتہٕ فوجی اَفسر۔ کپتانس کھتہٕ فوجی
اَفسرن ہُنْد بیاکھ دَرجہ۔
میجر جنرل۔ برگیڈیرس تھۄد اکھ فوجی عوٚہدٕ۔
میچ۔ [ ن۔ مۄل: میچ < انگ: MATCH ]۔
۱۔ کھیلن ہُنْد مُقابلہٕ۔ ۲۔ ہِشر۔
میچ کرُن۔ (رنگ بیتر) رلُن۔ ہِشر باسُن۔
میچھر۔ [ ن۔ مۄل: میچھر < دُیچھو، میٖوٹھ ]۔
۱۔ مۄدُر آسُن، میوٹھ آسُن (کھێن
چێن بیتر)۔ ۲۔ خوش کرُن آسُن، دِلس
ٹھہتھ نوٗن آسُن (آواز بیتر ہُنْد)۔
میخ۔ [ م۔ مۄل: میخ < ف: میخ ]۔ ۱۔
وۄبہِ ٹکلہٕ کرٕنہٕ کنیٖ۔ ۲۔ پوٚن۔
میخ بکارُنۍ۔ (کانْسہِ) اَڈٕنہ اڈ کرِتھ سَخ
ہراز دِژن۔ کانْسہِ اُستاد وارٕلتھ پتہٕ
کاٹھس کھارُن۔

میڈم۔ [ م۔ مؤل : میڈم ( انگ۔ MADAM ]۔
زنانہ یزتہٕ پَرٕھ وَنان۔

میرنو [ ن۔ مؤل : میرنو ( انگ : MERINO ]۔
باڈوٚ بڈ اکھ خاص تیپہٕ ذاتھ یتھ باقیو
تیپہٕ ذاتٕو کھوتہٕ زیادٕ پیہہ وسان
چھُ۔ مٔریٛنہٕ کٕٹھ۔ تَس کٕٹھ یُس مٔریٛنہٕ
پیہہ وسان چھُ۔

میز۔ [ ن۔ مؤل : میز ( ف : میز ] ردن
پاین پیٹھ تختہٕ لاگتھ اکھ فرشی سامانہ۔

میزبان۔ [ ن۔ مؤل : میزبان ( ف : میزبان ]۔
یُس پوشہ پیہ۔ پٕرٕھ وول۔

میکھل۔ [ م۔ مؤل : میکھل ( س : میکھلا ]۔
یونہٕ ترٛاونُک سنسکار۔

میکھل تارٕنی۔ میکھل دِنی۔ میکھلہٕ ہُند
سنسکار پوٗرٕ کرُن۔

میکھلہٕ مہراز۔ سُہ یُس میکھل آسہ۔ یُس
یونہٕ آسہ ترٛاوُن۔

میکھلہٕ وول۔ ۱۔ سُہ یُس میکھل آسہ الیس
یونہٕ آسہ ترٛاوُن۔ ۲۔ سُہ یَتھ رس
گرٕہی منٛز میکھلہٕ ہُند سنسکار پوٗرٕ
کرنہٕ آسہ یوان یا پوٗرٕ آسہ کرُن۔

میگ۔ [ لا۔ مؤل : میگ ( ؟ س : میگھ ]۔
اچھوتن ہٕنٛز اکھ ذاتھ۔

میگنو۔ [ م۔ مؤل : میگنو ( وچھو۔ میگ ]۔
اچھوتن ہٕنٛز میگ ذاتہٕ ہٕنٛز کانٛہہ زنٛی۔
میگہ باے۔

میگزین۔ [ ن۔ مؤل : میگزین ( انگ : میگزین
MAGAZINE ]۔ ۱۔ رسالہ۔ مضمونن ہٕنٛز
کتاب یوٚس وقتہٕ وقتہٕ گنڈتی پاٹھی
نیران آسہ۔ ۲۔ بوٗنٛدوٗقُک سُہ حصہ
یَتھ اَندر گولہٕ آسان چھیٚنہ۔

میگنیٹ۔ [ ن۔ مؤل : میگنیٹ ( انگ : میگنیٹ
MAGNET ]۔ مقناطیس۔

میل ۱۔ [ ن۔ مؤل : میل ( انگ : میل۔
MAIL ]۔ ڈاک۔

میل گاڑی۔ ڈاک سارنہٕ باپتھ خاص گاڑی۔

میل ۲۔ [ ن۔ مؤل : میل ( س : میلہ ]۔
مٕیل، ملاپ۔ اکھ اَکِس نکھہٕ یُن۔

میل گیل۔ مُیل۔ ملاپ۔ سیٚج پانہٕ نیار۔

میل ملاپ۔ اکھ اَکِس سیتی میلُن گیلُن۔

میلہِ وَنی۔ [ م۔ مؤل : میلہِ وَنی ( س : میلہ +
پننیہ ]۔ سمکھ وَنی۔ سُہ توحفہ یُس کوٗرِ
سون یا گژبر موج گوڈٕ نچہِ رٕژ کورِ چھنس
پیٚٹھ کورِ مالین سوزان چھِ۔

میلۍ وُن ۔ [ن ۔ مؤل ، میلۍ وُن < وچھو ' میلُن '] ۔
١۔ واٹھ کھسِتھ ہیُن ۔ یہ کینژھا گُنہٕ بتھ
واٹِتھ ہیکوز ۔ ٢۔ رَبہٕ وُن ۔ رَلہٕ وُن ۔

میلُن ۔ [ن ۔ مؤل ، میل < س : میلنہ ] ۔
١۔ اَکھ اَکِس سَمکھُن ۔ ٢۔ وَسیاب سپدُن
بنُن ۔ حاصِل سپدُن ۔ ٣۔ رلُن ،
جوڑ گژھُن ، واٹنہٕ یُن ۔ ٤۔ رلُن ۔ حل
گژھُن ۔ اُڈرنہٕ بیترِ یُن ۔ ٥۔ رنگ گرُن ۔
٦۔ ہشر آسُن ۔ ہیوٗ آسُن ۔

میلُن گیلُن ۔ اَکھ اَکِس سٟتی وۄتھُن ہیُن ۔

میمار ، معمار ۔ [مؤل : میمار < ع : معمار] ۔ ١۔
مکانہٕ بیترِ بناوَن وول کارِگر ۔ دِیسال
پھان بیترِ ۔ ٢۔ کانہہ ہیُتر بناوَن یا
کھارَن وول ۔ رم : توٗتک میمار ۔

مین ۔ [ن ۔ مؤل : مین < پراکرت : مِنہ اِ ۔ آنہ]
ناپ ۔

مینہٕ مین ۔ حسابہٕ جایہٕ مینہٕ تِہ کام مینُن
تہٕ میٖنُن ۔ گرِ تہٕ گرِ کُنہٕ چیٖزس راد
ہونہٕ وُچھُن ۔

مینُن ۔ [ن ۔ مؤل ، مین < پراکرت ، مِنہ اِ ۔ آنہ]
اکِس مینِتھ یا تولِتھ وُچھُن زِ کوتاہ چھُہ ۔
کُنہِ گژھتھ بیترِ وُچھُن ۔ ٢۔ کُنہ بانہٕ منز
کُنیک وَزن سٕر گرُن ۔ رم : توگہٕ بیترِ
مینُن ۔ ٣۔ مذہبی رَسمَن اَندر گُنہٕ آب
باوُن ۔

مینَن بانہٕ ۔ میٖنہٕ بانہٕ ۔ سُہ بانہٕ یتھ منز
کُنیک کانہہ خاص مِقدار واتان آسہِ ۔
تہٕ یتھ سٟتی وَزَن گرنہٕ یِیہِ ۔

مینَن وول ۔ حساب کتاب ہینہٕ وول ۔
لُزرتھ ہینہٕ وول ۔

مینہٕ تول ۔ ١۔ ناپ تول ۔ ٢۔ سِرگی ۔ ٣۔ ہیُتر
بانہٕ سٟتی وَزَن سٕر گرُن ۔

مینہٕ تول کرُن ۔ ناپ بیترِ ہیتھ یا وَزن
بیترِ وُچھتھ سٕر گرُن ۔

مینہٕ وٕنی ۔ کینژھہٕ مینہٕ تہٕ مؤزوٗری مینَن دیار ۔

مینتھُن ۔ [م ۔ مؤل : مینتھن < س : منتھنہ] ۔
اَکھ راٹش ہُند ناو ۔

مِحراب ۔ [ن ۔ مؤل ، مِحراب < ع : محراب] ۔
١۔ دار دَروازَس بیترِ گولآیی سان کھارنہٕ
آمژ چھتھ ۔ ٢۔ مَشیدِ بیترِ منز
قبلہٕ طرفہٕ آرشکلِ یا گولآیی سان
کھارنہٕ آمُت طاق ہیوٗ یتھ منز بُتھ
کرِتھ امام نماز پرناوان چھُ ۔ ٣۔ گولآیی
سان بناونہٕ آمژ ڈیڈی بیترِ ۔ لنگہٕ تھر ۔

**میڈل۔** [ن۔ مۄل : میڈل < انگ : میڈل۔ MEDAL ]۔ تمغہٕ۔ نشان یُس کانٛسہٕ کانٛہہ کارنامہٕ ہاوُنس پتہٕ (ییٚزتہٕ پٔرٛزٕ) دِنہٕ ییِہ۔

**میرجان۔** [ن۔ مۄل : میرجان < ف : مرجان]۔ لٔدٕر۔

**میرزاےٚ۔** [مۄل : میرزاے < ف : مرزائی]۔ مرزا غلام احمد قادیانی سُند پارٕ دکار۔

**میزمان۔** [ن۔ مۄل : میزمان < ف : میزمان]۔ وُچھو "میزبان"۔

**میٚژل۔** [< میٚژ + اَل۔ وِچھو۔ "میٚژ"]۔ ۱۔ سُہ یُس گرٕ گرٕ میٚژ سیٚتی گران آسہٕ۔ یُس میٚژ تہٕ میٚژ مشغان آسہٕ۔ ۲۔ سُہ یُس گرٕ گرٕ میٚژ سیٚتی اتھہٕ میٚژ چھلان آسہٕ۔

**میس۔** [م۔ مۄل : میس < ]۔ نیچ گاٹرٕ گوٚرج۔

**میقدار۔** [مۄل : میقدار < ع : مقدار]۔ مِتر۔ وزن۔

**میقراض۔** [م۔ مۄل : میقراض < ع : مقراض]۔ دُکاٹرٕ۔ کاٹھ مَس میٚژ کرٛپِنک یا کپُر میٚژ کَپٹنک اکھ آوزار۔

**میقراض وایُن۔** ۱۔ سورٕے ژٔٹنہٕ ترٛاوُن۔ ۲۔ پھاس ترٛاوُن۔

**میقناطیس۔** [ن۔ مۄل : میقناطیس < ع : مقناطیس]۔ اکھ خاص مادٕ یُس شیٖشرس پانَس کُن لمان چھُ۔

**میکینک۔** [مۄل : میکنِک < انگ : میکینک MECHANIC ]۔ مستری۔ مشین میٚژ چلاوُن دول یا ٹھیٖکھ کرٛن وول کارِگر۔

**میمبر۔** [مۄل : میمبر < انگ : میمبر MEMBER]۔ رُکُن۔ دکنہٕ مجلسہٕ یا کمیٹی میٚژ ہُند۔

**مینٹل۔** [ن۔ مۄل : مینٹل < انگ : مینٹل۔ MANTEL ]۔ اکھ قسمٕچ جالہٕ گوژ یُس گیس لمپس منٛز سٕنج گرم گژھتھ گاش دِوان چھے۔

**میٚنٛزر۔** [ن۔ مۄل : میٚنٛزر < س : منٛدا]۔ ۱۔ ہیوٚند آسُن۔ میٚنٛدرٕ بیمارٕ۔ ۲۔ بیمارِ لٔد آسُن۔ نہٕ ہیکنچ حالتھ۔

**میٚنٛزُر۔** [ن۔ مۄل : میٚنٛزر < ]۔ زیُن کنُن دول۔ زٔرٕ منٛڈی وول۔

**میٚنگ۔** [م۔ مۄل : میٚنگ < م۔ ہ : میٚنگ]۔ ڈیکس تہٕ کنس منٛز باگ کلگ جھیہٕ۔

**میٚنگٕن نار آسُن۔** شرارتہٕ سیٚتی میٚنگہٕ دوٚکنہٕ شرارتہٕ سیٚتی میٚنگو کِنی نار ژٔھٹُن یا نار گنڈُن۔

تہٕ ڈیٹھ گو: سخ پھوشنی، تژکھ کھسن۔
میٹنگہٕ تژگر۔ بتھ پھیٹر، گُستاخ۔
میٹنگہٕ تژکراونہٕ۔ روب کرُن۔ بتھ پھرُن۔
میٹنگہٕ ٹھُس ٹھس۔ ژھوکھ، دُزبژ، رکبر۔
میٹنگہٕ دگ۔ ۱۔ سو کانہہ کام بیترٕ یتھ سیتی گیوٗر دوٚتھ۔ یتھ سیتی کلہٕ دود کرِ۔ ۲۔ بکواس بوزی بوزی میٹنگہٕ گو بنہٕ۔ میٹنگن دگ کرٕنی۔ ۳۔ (محاورہ) کُنہ تتھ چیزس یا کامہٕ پتھ ترٕ دُنان یتھ نہٕ کینہہ حاصل آسہٕ۔ بلہ بکواس۔
میٹنگہٕ دگ تُلنی۔ بکواس کرِ کرِ یا بکواس بوزِ ناوی بوزِ ناوی گیوٗر تُلُن۔
میٹنگہٕ دوٗد۔ رکبری، ژھوکل۔ یُس سخ دُزبژ آسہٕ۔
میٹنگہٕ ژور۔ میٹنگہٕ ہُند منزیم حصہٕ یُس بنہٕ سان آسان چھُ۔
میٹنگہٕ کڈٕنہٕ۔ بکواس بوزناوی بوزناوی تنگ اُنُن، گیوٗر تُلُن۔ کنہٕ کرِ کرِ تھکراوُن۔
میٹنگہٕ کھینہٕ۔ (کانہہ) کنہٕ کرِ کرِ تھکراوُن، بکواس بوزناوی بوزناوی گیوٗر تُلُن یا تنگ اُنُن۔
میٹنگہٕ واو کرنہٕ۔ سخ شرارتھ کھسُن۔ شرارتہ سیتی میٹنگہٕ دینہٕ۔

میٹنگہٕ دوٚتھنہٕ، دوکنہٕ۔ ہیمبرٕ دتھیتھ گڑھنہٕ۔ سخ شرارتھ کھسُن۔
میٹنگ کرٕنی۔ روب داب کرُن۔ دبارٕ کرُن۔ دماغ ہاوُن۔ نَس کھارٕنی۔
میٹنگ ہاوٕنی۔ تژکجار کرُن۔ روب ہاوُن۔
میٹنگل۔ [ مؤل ؛ میٹنگل > میٹنگ + اُل ]۔ میٹنگہٕ تژگر۔ میٹنگہٕ دوٗد۔ یُس میٹنگہٕ دوٚتھان آسِن۔
میٹنگنہٕ۔ ہُنک میٹنگن۔
میٹنگنہٕ گار۔ ہہ چھمنہٕ ہنچ گار گوجرٕ یمن تادٕ سیتی ژھوکھ آسہٕ لوگمُت۔
میٹنگنہٕ گور۔ اکھ ہنچ گارٕد ذاتھ۔
میٹنگن۔ [ ن۔ مؤل ؛ میٹنگن > دٕچھو : میٹنگنی ]۔ ۱۔ کٹس بیترٕ سُنار گھرِ پھوٗل، سُنہٕ پھوٗل۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھی) لوکٹ اُستھ پھینپل یا کنہٕ تژگر۔
میٹھو۔ [ ن۔ مؤل ؛ میٹھو > آوازِ پیٹھ ـــ ]۔ بٔساری آواز۔
میٹھو بژور۔ ۱۔ سہ بژور یُس زیادٕ میٹھو میٹھو کران آسہٕ۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھی) سُہ شُر یُس وُدان تہٕ وُدان آسہٕ۔ سُہ شُر یُس زیادٕ بژٕ ژھان آسہٕ۔

مینوٕ گرِتھ۔ یکدم۔ کھٕرٕ ڈٕ گرِتھ۔ تار تھونے۔

میوٕ۔ [ن۔ ئول : میو (ف : میوا]۔ ۱۔ ژۄنٹھ، ٹنگ، رِکلاسہٕ بیتر رنگی پھل۔ ۲۔ شیرٕنی، جَل گوزٕ، کھٕژرتہٕ بادام بیترِ یِم مِہارِ تہٕ مِہارازٕس چھکان یا سۄہِن بینرِ سوزان چھہٕ۔ ۳۔ نتیجہٕ۔

میوٕ چھکُن۔ شیرٕنی چھکنۍ۔

میوٕ دار۔ سُہ کُل بیترِ یتھ میوٕ آسِن یا میوٕ نیران آسن۔

میوٕ دٕرج۔ [ہم۔ ئول : میوٕ دَرج]۔ شیرٕینہٕ تہٕ نابدٕ بیترِ سیتہٕ بَرِتھ ڈَج یُس سوٗنۍ بیترِ اکھ اَکِس سوزان چھہٕ۔

میوٕ زار۔ میوٕ باغ۔

میوٕ ژھر۔ میوٕ کھونہٕ باپتھ اکھ خاص قسمچ ژوٕکرٕ راوٕن۔

میوٕ کُل۔ ۱۔ سُہ کُل یتھ پھل نیران آسن۔ ۲۔ (ہٕر پاٹھی) سُہ یُس نِش فایدٕ تمرِ۔ ۳۔ اولادِ ہنز۔

میوٕ وٕنۍ۔ سُہ زمینہٕ ٹُکُل یتھ دارِیاہ میوٕ کُل آسن۔ میوٕ کُلو دار۔

میوٕ ہیر۔ اکھ خاص قسمچ ہیر یُس سٕنھد ہو کُلبو پیٹھ میوٕ والنس لگان چھنے۔

میادٕ۔ [ن۔ ئول : میاد (ث : معدہ]۔ یڈ اَندرِیُم سُہ گوشرٕ ہیکہ حِصہ یتھ منز کھینیس چیزس ترٕسہ کیمیائی حالتہٕ گرژھان چھنے۔ یتھ سیتی سُہ شرپٕن لایق بَنان چھُ۔ ڈونب۔

میادٕ پھٹُن۔ میادس کھین خورٕدُنی شیزٕ ہُنگ جان طاقتھ یُن۔ میادس جان پکراٗسُن۔

میادٕ پکپر۔ میادس کھین خورٕدٕنۍ شیز پراوُنک جان طاقتھ آسُن۔

میادٕ چھلُن۔ اَندرِم کٕتھ ہینی۔ کاٗنسہٕ ہنزن اَندرِمِن کَنقَن واتُن۔

میادٕ دٕرٕ۔ ۱۔ سُہ یُس طاقتور میادٕ آسہٕ۔ یُس پرٕتھ کانہہ کھینہٕ باوٕ تشریاٗت آسہٕ۔ ۲۔ (ژرگہٕ پاٹھی) بُرٕنی، گوٗہٕ رِ ودِل۔ یُس یہٕ کھوترانی ترانہٕ آسہٕ۔

میادٕ ڈٕاُن۔ ۱۔ اپاڈِک گرٕژھن۔ کھین تہٕ شرپنہٕ کِنۍ مُشکل گرٕژھن۔ میادٕ نہٕ قرارس منز آسُن۔ ۲۔ ٹوزُن۔

میادٕ وٕچھُن۔ دعنہٕ ہیوان۔ نمہٕ دِیُن۔ دوٗژھتہٕ دٕچھُن۔ کانٕسہٕ ہُندٕ اَندرون سِرٕ کرُن۔

میادٕ ہیوان۔ دٕچھو "میادٕ وٕچھُن"۔

میاں۔ [ن۔ ئول : میاں (آوازِ پیٹھ]۔

۱. کٔٹہٕ سُنٛد آواز۔ ۲. کٔٹہٕ بچہ۔

**میاں پوت۔** کٔٹہٕ پوٗت۔

**میاں گٹھ۔** لوکُٹ کٔٹہٕ بچہ۔ چھر۔

**میانہٕ۔** [ن۔ مؤل : مِیان > ف : میان ]۔ مَنٛز۔ کُنہِ چیزُک مَنٛزِم حِصہٕ۔ مَنٛزِم جاے۔

**میانہٕ دِیُن۔** گیلَس بیترِ مَنٛز کھش والُن۔

**میانہٕ رَٹُن۔** مَنٛز رَٹُن۔

**میانہٕر۔** [ن۔ مؤل : میانہٕر > دِچھو۔ 'منے' ]۔ پرٛزنہٕ پیٚٹھو یا نہٕ نیار یا ماے محبتھ۔ حدٕ زیادٕ مہا مہا۔

**میٛل۔** [ن۔ مؤل : مِل > س : مِل ]۔ ۱. مِلاپ، میلُن، رَلُن، سمکھُن۔ ۲. وَصل، سَنٛگ۔

**میٛل کرُن، میٛل کٔرِتھ دِیُن۔** جُدا گامتی رَلاوِنۍ۔ زٕ ذری اکھ اَکِس نکھہ انُنۍ۔ دوٚن دَرِیَن واٹھ کٔرِتھ دِیُن۔

**میٛل گرٛژھن۔** سمکھُن۔ مِلاپ سیُدرُن، دوٚن ہُند اکھ اَکِس سمکھُن۔ دوٚن گَنٛڈے گرٛژھن۔

**میوٗٹھ۔** [ن۔ مؤل : میٹھ > پراکرت : مِٹھٹھ > س : مِشٹ ]۔ ۱. مۆدُر۔ یتھ میٹھر آسہٕ۔ ۲. مۆذ، نہما۔ ۳. (دورگرٕ پاٹھۍ) خوش یوٗن۔ مزدار۔ ۴. (دورگرٕ پاٹھۍ) یُس رَلہٕ وُن آسہٕ۔ یُس نہٕ کرٛۄدٕ آسہٕ۔

**میٹھہٕ دَگ۔** سوٗت دَگ۔ دَگ یمہٕ سٟتی نہٕ زیادٕ تکلیف باسہٕ۔

**میٹھہٕ دِنۍ۔** مۆذی کٔرِنۍ۔ مہا کٔرِنۍ۔ لول بَرُن۔

**میٹھہٕ کرِنۍ۔** امہٕ ذی کرِنۍ۔ اَہا، مۄ عوتٕشی سات موٗنٛڈل کرُن۔

**میٹھہٕ کرٕ طمع ژھیوٗٹ کھیوٗن۔** فایدُک مارٕ مٔت آسِتھ بدرد تہٕ برداش کرُن۔

**میچھہٕ گُتھہٕ۔** گُتھ یمہٕ خوش کرُن۔

**میوٗٹھہٕ دِیُن۔** مۆذی کٔرِنۍ، مہا کرُن۔

**میوٗٹھہٕ زیوٚٹھ۔** خوش یوٗن تہٕ مزدار۔

**میوٗٹھہٕ زیوٚٹھ کھیوٗن۔** کھیوان کھیوان وار یاہ وُق لاگُن۔ کھینس نہٕ جلدی کرِنۍ۔

**میوٗٹھہٕ کرُن۔** مۆذی کرِنۍ، مہا کرُن۔

**میوٗنسپلٹی۔** [م۔ مؤل : میوٗنسپلٹی > انگ : میوٗن سی پیلٹی MUNICIPALITY ]۔ کمیٹی یوسہٕ شہرُک اِنتظام بیترِ چلاوان چھے۔

**میوٗنر۔** [ن۔ مؤل : میٚنٛد > س : منڈا ]۔ ۱. اکھ بیمار ہُنٛد ناو یمہٕ سٟتی ماز ہران نہٕ تُشکل بگران چھے۔ ۲. لانچھ، کھر، سُہ مُصیبتھ یُس لگِتھ وُن پیٚیہ تہٕ یتھ نہٕ سہل سہل علاج آسہٕ۔ ۳. سُہ یُس

میٚنٛدِ ی بیمارٛی آسٕہ۔ ۴۔ بیمارٕ ژدٕپُت
تہٕ کُنہٕ لایق نہٕ رُوٚدمُت۔

**میٚنٛدی تھرٛس۔** سارٛی سے پانٛس میوٚنٛد
آسُن (یہ چھِ دوٚہرٕ پاٹھی وَنان)۔

**میٚنٛدکِ لَد۔** یَس میٚنٛدی بیمارٛی آسہٕ یَس
میوٚنٛد آسہٕ۔

**میوٚنٛد پیوٚن۔** میٚنٛدی بیمارٛی کرٕنی۔ میٚنٛدکی
بیمارِ ہُنٛد حملہٕ سپدُن۔ (دوہکو تر)۔

**میوٚنٛد تھٔوُن۔** تیٚتھٕ کانٛہہ نقص تھٔوُن
یُس نہٕ سَہل سَہل کڈنہٕ ییہٕ۔ لانٛج
تھٔوُن۔ کوس تھٔوُن۔

**میوٚنٛد کاسُن۔** ۱۔ میٚنٛدی بیمارٛی ژلراوٕنی۔
۲۔ (دورگہٕ پاٹھی) واریاہ کالک کانٛہہ
نقص دوٗر کرُن۔ یٚیمہٕ سیتی کُنہٕ کامہٕ کارٕس
بیترِ واریاہ کالہٕ پیٹھٕ تھٔوُس آسہٕ
یوان تہٕ دوٗر کرُن۔

**میوٚنٛد لَلہٕ وان تھٔوُن۔** کٔھریا خرابی اَتھ
تھٔوٕنی۔ دوہل اَتھ تھٔوٕنی۔

**میوٚنٛد نوُن۔** (دورگہٕ پاٹھی) ناکارٛگی یا پَچھر
پھالُن۔ کُنہٕ جایہٕ کھٔرے کھٔر آسُن۔
دوہل آسنٕی۔ مُصیبتہٕ وَلنہٕ یُن۔

**میوٚنٛد نوٚدراوُن۔** اَکھ کتھ یا کانٛہہ شخص

نٮ۪تھ کُھر تھٔوُن یُتھ نہٕ کانٛسہ ہیکہٕ۔

**میوٚنٛڈ۔** [ن۔ مٗول: میٚنٛڈ > (?)]۔ تیوٚت بتہٕ
بیترِ یُوٚت اَکہٕ پھِر اوٚنگجو سیتی تُلنہٕ
آسِس مَنٛز بَرنہٕ ییہٕ۔ لُقمہٕ۔

**میوٚن۔** [مٗول: میان > (دٕچھو۔ "متے")]۔ یہ یا
یُس متے چُھ۔

**مٮ۪تراچاری۔** [م۔ مٗول: مٮ۪تراچاری > (س:
مِتراچار)]۔ یارٕزٕ، یارانہٕ، دوس داری۔

**مٮ۪ترُت۔** [ن۔ مٗول: مٮ۪ترت > (س: مِترتا، مِترتو)]
دوستانہٕ۔ یارٕزٕ۔ یارانہٕ۔ پانہٕ نیار۔

**مٮ۪تھر۔** [ن۔ مٗول: مٮ۪تھر > (س: مِترٛ)]۔ یار۔
دوست۔ ہَمدرد۔

**مٮ۪ٹ۔** [م۔ مٗول: میٹھ > (س: مِرد تر)]۔
۱۔ اَکھ سیتی دوٚدمُت اَدرِتھ چیز۔ ۲۔
ژلہٕ سیتی اوٚسرٕ کھوٚسر تھوٚدمُت خراب
گومُت کانٛہہ چیز بیترِ۔ ۳۔ (کھیٚنہٕ بابتھ)
بتہٕ ہَن بیترِ۔ میوٚنٛڈ کھنٛڈ۔

**میٚنچہ نار۔** (ورگہٕ) پینتھو تہٕ رَژ موس سیتی
کانٛہہ بُڈ کام بناوٕنی۔

**میٚنچہ کھاو۔** سوٚنٛڈ، کوٚنجوس، یُس لوکَن
بَرونٛہہ کَنہٕ پینتھن اَکھ آسہٕ داران۔

بیٚنچھ۔

میٹ کرٕنۍ۔ چیز دِنہٕ یا نِیُل اَنہٕ سیتۍ
کُنہٕ چیزس ژرٕٹ کرٕنۍ۔ تاہ دالُن۔
میٹ گژھنۍ۔ ژرٕٹ گژھنۍ۔ تاہ ڈلُن۔
پھُچہٕ گژھنہٕ۔
میٹر۔ [م۔ مول : میٹر (س، مرتِکا]
مُیٹ زمین۔
میٹرِ بنہٕ۔ ۱۔ میٹرٕ ڈیر۔ میٹرٕ انبار۔ ۲۔ میٹر
مُنڈ کانہہ خام چیز بیتر۔ ۳۔ (دورگہٕ پاٹھی) یہ
کینژھا زیرِ سمتۍ یُٹہٕ، تہٕ دِپتھ گویہٕ
زیادٕ کانٛس دٕرنہٕ۔ ۴۔ جسم، شریر، کلہٕ
میٹرِ پھول۔ ۱۔ اکھ میٹرِ دانہٕ۔ ۲۔ کم کامہٕ، میٹر،
میٹر پیٹھ۔ ۳۔ تیز میٹر بیتر گُنہٕ
کامہٕ بیتر لگہٕ۔
میٹرِ تیل۔ اکہٕ قسمک۔ آدٕ تیل (یہ چھُ
زالنس لگان) زمینہٕ تلہٕ نیرون تیل۔
میٹرِ تھبُن۔ بوڈ میٹر دوٗگُل (اکانہہ چیز
بیتر بناونہٕ باپتھ)۔
میٹرِ ڈوٗگ۔ سُہ میٹر دوٗگُل یتھ کرال ژَکھر
پیٹھ کھارتھ بانہٕ بیتر بناو۔
میٹرِ کھاو۔ ۱۔ یُس میٹر کھینیح برداد آسہٕ۔ ۲۔ یُس
میٹر کھیوان آسہٕ (کُنہٕ دادِ یا عادتہٕ کِس سببہٕ)
۳۔ اکس کینژہ سُند ناو۔

میٹرِ لمہٕ۔ سُہ لبہٕ بیتر یتھ کھینتھ میٹر گژھن۔
میٹرِ لوٗن۔ ۱۔ میٹرِ سیتۍ لوتھ آسُن۔ ۲۔
لونہٕ باپتھ آلُس رلاوتھ میٹر بیتر۔
میٹرِ لوپُن۔ ۱۔ بیتہہ دار پیہہ نے میٹر دُٹ۔
۲۔ زمینس کھنتھ آمت بوڈ دوب
یتھ منز لژہ بیتر سوٗمبران چھ۔ ۳۔ (دورگہٕ پاٹھی)
رُوبود ہیٛنہٕ۔ بے قل، چور، ٹہٕ۔
میٹرِ مُرِ ترادِنۍ۔ کُنہٕ خاص جایہ ہندرین
بانژن پیٹھ ژُوپہ چھنہٕ شکھو آسِتھ تمن
پرد پوشی کرنہٕ تہٕ اَتھی سیتۍ ژور نیومُت
چیز واپس اَنہٕ موکھ تمن ساریۍ نے
یہ دُنیُن زِ تم تلن ہن پنہٕ نِمن ہلمن کیہہ
میٹر تہٕ سوٗمبرآدن اکسے جایہ مقصد
چھُ آسان یہ زِ ژُور ترادِ ژور نیومُت
چیز تہٕ اَتھی میٹر منز یتھ سُہ پتہٕ آمِ
اندر کڈنہٕ ییہہ۔ خاکداہنی کرٕنۍ۔
میٹرِ مونٹھُن۔ سُہ یُس ڈیس گومُت آسہٕ۔
یُس نہٕ ژوتم آسہٕ۔ یُس نہٕ تُر زُتاہ۔
(کامہٕ بیتر باپتھ) وہراد۔ جلسہٕ
دیسہٕ ریومُت۔
میٹرِ موہ لہٕ۔ (دورگہٕ) سیٹھا شرہ گہ موہ لہ یتھ
نہٕ کانہہ قدر آسہٕ۔

**مێیژِ نوٗن دِیُن** ۔ زٕری یاتھ کاہنی. مۆل پرٛاٹھنۍ مۆلَن دروت دِیُن ۔

**مێیژ ووٗنۍ** ۔ سُہ پوٗنۍ یتھ مێیژ رٕلہٕ آسہٕ گرٹہٕ آب ۔

**مێیژ ہاژن** ۔ سُہ ہاژن یُس نہٕ ہیشہٕ بہاژِ بیترٕ کینھ مێیژ سابرٕنۍ تہٕ کینہٕ آسہِ ۔

**مێیژ بُرٕنۍ** ۔ تباہ کرُن ۔ بوٚربادکرُن ۔ خرابہٕ کرُن ، فنا کرُن ۔ قِصاص ہیوٚن ۔ سوٚل ہیتھ نابوٗد کرُن ۔ کالُن ۔

**مێیژ کَڈٕنۍ** کھوٚرٕ رٕدنہٕ زمین کڈتھ نِنۍ ۔ بُنہٕ یاوِ ۔ وٕکرادِتھ انٕنۍ ۔ تباہ کرُن ۔ بربادکرُن ۔ خراب کرُن ۔

**مێیژ کرٕنۍ** ۔ ۱ ۔ کُنہٕ کانہہ نہٕ تھوٚن ۔ کُنہٕ لایق نہٕ تھوٚن ۔ سُہ بیزتی کرٕنۍ ، سُہ اُڈزاہ دکرٕنۍ ، بیزتی سیتۍ نہٕ بُتھ دِیُن لایق تھوٚن ۔ ۲ ۔ کھینہٕ بار خراب کرُن ۔

**مێیژ کھینۍ** ۔ پھٕشزارِ دِنۍ ، سُہ افسوس کھیوٚن ،

**مێیژ گرٕھنۍ** ۔ ۱ ۔ عمل سیتۍ گرٕھُن ، کانہہ یاد نہٕ روزُن ۔ ۲ ۔ مجل گرٕھُن ، وقر دیسۍ ، بُتھ دِیُن لایق نہٕ روزُن ۔

**مێیژ ہیٚنۍ** ۔ ۱ ۔ اِسبراٹُج کرٕنۍ ۔ ۲ ۔ اِدرار کرِتھ مێیژ ٹُجہٕ سیتۍ ادریر ژٕلرادُن ۔ پیشاب کرُن ۔

# ن

**ن** ۔ فارسیُک کُنہٕ ترٛہیُم ، اُردوٗک دہِ یُم ترٛہیُم تہٕ کاشُرُک اَرِترٛہیُم اَچھُر ۔ ابجد حسابہٕ چھ اَمیُک موٗل پنٛژاہ ۔

**نہٕ ، نہٕ** [ف : نہٕ ، س : نہٕ ] ۔ ۱ ۔ نکار ۔ انکار ۔ پُرٛژھ وَنان ۔ ۲ ۔ منع کرنہٕ باپتھ وَنان ۔ م : گرٕزِ نہٕ ۔ ۳ ۔ تاکیدن تہٕ وَننہٕ یوان ۔ م ، نساگژھ ۔

**نہٕ آسُن** ۔ غریبی ، مُفلسی ، لاچاری ، ناداری ، تنگدستی ۔ م : آسُن چھُ یِیوَن دان تہٕ نہٕ آسُن مُتہٕ ژھادان ۔

**نہٕ آسُن گرٕھُن** ۔ کانہہ گرٕھُن ۔ غریبی پیٚنۍ ۔ نہٕ آسنکۍ ژھوٚکھ / پیچ ۔ اتھہٕ تنگ آسنٕچ پریشانی ۔ یُس غریبی مُنز غوٚر ذٕریتھ پیٚدہٕ کرنہٕ یِوان ۔

سان وُنُن ۔ لاف دِنۍ ۔ تھزٕ وُنُن ژھکُن۔
۲۔ تکبُر ہاوُن، ظُلُم کرُن ۔ سنگدِل لاگُن۔
بنے رٔحمی کرٕنۍ۔

**نمرودٕنۍ دَم دِنۍ ۔** خوٗدامی ہیکو داوا کرٕنۍ ۔ سخ لاف دِنۍ ۔ سخ دَرٕ بزٕ ہاوُن۔

**نمکین ۔** [ < ف : نمکین ] ۔ نُن ۔ نونہٕ دار ۔ یَتھ نونہٕ مزٕ آسہٕ ۔

**نمناس ۔** گنڈٕ ۔ وینکھٕ، ناہموار ۔ م : نمناس وتھ ۔

**نَنہٕ وانٹ ۔** [ < س : نگنہٕ + پادٕ ] ۔ ۱۔ ننہٕ وور ۔ ۲۔ ننہٕ وانہٕ ۔ ننی پاٹھو ۔

**ننہٕ واتن نیرُن ۔** جلدی ننر ننہٕ وورے نیرُن ۔

**ننہٕ وور ۔** [ ن ۔ مئول : ننہٕ وار < س : نگنہٕ پادٕ ] یس نہٕ کھورن کینہہ آسہٕ لاگمت ۔ کھور بانہٕ روس ۔

**ننہٕ وأری ناو ہیٚون ۔** کُنہٕ موٗلی اَتھ رس پیٹھ سخ بدنامی گژھنۍ تہٕ تکھچ تہٕ دو تھنی ۔

**ننہٕ وأری ناو نیرُن ۔** وچھو "ننہٕ وأری ناو ہیٚون" ۔

**نُنُن ۔** [ ن ۔ مئول : ننٕ < س : نگنہٕ ] ۔ ۱۔ ریب یُن ۔ اَتا پتاہ لبُن ۔ ۲۔ نون گژھن ۔ ظاہر سپدُن ۔ دُرِ یاف سپدُن ، ہوون سپدُن ۔ ۳۔ فاش گژھُن ۔ پردٕ ووتھُن

**ننہٕر ۔** ۱۔ ننہٕ بینچ حالتھ ۔ نون نیرنچ صوٗرتھ ۔ کھٹتھ نہٕ آسنچ حالتھ ۔ صاف ہونہٕ ہنیچ حالتھ ۔ ۲۔ سِرس فاش ۔ ۳۔ نقابی کنھ صاف پاٹھو ونُنہٕ ۔ ۴۔ فاش بےشرمی بےحیاآیی ۔ ۴۔ یَینتھن نہٕ اوٚبرچ ژھاے یا کُنہٕ مکانُک یا کلیُک سایہٕ آسہٕ ۔ تاپھ ۔ م : ننرس دُرم تال ۔

**ننرس بیہناوُن ۔** کانہہ صورتھ نہٕ ٹھونی ۔ سورے ہیتھ ژلُن ۔ م : غاکس بیہٕ بیہناوُن ۔

**ننرس تراوُن ۔** سورے ہیتھ ژلُن ۔ ہیتھ تراوُن ۔ لوٗٹھ کرِتھ نراوُن ۔

**ننہٕر کرُن ۔** ۱۔ سِرس فاش کرُن ۔ بہٕ زورٕ یا ساززی شہٕ یا کُنہٕ رازس فاش کرُن ۔
۲۔ ننہٕ کرُن یہ نہٕ پزِ ۔ بےشرمی کرٕنۍ ۔ بےحیاآیی کرٕنۍ ۔ بےپردگی کرٕنۍ ۔

**ننہٕر گژھُن ۔** (سِرس) فاش گژھن ۔

**ننہٕر وَنُن ۔** ۱۔ فحش وَنُن ۔ لکہٕ فاش گنڈٕنۍ ۔ بےشرم کتھ وَننی ۔ ۲۔ سو کتھ وَننی یوسہٕ نہٕ عامس ننر وَننی پزِ ۔ ۳۔ خودآیی

سرٕ ننز پاٹھو وٕتنی۔

ننڈ۔ [ن۔ مؤل؛ ننڈ < س؛ ننڈ] نرد پھلیک
ژٕ طرف یتھ اکٕے پھیکور آسہ کرتھ کُن۔

ننڈ پۄر۔ نرد۔ چھکہ۔ زار۔

ننڈ پۄری ترٛاوٕنی۔ زارس گنڈُن۔ ترٛی ترٛاوُن۔
چھکس گنڈُن۔

ننڈری۔ [ن۔ مؤل؛ ننڈری < س؛ ننڈری]۔
شوشُند ڈٕڈی وان۔ دانٛد۔ وزیشب۔

ننڈرُن۔ [ن۔ مؤل؛ ننڈرن < س؛ ننندنہ]۔
نُنڈہ بون شُر۔ خوشرُون شُر۔ ٹوٹھ شُر۔
خانہ سول۔

ننگ۔ [م۔ مؤل؛ ننگ < ف؛ ننگ] شرم۔
بزٕتک خیال۔ مندچھ۔ گال۔

ننگ انٛنی۔ وُتیش دِنٛین۔ غارتھ اُنُن۔

ننگ ینی۔ دُکھ ینی۔ جُبریُن۔ ناگوار گژھُن۔

ننگر۔ [< س؛ نگنہ]۔ یُس نہ ناد پلو آسِس
سۄہب صنکرتھ آسہ۔ سیٹھا غریب۔
نوٚن تہٕ چھوٚن۔ نبدیور۔

ننگہٕ۔ [مؤل؛ ننگ < س؛ نگنہ]۔ ا۔ نوٚن۔
نیتھہ نوٚن۔ ۲۔ ظاہر۔

ننگس نیٹہٕ برٕ ننگس پھیٹھ۔ تہٕ دِیتھ گو:
یُس نہ کینہہ تہٕ آسہ تس چھنہٕ غم تہٕ
کُنیکُ آسان۔

ننگہٕ پوٚت۔ ژہ کہ کرپوت ایس گردنہ تہٕ زٕنگن
تیہر چھنہٕ آسان۔

ننگہٕ کرُن۔ ا۔ ننٛہرٕ تھوُن۔ پلو تھوٚو ڈٕلُن۔
ننہٕ راوُن۔ ظاہر کرُن۔ پردٕ ژٕلُن۔ ۲۔
سرس فاش کرُن۔ ۳۔ خجل کرُن۔

ننگہٕ گژھُن۔ ا۔ ننہٕر گژھُن۔ وُچھ گژھُن۔
ننُن۔ ۲۔ سرس فاش گژھُن۔ پردٕ
نہ روزُن۔ ۳۔ (ورگہ پاٹھی) خجل گژھُن۔
بُتھ دِنٛین لایق نہ روزُن۔

ننگہٕ گی۔ بے پردٕگی۔ بے حیائی۔ بے شرمی۔

ننگہٕ گی کرٕنی۔ ا۔ پردٕ ژٕلُن۔ ننہٕر کرُن۔ ۲۔
بے پردٕگی کرٕنی۔ ۳۔ بدنامی کرٕنی۔

ننگہٕ گی گژھنی۔ ا۔ ننہٕر گژھُن۔ ۲۔ بدنامی
گژھنی۔

ننگہٕ مُتانہٕ۔ ژہ موٚت یُس تہٕ نالی کینہہ
آسہ۔ ننگہٕ موٚت۔

ننگہٕ موٚت۔ وُچھو " ننگہٕ مُتانہٕ "۔

ننگہٕ نوٚن۔ ا۔ سخ مسکین۔ ٹیٹھ غریب۔ یُس
نہٕ نالہ پلو جُور۔ ۲۔ ننگے۔ عُریان۔ وڈلیا۔

ننگرٕ۔ [مؤل؛ ننگر < س؛ نگنہ]۔ یُس
بلکلیہ صنکرتھ نہ آسہ کنی حیا دوٚھمُت

آسہِ۔ یُس یُزُنگ یا بے یُزتی ہُند کانٛہہ خیال آسہِ نہٕ۔ یُس ہماشُما بُرابُرے آسہِ۔

**نَو ١**۔ [مۄل، نَو < س : نَو]۔ اٹھ تہٕ اَکھ۔ اَکہِ کم داہ۔ اٹھُس تہٕ دہس منٛز پاگُک عدد۔

**نَوِ دار**۔ (دُرگہ) جسم۔ انسان مۄر۔

**نَوِ دار ترٛوٚپرٕنی**۔ حَبسِ دم کرُن۔ پرانایامس اَندر روزُن۔

**نَوِ شراد**۔ اَکہِ قسمُک شراد۔ شرادُک اَکھ طریقہٕ اَتھ منٛز چھِ دہہ ہدٕ ش اَکھ اَکھ یانٛ نار نوَن دہہن ہُرراٗتھ کوٕ لہِ منٛز باوان۔

**نَو کھالہِ**۔ سُہ تاسہِ یوٚٹ یُتھ نَوٹِکہ آسن۔ نوٗلہِ۔

**نَو ٢**۔ [س/ف : نَو]۔ نوٚو۔

**نَو آباد**۔ نَو بسٕتی۔ حال حالے بساونہٕ آمٕت۔ کالنی۔

**نَو آبادی**۔ ١۔ نوٚوِ بسوومُت۔ کالنی۔ ٢۔ سُہ مُلکھ یُتھ پیٹھ دوٚیُمِ مُلکُک قبضہٕ آسہِ۔

**نَو آموز**۔ ہیچھر۔ کانٛہہ کام گوڈنچہِ لٹہِ شوٚرو کرن وول۔ نَوہیتہٕ۔

**نَو بہ نَو**۔ تازٕ تازے۔ ساٹھ درواد۔ زٕلہِ ژُن۔

**نَو بہار**۔ ١۔ یوٗن سونتھ۔ تازٕ بہار۔ ٢۔ (دُرگہ) کھسہٕ وُن یاوُن۔ لوٚکچار۔ نوجوانی۔ تازٕ یاوُن۔

**نَو پھل**۔ ساٹھ درواد اَناج یُس تازے لوٗنمُت آسہِ۔

**نَو جوان**۔ یُس کھسہٕ وُن یاوُن آسہِ۔ جوٚبُر۔

**نَو جوانی**۔ یاوُن۔ شباب۔ عالَمِ شباب، لوٚکچار۔

**نَو دِگر**۔ اَزٕ بوٚڈ۔

**نَو دِگر نوٚنش پیٛایہ وۄزٕہ رٕٹیا کیٛہٕ گاوچادرِ** ترٕ ڈیٛچھ گو؛ کانٛہہ ترٕزہ کام مٹہِ مُرٕنہِ یِنہٕ یمیٛک نہٕ ترٛوٚنٛہہ تجرُبہٕ آسہِ تہٕ فکرِ تَرِ تہٕ زٕکیٛا کرُن پیٛیہ۔

**نَو راتر**۔ ١۔ نَورٕیہہ۔ ٢۔ نَورٕیٛہہ پیٹھٕ تِم دہہ ییٛلہِ دُرگا پوٗزا یُبان چھیٚنے۔

**نَو روز**۔ پارسیَن ہُندِ نوِ دُرکِ ییک گوڈنیُک دوہ۔ سونتُک سُہ دوہ ییٛلہِ دوہ تہٕ راتھ برابر آسہِ۔ ٢١ مارچ۔

**نَورٕیہہ**۔ سنہٕ ریٚشی سنہٕ موجوب نوِ ڈری ییک گوڈنیُک دوہ۔

**نَورٕیہہ بوگ**۔ نَورٕیہس پیٹھٕ سُہ دلوٚنہِ (ٹونٛگ یا جنسہٕ رنٛگی) یُنامہٕ اَتہٕ گنٛزہ بیتر

یُس آشناو کورِن سوزان چھِ۔

**نورِہ زنگ** ۔ نوِ ورِیُک رَت شگون۔

**نورِہ سال** ۔ سو داوتھ یوسہٕ نوِ ورِیکہِ

دوہہ پانہٕ وآنی کران چھِ۔

**نوشین** ۔ ۱۔ ورِیُک گوڈنِکے شین۔ ۲۔ (ورگہ

پاٹھی) شینہٕ شرط۔

**نوشین کھسُن** ۔ شینہٕ شرط کھسُن۔

**نوشین کھارُن** ۔ شینہٕ شرط کھارُن۔

**نوعمر** ۔ لوکُ۔ کم وآنسِہ ہُند۔ نابالیغ۔

کم سِنہٕ۔

**نومُسلم** ۔ یُمی حال حالے اسلام قبول آسہِ

کورمُت۔

**نونہال** ۔ نوجوان۔ لوکُٹ۔ یُس یاوُن آسہِ۔

یُس کھسِونی جوانی آسہِ۔

**نوورِی** ۔ نو ریتہٕ۔ نوِ ورِیُک گوڈنیُک

دوہ۔

**نوتھ ۱** ۔ [ < س: نَو+ پُتھ ]۔ سُہ مُقام یا جاے

یوَتہِ واتنس نوِ وتھ آسہِ۔

**نوتھ ۲** ۔ [ < س: نوتا ]۔ نوو بنانُن۔ نوِ ردُن۔

پالش کرُنی۔ روشن کرُن۔ چھلُن۔

صاف کرُن (کاشہِ اُڈ ژرون چیز)۔

**نوع** ۔ [ مؤل: نوع < ع: نوع ]۔ ۱۔ چال۔

قسم۔ ۲۔ وضع۔ طور طریقہٕ شکل۔ ۳۔

ور۔ تخر۔

**نوع رٹُن** ۔ طرح رٹُن۔ نقلہِ رٹُن۔ نقل

ٹلُن۔ م۔ ع۔

ژوٹھی پوشو روٹ طلسماتُک نوع

(راہی)

**نوع کرُنی** ۔ ور کرُنی۔ تخر کرُنی۔

**نوم ۱** ۔ [ م۔ مؤل: نوم < س: نومی ]۔ گرٹہ

پچھک یا زونہ پچھک۔ نوِ ژیم دوہ۔

**نوم ۲** ۔ [ < س: نو: ف: نو ]۔ نوم نوو۔

نووے نوو۔ بلکل تازہٕ۔ پزتھ وزِ نوو۔

صاف۔

**نومبر** ۔ [ < انگ: نومبر NOVEMBER ]۔ انگریزی

ورِیُک کہُیم ریتہ۔

**نواب** ۔ [ ن۔ مؤل: نواب < ع: نواب ]۔

رئیس۔ حاکم۔ بوڈ ٹہنیو۔ زوسوخہِ

وول۔

**نواب زادہٕ** ۔ ۱۔ غوجہِ کوٹھ۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی)

یُس خانہٕ ماجر گومُت آسہِ۔

**نواح** ۔ [ ن۔ مؤل: نواح < ع: نواح ]۔

اوندریوکھ۔ ہمسایہٕ۔

**نوار ۱** ۔ [ ن۔ مؤل < ف: نوار ]۔ اکھ زیٹھ

پٹہ یمہِ سٕتی چارپاے بیٹھر وونہٕ یوان چھے

نَوارِ ۲۔ [ن۔ مٔول : نوار < س : نوار]۔ ڈاک پوسٹک دَفتر۔

نَواز۔ [< ف : نواز]۔ ۱۔ نوازِش کَرن وول۔ رَچھن وول۔ مہربان۔ ۲۔ کُنہِ چیزِس بازَن وول۔ لور۔ م : اَدب نواز۔

نوازُن ۔ [ن۔ مٔول : نواز < ف : نواز]۔ ۱۔ لول بَرُن۔ ۲۔ قدر کَرٕنۍ۔ یِزَتھ کَرُن۔

نَواسہٕ۔ [ن۔ مٔول : نَواسہٕ < ف : نواسہ]۔ کورِ ہُنٛد نیچوٕ۔

نَوالہٕ کَرُن۔ [ن۔ مٔول : نوال < ع : نوالۃ]۔ گراس کَرُن۔ گڑہ بچہ کَرُن۔ گڑہ کھالُن

نَوارٕ۔ [ن۔ مٔول : نوارٕ < س : نوارکہ]۔ ڈاک پوسٹک اَفسر۔ جنگلاتچہ لکرِ ہُنٛد اَفسر۔

نَوازِش ۔ [م۔ مٔول : نوازِش < ف : نوازش]۔ ۱۔ عنایتھ۔ بخشش۔ ۲۔ مہربانی۔ کرم۔

نَوازِش کَرٕنۍ۔ ۱۔ عِنایتھ کَرٕنۍ۔ بخشائِش کَرٕنۍ۔ ۲۔ مہربانی کَرٕنۍ۔ کرم کَرُن۔

نوازِش نامہٕ۔ عِنایتھ نامہٕ۔

نَوُتھ۔ [< س : نوتَم]۔ نوٚو۔

نوُن۔ [ن۔ مٔول : نَو < س : نَو + اُن]۔ ۱۔ پھاٹہِ پھلُن۔ پھولُن۔ خوشش تہٕ خوشحال روزُن۔ دُنی یا دار آسُن۔ آرامس منٛز روزُن۔ بجر پراوُن۔ ۲۔ صیحتس منٛز آسُن۔ تندرُست آسُن۔ ۳۔ دوہ بد ہُرٕنۍ۔

نوُن تہٕ پھولُن۔ ۱۔ خوشش تہٕ خوشحال روزُن۔ ۲۔ صیحتس منٛز آسُن۔ تندرُست آسُن (اَبہِ پھٹے اَکھ آہی تِہ)۔

نوٚہر۔ [ن۔ مٔول ، نوٚہر < س : نَو]۔ ۱۔ نوٚو آسنٕچ حالتھ۔ ۲۔ تازگی۔ ۳۔ گوڈٕ گوڈٕچ صوٗرتھ۔

نوٚہر چھاوُن۔ (کٔلو بیتر) تازٕ سوتھ اِستیمال کَرُن۔ تازٕ لاگُن۔ نوٚوے پھالُن۔

نوٚہر دیُن ۔ ۱۔ شوٗبُن۔ سجُن۔ ۲۔ پرون منساوِتھ بَدل طریقہٕ کانٛہہ چیز کَرُن، بناوُن۔ نوٚو طرح تراوُن۔ ۳۔ (اَدبس منٛز) کُنہِ فنس نوٚو طرح دیُن۔

نوٚہر رٹُن۔ فاشنس سیتی ہیکُن۔ رَولس سیتی ہیکُن۔ نوتراے رٹنی۔

نوٚہر ہیُون۔ نوٚو نوٚوے پھاوِتھ تراوُن۔

نَوحہٕ۔ [ن۔ مٔول ، نوح < ف : نوحہ]۔ ماتم۔ وَدُن۔ رُون۔

نوحہ خان ۔ ا۔ ماتم ہینہ دول ۔ دوکھ ٹلُن دول ۔ ۲۔ مرتی پرن دول ۔
نوحہ گر ۔ ریشتھ ۔ سُہ یُس اُجرتس پیٹھ معرورس وودنہ لوان چھ ۔
نوحہ گری ۔ ا۔ دوکھ ٹلُن ۔ دوکھ ہیون ۔ ماتم کرُن ۔ ۲۔ اُجرتس پیٹھ معرورس وودنہ گژھن ۔
نوسادُن ۔ [ م ۔ مول : نوسادن ﴿ ف : نوشادر ] ۔ اکھ کیمیائی پھیکھ یوسہ ٹھاٹھرن کلاے کرنس تہ سونرن زیور صاف کرنس لگان چھے ۔
نوشیروان ۔ ایرانک اکھ بادشاہ یُس عدلہ کنی مشہور چھ ۔
نولہ ۔ [ن ۔ مول : نول ﴿ س : نَو ] ۔ ییتہ ناسہ پٹھس نوٹیکی آسن ۔ نوخالہ ۔
نَہر ۔ [م ۔ مول : نہر ﴿ ع : نہر ] ۔ نالہ ۔ کول ۔
نہنگ ۔ [ س : نِشنگہ ۔ م ۔ ہ : ننگ ] ۔ ا۔ بے شرم ۔ بے حیا ۔ ۲۔ یُس نہ پرواے کرِ ۔ نڈر ۔ بے پروا ۔ بے خوف ۔
نہیب ۔ [ن ۔ مول : نہیب ﴿ ع : نہیب ] ۔ ہیبت ۔ ہیبتہ ۔ بیرتھ ۔

نہیب تھکُون ۔ بیم تھکُون ۔ ہیبن تھکُون ۔
نہیب رٹُن ۔ رعب رٹھ رٹُن ۔ ہیبن رٹُن ۔
نہیب کرُن ۔ بیم تھکُون ۔ ہیبن تھکُون، تنبیہہ کرُن ۔
نہوُن ۔ [ م ۔ مول : نہوون ﴿ س نِش؟ ] ۔ ا۔ پھیش ۔ مِٹاوُن ۔ ۲۔ دول ۔
نہوُن دِنی ۔ کانسہ کانہہ کام کرُن وِزِ ژانتھ مانتھ غلط مشور دِنُن ۔ اکامہ پھیش دِنُن ، دول دِنُن ۔
نہوُن کل ۔ ( کانہہ کام کرُن وِزِ ) غلط مشور ، پھیش ۔ دول ۔
نَے ۱ ۔ [ م ۔ مول : نَے ﴿ س انڈ ] ۔ اکہ قسمُک تُریتہ معرلی ، بین بناوان چھ ۔
نَے وانی ۔ بین وائن ۔
نَے ۲ ۔ [ م ۔ مول : نَے ﴿ ؟ ] ۔ ستھرُن پیٹھ ماداتی جاے ۔ نیوُر ۔ مرگ ۔
نیٖن پھیرُن ۔ ( ورگہ یا کٹھی ) دُنی یا ترادُن ۔ سُنز یا کسی بنُن ۔
نیٖن ۔ [ن ۔ مول : نیٖن ﴿ س : نیٖتر ] ۔ اُچھ ۔ خوبصورت اچھ ۔
نیابتھ ۔ [ م ۔ مول : نیابتھ ﴿ ع : نیابت ] ۔

۱۔ ڈوکھ۔ ڈکھ۔ پیٹھ۔ ۲۔ نو بتھ۔ واری۔ انواری۔ ۳۔ نایب تحصیلدار سُند دفتر۔

**نیابتھ آسنی۔** کاںٛہہ ہُند ڈوکھ آسُن۔

**نیابتھ تھونی۔** کاںٛسہِ ہُند ماتک بروسہ آسُن۔

**نیابتھ واتنی۔** داری واتنی۔ نوبتھ ینی۔ انواری ینی۔

**نیٹروجن۔** [ان۔ مُول ہنیٹروجن < انگ: نیٹروجن۔ NITROGEN]۔ اکھ گیس یُس ہواہس اندر سیٹھا زیادٕ مقدارس منز آسان چھُ۔

**نیٹ سوٗٹ۔** [< انگ: نیٹ سوٗٹ NIGHT SUIT]۔ روت بلوراتس لاگنکی پلو۔

**نیٹ کلاتھ۔** [< انگ: نیٹ کلاتھ۔ NIGHT CLOTH]۔ سُہ کپُڑ یتھ روت پلو سوان چھِ۔

**نےٚشکر۔** [ان۔ مُول: نےشکر < ف: نیشکر]۔ اکھ نر ذاتھ یتھ مدریر نیران چھُ۔

**نا۔** [< س: نہ، ف: نہ، نا]۔ ۱۔ نہ، منع کرنہٕ باپتھ ونُنہٕ یوان۔ ۲۔ (نکارُک بروٗنہہ لوگ۔) کینٛہہ نہ آسُن۔ ۳۔ بےٚ، وراے۔ روٗس۔ رم: نا انصاف، نابینا۔

**نااہل۔** ۱۔ نالگہ بار۔ نالایق۔ ناقابل یُس نہٕ کینٛہہ تگہِ۔ ۲۔ بےٚ صفت۔ بےٚ ہوش۔

**نا اتفاقی۔** اتفاق نہٕ آسُن۔ بےٚ گنڈی۔ سمت نہٕ آسُن۔ پھوٗٹ، نفاق، رنجش۔ ناچاقی۔

**ناانصاف۔** بےٚ انصاف۔ ظالم۔ بےٚ رحم۔ بےٚ درد۔ سنگ دِل۔

**ناانصافی۔** ۱۔ بےٚ انصافی۔ ظُلم۔ ترس نہٕ آسُن۔ بےٚ رحمی۔ بےٚ مُروتی بےٚ دردی۔ ۲۔ بےٚ توجہ۔ ناپُرسان۔

**نابالغ۔** ۱۔ یُس نہٕ واٗنسہِ دِد مُت آسہِ۔ یُس بوڈ گومُت آسہِ نہٕ۔ ۲۔ بےٚ خبر۔ ان ہیٚچھر۔ یُس دُنہٕ ہیٚچھمان آسہِ۔

**نابینا۔** ۱۔ اوٚن۔ یَس نہٕ گاشس آسہِ۔ ۲۔ ان پر۔ ان ہیٚچھر۔ بےٚ خبر۔ لاعلم۔

**نابکار۔** نالایق۔ ان پر۔ ان ہیٚچھر۔ نالگہ بار۔

**نابوٗد۔** یہ نہٕ بوزنہٕ یِیہ۔ غایب۔ یتھ نہٕ وجوٗد آسہِ۔

**نابوٗد گژھُن۔** ۱۔ غایب گژھُن۔ ۲۔ مرُن۔

**ناپرہیز۔** یہ نہٕ بیمارس دیہ تِ کھیوٚن۔

شکرِ نہ کرُن۔ آمب ڈامب۔
ناپرہیز کرُن ۔ ۱. (کاتھ وہ پرٕ زنانہٕ) ناجایز
کرُن ۔ ۲. شکرے نہ کرُن۔ علاجس
پیٹھ نہ پکُن ۔ آم ڈام کرُن ۔
ناپرہیز کرناوُن ۔ زنانہٕ ہُند وہ پرٕ مردن
اتھ ناجایز کرناوُن ۔
ناپسند ۔ یہ نہ خوش پیہ ۔ یہ نہ منس
برٕ ییہ ۔ یہ نہ ٹار کھسہ ۔ ییتھ نہ مزٕ ییہ ۔
ناپسند کرُن ۔ ٹھکہ کرُن ۔ ترٛاوُن ۔
نامنظور کرُن ۔ استیمال کرتھ پتہ ترٛاوُن ۔
ناپاکھ ۔ ژھیوٹ ۔ ٹالہٕ ۔ گنٛدٕ ۔ ملدار ۔
موٗکر ۔
ناپاکھ کرُن ۔ کانٛہہ وہ پرٕ زنانہٕ ژھیٹراوُن ۔
کانٛہہ وہ پرٕ زنانہٕ ناجایز کرُن
ناپاکھ گژھن ۔ ۱. (ورگہٕ پاٹھی) ژھیٹُن ۔
موہ ردار گژھن ۔ مل لارُن ۔ ٹالہٕ گی لارٕنۍ ۔
موٗکر گژھن ۔ ۲. بے ایمانی کرنۍ ۔ لفظ
پھِرُن ۔ پونٛسہ رٹھتھ پتہٕ اوصول
بدلاوُن ۔ کوژھ رٹُن ۔ سٔکرُن ۔
رم: گژن تام پونٛسن پیٹھ گو ناپاکھ ۔
ناپایدار ۔ یہ نہ روزُن آسہٕ ۔ فانی ۔ یہ نہ
سور آسہٕ ۔ ییتھ زوال آسہٕ ۔ رم:

دُنیا چھُ ناپایدار ۔
ناپاکی ۔ ٹالہٕ گی ۔ نجس ۔ گنٛدگی ۔ مُکریر ۔
ناپرُسان ۔ بے بوج ۔ ییتھ نہ پرٛژھش
آسہٕ ۔ نہ بوزن ۔ پرٛژھہ گار نہ آسنۍ ۔
ناپوک ۔ اَڈٕ پوک ۔ ییتھ نہ پوٗرٕ پاکھ آسہٕ
لوگمُت ۔
ناتجربہٕ ۔ ۱. خام ۔ اناڑی ۔ انزان ۔ یس
نہ کانٛہہ کام کار بنیر کرنچ واقفیت
آسہٕ ۔ اَڈٕ ہیچھِل ۔
ناتہٕ ۔ تیلہٕ ۔ اَدٕ ۔ ورنہٕ ۔
ناجایز ۔ ۱. یہ نہ جایز آسہٕ ۔ یہ نہ پزٕ ۔
یہ نہ روا آسہٕ ۔ ۲. بدکاری ۔ زنا
ناجایز تولُق آسُن ۔ وہ پرٕ زنانہٕ یا
وہ پرٕ مردس ستتی واٹھ آسُن ۔
ناجایز کرُن ۔ ۱. نہ کرُن یہ نہ پزٕ ۔ تہٕ کرُن
یہ نہ رُوی یہ آسہٕ ۔ اَنٛز کرُن ۔ ۲.
(کانٛسہ وہ پرٕ زنانہٕ) سنٛگ کرُن ۔
ناجایز وَنُن ۔ لبکہٕ ژارنہٕ ۔ کٔڈٕ نہٕ پاسرنہٕ ۔
تہٕ وَنُن یہ نہ پزٕ ۔ بدکلامی کرنۍ ۔
ناچار ۔ مجبور ، بےکس ۔ مُفلس مسکین
نیٛدٕیور ۔ لاچار ۔
ناچاقی ۔ مُژکری ۔ (ن) بن ٹھوسہٕ ٹھوس ٹھو

ناچيز - ١. ﻫﻲ ﺑﺎﺋﻴﺲ ﻛﻬﮍﻭ ﻟﻮﻧﻪ - ﻫﻲ ﺑﺎﺋﻴﺲ ﮔﻨﻪ ﻣﺠﺮﺍﻫﺲ ﺁﺳﻪ ﻧﻪ - ٢. ﻋﺎﺟﺰﻱ ﮔﻨﻪ ﺑﺎﺋﺲ ﻧﻪ ﻭﻧﻨﻪ ﻳﻮﺍﻥ -

ناحقﻪ - ﺑﻼ - ﺧﺎﻣﺨﺎﻩ - ﻧﺤﻘﻪ - ﺑﻲ ﺳﺒﺐ -
ﻧﺎﺣﻘﻪ ﺑﺒﻦ ﻟﺠﻢ ﻛﺠﻮ، ﻟﻮﮈﺟﻪ ﮈﺟﻪ ﻛﺮﺍﺋﻴﻮ، ﻫﻪ ﭼﻪ ﺗﻤﻪ ﻭﺯ ﻭﻧﺎﻥ ﻫﻴﻠﻪ ﺑﻼ ﻣﺤﺒﺘﻪ ﻫﺎﻭﻱ ﺯ -

ناخاندﻩ (ناخواندﻩ) - ﺍﻥ ﭘﺮ - ﺑﻲ ﻋﻠﻢ - ﺍﻥ ﻫﻴﺠﻬﺮ - ﺍﻧﺎﮈﻭ - ﺍﻥ ﺯﺍﻥ -

ناخلف - ﺑﻬﻮ ﭘﻬﻴﻨﻮ ﻧﻴﭽﻮ - ﻛﻮﭘﻮﺕ - ﻧﺎﻓﺮﻣﺎﻥ ﺷﺮ - ﮔﺴﺘﺎﺥ -

ناخوداے - ١. ﺑﻲ ﺍﻧﺼﺎﻑ - ﺑﻲ ﺩﻳﻦ، ﻣﻠﺤﺪ - ﻻﻣﺬﻫﺐ - ﻳﺲ ﻧﻪ ﻣﺬﻫﺒﺲ ﭘﻴﭩﻪ ﻳﺮﻩ ﺁﺳﻪ - ٢. ﻧﺎﺗﺮﺯ -

ناخوردو نابودو - ﻫﻨﮕﻪ ﺗﻪ ﻣﻨﮕﻪ ﻛﺎﻧﻪ ﻣﻄﻠﺐ ﻧﻴﺮ ﻧﻪ ﺩﺭﺍﭘﻲ - ﻧﺤﻘﻪ ﺑﺤﻘﻪ - ﺑﻼ ﺭﻧﺞ ﻣﻨﺘﻪ ﺗﻪ ﻧﻪ ﺍﺳﺘﻪ - ﻫﻴﻨﻪ ﺩﻧﻪ ﺭﻭﺳﺘﻲ -

ناخوش - ناراض - بيزار -

ناخوش گژهن - ١. ناراض گژهن - بيزار گژهن - ٢. (كانسه هنده برڈر يا بجرا زروﺗﻪ ﻧﻪ ﻫﻴﻜﻦ - ﺁﺯﺭﻭﻥ ﻳﻦ -

ناخوش ﻳﻦ - ١. ﺁﺯﺭﻭﻥ ﻳﻦ - ﻳﺰﻫﻦ ﻳﺮ، زروﺗﻪ ﻧﻪ ﻫﻴﻜﻦ ﻳﺎ ﻛﺎﻧﺴﻪ ﻫﻨﺪ ﺑﺠﺮ ﻳﺘﺮ ﻳﺮﺍﻭﻥ) -

نادار - ﻧﻪ ﺩﻳﻮﺭ - ﻣﻔﻠﺲ - ﻣﺤﺘﺎﺝ - ﻏﺮﻳﺐ، ﻛﻨﮕﺎﻝ - ﻧﻨﮕﺮ -

نادان - ﺍﻥ ﺯﺍﻥ - ﺍﻥ ﭘﺮ - ﺟﺎﻫﻞ، ﺑﻴﻮﻗﻮﻑ - ﺑﻲ ﻋﻘﻞ - ﻳﺲ ﻧﻪ ﻟﻮﺯ ﺷﻮﺯ ﺁﺳﻪ -

ناداري - ﻧﻪ ﺩﻳﻮﺭ ﺁﺳﻦ - ﻏﺮﻳﺒﻲ - ﻻﭼﺎﺭﻱ - ﻣﻔﻠﺴﻲ -

نادانسته - ﺍﻥ ﺯﺍﻥ ﭘﺎﭨﻬﻮ - ﺑﻲ ﺷﻮﺯﻛﻲ ﭘﺎﭨﻬﻮ - ﺯﺍﻧﻨﻪ ﻣﺎﻧﺘﻪ ﻧﻪ -

ناداني - ﺟﻬﺎﻟﺖ - ﺑﻲ ﻭﻗﻮﻓﻲ -

ناديد - ﻭﭼﻬﻨﻲ ﻛﺮﻧﻲ -

نادرس - نادرست - ١. ﻏﻠﻂ - ﻳﻪ ﻧﻪ ﭨﻬﻴﻚ ﺁﺳﻪ - ٢. ﺑﻴﻤﺎﺭ - ﻋﻠﻴﻞ - ﺍﻭﺭﻱ ﻧﻪ ﻳﻮﺭﻱ -

ناروا - ﻳﻪ ﻧﻪ ﻭﺍﺟﺐ ﺁﺳﻪ - ﻧﺎﻣﻨﺎﺳﺐ، ﻧﺎﺯﻳﺒﺎ -

ناراض - خفه - بيزار، ناخوش - غمگين - اوزرد -

ناراض گژهن - اوزرد گژهن - دلس لگن -

ناراضگي - ناچاقي - خفه گي - ملاله، اوزردگي -

ناراضی۔ خفہٕ۔ بیزار۔ اوزرد۔

نازیب۔ ا۔ یہ نہٕ شوبہ۔ کہ کور۔ یہ نہٕ پزنیہٕ دُن آسہِ۔ بےٚ شوب، ۲۔ یہ نہٕ پزِ۔ یہ نہٕ جاۓ پزِ آسہِ۔

نازیبا۔ وُچھو "نازیب"۔

ناسزا۔ [ف: ناسزا] لیکہٕ لیکھ۔ ناشایستہٕ کتھ۔ بدرد۔ بد کلامہٕ۔ بد زبان۔

ناسزا پرُن۔ لیکھ کڈٕنی۔ فاش پرُن۔ بدرد وُنُن۔

ناسزا ونہنی۔ بدرد اُنُن۔ لیکھ تھوکہٕ ثار نہٕ۔

ناسمجھ۔ ا۔ کم عقل۔ بے وقوف۔ کند ذہن۔ نافہم۔ ۲۔ یُس نہٕ بوزِن آسہِ۔ نافرمان۔ یُس نہٕ مانُن زانُن آسہِ۔ یُس نہٕ یورک ونیتھ۔

ناساز۔ علیل۔ آیہٕ نہٕ۔ اوری نہٕ یُری۔ بیمار۔

ناسازگار۔ وُیہ دُن نہٕ۔ ناموافق۔

ناسکرے کرُنی۔ آم طام کرُن۔ ناپرہیز کرُن۔

ناسکرے گژھنہٕ۔ ناپرہیزی گژھنہٕ۔

ناسوت۔ ا۔ یہ دُنیا۔ مادی دُنیا۔ ۲۔ ظاہری دُنیا۔

ناشاد۔ ا۔ اوزرد۔ ناراض، بے زار، ناخوش۔

ناشایستہٕ۔ بے ادب۔ بلے باش۔

ناشایستہٕ کلام۔ لیکہٕ لیکھ۔ بکواس۔

ناشُکر۔ یُس نہٕ کرِتھ کرٕ اُدِتھ مُجرا آہی دِیہِ۔ کرٕ تگنہٕ۔ ناشُکر گذار۔

ناشُکر گژھن۔ احسان نہٕ مانُن۔ کرِتھ کرٕ اُدِتھ نہٕ لگُن۔

ناشُکر گذار۔ کرِتھ کرٕ اُدِتھ مُجرا آہی نہٕ دِنہٕ وول۔

ناشُکری۔ کرِتھ کرٕ اُدِتھ مُجرا نہٕ دِین۔ احسان فراموشی۔

ناشُکری کرُنی۔ احسان نہٕ مانُن۔ مرٕ تِتھ کرِتھ تہٕ دورِ وُن روزُن۔

ناصاف۔ ا۔ موکُر۔ مورِدار۔ ماہہٕ۔ گندہٕ۔ یتھ کَل آسہِ۔ ۲۔ کھوٹ۔ شوُد نہٕ۔

ناصافی۔ ا۔ مکر یار۔ ناپاکی۔ ۲۔ کھوٹ چرزل۔ گھنڈرِ گھٹ بیتر۔

ناصافی ژٹنی۔ کھوچریا بار دانہٕ بیتر گندا شت کرُنی (حساب منتر)۔

ناصافی کڈٕنی۔ ژار کرُنی۔ کھوچریا ناکہٕ بار الگ کرُن۔

ناصافی وِچھنی۔ ژار کرُنی۔ کاہ دِنی۔

ناعاقبتہٕ اندیش۔ یُس نہٕ پتہٕ برونٹھ وِچھان آسہِ۔ سون ون گژھن نہٕ وِچھن وول۔ وُچایہٕ۔

**ناقلک** ۔ نافرمان۔ بُتھی پھیُر۔

**نافہم** ۔ ا۔ یُس نہٕ کُنہ فِکرِ ترِ۔ یُس نہٕ مانُن زانُن آسہِ۔ یُس نہٕ بوزٕ شورٕ آسہِ۔ ناسمجھ۔ بے سوچ ۔ ۲۔ لوٗک ۔ نابالیغ رشتر۔

**نافرمان** ۔ نہٕ بوزن دول ۔ یُس نہٕ یوُرک ڈیشرِ۔ یُس نہٕ زِٹھو سُند مانہٕ۔ یُس (زِٹھِس) جوابس جواب دِیہِ۔ بُتھی پھیُر۔

**نافرمانی** ۔ نہٕ بوزُن۔ سرکشی۔

**ناقابل** ۔ یُس نہٕ کینٛہہ لگہِ۔ یُس یا یہٕ نہٕ کُنہ لگہِ۔ نالایق۔ نالگہ ہار۔

**ناقابل برداشت** ۔ یہٕ نہٕ ژالُن لایق آسہِ۔

**ناکارٕ** ۔ ا۔ کُنہ کامہ ہُند نہٕ۔ خراب گومُت، بے کار۔ یہٕ نہٕ لایقہٕ کار آسہِ۔ نالگہ ہار۔ ۲۔ یُس فرٕ زنگہِ آسہِ گومُت۔ یُس نہٕ کانٛہہ کام ہیکہِ کرِتھ۔ لینٛژر نوتوان۔ ۳۔ بُر۔ خراب ۔ کیچھ۔

**ناکارگی** ۔ خرابی ۔ کیچھ کام ۔ بے صفتی ۔ بد اخلاقی۔

**ناکام** ۔ ا۔ پنٛنہ رٕذمُت ۔ کامیاب نہٕ پیدُن دول۔ یُس نہٕ سپدتھ گژھہ ۔ فیل۔ ۲۔ نا ودہ میدہ ۔ ہویُس۔

**ناکامی** ۔ ا۔ کامہ سپنزٕ نہٕ گژھُن ۔ ۲۔ ناودہ میدی۔

ہویُسی۔

**ناگوار** ۔ یہٕ نہٕ برداشت سپدِ۔ ناپسند۔ یہٕ نہٕ آنٛہٕ کھَب۔ یہٕ نہٕ وَنِیہٕ۔

**ناگوار گژھُن** ۔ بُرٕ لگُن ۔ برداشت نہٕ گژھُن۔

**ناگوار گذرُن** ۔ بُرٕ لگُن ۔ برطبع سپدُن۔

**نالایق** ۔ ناقابل۔ یُس یا یہٕ نہٕ لایقہٕ کار آسہِ۔

**نامحرم** ۔ آزٕ آزٕ۔ انٛزان ۔ بے خبر۔ ودہ پُر۔ پرٕائے۔

**نامرد** ۔ ا۔ لانٛژھ ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) بُزدِل۔ کھوژرٕ بٹھ۔ یوٗز۔

**نامردی** ۔ لانٛژھ آسنک عآب۔

**نامراد** ۔ یُس نہٕ کانٛہہ کام انٛدٕ۔ بدنصیب۔

**نامنظور** ۔ منظور نہٕ کرنہٕ آمُت ۔ پھکو (کرنہٕ آمُت) رٕد۔

**نامراد** ۔ ناکام۔ یُس نہٕ آشہ پوٗرٕ آسہِ گاٹھٕ۔ یُس نہٕ کام درابھٕ آسہِ۔

**نامسلمان** ۔ ا۔ بے ایمان۔ دغل دوز۔ ۲۔ یُس نہٕ بیلے رحم آسہِ۔ بے انصاف۔

**ناممکن** ۔ یہٕ نہٕ سپدِتھی ہیکہِ۔ یہٕ نہٕ بنٛی تھی ہیکہِ۔

**نامناسب** ۔ یہٕ نہٕ واجب آسہِ۔ غأر موزوٗن۔ یہٕ نہٕ آیہٕ آسہِ۔ یہٕ نہٕ لوٗگ یِیہِ۔

ناموزوٗن ۔ یہ نہٕ پزٕ ۔ نامُناسِب ۔ آیہ نہٕ ۔ نازیبا ۔

نامولوٗم ۔ ۱۔ یہ نہٕ مولوٗم آسہِ ۔ ییٚمیُک نہٕ خبر آسہِ ۔ ۲۔ یُس نہٕ مَشہوٗر آسہِ ۔ گُمنام ۔ ۳۔ دہ پٔر ۔ پُرانے ۔

ناواقِف ۔ اَزٲنی ۔ عٲرزان ۔ اَنزان ۔ دہ پٔر ۔ سُہ یُس نہٕ خبر آسہِ ۔ یُس نہٕ عِلم آسہِ ۔

ناووٚمید ۔ مویوٗس ۔ نہراش ۔ یُس نہٕ براتھ روزِ ۔

ناووٚمید گژھُن ۔ آش نہٕ روزٕنی ۔ مویوٗس گژھُن ۔ براتھ نہٕ روزٕنی ۔ ناکام گژھُن ۔

ناہموار ۔ ۱۔ بنے سوم ۔ ۲۔ یُس نہٕ کُنہِ ڈَنجہِ آسہِ ۔ ۳۔ سُہ یُس نہٕ بوزُن آسہِ ۔ بتھو پھبیٚر ۔ نافرمان ۔ ووٚل شوٗل ۔ ۴۔ دوکٕ ، لوٗک ، خام ۔

ناہمواری ۔ ۱۔ بنے سمبیر ۔ ۲۔ کُنہِ ڈَنجہِ نہٕ آسُن ۔ ۳۔ نہٕ بوزُن ، نافرمانی ۔ ووجر ۔

ناہنجار ۔ ۱۔ بد ذاتھ ۔ کمینہ ۔ ۲۔ جاہِل ۔ ناقابِل ۔

نایاب ۔ ۱۔ بیتھ نہٕ بوٗن آسہِ ۔ نہٕ بنٕنی ۔ ۲۔ قیمتی ۔ موٗل ۔

ناب ۔ [م ۔ موٗل : ناب (س : نابھ] ۔ ۱۔ نوٗن ۔ ۲۔ گُننیک مرکز ۔

نابہٕ ٹنگ ۔ [(ف : نبات = نابہٕ + ٹنگ] ۔ ۱۔ ٹُر ۔ راد ۔ ۲۔ سبز باغ (بزم آدنہٕ باتھ) شُب رُنگ ۔ ۳۔ خوشامد ۔

نابہٕ ٹنگ وَہنی ۔ ۱۔ ٹُر وَہنی ۔ راد وَہنی ۔ ٹھس وَہنی ۔ ۲۔ خوشامد کرٕنی ۔ رنگُن ۔

نابہٕ ٹنگ ہاونی ۔ دوٚد اُنُن (شالی تارکھ ہاوِتھ) ۔

نابد ۔ [ن ۔ موٗل : نابد (ف : نبات ۔ ع : نبات] ۔ ۱۔ کٲرِتھ کھنڈ کُرس بناونہٕ اکرِ قسمیُک ٹُچ یا دُتھ ۔ داتہٕ دار کھنڈ ۔ ۲۔ (دوٚرکرِ یا کٹی) میٹھ ۔ مزدار ۔

نابد بدلاوُن ۔ کورِ گوبرِس کتھ بند کرُن ورِ گوبرٕ مالین ہُنٛد کورِ مالین تہٕ کورِ مالین ہُنٛد گوبرٕ مالین نابد سوزُن ۔

نابد لِشانی کرٕنی ۔ کورِ گوبرِس کتھ رٹنی ۔

نابد دُرگرٕ ۔ مدریرس بناونہٕ وٲلۍ وُٹ ہش ۔

نابد سوزُن ۔ ۱۔ نابد نِشانی کرٕنی ۔ ۲۔ نشرٕ گوان سوزُن ۔

نابد قہو ۔ موغلی چاے ییتھ نابد تراونہٕ یِیہِ ۔

نابَد گرٕز، گنٛز ۔ نابَد نوٚٹ ۔

نابَد نِشانی ۔ سوٗرٕ گوٚبرس کتھ بَند کرٕن وِزِ گوٚبرِ ناد شنٛار کورٕ مالیُن نابَد سوزُن ۔ کتھ رٹِھنۍ ۔ کتھ گنڈٕنۍ ۔

نابَد نوٚٹ ۔ وچھو "نابَد گنٛز"۔

نابدی رنٛگ ۔ موہ یا سفید رنٛگ ۔ کم کاسہِ چھوٚت رنٛگ ۔

ناپ ، ناپھ ۔ [ن ۔ موٗل : ناپ < ھ : ماپہٕ ]۔ میٖنٛر، پلوٚ بیترِ سوٗنہٕ ہرو نٹھ ہشر ہشارِ ڈسی ہینہ آمت میٖنٛر ۔

ناپ تُلُن ۔ میٖنُن ۔ میٖنٛر تُلُن ۔

ناپ ہیٚوٗن ۔ (اسٕر شُند) کانٛسہِ پلوٚ سونہٕ باپتھ میٖنٛر تُلُن ۔

ناپُن ۔ [ن ۔ موٗل : ناپ < ] ۔ زونُن ۔ ناپُن ۔ پرٛزلُن ۔ چمکُن ۔ زٕژِ ووتھنہٕ ۔

ناپہٕ ناوُن ۔ پرٛزلاوُن ۔ چمکاوُن ۔ روشن کرُن ۔

ناپہٕ وُن ۔ زوتہٕ وُن ۔ پرٛزلہٕ وُن ۔ یینہ زژِ آسن ووتھان ۔

ناتھ ۱ ۔ [ن ۔ موٗل : ناتھ < س : ناتھ ]۔ مالکھ ۔ خودا ۔ بگوان ۔

ناتھ ۲ ۔ نعت ۔ [ن ۔ موٗل : نات < ع : نعت ]۔ شاعری ہُنٛد اکھ صِنف یتھ منٛز نبی اکرمؐ سٕنٛزٕ تاریف آسن کرنہٕ آمژٕ ۔

ناتہِ شریف ۔ وچھو "ناتھ ۲"۔

نات خان ۔ نات پرٛن وول ۔ نبیؐ سنٛد لولہِ وول ۔

نات خانی ۔ نات پرٛنۍ ۔

ناٹا ٹوٹی ۔ [ ہ : ناٹا + ٹوٹی ] ۔ ناسہِ ترٛاسہِ، بےٚ وار ۔ بےٚ حسابہ ۔ بےٚ شوٗب ۔ کھوٗر ۔

ناٹہٕ ۔ [م ۔ موٗل : ناٹ < م ] ۔ ۱۔ مازٕ ڈکہٕ (سُنٛد) ۔ نیٚنہٕ ۔ ۲۔ سُہ یُس مازٕ لٕدلٕد کھوٗتمُت آسہِ ۔ ونٛوٹھ پوٚٹھ انسان ۔

ناٹہٕ پھوٚل ۔ رِنٛتھ مازٕ ٹکرِ ۔ نیٚنہٕ پھوٚل ۔

ناٹہٕ ہَن ۔ رِنٛتھ مازٕ پھوٚل ۔ نیٚنہٕ پھوٚل ۔

ناٹہٕ اڈج ۔ اڈجہِ دار مازٕ پھوٚل ۔

ناٹہٕ یٖش ۔ بیٚنہٕ تھالس یا ترامہٕ پیٹھ سارِ سے تھوومُت ماز ۔

ناٹہٕ جورابہٕ ۔ اکہٕ قسمُک بیٖر موزٕ یُس کوٹھن تام آسان چھُ ۔

ناٹہٕ دلگُل ۔ ۱۔ سُہ گنٛٹر یُس باپہ یتھ منٛز ماز رنان چھہٕ ۔ ۲۔ رِنٛتھ مازٕ دلگُل ۔

ناٹہٕ دلو ۔ یُس مازٕ کھینس کُن گومُت آسہِ ۔ یُس یِژ پاٹھی مازٕ کھینُک عادی آسہِ ۔

ناٹہٕ کھسنہٕ ۔ ۱۔ ناز لدُن ۔ ۲۔ خوشی ستیو وہٹھُن ۔ سیٹھا خوش گژھن ۔ بڑ شاد سپدُنا ۔

ناٹہٕ کھاو ۔ یُس بڑ پاٹھر ناز کھیٚنک عادی آسہٕ ۔

ناٹہٕ گوشہٕ ۔ یُس ناٹُن سخ لور آسہٕ ۔

ناٹہٕ لدنہٕ ۔ ۱۔ وہٹھُن ۔ وریوٹھ گژھن ۔ ۲۔ سیٹھا شاد سپدُن ۔ سیٹھا خوش گژھن ۔ ۳۔ (ورگہٕ) بیقلُن ۔

ناٹہٕ لیٚنج ۔ ۱۔ سہ لیٚنج یتھ اندر ناز نان چھہٕ ۔ ۲۔ رٔنتہٕ ناز لیٚنج ۔

ناٹہٕ وہٕنزرنہٕ ۔ نیتھ ہیٚنز ۔ کانٛہہ موزور رٔوستے کام کرناوُن ۔

ناٹک ۔ [ن ۔ مؤل ؛ ناٹک <س : ناٹکہ ] ۔ پاتھر ۔ ڈراما ۔

ناٹیہ ۔ [<س : ناٹیہ ] ۔ نژُن ۔ گیری بچہٕ ۔ رقیص ۔

ناٹھ ۔ [م ۔ مؤل ؛ ناٹ < ؟ ] ۔ ماز ۔ ماز پھوٚل ۔

ناچ ۔ [ن ۔ مؤل ؛ ناچ < پراکرت ؛ نچیہ < س ؛ نرتیہ ] ۔ نژُن ۔ رقص ۔

ناچ نغمہٕ ۔ عاشس عشرتھ ۔

ناد ۔ [ن ۔ مؤل ؛ ناد <س : ناد ] ۔ ۱۔ آلو کرٛکھ ۔ آواز ۔ ۲۔ بلاو ۔ سمن ۔ ۳۔ سال ۔ داوتھ ۔

نادِ چیرِی ۔ سمن ۔

نادِ ہیٚنیو ۔ ۱۔ سہ ہیٚنیوٚیس سالہٕ باپتھ وننہٕ خاطرٕ سوزنہٕ ییہٕ ۔ ۲۔ سوالی ۔

نادِ ناد ۔ آلوس پیٹھ آلو ۔ پوٚتس پتھ شیٚنچھ واتنی ۔

ناد دِین ۔ آلو کرُن ۔ کرٛکھ لاینی ۔ بلاوُن ۔ طلب کرُن ۔

ناد لایُن ۔ ۱۔ دوٗرِ پیٹھہٕ آلو دِیُن ۔ ۲۔ یاد کرُن ۔

ناد یُن ۔ ۱۔ (کُنہِ گژھنیچ ا) شیٚنچھ واتنی ۔ آلو بوزُن ۔ بلاونہٕ یُن ۔ ۲۔ سمن واتنی ۔ ۳۔ مرنک وَق واتُن ۔

نادُن ۔ [ن ۔ مؤل ؛ ناد <س : ناد ] ۔ آلو کرُن ۔ بلاوُن ۔ ناد دِیُن ۔

نار ۔ [ن ۔ مؤل ؛ نار <ع : نار ] ۔ ۱۔ اوگُن ۔ زوٚنگ ۔ الاو ۔ ۲۔ ترٛزر ۔ تیچہٕ ۔ م : پانس نار گنڈُن ۔ ۳۔ (ورگہٕ پاٹھی) نتہٕ ۔ وٕلی ۔ شرارتی ۔ تیز مزاز ۔ ۴۔ (ورگہٕ پاٹھی) دوٗدسہٕ ۔ ۵۔ (ورگہٕ پاٹھی) آزرُون ۔ ۶۔ جہنم ۔ دوزخ ۔

نارس مُشز آسُن ۔ بے تاب آسُن ۔ اضطرابس مُشز آسُن ۔ گنڈن پیٹھہٕ آسُن ۔ بے قرار آسُن ۔

نارس گلزار گرُڈھن / بنُن ۔ مُشکِلس آسان
بنُن (یہ چھِپے آہی) ۔
نارس نر دِنہٕ ۔ یتھ رٹنہٕ خاطرٕ سخ
کوشش کرٕنی ۔ سخ زور لگُن ۔
نارس ووٹھ دِنی ۔ بیے واپہٕ پانٹھی کانہہ ولئہٕ
ذِمہٕ داری ہینٛز ۔ پان خطرس منز
تراوُن ۔
نارانار / نارونار ۔ ۱۔ سخ تیز، تُتہ ۔
شرارتس منز ۔ ۲۔ ناراض، خفہٕ ۔
نارا نار آسُن ۔ ۱۔ شرارتہٕ برِتھ آسُن، ناراض
آسُن ۔ ۲۔ ہرازکنی وول آسُن، ترٛوش
آسُن ۔
نارا نار گرُڈھن ۔ ۱۔ شرارتھ کھسُن، سخ
خفہٕ گرُڈھن ۔ ناراض گرُڈھن ۔ ۲۔ وولُن ۔
سخ ہواری کرٕنی ۔
نارِ جہنم ۔ ۱۔ دوزخُن نار ۔ ۲۔ سخ نار ۔ جم جم
ووہہ وُن نار ۔
نارِ نمرود ۔ سُہ نار یُس حضرت ابراہیمسؑ
زالنہٕ باپتھ نمرودن تیار کوٚرتہٕ یتھ پوش
سپٕدی ۔
نارِ بُرہ بہہ ۔ تھر رہہ ۔ نار شولہٕ ۔
نارِ بستہٕ ۔ ۱۔ دزنہٕ کنی ژمہٕ کھٕژ منزٕ بستہٕ
سوہ رنگ بستہٕ ۔ ۲۔ (ژمہٕ کھٕژ برٕ) سوہ
بستہٕ یتھ سخ وُن آسہ ۔ ۳۔ برٕتھ زیتہٕ
کانگر ۔
نارِ باد ۔ ۱۔ ژمہٕ پھیٹھ سوہ رنگ پھیپھر دانہٕ ۔
۲۔ (دورگہٕ پانٹھی) وول ترٛوش ہزاری ۔
نارِ باگے ۔ سماوارک منزم نوریتھ منز
نیوٚ ننگل تراوان چھ ۔
نارِ بٹھ ۔ گجہٕ ہنٛد بتھیٖم پاس پیاری ذالنہٕ
باپتھ زیٛن چھ بران ۔
نارِ لبر ۔ تیمبرِ نار ۔ سُور نار یُس ژمہٕ
لارِتھ گژھ زہتہٕ ۔
نارِ پانہٕ گاڑُن ۔ آزمائشہٕ کرِی کرِی پوختہٕ
کار بناوُن ۔
نارِ پانہٕ نیرُن ۔ آزمائشو منز نیرُن، پوختہٕ
کار بنُن ۔
نارِ پٹھہر ۔ ۱۔ سوہ مٹھلی پھہر یتھ منز نارلد
تو تام لبان چھُ یوت تام دودی بیٚیس
مکانس مرمتھ بیہ کرنہٕ یا نوٚو مکان بنادنہٕ
یہہ ۔ ۲۔ نر کانِس بینس بناوو ترٕ پھہر ۔
نارِ پرُن ۔ سُہ مکانہٕ یتھ نار آسِن ہیوٚمت ۔
تہٕ یتھ یہ دُنہٕ رکھنی آسہ نوٚ سرٕ کرنہٕ
آمُت ۔

نارٕ پور۔ بَکائِگ سۄ ہرِ یمانہٕ پورِیُس نار لگنہٕ پتہٕ بناونہٕ یِیہِ۔

نارٕ پور ہُرُن۔ کاتسہٕ ہُنٛد مُصیبتہٕ پینہٕ پتہٕ برٛۄنٛٹھہِ کھسہٕ تہٕ ترقی کرٕنۍ۔

نارٕ ترٛٹھ۔ ۱۔ سۄ ترٛٹھ یتھہِ ستۍ نار لگہِ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) ناگہانی بلاے۔ ۳۔ (ورگہٕ) سیٹھاہ حسین تہٕ بالغ زنانہٕ۔

نارٕ ترٛٹھ ہِش۔ (زٔنۍ) سیٹھاہ شکیل، سۄ ٹھٔنٛدر۔ حسین۔

نارٕ تٔتی ژٔلنۍ۔ ۱۔ شِکَس ژٔلُن۔ لاچاری تہٕ روزٕنۍ۔ ۲۔ لوٗب نیرُن سیٹھاہ کاکُک ارمان برابر گژھن۔

نارٕ تٔتی لگٕنۍ۔ ۱۔ تٔتہِ نارٕ جوشہٕ کِنۍ (لگن یا ہیچہٕ یِڈ بیترِ) ژھوکھ لگنۍ یا کرٕہنۍ داغ گژھنۍ۔ ۲۔ شِکَس یُن۔ غرٕہی پیٚنۍ۔

نارٕ توٚت۔ تیز نارٕ جوشہٕ ستۍ (لگن یا ہیچہٕ یِڈ بیترِ) لگو متۍ ژھوکھ یا گاہمتی کرٕہنۍ داغ۔

نارٕ تیمبر۔ ۱۔ زٕتیمبہ۔ دٕہہ وُن ژٕنہٕ پنہٕ ژٕنہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ) تیز مزاز زنانہٕ۔

نارٕ تیوٗنگُل۔ دٔزٕوٕنۍ ژٕنۍ۔ دٕہہ وٕنۍ ژٕنۍ۔

نارٕ تیوٗنگُل پیٚوُن۔ کانٛہہ ڈولہِ مُصیبتہ یُن۔ تیتھ دۄکھ پیٚوُن یُتھ نہٕ سَنبھالنہٕ ہیکہٕ ژٕ۔

نارٕ ٹھپیل۔ نارٕ لگنہٕ وِزِ سامانہٕ بیترِ ہیتھ ژٔلُن دَول۔

نارٕ ٹھیپر۔ پوٗرٕ نارٕ کانٛگر (ژٕٹیلنہٕ)۔

نارٕ جوش۔ کانٛگرِ ہُنٛد وُشنیر۔

نارٕ جوش تیٚپُن۔ بٔنٛبس تَل کانٛگر بیترِ وُشنیر کرنہٕ باپتھ رٹنۍ۔

نارٕ چِپاتھ۔ ۱۔ کٔنہِ بیمارِ کِنۍ یُتھ گوژھ بوڈ وٕنہٕ ژٔل داغ۔ ۲۔ سخ جوش۔ نارٕ ژٕنٛڈ۔

نارٕ چپاتہٕ نیرٕنہٕ۔ ۱۔ تیٚمہٕ آسنہٕ کِنۍ پان سخ دزان آسُن، وٕنہٕ شٔلُن۔ ۲۔ کھوٚرُن یا اوٚن آسنہٕ کِنۍ یُتھ وٕنہٕ ژٔل آسُن شکیل، ناری موٚنٛد آسُن۔

نارٕ چپاتہٕ پینہٕ۔ سخ جوش یُن۔ نارٕ ژٕنٛجہٕ پینہٕ۔

نارٕ چپاژٕ وٕنہٕ کھنہٕ۔ ۱۔ یُتھ وٕنہٕ شٔلُن۔ ۲۔ جان ضیٚتہٕ آسُن۔ ۳۔ سخ شکیل آسُن۔ ۴۔ تیٚمہٕ آسنہٕ کِنۍ وٕنہٕ شٔلُن گژھُن۔

نارٕ چھپل۔ وٕنہٕ ژٔل داغ۔ سۄ رُخ نارٕ ہوٚی

داغ لدُّرہ پیٹھ آسُن۔

نارِ چھلِہ پینہٕ۔ سخ طمع آسُن، لوُب آسُن۔ م:

نارِ چھلہِ چھم پیٹھ سینس کر بہ واتے نکھ ینٛدانس

نارِ دراو۔ ا۔ بہ نارِ درامُت آسہِ۔ یہ نارس منٛز دوہ زلاونہٕ آسہِ آمُت۔ ۲۔ (ورگہ) یُس آزمایشو تلہِ ٹھیکھ آسہِ درامُت۔

نارِ دراو سون۔ ا۔ اصل سون۔ صاف سون۔ رلہِ ورأے سون۔ ۲۔ (ورگہ) تجربہٕ کار۔ کام کار بیترِ زانن وول۔ کام کرد۔ یُس آزمایشو تلہِ ٹھیکھ آسہِ درامُت۔ پوختہٕ کار۔

نارِ دزِ وِنی کتھ۔ ا۔ ٹنی لیکھ۔ زیوِ پیٹھ نہٕ انینی لایق کتھ۔ ۲۔ فسادچ کتھ۔

نارِ دزِ وِنی لیکھ۔ وچھو" نارِ دزِ وِنی کتھ"۔

نارِ دمسالی (دمالی)۔ نارِ نیو نکلو پیٹھ ریکُن۔

نارِ ددی۔ ا۔ تم لوکھ یِہندی مکانہٕ بیترِ نارِ آسن ددی مِتی۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) مُصیبتہ زد۔ دوکھ لد۔

نارِ دوٗد۔ ا۔ تہٕ یہ نارِ منٛز بچاونہٕ آسہِ آمُت، اڑِ دوٗد۔ م: نارِ دوٗد ٹین۔ (یہ چھُ اکھ دوہ ہونہا

نارِ دلو۔ (ورگہ پاٹھی)۔ نارِ نار۔ خطرناکھ اوگُن۔ ژُمہ ناریتھ برہتھ آسن نیران۔

نارِ رسہتھ۔ شولہٕ۔ اُلاو۔ جم جم۔ بڑیتھ۔

نارِ ژنٛدٕ۔ (ناری) سخ جوش۔ سخ گرم۔ توت تابہٕ۔

نارِ ژوٗر۔ ا۔ ژوٗرِ پاٹھی (اگہٕ گرس) نارِ دِنہٕ وول۔ ۲۔ گنہٕ گرس نار لگنہٕ وِزِ تفصیہ دِنہٕ وول۔

نارِ ژھٹہٕ پھیرنہٕ۔ ا۔ وُتاو ین۔ عارِق ین۔ ۲۔ تیمبہ کھسن۔ سخ تیز کھسُن۔

نارِ ژھٹہٕ پینہٕ۔ سخ جوش ین۔ نارِ ژنجہٕ پینہٕ۔

نارِ ژھٹ۔ نارِ بڑیتھ یُس دوٗر تام واتہٕ۔

نارِ ژھیورُن۔ ا۔ نار دیتہٕ کرُن۔ ۲۔ اندرِم گرمی دوٗر کرنٕی۔ ۳۔ (ورگہ پاٹھی) شرارتھ ہو مراوُن۔ فساد بنہاوُن۔

نارِ کُتر۔ نارِ برتھ ٹھٹیک یا الینجہٕ بیترِ ہُشند ژوک۔

نارِ کُتر ژھُنُن۔ (دوہ ہو) بلایہ ژھنُن۔

نارِ کدُن۔ ا۔ سون روپہ بیترِ نارس منٛز دوہ زلاوتھ یا تاودِتھ صاف کرُن۔ ۲۔ پوختہٕ کار بناوُن (اگہٕ کیٛس بیترِ منٛز)۔

نارِ کزِکھ ۔ ۱۔ نار لگنہٕ وِزِ سٕنٛز شور یا کانٛہہ وُلٹہٕ مُصیبتھ ہیٚنٛزِ پیٚنہٕ وِزِ مدتھ خاطرٕ تھدِ آلو کرُن۔ ۲۔ کُنہِ کَنہِ پیٚیٹھ پیٚنہٕ طرفہٕ ہیٚوٗ تِتھٕنٛیٚچ حالتھ۔

نارِ کزِکھ کزِھنۍ ۔ ہشِگتہٕ تِمگِہ کُنہٕ طرفہٕ بُٹہٕ کزِکھ کزِھنہٕ تہٕ ہیٚوٗ دوٗتھن تیتھی کنۍ شور تہٕ کزِکہٕ نادٕ تھُن یتھٕ کُنۍ نار لگنہٕ وِزِ ووتھان چھہٕ۔

نارِ کزِ وُژھ ۔ ۱۔ کانٛگرِ ہیٚنٛزِ بُرنہٕ خاطرٕ کزِ ہیٚنٛزِ کیتھ دانہٕ مَنٛز کُڈِ ہنٛہ ہیوٗ ٹنگل۔ ۲۔ تیوٗ ناہ نار یُتھ کزِ ہیٚنٛزِ دانہٕ۔

نارِ کنٛگ ۔ الاو ۔ کُنہٕ جایہٕ پیٚترس پیٚٹھ زولمُت نار (وُشنیر ہیٚنٛزِ کرنہٕ باپتھ) نارِ بُرِتھ تھیٚپہٕ دار مَنٛ۔

نارِ کانٛگر ۔ نیٚنہٕ خاطرٕ (تیوٗ ٹنگلو بُرِتھ) کانٛگر۔

نارِ کوٗڑمُت ۔ یہٕ نارس مَنٛز ووٗزلاونہٕ یا تاوِ کُڈنہٕ آمُت آسہِ۔ نارِ دزاو۔

نارِ کوٗنٛڈل ۔ تیوٗ ٹنگل بُرِتھ کتریُو بانہٕ۔ سو کانٛگر یتھ کوٹ آسہِ ژھٹمُت۔

نارِ کیوٗم ۔ اَکھ کیوٗم یُس نارہٕ تیمبرہیٚکہٕ زوٗنان چھُ۔

نارِ کھٚل ۔ نارِ بٹنہٕ۔

نارِ کھوڈ ۔ (ورگہٕ) کانٛہہ بوٚڈ خطرٕ۔ بوٚڈ مُصیبتھ۔

نارِ کھوڈس ژھٔنُن ۔ کُنہٕ وُلٹہٕ بلایہٕ مَنٛز پھساوُن۔ مُصیبتس لاگُن۔

نارِ کھوڈس ووٚٹھ لاینۍ ۔ خطرس مَنٛز پان تراوُن ۔ کانٛہہ وُلٹہٕ ذِمہٕ داری منٛنہٕ ہیٚنۍ۔

نارِ گاش ۔ نارُک گاہ ۔ سوٚت گاش۔

نارِ گاہ ۔ نارِ گاش۔

نارِ گُج ۔ دانہٕ ہیٚنٛزِ ٹیک بُتھیشُم گوٚل یَتھ مَنٛز زُن ہیٚنٛزِ زالنہٕ خاطرٕ بران چھہٕ۔

نارِ لمبکھ ۔ بُڈ نارِ بزِ یہہ۔

نارِ لبنٛج، لبوٗل ۔ سٹھانہٕ دار کترِیُو بانہٕ یَتھ مَنٛز دان ہیٚنٛزِ بٹراوُن وِزِ تیوٗ ٹنگل تھوان چھہٕ۔

نارِ لیٚیلو بٔنہٕ ۔ تِمہٕ توٗملک بٔنہٕ یُس لیٚبہٕ مَنٛز ہیوٗ کھناونہٕ آسہِ آمُت۔

نارِ مٔلن ۔ موٚٹ نہٕ پیٚرِ نۍ ہیٚنٛزِ یُو بانہٕ یتھ مَنٛز تیوٗ ٹنگل روزِتہٕ باپتھ نار چھِ تھوان۔

نارِ موٚہل ۔ سٕنٛز وُزملہِ ہٕنٛز زیٚچھ نارِ بزِ یہہ۔

نارِ موکُل ۔ نارُک پاسکھی در۔

نارِنار۔ ژٕہ پارٕ نار۔ پرٕتھ جایہِ نار۔ کالہٕ کاجہِ
نارکی وارٕ داتھ سپدَنٕچ حالتھ۔

نارِ وزِکیوٗرتھُن۔ تہِ دٕپیتھ گوٚ ہٕلِس
پیٹھ داٚیتھ کُنہِ چیزُک پاے کرُن۔
عام موقس پیٹھ یا حاجتہِ وِزِ کانہہ
چیز بیترِ ژھارُن۔ تلاش کرُن۔

نارِ دُزمل ہش۔ سیٹھا حسین زنانہٕ یُس
بُتھِس پرٕدٕ آسن ووتھان۔

نارِ وُزنی۔ (کُنہِ جایہِ) نار لگنکی آثار۔

نارِ ووگھل۔ زُد زہرٕ دار۔ ہیتھ متھ سُنٕد۔
ہٹہٕ کٹہٕ۔

نار آسُن۔ سخ وَوُل آسُن۔ سخ
شرارتی آسُن۔

نار بڈاوُن۔ نار ژھیتہٕ کرُن۔ دان بیترِ
ژھینہٕ دینہٕ کرُن۔

نار ہرٕ وٕنہہ کُنہِ آسُن۔ (دورکہ پاٹھی) داٚزِ
کوٚر گرِس منز آسنی۔ بالِغ کوٚر ہرٕ وٕنہہ
کُنہِ آسنی۔

نار بیہناوُن۔ فسادس یہ وتھ دِنی۔
لڑائیہِ ہُند شرارتھ والُن۔

نار ژراوُن۔ ۱۔ سخ دزٕ بزٕ آسُن۔ ژھوکھ
آسُن۔ ۲۔ سخ شرارتھ آسُن۔ سکاتسہِ
ہنزٕ سخ پھوشان آسنی۔ ۳۔ سخ وولُن۔
۴۔ یاونس منز آسُن۔ پھٹہٕ پھٹہٕ
کرُون آسُن۔

نار تلُن۔ ۱۔ تیز مسالہٕ دار چیز بیترِ کھینہٕ
سیتر سینس ژھُن ہیوٚ ووتھُن۔
گرمی گرژھنی۔ ۲۔ سخ طائشس
دیُن۔ ژکھ کھارنی۔

نار تیلُن۔ ۱۔ سخ دُپھ ہیون۔ ۲۔ دزنہٕ کنی
دگ کرنی۔ ۳۔ اندرٕ سینس ژھُن
ہیوٚ ووتھُن (لوچہ یا دادِ سیتی)۔ ۴۔
شرارتھ آسُن۔ پھوشنی۔

نار ژھکُن۔ وُچھو "نار ژراوُن"۔

نار دیُن۔ ۱۔ ژکھ دیُن۔ زوٚنگ دیُن۔
۲۔ سورُے ژراوُن۔ ہنہٕ ساوُن۔ م:
تمہ ژھ مساری ہے نار دِتمُت۔ ۳۔ فساد
تُلُن۔ لڑائیہِ زیر دِنی۔

نار زالُن۔ اوگنُ دیُن۔ دانس بیترِ وُنی
ژراونی۔ نیو لنگُ کرُن۔ دانس
پھوُن۔

نار ژاپُن۔ ۱۔ (کانہہ مشکل یا کدٕر مصیبتھ
پینہٕ وِزِ) سخ جگر کرُن سخ تاب
کرُن۔ غارتھ کرُن۔ ۲۔ سخ وولُن۔

تیز کلُائی کرٕنۍ۔ ۲۔ سُنٛج تیز آسُن۔ دٕہہ تراوُن۔

**نارژھٹُن۔** ۱۔ ریٖہہ تیز ٕنۍ۔ نارُک اکہِ مکانہٕ پیٹھ بییس مکانس ترُن۔ نار زیٹھُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) سُنٛج دَزٕ بُزٕ ہاوُن۔ ژھوکھ ہاوُن۔ ۳۔ (وُرگہٕ پاٹھی) مٔدہُتر جوٲنی آسنۍ۔ یا دٔلس مُتنز آسُن۔

**نارژھیتہٕ گژھن۔** وُچھو "نارشانتُن"

**نارژھیوُن۔** وُچھو "نارشمُن"۔

**نارژھیوراوُن۔** وُچھو "نارشومرُن"۔

**نارشمُن۔** ۱۔ ریٖہہ سوتہٕنی۔ اڈگُو ژھیوُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) فسادبٕہُن۔ اَمُن سپدُن۔ (اور یور) شرارتھ ہمُن۔

**نارشانتُن۔** زوٗنگ ژھیتہٕ گژھن۔ نارژھیوُن۔ اڈگُن ژھیوُن۔

**نارشانٛترُن۔** ۱۔ زوٗنگ ژھیتہٕ کرُن۔ نارژھیوراوُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) شرارتھ بٕہناوُن۔ فسادس نہٕ وَتھ دِنۍ۔

**نارشومرُن۔** ۱۔ الاد ژھیتہٕ کرُن۔ اڈگُن ژھیوراوُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) فساد بٕہناوُن۔ شرارتھ ہومراوُن۔

**نارکڈُن۔** ۱۔ (دانس بیتر) اڈگُن ژھیوراوُن۔ ۲۔ (بیمارس پھٕش بیتر دِتھ) حرارتھ نیبر کاڈُن۔

**نارگنڈُن۔** ۱۔ سُنٛج نیپھ کھسُن۔ نیپھ آسنہٕ کِنۍ یان سُنٛج توٗت گژھن۔ تُژراسُن۔ ۲۔ دوٗدسہٕ ووتھُن یا سُنٛج بوچھ لگنۍ۔ ۳۔ اَندری دزُن۔ سُنٛج پھوشنۍ۔ سُنٛج شرارتھ کھسُن۔

**نارگوٗہُن۔** نارِ بُرِہہ ووتھنۍ۔ نار تیزرُن۔ ریٖہہ ووتھنۍ۔ شولہٕ ووتھنۍ۔

**نارلگُن۔** ۱۔ ژکھ ہیوٗن۔ زوٗنگ لگُن۔ ۲۔ (ووہمو پاٹھی) سُنٛج مُصیبتھ پیوٗن۔ بوٗڈ دوکھ پیوٗن۔ ۳۔ جنگ ووتھُن۔ لڑائے لگنۍ۔ ۴۔ سُنٛج شرارتھ کھسُن۔

**نارنیرُن۔** (تیپہٕ بیتر سیتی) اَتھ کھور بیتر دزٕنۍ یا تٔتنۍ۔

**نارؤہرُن۔** ۱۔ ریٖہہ پھٲلاوٕنۍ۔ نار زٹھراوُن۔ ۲۔ فِتنہٕ فساد پھٲلاوُن رنیائے ٹلُن۔

**نار ووتھُن۔** ۱۔ سُنٛج بوچھ یا دوٗدسہٕ کِنۍ سیٖنس تُجھُن ہیوٗہ ووتھُن۔ ۲۔ تیز مسالہٕ دار چیز بیتر کھینہٕ سیتی اَندری گرمی ووتھنۍ یا توس ووتھُن۔ ۳۔ کُنہٕ کُھتہٕ بینہِ پیٹھ سُنٛج کرکھ ووتھنۍ ۔

دُم دِنہ نُھن۔

**نار ہیٹون۔** دَزُن۔ ژِھ لَگُن۔ زوٗنگ لَگُن۔

**ناری نار۔** وُچھو "نار و نار"۔

**نار²۔** [ن۔ مۆل : نار < س : ناڑی]۔ دوٗن بالَن مَنز باگ زیٹھ زیوٗٹھ سَنز۔

**نارم۔** اَکِہ قسمچ دَوا بوٗٹی۔

**ناراض۔** [مۆل : ناراض < ف : نا+ع : راضی]۔ اوزُردِہ۔ رَنجیدِہ۔ ناخوش۔

**ناراضگی۔** [م۔ مۆل : ناراضگی < ف : ناراضگی]۔ اوزُردگی۔ ناخوشی۔ رَنجیدگی۔

**ناران، نارایَن۔** [ن۔ مۆل : ناران/نارایَن < س : نارایَنَہ]۔ دَے۔ وِشنوٗ۔

**ناران چھٹ۔** ۱۔ سُہ چھِٹہ کپُر یُس پوٗزایہ لگان چھُ۔ ۲۔ (ہزلِیہ) زَڑ نکھہ دالنہ خاطرِ دِنہ آمُت پَلَو بیترِ۔

**نارِل۔** [م۔ مۆل : نارِل < ع : نار]۔ سُہ دانہ یُس وَندَس اَندَر ناو بیترِ بیٹھ ہیہ کھناوان چھُ۔

**نارٕ۔** [ن۔ مۆل : نار < ع : نعرہ]۔ (کُنہ جَماژ ہنز) ہَکھ، آلو۔

**نارٕ بازی۔** نارٕ لایُن۔ نارٕ (دی دی) ہُر۔ کرٕکہِ کرٕکہ۔ نارٕ دی دی ٹاٹُن۔

**نارٕ دِنۍ۔** نارٕ لایُن۔

**نارُژھ۔** [ن۔ مۆل : نارُژ < س : ناراچہ]۔ شیٖشترٕ و پَنجہ دار اَکھ سامانہ یَمہ سیتی گاڈٕ رَٹان چھِ۔

**نارٕژھی دَن۔** سُہ زیٹھ لوٗر یَتھ نارُژھ بُتھہ لاگِتھ آسہِ۔

**نارٕژھی کان۔** نارٕژھی پَنجک کانہہ سیخ یَتھ گاڈ بَند چھِنہٕ گژھان۔

**نارٕژھی کُنڈی۔** شیٖشترٕ و کاوی یِم نارٕژس مُنجہِ چھِ آسان بَناوِنہٕ۔

**نارٕژھی گاڈ۔** سُہ گاڈ یُس نارٕژ سیتی رَٹنہٕ آسہِ آمُت۔

**نارمل۔** [ن۔ مۆل : نارمل < اَنگ : نارمل NORMAL]۔ ۱۔ حسبِ مومول، دوہَدِش ہیوٗہ۔ ۲۔ ژینتہ (آسُن) پَزِ تیٚتھ۔

**ناز۔** [ن۔ مۆل : ناز < ف : ناز]۔ ۱۔ (ماشوقہ سَنز) اَدا۔ غمزٕ۔ نخرٕ۔ وَر۔ ۲۔ فخر۔ ۳۔ نخوَتھ۔ تکبُر۔ غوٗرور۔ ۴۔ محبَتھ۔ لول۔ ٹاٹھر۔ ۵۔ خانہ ماجر۔

**نازن خریدار آسُن۔** ناز بَرداشت کَرَن وول آسُن۔ خانہ ماجر مانَن وول آسُن۔

نازنُخر۔ ا۔ یوسہ نازنُخر آسہ کران۔ یُس ورکرنی شوٗبان آسن۔ یوسہ غمز آسہ ہاوان۔ ۲۔ شوٗبہ وُن ماشوق۔ سیٹھا سوٗنٛدر۔
ناز بیامُتھ۔ خاطر۔ خانہ ماجر۔ پلالہٕ۔
ناز آسُن۔ نخر آسُن۔
ناز بردار۔ ا۔ ناز تُلن وول۔ لولہٕ مَتہٕ لاے کرن وول۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) عاشق۔
ناز برداری۔ لولہٕ مَتہٕ لاے۔ خاطر۔
ناز برداری کرٕنی۔ ا۔ ناز تُلنی۔ خاطرداری کرٕنی۔ لولہٕ مَتہٕ لاے کرُن۔ ۲۔ لول برُن۔
ناز بوزٕنی۔ ناز برداری کرٕنی۔ کانٛسہٕ ہنٛز خاہش یا ضوٗرت پوٗرٕ کرٕنی۔ خانہ ماجر برداشس کرُن۔
ناز پرورد۔ سُہ یُس خانہ ماجرس مَنٛز رٕچھنہٕ آسہ آمُت۔ خانہ مول۔
ناز تُلنی۔ ناز بوزٕنی۔
ناز کرٕنی۔ ور کرٕنی۔ نخر کرٕنی۔ غمز کرٕنی۔
نازکرُن۔ نخر کرُن۔
ناز ماننی۔ ا۔ ناز بوزٕنی۔ ۲۔ فرمانبردار روزُن۔
نازنُخر۔ ور۔ داسرنگ۔

ناز ہینٛنی۔ (کانٛسہٕ ہنٛدی) نُخر برداشس کرٕنی۔
نازُل۔ [> ف : ناز]۔ ا۔ ناز کرن وٲلِنی۔ ۲۔ خوشونی۔ پژ بیہ وِنی۔ دِل ٹھہ وِنی۔ لوٗبہ وِنی۔ ۳۔ ماشوق۔ محبوب۔
نازُن۔ [ن۔ مول : ناز > ف : ناز]۔ نازکرُن۔
نازنین۔ [م۔ مول : نازنین > ف : نازنین]۔ ا۔ خوشونی۔ پژ بیہ وِنی۔ لوٗبہ وِنی۔ ۲۔ حسین۔ ماشوق۔
ناس۔ [م۔ مول : ناس > س : نَسیہ]۔ تمٲکی پھکھ (یوسہ مُشک ہیٛنہٕ باپتھ یا دَنٛدن تراونہٕ باپتھ ورتاونہٕ یوان چھے)۔
ناسنہٕ خان۔ ا۔ ناسی۔ ناس کرن وول۔ ۲۔ (ہزلہٕ) سُہ یُس اڑبنیچھل یا کھڑ آسہ۔
ناسنہٕ ڈٕبہ۔ سُہ ڈٕبہ یتھ اَندر ناس چھ تھوان۔
ناسنہٕ مُشک۔ ا۔ تیز ناس ہیٛنہٕ پتہٕ شُہاد یتہٕ چہ اوٗنگجہ مَنٛزٕ ناس مَنٛز تُلرٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) کم کاسہٕ پوٗنٛسہٕ ٹوٗنکھ بیٛنہٕ یُس کوٗژھہ دِیہ۔
ناس کرٕنی۔ ا۔ ناس ہیٛنی۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی)

یب کرُن (لین دہنس مُنتر کرِتھ چنِس)

**ناس گژھنی۔** دہ دُر اَڑن ۔ فنا گژھن ۔ بُرباد گژھن ۔ دُزتھ ترِٹ گژھنی ۔ سور گژھن ۔

**ناسِک۔** [<س: ناسِکا]۔ نس ۔ نستہ ہنٛد ۔ (دلیِہ واکھ)۔

**ناسہ تراس۔** ۱۔ اڈ گرُ تھوگر ، بتےڈول۔ م: ناسہ تراس موہنیٛو۔ ۲۔ بتے سوٚم ۔کڈر۔ م: ناسہ تراس دِتھ ۳۔ اَوٚل سوٚل ۔ م: ناسہِ تراس کھیوٚن ۔

**ناش ۔** [ن۔ مؤل: ناش (س: ناشہ]۔ بُربادی ۔ ڈاس ۔

**ناشس گژھن ۔** بُرباد گژھن ۔

**ناشس فاش ۔** ۱۔زنا ۔ ۲۔ لیکہ لیکھ۔

**ناشس فاش کرُن ۔** زنا کرُن ۔ زبردستی کانسہِ زنانہِ سیتۍ دست درازی کرُن۔

**ناشس کرُن ۔** اضایہ کرُن ۔ ڈیہہ ڈاس کرُن ۔ م: دولتس ناش کرُن ۔ ۲۔ نابوٗد کرُن ۔ ہٹاوُن۔

**ناشس گژھن ۔** ڈیہہ ڈاس گژھن ۔تیٛ یا ناس گژھن ۔ بُربادی گژھنی ۔ نیست نابوٗد گژھن ۔

**ناشُکھ ۔** [<س: ناشکَ]۔ ناشس کرن وول ۔ تبأہی تہٕ بُربادی کرن وول ۔ فنا کرُن وول ۔

**ناشُن ۔** [ن۔ مؤل: ناشن (س: ناشنَ]۔ ناشس کرُن ۔ بُرباد کرُن ۔ گاٹن ۔

**ناف ۔** [م۔ مؤل: ناف (س: نابھِ (ف: ناف]۔ توٗن ۔

**نافہِ گوٗر ۔** ناف ، گنڈن وول ۔

**ناف ڈلنی ۔** توٗن پننہِ جایہ ڈلُن (یہ چھنے اَکھ بیماری)۔

**ناف گنڈنی ۔** (توٗنس پیٹھ کھور تھوٗتھ یا بییہ کنہِ طریقہ) ناف پننہِ جایہ برابر اَننی ۔

**ناف ، اَنترِنی ۔** اَنتر پرکھتہ یا پھوٗکھ دِتھ ڈجمٕش ناف پننہِ جایہ اَننی ۔

**نافہِ ۔** [ن ۔ مؤل : ناف (ف : نافہ]۔ ۱۔ مُشکہِ پھِٹُل یُس رُوسس توٗنس آسان چھُ ۔ ۲۔ مُشکہِ نافہِ ۔

**ناف کین ۔** [ انگ : نیپکن ۔ NAPKIN ]۔ بتہٕ کھینہِ وِزِ کوٹھن پیٹھ تھوٗنچ دُرج ۔ دستار خانہ ۔

**ناقص ۔** [<ع : ناقص]۔ ۱۔ نوقصہٕ دار ۔

گَنٛڈٕ پھٹ۔ کھوٹ زد۔ اڈلیوک۔

**ناکمل۔** ۲۔ یہ نہٕ شوٗد آسہِ۔ ییتھ رٕل آسہِ۔ م: دود چھ ناقص۔

**ناقص العقل۔** ۱۔ یس کمے بوٗد آسہِ۔ کم عقل۔ فاترٕ۔ چور۔

**ناکہٕ۔** [م۔ مؤل: ناکہ (ہ: ناکا] ۔ وتہ۔ گذر۔

**ناکہٕ بنٛدی۔** وتہٕ کون (کرُن) ۔ گیر۔

**ناکہٕ بنٛدی کرٕنی۔** وتہٕ کون کرُن۔ گیر تراوُن۔ ژٕلنس نہٕ وتھ دِنی۔

**ناکہٕ بنٛدی گژھنی۔** کُنہٕ کُنہٕ نیرنس نہٕ ضوٗرتھ روزٕنی۔ ژٕہ پارٕ وتہٕ بنٛد گژھنہِ۔ حد بنٛدی گژھنی۔

**ناکھ ۱۔** [ن۔ مؤل: ناک (س: ناکر] ۔ ۱۔ جَفنتھ۔ سوٗرگ۔ ۲۔ اکہِ قسمک ٹنگ۔

**ناکھ ٹنگ۔** اکہِ قسمکۍ مزدار تہٕ رسدار ٹنٛگ۔

**ناکھ دولہِ تھوٗن۔** پھرُن تھوٗن۔ تلخہٕ تھوٗن۔

**ناکھ دولہِ روزُن۔** پھرُن روزُن۔ ترٛہ کانٛہہ کام بیتر کرٕنی۔ ییمہِ سٟتی بیس پھشہِ یا تلخہٕ روزِ۔

**ناگ ۱۔** [ن۔ مؤل: ناگ (س: ناگر] ۔ اکھ داتھ یُس کارِتھ وٲٹس لگان چھ۔

**ناگہٕ زُرُٹ۔** کارِتھ ناگس بناونہٕ آمُت زُرُٹ۔

**ناگہٕ کارٕژُن۔** ناگ کارنک بانہٕ۔

**ناگہٕ گولہٕ۔** کارِتھ ناگس بنوومُت دہ گُل۔

**ناگہٕ موٗتُر۔** زُرُٹ کرِتھ ناگہٕ تھپہ۔

**ناگ ۲۔** [ن۔ مؤل: ناگ (س: ناگر] ۔ ۱۔ سُہ تلاو یتھ آب ووٗزِ۔ سوٗ جاے ییتہِ آب ووٗزِ۔ چشمہ۔ ۲۔ اکہِ قسمک (خیالی) اِنسان ییتھ سرٕف۔ ۳۔ آدِ واسی کٲشرٕ ہنٛد اکھ پرٕون قبیلہ۔

**ناگہٕ ببر۔** اکہِ قسمچ ووٗسنہٕ سبزی یوسہ ژٕ پاٹھی ناگس منٛدرٕ آنٛدرٕ وٕپدان چھے۔

**ناگہٕ بل۔** سوٗ جاے ییتہِ ناگ آسہِ۔

**ناگہٕ پوٗکھر۔** لوکُٹ ناگ۔

**ناگہٕ پوٗنتس۔** اکہِ قسمک مارٕناپ ییتمہِ سٟتی بڑٕ نہٕ کالہِ دُشمنس پیٹھ کران اوس۔

**ناگہٕ راد۔** ناگہٕ پوٗکھر۔

**ناگہٕ رادس پوٗنی ووٗزُن۔** ۱۔ کُنہٕ ترٛہ جایہ یاتہ سٟتی نش یادرٕ ہنٛز تُبیل بٕنٛز ییمہِ سٟتی ہنٛزا نٕچھے ترٛ آوہشر آسہِ۔

۲۔ کارٕ بارُک بیترِ نوٚو سِلسِلہٕ بُن۔
۳۔ اولاد بیترِ زینہٕ نیرُن۔
**ناگہٕ کیٚئیسر۔** اکھ دُبِس پوشہٕ گُل یُنہٕ جان خوشبوے آسان چھے۔
**ناگہٕ گاڈٕ۔** ۱۔ تِمہٕ گاڈٕ یِمہٕ ناگَس منٛز آسن۔ یِمَن چھہٕ ٹواہر پُرژھی پھل ترٛاوان تہٕ کھینہٕ چھے پاپھ مانٛنہٕ یوان۔ ۲۔ (وٲرگہٕ پاٹھی)۔ تِہٕ یِم وُچھُن حلحال آسہٕ تہٕ کھیوٚن یا استیمال کرُن حرام آسہٕ۔
**ناگہٕ گاڈٕ وُچھنہٕ حلحال کھینہٕ حرام۔** تہٕ دپتھ گو: ہیٚنس بیترِ یُس وُچھتھے یوت ہیٚکو زِ تہٕ ورتاوتھ نہٕ۔
**ناگہٕ لَے۔** سو ہمارے ہیٚتھین واریاہ ناگ آسن وُزان۔
**ناگہٕ نیٚنٛدرٕ۔** ۱۔ اشنہار چ نیٚنٛدرٕ۔ ۲۔ گوب نیٚندرٕ۔ نیٚسر۔
**ناگہٕ نیٚنٛدرٕ پیٚنی۔** گوب نیٚنٛدرٕ پیٚنی۔ خوتہٕ پیوٚن۔
**ناگہٕ وُزٕنی۔** ۱۔ ژھینہٕ تَلہٕ نیٚبر وُزنی آبہ ہوا۔ ۲۔ (وٲرگہٕ) سو دولتھ یوس بیٚنہٕ شوٗنکہٕ پاٹھی میٚنٛتھن ورٲے بِرونہٕ تھٕہ کُن واتتھ پیٚیہ۔

**ناگہٕ ووٚنی۔** ۱۔ ناگُک آب۔ پاگھ آب۔ ۲۔ سرد آب۔
**ناگہان۔** [< ف: ناگہان]۔ ہَنگہٕ تہٕ مَنگہٕ۔ بے شونٛکہٕ پاٹھی ییٚنہٕ نہٕ رٲیی آسہٕ۔
**ناگہانی۔** ہَنگہٕ تہٕ مَنگک۔ بے خَبرٕ پاٹھی۔
**ناگہانی بلاے۔** ۱۔ ہَنگہٕ تہٕ مَنگک مُصیبَتھ۔ سُہ مُصیبَتھ بیترِ ییٚنہچ نہٕ رٲیی آسہٕ۔ سُہ تاوُن بیترِ ییٚنہچ نہٕ دوہ میارے آسہٕ۔
**ناگاہ۔** [< ف: ناگاہ]۔ ہَنگہٕ تہٕ مَنگہٕ۔ بے شونٛکہٕ پاٹھی۔
**ناگُر۔** اکہٕ ژٕمک دوٗر نرکون۔
**ناگری قلم۔** نرکٲنٛز قلم یا بانٛسہٕ قلم۔
**ناگری نلچہٕ۔** نرکٲنٛز نلچہٕ۔
**ناگری۔** [< س: ناگری]۔ دیوناگری (رسم خط)۔
**نال ہُدا۔** [ن۔ سُوٚل: نال < ؟]۔ (ناٙلہٕ لاگنہٕ کرِ) یلہٕ کُس سُہ جِیہٕ بیاری سٕکہٕ گٕنٛڈان چھہٕ گریبان۔
**نالَس تھٕپھ دِنی۔** ژھیٚنی۔ کنہٕ پاٹھی رٹُن۔ چھہ رٹہٕ کرُن۔
**نالہٕ بٕکھچ۔** سو کھیٚر چھل یوس نال کرنہٕ باپتھ پلوس بیترِ رٹنہٕ ییہ۔
**نالہٕ ڈرج۔** سو ڈرج یوس پھین بیترِ رٹنہٕ باپتھ

نالہٕ کھور ۔ اَکہِ پٔڑ رُک نال ۔ اَکہِ پوزار کھوٗرُک
نال ۔

نال بَنٛد ۔ گُرِس نال لاگَن وول ۔

نال تُلُن ۔ چھنٛنَل تُلنہٕ ۔ مکانہٕ دَرِ سٕندِ یا
تاسہٕ دالٕ سٕنٛد زٕہنہٕ ہنٛنٛیَن زارَن
پوتسہٕ ہنٛنہٕ ۔

نال کَڈُن ۔ وِچھو " نال تُلُن "۔

نال لاگُن ۔ ۱۔ (گُرِس) پٔڑس شیٖٹرُ
کوو لاگُن ۔

نالے ۔ نِگے ۔ نورہیوٗہ یَتھ اَنٛدر چار دایَن
پھَل یا گاسہٕ تراوان چھِ ۔

نالان ۔ [ > ف : نالان ] ۔ ۱۔ ناراض ، ناراض
آسنہٕ کِنہِ کرٛکھ تُلَن وول ۔ ۲۔ رَوَن وول ۔

نالائی ۔ [ م ۔ مؤل : نالائی > ع : نعلین ] ۔
پُچھنہٕ ۔

نالہٕ ۱ ۔ [ ن ۔ مؤل : نال > ہ : نالا ] ۔ لوکٹ
وَسہِ وِزِ کوٗل ۔

نالہٕ ۲ ۔ [ ن ۔ مؤل : نال > ف : نالہ ] ۔ ۱۔ باکہٕ ۔
وبداکھ ، کرٛیکھ ۔ وَدُن باکھ ۔ ۲۔ فرٛی یاد ۔
واویلا ۔ شور ۔

نالہٕ دِنہِ ۔ ۱۔ فرٛی یاد کرُن ۔ کرٛکہٕ ناد کرُن ۔
۔ شور تُلُن ۔ واویلا کرُن ۔ ۲۔ وَدُن
رٕوُن ۔ وَدَن باکہٕ ژھٹنہٕ ۔

نالہٕ زاری ۔ ۱۔ وَدُن رٕوُن ۔ باکہٕ بک ۔ وبداکھ ۔
۲۔ فرٛی یاد ۔

نالہٕ ۳ ۔ لوکٹ کرٛنی ۔ ڈَسولہٕ یُنٛد اَکھ سانہٕ
یَتھ سٕتہِ تہٕ زاوُتیل ٹیپہٕ کران چھِ ۔

نام ۔ [ ن ۔ مؤل : نام > ف : نام > س :
نامہ ] ۔ ۱۔ ناو ۔ ۲۔ شوہرتھ (نیک یا بد)
م : نیک نام ۔ بدنام ۔ ۳۔ یزتھ ۔
آبروے ۔ لقب ۔

نامآوار ، نامآوَر ۔ مشہوٗر ۔ نامی ۔

نامآواری ۔ رٕژ شوہرتھ ۔ نیک نامی ۔

نام بدی ۔ بدنامی ۔ کھ شوٗوے ۔

نام بدی گژھنہٕ ۔ بدنامی گژھنہٕ یزتھ وٕتھن ۔

نامِ خوٗدا ۔ ۱۔ خوٗدایہٕ سٕنٛدی ناوی ۔ خوٗدایہٕ
سٕنٛدِ خاطرٕ ۔ برایہٕ خوٗدا ۔ ۲۔ (ہیٛرِ لہٕ پانٛژھ)
پُھٹنہٕ پھاتھ ۔ فضلِ خوٗدا ۔

نام نشان ۔ ۱۔ [illegible] ۔ ۲۔
نیال ۔

نام تھوٗنی ۔ (ہرٕ لہٕ) بدنامی ہیتھ کُن تراوِنی ۔ کھ کار
کرِتھ بدنامی گژھنہٕ ۔

نامدار ۔ ناودار ۔ یَس ساری آسن زانان ۔
مشہوٗر ۔ رٕژ سوٗتھ وول ۔

نام روزِنی ۔ ۱۔ نیک نامی روزِنی ۔ ۲۔ (اہزلِ پاٹھی) بدنامی ہیتھ گن روزِنی ۔

نام زَد ۔ ۱۔ نامی ۔ نامدار ۔ نامآور ۔ مشہور ۔
م: نام زَد شُور ۔ ۲۔ کُنہِ کامہِ خاطرِ تجویز کرنہٕ آمُت یا ژارنہٕ آمُت ۔

نام زَد کَرُن ۔ ژارُن ۔ کانٛسہِ ہُنٛد ناو تجویز کرُن ۔

نام نِہاد ۔ ناوِ باپتھ ۔ ٹُلی ۔ وَنہِ باپتھ ۔ اَپُرے ۔

نام نیبر دِنی (اہزل) بدنام گژھن ۔ بزگار سپدُن ۔

نامَنتھ ۔ [ن ۔ نامت (ف: نام] ۔ حاضری ۔

نامتھ دِنی ۔ حاضری کرِنی ۔ اکہِ اکہِ ناو بُلاوُن ۔

نامہ ۔ [ن ۔ مول: نام (ف: نامہ] ۱۔ چِٹھی ۔ خط ۔ ۲۔ کاغزات ۔ کاغذ ۔ دستاویز ۔
م: نِکاح نامہ ۔ ۳۔ دلیل ۔ م: سفر نامہ ۔ صُلح نامہ ۔ ۴۔ کُنہِ خاص موضوعس پیٹھ لیچھمُت نظم ۔ بیان ۔ روداد ۔ قِصہ ۔
م: جنگ نامہ ۔

نامۂ اعمال ۔ نامۂ اعمال ۔ سُہ کاغذ یا کِتاب یتھ پیٹھ (نیک یا بد) کارِ کرتوتھ درج آسن ۔

نامہ بَر ۔ چِٹھی اَنَن وول یا نِنہ وول ۔ قاصد ۔

نامہ پے ۔ (کانٛسہِ ہُنٛد) اَتا پتاہ ۔ (کُنہِ چیزُک) خبر اَتر ۔

نامہ پے ہیتون ۔ شیٖنچھ بود اَنِنی ۔ شاہ پتاہ ہیون ۔ خبر اَتر اَنِنی ۔

نامہ پَیغام ۔ ۱۔ خبر اَتر ۔ شیٖنچھ بود ۔ ۲۔ چِٹھی بیٹر ۔

نامہ پَیغام بھیُرن ۔ شووے گژھنی ۔ ڈونڈوری لگنی ۔ ژھ یاری خبر گژھنی ۔

نامہ پَیغام یُن ۔ چِٹھی واتنی ۔ خط واتُن ۔ خبر اَتر واتنی ۔ شیٖنچھ بود یِنی ۔

نامہ سوزُن ۔ دولہِ خط سوزُن ۔

نامہ لیکھن ۔ وُچھو " نامہ سوزُن " ۔

نامہ نِگار ۔ خبر دِنہ وول ۔ کُنہِ اَخبارُک سُہ مُلازِم یا رُکُن یُس تمہِ خاطرِ دورِ پیٹھ خبر سوزان آسہِ ۔

ناموس ۔ [ن ۔ مول: ناموس (ع: ناموس] ۱۔ حضرت جبرئیلؑ سُنٛد لقب ۔ ۲۔ آبروے ۔ نیکہ نامی ۔ رُتُو شوخ ۔ شعور ۔ ننگ ۔

نان بہا ۔ [م ۔ مول: نان (س: نابھِ ناڑی] ۔ سُہ زیٖوٹھ گُٹھ ہیوٗ یُس زِہنہٕ وِزِ ژولنِس سٕتی آسان چھُ ۔

نانہٕ بَدلہٕ پھس ژٕٹنی۔ (جھاگڑ یا عداوتہٕ کِنۍ) سٔخ دَدارٕ واتناوُن۔

نانہٕ دوٗر۔ دِلہٕ دوٗر۔ جِگر بوڈ۔ جرتہٕ دول۔

نانہٕ کٔٹُن۔ نانہٕ ٹُکرِ یُس ژٕٹنہٕ یوان چھُ۔

نان ژٕٹنی۔ (وٗرگہٕ) گوڈٕ بیٹھے کٔنہٕ چیز باپتھ تیار کرنہٕ آمُت۔

نان ۲۔ [م۔ مۄل: نان < ف: نان]۔ ژوٗٹ۔ اُبٔڑ توٚنارٕ ژوٗٹ۔

نانہٕ شٔبیِن۔ کال۔ شاکٔ بتہٕ۔

نانہٕ شٔبینہٕ ہٕ روزُن۔ سیٹھا غریب گژھُن۔ لاچاری پیٚنۍ۔

نانہٕ کَباب۔ ۱۔ ژوٚچہٕ ماز۔ ۲۔ (یارقندرِ ہٕنز) وُٹھِتھ ژوٗٹ۔

نانی یار۔ مَطلبی یار۔ سُہ دوس یُس نہٕ وَقتس پیٚٹھ بکار ییہ۔

نانک۔ سِکھن ہُند مذہبی اَوتار، گرُو نانک۔

نانا ۔ہ۔ [س: نانا]۔ قسمہٕ قسمہٕ، رنگہٕ رنگہٕ۔

نانا پرکاری۔ قسمہٕ قسمہٕ۔ رنگہٕ رنگہٕ۔

نانہٕ مُر۔ پےٚ دہ دِنۍ لگاونہٕ خاطرٕ ماوٕ گنڈ۔

نانگ۔ [ن۔ مۄل: نانک < س: نانکہ]۔ رہ پیہ یا پائتسک بنھیک طرف۔

نانی۔ [م۔ مۄل: نانی < س: [illegible]

یا ماجہٕ ہٕنز موج۔

نانہٕ نون لاگُن۔ نانہٕ ہُنُد ہیوٗہ مُسبتھ کرُن۔ نانہٕ ہُنُد ہیوٗہ وُطیر یا سوٗلوکھ کرُن، بٔڈ پیار کرُن۔

نانہٕ ژوٚچہٕ وٚڈر۔ (اَہزلہٕ پاٹھی) سُہ شُریُس صِرف نانہٕ پَتہٕ پتہٕ آسہٕ روزان تہٕ تمۍ آسہٕ رٕوچھمُت پولمُت۔

نانی تام یاد پیٚنۍ۔ ۱۔ سٔخ تَکلیف واتنہٕ کِنۍ سرز کہٕ نہرتھ ژلنہٕ۔ عذاب گژھُن۔ ۲۔ سٔخ دَدارٕ واتُن۔ بوڈ نوقصان گژھُن۔

نانگار۔ [ن۔ مۄل: نانگار < ف: نانکار]۔ یُس نہٕ پٔنُن زٔمین ذراتھ آسہٕ۔ بےٚ زرائی۔ یَس زٔمین ذراتھ کمناونہٕ بَدل بیٚیہ کانٛہہ پیشہٕ آسہٕ۔ مُہہ دار (زمینہٕ روٚس)

نانگر۔ [م۔ مۄل: نانگر]۔ چھپیر لاگنۍ۔ (کٔنہٕ کِتھ باپتھ) پٔتے روزُن۔ نال وَلُن۔ تھٕپہٕ نہٕ تُلنۍ۔ اَدرٕ زُٹ لاگنۍ۔

نانگری لُد۔ یُس تھپھے تُلِہ نہٕ۔ اَدرٕ زُٹ۔

نانگر کرنۍ۔ منگُن تہٕ منگُن۔ چھپیر گنڈنۍ۔

نانگر لاگنۍ۔ وُچھو "نانگری کرنۍ"۔

ناو ۱۔ [ن۔ مۄل: ناو < س: نامہ]۔

۱۔ سُہ لفظ یمہِ ستی کانہہ یا کینہہ ڈُزن یا زانہِ زن۔ ۲۔ شوہرتھ۔ مشہوری۔ م ۶ ناو نیرُن۔ ۳۔ یَزتھ۔ آبرو۔ م: ناوِ وول۔ ۴۔ لقب۔ خطاب۔ ۵۔ رۄسوٗخ۔ ۶۔ رۄژھ۔ م: ناو کڈنی۔

**ناوس آسُن۔** (کانٛسہِ ہنٛدِ) ناوِ منظور گژھُن آسُن۔ ۲۔ (کانٛسہِ ہنٛدِ) ذِمہ قرض آسُن یا جمع آسُن۔

**ناوس پیتھ یا پیٹھ مرُن۔** ۱۔ کانٛسہِ پیٹھ زۄ دیُن۔ ۲۔ کانٛسہِ پیٹھ فلوآے گژھن۔ ۳۔ (کانٛسہِ ہنٛدِس) شوہرتس کُن گژھن، یزتک لحاظ کرُن۔

**ناوس کُن گژھُن۔** (کانٛسہِ ہنٛز) شوہرتھ ہُنٛد دوکھ لگُن۔ ناما داری ہُنٛد فریب کھیٛون۔

**ناوس کھسُن۔** ۱۔ دَرِج سپدُن۔ ۲۔ مجرا دِنہ یُن۔ ۳۔ قرض کھارنہ یُن۔

**ناوس وَٹہ لگُن۔** بے یزتی گژھنی۔ بدنامی گژھنی۔ تھدِ دِلس لایق نہ روزُن۔ سُبز گژھنی۔

**ناوِ۔** (کانٛسہِ ہنٛدِ) گژھی۔

**ناوِ بجر۔** خاندانی آسنیچ شوہرتھ۔ ناما داری۔ مشہوری۔

**ناوِ بدلی۔** ۱۔ اَکِس ناوس بدلہ بیاکھ ناو۔ ۲۔ (کانٛسہ) موٗد مٔت زانُنہ پتھ تہ (یہ دُپِنہ تہ) بیٛیہِ زِنٛدہ سپدُن۔

**ناوِ توڑ۔** یُس ناوِ کِنی سیٹھا مشہور آسہِ۔ یزتہ وول۔ رۄسوٗخ بنٛد۔ ناما دار۔ خاندانی۔

**ناوِ پاوُن۔** بُہی منٛز کانٛسہِ ذِمہ لیکھُن۔ ذِمہ کرُن۔ کانٛسہِ ہنٛد ناو درج کرُن۔

**ناوِ پھیُر۔** اَکہِ ناوِ بدلہ بیاکھ ناو۔ ناو ہنٛس منٛز بل۔ اَکہِ بدلہِ بیاکھ زِن یا چیز بیتر۔

**ناوِ پھیر۔** ناو ہنٛس یا لیکھنس منٛز غلطی۔ ناوِچ اَدلا بدلی۔

**ناوِ کِنی (زانُن)۔** تھدِ نہ صرف بوزنہِ کِنی (کانٛسہِ ہنٛز یا کینٛہچ) زانکاری۔

**ناوِ لیکھُن۔** وُچھو "ناوِ پاوُن"۔

**ناوِ بدل گژھُن۔** دُسر یا یِہ ناو پیوٗن۔ (کورِ طلاق پتہ گژھنہِ کِنی) اَکِس ناوس بیاکھ ناو گژھُن۔ گیٛنہِ ہانٛز بنیرِ پینہ کِنی یا بیٛیہِ کانٛسہ اَنٛز گژھنہِ کِنی سُبز گژھنی۔ نامہ بدی گژھنی۔

ناوباشُن ۔ اکھ یا پٲنہٕ (ز مۆدد متی شند)
ناو ہیوٗن (تہٕ تمی سٕندِ ناوی تریش دِنی)
ناوٕ بوڑراوُن ۔ (خاندانس) وَٹہٕ دِیُن ۔
بدنامی گژھنی ۔
ناو پیوٗن ۔ ۱۔ کُنہٕ ناوٕ مشہوٗر یا بدنام گژھنی
ناو نیرُن ۔ ۲۔ رژھ نیرٕنی ۔
ناو تھوُن ۔ کینٛہہ تیُتھ کارنامہٕ کَرُن یمہٕ کِنی
مَرنہٕ پتہٕ تہٕ ناو ہیبہٕ ہیٚنہٕ ۔ کینٛہہ یادگار
تھوُن ۔
ناودار ۔ ناوٕ دول ۔ رۆسوٗخہٕ دول ۔ یُزتھ دار
مشہوٗر ۔ شہرتہٕ دول ۔ خاندٲنی ۔
ناوداری ۔ نیکھ نامی ۔ مشہوٗری ۔ شہرت ۔
ناو زِندٕ تھوُن ۔ زِنٛدٕ پیٹھ ہیوٗن لایق
کینٛہہ کَرُن ۔ تیُتھ کینٛہہ کارنامہٕ کَرُن یُتھ
مَرنہٕ پتہٕ کانٛہہ ناو ہیٚبہٕ ۔
ناو روزُن ۔ شہرتھ قایم روزٕنی ۔
ناو زیٚتُن ۔ کینٛہہ تیُتھ کارنامہٕ کَرُن یمہٕ کِنی
مشہوٗری گژھِ ہیٚزِ ۔
ناوکٔڑنی ۔ رژھ کڈنہٕ ۔
ناوکڈُن ۔ ۱۔ مشہوٗر سپدُن ۔ یُزتھ بَنُن ۔
رۆسوٗخ بڈُن ۔ نوٚن نیرُن ۔ ۲۔ رژھ
تُلِنی کانٛسہٕ ۔

ناوکَرُن ۔ زیوٕ دِنس پیتر شہ لفظ مُشخص
کَرُن یتھ سیتی تس آلو کرکہٕ ۔
ناوکُنُن ۔ (کانٛسہٕ ہُنز) ناماداری ہُنٛد
ناجایز فایدٕ تُلُن ۔
ناوگژھُن ۔ شہرتھ گژھنی ۔ مشہوٗری گژھنی ۔
رۆسوٗخ بَڈُن ۔
ناوکھارُن ۔ شہرتھ بڑاونی ۔ یُزتھ ہُراوُن ۔
تیُتھ کینٛہہ کمال کَرُن یمہٕ کِنی نامی
سپدِ ۔
ناو لگُن ۔ شہرتھ گژھنی ۔ ناماداری ہپدِنی
(کانٛسہٕ ہُنٛد) بَجر مانٛنی یُن ۔
ناولگُن گو نار لگُن ۔ نہٕ دِیتھ گو شہرتھ
گژھنہٕ کِنی چھے دُنی یا داری زیادہ
پیٚہن کَرنی پیوان ، ناماداری چھُ رنٛگہٕ
رنٛگہٕ ہیٚنہٕ یوان ۔
ناو نہٕ کانٛہہ زانُن ۔ اصیل تہٕ شریف
طبیعتھ آسنہٕ کِنی نہٕ کانٛسہٕ سیتی
راوُرمُت آسُن ۔
ناو نہٕ ہیوٗن ۔ ۱۔ بلکل نہٕ کانٛہہ واسطہٕ
آسُن ۔ لیف الیف نہٕ آسُن ۔
۲۔ پرزِژھن مازن نہٕ ۔ اوری تراوُن ۔
ناونیرُن ۔ ۱۔ نیکھ نامی سپدِنی مشہوٗری

سَپدُن۔ شوہرَتھ گژھنی۔ ۲۔ بےزتھ
ہُرُن۔ ۳۔ رٔوسوٗخ بڈُن۔

ناوِ وُسُن۔ بےزتھ وُسُن۔ نیکہ نامی
نہٕ روزُنی۔ نامہ بدی گژھنی۔

ناو والُن۔ بےزتھ والُن۔ بدنامی کرٕنی۔ پژھ
پرٕتیتھ وٕسنی۔

ناوہٕ ہُنس نہٕ کانٛہہ آسُن۔ شُرمُرٕ نہٕ آسُن۔
لاوَلد آسُن۔ بےکَس آسُن۔

ناوہٕ ہیٛنہٕ وول۔ ۱۔ نیٛچو کُر بیترِ ۲۔ جانشین
وارِث دَر۔

ناوہٕ ہیوٗن۔ کانٛہہ ہُند ناو کرُن۔ کانٛہہ
مُتلق کتھ کرٕنی۔

ناوہٕ ہیوٗن لایق نہٕ روزُن۔ ذٕلیر وسنی۔
بےبزتھ گژھُن۔

ناوی۔ (کانٛہہ ہُندِ) پژھی۔ خاطرٕ۔ م: نالی
سندٕ ناوی دِ نزدیشہ داما۔

ناو ۲۔ [م۔ موٗل: ناو (س: ناوَ، م: ف: ناو]۔
اَکھ پیچ وار لیہ کھور پوستیو اکہ جایہ
بیٛیہِ جایہ مال یا مُسافر واتناونہٕ
خاطرٕ بکنادنہٕ یوان چھے۔

ناوِ دَکہ دِتھ ژٕلُن۔ کانٛہہ مُصیبتس منٛز
پھساوِتھ نہٕ پانہٕ ژٕلُن۔ (کانٛہہ) بردِتُناوہ

کرٕنی۔ سورُ ے تراوِتھ ژٕلُن۔

ناوِ ڈَب۔ ناوِ ہُند مُنٛز یُم حصہٕ۔

ناوِ ڈوٗکھ، ناوِ ڈٕنگھ۔ ناوِ ہٕنزِ تِمہ تھمبہ
یُمن پیٹھ ٹھیٖتھ آسان چھُ۔

ناوِ کوٗتھر۔ ناوِ کوٗتھ دِنہٕ وول۔ ناوِ دُرزِ بند
کرُن وول۔

ناوِ گھُسُن۔ ناوِ منٛز سوار سپدُن۔

ناوِ لَمُن۔ ۱۔ ناو برِ دِنہٕ یکہ ناوِ نی۔ ۲۔ (ورگہ
پاٹھی) گرِچلاوُن۔

ناوِ نَم۔ ناوِ ہُند برِ ونٛٹھو یا پٔتمہ
اَندُک حصہٕ۔

ناوِ وُسُن۔ دوکھس منٛز بُن۔ بےشونگی
پاٹھی کُنہ منٛز ہیٛنہٕ یُن بیٛکس،
بژُن۔

ناوِ والُن۔ (کانٛہہ) کُنہ کرناوُن پھساوُن۔
بڑراوُن۔ بھاسراوُن۔

ناوِ تار۔ ۱۔ ناوِ کیتھ کولہ اپارِ یپور ترُن۔
۲۔ کُنہ پوٗنہ بیترِیس ناوِ تارس
اپور یپور تار وُنہٕ دِنہٕ پیہ۔

ناوِ چھان۔ ناوِ گرن وول۔

ناوِ سار۔ وُچھو "ناوِ سال"۔

ناوِ سال۔ ناوِ کیتھ پھیرُن تھورُن۔

ناوِ گاٹھ۔ ڈری یاوَ بٹھیک سُہ حصہٕ ییتِھ ناوِ ڈُنگہٕ بیتر ٹھٔہران چھِ۔

ناوِ ہانزٕ۔ ۱۔ ناو چلاوَن وول۔ یُس ناو چلاوُنس پیٹھ گُذار آسہِ کران۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) یَس نہٕ کانہہ گنڈِتھ جاے آسہِ۔ یَس نہٕ کانہہ گنڈِتھ تھَوِ یتہٕ آسہِ۔ ۳۔ (وُرگہٕ پاٹھی) بے بروسہٕ۔ یُس نہٕ پُزٕ ژٕ۔ غار ذِمہ دار۔

ناو آلوٗنی۔ ناوِ ہُنُد روخ پھِرُن۔

ناو بڈراوٕنی۔ ۱۔ گاٹھ پیٹھ ناوِ ہُنُد کُنہِ کُن نیرُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) لوتہٕ پاٹھی ژٕلُن۔

ناو بوٗٹھ لگٕنی۔ ۱۔ ناوِ ہُنُد گاٹھس پیٹھ واتُن۔ مُنزلس واتُن۔ سَچاتھ کُبُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) مییِّحنتھ رٕتھ کھٔسنی۔

ناو بوٗٹھ لاگٕنی۔ مُنزل پراوُنس اَندر کامیاب گژھُن۔ کام انجام ییُن۔ مییِّحنتھ رٕتھ کھٔسنی۔

ناو لوٗڈراونی۔ ۱۔ ناو پھاٹہٕ وِنٕز۔ ۲۔ لوٗی گرِتھ یا بُٹہِ پیٹھ مرمتھ کرِتھ ناو آبس تراوٕنی۔ ۳۔ تباہی کرٕنی۔

ناوِ چھا دِکہِ دِتھ ژٕلوس۔ تہٕ ڈیتھ گو: سوٗ کتھ چھَنہٕ ژٕ دُبارٕ بیھِر وُنہٕ واپس۔ سوٗ حالتھ چھَنہٕ ژٕ بیۍیہِ یمَو نہٕ دُبارٕ لِبن دین ژٕلو نہٕ ہرگز۔

ناو رٹِنی۔ ناو ٹھٔہراونی۔ ناو گاٹھس پیٹھ تھَونی۔

ناو نیرِتھ گژھٕنی۔ تہٕ ڈیتھ گو: وَق اَتھہٕ گژھُن۔ موقہٕ اَتھہٕ گژھُن۔

ناوُکھ ۱۔ [ن۔ مُول: ناوُک (ف: ناوُک]۔ تیر کمان۔

ناوُکھ ۲۔ [م۔ مُول: ناوُک]۔ آہرِچ گراٹی ییتھ آوُلُن آسان چھُ۔

ناوِل۔ [م۔ مُول: ناوِل (انگ: ناول Novel]۔ اَفسانوی نثرُک اکھ صِنف یُس زیٹھ اَفسانہٕ ہُنہِ بدوٗن مانٕنہٕ یوان چھُ۔

ناوِل نِگار۔ ناوِل لیکھَن وول۔

ناوُٹ۔ پَشُک بُنیُم تان یتھ سِتہٕ کانچی واٹان چھِ۔

ناوُک۔ آرس بیتر مُنزٕ باگ کھُلہِ جاے۔

ناوُن۔ [ن۔ مُول: ناو (پراکرت: نہوَنہ (س: سَناپَنہ]۔ سٕران کرُن۔ چھلُن۔ صاف کرُن۔ پاکھ کرُن۔ نل تلُن۔

نلے۔ [س: نہ]۔ نہٕ بی (نکارُک لفظ)

نائِکہ ۔ [ن ۔ مٔول ؛ نایک (س : نایکہ)]۔ (نوجک اکھ روٗ نبہٕ) یُس ماتحت کینہہ زٔنی آسن ۔ زُنیٹھ ۔

نائیک ۔ [ن ۔ مٔول : نایک (س : نایک)]۔ زُنیٹھ ۔

نٔبی، نَبی ۔ [مٔول : نبی (ع : نبی)]۔ پاٚغمبر۔ رٮ۪سوٗل ۔

نٔبی اکرمؐ ۔ تاظیمس لایق تہٕ بُزرگ رٮ۪سوٗل۔ آنحضرتؐ ہُند اکھ لقب۔ کرم کرن دول نٔبیؐ ۔ بخشن دول نبیؐ ۔

نٔبی مورسل، مرسل ۔ سُہ پاٚغمبر یُس پیٹھ کانٛہہ آسمانی کتاب نازِل آسہِ سپٕز ہِش۔

نتیجہٕ ۔ [ن ۔ مٔول ؛ نتیج (ع : نتیجۃ)]۔ ۱۔ ترٕ بھل ۔ ۲۔ انجام ۔ انتہا ۔ آخر۔ اَند ۔ ۳۔ حاصل ۔ ۴۔ غرض ۔ مطلب ۔

نتیجہٕ تُلُن ۔ انجام لبُن ۔ پھل تُلُن ۔ سزا تُلُن ۔

نتیجہ کڈُن ۔ (کُنہِ کتھِ) مطلب ژارُن ۔ اوٚہرٕ کڈُن ۔ لُب لُباب کڈُن ۔

نتیجہ نیرُن ۔ ۱۔ مطلب نیرُن ۔ پھل نیرُن ۔ ۲۔ انجام نیرُن ۔ ترٕ نیرُن ۔

نتیجہٕ وُچھُن ۔ انجام ڈیشُن ۔ ترٕ وُچھُن ۔ پھل لبُن (تُلُن)۔

نُتقو ۔ [م ۔ مٔول ؛ نُتقو (ہ : نتقی)]۔ ہشلہِ بیترٕ ہُنٛد (پنٕہ) گنٛڈ۔

نُتقی کرُن ۔ ۱۔ سِیتی گنٛڈُن ۔ سیتی گنٛڈِتھ تھوُن (ہشلہِ کاکٕڈ بیترٕ)۔ (کُنہِ یا کانٛسہِ سیتی) مُجراہس تھوُن ۔

نجد ۔ [ن ۔ مٔول : نجد (ع : نجد)]۔ ۱۔ صحراو۔ سنکیٖس ۔ ۲۔ سُہ صحراو یتھ مجنوٗن لالہِ زھاران اوس ۔

نجدِ وَن ۔ سُہ واٚران جہات یتھ مجنوٗن لالہٕ زھاران اوس ۔

نجدِ وَنس پھیُرن ۔ دَر بدر پھیرُن ۔ مُتی گرُھن ۔ وَتہٕ وَتہٕ پھیرُن ۔

نجس، نجس ۔ [(ع : نجس)]۔ ۱۔ حرام ۔ مُکرٕ۔ گوہ ۔ ۲۔ (دَرگہٕ پاٚٹھی) سُہ پوٚنٛسہٕ یا چیز بیترٕ یُس نہٕ حلال چھُ کماونہٕ ہُند آسہِ ۔ رِشوٚت ۔ پوٚنٛسہٕ بیترٕ۔

نجس کھیوٚن ۔ (دَرگہٕ پاٚٹھی) کوٚژھ رٹُن ۔ حرام کھیوٚن ۔ حلال چھُ کماے نہٕ آسنی ۔ رِشوٚت کھیوٚن ۔

نُخرٕ ۔ [ن ۔ مٔول : نخرٕ (ف : نخرہ)]۔ دَر۔ ناز ۔ پاٚتھر ۔

**نخرَل** ۔ وٕرل ۔ یُتھ پاٹھو سہ زنانہٕ یوٚس نخرٕ آسہِ کران ۔

**نخرٕ باز** ۔ وٕرل ۔ ناز کرن واجینۍ ۔

**نخرٕ روٹُن** ۔ رٕنس رُکاوٹھ کرِنہٕ یا پتھ ور کرِنۍ ۔

**نخرٕ کرِنۍ** ۔ ۱۔ ور ہاوِنۍ ۔ کجر کرِنۍ ۔ پاتھر کرُن ۔ نژِی نژِی یا ناز کری کری کینہہ ونُن یا کرُن ۔ ۲۔ گاگی کرِنۍ ۔ گاگل کرِنۍ ۔

**نخرٕ گژھنۍ** ۔ ورکرُس کُن ہاوُن غمز کرَنک عادتھ گژھن ۔

**نخرٕ ہاوِنۍ** ۔ ۱۔ ور ہاوِنۍ ۔ پاتھر کرُن ۔ ۲۔ گاگی کرِنۍ ۔

**ندیم** ۔ [ع : ندیم ] ۔ ۱۔ شراب پلہٕ ناوُن ، چاوُن وول ۔ ۲۔ دوس ، یار ستہ بوج (?) ۔ ۳۔ پشیمان ، شرمندٕ ۔

**ندیم گژھُن** ۔ شرمندٕ گژھن ، پشیمان گژھن ، خجل گژھن ۔

**نرُ** ۔ [ م ۔ مٲل ۔ نر (س : ناڑی ] ۔ ۱۔ پھنگرِ پیٹھٕ ہٕتھ رس ناٹمک اکھ انگ ۔ ۲۔ کرسی بیتر ہُند سہ حصہٕ یتھ پیٹھ نرہ بہٕ ٹھونہٕ ۔ ۳۔ سہ یس پیٹھ دارٕ مدار آسہٕ ، مددگار ۔

**نرِ آلونہٕ** ۔ ۱۔ تالہِ موٗت (?) کرُن ۔ ۲۔ بلایہٕ لگُن ۔

**نرُ تھُرنہٕ** ۔ وچھو "نرِ واینہٕ" ۔

**نرِ زنگہٕ پھپھیر تھٕ گژھنہٕ** ۔ پٹیٖن پھپھیر تھ گژھنۍ پٹنۍ دُشمن بٔننۍ ۔

**نرِ زنگہٕ تھُرنہٕ** ۔ سخ کوشش کرِنۍ ۔ سخ زور لگاوِنۍ ۔ جدُ جہد کرِنۍ ۔

**نرِ زنگہٕ روٗزِتھ گژھنہٕ** ۔ سخ حیران گژھن ۔ سخ وہمہٕ گژھن ۔ روٹہٕ گژھن ۔

**نرِ زنگہٕ ژٹنہٕ** ۔ (کاتھہ) آشناوَن ، یارن دوستن لنہٕ ژٹُن ۔ پلزن والین گل گڈِنۍ یا ٹالِنۍ ۔

**نرِ زنگہٕ واینہٕ** ۔ حرکتھ کرِنۍ ۔ ہلہٕ زلہٕ کرُن ۔ سخ کوشش کرِنۍ ۔ جدُ جہد کرِنۍ ۔

**نرِ زیوٹھ** ۔ ۱۔ سہ یس نرِ زیٖٹھ آسُن ۔ یس ہیٖن مار دِنہٕ باپتھ نر آسہِ ڈیٖٹھی ڈیٖٹھی گژھان ۔ ۲۔ یُس پرتھ کُنہٕ تھپھ آسہِ لایان ۔

**نرِ گلونہٕ** ۔ ۱۔ لڑایہٕ نیرُن ، گانسہٕ لایُن ، چوب دِنۍ ۔ ۲۔ ژھروٕ کٔنھ تو ستی نکھٕ وانُن ، کٔنھو ستی نہ کینہہ نہ کرُن ۔

**نرِ لوسنہٕ** ۔ (کام کری کری) سیٹھا ٹھکُن ۔ خدمتھ کری کری تھکُن ۔

**نرِ مرِ لوٗتھو** ۔ بیٚنہ کار بہتھ آسُن ، کانہہ کام

کار نہ آسن۔
نُرمنتر۔ نُرتراوِنی یا نُرھنی۔ (پانہ وانگی
ہکے وٹہ روزُن۔ سیتی سیتی روزن۔
نالی نال روزن۔
نُرنور۔ نُرسیتی نُرتہ ڈیتھ گو: نکھ نکھ
سیتی سیتی۔ اکھ اکس نکھ پانیار
پاٹھی۔
نُرنور روزُن۔ اکے وٹہ بہن۔ نکھ نکھ
روزن۔ اکھ اکس سیتی روزُن۔
نُروایہ۔ ١۔ (لڑایہ وچ) نُرگلہ ناونہ۔
نُرچلاوِنی۔ ٢۔ (اُدرگہ پاٹھی) لڑائے کرنہ
خاطر شرارتھ دیُن۔ لڑائے کرنک
سنز کرُن۔
نُرہوُر۔ زنُر۔ نُرجوری۔
نُرآسنی۔ پلزن وول آسن۔ مدتی آسُن۔
مدتھ آسُن۔
نُرہتھ رٹنی۔ دخل نہ دیُن۔
نُرتلنی۔ لاپُن۔ چیاتھ لاہنی۔ نکھال
لاہنی۔ مُش لاہنی۔ ژُنڈ لاہنی۔
نُرزیٹھنی۔ (اُنھ روٹ کرن وول) باژ
ہُرن۔ مدتی یٹن۔
نُرژٹنی۔ ژاٹہ بوج کھیون۔ ہیمہ سِند

سیتی نَدد آسہ واتان سُہ ورغلاونہ
یُن یا ڈالُن۔
نُرژھوٹنی۔ ١۔ مدتی کم گژھن۔ ٢۔ ژاٹہ
بوج ژلُن۔
نُرکڈنی۔ حرکتھ کرنی۔ کام کرنہ ووتھن
نُرووتھنی۔ ١۔ کام کرنس ووہ ندیُن۔
کام کرنہ ووتھُن۔ وُژھ یُن۔ ٢۔ مُش
لاہنی۔ ژُنڈ لاہنی۔ تھاپر لاہنی۔
نُرس۔ [م۔ مؤل: نرس (انگ: نرس NURSE]۔ دائے۔ بیمارس واتن
واجنی۔
نُری۔ نالی بلوک سُہ حصہ ییتھ اندر نُر
ژاوان چھ۔
نُری کھارنی۔ کھینہ یا ژونہ باپتھ تیار
سپدُن۔
نُری وٹھنی۔ ١۔ کھیر ہکی ہیتر نُری پیٹھ کُن
ڈلتھ تھونی۔ ٢۔ بلکل تیار سپدُن۔
نُری کوٹ۔ تالوک سُہ تان ییتھ پیٹھ ورامہ
وہراوان چھ۔
نُری کھُر۔ [س: نڈ + کھُر]۔ ١۔ دُتر کھوور۔
ناسہ تژاسہ۔ بنے ڈول۔ کھشن نہ مکر۔
بنے شوب۔ بنے وطیر۔ ٢۔ (ییژ پاٹھی

بنجر زمین ۔ بیوٗٹھ ۔ یتھ نہٕ کینٛہہ بووِ ۔

**نٔری کھٔری پاٹھی** ۔ وچاہہ پاٹھی ۔ ہر نُرُو چھنے گرنے ۔ بے حساب پاٹھی سوچنے کرنے ۔

**نٔری کھٔری کرُن** ۔ خراب کرُن ۔ بے شوٗب کرُن ۔ کھش نہٕ ٹکری کرُن ۔

**نٔری کھٔری گژھُن** ۔ ۱۔ یژ پاٹھی سوہ زمین یتھ یور دانہٕ بیترِ دوٗد تہٕ ادرِ کھسہِ کُھد تہٕ گاسہِ ۔ (زمینہِ ہُنٛد) بنجر گژھُن ۔ ۲۔ کُھش نہٕ ٹکری گژھُن ۳۔ تباہ گژھُن ۔ برباد گژھُن ۔

**نٔری کھٔری وَنُن** ۔ ۱۔ ادرُک یور وَنُن بکواس کرُن ۔ افراتھ وَننی ۔ وترِ کھوٗر وَنُن ۔

**نٔری وار** ۔ پھیرِ نہٕ نرٛنیک بڑو نٹھبتُم حصہٕ یُس پیٹھ کُن وٹان چھُ ۔

**نٔرٹک** ۔ کلہٕ وینٹھس ہیوٗہ اکھ گاسہِ ۔

**نُزل** ۔ وچھو "نُزلہٕ" ۔

**نُزل آوُر** ۔ (شہ کھین بیترِ) ییمہِ سیتی زُکام کرِ ۔

**نُزوٗل** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ نزوٗل (ع : نزوٗل] ۔ سرکاری زمین ۔

**نُزلی** ۔ دزِ بزِ لد ۔ ژھوٚکی ۔ یُس تکبُر گوٗسُنے آسہِ ۔

**نُزلہٕ** ۔ [ن ۔ مؤل ، نُزل (ع : نزلۃ] ۔ ۱۔ زُکام ۔ نَس پٔشینی ۔ ۲۔ نقاہہٕ ۔

**نُزلہٕ شوٗر** ۔ سخ زُکام ۔ سُنینہ گوٚمت نُزلہٕ ۔

**نُژ** ۔ [م ۔ مؤل ، نُژ (؟] ۔ بیپھہِ رؤس نلہٕ ہُنٛد تھوٗپ ۔ خاص کرِتھ سوہ گرٕہژ کیتھ یوسہٕ نلہٕ تھوان چھہٕ ۔

**نُژ دِنی** ۔ ۱۔ نلہٕ آب بند کرُن ۔ ۲۔ (ورکہٕ پاٹھی) ژھوٚہ پہٕ کرناوُن ۔ اُمس تھوٗپ دیُن ۔ ۳۔ ژھوٚہ پہٕ کرونہٕ کینٛہہ مرشو دیُن ۔

**نُژ ژلنی** ۔ آبہٕ کہٕ زورِ سیتی نارِ کرِ کلہٕ منٛزٕ نُژ نیرِتھ یِنی ۔ آبُک سخ زور آسُن ۔

**نُژ لگنی** (دِوگہٕ) (زنانہٕ) مہوآری سپدنی ۔

**نُژنی ۱** ۔ (نُژٕن) ڈال ، گلُن ۔

**نُژنی ۲** ۔ اکھ وُسنی بوٹی ۔

**نُژی نہٕ ہاکھ** ۔ اکھ جنگلی گاسہِ ۔ ڈیپان یہٕ کھینہٕ سیتی چھُ چاروالیس نشر ہیوٗہ یوان ۔

**نَسیم** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ نسیم (ع : نسیم] ۔ خوش ہوا ۔ ٹھنٛڈی ۔ صُبحک ہوا ۔

**نُستوٗر** ۔ [(س : نستہٕ] ۔ ییمِس کوکارُس

آسہِ۔ ٹکہِ نوٗسس
**نٔسیان**۔ [ن۔ مۆل: نٔسیان (ع: نسیان]۔
مَشرُف۔ مَشد گژھنچ حالتھ۔
**نٔسیانہٕ آسُن**۔ مَشرُف آسُن۔ یاداشت
نہٕ آسُن۔
**نَشی**۔ [ف: نشی]۔ یُس نَشہٕ آور چیز
استعمال آسہِ کران۔ شرٲبی۔
**نَشرُن**۔ [م۔ مۆل: نَشرُن (س: نش]۔
گلُن۔ ضایہِ گژھُن۔ کھوٗژھ گژھُن۔
**نَشرُن**۔ [ن۔ مۆل: نَشر (س: نش]۔
گالُن۔ ضایہِ کرُن۔ کھوٗژھ کرُن۔
**نٔصیب**۔ [ن۔ مۆل: نٔصیب (ع: نصیب]
لوٗن۔ قسمتھ۔ تقدیر۔ تأیید۔
**نٔصیبَس وَدُن**۔ سٮ۪ٹھا افسوٗس کرُن۔
ڈٲکِس ژٔنجہِ دِنہٕ۔
**نٔصیبہٕ ازماوُن**۔ ۱۔ قسمتھ لڑاوُن۔ توکل
کرُن۔ ۲۔ لاٹری برٕنی۔ ۳۔ (زاری کتھہٕ)
داو لاگُن۔ زارِس گنڈُن۔
**نٔصیبہٕ آسُن**۔ ۱۔ قسمتھ آسُن۔ ۲۔
۲۔ ہٕژِس لایق بنتھ آسُن۔ شوٗنڈہ
آسُن۔
**نٔصیبہٕ بیدار گژھُن**۔ کینٛہہ ہٕژر بنُن۔
کامیابی سپدٕنی۔
**نٔصیبہٕ پھیرُن**۔ رٕتی دوہ ینی۔
**نٔصیبہٕ لڑاوُن**۔ وِچھِو "نٔصیبہٕ ازماوُن"
**نٔصیبہٕ وِچھُن**۔ فال وِچھُن۔ ذاتُک
وِچھناوُن۔
**نٔصیبہٕ وول**۔ سو کُھہ ساوے وول۔
دِیارہٕ وول۔ یَس رُت قسمتھ آسہِ۔
ڈٔکہٕ بوڈ۔
**نٔصیحتھ**۔ [م۔ مۆل: نٔصیحت (ع: نصیحۃ]۔
۱۔ دا ے۔ نیکھ مَشوٗرٕ۔ رُت صلاح۔
۲۔ تنبیہ۔ تَہیب۔ لَنَس۔
**نٔصیحتھ آمیز**۔ ۱۔ سو کتھ بیتھ یتھ منٛز
نیکھ مَشوٗر آسہِ۔ ۲۔ سو داستان
یا فِلم بیترِ یَمہٕ نٔلہٕ کینٛہہ ہیٚچھہٕ زٕ۔
**نٔصیحتھ بوزٕنی**۔ کانٛسہٕ ہنٛدِس ہٕژِس
مَشوٗرَس پیٹھ یکُن۔ وُتہٕ ینُن۔
**نٔصیحتھ رٹٕنی**۔ ہِیُن رُنُن۔ تَہیب
گژھُن۔ تنبیہ گژھُن۔ وُتہٕ ینُن۔
سپدُن۔
**نٔصیحتھ روزٕنی**۔ تَہیب روزُن۔ ہیٚن
روزُن۔
**نٔصیحتھ کرٕنی**۔ ۱۔ نیکھ مَشوٗر دِیُن۔ رُت

صلاح دِیُن ۔ ۲۔ فہمایش کرنی۔

نفی ۔ [ (ع : نفی] ۔ اِنکار ۔ نہ ۔

نفی اِثبات ۔ ۱۔ اِنکار تہٕ اِقرار ۔ آو تہٕ نَہ ۔ ۲۔ اِنکار تہٕ اِنکار ۔ ۳۔ تصوفس مَنٛز اَکھ اَہم مُقام ۔

نفیس ۔ [ مٔول ، نفیس (ع : نفیس] ۔ اَصل ۔ صاف ۔ جان ۔ رُت ۔

نفیس النفس ۔ جان تہٕ زبر ۔ بڑٕ رُت ۔

نکیر ۔ [ ن ۔ مٔول ، نکیر (ع : نکیر] ۔ ۱۔ قبرِ مَنٛز پرژھہٕ گار کرَن والِس فرِشتہ سُنٛد ناو ۔ ۲۔ شخصس لَدٕ رۄبۄد ۔

نکیر و مُنکر ۔ زٕ فرشتہٕ یِم قبرِ مَنٛز پرژھہٕ گار کران چھ ۔

نکیر و مُنکر ڈٔلنی ۔ پیٚتھ ڈٔلنی ۔ ہوش ڈٔلنی ۔ پانس تام نہٕ روزُن ۔

نکھو ۔ [ (س : سکندھے ] ۔ نکھس کیتھ ، پیٚٹھ ۔ پھیکس پیٚٹھ ۔ شانس پیٚٹھ ، م ؛ نکھو سارُن ۔ نکھو تُلُن ۔

نکھو تُلُن ۔ ۱۔ (بور بیتر) پھیکس پیٚٹھ رٹُن تہٕ سارُن ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھی) ذِمہٕ ہیوٚن ذِمہٕ ہیوٚن ۔

نکھو سارُن ۔ (بور) پھیکین پیٚٹھ تُلتھ داتناوُن ۔

نکھی کھارُن ۔ نکھس پیٚٹھ تُلُن تہٕ ہیوٚر واتہٕ ناوُن (شُر بیتر) ۔

نگر ۔ [ م ۔ مٔول ، نگر (س : نگری] ۔ بستی ۔ لوکٹ شہر ۔

نگر نوٗنی ۔ ۱۔ شُرِ مُرِ زیٚنی ۔ شُرِ پَنٛگتھ زیٚنی ۔ بوڈِ عیال بنُن ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھی) آباد گژھن ۔

نگر نگر ۔ شہر شہر ۔ جایہ جایہ ۔ وتہٕ وتہٕ ۔

نگرِ نگرِ پھیرُن ۔ شہر شہر پھیرُن ۔ در بدر پھیرُن ۔

نگر نبر تھٕ پانار بیٹھُن ۔ تہٕ دِپھ گو : آسایش تہٕ آوِتھ تکلیفس کُن لمُن ۔

نلہ ۔ [ م ۔ مٔول ، نلہ (س : نلہ ] ۔ نور ۔ نلکہ ۔

نلہِ پیچھ ۔ نلہ مژراوُنک یا بنٛد کرنک اَکھ اوزار ۔

نلہِ لوٗنٹھ ۔ ہب کاکھ ۔ ہُسی کر ۔

نلہ کوٚر ۔ ڈُدرس بنُووُمت آرٕ بیٚیمہٕ سٕتی نلہ پیچھ بِلے نھوان چھ ۔

**نَلہِ وول۔** نلین بیتر نظر گُذر تھوَن وول۔ نلین مرمتھ کرن وول۔

**نَلہِ وونی۔** سُہ آب یُس نلہِ منٛزی نیران آسہِ۔

**نلی چیر۔** سُہ سامانہٕ یَیمہِ سیتی ناری ژٕٹان کران چھہِ۔

**نلو چر۔** [ن۔ مٔول؛ نلو چر < س: نلکاہٹ: چر]۔ ۱۔ تموکھ چینہٕ یا بیتھ اثر کانس بیتر) بخومُت جِجیر ہند نر۔ ۲۔ (درگہِ یا ٹھی) یُس نرگون ہیوٚہ توٗ نوکھ آسہِ۔ کمزور۔ زادُنیل تہٕ تھوٚد انسان۔

**نلو چہ ہند۔** یُس نرکانین جِجیر با بیتھ نلو چہِ بناوُن پیشہٕ آسہِ۔ گھڑ بیترِ گنڈن وول۔

**نلو چر پسہٕ۔** نلو چِک سُہ حصہ یتھ پیٹھ چِلم روزان چھےٚ۔

**نلو چہِ زنگہٕ۔** ہچہِ زنگہ۔ یُس نرکون ہشہِ زنگہِ آسن۔ یُس توٗ نوکھ زنگہِ آسن۔

**نلو بار۔** فصل تلتھ زمینس چاروٚاُمے گاسہِ کھینہٕ تراوُن۔

**نمنی۔** [م۔ مٔول؛ نمنی < س: نمنتہ]۔ نرمی۔ انکساری۔ عاجزی۔

**نمنی کرمنی۔** نرمی۔ انکساری۔ شرافتھ۔

**نمی۔** [م۔ مٔول؛ نمی < ف: نم]۔ سٕریہہ۔ اُدریر۔ ترٛی۔

**نمو۔** [< س: نوَ]۔ یکوٚ ژٕ نو۔ م: زِ نمی اَرداہ۔

**نمو دٕرج۔** منیج دُرج یوسہٕ پلہور لاگنہٕ وزِ ٹیٹنارِ تھوان چھہِ۔

**نلمنی۔** تراہِ باغن بیتر نقشہِ کھنہٕ با بیتھ ٹھانٹھرِ سُند اکھ سامانہٕ۔

**نمنر راوُن۔** [ن۔ مٔول < نمٕر راد۔ وچھو: ننُن]۔ ۱۔ نون کرُن۔ ظاہر کرُن۔ ہاوِتھ دیُن۔ پرد تُلُن۔ ملاکار کرُن۔ ننا بیتھ کرُن ۲۔ نہیب کرُن۔ بیلم تھوُن۔

**نمنر۔** [م۔ مٔول؛ نمنر < ؟]۔ نرہ ہیژ باٹھی گامہِ نر یا لبن جماے۔

**نوید۔** [ن۔ مٔول؛ نوید < س: نیویدیہ: نویدیہ]۔ ۱۔ تونبرکھ۔ پرساد۔

**نوہنہٕ۔ نیپنہٕ۔** [< س: نویتہ]۔ ۱۔ نوٚو نووٕے۔ ۲۔ (اکثر کامہِ منٛز) تازٕے یا حالے (لاگنہٕ آمُت)۔ ۳۔ حالے اَمیر

بَنِیُومُت یا اَفسَر بَنِیُومُت۔ اَڈِ بوڈ (یُس نہٕ پَتہٕ بوڈ آسہِ)۔

نُوٕ۔ [> س : نَوَ] یکوٕٹھ کَرِتھ نَو — ۹۔ پانژھ نُوٕ یا نُژِ تاجیہ۔

نُہلہٕ۔ [ن بِهُوٗل : نُہل (پراکرت : نوالٕ > س : نَوکہ + لہ) "وچھو" نوٗلہٕ"۔

نیستان۔ [ن ۔ مُوٗل : نیستان > س : نَیڈ + ستھان] ۔ ا۔ نَرٕ زمین ۔ ۲۔ نیوٗر۔ ۳۔ (وَرگہٕ) عالمِ رُوحانیتھ ۔ باطنی دُنیا یا عالمِ الَست۔

نیستانٕ پھیرُن۔ ا۔ دَر بَدَر پھیرُن ۔ ۲۔ فَلَوانے گژھُن۔

ناتھ۔ [> س : ناتھَ] ۔ ا۔ جان ۔ رُت ۔ زَبَر ۔ اَصل ۔ ۲۔ بَڈٕ بُرِتھ۔

ناتھ ہِش ۔ جان ہیوٕ ۔ اَصل ہیوٕ ۔

ناٹھِ پیاو ۔ چھپن ۔ اُڈلیوک ۔

ناٹھِ پیاو گژھُن ۔ چھپن گژھُن ۔ اُڈلیوک گژھُن ۔

ناٹھُن ۔ [ن ۔ مُوٗل ، ناٹھ > ؟ ] ۔ شُٹھُن ۔ ہٹہٕ رُن۔

ناج ۔ [م ۔ مُوٗل : ناج > ع : نہج ] ۔ رَگ ، رَگہٕ (خاص کَرِ ہٹِ چہ)۔

ناج کھسُن ۔ رَگُن دَرِم ہیوٕ کھسُن ۔ رَگہٕ نَنیر نہٕ ۔ (کانسہٕ آلو دی دی یا کرٕ کہہ دی دی)

ناج لَگُن ۔ رَگہٕ لَگُن ۔ ہٹہٕ ٹکُن ۔ کرٕ کہ دِتہٕ سیٹھا رَگُن زور داتُن نہٕ آواز نہٕ صاف پاٹھی پھورُن۔

ناچھُر ۔ [م ۔ مُوٗل : ناچھیر > س : نشٹ + اُلہ] ۔ ناچھُر ۔ ہانیٹھ آسنیچ حالیتھ ۔

ناچھرُن ۔ [ن ۔ مُوٗل : ناچھُر > س : نشٹ + اُن] ۔ تباہ گژھُن ۔ برباد گژھُن ۔ خراب گژھُن۔

نادِر ۔ [> ع : نادِر ] ۔ عجیب ۔ یہ نہٕ کُنہٕ بنہٕ ۔ یَتھ نہٕ جوڑ آسہِ ۔ واحِد ، نایاب ، کمیاب ۔

نادِم ۔ [ مُوٗل ، نادِم > ع : نادِم ] ۔ شرمندہ ۔ پشیمان ۔ خجل ۔

نادِم گژھُن ۔ شرمندہ سپدُن پشیمان سپدُن ۔ خجل گژھُن ۔

ناڑی ۔ [م : مُوٗل ۔ ناڑی > س : ناڑی] ۔ ا۔ نبض ۔ ۲۔ شہہ رَگ ۔ ۳۔ بڈٕ بڈی نار۔

ناڑی دَل ۔ تم ژٕہ داہ نار یم (وَنِہ پاٹھی) بجہٕ بڈ پیٹھ ہیور کُن کھسان چھہ۔

**نارِ ۱** ۔ [ ن۔ مؤل : نار > س : ناڈی ]۔ رَگ۔ م : ٹلکہِ نار۔ ہٹی ناجِ۔ رَگہِ ہمو کِنی ہوا چھُ چلان ۔

**نار کَڈنی** ۔ ۱۔ چۆرِ کرُن ۔ سۆت بناوُن ۔ سُخ زاوُیل پہیُن ۔ ۲۔ رگہِ کڈتھ اَنُن۔ سُخ درِسہِ دیُن۔

**نار کھَسنی** ۔ (شرارتس مَنز کرِنہ یِنہ کِنی) ہٹِ چِہ رگہِ ہُنہ نہ یاوُ ہُنہ۔

**نار ۲** ۔ [م۔ مؤل : نار > ؟ ]۔ اَکھ ہی دار بانہ۔

**نار پھِرِنی** ۔ (پرانہ لۆکہ رِواجہِ مۆجوب) کانہہ چیز راوِنہ پتہ حاضر لۆکن سَکلہِ پیٹھی آبہ نار آلہِ وِنی یتھ زَن ژۆرس آمہِ ستہ بیٚیسر پیہ تہ ژۆرِ ہُند پے لگتھ ہیکہِ۔

**نار ۳** ۔ [ م۔ مؤل : نار > س : ناڑی ]۔ جوے ۔ پاتج ۔ ینگر۔

**نارِج** ۔ [م۔ مؤل : نارِج > س : ناڈی ]۔ نالی۔

**نارِج دَگ** ۔ نالہِ ہُنز آبہ دَگ ۔

**نارِ کرُل** ۔ [ن۔ مؤل : نارِ کرُل ]۔ اَکِھ قسمُک داہر اۆدِ تہ زیوٚٹھ جوشہِ ہیکہ یتمِ ستی لۆنہِ

وِزِ پونِ چھِ باوان۔

**نارِ کوٗٹ** ۔ [ن۔ مؤل : نارِ کوٗٹ ]۔ شیٚشترو کھوکھر لۆر یتمہِ مَنز کِ (دانس بیترِ اۆکُن دِنہ خاطرِ) کھوکھ چھِ دِوان۔ کھوکہِ لۆر۔ دانس بیترِ کھوکھ دِنگ اَکھ سامانہ۔

**نارِ لہِ** ۔ [ ن۔ مؤل : نارِلہِ > س : نارِکیل > پراکرِت : نارایلا ]۔ ۱۔ کھوپرِ کھنجہ بناونہ جچھر۔ ۲۔ نلہِ چہ۔

**نارِ وَن** ۔ سُہ وۆزُل، لیُدُر تہ سفید (ترِ رنگ) پَن یُس بڑِ کُنہ بڑِ دوہہ چھِ گنڈان۔

**نارِ وَن بَنُد** ۔ تیٚوت نارِ وَن ٹھکر لۆت ہُزِس لگہِ۔

**نارِ وَن دَستار** ۔ کُنہِ بڑِ دوہہ شُرِس لاگنُک سُہ دستار یتھ ہُزِیک پَن وَلِتھ آسِ۔ اَکِھ قسمُک چھپٹِ دستار۔

**نارِ وَن کھارِنی** ۔ بیکھلہِ پیٹھ ہُرازِ ہُنزِن نزدیکی رِشتہِ دار بایَن ہُند ہُنگس زِ نارِ وَن کوٚچہِ شگونہ بڑھی الاٚوُنہ ترُاونہ۔

**نازِش** ۔ [م۔ مؤل : نازِش > ف : نازِش ]۔ چالی۔ چمکہ چاو۔ فخر۔

**نازِل** ۔ [ مؤل : نازِل > ع : نازِل ]۔ (آسمانہ)

وُسن دوال۔ غٲبی پیٚنہٕ وول۔

**نازِل سپدُن۔** (آسمانہٕ) وۄسن۔ (غٲبی پاٹھی) واتُن۔

**نازِل گژھُن۔** (ہنگہٕ پتہٕ منگہٕ) واتھٕ پیٚون۔

**ناسٕتی۔** [< ہِچھو۔ ناس]۔ ناس کرن وول یا بناوَن وول۔

**ناشِس۔** [< س: ناشَس]۔ تَباہی۔ بَربادی۔ خانہٕ گژھنُچ حالَتھ۔ م: دہ ہیہ ناش۔

**ناشِر۔** [مُول، ناشِر < ع: ناشِر]۔ (کِتاب) شایع کَرن وول۔

**ناشی۔** [< س: ناشی]۔ ناش کَرن وول۔ تباہ کَرُن۔

**ناظِر۔** [مُول: ناظِر < ع: ناظِر]۔ ۱۔ وُچھن وول۔ گاش دار۔ ۲۔ راچھ راوُٹھ کَرن وول۔ نظر گُذر تھاوَن وول۔

**ناظِم۔** [مُول، ناظِم < ع: ناظِم]۔ اِنتظام کَرن وول۔ مُنتظِم۔

**ناگراے۔** [ن۔ مُول، ناگراے < س، ناگہٕ + راجہٕ]۔ ہیمالہٕ ہِند عاشق۔ تَل پاتال ناگ راز۔ ناگ قبیلک اکھ دیو مالٲیی شہزادٕ۔

**نالِش۔** [م، مُول: نالِش < ف: نالِش]۔ داوا۔ مُقدمہٕ۔

**نالِش کَرٕنی۔** مُقدمہٕ کَرُن۔ داوا کَرُن عدالتس مُنز یادی گژھُن۔

**نالی نال۔** ۱۔ اکھ اَکِس سیتی سیتی۔ بِلکُل نکھہٕ۔ پانہٕ وانہٕ سَخ ماے محبّت۔ ۲۔ سَخ یارٕ۔ سَخ یا رنیشار۔

**نالی نال روزُن۔** پانہٕ وانہٕ سَخ ماے مُحبّت آسُن۔ اکہٕ وٹہٕ روزُن۔ سیتی روزُن۔

**نالی۔** ۱۔ لاگتھ، ژھنیتھ (پلو بیترِ)۔ ۲۔ ترہ پیہ لاگتھ آسہٕ۔ م: نالی کیا چھس۔

**نالی تراوُن۔** ۱۔ لاگُن (نار بیترِ)۔ ۲۔ پلو لاگُن، ژھنُن۔ ۳۔ پُشراوُن۔ ذِمہ کَرُن۔

**نالی ژھنُن۔** ۱۔ لاگُن۔ پلو لاگُن۔ ۲۔ اکانہٕ کانہہٕ کُنہہ کام پُشراوٕنی (ییتھ مَنزِ تس بینیس ریہ)۔ ذِمہ کَرُن۔

**نالی گژھُن۔** ۱۔ کُنہہ پلوک یُتھ کھلِہ ڈلیا آسُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) اکادٕ گژھُن۔ پتے روزُن۔ نال وَلُن۔ رٹُن۔ ۳۔ ییہ رٹکھُن۔ ذِمہ گژھُن۔ ۴۔ بینیس رزُن۔

**نالی گومُت۔** ۱۔ یُزنہٕ پتھو زٲوٕٹھ یا کھول سونہٕ آمُت (بے شوب پلو)۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) اکادٕ گومُت۔ رٹیومُت۔

**نالی ٢** ۔ [م۔ مؤل۔ نالی < س : نالِکا ] ۔١۔ بدرُو۔ آب پکہٕ ناوتہٕ باپتھ دِژ ہژ وَتھ۔ ٢۔ یزارُ ۔

**نالہِ وَمَس چونٹھ دِیُن** ۔ پانَس بےٚ وُقری کرٕنۍ۔ پانَس دٔہ رگتھ کرٕنۍ۔

**نالہِ وَمہ** ۔ نالہِ ہُند بوٚٹھ۔

**نالہِ مَنٛز ہیوٚن** ۔ ہےٚ بزنہٕ گژھن ۔ بوٚر یہٕ روزُن ۔

**نالہِ ہُنٛد** ۔ حرامک ۔ ذہنکھ ۔ حرام زادٕ ۔

**نامی** ۔ [< ف : نامی ] ۔ ناودار۔ یُس ساری اَسن زانان۔ مشہوُر۔ زوٗسوٗنہٕ وول۔

**نانِکھ** ۔ [م۔ مؤل : نانِک < س : ناڈیک نحرنتن ]۔ رگ ژھیٚنۍ۔ رگ یِلہٕ گژھنۍ (زخم لگنہٕ کنۍ)۔

**نانٹھ ، ناٹھ** ۔ [ن۔ مؤل : نانٹھ < س : ناٹہ ] اَچھ ٹیٚنٹھ ، اَچھ لٹہٕ وَہر۔

**نانٹھہٕ** ۔ [ن۔ مؤل : نانٹھ < ہانٹھ لفظُک بِگار < س : شَنڈ ] ۔١۔ یُس لانژھ گژھ آسہِ۔ ٢۔ زنہٕ۔ پکھپٔس۔ نیٚنہٕ موٗمن۔

**نانٹھہٕ پیاد** ۔ وُچھو " ناٹھ پیاد "۔

**نانٹھہٕ دانٛد** ۔ آختہٕ دانٛد

**نانٹھُن ١** ۔ ١۔ خراب کرُن۔ تباہ کرُن۔ ڈاس کرُن۔ ٢۔ لانژھ گژھُن ۔ نامرد گژھُن ۔

**نانٹھُن ٢** ۔ [ن۔ مؤل : نانٹھ < ؟ ]۔ شٹھُن۔ ہُندرُن ۔

**نانٛدی** ۔ [ مؤل : نانٛدی < س : نندا ] ۔١۔ سگہٕ وور۔ یتھ سیٚتۍ ڈوٗرِ سنگ چھہٕ دِوان۔ تولہٕ وور۔ ٢۔ کٔشیرِ ہنٛدِ اکہِ علاقُک ناو۔

**نانگل** ۔ [م۔ مؤل : نانگل ]۔ اکہِ قسمُک توٚتل کھعور بانہٕ۔ توٚو کٔڑتھ بوٚٹ۔

**ناوِد** ۔ [ن۔ مؤل : ناوِد < س : ناپتر ]۔ مَس کاسن وول۔ مَس ثبرِن وول۔

**ناوِد باپار** ۔ ١۔ ناوِد سُند پیشہٕ یا وظیفہٕ۔ ٢۔ (ہزلہٕ) بوٚنسہٕ وادن ہُند بھیٚیر یا نفار۔ کھٹہٕ واٹُن بوٚنسن ہنٛز کام۔

**ناوِد پوٚنژھی** ۔ گرٕ تام پوٚنسہٕ۔ سومؤلی پوٚنسہٕ (یہٕ چھہٕ حقارژ کنۍ وَنان)

**ناوِد تُل** ۔ اکھ (کرٕ ہنٛز) تُلہٕ ذاتھ۔

**ناوِد ٹوٗر** ۔ سہ لوکٹ بانہٕ یتھ مَنٛز ناوِد شیو یا مَس کاسن وِزِ آب چھہٕ تھوان۔ (ہزلہٕ) سیٚٹھا لوکُٹ بانہٕ۔

**ناوِد کیوٚم** ۔ اکھ کیٚمی ذاتھ۔

**ناوِد کھیٖس** ۔ ١۔ سہ چھری بیگ یتھ مَنٛز ناوِد ہتھیار تھوان چھُہ۔ ٢۔ سہ تھیلہٕ یتھ مَنٛز

کینہٕ موٗلی ہیٚر آسن ، زچہٕ بور ، جنٛد بور ۔

**ناوِدہار** ۔ ۱۔ موٗلی پوٗنس ۔ ۲۔ تم پوٗنسہٕ ہِم مگر میٹھ وُرائے ناوِد کٔڈرس ستر ناوِد سِندِ خاطرٕ تراوان چھِ ۔

**ناوِد سِندی لوٗشکھ** ۔ تہٕ ڈیٚشتھ گو : پانہٕ گزارہ وول آسِہ کینٛہہ نہٕ آسن وول تہٕ پانہٕ ہیٚو ہیوٗہ بوزنہٕ یِن ۔

**نآیِب** ۔ [ ن ۔ موٗل : نآیِب > ع : نایب ] ۔ قآیِم مُقام ۔ ڈِپٹی افسر ۔

**نِب** ۔ [ > انگ : نِب ۔ NIB ] ۔ قلمُک پنیوٗت ۔ پنیوٗت یُس قلمس لاگان چھِ ۔

**نِباوُن** ۔ [ ن ۔ موٗل : نِباو > س : نِرواہنہٕ ] ۔ نکھہٕ والُن ۔ گُذارہ کرُن ۔ بیٚتہٕ بیٚتہٕ کام انزراوٕنی ۔ چلہٕ راوُن ۔

**نِبُن** ۔ [ ن ۔ موٗل : نِب > س : نِروہنہٕ ] ۔ بیٚتہٕ بیٚتہٕ انٛدُن ۔ چلُن ۔ نکھہٕ وسُن ۔

**نِپل** ۔ [ > انگ : نِپل : NIPPLE ] ٹیوٗنٹھ ۔ سٹووُک بیترِ سہٕ ٹیوٗنٹھ یتہِ پارٕ تیل نیران چھُ ۔

**نِتھر** ۔ [ ن ۔ موٗل : نِتھر > س : نیتر ] ۔ اچھ ۔

**نِثار** ۔ [ موٗل : نِثار > ع : نِثار ] ۔ ۱۔ قۄربان ۔

**نِثار کرُن** ۔ قۄربان کرُن ۔ بلایہِ دیُن ۔

**نِثار گژھُن** ۔ ۱۔ بلایہٕ لگُن ۔ قۄربان گژھُن ۔ زُو وُنٛدُن ۔ ۲۔ عاشق گژھُن ۔ کانسہِ پیٚٹھ دِل لگُن ۔

**نِنچر** ۔ [ م ۔ موٗل : نِنچر > س : نِکٕتہٕ / نِکرُشٹہٕ ] ۔ ۱۔ نیٖٹ آسنُک حالتھ ۔ لوٗچر ۔ تنٛگیر ۔ ۲۔ پستی ۔ کم ماییگی ۔

**نِنچ پٔڑ** ۔ ( جِنٛگ ) سُہ پاسہ یُس توٗنہٕ بون کُن گژھُن تام آسان چھُ ۔

**نِرنجن** ۔ [ ن ۔ موٗل : نِرنجن > س : نِرنجنہٕ ] ۔ شوٗشنہٕ اکھ ناو ۔ مُنزّہ ۔

**نِراہار** ۔ [ > س : نِراہار ] ۔ کھینہٕ چینہٕ روٚس ۔ فاقے ۔ فاقہٕ بھر ۔

**نٔرُن** ۔ ۱۔ زھیٖچر ہِرُن واتھ دِنہٕ باپتھ نٔر گاٹسک یا نانہٕ مُری گنٛڈ ۔ ۲۔ پیٚیہِ گنٛڈ ۔ پلیارِ ہنٛد گنٛڈ ۔

**نٔرُن بوٗد** ۔ کاٹھ یا نٔرِ نفوپ ۔

**نٔرُن زٔنٛڈ** ۔ نٔرِ دوہ ۔

**نٔرُن کانٛی** ۔ نٔرِ چ گنٛڈ ۔

**نِروان** ۔ [ ن ۔ موٗل : نِروان > س : نِروانہٕ ] ۔ مُکتی ۔ نجات ۔

**نِرٗ** ۔ [ > س : نِجہٕ : نِج ] ۔ ذآتی ۔ خاص پنُن ۔

نِشتَر ۔ [ن۔ مؤل : نِشتَر > ف : نِشتَر ]۔
اَکھ پھٹی دار اوزار ۔ زخم کوٚرُنک اَکھ
اوزار ۔

نِشتَر دِیُن ۔ ۱۔ نِشتَرٕ سیتی زخم کَرُن یا
رَتھ بیترِ کاڑُن ۔ نِشتَرٕ سیتی تُرٕس
دیُن ۔ ۲۔ (وَرگِ پاٹھو)۔ تُرٕس دِیُن ۔
زیر دِنی ۔ تُرٕ کتھ دٕنی یوسہٕ دِلس لگِہ ۔

نِسوان ۔ [ مؤل ، نِسوان > ع : نِسوان ]۔ زنانہٕ ۔
سَتۆراتھ ۔

نِسوانی ۔ زنانٕ مُتعلق ۔

نِش ۔ [ > سن : نِکَشا ]۔ ۱۔ سیتی ۔ نکھہٕ ۔ م :
مے نِش بیٹھہ ۔ ۲۔ اَتھہٕ ۔ م : مے نِش
چُھنہٕ کانْہہ روپے ۔ ۳۔ کِنی ۔ م : مے
نِش گوٚہ اُپٕز ۔ ۴۔ کھوتہٕ ۔ نِسبتہٕ ۔
م : یہ چھ چھمہٕ نِشہٕ جان ۔

نِشَست ۔ [م ۔ مؤل : نِشَست > ف :
نِشَست ]۔ ۱۔ جاے ۔ بیٹھنچ جاے ۔
کُرسی ۔ ۲۔ مجلس ۔ سبھا ۔ میٹنگ ۔
م : نِشَست سپٕز برخاست ۔

نِشَستہٕ / نِشاستہٕ ۔ [ > ف : نِشاشَستہ ]۔
۱۔ مایہ ۔ ضمیر ۔ ۲۔ اَکھ قسمٕک قودرتی
غذا ۔

نِشُن ۔ وُچھو ' نِشہٕ '۔

نِشاط ۔ [ > ع : نِشاط ]۔ ۱۔ خوشی ۔ آرام ۔
لُطف ۔ ۲۔ ڈل بٕٹھِس پیٹھ اَکھ
خوٗبصورت باغ ۔ ۳۔ (وَرگِ) پُرفضا
جاے ۔

نِشان ۔ [ن۔ مؤل : نِشان > ف : نِشان ]۔
۱۔ علامت ۔ آثار ۔ ۲۔ داغ ۔ ٹھپہٕ ۔ مُہر ۔
نمبر ۔ ۳۔ پتہ ۔ نیب ۔ ۴۔ یادگار
(کانْہہ چیز بیترِ دِتمُت آسہِ یادداری)۔

نِشانہٕ ۔ ۱۔ آے ۔ ۲۔ سیپہٕ ۔ ۳۔ ماشوقہٕ
سُند توبُرک ۔ ۴۔ تصویر ۔

نِشانہٕ اَنداز ۔ برابر تہٕ سیوٚد آیس
پیٹھ گولی بیترِ چلاوَن وول ۔

نِشانہٕ پیوٚن ۔ ۱۔ داغ روزُن ۔ ٹھپہٕ روزُن ۔
۲۔ آبہٕ گرٕ ٹُھن ۔

نِشانہٕ تھوٚون ۔ ۱۔ تیٚتھ کینہٕ داغ یا ٹھپہٕ
ترٲوُن یمہٕ سیتی پرزناونہٕ ییہِ
یا اَتھہٕ ییہِ ۔ ۲۔ یادگار تھوٚون ۔

نِشانہٕ روزُن ۔ ۱۔ تیٚتھ کینہٕ داغ یا
ٹھپہٕ روزُن یمہٕ سیتی پرزناونہٕ ییہِ
یا اَتھہٕ ییہِ ۔

نِشانہٕ کَرُن ۔ ۱۔ داغ ترٲوُن ۔ ٹھپہٕ ترٲوُن ۔

مُہر ترٛاوٕنۍ۔ اَنگ کَرُن ۔۲۔ اے کَرُن ۔
مؤسس ترٛاوُن۔

**نشانہٕ مُرن** ۔ کارخانہٕ منٛز تیار کَرِنہٕ آمژن
چیزَن ٹِکٹہٕ لاگُن۔ اَنگ کَرُن ۔

**نشانہٕ مارُن** ۔ (آیس پیٹھ) گوٗلی بیترِ چلاوٕنۍ،
تیر لگاوُن ۔

**نشانہٕ ہُوٚز** ۔ سۄ تر ُسند اَکھ اوزار یتھ
سٹیٚوِشہٕ نقشہٕ ترٛاوان چھُ ۔

**نشانہ ہُرٛ** ۔ ۱۔ پتہٕ۔ نیب ۔۲۔ آنکَرُن ۔
نشانہٕ تھَوُن ۔۳۔ بَدِ (کاڑُن)۔

**نشان دِہی کَرٕنۍ** ۔ نشانہٕ تھَوُن ۔ ہاوٕتھ وُچھُن ۔
اَلگ ، کَڈِتھ دِیُن ۔

**نشانۍ** ۔ [م ۔ مؤل : نشانۍ (< ف : نشانی] ۔ ۱۔
یادگار ۔ یاداوآری ۔ ۲۔ اَکھ خاص تقریب
یتھ پیٹھ کوٗرِ ہٕنٛزِ سٕندِ گرٕ رسمی اِقرار
چھُ دِنہٕ یِوان ۔ بوگ ۔۳۔ (زاآری کَتھہٕ)
اِشارٕ دِتھ نہٕ حرفس نکرٕنۍ) ۔

**نشانہٕ گنٛڈُن** ۔ (زاآری کتھہٕ) دۄن باجین
ہُنٛد اشارِ پاٹھۍ گنٛڈُن یم نہٕ بیٚیس
فِکرِ تَرَن ۔

**نشانہٕ مُہر ہُنۍ** ۔ داژِ ژِ کوٗر ۔ بالغ کوٗر ۔
کھانٛدرس لایق کوٗر ۔

**نشانۍ آسٕنۍ** ۔ دۄن زنٛین پانہٕ وانۍ پھِر کتھ
آسٕنۍ ، گنٛڈِتھ اشارٕ آسٕنۍ یم نہٕ
بیٚیس فِکرِ تَرَن ۔ ساز باز آسُن ۔
اُٹ آسٕنۍ ۔

**نشانۍ کَرٕنۍ** ۔ ۱۔ کوٗرِ کۄ بَرس گنٛڈُن ۔ قسم
دِرۍ ہیٚنۍ ۔ کَتھہٕ گنٛڈٕنۍ ۔ ۲۔ خارِس
منٛز دۄن باجین ہُنٛد پانہٕ وانۍ
اِشارٕ ہاوٕنۍ ۔

**نشانۍ نِنۍ** ۔ نشانہٕ باپتھ تہٕ حفہ جاتھ بیترِ
سۄہنین ہُنٛد نِنۍ ۔

**نشہٕ** ۔ [(< س : نِرنگشا] ۔ ۱۔ کانٛسہ یا کُنہ جایہ
پیٹھ ۔ ۲۔ نکھہٕ ۔ سیتۍ ۔ نزدیکھ ۔ ۳۔
اَتھ ۔ ۴۔ کھونہٕ ۔ نسبتہٕ ۔

**نشہٕ زٕ رَدِتھ نہٕ تہٕ دوٗرِ کِشہٕ وتھہٕ نیر** ۔ یہ
چھُ تمہٕ سانہٕ وَنان ییلہٕ کانٛہہ زبانۍ
زبانۍ مارے ہاوٕنہٕ وقتہٕ وزِ نیٚبہٕ یوٚیہٕ

**نظام** ۔ [ن ۔ مؤل : نظام (< ع : نظامۃ] ۔
۱۔ بۄنٛدۄبس ، انتظام ۔ ۲۔ طریقہٕ عمل ۔
۳۔ ترتیب سِلسِلہٕ ۔

**نِفاق** ۔ [ن ۔ مؤل : نِفاق (< ع : نفاق] ۔
۱۔ دُفتٕر دُلازی ۔ پھاس ۔ ۲۔ پھوٹ ۔
ناراضگی ۔ بِگار ۔

**نِفاق آسُن** ۔ بِگاڑ آسُن ۔ پھوٗٹ آسُن ۔

**نِفاق پیوٚن** ۔ ناراضگی گژھنۍ ۔ پھوٗٹ وۄتھٕن ۔ بِگاڑ گژھُن ۔

**نِفاق ترٛاوُن** ۔ (دۄن زٕنَن) پھاس کڑٕتھ دِیُن ، پھوٗٹ تُلُن ۔

**نِقاب** ۔ [ ن ۔ مۄل : نِقاب > ع : نِقاب ] ۔ بُرقہٕ ۔ بُرٕنٛک سُہ حِصہٕ یُس بُتھِس پیٹھ چھُ تھوان ۔ پَردٕ ۔

**نِقابہٕ پیٛٹھ دٕرج** ۔ بُرٕنٛک سُہ حِصہٕ یُس بُتھِس پیٹھ آسان چھُ تہٕ اَچھَن تَل چھُس جالی بناوِتھ آسان ۔

**نِقابہٕ دِیُن** ۔ ١۔ بُرقہٕ دِیُن ۔ پَردٕ کَرُن ۔ ٢۔ (وَرگہٕ) مَنٛدٕ چھُن ۔

**نِقابہٕ کَرُن** ۔ بُرقہٕ دِیُن ۔ پَردٕ کَرُن ۔

**نِقاب پوش** ۔ سۄ زنانہٕ یُس بُرقہٕ دِتھ آسہِ ۔ بُرقہٕ دِنہٕ واجینۍ ۔ پَردٕ نشین ۔ سَترٕ کَرَن واجینۍ ۔

**نِقاب ترٛاوُن** ۔ بُرقہٕ دِیُن ۔ نِقابہٕ دٕرج بُتھِس پیٹھ تھوٚوُن ۔ پَردٕ ترٛاوُن ۔

**نِقاب تُلُن** ۔ (بُتھہِ پیٹھٕ) بُرقہٕ تھوٚد تُلُن ۔ پَردٕ تُلُن ۔

**نِقاب والُن** ۔ ١۔ بُتھِس پیٹھ نِقابہٕ پیٛٹھ ترٛاوٕنۍ ۔ ٢۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) (کانٛسہِ) ژُقہٕ والنۍ ۔

**نِکَل** ۔ [ > انگ ۔ : نِکَل : NICKEL ] ۔ اَکھ سفید داتھ یُس روشن کَرنَس لگان چھُ ۔ روشن ۔ گِلٹ ۔ قَلاے

**نِکَل دِنۍ** ۔ پالِش تھٕونۍ ۔ قَلاے کَرٕنۍ ۔ گِلٹ کَرُن ۔

**نِکَل کَرٕنۍ** ۔ روشن کَرُن ۔ پالش دِنۍ ۔ قَلاے کَرٕنۍ ۔ گِلٹ کھارُن ۔

**نِکَل کھارٕنۍ** ۔ گِلٹ کَرُن ۔ چمکاوُن ۔ (نیٚبہٕ ناوُن لٕر روشن ، پالشہٕ یا قلایہٕ بیتہٕ سیتۍ) ۔

**نِکاح** ۔ [ ن ۔ مۄل : نِکاح > ع : نِکاح ] ۔ ١۔ نیٚتھٕر کرنٕک یقرارنامہٕ ۔ ٢۔ نیٚتھٕر ۔ کھانٛدر ۔

**نِکاح پَرٕنۍ** ۔ ١۔ (کورِ یا گوٚبرِس) نیٚتھٕر کَرُن ۔ کھانٛدر کَرُن ۔ ٢۔ قاضی سُنٛد (کورِ گوٚبرِ سٕنٛدِ طرفہٕ) گوٚہَن ہُنٛز شہادتھ رٹِتھ تہٕ خوطبہٕ نِکاح پَرِتھ کورِ گوٚبرِس ایجاب و قبول پَرناوُن ۔

**نِکاح پیٚوٚن** ۔ ١۔ ہٕنز آشِنۍ میلٕنۍ ۔ ٢۔ نِکاح

جبا، بزٕ سیدُن، ذمہٕ سپدُن۔ •

نِکاح ثٲنی۔ ۱۔ نِکاح پرٕنۍ۔ ۲۔ بیٚمہٕ دوٚہہٕ نِکاح پران چھہٕ۔

نِکاح دیُن۔ (کاںٛسہٕ) کوٗرِ یا بیٚنہِ نیتھرِ دِنۍ۔

نِکاح شرٕ ہیٚنۍ۔ تم ٹٲرۍ شرِ کٕ نہٕ کھیلی یِم نِکاح پرٕن، وِزِ باگران چھہٕ۔

نِکاح کرُن۔ نیتھر کرُن، کھانٛدر کرُن۔

نِکاح کاگد۔ سُہ اِقرار نامہٕ یتھ پیٹھ نِکاح پرٕن وول تہٕ گواہ دستخط کرن۔ نیتھرُک اِقرار نامہٕ۔

نِکاح کھسُن۔ بالِغ گژھُن۔ نیتھرس لایق آسُن۔

نِکاح نامہٕ۔ وُچھو" نِکاح کاگد"۔

نِکاح وٲلۍ۔ یہرادٕ سِندِ طرفٕ سوٗزِ مٕتۍ زٕ گواہ تہٕ اکھ وکیل تہٕ مہرِ بیٚنہِ ہنٛدِ طرفٕکۍ زٕ گواہ تہٕ اکھ وکیل تہٕ قٲضی یِم نِکاح بیترِ چھہٕ پران۔ نِکہٕ حَن ہُنٛد رسم بیترِ انٛد واتہٕ ناوَن وٲلۍ۔

نِکہٕ حَن تل۔ نِکھَس تَل۔ نیتھرِ دِراو، کھانٛدر واجبِن۔

نِکہٕ۔ [< س: نِکرُ شٹ / نِکتہٕ۔ م۔ پنجابی۔ نِکا]۔ ۱۔ زاوُیل۔ ۲۔ لوٚکُٹ۔ ۳۔ (ٹاٹھِٹھیار کِنۍ) شُر۔

نِکہٕ پھلہٕ۔ ۱۔ لوٚکُٹ ہیوٚہ۔ دوٚہ دِ شُر۔ ۲۔ زِنِس بیترِ کرِ دِ مِتۍ لوکٕٹۍ لوکٕٹۍ ٹُکرٕ۔

نِکہٕ چرن۔ ۱۔ ژُھچہٕ ووٚٹ۔ ۲۔ (وُرگ پاٹھۍ) کم کاسہٕ۔ کیٚہہ گینٛژھا۔ یہٕ گینٛژھا یتھ کُن روٗدمُت آسہٕ۔ (چیز بیترِ)۔

نِکہٕ چرن واد۔ ۱۔ پوٗنسہٕ، دوٗمبرِ بیترِ۔ ۲۔ یتھ کُن روٗدرِ مِتۍ ژُھچہٕ داٲنۍ پوٗنسہٕ۔ ۳۔ کیٚہہ گینٛژھا۔ یہٕ گینٛژھا یتھ روٗدمُت آسہٕ۔ یِیمہٕ سِتۍ خاص کانٛہہ کام نیرِ نہٕ۔

نِکہٕ چینا۔ اکھ سنٛج توٗلہٕ ذاتھ۔

نِکہٕ رگ۔ اکھ قسمُک ڈُنٛژ ہیوٚہ رگ توٗلُ۔

نِکہٕ زِگر۔ اکھ قسمِچ رگ تہٕ سیٹھا زاوِج توٗلہٕ ذاتھ۔

نِکہٕ سِکہٕ، سُکہٕ۔ ۱۔ لوکٕٹۍ لوکٕٹۍ چیز بیترِ۔ رزٕ ہ بیتی۔ ٹُکرٕ۔ یہٕ گینٛژھا یتھ روٗدمُت آسہٕ۔ لوکٕٹۍ لوکٕٹۍ ٹُکرٕ۔

٢۔ نکہِ چِرُن ۔ پوٗنسہٕ واد ٹھٕٹہٕ وورٹ۔
پوٗنسہٕ، دوٗمبرِ تہٕ ٹکہٕ ہیتر۔

نکہِ ناٹی کَرٕنۍ ۔ ١۔ پہٕنٹنٛہ کَرٕنۍ۔ ٹھلو کَرٕنۍ۔
٢۔ سَنٛخ چوب دِنۍ۔

نِک نوٹ ۔ ٹُکر ۔ کھنٛجہٕ ۔ نِکہٕ نوٹ کَرُن۔

نِکہٕ نوٹ کَرُن ۔ نینٛک نینٛک کَرُن ۔ پیٛنٛتی پیٛنٛتی
کَرٕنۍ ۔ تھانٛس ۔ ٢۔ لرٕ لرٕ چوب دِنۍ،
اَلبِر اَلبِسی دِنۍ۔

نِکہٕ نور ۔ ٹُکر ۔ کھنٛجہٕ۔

نِکُٹ / نِکٕٹہٕ ۔ [ن ۔ مۆل : نِکٕٹ < س : نِکٕتہٕ ]۔
لوٚکُٹ ۔ شُر (ماٹھٕنیار کینی وَنان)۔

نِکُن ۔ [ن ۔ مۆل : نِک < س : نِکنہٕ ]۔ نٔنٛن۔
زامٕٹِل گژھُن ۔ کمزور گژھُن۔
ہیکٕتہٕ نہٕ روزٕنۍ۔ (اکھ بیمار بیترٕ کینی)
لیوٗژھ گژھُن۔

نِکٕٹہٕ ۔ [< س : نِکٕتہٕ ]۔ وُچھو "نِکُٹ"۔

نِکرُن ۔ [ن ۔ مۆل : نِکرُن < س : نِکرٕتنٛنٕ ]۔
١۔ یہٕ کینٛہہ نِکہٕ روومُت آسہٕ ٢۔ پیٛنٛتی۔
رَزٕ ۔ ٹُکر۔

نِکراوُن ۔ [ن ۔ مۆل : نِکراو < وُچھو ۔ نِکرُن ]۔
١۔ نینٛک نینٛک کَرُن ۔ پیٛنٛتی کَرٕنۍ۔
٢۔ ٹھلی کَرٕنۍ ۔ ٹُکر کَرٕنۍ ۔ ٣۔ اَدرٕ گٔہ پاٹھۍ
سَنٛخ مار دِتین ۔ لرٕ لرٕ چوب دِنۍ۔

نِکرُن ۔ [ن ۔ مۆل : نِکر < س : نِکرٕتنٛنہٕ ]۔
پیٛنٛتی کَرٕنۍ۔ ممہینہٕ بناوُن ۔ ٹھلو
کَرٕنۍ ۔ ٹُکر کَرٕنۍ۔

نِگہبان / نِگاہ بان ۔ [< ف : نگہبان ]۔
روٗچھ ۔ پہرٕ دار ۔ چوکی دار۔

نِگہبانی ۔ پہرٕ ۔ راچھ ۔ چوکی داری۔

نِگہداشت ۔ [ف : نِگاہ ]۔ نظر گذر۔
راچھ راوٕٹ ۔ نِگرانی۔

نِگے ۔ [م ۔ مۆل : نِگے < ؟ ]۔ سوٗ گنٛڈٕتھ
جاے یتھین چار وایُن ترٛیش
تہٕ پھل بیترٕ دوان چھہٕ۔

نِگیہٕ پُٹ ۔ سوٗ پُٹ ییمہٕ سیتی نِگے گنٛڈنہٕ
یوان چھےٚ۔

نِگیہٕ کار ۔ ١۔ سُہ پھل ٹھٹُھل ییتہٕ نش
گیٛن گنٛڈٕتھ ییہٕ تھونہٕ تہٕ کلہٕ ہینکہٕ
تہٕ اور یور بچھرتھ۔ ٢۔ (اَدرٕ گٔہ پاٹھۍ) ہلیمی
آسنۍ ۔ گرٕدن یوان کنٛیہ آسنۍ۔

نِگار ۔ [< ف ۔ نِگار ]۔ ١۔ شکیل جیٚن۔
محبوٗب ۔ ماشوق ۔ ٢۔ شوٗب ۔
زیٖنٛنہٕ۔

نِگار خانہٕ ۔ ١۔ تصویر خانہٕ ۔ ٢۔ پرٕستان ۔

٣- ماشوقہ سُندگر۔

نِگاہ۔ [م۔ مُول : نِگاہ < ف : نِگاہ]۔ ١۔ اَچھ۔ ٢۔ نظر۔ ٣۔ پہچان، شناخت۔ پَرزِ ناوُن۔ ٤۔ توجُہ۔ ٥۔ نگرانی۔ خبرداری۔

نِگاہِ ناز۔ ماشوقہ سُندر پاٹھی نظر، محبوبہ سُنز نظر۔

نِگاہ کرُنی۔ ١۔ وُچھُن۔ اَچھ تُلنی۔ نظر تراوُنی۔ ٢۔ مُلاحظہ کرُن۔

نِگارِش۔ [مُول : نِگارِش < ف : نِگارِش]۔ چیٹھی۔ تحریر۔

نِگالُ۔ [م۔ مُول : نِگال < س : نِگالَہ]۔ گاوِ یا دانِدس یُس مُلہ گردنہ بوٗنِہ طرفہ اوییزان آسان چھُ۔ ہُول۔

نِگین۔ [ن۔ مُول : نگین < ف : نگین]۔ ١۔ نگ۔ جواہر۔ لال۔ کرانکھ۔ ٢۔ حضرت بلس نزدیکھ ڈُلگ اکھ حِصہ۔

نگران۔ [< ف : نگران]۔ نظر گُذر تھوَن وول۔ روچھ۔ خبرگیر۔ حفاظتھ کرَن وول۔

نگرانی۔ [م۔ مُول : نگرانی < ف : نگرانی]۔

نظر گُذر (تھوٗنی)۔ راچھ راوُٹھ۔ پہرداری۔ حِفاظت۔

نِلہ پوت۔ [ن۔ مُول : نِلہ پوت < س : نیلہ + کپوتہ]۔ اکھ جنگلی کوتُر۔

نِلہ تھوتھ۔ (ترامُس تہ گندکس بنہ وُن) اکھ معدنی مُرکب۔

نِلج۔ [< س : نیلہ دوجہ]۔ اُکِس جاناوارُ سُند ناو۔ امی سُند چھ شکار کرنہ یوان۔

نِلہ کراش۔ [م۔ مُول : نِلہ کراش < ؟]۔ اُکِس جاناوارُ سُند ناو۔

نِلہ کھرنی۔ [م۔ مُول : نِلہ کھرنی < س : نیلہ + کھر]۔ اکہ قسمچ کھریتھ زیٹھی پنہ ڈتھر چھ آسان۔

نِلہ ناگ۔ [ن۔ مُول : نِلہ ناگ < س : نیلہ ناگ]۔ ١۔ ویر ناگک بیاکھ ناو۔ ٢۔ یوس مرگہ نزدیکھ اکھ ناگ۔

نِلہ وَٹھ۔ [< س : نیلہ + وٹہ]۔ سبز رنگہ ڈلام کنی۔

نِلہ وَٹھ لَلِہ وُن۔ تفریقہ ہیوٗن۔ اندری ہیوٗن۔ بٹن گُدرُن تہ باوُن کانسہ۔

نِلوٚج ۔ [ن ۔ ہُول ؛ نِلج <س : نِیلَ + دُجَ ] ۔ آکِہ قِسمُک جانادار ۔

نِلیٚشُو ۔ [ن ۔ ہُول ؛ نِلو <س : نِیلَ + اُبو ] ۔ ۱۔ دانہٕ بیٚتہٕ نِیٚو لُے روزُن ۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھی) چیٚنٹھ ۔

نِلیٚشُو آسُن ۔ چیٚنٹھ آسنی ۔ زورِ جبرٕ کاٗنہہ کاٗم کرٕنی پیٚنی ۔

نِلیٚشُو ہیوٚن ۔ ۱۔ چیٚنٹھ پیٚنی ۔ ۲۔ جبرٕ گژھُن ۔ زبردستی گژھنی ۔ ظُلم گژھُن ۔

نِلیٚشُو زٕھنُن ۔ چیٚنٹھ پاوٕنی ۔ جبر کرُن ۔ ظُلم کرُن ۔

نِمیش ۔ [م ۔ ہُول ؛ نمیش <س : نِمیشَ ] ۔ اُچھ ٹیٚنٹھ ۔ بٕڑ نزاہ ۔

نِنہٕ اَنُن ۔ عاجز کرُن ۔ تنگ کرُن ۔ جیٚرِ اَنُن ۔ بُیٚر اَنُن ۔

نِنہٕ آمُت ۔ ۱۔ عاجز ۔ تنگ آمُت بُیٚر آمُت ۔ ۲۔ بے زار ۔

نِنہٕ تہٕ کھیٚنہٕ یُن ۔ ۱۔ سخ عاجز یُن بُیٚر یُن ۔ ۲۔ کیٚنہہ کُنہٕ اتھہ وَتھہ یُنی ۔ ۳۔ سخ پریشان گژھُن ۔

نِنہٕ یُن ۔ بُیٚر یُن ۔ تنگ یُن ۔ جیٚرِ یُن ۔ عاجز گژھُن ۔

نِنہٕ موٗنٹھرج ۔ [م ۔ ہُول ؛ نِنہٕ موٗنٹھرج <س : ہینَ + ہَنٹوکَہ ] ۔ مآن ۔
نِنہٕ موٗنٹھرج ہاٗنگِھ ۔ ترٕ پہٕ اتھٕ مَنٛز بیٚری بیٚری ژٕلِہ ۔

نِنی ۔ نِنہٕ موٗنٹھرج ۔

نوٗر ۔ بٹہٕ الکہ کَم وَقتس مَنٛز تیار سپدَن وآلِ قسم ۔

نوٗر دانہٕ ۔ دانکہ تَم کاٗشرِ قسم یِم وُلدُل تیار چھہٕ سپدان ۔ کاٗشُر ترٕ پوٚچھ دالِہ بیوٗل ۔

نوٗر مکاٗے ۔ مکایہٕ بیاٗلہِک سُہ قسم یُس کَم وَقتس اَنٛدر تیار چھہ سپدان ۔ مکایہٕ ہُنٛد ترٕ پوٚچھ بیوٗل ۔

نوٗرُنہٕ ۔ [<س : نوٗرتہٕ "شوٗ لگُن" ۔ ] ۔ پوٚت یُن ۔ واپس یُن ۔ لگہٕ ہار تہٕ آسُن ۔ کرہم کزیا ترٛاونی ۔

نِہال ۔ [<ف : نِہال ] ۔ ۱۔ اوسوٗدٕ حال ۔ خوٚش حال ۔ پھولہٕ وُن ۔ ۲۔ جوان ہیکَن دول ۔ یُس یاوُن آسہٕ تہٕ عُمر ۔

نِہال آسُن ۔ خوٚش تہٕ خوٚش حال آسُن ۔ اوسوٗدٕ حال آسُن ۔ اُمیٚر آسُن ۔

نِہال سَپدُن۔ ا۔ اُسوُدٕ حال بَنُن۔ اُمیر بَنُن۔ خوش گژھن۔

نِہایتھ۔ [ع : نہایتہ]۔ ا۔ سیٹھا۔ دارا۔ تیز۔ یَسلہٕ۔ ۲۔ آخرٕ۔ اَنٛد۔

نِہالۍ۔ [م۔ سٕول : نِہالۍ (ف : نِہالی]۔ ا۔ تھَل۔ (بِیالِس) کھَسہٕ وِنی گُلو ہِم رُونہٕ خاترادنہٕ یِوان چھِ۔

نِہالِ تھوپ۔ نِہالِ بوٗد۔ تَنٛج بوٗد۔

نِہالِ دانہٕ۔ تَنٛج دانہٕ۔

نِہالِ ڈوٗر۔ سُہ زُمین زٕکُل یَتھ نِہالِ خاطرٕ بٕوُل وَونہٕ آسہٕ آمُت۔ تَنٛج وان۔

نِہالۍ کَرٕنۍ۔ تھَل رُونۍ، دٲنٛرادٕنۍ۔

نِیَتھ۔ [م۔ سٕول : نِیَت (ع : نیۃ]۔ ا۔ اِرادٕ۔ قصد۔ عزم۔ (یَینہٕ جایہٕ دِلَس سِینٛز وادٕ کَرُن) ۔۲۔ دِلی اِرادٕ۔ دِلی رائے۔ مَنشہٕ۔ ۳۔ مُراد، مطلب، غَرَض۔

نِیَتھ آسٕنۍ۔ دِلی اِرادٕ آسُن، قَصد آسُن۔

نِیَتھ بَدلٕنۍ۔ ا۔ اِرادٕ بَدلُن، پَنٕنۍ رائے بَدلاوٕنۍ۔ ۲۔ بے ایمانی گَژھنۍ۔ لَفظَس ڈَلُن۔

نِیَتھ تھَوٕنۍ۔ (کینٛہہ رُت کَرنُک) اِرادٕ کَرُن۔ (دِلَس منٛز) وادٕ کَرُن۔

نِیَتھ روزٕنۍ۔ ا۔ اِرادٕ (بَدٕ وستوٗر) روزُن۔ یَتھ پیٹھ قصد کوٗرمُت آسہٕ تَتھ نہٕ بَدلُن۔ ۲۔ ایمان ثابِتھ روزُن۔ پَنٕنِس لَفظَس پیٹھ روزُن۔

نِیَتھ کَرٕنۍ۔ اِرادٕ کَرُن۔ قَصد کَرُن۔

نِیَتھ گَنٛڈٕنۍ۔ کینٛہہ کَرنہٕ خاطرٕ اِرادٕ کَرُن۔ قَصد کَرُن۔

نِیَتَن مُراد عَمَلَن جزا۔ تِہ دٕپِتھ گو: اِنسانَس یِژھ نِیَتھ آسہٕ یا یِژھ عَمَل آسہٕ تَس چھُ تِمۍ کٕنۍ تِتھۍ ماوضہٕ مِیلان۔

نِیَتہٕ بَد۔ بے ایمان۔ کھوٗٹ۔ کوٗچھپیٛل۔ یُس وادَس ڈَلہٕ۔ یُس نہٕ بِیَس پیٹھ رُت یِیِژھ۔

نِیَتہٕ بَدَس روزِ بَد۔ تِہ دٕپِتھ گو: سٲنِہ بَد کانٛچھَن وٲلِس چھُ پانَس نٕتہٕ بَد یِوان۔

نِیَتہٕ وول۔ سٲکھُل۔ ژھوٗ کھٕبَل۔

نِیاز۔ [ن۔ سٕول : نِیاز (ف : نِیاز]۔ ا۔ قوربان۔ نِثار۔ وٕنٛدِتھ۔ ۲۔ نوٗید۔ توبَرُک۔ پرساد۔ ۳۔ نَذر۔ توحفہٕ۔

صَدقہ ۔ ۴۔ خُتمِ شریف ۔

**نیاز تراوُن** ۔ ۱۔ ہَدیہ دِیُن ۔ ۲۔ اۆرگہٕ (پاٹھی) اۆرِ تراوُن ۔ پَروا نہٕ کرُن۔

**نیاز تھوٚن** ۔ کُنہِ استانس یا کانسہِ پیٖرس بیتر کینٛہہ توحفہٕ دِنٛچ نیتہٕ کرِنہٕ۔ خُتمِ شریف پرنک ارادٕ کرُن ۔

**نیاز دیگ** ۔ ۱۔ سو دیگ یتھ مَنٛز نیازٕ باپتھ بتہٕ بیتر رنان چھہٕ ۔ ۲۔ سو بٔڈ دیگ یوسہٕ کُنہِ استانس مَنٛز روضہٕ بلس برٛونٛہہ کُنہِ آسان چھنے تہٕ یتھ لوٚکھ نیازٕ رنٛگی جنِس (توٚمُل بیترِ) تراوان چھہٕ۔

**نیاز دِیُن** ۔ ہدیہ دِیُن ۔ نذرانہٕ دِیُن ۔

**نیاز رٹُن** ۔ خٲراتھ رٹُن ۔ اَتھ دارُن ۔

**نیاز کرُن** ۔ ۱۔ وُندِ تھ دِیُن ۔ نذر کرُن ۔ صدقہٕ دِیُن ۔ ۲۔ دَیہ سٕنٛدِ ناوٕ کینٛہہ دِیُن ۔

**نیاز مَنٛد** ۔ ۱۔ (حٔلیمی سان) یہ بَنٛدٕ خاکسار ۔ ۲۔ فرمانبردار ۔ ۳۔ غرض گَرَن وول۔

**نیاز مَنٛدی** ۔ ۱۔ نیاز مَنٛد آسن ۔ ۲۔ بَنٛدگی خاکساری۔

**نیتھ، نیتی** ۔ [م : مول : نیت < س: نیتر]۔ ۱۔ طریقہٕ ۔ وطیرٕ ۔ وَرتھ ۔ چلَن ۔ کِردار۔ ۲۔ گاٹہٕ جار ۔ ژھوٚقب ۔

**نیج** ۔ [م ۔ مول : نیج < س : نیلَ ]۔ ۱۔ سَبز ۔ کھسہٕ وُن دزمُن ۔ ۲۔ یہ نہٕ رَنہٕ تلہٕ سٕینیوُمُت آسہِ ۔ خام ۔ کوٚچ۔ ۳۔ اَڈٕ پوٚپ (ترکاری یا میوٕ بیترِ) خام۔ کوٚچ ۔ ۴۔ ہاکہٕ رنٛگ ۔ نیوٗل رنٛگ۔ یُس رنٛگ سبزارس آسان چھُہ۔

**نیجہِ باچھہٕ شین پیوٚن** ۔ سُلہِ ہُرِ دِ شین پیوٚن ۔ تہٕ یتھ گو اَڈٕ لیوٚک گژھن، خامے برٕ گژھن۔

**نیجہِ لوٚمبُر** ۔ اکہٕ قٕسمک لوٚمبُر یُس پوٚدٕ نہٕ سونٛتہٕ نیجہِ مَنٛز پھٕٹان چھُہ۔

**نیجہِ وَنٛد** ۔ اگیُنہٕ بیترِ سٕنٛدی اوٚل وَنٛد ۔ دوٚدِ وَنٛد۔

**نیجہِ دراو** ۔ سُہ گُرُکُن یُس نیج کھینَس ہاوِل آسہِ تہٕ اوٚکنی آسیس نہٕ نیجہِ بیمٲری لوران۔

**نیجہِ دوٚد** ۔ (سونٛتہٕ کالہِ) گاوٕ دوٚد یُس توٚن آسان چھُہ۔

**نیٖجہٕ سیٚتھٕن۔** تِمس تیٖر سُند ماز یُس نیٖجہٕ
پٮ۪ٹھ آسہٕ۔
**نیٖجہٕ کنٛجہٕ۔** اَڈٕ پوٚپ۔
**نیٖجہٕ کیٖوم۔** اَکھ ریٖیہٕ سُنٛمب پکھل نیٖجہٕ
رنٛگہٕ کیٖوم۔
**نیٖجہٕ کھاو۔** ۱۔ نیٖج کھیٖنہٕ وول (ڈ گیٖن بیٚترٕ)۔
۲۔ اَکہٕ قسمُک نیٖجہٕ کیٖوم۔
**نیٖجہٕ نوٗر۔** زٕہ نگر ثومُت۔ لاغر۔ شُس۔
**نیٖجہٕ ووٚنی۔** سُہ آب یُس نیٖجہٕ سٔبزی
وٚسان آسہٕ۔
**نیٖج دِنی۔** ہوٗہرِ دِنہٕ برؤنہہ دوٚجہ نیٖلیو ڈُقرد
سیٚتی پھش دیُن۔
**نیٖجر۔** [< وُچھو۔ "نیٖوٗل"]۔ ۱۔ تازٕ دٕزمُن۔
سبزار۔ ۲۔ نیٖجہٕ رنگ۔ سبز
رنگ ہیٚوہ۔
**نیٖجر آژن۔** سونٛتھ یُن۔ نوٚو دٕزمُن یُن۔
زمیٖنس گٔلیٖن بیٚترٕ سبزار پھیٖرُن۔
بانٕہ پھٹنی۔
**نیٖجر پھیٖرُن۔** ۱۔ (اَکھ بیمار یا دٕہمہ بیٚترٕکنی)
تنفس رنگ نگرن۔ (دُنقس) اَکہٕ
رنگہٕ بیاکھ رنگ گژھن۔ ۲۔ سونٛتھ
یُن۔ نوٚو دٕزمُن یُن۔ سبزار پھیٖرُن۔

۲۔ (سبزی یا میوٕ بیٚترٕ) پٔنٕس
تیار آسنٕ۔
**نیٖجریُن۔** نوٚو دٕزمُن کھسُن۔ سبزار پھیٖرُن۔
گٔلیٖن تھٔرِ بیٚترٕ بانٕہ نیٖرٕنی،
پَن یُن۔
**نیٖرا۔** نیٖلہٕ بیٚترٕ۔ اَکھ مُشکہ دار جنگلی دٕہ پھ
یہٕ چُھ پوٚزایہٕ لگان۔
**نیٖرہٕ ر۔** [< پراکرت : نہٕ اَڈٕ < س: نکٹ]۔
نزدیکی۔ نکھہٕ آسنٕچ حالتھ۔
**نیٖزیکھ۔** وُچھو "نزدیکھ"۔
**نیٖزیکھی۔** وُچھو "نزدیکی"۔
**نیٖزمی۔** [م۔ مؤل: نیٖزمی < ؟]۔ نرمی۔
حلیمی۔ انکساری۔
**نیٖزمی دِنی۔** نرمی ہاونی۔ ڈہیجر تراوُن۔
**نیٖزمی ہاونی۔** نرمی ہاونی۔ شرافتس کام ہیٚنی۔
**نیٖزمی ہیٚنی۔** شرم کرنی۔ شرافتھ کرنی۔
**نیٖژر۔** [< س: نیٖچہٕ]۔ وُسی پایہٕ گی۔
کمیٖنہٕ گی۔
**نیٖژگی۔** [م۔ مؤل: نیژگی < س: نیچہ+ف: گی]۔ کمیٖنہٕ گی۔ وُسی پایہٕ گی۔
**نیٖژتھ۔** وُچھو "نیٖژر"۔
**نیٖستی۔** (دُرگہٕ) نرمی۔ خاکساری۔

نیکی ۔ [ف : نیکی ] ۔ بڑٕر ۔ جانٛی ۔ ثوابچ کام ۔ خوبی ۔

نیکی پھِرٕنۍ ۔ (اکانٛہِ ہُنٛد) رُت گنٛزرُن ۔ تاریف کرٕنۍ ۔ گوٗن گِھوٗنۍ ۔

نیکی کرٕنۍ ۔ رُت دُرتاوُن ۔ اِحسان کرُن ۔ جانٛی کرٕنۍ ۔ ثوابچ کام کرٕنۍ ۔

نیل ۱،۲ ۔ [م ۔ مٗول ؛ نیل (س : نیل ] ۔ ۱۔ اکھ قسمُچ نیچ پھب کھ یُس پلو چھلنہٕ وِزِ پوٗت گژھان چھُ ۔ ۲۔ شرس ژور وُدنہٕ کِنۍ شاہ ٹھٕٹھ ہیُوہ اشاس گژھُن ۔ ۳۔ ژمہ پیٹھ کُنہ ٹاسک یا زنجہِ ہُنٛد داغ، ضربُک نِشانہٕ ۔ ۴۔ مِصرِکہِ اکہِ دری یا وُک ناو یتھ اندر فرعون پانہٕ پھوٗٹ ۔

نیلہٕ برگ ۔ ترٕ و ترِ جالہِ ٹھلے کرِتھ اکھ گاسہِ ذاتھ ۔

نیلہٕ پیٹر ۔ اکھ مُشکہِ دار جنگلی دوہ بچ یُس چھُ لوزاہ لگان ۔

نیلہٕ تھوتھ ۔ وِچھو "نیلہٕ تھوتھ" ۔

نیلہٕ ٹوٗنگ ۔ نیلہٕ داغ ۔ نیلیوٗمُرت ٹُنیٖل ۔

نیلہِ ٹوٗنگ کھسُن ۔ نیلین آکھن ٹُنیٖل کھسُن ۔

نیلہٕ ٹوٗنگ کھارُن ۔ لٲے لٲے ٹُنیلہ کھارٕنۍ ۔ لہا کھارنہٕ ۔

نیلہٕ داغ ۔ ماز بیترِ وُدی گژھنُک نِشانہٕ ۔

نیلہٕ رٔس ۔ ۱۔ نوستوٗر ۔ زامتہ دوہ دُک ژوٗک آب ۔ ژوٗک آب ۔

نیلہٕ سرِ کرُن ۔ لٲے لٲے بدنس نیلہٕ داغ کرٕنۍ ۔ لہا کھسنہٕ سیتی پان وُدی کرُن ۔

نیلہٕ سرِ گژھُن ۔ بدنس نیلہٕ داغ گژھنۍ (چوب پلنہٕ کِنۍ) یسخ مار بیون ۔ وُدی دانگن گژھنۍ ۔

نیلہٕ کنٹھ ۔ شِو سُنٛد اکھ ناو ۔

نیلہٕ کٹ ۔ اکہِ قسمُچ نیلہِ رنگہٕ کٹ یتھ دہ کھل نہٕ کاجہٕ وٹھ بیترِ بناوان چھِ ۔

نیلہٕ کروش ۔ اکہِ قسمُک جاناوار ۔ بچھن ۔

نیلہٕ کھر ۔ اکہِ قسمُچ بیل ہیُوہ کُل ۔

نیلہٕ کھرٕنۍ ۔ اکہِ قسمُک جاناوار ۔

نیلہٕ گُر ۔ سوٗری گُر ۔

نیلہٕ نام ۔ اکھ زہریلہٕ وُسنی گاسہِ ذاتھ ۔

نیلہٕ وٹھ ۔ وِچھو "نیلہٕ وٹھ" ۔

نیلہ وُری ۔ رُہ وُری یَتھ منٛز دانہٕ نیوٗلے روز۔

نیلہ وُری پیٚون ۔ دٕراگ ودہ تھن ۔ قحط ودہ تھن بہ برٕن گرٛ ٹھن ۔ ہَنٛڈر گرٛ ٹھن ۔

نیل گرٛ ٹھنٕ ۔ شُرِس بیترِ وَدان وُدان شاہ پھُٹُن ہیوٗدِ، شاس گرٛ ٹھن ۔

نیل ناگ ۔ وِچھِو "نیلہ ناگ" ۔

نیل بٹہٕ ۔ [ن ۔ مٔول : نیل ]۔ وَرزِش بیترِ کرنہٕ بایَتھ کلب بیا دَستہٕ ۔

نیل بازی ۔ نیل پھِرِ نیچ وَرزِش ۔

نیلَم ۔ [ن ۔ مٔول : نیلَم < ف ۔ نیلم ۔ مُ ۔ س : نیلَمَنہِ ]۔ اَکھ موٗلیُج نیلیچ کَنہٕ۔

نیلام ۔ [ن ۔ مٔول : نیلام < پُرتگالی : لیلام ]۔ لیلام ۔ بٔولی ۔

نیلہٕ ۔ [< س : نیلَ ]۔ سوٗری رَنگہٕ ڈگر بیترِ

نیلُن ۔ [< س : نیلَ ]۔ ۱۔ نیوٗل رَنگ گرٛ ٹھن ۔ نیلیچ پھیرُن ۔ ۲۔ (خوفہٕ بیترِ کِنہ) بُھتھ‌نیک رَنگ بدلُن ۔

نیلوفر ۔ اَکھ نیوٗل پوشِ یَتھ دَوانہٕ بَنادان چھِ ۔

نیم ۔ [< ف : نیم ]۔ اوڈٕ ۔ نِصف ۔ بڑوٗنہہ لوٗگ تِہ ۔ م : نیم حکیم ۔

نیم باز ۔ ۱۔ اَڈ وُڑھ (اَچھ) ۲۔ خُمار بَتھ (اَچھ) ۔

نیم بسمل ۔ یُس اوڈُے بسم اللہ پرنہٕ آسہِ آمُت ۔ یُس اوڈُے کھش گومُت آسہِ ۔ اَڈ کھشہٕ تراونہٕ آمُت ۔ اَڈ مور ۔

نیم پاگَل ۔ کَم کاسہٕ دیوانہٕ ۔ مُتہ چالہٕ ۔

نیم جان ۔ نیم نف مود ردٕ ۔ نیم مود ردٕ ۔ مَرنَس تیار ۔

نیم خاب ۔ اَڈ نیٚنٛدر ۔

نیم حکیم ۔ ناتجربہٕ کار حکیم ۔ نا اَہل حکیم ۔

نیم حکیم خطرٕ جان ۔ تِہ دَپتھ گوٗ : اَنادٕ ری ہِسندِ دَسٕ چھُ کامہِ کھَرُے یوان ۔

نیم روز ۔ دُپہَر ۔

نیم سوختہٕ ۔ اَڈ دوٗد ۔

نیم شب ۔ اَڈراتھ ۔ نصف راتھ ، نصف شَب ۔

نیم گرم ۔ سوٗ کھٕ وُشُن ۔ سوٗ کھٕ بُوٗل تیٚز گرم ۔

نہاوَن ۔ [< س : ناشنَہ ]۔ یِیمہِ سیتہِ نُہنادان چھِ ۔ زَہَر بیترِ ۔

نہاوُن ۔ [ن ۔ مٔول ۔ نہاوُن < س : ناشنَہ ]۔ نُہ ناوُن ۔ مِٹاوُن ۔

نہاج ۔ [م ۔ مٔول : نہاج < س : ناڑی ]۔ رتِمہِ رَگہِ یِمہِ ژمہِ پیٚٹھی بوزنہٕ یوان چھنے ۔

**نہاژ کھسہٕ۔** (کُزکہ دِیر یا بڑ وِدنہٕ کِنی) ناچر پھٹِتھ نیرُنہٕ۔

**نہاژ ووتھتھہٕ۔** سخ شرارتھ کھسُن۔ غوصہٕ یُن۔ پھوشُن۔

**نہارٕ۔** [م۔ مؤل: نہارٕ < ف: نہاری]۔ ۱۔ نیٚنہارِ ڈیتھنہ گوڑنیک کھیٚن۔ ۲۔ رٔبتہٕ کالہٕ تہٕ کاجہٕ بغار کانہہ ٹنٹرِ کھیٚن۔ ۳۔ (گرٔن بیترِ ہنٛد) کھیٚن، آرداہ، پھل، گاسہٕ۔

**نہارٕ کرُن۔** ۱۔ کھیون۔ ہیٚنکلاوُن۔ گردِ پھ کرُن۔ رم: پنٛڑییے مَن ہیٚنن کرُن نہار سکافر سپدِتھ کوُرم یقرار
(دورگم) کانٛسہِ ہنٛز حقیقت ہضم کرٕنی۔ کانٛسہِ ہنٛزِ س مالس گردِ پھ والُن۔

**نہناوُن۔** [< س: ناشن لفظک دوگنیار]۔ ۱۔ مٹاوُن۔ ہٹی کرِ ستی بوٚڑ صاف کرُن۔ کاگذس بیترِ پیٹھ لیوکھمُت مٹاوُن۔ رٔبرِ ستی پھیٖش دیُن۔ ۲۔ لُہراوُن۔ واٹُن۔ پَنٛڈ پَنٛڈِ کرُن (مکانہٕ دیوار بیترِ)۔ ۳۔ نابود کرُن۔ ٹلُن۔ صاف کرُن۔ رم: داغ نہناوُن۔ ۴۔ بربار کرُن۔ برباد کرُن۔ تباہی کرٕنی۔

۵۔ شیکل ڈالُن، بگارُن۔

**نُسخہٕ۔** [ن۔ مؤل: نُسخ < ع: نسخۃ]۔ ۱۔ سُہ کاگد وٚرق یتھ پیٹھ حکیم یا ڈاکٹر علاج لیکھتھ دِی۔ ۲۔ ترکیب۔ طریقہٕ۔ ڈھنگ۔ ۳۔ خط، چِٹھ، رقعہٕ۔ ۴۔ اتھہٕ ستر لیچھمُت کتاب۔ رم: قلمی نُسخہٕ۔

**نُسخہٕ دیُن۔** کانٛہہ کام کار بیترِ کرنک طریقہٕ یا وتھ ہاوِتھ دِنی۔

**نُسخہٕ کڈُن۔** ۱۔ کانٛسہِ پیٹھ براتھ دِنی۔ کانٛسہِ چِٹھ سوزٕنی۔ ۲۔ حُکم چلاوُن۔

**نُلہٕ۔** [ن۔ مؤل: نُل < س: نکارِم: بِلِہ]۔ یُس انہٕ گرٹہٕ منٛز نٕہ لوزِنہٕ ییہ۔ یُس انہٕ گٹس منٛز پھیران تھوران آسہٕ۔

**نُمایش۔** [م۔ مؤل: نُمایش < ف: نُمایش]۔ ۱۔ ہاوُن۔ باوُن۔ ۲۔ ہاوُنک یا وُنک طریقہٕ یا سِلسِلہٕ۔ ۳۔ نُمایش گاہ۔

**نُمایش کرٕنی۔** ہاوُن۔ تھکُن۔

**نُمایش گاہ۔** سو جاے یتھ نُمایش لگِہ۔

**نُمایش لاگنی۔** کُنہِ خاص جایہ وارِیاہن چیزن والِن ہنٛد تالہٕ لاگُن (دیوتن لاگُن)

ہُنٛدٕ ین گرُٕھن آسِہ)۔

**نُمایَنٛدٕ۔** [ مؤل : نُمایند ‹ ف : نُمایَندہ) ۱۔ لۆکَن ہٕنٛدِ طرفہٕ ژارنہٕ آمُت کانٛہہ شَخص۔ ۲۔ کُنہٕ چیٖزٕک ، اِدارٕک یا دَرٕ ییک پۆکھ پیش کَرَن وول۔ ۳۔ (مجمُوعی حُثی یَتھ ہاوَن وول) نۆمُونہٕ۔

**نُمایَنٛدٕگی۔** [م۔ مؤل : نُمایَنٛدٕگی ‹ ف: نُمایندگی]۔ لۆکَن ہٕنٛدِ طرفہٕ ژارنہٕ آمُت آسنٕچ حُثی یَتھ۔

**نُنَرِ نُنٛرٕ۔** [م۔ مؤل : نُنَر ‹ ؟ ]۔ اَکھ قسٕمٕچ سَبزی ]۔

**نُنٛرِ بیٖول۔** خولفہٕ۔

**نُنٕٛیر۔** [ن۔ مؤل : نُنٛر ‹ س : لَونَہ ]۔ وُچھِو " نۆنہٕ مَز "۔

**نُنٕٛیر گرُٕھن۔** وُچھِو " نُنہٕ مَز گرُٕھن "۔

**نُنٛدِ بون۔** [ ن۔ مؤل : نُنٛدٕ بون ‹ س : نَنٛد + بھانٕ ]۔ خوشہٕ وُن۔ خوٗبصوٗرَتھ۔ پزٕ پیہ وُن۔

**نُنٛدِ پوش۔** گُنٛغہٕ۔ گُل بُنفشہٕ۔

**نۆج۔** بُہتھار۔ کوٗ بُہتھ۔

**نۆج کَرٕنۍ۔** بدگوٗئی کَرٕنۍ۔ بُہتھ کَرُن بُہتھار کَرٕنۍ۔

**نۆح۳۔** [ ‹ ع : عِبرانی : نوح ]۔ اَکِس مُرسلہٕ سٕنٛدٕ ناو۔

**نۆح سٕنٛز ناو۔** حضرتِ نۆح سٕنٛز ناو یَتھ مَنٛز تِمو ساریٛو زُوٕ زٲژن ہُنٛد اَکھ اَکھ جورٕ (خودایہ سٕنٛدِ قہرٕ کِہ سَیلابہٕ نِشہٕ بچاوٕنہٕ باپتھ) اوس تھوٗومُت۔

**نۆح سٕنٛد سَیلاب۔** طوٗفانِ نۆحؑ۔ سَیلاب یُس حضرتِ نۆحؑ پٮ۪ٹھ رِس اُتھٕ ڈیتھ گو ییلہِ تِم نافرمانی مَنٛز حدٕ ڈٲلی ، اُتھی مَنٛز چھُ حضرتِ نۆحؑ سٕنٛد نافرمان نیٚچوٗ تہٕ تَباہ سپٕدمُت۔

**نۆر۔** [ن۔ مؤل : نۆر ‹ ع : نور ]۔ ۱۔ گاش۔ تاباں۔ رونق۔ چمکھ۔ گاہ۔ پزٕز تیٖزٕ۔ ۲۔ جلوٕ۔ تجلی۔ ۳۔ حُسُن۔ دِوٕنھ۔ بُتھہِ ہٕنٛز تیٖز۔ ۴۔ خودایہ سٕنٛد اَکھ صِفت۔

**نۆرٲنی۔** مُنوٗر۔ پزٕ زِلہ دُن۔ روشَن۔ تیٖز وان۔

**نۆرٲنی بُتھ۔** ۱۔ پزٕزلہِ دُن موکھ۔ تیٖز سوٚت ۲۔ خوٗبصوٗرَتھ۔ شکیل حُسُن بٔنٛدٕ۔

**نۆرِ چشم۔** لۆکٕٹ گوٗبُر۔ عزیز۔ اَچھِ گاش۔

نوٗرِ دیدٕ ۔ وُچھو "نوٗرِ چشم"۔

نوٗرِ ظہوٗر ۔ ۱۔ پھولہٕ وُن گاش ۔۲۔ نوٗن جلوٕ ۔۳۔ آگہی ۔

نوٗرِ عین ۔ وُچھو "نوٗرِ چشم"۔

نوٗرِ بوٗرتھ ۔ ۱۔ تیز سۆست ۔ یُس پرزلہٕ وُن موکھ آسہِ ۔ ۲۔ (ژورگہٕ) بُزرگ ۔ ثوابکار ۔

نوٗرِک وَق ۔ ۱۔ صُبحُک وَق ۔ گاش پھولنک وَق ۔

نوٗرُن عَلا نوٗر ۔ ۱۔ نوٗرِ نوٗر سیٹھا گاش ۔ بُڈ گاش ۔۲۔ (ژورگہٕ پاٹھی) سیٹھا جان ۔ سارِوے کھوتہٕ رُت ۔ اصل کھوتہٕ اصل ۔

نوٗرِ بر حُسن ۔ ۱۔ پرزلُن ۔ گاہ ترادنہٕ تکھُن ۔ ۲۔ (بُنفس) زِنٕز وۄنٕھنہِ ۔ شۆبدار بُتھ ۔ تیز سۆست ۔ وُچھو "نوٗرِ پشیٖن تٕرٕ"۔

نوٗرِ پشیٖن ۔ ۱۔ گاہ تراوُن ۔ پرزلُن ۔۲۔ شۆبے دِنُ حُسن تراوُن ۔

نوٗرِ جہاں ۔ مہرُ النسا یوسہ جہانگیر بادشاہ سُنٕز محبوب تہٕ ملکانی آس ۔ تشکیل

نوٗرِ خانہٕ ۔ کُنہِ آستانچ سو جاے یتھ صرف زنانہٕ آسن بہان ۔

نوٗر ۔ اَکھ پھپھکھ یتھ سیتہ (دالن) صفائی کران چھِ ۔

نوٗل ۔ [ان ۔ موٗل : نول < پراکرت : نَوُلُ < س : نَکُلُ ] ۔ اَکھ زیوٗٹھ تہٕ مُژل گگر ہیوٗ جاندار یُس واٗنہِ اَندر روزان چھُ ۔

نوٗلہِ اُچھ ۔ ۱۔ نوٗلہِ سٕنٕز ہشہِ اُچھ ۔۲۔ بجو اُچھو مُدے ۔

نوٗلہِ اُچھ کرِتھ وُچھُن ۔ کوٗرِ کوٗرِ وُچھُن ۔ مُدے گنڈُن ۔

نوٗلہِ پنج ۔ چکہِ رائے ۔

نوٗلہِ کلہٕ ۔ نوٗلہِ سُند ہیوٗ کلہٕ ۔ دُبلہِ ہنٕز نیک سکلہٕ ۔

نوٗلہِ ہر ۔ ۱۔ (ژورگہٕ پاٹھی) بنے وایہ لڑائے ۔ سخ فساد ۔

نوٗن ۔ [ان ۔ موٗل : نوٗن < س : لَوَنَ ] نمک یہ چیز کھینہٕ چیٖنہٕ چیزس مزہ بایتھ تراوان ۔

نُنہٕ آب ۔ نُنہٕ آب یتھ نُنہٕ مزٕ آسہِ ۔ بٕڈ دادٕ موکھ گرگر کرنہٕ خاطرٕ آبس ترووُمت نوٗن ۔

نُنہٕ کرِ دوٗنی ۔ گرِ یکہِ دوٗن نوٗنہٕ آب ۔

ننہٕ کاژُر۔ نۄنہٕ کاژُر۔ سُہ یَس زینہٕ گرِ پیٚنٹھے اُچھر وال بیتر سفید آسن تہٕ بیٚنہِ کنہٕ نہٕ تیٚتر اُچھ تیز گاشس ڈُرِتھ ہیکَن۔

ننہٕ گُرِ تہٕ تلہٕ تلاو ہاوِنی۔ سیٹھا ننھیکُن، سبز باغ ہاوِنی۔ ٹرکاوُن۔

ننہٕ گُرِ ہاوِنی۔ سیٹھاہ تھکُن۔ سبز باغ ہاوِنی۔ ٹرکاوُن۔

ننہٕ نانہِ ہُنٛد ژٕنہِ آشناو۔ تہِ ڈیشِتھ گو: دۄر دراژک رِشتہٕ دار۔

نۄنہٕ اَتھ گژھنی۔ نَم ژَم گالِتھ تہٕ نہٕ اَتھ کیٚنہٕ یُن۔

نۄنہٕ پوٗنسہٕ۔ کمے کینژھا پوٗنسہٕ۔ پھٹہٕ وٹ بیتر کمے آمدنی۔ نۄزوٗری پوٗسہٕ موٗتلی انیخراجاتَن سٕتمب آسہٕ۔

نۄنہٕ پیٖن۔ ڈگتھ نۄنَس بناوُمِژ میٖنچہٕ یا پنٛدہٕ ہش پوٗسہٕ گاو بیتر آپران چھہٕ۔

نۄنہٕ پٕٹش۔ نۄنہٕ رَژِ ہنا۔ سیٹھا کم نۄن۔

نۄنہٕ پھلِس نہٕ چاے، نابَد پھلِس شاے۔ نۄنَس سۄمب گُزارٕنہٕ آسنہٕ تہٕ نابَد چھکنک حُکُم دیُن۔ تہِ ڈیشِتھ گو: آمدنی نیبر خرچ کرُن کیُت وَنُن۔

نۄنہٕ پھلو گژھنی۔ سیٚخ تیز لگنہٕ، شیٚنٛز لگن۔

نۄنہٕ پھولے چھہٕ گلان۔ تہِ ڈیشِتھ گو: بلایہٕ بیترِ ہُنٛد اَثر چھہٕ گوڈٕ نیٚبرِ آرِس تَران۔ تَتہِ آہی چھیٚنہٕ گوڈٕ غُربیٚیس ژھنہٕ کٲران۔

نۄنہٕ پھیُر۔ نوشہٕ ہُنٛد دارِ لیٚو گژھنہٕ برٛونٛہہ گوبرِ مالِین نۄن سوزُن۔

نۄنہٕ ترٛوش۔ یتھ نۄن تھوٚد آسہِ ریٚتھ زیادہ نۄنہٕ مزٕ آسہِ۔

نۄنہٕ تریش کرٕنی۔ مُصیبتہٕ تلن۔ سختی ہنٛدی دوہ گزارٕنی۔

نۄنہٕ تریش گژھنی۔ وتنَس پیٚٹھ سامانہٕ نَہ آسنہٕ کنہٕ کامہٕ تھوٚنٹھ ینی۔

نۄنہٕ ٹکہ۔ نۄنہٕ پھلی ہنا۔ نۄنہٕ پیٚونٹا۔

نۄنہٕ چار۔ چاروالِس نۄن دِنک سیٚخ طلب۔

نۄنہٕ چاے۔ نۄن ترٛاوِتھ چاے۔ نمکین چاے۔

نۄنہٕ دراگ۔ سیٹھا نموٗروٗری چیٖز تہٕ نہٕ بٔتن۔ نہٕ بۄن گژھن۔

نۄنہٕ زَہر۔ سیٹھا نۄن۔ تھوٚد نۄن کھینہٕ چیٖزَس ترٛوومُت۔ بَرنہٕ پلیٚٹھ نۄن۔ نۄنہٕ دِیہ۔

نۄنہٕ ژم ۔ کُنبر ۔ پانس عارق ییٚنہٕ کنہٕ۔
نۄنہٕ ژال ۔ سٚنز اتھس سۄسب نۄنہٕ پھیکھ۔
نۄنہٕ ژۄپ ۔ پیٚتھ نۄنہٕ ژژھا۔
نۄنہٕ شُشراد ۔ موٚر دِ ہینٛدِ ژۄرۍ مٲہ ڈۄک
شُشراد۔
نۄنہٕ غوطہٕ کرُن ۔ ۱۔ (کٔنزِ باپتھ) چاے پیالس
بیترِ منٛز نۄنہٕ پھۄل بوڈناوُن ۔ ۲۔
ٹلر اتھہٕ ہیٚتھ تھوُن ۔ زیۄٹھ ستی لوٚت
اتھہٕ روٹ کرُن ۔ کمتھو ستی راضی تھوُن۔
نۄنہٕ کان ۔ کان ییٚمہٕ نۄن نیران آسہٕ۔
نۄنہٕ کنۍ ۔ (کانہٕ اندرِ دراہش) نۄنہٕ ترل۔
نۄنہٕ گرگرِ ۔ نۄنہٕ آب آسس اندر گلناوُن۔
نۄنہٕ لاے کھیٚنۍ ۔ زیادِ عارق ییٚنہٕ کنہٕ
پانس سفیدی ہش نیرنۍ۔
نۄنہٕ مرٕ ۔ ۱۔ نمکین ۔ ییٚتھ نۄن ترٲوِتھ آسہٕ۔
۲۔ نسلی باپتھ کُنہٕ اندرِ کینٛژھا،
ژژھا ہیوٚتنا ۔ ۳۔ اتھی تۄتہٕ شۄب
ہش۔
نۄنہٕ مرٕ گژھُن ۔ نہٕ آسنہٕ کھۄتہٕ اتی
تۄتہٕ کینٛژھا بنُن ۔
نۄنہٕ وٲہ ۔ سیٚٹھاہ زیادِ نۄن ۔ تھۄد نۄن۔
نۄن ہیوٚن ۔ ۱۔ سخ پھیرُن ۔ سخ افسوس
کھیوُن ۔ وٲہ ہیوٚن ۔ ۲۔ آزرُدن یُن۔
تیلُن ۔
نۄن ترٲوُن ۔ تتر تلُن ۔
نۄن تیلُن ۔ سخ پھیرُن ۔ افسوس کرُن۔
وٲہ ہیوٚن ۔
نۄن دِیُن ۔ ۱۔ چارداٲلس نۄن آیُرن ۔
۲۔ (ژرگہٕ) ہیتھر پاوُن ۔ سخ شِکس
دِیُن ۔
نۄن ہا ترٛٹتہٕ بہُن ۔ سو کام کرُنۍ ییٚمیُک
نہٕ ضرورتھ آسہٕ ۔ بیکاری ہندۍ
ژھٹ دِنۍ۔
نۄن لگُن ۔ نۄن ژۄر گژھنہٕ کنۍ چارداٲلے
سُند یُنہٕ ہیٚنہٕ گژھُن ۔
نۄن نایاب گژھُن ۔ ۱۔ کانٛہہ موٗلی چیز
نایاب گژھُن ۔ کُنہٕ موٗلی چیزُک
وۄتھے گژھنۍ ، بازرِ نہٕ بنُن ۔
نۄن نیرُن ۔ ۱۔ نۄن تھاوُن ۔ نۄن ژۄر
گژھُن ۔ زیادِ گرکہٕ لگنہٕ کنۍ عارقہٕ
ستی پانس نۄنہٕ لاے کھیٚنۍ ۔
نۄن وچھُن ۔ ۱۔ کانٛہہ ترل چیز زیوِ ہیٚتھ
ترٲوِتھ وچھُن زِ نۄن کوٚتاہ چھُس
گومُت ۔ مزہ ہیوٚن زِ نۄن کوٚتاہ چھُس

ترادنہٕ آمُت۔ مزٕ ووچھُن ۔۲ تجربہٕ کرُن۔ مصیبتہٕ وُچھُن۔

**نوٗتھ۔** [ن۔ مؤل: نَمتھ (پراکرت: نتھ) < س: ناستِ]۔ کینہٕ نہٕ۔ بِلکُل نہٕ کینہہ۔

**نتھس پیٹھ پٲٹھی۔** بیگاری پیٹھ۔ مزوُر وراۓ کام کرنہٕ پیٹھ۔

**نوٗتھ دِین۔** کینہہ نہٕ دِیُن۔ رژھ نہٕ دِنہٕ۔

**نوٗتھ ہاوُن۔** بِلکُل انکار کرُن۔ جَب ہیوٗن۔

**نوٗٹ۔** [ن۔ مؤل: نُٹ]۔ پرٕ یا ٹھوٗ کَتھ ژوٗ آب سارنک لوکُٹ گوٗل کرتھ اکھ بوڑ بانہٕ۔

**نٹہٕ وار۔** ٹیٹنہٕ۔ ژوٗڈ۔ لوکُٹ نوٗٹ۔

**نُٹہٕ آر۔** گاسس یا زٕچِن بنو مُت دٲیرِ بُسس کلس پیٹھ نوٗٹ تھلنہٕ وزِ تھوان چھِہ۔

**نُٹی بیٹھ۔** گاسس یا زٕچِن بنو مُت یا ہٹھِو ژوک یتھ پیٹھ نوٗٹ (گراۓ نہٕ اگنہٕ موکھ) تھوان چھِہ۔

**نوٗجوٗر۔** جوتش۔ سنار باگے زانن وول۔

**نوٗحوٗستھ۔** [ع: نحوست]۔ ۱ ویناش۔ شکس۔ ذِلتھ۔ ۲ بدبختی۔

**نوٗحوٗستہٕ آدِنہٕ۔** شکس لدِنہٕ۔ ذِلتھ لدِنہٕ۔

**نوٗحوٗستھ وسِنی۔** شکس کیٖشِن۔ ذِلتھ ییٖنہٕ۔

**نوٗحوٗستھ یُن۔** شکس یُن۔

**نوٗر۔** [ن۔ مؤل: نر < س: نَڈ]۔ سوٗتھ بلوک سُہ حصہٕ یتھ ژنتر ژر روزان چھِنے۔

**نرِ کوٗچر۔** نوٗر بنادنہٕ باپتھ کپٹھو مُت کپر ٹُکر۔

**نرِ وار۔** ا کُل نوٗریُس زنانہٕ پھیرنُس نرُس پیٹھ لاگنہٕ ییِہ۔ قیمچہٕ یا کوٹھ ترِن ہنٛد کف یمن ٹُھہٕ بیترِ کرتھ آسن۔

**نرِ دار کھوٗنٹ۔** نرِ دار چھل۔

**نوٗس، نوٗست۔** [ن۔ مؤل: نَس < س: ناسا/ نستہ]۔ نکہٕ۔ یُس دہرنُس آسِہ۔

**نوٗش۔** [< س: ناشک]۔ ناش کرن وول۔ ڈاہسر۔ وتہٕ ژوٗر۔ لٹیر۔

**نوٗفُل/نفل۔** [< ع: نفل]۔ ۱ سُہ نذہبی عملوٗس یُس بلاۓ دفع کرنہٕ باپتھ کُنہٕ زیارژ بیترِ پیٹھ کرنہٕ ییِہ۔ ۲ سُہ نیماز یُس فرض ا سُنہٕ نہٕ داچھ نیمازو عملاو پتہ کرِ ہن۔

**نوٗفل پرُن۔** شکرانہٕ نیماز ادا کرِنہٕ۔

نوٗفُل دَرُن ۔ شُکرانہٕ کہٕ نٮ۪تھر ماہِ رمضانہٕ دَوراںٕ کُنہٕ دوہ ہیہِ روز در روزٕ ن۔

نوٗفُل کَرُن ۔ سازِ نہٕ بٔنٕد شمیتھ عید گاہ توبہٕ کرنہٕ وُسُن ۔ نیاز کرُن سیٖہ وِگرِ گرُن نہٕ باگرُن ( بہٕ چھہٕ کانٮ۪ہہ سہلاب بیتر بینہٕ دِرزِ گران)

نوٗفُل نِماز ۔ سُہ نِماز یُس شُکرانہٕ کہٕ نٮ۪تھر فرض سُہ نٮ۪تھ نہٕ واجب نِمازٕ و عِلاوٕ پرنہٕ یِوان۔

نوٗفُلس نیرُن ۔ عیدگاہ بیتر توبہٕ کرنہٕ خاطرٕ جرلوٗکس سیتی نٕرگژھُن ۔

نوٗفلہٕ نوٗفُل ۔ ژٕہ یارٕ نماز آسنہٕ ۔ پرٕتھ مجلس مُنٕز سیٖہ وِگرٕ آسُن ۔ ساری توبس مُنٕز آسُن ۔

نوٗکر ۔ [ ن ۔ مۆل : نوکر ( س : نکرہ ] ۔ (انہِ) نس ۔ نسترِ بین ۔

نوٗکرِس رز کرٕنی ۔ ۱۔ وُلہٕ پانٹھی بنٕد کرُن ۔ کو دَرٕ رٹُن ۔ ۲۔ نسترِ سیٖود دِیٚکہٕ ناوُن ۔ غلام بناوُن ۔ تل رٹُن ۔

نوٗل ۔ سُہ بُڈ بار یتھ نہٕ گُھنٕڈ آسہٕ دٕرٕژھر ۔

نوٗم ۱۔ [ مۆل : نم ( س : نکھم ] ۔ ۱۔ نہٕ کھنٕجٕ مٕژ یوٗمُت ۲۔ رٕژھا پیوٗنٹا ۔

نوم ۲۔ [ س : نو ] ۔ نو گون ۔ نَو نو پہر ۔

نومود ۔ [ ف : نمود ] ۔ نون ۔ ظاہر ۔ یہٕ بوزنہٕ لوان چھُہ ۔ یہٕ لبنہٕ یِیہ ۔

نومودار ۔ [ ف : نمودار ] ۔ یہٕ نون آسہٕ ۔ یہٕ ظاہر آسہٕ ۔ یہٕ صاف لبنہٕ یِیہ ۔

نومونیا ۔ [ ن ۔ مۆل : نمونیا ( انگ : NEUMONIA ) ] ۔ کانہٕ دود ۔ جوتلٕ جَم ۔ جوتلِ شدر ۔

نومونہٕ ۔ [ ن ۔ مۆل : نومون ( ف : نمونہ ) ] ۔ ۱۔ نہٕ بینہٕ مطابق کینہٕ بناوُن آسہٕ ۔ ۲۔ نادرٕ باپتھ کنٕج رٕژھا ۔ ۳۔ زۆرگہٕ پانٹھ عجیب ۔ بدلے ۔

نومونہٕ رٹُن ۔ آر رٹُن ۔ سکام رٹُن ۔ کانٕہ کُن ۔

نومونہٕ دِیُن ۔ کُنہٕ چیزُک نہٕ رماش کرنہٕ وِز نہٕ دِیُن یتھ ہیوٗہ سُہ چیز آسُن گژھہ ۔

نومونہٕ دار ۔ ہِشر ہاہہٕ ۔

نومراوُن ۔ [ ن ۔ مۆل : نومراو ( س : نمنہ ) ] ۔ بوٚن کُن نزلے کرٕنی ۔ بوٚن والُن ۔ بوٚن کُن رٹُن ۔ پاوُن ۔

نومرُن ۔ [ ن ۔ مۆل ، نومر ( س : نمنہ ) ] ۔ پاوُن ۔ بوٚن والُن ۔ بوٚن کُن نزلے کرٕنی ۔

**نۄن** ۔ [ ن ۔ مؤل : نَن > س : نگنہٕ ] ۔
۱۔ ننگہٕ ۔ پردٕ ورآے ۔ بلوٗوروس ۔
رم : نیتھٕ نۄن ، ننگہٕ نۄن ۔ ۲۔ غلافہٕ
ورآے ۔ رم : ننی تلوار ۔ ۳۔ بر عام ۔
سارِنے نش ۔ ژۄرِ پاٹھی نہٕ یم مشہوٗر ۔
ناوِ ودل ۔ یُس سارِنی زانان آسن ۔
۵۔ صاف ۔ ژھایہٕ ورآے ۔ رم : نب چھُ
نۄن ۔ ۶۔ یہٕ نہٕ وَنُن یا کرُن پیزِ ۔
بے شرم کتھ ۔ رم : ننہٕ کتھ ۔ ننہٕ لیکہٕ ۔
نۄن وَنُن ۔ ۸۔ مفلس ۔ نادار ۔ غریب ۔

**ننہٕ کتھ** ۔ ۱۔ کشفہٕ کراماتھ ۔ ۲۔ یہٕ نہٕ وَنُن
پیزِ ۔ یوسہٕ کتھ نہٕ کرٕنی پیزِ ۔ لیکہٕ لیکھ ۔
بے شرم کتھ ۔

**ننہٕ لیکہٕ** ۔ پُژ ۔ بد زبانی ۔ سخ فاش ۔

**ننہٕ وانہٕ** ۔ ۱۔ سارِنی نش ۔ صاف پاٹھی ۔
ظاکار (پاٹھی) ۔ ۲۔ حیایہٕ ورآے ۔
شرم گژھنہٕ ورآے (کینہٕ کرُن یا وَنُن) ۔

**ننہٕ ووڈِ کنہٕ ژۄٹ** ۔ بٹس پیٹھ کانہہ
ڈُنی ہُر پیزِ تہٕ ٹیٹھ کتھ ۔

**ننی راگہٕ** ۔ زینہٕ ورآے (گرِ ستر نظم پیٹھ) ۔

**ننہٕ کرُن** ۔ ۱۔ ہاوِتھ دیُن ۔ نیب دیُن ۔
پیے دیُن ۔ ۲۔ ننگہٕ کرُن ۔ پردٕ ژلُن ۔

۳۔ نۄن کرُن ۔ ظاہر کرُن ۔ ۴۔ رازس
یا کنہٕ سازِشہٕ فاش کرُن کینہہ کٔڈِتھ ۔
نُنلس تیر آیہٕ تہٕ دٔرایہٕ کھُنیس تیر ولنہٕ
آیہٕ ۔ نہٕ ڈیٹھ گو : نادارس چھُ تلُن تیرُن
برابر ے ، آسن وٲلِس چھُ زیری
سختی واتان ۔

**ننی پاٹھی** ۔ صاف صاف ۔ ظاہر ۔ ینہٕ کنی
سارِنی بوزنہٕ ییہٕ ۔ ننہٕ وانہٕ ۔ بر عام ۔
سارِنے نش ۔

**نۄن نہٕ چھۄن** ۔ نیدور ۔ مفلس ۔ غریب ۔

**نۄن کڈُن** ۔ ۱۔ ہاوُن ۔ واش کرُن (کنہٕ
کتھِ بیتر) ۲۔ مشہوٗر کرُن ۔ زان
کرِتھ دِنی ۔

**نۄن کرُن** ۔ ۱۔ ہاوِتھ دیُن ۔ ہاوِتھ نہٕ باوِتھ
دیُن ۔ کنہٕ کتھِ بیتر واش کرُن ۔
رم : راز نۄن کرُن ۔ سازِش ننی
کرٕنی ۔ ۲۔ مشہوٗر کرُن ۔ زان کرِتھ
دِنی ۔ ۳۔ ننگ کرُن ۔ پردٕ ژلُن ۔

**نۄن گژھُن** ۔ ۱۔ کھٹتھ نہٕ روزُن ۔ ظاہر
سپدُن ۔ پردٕ ووتھُن ۔ راز نہٕ روزُن ۔
۲۔ بوزنہٕ یُن ۔ صاف لبنہٕ یُن ۔

**نۄن معراج سپدُن ، ٹلُن** ۔ کنہٕ بجرِ بلایہٕ نکلہٕ

وارِ تہٕ کارٕ آزاد سپدُن۔ کُنہٕ وولٹہٕ
حادثہٕ تلہٕ بچُن۔ اتھن پھوٗ کھ دوان
بچُن۔

**نوٚن نیرُن۔** ١۔ بوزنہٕ یُن۔ ٹاکارٕ لبنہٕ یُن۔
صاف بوزنہٕ یُن۔ ٢۔ (ورگر یا ٹھ)
اُچھن پیٹھ کھسُن۔ ٣۔ مشہوٗری
یا بدنامی گژھنی۔

**نوٚن وَنُن۔** ١۔ صاف وَنُن۔ بنفس بروٚنہہ
کنہٕ وَنُن۔ دُب بہ دُب وَنُن۔ ٢۔
کراماتہٕ کرٕنی۔ کشف کرُن۔

**نوٚو۔** [ن۔ مٔول: نو (س: نَو۔ ف: نَو]۔
١۔ یہ نہ برٛون آسہٕ۔ تازٕ۔ پیٹھے
بانگ۔ حال حالک۔ ٢۔ وِنہٕ لاگنے
یا چھاونے۔ ٣۔ عجیب۔ ٤۔ جدید۔
٥۔ اَن زان۔ اجنبی۔ دہ پد۔

**نوُسرِ۔** شوٗروٗ پیٹھے بنیہٕ۔ گوڈ پٔتہٕ پیٹھے
بنیہٕ۔ بنیہٕ اکرِ پھیرِ۔

**نوُکھوتہٕ نوٚو۔** رِتہٕ کھوتہٕ رُت۔ بڈٕ اصل۔
تازٕ بتازٕ۔

**نوُنوٚو۔** ١۔ بلکل تازٕ۔ سرتازٕ۔ زِلہٕ وُن
زُلہٕ وُن۔ ٢۔ دُنی تیار کورمُت۔
دُنی کینژ۔

**نوُی لوگ۔** وُری یک نوٚو دانہٕ بیتر تازٕ
سہ نین سوزُن۔ میوٕ یا سبزی بیترِ
نوٚو دِنہٕ با پتھ آشناوَن بیترِ سوزُن۔

**نوُی سال۔** وُری پیچ تازٕے سبزی نہ
توٗمُل بیتر رٔنتھ آشناوَن پرزُھن۔

**نوٚوُے نوٚو۔** زِلہٕ وُن زِلہٕ وُن۔ تازٕے
تازٕ۔ یہ حال حالے بناونہٕ یا گرِنہٕ آسہٕ
آمُت۔

**نوٚو نہٕ برٛون ترٛاوُن۔** پتی مہ بروٚنہٹھ مہٕ
کتھ ترٛاوِتھ صلح کرُن پتیم سارے
کرٔ آے مُشراوِنی۔

**نوٚو دِیُن۔** گوڈنچ پھرِ دِکینہٕ) کھیون،
چھاوُن یا استیمال کرُن۔ ٢۔ گوڈنچ
پھیر سرُن۔

**نوٚو نوُن نہ برٛون پرانُن۔** پتیم پتھ
ترٛاوُن تہٕ اَزٕ یک سوچُن یا
اَزٕ کس توشُن، چکہٕ چاو کرُن۔

**نوٚوراوُن۔** [ن۔ مٔول: نوٚوراو (س: نوٚ]۔
١۔ دہ پداوُن۔ پھانپھلاوُن۔ ٢۔
زِدوٗرُن۔ بڈٕ اوُن۔ ہرٛاوُن۔ ٣۔
شنگہٕ راوُن۔ اہل کرُن۔ ٤۔ نوٚو کرُن۔
صاف کرِتھ جمکھ کھارٕنی۔ ٥۔ لاگتہٕ۔

لاگنہٕ ژۆپرتھ تھوُن۔ ہانژہ لاگنۍ۔

نۆوُرن۔ [م۔ مۆل ؛ نۆوُرن > س ؛ نَو ]۔
۱۔ اُپرٕ مُپرٕ لاگنہٕ تھوُن۔ لاگنہٕ
ژۆپرتھ تھوُن۔ ہانژہ لاگنۍ۔ ۲۔
پھانمپھلاوُن۔ دہ پداوُن۔ بڑراوُن۔
۳۔ نۆو کرُن۔ صاف کرُن۔ روشن کرُن۔

نۆورِتھ تھوُن۔ زور کانہہ کنہٕ بہتر لاگتھ
تھوُن۔ یہ سہ نہ دُنی بڑ آسہ۔ ہانژہ
لاگنۍ۔ لاگنہٕ ژۆپرتھ تھوُن۔

نۆہ۔ [ن۔ مۆل۔ نُہہ / نوٗہ > ؟ س: شایہ]۔
ڈمبینک اکھ حِصہ۔ موچہ بیتر۔

نُہہ پَتیج۔ نُہہ گیوڈ۔

نُہہ رُس۔ پاکھ وِتھ نُہہن کوڈمت
شورہ بہ پُس بیمارس بیتر دوان چھ۔

نُہہ ژرُٹ۔ لوکُٹ اُنڈرم۔

نُہہ کلہ۔ نُہی گوژرہ بُتہٕ پٮ۪ٹھیم حِصہ۔

نُہہ گوژرہ۔ یہ اُنڈرُس ٹھیلہ ہیوہ یُتھ مُنٛز
کَل سمان چھ۔ یتھ مُنٛز ہیرتھ اُنڈرِمن
ہُنٛد سہ حِصہ یا سہ اُنڈرُم کوٹ یُتھ
اُنڈر غذ ہُک کَل سمان چھ۔

نوبتھ۔ [م۔ مۆل : نوبت > ع : نوبة ]۔ واری۔
اَنوارکر۔

نوبتھ واتنہِ۔ ۱۔ واری واتنۍ۔ باری یِنہٕ
۲۔ وُز واتنۍ۔ سوقہ واتُن۔ ۳۔ حدس پٮ۪ن،
پرِزنہ پٮ۪ٹھی سپدُن۔

نوبتھ یِنہٕ۔ واری یِنہٕ۔ موقہ یُن۔

نوتوان۔ [مۆل : نوتوان > ف ؛ ناتوان ]۔
۱۔ کمزور۔ لاغر۔ ضعیف۔ ۲۔ نہ ہیکن
وول۔

نوتوان گژھن۔ بُریا زنگہ نوقص گژھن۔

نوتوانی۔ [م۔ مۆل : نوتوانی > ف: ناتوانی]۔
نہ ہیکُن۔ بُجر۔

نوتوانی یِنہٕ۔ کمزوری گژھنۍ۔ بُجر یُن۔
نہ ہیکُن گژھن۔

نوٹ ۱۔ [ن۔ مۆل : ناٹ > ؟ ]۔ ۱۔ (ہنزلی)
بازنگ۔ باز پھول۔ ۲۔ ناٹہ کرن وول۔
پُچ۔

ناٹُ واز۔ ۱۔ ناتجربہ کار۔ واز۔ ۲۔ کِرٹہ۔

نوٹ ۲۔ [ن۔ مۆل : نوٹ > انگ : نوٹ : NOTE]۔
لوٹھ۔ کاکذی سِکہ۔

نوٹ ۳۔ [ن۔ مۆل ، نوٹ > انگ: نوٹ ؛
NOTE ]۔ یہ کینژھا یاداشتہٕ یا
نہیبہ پڑھی لیکھتھ تھوُنہ یِیہ۔

نوٹ بُک۔ سہ کاپی یتھ پیٹھ یاداشت لیکھنہٕ یِیہ۔

نوٹ تھۆوُن ۔ ۱۔ یاد تھۆوُن ۔ کِتابہِ پیٹھ لیکھِتھ تھۆوُن ۔ ۲۔ تنبیہہ کرُن ، رۄٹ تھۆوُن ۔ مُنٛدرِس تھۆوِنۍ ۔

نوٹ روزُن ۔ مُنٛدرِس روزٕنۍ ۔ رۄٹ روزُن ۔ نہیبہِ تھوَنہٕ یُن ۔

نوٹ کرُن ۔ کاپی پیٹھ یاد تھوَنہٕ موکھہٕ لیکھِتھ تھۆوُن ۔ یاداشت درج کرُن ۔

نوٹ لیکھُن ۔ یادٕ دۄترِس پیٹھ یاد روزنہٕ موکھہٕ لیکھِتھ تھۆوُن ۔ (کانٛہہ کتھ یا مسلہٕ) کاپی پیٹھ درج کرُن ۔

نوٹِس ۔ [ م ۔ مۆل ۔ نوٹِس ‹ انگ : نوٹِس NOTICE ]۔ اِطلاع ۔ سُہ کاکز یتھ پیٹھ کُنہِ آگہی یا اِطلاع درج آسہِ ۔

نوٹِس دِنۍ ۔ اِطلاع دیُن ۔ خبر کرٕنۍ ۔

نوٹِس سوزٕنۍ ۔ (نوٹٕنۍ) اِطلاع سوزُن ۔ خبر کرٕنۍ ۔

نوخُن ۱ ۔ [ ‹ ف : ناخُن ]۔ ٹارِن ہُنز اکھ بیمٲرۍ ۔

نوخُن ۲ ۔ خطِ ناخُن ۔ خۄش نۆیسی ہُنٛد اکھ قسم ۔

نودِ رۄس کورِن گودٕ رۄس پھیرِن ۔ تہٕ ڈیٖنٹھہٕ گو : یمَن کانٛہہ دگدار آسہِ تہٕ یمَن کُن چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ توجہ کران تہٕ سٲری چھکھ

نَرٕڈ ے بوزان ۔

نور ۔ [ ن ۔ مۆل : نار ‹ س : ناڈی ]۔ ۱۔ نَلی ۔ شٔیشٕس بیترٕ بناونہٕ کھوکھرٕ لۄر یُس یتھ مُنزٕ آب لوان چھُ ۔ ۲۔ ہیچُھ یا شیشُرٕ زیٖٹھ آیہٕ ٹھُل یتھ اندر چار وانٛ پھُل تراوان چھِ ۔

نٲرِ دگ ۔ نلہِ ہُنز آبہٕ جوے ۔ نلہِ ہُنز آبہٕ دار ، آبہٕ ٹُرکہ ۔

نٲرِ دِگن ۔ وُچھو " نٲرِ دگ " ۔

نور لٲگِتھ اشناو ۔ دوٗرِ دراز (رگ لگِتھ) رِشتہٕ دار ۔ ژٕنہٕ اشناو ۔

نور لٲگِتھ رِشتہٕ گنڈُن ۔ زورٕ پیٹھ ووٚنٛ گنڈِتھ رِشتہٕ کھڑا کرُن ۔

نوزٕ ۔ [ مۆل : نوز ‹ ع : نعوذ ]۔ بداد ۔ تراہہ تراہہ ۔ تقصیر تقصیر ۔ بارو ۔

نوزٕ دِنہٕ ۔ بداد دِنۍ ۔ بارو دِنۍ ۔ تقصیر تقصیر کرُن ۔ تراہہ تراہہ کرُن ۔ پناہ منگُن ۔

نوزٕ نوزٕ دِنۍ ۔ سخ بارو دِنۍ ۔

نوزُک ۔ ۱۔ [ مۆل : نازُک ‹ ف : نازُک ]۔ ۱۔ زاوُل ۔ توٚن ۔ ۲۔ لۄت ۔ ہلکہٕ ۔ ۳۔ یتھ کٔمی کال ٹیرٕ ییہٕ نہٕ زیادٕ کالس درٕ ۔

۴۔ کمزور۔ ناتوان۔

**نوزُک اَندام**۔ ۱۔ اَڈیل تہٕ زاوُیل بَدن۔ ۲۔ نازنین۔

**نوزُک بَدن**۔ وُچھو "نوزُک اَندام"۔

**نوزُک جاے**۔ ۱۔ بدن منٛز جاے یتھ ٹاس یا ژٕنڈ لگنہٕ سیتۍ مَرنُک خطر آسہِ۔ ۲۔ ستٕرچ جاے۔ ۳۔ زاوُیل رِشتہٕ۔ لازم دارۍ ہُند رِشتہٕ۔

**نوزُک خیال**۔ ۱۔ زاوِی جار سَنن ووِل۔ ۲۔ زاوِی جار وَنن ووِل۔

**نوزُک خیالی** (خیالُک) زاوِی جار۔

**نوزُک دِماغ**۔ یُس مولی کتھہِ پیٹھ تہٕ ہیتہِ ہیوہ گژھہِ۔

**نوزُک کتھ**۔ زاوِج کتھ۔ سِرِ کتھ۔

**نوزُک مسلہٕ**۔ کھٹرٕ دار مالہٕ۔ پیچیدار کتھ بتھ۔

**نوزُک مالہٕ**۔ خطرناکھ مالہٕ۔

**نوزُک مِزاز**۔ یُس زیٛر دولہٕ۔ کھٹکی۔

**نوزُک وَق**۔ کٔہ وَق۔ مُصیبتُک ووہ سنگٹ۔ بوحران۔

**نوسُر**۔ [ن۔ مؤل: نوسُر (ع: ناسور]۔ ۱۔ سُہ زَخم یتھ رَس پٔریڈان روزِ تہٕ بلیرِ نہٕ بُھہے۔ ۲۔ دورگہ (پاٹھۍ) تیتھ کانہہ مالہٕ یا نیاے یُس نہٕ سہل اَنٛد۔

**نوسُر بلُن**۔ ۱۔ وُلہٕ زَخمس اَنگ بُن۔ ۲۔ کانہہ کھٹرٕ دار مالہٕ اَنٛدُن۔

**نوسُر پھپالُن**۔ کُنہِ کھٹرٕ دار مسلس منٛز داریاہ وُٹھنہِ تہِ نیاے بٔڑ کالس پیٹھ روزُن۔

**نوسُر روزُن**۔ ۱۔ لاتُج روزُن۔ نیاے اَمی روزُن۔ ۲۔ کھٹکٕ روزُن۔ یہ نہٕ اَپچھن زِ روتھ ہیکہِ زِ تہٕ بِتھ روزُن۔

**نوسُر کاسُن**۔ کھر کاسُن۔ لاتُج کاسُن۔ لٹاپہِ ہنز بُھجِ پیادِ ختم ژھٔنی کرُتھ۔

**نوسُر گژھُن**۔ لوکٹس زَخمس لاپرواہی کنی یا زیر زیر کرِتھ کنی بوڈ زَخم گژھُن۔ ۲۔ لوکچہ ہٕنز بٔڑ بن گژھنہِ۔ کنہِ کتھ بوڈ نیاے وَوُھُن۔

**نوسُر ملی ہیوُن**۔ (پانی پانس) کانہہ کھرنو وراوُن لاچ ہیوُن۔

**نوسُر نوُن**۔ ۱۔ زَخم لاپرواہی کنی بڈُن۔ ۲۔ نیاے پادٕ گژھُن۔ مسلہٕ پیچیدار بنُن۔

**نوسُر نووراوُن**۔ زَخم لاپرواہی کنی بڈراوُن۔ ۲۔ نیاے روزُن۔ مسلہٕ پیچیدار بناوُن۔

**نوش**۔ [ن۔ مؤل: نوش (ف: نوش]۔ ۱۔ کھیوَن چوَن۔ ۲۔ ضیافتھ۔

**نوش کرُن**۔ ۱۔ چیتھ ژھنُن۔ کھیوَن۔ ۲۔ عاش کرُن۔ خرچ برچ کرُن۔ رم: روہ پین نوش کرُن۔

نوش لَب ۔ ۱۔ (مثنوی) گُلریز ہُنر ہیر وین۔ عجب ٹلرکنز محبوبہ۔ ۲۔ حُسین ، شکیل ، سونٛدر ۔ ۳۔ عاشوق۔ مُرن۔ محبوب۔

نوکَر [ن۔ مذ ؛ نوکَر > ف ؛ نوکر ]۔ ۱۔ ٹہلیو۔ خدمتہ گار۔ گرکام بیتِر کرن دول۔ ۲۔ مُلازِم ۔ ۳۔ ماتحتہ۔ تل۔ ۴۔ تابیادار۔

نوکَر بابہ ۔ ۱۔ نوکَر پیشہ ۔ ۲۔ ٹہلنوی گری کرَن دول ۔ گر کامہ بیتِر لگن وول۔

نوکَر بہُن ۔ ۱۔ کانٛسہِ خدمتہ گاری کرنہِ روزُن ۔ ۲۔ مُلازِم روزُن۔

نوکَر پیشہ ۔ مُلازِم ۔ سرکاری مُلازِم ۔

نوکَر تھوُن ۔ ۱۔ گرکام کرنہِ خاطرِ کانٛہہ ٹہلیو رٹُن ۔ پانَس خدمتہ گار تھوُن ۔ ۲۔ تل تھوُن ۔ آویز تھوُن ۔

نوکَر چاکَر ۔ خدمتہ گار بیتِر ۔ نوکَر دوکَر ۔ کینٛہہ نوکَر ۔

نوکَر رٹُن ۔ ٹہلیو تھوُن ۔

نوکَرازی ۔ [م۔ مذ ؛ نوکَراز > ف ؛ نوکَر]۔ خدمتہ گاری ۔ ٹہلنوی گری ۔

نوکری ۔ [م۔ مذ ؛ نوکری > ف ؛ نوکری]۔ ۱۔ خدمتہ ۔ ٹہل ۔ خدمتہ گذاری ۔ ۲۔ مُلازمتہ ۔ ۳۔ کام ۔ کار ۔

نوکری پیٹھ آسُن ۔ کامہِ (پیٹھ) آسُن ۔

نوکری دِنی ۔ (کانٛسہِ نِش یا کُنہِ دفترس منٛز) مُلازِم تھاوُن یا تھاوِناوُن ۔

نوکری کرِنی ۔ ۱۔ (کُنہِ محکمس بیتِر منٛز) مُلازمتھ کرِنی ۔ ۲۔ خدمتھ کرِنی ۔

نوکری کھسُن ۔ دفتر گژھُن ۔

نوکری گژھُن ۔ دفتر گژھُن ۔ سرکارِ کامہ بیتِر گژھُن ۔ کامہ گژھُن ۔

نوکری گیہ چاکری / نوکری بدتر اَز گداگری ۔ تہِ ڈیٹھ گو : نوکری گیہ بہرحال غوہ لامی ۔ نوکر چھُنہ اوقاتھ چھُنہ کینٛہہ ۔ نوکری چھنے بیچھنہ کھوتہ تہِ گژھتھ یا وُسھ ۔

نوکھ ۔ [ن۔ مذ ؛ نوک > ف ؛ نوک]۔ ۱۔ کوٚن (دستارُک بیتِر) ۔ ۲۔ پوت (آوزارُک بیتِر) اَثار ۔ ۳۔ ٹہل ۔

نوکھ تھوُن ۔ ٹینٛٹھ تھوُنی ۔ ٹہل ہاوِنی ۔ کلام رٹُن ۔ کمام کرُن ۔

نوکھ چارُن ۔ ۱۔ تھزر ہاوُن ۔ بجر ہاوُن ۔ تھیکُن ۔ ۲۔ دستار بیتِھ کنٛز گنڈُن

زِ بُجھہٕ روزہٕ ہس نوکھ ہیُوہ۔ لیپہ لِتہٕ نیرُن۔ ٹھیل ہاوٕنی۔

**نوکھ دار۔** ۱۔ کوٗنہٕ دار۔ ۲۔ پینٹہٕ دار۔ یمہٕ پیٚوٹ کُڈِتھ آسہٕ۔

**نوکھَل۔** [< ف : نوک + ال ]۔ پینٹہٕ دار۔ یُنھ پیٚوتھ کُڈِتھ آسہٕ۔

**نوم۔** [ن۔ مۆل : نام < ف : نام < س : نامَہ ]۔ ناوٕ ووٚل۔ م : سوہ نہٕ نوٗم تہٕ اوس اَکھ زوٚنا نتہٕ۔

**نومُرن۔** ژھوٚٹراوُن۔ اِختِصار کَرُن۔

**نوٗنٹ۔** [ن۔ مۆل : نانٹ < ؟ ]۔ نیٚنہٕ پھوٚل۔ ماز پھوٚل۔

**نوٗنٹھ۔** [ن۔ مۆل : نانٹھ < س : نَشٹھ ]۔ موزوٗر۔ بیٚنٹری لَد۔ کوٚکور بیکور۔ یُس گژھہٕ بیمارِ سیٚتہٕ بُتھہٕ مَنیخ آسہٕ گومُت۔

**نوو۔** [< س : نامَہ ]۔ یُس ناوُچھ یا پچھہٕ ناوٕ سوٚست۔ م : لچھہٕ نوو۔

**نوٚ دَرتھ۔** [م۔ مۆل : نوٚ دَرت < ف : نُدرَت ]۔ عُجیب۔ عَجائِب۔

نوٚ دَرتھ آسنی۔ عُجیب کینژھا اَتھ یُن۔ تہٕ اَتھ لگُن یہ زِ کانسہٕ ووٚجھمُتے آسہٕ۔

نوٚ دَرتھ ہاوٕنی۔ (ہزلہ) کینہٕ عجائِبات ہاوُن۔

**نوٗش۔** [م۔ مۆل : نوٚش < س : سنُشا ]۔ نیچِوی سُنز آشینہٕ۔

نوٚشہٕ باو۔ نوٚشہٕ ہُنٛد وطیرٕ، وَرتاو، حیا داری۔ نوٚشہٕ توٗن۔

**نوٚشہٕ توٗن۔** نوٚشہٕ ہُنٛد داروی باژُن سیٚتی وَرتاو۔ نوٚشہٕ ہُنٛد ہیُوہ وَرتاو۔ نوٚشہٕ ہِنٛدی تہٕ دوہ پوٗشہٕ ہشہٕ ہِنٛدی تہٕ دوہ پوٗشہٕ۔ تہٕ دُپتھ گوٚو قلس سیٚتی سیٚتی چھنے پرٚتھ چیزس تبدیلی لوان، یوسہٕ نوٚش گوڈٕ ہشہٕ ماتحتھ آسان چھنے سوے مالکہٕ بنان تہٕ کامیح موختار ہش چھنہٕ کُنہٕ گژھان مشن آسان۔

**نوٗش** بیایہٕ اَتھہٕ آیہٕ۔ تہٕ دُپتھ گوٚو : شُر زینہٕ سیٚتی چھنے نوٚش وَرگس اَژان۔

**نوٚش تہٕ تھزٕ** ہشس تہٕ تھزٕ دیگ ڈزٕ دالِکس۔ تہٕ دُپتھ گو۔ سَخ مان مان لگنی، اَکھ اَکی سُنٛد خارٕ روزُن۔ م : زِ تھزٕ تہٕ کاڈٕ دزٕ۔

**نوٗش لوٗ نہٕ ہار کھوٗرنٛل ہٲری توٗس ہوٚنٛٹ۔** تہٕ ڈیشِتھ گو: یُس چیز کُنہِ کارُک آسہِ نہٕ تتھ پیٹھ ڈیار گالُن گٔیہِ حماقتھ۔

**نوٗقُص۔** [ن۔ مُوٗل: نوٗقص <ع: نقص]۔ ا۔ کمی۔ خٲمی۔ ۲۔ خرٲبی۔ ناکارِگی۔ ۳۔ پھُٹ۔ ڈٕکھ۔

**نوٗقِص زَد۔** کھوٗٹے کار۔ یہٕ نہٕ کُنہِ لگہِ۔ کھُنٛڈی پھُٹ۔

**نوٗقصان۔** [ن۔ مُوٗل: نوٗقصان <ع: نقصان]۔ ا۔ چھیٚنتھ۔ خسارٕ۔ گاٹہٕ۔ ضایہ۔ چھوٗنبر۔ ۲۔ تکلیف۔ اِذا۔ ضرر۔ ۳۔ حرجہٕ۔ ۴۔ دٕدارٕ۔ بربٲدی۔ م: نارن کوٚر سیٹھا نوٗقصان۔

**نوٗقصانَس ژٕرنہٕ گژھنہٕ۔** بوٚڈ نوٗقصان گژھُن۔ مُوٗل تہٕ اوٚنٛتھے اَژُن۔ کھیِنی نہٕ اَتھہِ یُن۔

**نوٗقصان تُلُن۔** ا۔ خسارٕ پیوٚن۔ گاٹہٕ گژھُن۔ ۲۔ تکلیف واتُن۔ اِذا لگُن۔ ضرر واتُن۔ دٕدارٕ واتُن۔

**نوٗقصان دِیہٕ۔** ا۔ سُفر سُہ سودا بیٚمہِ سٟتی خسارٕ گژھِہ۔ گاٹہٕ پیٚیہِ۔ ۲۔ سُہ یُس نوٗقصانَس پیٹھ آسہِ۔ تکلیف دِنہٕ وول۔

**نوٗقصان دیُن۔** ا۔ خسارٕ تُلُن۔ گاٹہٕ پیوٚن۔ ۲۔ ڈٕنٛڈٕ دیُن۔

**نوٗقصان کَرُن۔** ا۔ کام بِگراوٕنی۔ حرجہٕ کَرُن۔ چیز بیٚتر خراب کَرُن یا راوراوُن۔ ۲۔ مال نوٗقصی گژھُن۔

**نوٗقصان گژھُن۔** چھوٗنُن۔ گاٹہٕ پیوٚن۔ خسارٕ گژھُن۔ چھیٚنتھ گژھنی۔ دٕدارٕ پیوٚن۔ کانٛہہ چیز راوُن یا پھٕٹُن بیٚتر۔

**نوٗقصی۔** [ مُوٗل: نوٗقصی <ع: نقص]۔ کھوٗٹ۔ یہٕ نہٕ اوٚر دور آسہِ۔ نوٗقِص زَد۔ کھُنٛڈی پھُٹ۔ ناکارٕ۔

**نوٗقطہٕ۔** [ن۔ مُوٗل: نوٗقطہٕ <ع: نقطہ]۔ ا۔ گُری ہِنٛدِ بُنھکیک ساز یٚمہِ سٟتی سُہ گنٛڈس روزان چھُ۔ ۲۔ نِشانہٕ۔ پھیوٗر۔

**نوٗقطہٕ ترٛاوُن۔** پھیوٗر ترٛاوُن۔ نِشانہٕ ترٛاوُن۔

**نوٗقطہٕ کڑُن۔** ٹیچھ ژٕٹنی۔ غاب ژارُن۔ اُتھ نوٗقِص ہادِنہٕ دیُن۔

**نوٗقطہٕ کَرُن۔** گُرِس بُنھکیک ساز گنٛڈُن۔

گرُگنٕڈرس شھوُن۔

**نوکتہٕ** ما۔ [ن۔ مؤل: نوکت (ع: نکُتہ]۔ زاُوی جار (کنہٕ ہُنٕد)۔ زاُوِج کنہٕ۔

**نوکتہٕ چین**۔ ٹیپہٕ دِتنَ وول۔ کنہٕ کڈن وول۔

**نوکتہٕ چینی**۔ عاَب ژھارٕنی۔ کنہٕ کڈٕنی۔

**نوکتہٕ چینی کرٕنی**۔ عاَیبہٕ کرٕنی۔ عاَب چینی کرٕنی۔

**نوکتہٕ دان**۔ کنہٕ کڈن وول۔ زاُوی جارن واتن وول۔ تیزُک۔ عقلمند۔

**نوکتہٕ رٹُن**۔ کمزوری رٹنی۔ نوقص کڈن۔ غلطی کڈٕنی۔ کمزوری ہِنز کانہہ کنہٕ بیتر رٹنی۔ ذرٕ رٹُن۔

**نوکتہٕ کڈُن**۔ کمزوری نٮ۪ٛنی کڈٕنی۔ غلطی کڈٕنی۔ نوقص کڈُن۔

**نوکتہٕ وِچھُن**۔ زاُوی جارس سنُن۔

**نٔۓ** ۔ ہ۔ [(س: نِس۔ نہٕ۔ ہ]۔ یہٕ چھُ اکھ بٔرونہہ لوگ نہٕ نکارٕ پٔرٕھو استعمال سپدان۔ رم! نٔۓ دیوٗر۔

**نٔۓ بگور**۔ بگارنۓ (انیلس منز) تلٕرنۓ۔ بگارٕ روس۔ دِچھو "اَبگور"۔

**نٔۓ بوگ**۔ ا۔ قلنہٕ بِکر۔ یُس فاتۓ آسہِ۔ ۲۔

لاچار۔ مسکین۔ غریب۔

**نٔۓ پوُتر**۔ ا۔ بےٚ اولاد۔ یَس نہٕ شُرمُر آسہِ۔ لاوارِث۔ ۲۔ یَس نہٕ کانہہ آسہِ۔ بیکَس۔

**نٔۓ پوُترٕ پان**۔ ا۔ کُن پان۔ مُسافِر۔ ۲۔ بیکس۔

**نٔۓ داغ**۔ پننہِ گُدرِ ہش کنہٕ۔ یہٕ گُدر یُومُت آسہِ۔

**نٔۓ داغ پھرٕنی**۔ پنہٕ نِس گُدرٕ نَس پھیُر دِیُن۔ پننی داُدی کانٛگر باوٕنی۔

**نٔۓ دیٲرِس دوٗگنی دیار**۔ نہٕ ڈیٖچھ گو: یَس نہٕ پوٚنسہٕ آسَن تَس چھُ ووٚزُم ووٚزُد کرٕنہٕ دُسرٕ پاُنسہٕ خرٕچ کرٕنی پیوان؛ نہٕ کیاز وُقتَس پیٹھ بیٚلہٕ نہٕ پاُنسہٕ چھٕندَس اوس تُسہٕ چھُنہٕ سرٕ تُرک فاٗیدٕ تلُنہٕ ہیکان۔

**نٔۓ دیوٗر / نٔۓ دور**۔ غریب۔ موحتاج۔ نادار۔ مُفلِس۔ کنٛگال۔

**نٔۓ زبان**۔ یُس کم کنہٕ آسہِ کران۔ ژھوٚپ اِنسان۔ شریف مہنیوٗ۔

**نٔۓ زبانی**۔ چاردوۓ۔ گیُن۔ یُس نہٕ کنہٕ ہیکہِ کرٕنہٕ۔ ژھوٚپ اِنسان۔

**نٔۓ زُو**۔ نہٕ ہیکن وول۔ بےٚ دٕرٕ دیٚلؠوٗ۔ نوتوان۔

نۓ سَنگ۔ یُس نہٕ پرواکرِ، ہیٖر ہیٖپ۔ لوٗب ہیٚنہٕ دول۔

نۓ سَنگا۔ ۱۔ ننگےٚ۔ نیٚتھ نوٚن۔ بےٚ حیا پاٹھۍ۔ ۲۔ ننہٕ وانہٕ۔ ننٚنی پاٹھۍ۔

نۓ سَنگا پاٹھۍ۔ ۱۔ بے پرواہی سان۔ ۲۔ ہیٚتھ ہیٚتھ تلِتھ۔ پاسہ وِچھنے۔ ۳۔ بےٚ شرم پاٹھۍ۔ بےٚ حیا پاٹھۍ۔

نۓ ساتہٕ۔ بیٖمہِ دِزِ یا بیٖمہِ دۄہہ نہٕ سات آسہِ۔ کہ وَقتہٕ۔ بےٚ موقہٕ۔

نۓ کھیٚپ۔ ۱۔ کہ کور بنے کور۔ بےٚ ڈَب۔ ۲۔ مٹہِ۔ سوہ۔ ترڈ۔ زٕڈِ موٗنڈ۔

نۓ گوٗر۔ اَڈگوٗر۔ یہِ نہٕ جان گرنہٕ آسہِ آمُت۔

نیٚتھ۔ [> س: نِتیہ]۔ لگاتار۔ تسلسُل۔ دۄہ ہدِ رِشس۔

نیٚتہِ نیٖم۔ دۄہ ہدِ رِشس کرُن۔ یُذ ہیٖی رسوٗم بیتیٖرِ۔

نیٚتہِ نیٖمہِ کیٖنہ۔ گنڈِتھ دۄہ ہدِ رِشس۔ گنڈِ پاٹھۍ لگاتار۔

نیٚٹھ۔ [> س: اَنگُشٹھ]۔ ۱۔ انبوٹ (الفلاک جمع)۔ ۲۔ باگرِتھ منز کاٹھنگ عادتھ۔

نیٚٹہ کڈٕنی۔ کیٚنہٕ دِنہٕ وزِ کاٹھنُن۔

نیٚٹھ یارٕ۔ تُہ زھوٚرٹ گدوم یُس وُزِ مِس اٹس گنڈان چھہٕ۔

نیٚچہِ تارٕ۔ کوٗنجوس۔ اُم سِتھ کرِتھ ہیٚٹھا کُس کُس خرچ کرُن۔ تمس ہیٚٹھ کام چلاوٕنی۔

نیٚچوٗ۔ [ن۔ موٗل: نیٚچوٗ > س: ہنجہٕ + ایوٗ / ہنجو]۔ گوٗبُر۔ اولاد۔ پٔنُن کوٗٹ۔

نیٚچوِ دود۔ اولاد آسنچ یژھ۔ گوٗبرِ طمع۔

نیٚچوِ کھاندرٕ۔ گوٗبرِ کھاندرٕ۔ لڑکہ سُند ییٖنہِ وول یا شادی۔

نیٚچوِ مُنٛثُو۔ تُہ ییٚس کوٗٹ آسہٕ کیٚنہِ مندچھہٕ بُڑ بزِنہٕ آسُن یا نیٚبر اَندر نیٚر تِس شوٗبہٕ رِنہٕ وایہٕ کرُن۔ تُہ ییٚس کورِ صفتھ شوٗبُن نہٕ۔

نیٚچوِ واجنی۔ پوترِ موج۔ شُرِ واجنی۔ قدر لایق۔

نیٚچھ پُتر۔ [م۔ موٗل: نیٚچھ پُتر > س ہنکشتر۔ پُترکا]۔ جلتری۔

نیٚچھتور۔ [ن۔ موٗل: نیٚچھتر > س: ہنکشترا]۔ ۱۔ زوٗتہِ ہتار بُرج، گرٛہ۔ ۲۔ سات۔

نۓ سَراو۔ [ن۔ موٗل: نۓ سراو > س: نِسراو]۔ بیرِ کیٚنہ شرھا تُنرادس پیٚٹھ موٗر دیچھدی

ناوُدِ خاطرٕ اتھ کرُن ۔
**نیٚش** ۔ بےٚ ۔ وُراَے ۔ رۄس ۔
**نیٚش بوٗد** ۔ کم عقل ۔ ٹوٗڈ ۔ لبور ۔ زٕڈ ہوٗنڈ ۔
**نیٚش پتھ** ۔ بےٚ راہ ۔
**نیٚش پرٚتیتھ** ۔ بےٚ بروسہٕ (اِنسان)
بےٚ یُژھ ییٚس پیٹھ شکھ آسہِ ۔
**نیٚش پھل** ۔ ۱۔ یُتھ نہٕ پھل لگہِ ۔ ۲۔
(دُرگہِ پاٹھی) یُتھ نہٕ کیٚنٛہہ ترٛنیر ۔ یتھ نہٕ
کانٛہہ نتیجہٕ نیرِ ۔ بےٚ سوٗد ۔
**نیٚش پھل کرُن** ۔ (دُق بیترِ) ضایہٕ
کرُن ۔
**نیٚش پھل گژھن** ۔ ضایہٕ گژھن ۔
**نیٚش تیز** ۔ تیز رۄس ۔ بےٚ دِوتھ ۔
**نیٚش ژہنہ** ۔ ۱۔ ییٚس نہٕ ژہنہٕ بےٚ ہیس
نیٚتہٕ موٗمن ۔ ۲۔ (دُرگہِ پاٹھی) ییٚس
رِ نہٕ ژِچہٕ ژِچہٕ گژھہ ۔
**نیٚش کپٹھ** ۔ پُرٕ پور ییٚس نہٕ کانٛسہِ
فریب یا دغہٕ دیہِ ۔ ایماندار ۔
کھوٗٹھ کھوٹایہٕ رۄس ۔
**نیٚش کرٕے** ۔ ییٚس رِیژھ رِواج آسہِ
نہٕ پالان ۔ ییٚس نہٕ کرٕے آسہِ کران ۔
**نیٚش کَل** ۔ ۱۔ پُرٕ پُور ۔ سالِم ۔ کھنڈرٕ نہٕ
وُراَے ۔ ۳۔ کُنہ رۄس ۔ بےٚ غم ۔ لاپروٗ ۔
بے نیاز ۔
**نیٚش کارَن** ۔ بے سَبَب ۔ بے وَجہ ۔
بے مَقصَد ۔ فُضوٗل ۔
**نیٚش کال** ۔ ۱۔ لافانی ۔ لازوال ۲۔ کھوٚت
خراب دوہ ۔ مُصیبَتکو دوہ ۔
**نیٚش کال ڈیشُن** ۔ کھ دوہ ییٚنہ
مُصیبَتہٕ یُن ۔
**نیٚش کال ہاوُن** ۔ کھ دوہ وُچھنہٕ پیٚنہٕ
مُصیبَتہٕ یُن ۔
**نیٚش کام** ۔ بے لاگ ۔ خود غرضی وراَے ۔
بے لوٗث ۔
**نیٚشَد** ۔ وُچھِو "نیٚشیٚد" ۔
**نیٚشتُر / نیٚچھتُر** ۔ [ن ۔ مؤل ، نیٚشتر (س:
نکشتر ] ۔ ۱۔ زونہٕ ہُنٛد بُرج نہٕ
تمہِ وِزِچ تارکھ بلگے ۔ ۲۔ سات ۔
**نیٚشترِ گَنٛزرُنی** ۔ ستار باگے وُچھنی وُچھُن
زِ بژر دونہہ کُن گیا سپد ۔
**نیٚشٹھ** ۔ [(س: نِشٹھا ] ۔ دِگنہٕ سینی
دُرتھ ۔ دِگنہٕ منز ) لگتھ ۔
**نیٚشچے** ۔ [(س: نِشچیہ ] ۔ ۱۔ پکہٕ اِرادٕ ۔ اطمنان ۔
۲۔ یَقینُن ۔ پژر پاٹھی ۔ وسواسہٕ رۄس ۔

شکہٕ رٔوس۔
نیٚشچے تھوٗن۔ پکہٕ اراد آسُن۔ اطمنان آسُن۔
پوٗر برۄسہٕ آسُن۔ کانہہ شک نہٕ
آسُن۔
نیٚنہٕ۔ [م۔ مۄل: نیُن > ؟]۔ ناٹہٕ۔ ماز۔
نیٚنہٕ بوٚگت۔ پولُر شُر۔ وٚبوٚٹھ پوٚٹھ شُر۔
نیٚنہٕ بوٚ کچہٕ۔ مازلہ یُن۔ یُس اُلی اُلی کھوتمُت
آسہِ۔ وٚبوٚٹھ پوٚٹھ۔ پولُر۔ بیٚنی ماز
لوٚدمُت آسہِ۔
نیٚنہٕ پھوٚل۔ ناٹہِ ہَن۔ ماز پھوٚل۔
نیٚنہٕ کُژُر۔ (شُرک کتھ) ژُنتھ ماز۔ ژُنتھ ناٹہٕ۔
نیٚنہٕ مہٕ۔ نیتہٕ موٚمُن۔ یُس نہٕ وُژھ یا
چالاکی آسہِ۔
نیٚنہٕ مہٕ گی۔ نیتہٕ موٚمُن آسُن۔ چالاکھ نہٕ آسُن۔
نیٚنہٕ مہٕ لاگُن۔ بے جوٗرتھ لاگُن۔ نیتہٕ
موٚمُن لاگُن۔
نیوٚنی۔ نیٚنی مہٕ۔
نیب۔ [ن۔ مۄل: نیب > س: نبھ]۔ ا۔ پے۔
پتاہ۔ نِشانہٕ۔ تھوٚ پتاہ۔ اتا پتاہ۔
۲۔ اِشارہٕ۔ ۳۔ نیال۔
نیبس پٮ۪ٹھ واتُن۔ ماتٹُس پٮ۪ٹھ یُن۔
دادس پٮ۪ٹھ واتُن۔ پتہٕ ہس پٮ۪ٹھ
برابر واتُن۔
نیب تھوٗن۔ کانسہٕ کانہہ وِق مُشخص
کرِتھ کُن واتنگ تھوٚ پتاہ دِیُن۔
شیٚنچھ تھوٗنی۔ داد تھوٗن۔
نیب دیُن۔ ا۔ پے وَنُن۔ پتاہ وَنُن۔
۲۔ نِشانہٕ ہی کرُنی۔ م: ژوٚرُن
دیُت نیب۔
نیب روزُن۔ ا۔ پے آسُن۔ پتہ آسُن۔
نِشانہٕ آسُن۔ ۲۔ نیال اُتی روزُن۔
نیب لگُن۔ ا۔ پتاہ نَنُن۔ پے یُن۔
گنینگ یا کانسہٕ ہُند تھوٚ پتاہ اَتھہٕ
یُن۔ ۲۔ ژینُن۔
نیب نِشانہٕ۔ ا۔ نیال۔ ۲۔ پے پتاہ۔ پتہٕ
بیترِ خبر اتر۔ تھوٚ پتاہ۔
نیب واتُن۔ پے پتاہ یُن۔ خبر واتنی۔
شیٚنچھ واتنی۔
نیب یُن۔ (کانسہٕ ہنٛدِ کُنہِ جایہ آسنک)
پے بوزُن، پتاہ لگُن۔ خبر اتر
بوزنی۔ نِشانہٕ لبُن۔
نیتھ۔ [م۔ مۄل: نیت > ع: نیة]۔
وچھو "نیتھ"۔
نیتھر۔ [ن۔ مۄل: نیتھر > س: نیتر]۔

کأنٛسہِ زُنٛس (کھانٛدر) کھانٛدرُک رَسم ہُری شادنہٕ یُن۔ ہُری شاوُنک رَسم۔
نیترِ دراو۔ یُس کھانٛدر کوٚر مُت آسِکھ۔
نیترِ گَنٛڑھ۔ مُنٛزِم ہارٕ ی سٕنٛز ادرِ یور کورِ یا گوٚبرٕس کھانٛدر کرنہٕ خاطر بینٛز یِیرنی۔ (کأنٛسہِ) کھانٛدر کرنِچ گَنٛڑھ بانٛڈ۔ نیتھر گَنٛڈلَس یا کرنس مُتعلق تجویز بیترِ۔
نیترِ گَنٛڑھ پیٚنہٕ۔ نیتھر باپتھ گَنہٕ طرفٕ کانٛہہ تجویزِ واتُن۔ کوٗر گوٚبرٕ کرنٕچ گَنٛڑھ دِنٕنہٕ۔
نیترِ گَڈُن۔ (کأنٛسہِ ہِنٛدی) کھانٛدرُک رَسم پوٗرٕ کرنُک۔
نیترِ گراکھ۔ یُس کھانٛدر کوٚر مُت آسِکھ۔ بالغ۔
نیترِ گَنٛڈ گَنٛڈ۔ نیترچ گَنٛڑھ گَنٛڑھ۔
نیترِ ٹھرِ یٔنٛز۔ ۱۔ واٗزِ ہُر کوٗر۔ بالغ کوٗر۔ کھانٛدرس لایق کوٗر۔ ۲۔ سُہ یُس نیتھر آسہِ یا یُس حال حالے نیتھر کوٚر مُت آسہِ۔
نیترِ وول۔ سُہ یُس کھانٛدر کوٚر مُت آسِکھ۔

نیتھرِ پاتھر۔ ۱۔ کھانٛدرِ بیترِ۔ ۲۔ کھانٛدرُک شادی یا نہٕ یا رَسم۔
نیتھرِ گَنٛڑھن یُن۔ ۱۔ کھانٛدرِ باپتھ وُنُن۔ ۲۔ (وُرگہِ) لَگُن یُن۔
نیتھرِ کرُن۔ کھانٛدر کرُن۔
نیتھرِ گَنٛڈ ڈُن۔ نِشانٕ کرٕنی۔ نیتھرِ ادرِ یور ڈِنک واو اِقرار کرُن۔
نیتھرِ گراکھ۔ وُچھِو "نیترِ گراکھ"۔
نیتھرِ میلُن۔ کھانٛدر بنُن۔ نیتھرِ بنُن۔
نیتھرِ پاتھر گَڈُن۔ ہُری شاوُن کھانٛدرُک رَسم بیترِ پوٗرٕ کرٕنی۔
نیچھ۔ [ مُول : نیچھ < ؟ ]۔ ۱۔ دُرُست۔ جان۔ ۲۔ کامیاب۔ پاس۔
نیچھ وُن۔ [ن۔ مُول : نیچھہ وُن < ؟ ]۔ (کأنٛسہِ ہُنٛد) تھکُن۔ بَجبر وُنُن۔ (کأنٛسہِ ہِنٛز) نیکہ نامی وَ نیمی نیشناوُن۔
نیچھو مُت۔ ۱۔ سُہ یٕمی ناو پادٕ آسہِ کوٚر مُت۔ یٕمی سٕنٛز نیکہ شوہرتھ آسہِ۔ ۲۔ یُس نیکہ آسہِ بنیوٚ مُت۔ خوش مِزاج۔
نیچھ ناوُن۔ [ن۔ مُول : نیچھناو < ؟ ]۔ رَنٛتھِ کھارُن۔ نیشناوُن۔ (لُکن) جان آسنک باس دیُن۔

**نیر۔** [ (س: نِریا ]۔ گژھ (ژِ گژھ)۔ لم۔ لَٹاو۔ ژل۔ دِ قدم۔

**نیرُن۔** [ن۔ مؤل: نیر (س: نِریاتِ)۔ ا۔ گژھن۔ لمُن۔ لَٹاوِنی۔ ژلُن۔ قدم دِیُن۔ کُنہِ منزِ نیبر کُن گژھن۔ ۲۔ برونٹھ گژھن۔ ۳۔ اِستیمالہِ کِنی دوُر تا بجھ سپدُن۔ ہنڈراونہ یُن۔ ۴۔ نون گژھن۔ نموُدار سپدُن۔ م: ٹونڈر نیرُن۔ ۵۔ کُنہ تَلہٕ موکلُن۔ م: دلہٕ نیرُن۔ ۶۔ کُنہ منز پھٹُن۔ ظاہر سپدُن۔ م: ہیلہِ نیرُن۔ ۷۔ کَینہہ چیز ژلُن۔ دوُر گژھن۔ م: موس نیرُن۔ ۸۔ دوُر گژھن۔ ژلُن۔ م: داغ نیرُن۔ ۹۔ پوُر گژھن۔ اَنٛد واتُن (ارمان بیترِ)۔ ۱۰۔ کُنہِ کامہِ ہیٛٹھ گژھن۔ م: ماتگیہِ نیرُن، موزوُرِ نیرُن۔

**نیبرِ نیٛرِ گژھن۔** حدِ ژلُن۔ ڈلی ڈلی تھاوُن۔ (اثر یا کُٹھ بیترِ)۔

**نیرِ نیرِ گژھن۔** ۱۔ حدِ برونٹھہ بٹرنا۔ ۲۔ بچَن کائُن یا گتھن منز درسہ دیُن۔

**نیرَن گال۔** ہیتس کالس اِستیمال کرنہٕ یِہہ۔ یؤت وَق کُنہِ چیزس بیترِ اِستیمال کرِتھ نیرِ دار۔ گُنجائیش۔ پوشن پاے۔ برکت۔

**نیرَن وَتھ۔** نیرن پاے۔

**نیرَن وَتھ زانُن۔** لَکِن گرُی بوزِنی کانٛسہِ ہنٛدِ فیاضی یا شرافتُک ناجائیز فائیدٕ تُلُن۔

**نیرِ وِنُی ہن زانُن۔** وُچھو "نیرن وَتھ زانُن"۔

**نیزٕ۔** [ن۔ مؤل: نیز (ف: نیزہ)]۔ اکھ زیوُٹھ فوجی ہتھیار یتھ تیز پیوت آسان چھُ۔

**نیزٕ بَردار۔** نیزٕ تُلن وول۔ نیزٕ لاین وول۔

**نیزٕ دِیُن۔** ۱۔ نیزٕ لایُن۔ نیزٕ سیٛتی زخم دِیُن۔ ۲۔ (وَرگٕ پاٹھی) تیژ کتھ وَنِتھ یِمہِ سیٛتی دِلس سخ لگہِ۔

**نیزٕ کِل۔** نیزٕ ٹھکُن یا ٹھکنہ یُن۔

**نیزٕ لگُن۔** سخ دوکھ واتُن۔ (کَینہہ وُلہٕ کتھ بوزِتھ دِلس) صدمہ واتُن۔

**نیزٕ لایُن۔** کانٛسہِ کُن نیزٕ دِیُن دارِتھ۔

**نیست نابوُد۔** [ (ف: نیست و نابود]۔ بِلکُل فنا

**نیست نابوٗد گرٛن۔** بیخ بُنہٕ یاد کڈٕنۍ۔ بِلکُل فنا کرٛن۔ نیال نہٕ کُنہٕ تھوٗن۔

**نیست نابوٗد گژھن۔** نیب نِشان نہٕ کُنہٕ روزُن۔ خاک تہٕ نہٕ روزٕنۍ۔ بیخ وُڈٕنۍ۔ نیال نہٕ کُنہٕ روزُن۔

**نیشِد۔** [< س : نِشدھ]۔ ممنوٗع۔ یتھ منع آسہِ۔ یہ وَرزُن آسہِ۔

**نیکھ۔** [< ف : نیک]۔ ۱۔ رُت۔ اَزبَر۔ جان۔ یُس رِتی اینخلاق آسَن۔ رِژَر وَرتاوَن دول۔ ۲۔ یُس جان وُتیر آسہِ۔ شریف۔ خوش خُلق۔ ۳۔ دیانتدار۔ ایمانداری۔

**نیکَس چھُ پننۍ نیکی بکار یوان۔**

**نیکَس چھُ بُتھ تہٕ نیکی یوان۔** یہ دپھ گو : رِتِس چھُ رُتے بُتھ یوان۔

**نیکہِ پاکھ۔** شُود تہٕ صاف۔ صاف دِلہِ۔ سِنز پزر دول۔

**نیکو کار۔** ۱۔ نیکی گرَن وول۔ رِژَر وَرتاوَن دول۔ ۲۔ ثواب گار۔ عابِد۔

**نیکو نیکی کَر بدلہِ پلنے۔** یہ دپھ گو : اِنسانَس یَژ لوٗر رُتے وَرتاوُن، بدَس میلہِ پانے تہٕی ہِند سزا۔

**نیکھ اَختر۔** خوش قیمت۔ اِقبال بُندِ باگرِدان۔ یُس رُت طالیع آسہِ۔ ڈیکہِ بوٗڈ۔ تاَیید بَنہِ۔

**نیکھ اَنجام۔** رُت اَند۔ رِتی پاٹھی اَند واتُن۔ رُت عاقبت۔ پتیم گرٕ رِتی پاٹھی گُذرٕنۍ۔ ایمانداری پاٹھی مرُن۔

**نیکھ بخت۔** خوش قیمت۔ نصیبہِ دول۔ تاَییار بنار۔ ڈیکہِ بوٗڈ۔ اِقبال بنار۔

**نیکھ بختی۔** خوش قیمتی۔ ڈیکہِ بجر۔ اقبال بندی۔

**نیکھ لوٗر۔** رُت ظُہوٗن۔ رُت وہزار۔

**نیکھ لوٗر ازُن۔** رِتِس کُن باوٗن سیزِ وَتہٕ لگُن۔

**نیکھ لوٗر ژازُن۔** رِتِس کُن لاگُن۔ رِژن کامن کُن اتھ وَتھ لگنۍ۔

**نیکھ خصلت۔** یُس رِتی اَطوار آسَن خوش خُلق۔ شریف۔ پاکھ سیرت۔

**نیکھ دِل۔** صاف دِل۔ یُنہِ کِنۍ شُود۔ رُت یژھن دول۔ رِژَر کانچھن دول۔ دِلدار۔ دِلبر۔

**نیکھ سات۔** مُبارک پچ وِز۔ رُت وَق۔ شادِ مُبار دوہ۔ پھیر پژگرٕ۔

نیکہ صَلاح ۔ رُت مشوَر ۔ جان نصیحتھ ۔
رُت داے ۔

نیکہ فال ۔ رُت شوگُن ۔

نیکہ قدم ۔ مُبارک قدم ۔ یُس ندِ یُن پھیرُن پتھ
پیٹھ ۔ رٕژٕ زنگ ۔

نیکہ مشوَر ۔ وُچھو "نیکہ صَلاح"۔

نیکہ ماش ۔ ۱۔ حلالک کھینہ وول ۔
ایماندار، دیانتدار ۔ ۲۔ شریف ۔
یُس رٕژٕ اطوار آسن ۔

نیکہ نام ۔ یُس رٕژٕ ناماداری آسہ ۔ رٕژٕر
وِرتاونہٕ کِنی مشہوٗر ۔ ثواچہ کامہ کرنہ
کِنی نامور ۔

نیکہ نامی ۔ رٕژٕ شوہرتھ ۔ نیکہ کامہ
کرنہٕ کِنی مشہوٗری ۔

نیکہ نامی گژھہ بیکہ دولتھ ۔ تہ دپتھ گو:
ثوابچہ کامہ کرنہ کِنی تہٕ رٕژٕر وِرتاونہٕ
کِنی نامور آسُن چھُ بوڈ بجر تہٕ بُڈ
بختاداری رُت ناوِ چھُ بوڈ بجر ۔

نیکہ نیتھ ۔ ۱۔ یُس بیٚیہ سُند خاطر رٕژٕر
کانچھہ ۔ یُس رٕژٕ ارادٕ آسن یُس
بیٚیس پیٹھ رٕژٕ انیتھ آسہ ۔ صاف دِلہ ۔
۲۔ دیانتدار ۔ ایماندار ۔

نیکہ نیتی ۔ ۱۔ بیٚیہ سُند خاطر رٕژٕر کانچھُن ۔
بیٚیہ سنٛز ترقی وُچھتھ خوش گژھنچ
حالتھ ۔ بیٚیس رُت یژھُن ۔ ۲۔
دیانتداری ۔ ایمانداری ۔

نیم ۔ [ ا ن ۔ مُول : نیم (س : نیمہ ] ۔ ۱۔
گنڈتھ طریقہ ۔ گنڈتی ۔ رِواج ۔ دستور ۔
۲۔ وَرتھ پالُن ۔ کانہہ پانس پیٹھ ذِمہ
ہیتھ تمُت اۄصوٗل بیتر پوٗر کرنچ کام ۔

نیمہ رۄصت ۔ ۱۔ بے اصوٗل ۔ ۲۔ یُس
نہٕ مذہبی رِواج بیتر آسہ پالان ۔

نیم تھون ۔ ناتہ تھون ۔ عبادتھ کرنی ۔
پوٗزا کرنی ۔

نیم درُن ۔ پوٗزا پاٹھ کرُن ۔ عبادتھ
کرنی ۔ دوہ ہر شیچ مذہبی کام کرنی ۔

نیم رٹھُن ۔ دستوٗر نیبرٕ نیرُن ۔
رِواجس سیتی سیتی یکُن ۔

نیم کرُن ۔ ۱۔ کانہہ اصوٗل پالنچ نیتھ
کرنی ۔ ۲۔ کُنہ پیٹھ درِ ڈگنڈنی ۔ م :
نیما کریوتھ گربا ..... ژھلس کرا پنیس ۔
نٔنکُس باداری تھرپا یِتہٕ نٔنس کرتل پنیس
(لل دید)

نیوی ۔ [ < انگ : نیوی : NAVY ] ۔

بَحری فوج ۔ سَمَنْدری فوج ۔

**نٕبٕبَر** ۔ [< س : نِرٕ + دْوارَ] ۔ اَنْدرٕ نہٕ ۔ مُنْز نہٕ ۔ ۲ ۔ بیٚون ۔ جُدا ۔ اَلگ ، چھُچُر ۔ ۳ ۔ دوٗر ۔ حدِ اَپور ۔ ۴ ۔ بالہٕ اَپار ۔ مُلکَس اَنْدر نہٕ ۔ ۵ ۔ نوٚن ۔

**نٕبٕبر دراو** ۔ ۱ ۔ روٚسوٗخہٕ وول ۔ یِنٛہِس دارِیاہَن نہٕ رٕتین لُوکَن سیٚتۍ وٕتھُن بِہُن آسہِ ۔ ۲ ۔ یُس یِژ پاٹھۍ گرٕ دوٗرے آسہِ روزان ۔ ۳ ۔ یاوٕ ۔ ۴ ۔ (زَنانہٕ) یُوسہٕ نہٕ شستَرِس آسہِ ۔ آوارٕ ۔ بَدمعاش ۔

**نٕبٕبر ژھلُن** ۔ ۱ ۔ (اَنْدرِ پیٹھہٕ) نٕبٕبر دارِتھ دِژُن ۔ ۲ ۔ (اَنْدرِمُ سرا) باوُن ۔ وَنُن ۔ ۳ ۔ (دوٗرِ پاٹھۍ) بوٗس دِنُن ۔

**نٕبٕبر ژھنُن** ۔ کَڈُن ۔ دَفا کَرُن ۔ اَلگ کَرُن ۔

**نٕبٕبر کَڈُن** ۔ ۱ ۔ (اَنْدرِ پیٹھہٕ) نٕبٕبر داتناوُن ۔ ۲ ۔ بیٚون کَڈُن ۔ کَڈِتھ ژھٕنُن ۔ دَفا کَرُن ۔

**نٕبٕبر گژھُن** ۔ سفرَس نیرُن ۔ پَرمُلکَس یا بیٚیِس شَہرَس گژھُن ۔

**نٕبٕبر نیرُن** ۔ ۱ ۔ سفرَس گژھُن ۔ بیٚیِس شَہرَس یا پَرمُلکَس گژھُن ۔ ۲ ۔ ہیٚژر ہیٚنی ۔ ناداں نیرُن ۔ ٹھچہٕ نیرُن ہَکُن ۔ ۳ ۔ کانْہہ کَھٹِتھ چیز نٕبٕبر نوٚن گژھُن ۔

**نٕپُن ۱** ۔ [ن ۔ مۆل ۔ نٕپ] ۔ رکانسہ اَپُرٕ اَکِرُن فَندٕ کَرِتھ مال بیٚتر کھیوٚن ۔ یِنٛہِ لاگِتھ پھِرُن ۔ فریب دِتھ ہیٚتھ ژُلُن ۔

**نٕپُن ۲** ۔ قابِل ۔ ہوشیار ۔ زانی کار ۔ زِرِس داتَن وول ۔

**نٕتہٕ سوٚتھا** ۔ [< س : نِتیہَ سُیتہَ] ۔ ۱ ۔ بےٚ حِس ۔ ۲ ۔ نٕتہٕ موٗمُن ۔ نیٚنٛزٕ مہٕ ۔ زٕد نٕرٕ ۔ ۳ ۔ ڈَڈٕ ۔ مَڈٕ ۔

**نٕتہٕ سوٚتی** ۔ بےٚ حِسی ۔ نٕتہٕ موٗمنیار ۔

**نٕتہٕ موٗمُن** ۔ [ن ۔ مۆل ؛ نٕتہٕ موٗمُن] ۔ ۱ ۔ زٕدتِہٕ بےٚ حِس ۔ نیٚنٛزٕ مہٕ ۔ نٕتہٕ سوٚتھا ۔ ۲ ۔ یُس نہٕ کامہِ وِزِ تٕرزنگ کَڈِ روٗزِتھ ہیٚوٗ گومُت ۔ ۳ ۔ ڈَڈٕ ۔ مَڈٕ ۔

**نٕتہٕ موٗمنیار** ۔ بےٚ حِسی ۔ نٕتہٕ سوٚتی ۔ پانَس لَختہٕ گژھنٕچ حالَتھ ۔ روٗزِتھ گژھنٕچ حالَتھ ۔

**نٕتہٕ نٕیم** ۔ [ن ۔ مۆل ؛ نٕتہٕ نٕیم] ۔ دوہدِش عمَل ۔

**نٮ۪تہٕ نیٖمی** ۔ دہ ہرِشس عمل کرُن دوٗل ، لگاتار ، تسلسل۔

**نٮ۪تُن** ۔ [ن ۔ مؤل : نیت < س : نِترُ نتنہٕ]۔ ا۔ اکِتس یا ژھاولس بیترِ) کاژ سیتی مۄن تلنی ، نٮ۪تھ ہیٚنی۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) پوٗنسہِ یا جاداد بیترِ ہیتھ ژلُن ، کھیٚنی نہٕ تھوٗن ۔ رم : ژوٗرن ترژدوس نیٚتنہٕ۔

**نیٚوتمرت** ۔ یُس مۄن آسہِ ہیٚنہٕ آمُت۔

**نٮ۪تھ ۱** ۔ [م ۔ مؤل : نیت < س : نِکرُتہ]، (نِکرُ) ]۔ ا۔ مون ۔ جتہ ۔ ۲۔ سۄ مُون یوسہ تیر نیٚتنَ وأرِس مادھنہٕ کِنی دوان چھہٕ۔

**نٮ۪تھہٕ نوٗن** ۔ ا۔ ننگے ۔ عُریان ، یُس نہٕ کینہہ نالی آسہِ ۔ ۲۔ نادار ، مُفلس ۔ بنیٚڈ پور ۔ اتھہٕ چھوٗن ۔ ۳۔ ننگر۔

**نٮ۪تھہٕ نوٗن گرٕژھن** ۔ ا۔ ننگہٕ گرٕژھن ، سرس ناش گرٕژھن ۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) سیٹھا غریب گرٕژھن ۔ نالہ یلون سُشب نہٕ صورتھ روزٕنی۔

**نٮ۪تھہٕ تلنی** ۔ مُہہ بُری کرٕنی ۔ مُفتے فائیدِ تلُن۔

**نٮ۪تھہٕ ہیٚنی** ۔ (کانسہِ) مُفتے فائید تلُن۔ (کانہہ) مۄژ زوٗرِ روٚستے کام کرناوُن۔ مُہہ بُری کرٕنی ۔ ناجائیز فائید تلُن۔

**نٮ۪تھہ ۲** ۔ [<س : نِتیہَ]۔ لگاتار ، مُسلسل۔

**نٮ۪ٹھ ، نیوٹھ** ۔ انچھ وُبٹھ تہٕ ژھوٹ اوٚنگج۔ (لیٚہہ کسہِ مُقابلہٕ دوٚیمہ اَنْدہٕ آسان چھنے)۔

**نٮ۪ٹھہٕ** ۔ [<س : انگشٹھ]۔ ا۔ تبلنگہ ۔ چالاکھ ۔ تژک ۔ یُس پننِس دلس خبر دار آسہِ ۔ ۲۔ ژھلہٕ گوٚر ۔ ٹھگ ۔ دوکھہٕ باز ۔ جال ساز۔

**نبدرِش** ۔ [ن ۔ مؤل : نبدرش < س : نِدرشہ]۔ ہہٕ وُچھتھ کھوژن ہیہ ، پار بیٚٹھیہ۔

**نبدرِش وُچھُن** ۔ تہٕ ڈیٚھن ییٚہ سیتی کھوژن ہیہٕ ، پار بیٚہیہ ۔ کینہہ وہکھڑار وُچھتھ ہابتھ ہیٚن۔

**نبدرِش ہاوُن** ۔ کینہہ وہکھڑار ہاوِتھ پار بیہناوُن۔

**نبدان ۱** ۔ [ن ۔ مؤل : نبدان < س : نِدھانہٕ]۔ ا۔ خزانہٕ ۔ راشس ۔ ۲۔ بڑنہٕ پیٹھہٕ زیٹھرُن ۔ مُبالغہٕ ۔ کھژٹے۔

**نبدان لاٸن** ۔ کھژتھ وَننی ۔ اپزکتھ بھالاوٕنی۔

ڈلیل وُنِہنی - راد بُرِتھ دِنۍ۔

نبدان ۲ - [ ن - مؤل : نبدان < س : نِبدانہٕ ] - ۱- دادٕ ہُنٛد تشخیص -
۲- ہُنی یادی سَبَب -

نِبر --- [ س : نِر ] بغیر - تِتے - وَرائے - رۄس - بغیر - م : نبراکار -

نِبراباس - باسہٕ رۄس - باسنہٕ رۄس (دَے) -

نِبرادَر - بے یزتی - اوٚمان -

نِبراکار - آکارٕ رۄس - یُس یا یتھ نہٕ کانٛہہ (مادی) شکل آسہِ - اکاے (دَے) -

نِبرائے - رُژگہٕ رۄس - یُس نہٕ کانٛہہ مَرض یا بیمٲری آسہِ - یُس نہٕ کانٛہہ کُھر یا نوقص آسہِ - اَدٕر دۄرٕ -

نِبرابمان - یُس نہٕ دَزٕ بُز آسہِ - یُس نہٕ ژھوٚکی آسہِ - یُس نہٕ تکبُر آسہِ -

نِبربَل - کمزور - یُس نہٕ پوٚشتھ ہیکہِ -

نِبردَن - دَنہٕ رۄس - غریب - نادار - نیٚدٕ ژور -

نِبردوش - بے قوصوٗر - بے گوناہ - بے خطا - بے تقصیر -

نِبرزَلاکاہ - نہٕ ہیٛتھ زَدٕ نہٕ ہچھ کاہ -

نِبرزَن - [ < س : نِرجَنہٕ ] - یتھ نہٕ کانٛہہ بَسان آسہِ -

نِبرگوٗن - گوٗن تھوٚد - کٔمینہٕ ذاتھ -

نِبرلیپھ - یُس نہٕ کینہٕ لور آسہِ - بے خطا - بے تقصیر -

نِبرلوٗب - لالطمع - یُس نہٕ کانٛہہ لالچ آسہِ - بے غرَض -

نِبرمل - مَلہٕ رۄس - صاف - شوٚد - پاک - کھوٹ کھوٹایہٕ رۄس -

نِبرمال - سُہ آب یُس گوڈٕ دِتھ یا پوٚزایہٕ لاگِتھ کولہِ بیتر پیہ ترٛاونہٕ -

نِبرمالہٕ کرٕن - نِبرمالک آب لاگِتھ کینہٕ استیمالس لایق نہٕ تھوٚون -

نِبروار - یُس نہٕ کانٛسہِ ہُنٛد دِلس روزِ - یُس نہٕ کانٛسہِ ہُنٛد بوغض یا حَسد آسہِ -

نِبرنتر - یوٗتُس پتھ - ژِھدہٕ رۄس - لگاتار - مُتواتر -

نِبراپرا - ۱- چُھرا - خالص - ۲- سوچنے کرنے - بوز تُھوز کرنے -

نِبراش - [ < س : نِراشہٕ ] - مویوس - نا اُمید - ناکام -

نِہرٕ۔ نالوچہِ ورامہِ یمہٕ دیانہٕ نِہرٕ تراونہٕ
یوان چھِنے تہٕ یمَن یہٕنٛد کانٛگجی تراونہٕ
یوان چھِنے۔ پُشہِ کہٕ ڈیٖہہٕ چہِ کرٕ۔

نِہرٕنے۔ [ن۔ مۄل؛ نِہرٕنے > س: نِرنَیَہ]۔
فَیصلہٕ۔

نِہروان۔ [ن۔ مۄل، نِہروان > س: نِروانَہ]۔
(بُدھ مَتہِ مُطابِق) نَجات۔ موکھتی۔

نِہرَخ۔ [ن۔ مۄل > ف: نرخ]۔ ا۔ مُل۔
باو۔ قیمَتھ۔ ۲۔ شَرح۔ ریٹ۔

نِہرخ نامہٕ۔ قیٖمتَن فِہرِس۔ ریٹ لِسٹ۔
مولہٕ سارِن۔

نِہرخ نیٖرِن۔ کُنہِ اِدارٕ یا سَرکارٕ کہِ طرفہٕ
چیٖزَن ہِنٛد مول مُشخص کرنہٕ یُن۔
چیٖزَن ہِنٛد مول مُشخص کرِتھ رایِج
سپدُن۔

نِہرخہٕ ہیٖر پھیر۔ باوٕ پھیرٕ۔ قیمتَس فَرق۔

نِہسَر، نِہسرٕ۔ [م۔ مۄل؛ نِہسَر > س: نِہ+شَرَا]۔ گوب نیٖنٛدرٕ۔ سخ نیٖنٛدرٕ۔
مَس نیٖنٛدرٕ۔

نِہسَر آسُن۔ گَژ نیٖنٛدرِ آسُن۔ مَس
نیٖنٛدرٕ آسُن۔

نِہسَر پیٖنی۔ ا۔ گوب نیٖنٛدرٕ آسٕنی۔ مَس
نیٖنٛدرٕ پیٖنی۔ ۲۔ (ووہ ہوتہٕ) مَرُن۔
م: ہِنیا نِہسَر۔

نِہسار۔ [> س: نِسار]۔ یَتھ نہٕ تلہٕ
کُنہِ کینٛہہ نیرِ۔ یَتھ نہٕ کُنہِ یادٕ
آسِ۔ یَتھ نہٕ کینٛہہ تَریا پھل نیرِ
فوضوٗل۔

نِسبَت۔ [> ع: نسبۃ]۔ ا۔ ہِشر۔ مُطابقت۔
مُشابہت۔ ۲۔ توٗلُق۔ لگاو۔ واسطہٕ۔
۳۔ رِشتہٕ داری۔ ۴۔ مُتلق۔ بابتھ۔

نِسبَت دِنی۔ کانٛسہٕ یا کُنہِ سِتی تشبیہہ
دِنی، ہِشر دِیُن، توٗلُق ہاوُن۔

نِستار۔ [> س: نِستار]۔ ا۔ (کامہٕ ہِنٛد)
اَند واتُن۔ (کامہٕ نِشہٕ) موکلُن۔ ۲۔
موکلُن پانے۔

نِشٹھا۔ [م۔ مۄل؛ نِشٹھا > س: نِشٹھا]۔
یَژ پَژ۔ شرَدا۔ اعتقاد۔ یَقین۔

نِصف۔ [مۄل؛ نِصف > ع: نِصف]۔
اَڈ۔ اوڈ۔ نیٖم۔

نِصف شَب۔ اَڈراتھ۔

نِصفا نِصف۔ برابر اَڈ۔

نِکوٗر، نِکرٕ۔ [ن۔ مۄل؛ نِکر > ؟]۔
کچ ٹیب۔

نِبکور۔ [ن۔ مؤل : نِبکار < س : نہٕ + آکار]۔ کہٕ کور۔ بِکور۔ بَدصوٗرَتھ۔

نِبکور بِکور۔ کہٕ کور بیتر۔ اُڈنر کھوٗنٹر بَدصوٗرَتھ۔

نِبکمہٕ، نِکمہٕ۔ [ن۔ مؤل : نِبکَم < س : نہٕ + پراکرت ؛ کمہ < س ؛ کرمہ]۔ کمزور۔ نوتوان۔ نہٕ ہیکَن وول۔ ضٕعیف۔ زَرد۔ یُس نہٕ لایقہٕ کار آسہِ۔ لیوٗژھ۔

نِلیم۔ [ن۔ مؤل : نِلیم < آوازِ پیٹھ]۔ گرزہ ٹھ وا لِنیچ آواز۔ نِینگلاو نِیچ آواز۔

نِلیم کرُن۔ نینگلِتھ ژھنُن۔ نینگلُن۔ نینگلاوُن۔

نِمَتھ۔ [م۔ مؤل : نِمَت < س : نِمِتّہ]۔ ا۔ نیب۔ نِشانہٕ۔ پے۔ ۲۔ اَیز مِیز بیان۔

نِمَتھ دِنی۔ ا۔ نیب دیُن۔ نِشانہٕ لاوُن۔ ۲۔ ثابِتھ کرِتھ دیُن۔ ہاوی ہادی دیُن۔

نِمَتھ وَنیُن۔ ا۔ ہاوِتھ دیُن۔ ہاوی ہاوی دیُن۔ نیب دیُن۔ ۲۔ بہانہٕ وَنُن۔ ہیتھ ژھارُن۔

نِمنترَن۔ [ن۔ مؤل : نِمنترَن < س : نِمنترَنہٕ]۔ داوَتھ۔ سال۔ سالس پیرژھن، دیُن۔

نِمنترُن۔ [< س : نِمنترَنہٕ]۔ سال کرُن۔ سالس پیرژھُن۔ داوَتھ کرِنی۔

نِماز۔ [م۔ مؤل۔ نِماز < ف : نماز]۔ مُسلمانَن ہِنز عِبادَتھ۔ مُسلمانَن ہِنز پانژَن وَقتَن روزانہٕ عِبادژ ہُنٛد ناو۔

نِمازِ پَتیج۔ جاے نِماز۔ سُہ پلَو یا پَتیج یتھ پیٹھ نِماز پران چھ۔

نِمازِ جنازٕ۔ سُہ نِماز یوسہ اِنسانہٕ روٗزِتھ موردس پران چھ۔

نِمازِ ڈیکہٕ۔ ا۔ نِمازِ گزار۔ عابِد۔ ۲۔ خوشوُن ڈیکہٕ۔

نِمازِ راد۔ وچھو "نِمازِ پَتیج"۔

نِمازِ وَق۔ (نِمازِ ہِنٛدی) پانژو وَقتو اَنٛدرٕ اکھ وَق۔

نِماز ژٹنی۔ سلام پھرنہٕ برونٛہہ کنہٕ، اِشارٕ یا کانٛہہ کام بیتر کرنہٕ سِتی نِمازِ ہُنٛد سِلسِلہٕ چھٹراوُن۔

نِماز گزار۔ ا۔ باقاعیدگی سان پانژوَے نِماز پرَن وول۔ عِبادَتھ گزار۔ ۲۔ ایمان دار۔

نِماز یِنی۔ ا۔ جماژ سِتی پوٗرٕ نِماز پرَنک

موقہ یُن۔ نماز دَقتہٕ جماز سیتی اُہل گژھن۔ ٢۔ گُنہٕ جایہ نماز پرٕنی جایز آسنی۔ م: نماز پیٚو تہٕ مقبرس پیٹھ۔ (ہزلہ) کھینہٕ چنہٕ رٔو سنٕنی گنہٕ گرس گُن لگُن۔

**نٕمازی۔** نماز پرَن دول۔ نمازِ گزار۔ یُزہٕ نماز پرَن دول۔

**نٕمتی۔** [< س: نِمِتہٕ]۔ خاطرِ۔ باپتھ۔ پژھ۔

**نِمہٕ زولہٕ۔** نیٚتنی مہہ۔ سُست۔ کاہل۔ بیوژھ۔ ژٕٹہٕ۔

**نٕنٛد ہا۔** [م۔ مُول: نٕنٛد <؟]۔ بتہٕ لاکھ۔ اکہ کاک کھین۔

**نٕنٛدرٕ۔** [م۔ مُول: نٕنٛد < س: نِردایرہٕ نِردرٕ]۔ دال ڈۄر نَنزٕ کُچھ بیتیر گڈ نچ کام

**نٕنٛدر گڈُن۔** دال ڈۄر نٕنٛد دِتھ موکلاوُن۔

**نٕنٛدِ وُسُن۔** ١۔ نٕنٛد دِنی۔ نٕنٛد کرٕنی۔ ٢۔ ڈرٕلس وُسُن۔

**نٕنٛدر باٹھ۔** ترم ہری بیتیریم نٕنٛدر رٕی گیوان چھہٕ۔

**نٕنٛد دراو۔** ١۔ بیتھ زراتس نٕنٛد دِرٕمژ آسہٕ۔ ٢۔ کُچھہ بیتیریس نٕنٛد دِتھ دال ڈۄرِ نَنزٕ کو ڈُمٕت آسہٕ۔

**نٕنٛدرقاب۔** سُہ باٹہٕ یتھ اندر نٕنٛدرس بتہٕ نی زٕ۔

**نٕنٛدکادر۔** ١۔ نٕنٛدرٕی۔ نٕنٛد کرٕن داکی۔ ٢۔ تیم یم نٕنٛد دِنہٕ والین پلزن۔

**نٕنٛدا۔** [< س: نِنٛدا]۔ غایبتھ۔ وناوُنی۔ بدگُفتری۔

**نٕنٛدُر۔** نٕنٛد دِنہٕ دول۔ نٕنٛد کرٕن دول۔

**نٕنٛدُن۔** اکہٕ قسمِچ ترکاری یتھ نَل زیادٕ ٹھ تہٕ موڈُر چھہٕ آسان۔

**نٕنٛدُن دوستہٕ ہاکھ۔** یکہ وَٹہٕ رَنٕمت نٕنٛدُن تہٕ دوستہٕ ہاکھ۔

**نٕنٛگ۔** [م۔ مُول: نٕنٛگ <؟]۔ ١۔ وِز۔ کال۔ وَق۔ ٢۔ لَٹھ۔ پھیر۔ پھیرٕ۔ ٣۔ بتہٕ ڈنگ۔ بتہٕ لاکھ۔

**نٕنٛگہٕ وُسُن۔** بتہٕ لاکھ کھینی۔

**نٕنٛگہٕ۔** وِز۔ وَقتہٕ۔ ساتہٕ۔

**نٕنٛگرٕ۔** بٕڈ اِدرارہٕ چ گٹ۔ مَل گُٹ۔

**نٕنٛگُر۔** [ن۔ مُول: نٕنٛگر < س: نِگرنہٕ]۔ ١۔ گرہ ٹھ نٕنگلاوی نٕنگلاوی گٹھ کرن دول۔ ٢۔ سُکری۔ ژھوکی۔ گمنڈی۔ ٣۔ اکھ کاشُر کرام۔

**نٕنگلاوُن۔** [ن۔ مُول: نٕنگلاو < س: نِگلنہٕ]۔

۱۔ گب گہ لبن والُن۔ گزدہٹھ والُن۔ ہیر والُن۔ ۲۔ گردپُس گرُن۔ یَب سرُرتھ کھینون۔

**نبنگلُن**۔ [ ن۔ مؤل ؛ نبنگل <س: نِگلنہ]۔ وُچھو "نبنگلاوُن"۔

**نبنگلتھ زُھتُن**۔ ۱۔ زاپھ دِنے ہیر لبن والُن۔ ہضم کرُن۔ گبگہ لبن والُن۔ ۲۔ یَب گرُن۔ یَب گرِتھ کھینون۔

**نبنگلومُت**۔ ہضم کورُمت۔ کھیومُت۔ شترِ دِپرومُت۔

**نبوَل**۔ کو نگہِ تھیج۔ دَن ژرِٹھ کہ نگج تھیج۔

**نبوارکھ**۔ [ ن۔ مؤل : نبوارک <س: نِوارکہ]۔ ۱۔ (دکھُر بیترِ) کاسن دول۔ ۲۔ پاپھ بخشُن دول۔ بخشُن ہار۔

**نبوارن**۔ [ن۔ مؤل : نبوارن <س : نِوارنہ]۔ کانہہ کُٹرِ دار مسلہ یا کام بیترِ جل جل سپداو بنچ عمل۔

**نبوارن گرُن**۔ دکھ بیترِ دُور گرُن۔ بلاے بیترِ کاسنُن۔

**نبوارُن**۔ ۱۔ دکھُر) کاسُن، دُور گرُن، مو کلاوُن۔ ۲۔ گناہ بخشُن۔ م! بارخدایا پاپھ نبوار۔

**نبواسں**۔ [<س : نِواسہ]۔ ڈیرہ۔ بسُن جاے۔ روزُن جاے۔ گرِ۔

**نبواس گرُن**۔ ۱۔ روزنہِ باپتھ ڈیرِ دیُن۔ ۲۔ بسٹے کرِنی۔ بسُن۔ روزُن۔ گرِ گرُن۔

**نبوائسی**۔ [<س : نِواسی ]۔ بسکین۔ باشندِ۔ روزَن وول۔

**نبہہ ما**۔ [م۔ مؤل ؛ نبہہ <س : نِشا]۔ ۱۔ راتھ۔ ۲۔ رأژ ہُشد انہِ گوٹ۔ ۳۔ نیٹدرِ۔ شونگ۔

**نبہہ انٹنی**۔ ژلرآدِتھ یا لارِ ژانِتھ بیترِ دُورِ راتھ پاوِنی۔

**نبہہ پیتر**۔ نیُٹارِ پیتر۔

**نبہہ پھولی**۔ گاشس پھولُنے۔ صُبحی آے۔

**نبہہ وژراو**۔ ۱۔ نِکہِ نِکہِ گاشہِ وژامُت یا پھولمُت۔ بُتھ مِہ بہرِ پھولمُت۔ گاشس پھولِنے ما انہِ گٹی)۔ وژامُت۔ ۲۔ گاشراوُن۔ گاش ہیوہ یُس اذہرِ زانُڈ کاسنہِ ہنوگنی نیران چھُ۔

**نبہہ گھٹہر**۔ دا ژِ ہنزِ گٹہ۔ ہٹِ مِہ بہرِ اُترِگٹہ

**نبہہ یِگ**۔ ار راتھ ہیتی۔ راتھ زُٹہ زاٹھی۔

نیٖشار۔ [< ہ : نیٖشارا]۔ ا۔ لوّب۔ بیوّن۔ اَلگ۔ بے نیاز۔ ۲۔ عجیب۔ وِہرلیہ۔
نیٖشار تھوُن۔ اَلگ تھوُن۔ بیوّن تھوُن۔
نیٖشار روزُن۔ ا۔ لوّب روزُن۔ ۲۔ بے لاگ روزُن۔ دِل چسپی نہٕ دِنۍ۔
نیٖشارٕثُن۔ [< س : نکھ + کرنہ]۔ ناٹِدِ دُنشر نم کاسنک ہتھیار۔
نیٖاس ۱۔ [ن۔ مول : نیٖاس < س: نیٖاسہ]۔ اَمانتھ۔ کانٛسہِ حوالہٕ۔ عارِیتن کانٛسہِ اَتھہِ۔
نیٖاس تھوُن۔ اَمانتھ تھوُن۔ عارِیتن کانٛسہِ اَتھہِ تھوُن۔
نیٖاس ۲۔ [ن۔ مول : نیٖاس < س : نیٖاسہ]۔ پُوزاہ وِزِ بَدنکی اَنگ شُوزراونہٕ بابتھ ہینٛدِ پن ہنز اَکھ کرِیا۔
نیٖاس ۳۔ [ن۔ مول : نیٖاس < س : ناسا]۔ ا۔ دار یا دَرواز کِہ ہیٚنٛٹھِ مہ ہَنگیچ پاو۔ ۲۔ ڈوٗرِیک بوٗنیُم حِصہٕ۔
نیٖال۔ ا۔ بتھ کُن مۄژِ یُومُت۔ ۲۔ بُہلی سٕندِس تحویلس مَنز مۄدی مِتس تیٖری سٕنز کھل۔ ۳۔ نِشانہٕ۔ داغ۔ سُراغ۔
نیٖال گالُن۔ مۄلہٕ مۄ شۍجہٕ خَتم کرُن۔ نیٖب نِشانہٕ نہٕ باقے تھوُن۔ یِتھہ کُن نہٕ کینٛہہ تہٕ مۄجُود نَتھاوُن۔ ژوّک ہیٚچھ گالُن۔
نیٖال نہٕ روزُن۔ مۄلہٕ مۄ نۍجہٕ خَتم گژھُن۔ نیٖب نِشانہٕ تہٕ نہٕ روزُن۔ پِتھہ کُن نہٕ کینٛہہ تہٕ روزُن۔ ژوّک ہیٚتھ وُڈُن۔
نیٖال ہاوُن۔ ا۔ نِشانہٕ ہاوُن۔ سُراغ ہاوِتھ دِیُن۔ ۲۔ مۄدی مِتس تیٖری سٕنز بَتہٕ ہاوِنۍ۔
نیٖامَتھ۔ [م۔ مول : نیٖامَت < ع: نعمت]۔ ا۔ بَرکتھ۔ بُرژر۔ پھرٕ یِرژر۔ ۲۔ آرام۔ سوکھ۔ راحتھ۔ ۳۔ رُت کھیٚن۔ ضِیافتھ۔
نیٖامَتس تھوکھ ژھنٛنہٕ۔ سوکھس نہٕ قَدٕر زانُن۔ رِتس ذکہ دِیُن۔ آرامس لَتہ دِنۍ۔
نیٖاوُن۔ [< س : نئے نہٕ کھ]۔ ا۔ کانٛسہِ اَتھہِ واتناوُن یا سوزُن۔ ۲۔ ہیٚتھ ژلراوُن۔ کانٛسہِ اَتھہِ کھیٚناوُن۔ ۳۔ جیل سوزُن۔ تھانس لَدُن۔

نیٚاے۔ [ن۔ مؤن: نیاے <س: نیایہ]۔
۱۔ تَنازٕ۔ فساد۔ لڑائے۔ ٹٔنٛٹہٕ۔
۲۔ کتھہٕ کتھہٕ۔ تکرار۔ ٹٔرکرِی۔
بحثا بحثی۔

نیٚایہ نیٚاے۔ ہَرٕ ہَرٕ۔ بحثا بحثی۔
صِرف تنازٕے یا تہٕ ٹٔنٛڈس پیٚٹھ
ٹٔنٛٹہٕ۔

نیٚاے اَنٛدُن۔ تنازعن فاصلہٕ گژھن۔
جگرٕ ژٔلُن۔ مُقدمہ موکلُن۔ لڑائے
بٔہنٛنہٕ۔

نیٚاے اَنٛزرُن۔ (مُقدمس) فاصلہٕ
کرُن۔ فساد بیٚہناوُن۔ جگرٕ مکاوُن۔
تنازعہ موکلاوُن۔

نیٚاے بِہُن۔ تنازٕ ختم گژھن۔ فساد
موکلُن۔ ہَر لو تھٕ۔ لڑائے بِہنی۔

نیٚاے پیٚون۔ فی پیٚون۔ پھیر پیٚون۔
مسلہٕ الجھہٕ یُن۔ کھٕرُن۔

نیٚاے تلُن۔ تنازٕ کھڑا کرُن۔ فساد
تُلُن۔ ٹٔنٛٹہٕ لاگُن۔ خوجنگ کرِنۍ۔

نیٚاے زیٚچھُن۔ مسلہٕ وَرائے کھٕرِ دار
بنُن۔ تنازس زیٚچھر لگُن۔ لڑائے
بیٚیہ ہن پھٕہلُن۔

نیٚاے ژٔلُن۔ فساد بِہُن۔ مسلس
کانہہ حل اَنٛدُن۔ تنازٕ اَنٛدُن۔
ٹٔرکرِی دۄر گژھنۍ۔ لڑائے یا جگرٕ
نہٕ روزُن۔

نیٚاے ژھیٚلُن۔ مسلہٕ اَنٛدِتھ نہٕ دۄنۍ
جگرٕک کانہہ وجہہ روزُن۔

نیٚاے کرُن۔ تنازٕ ژٔلُن۔ فساد کرُن۔
خوجنگ کرِنۍ۔ ٹٔنٛٹہٕ لاگُن۔

نیٚاے کاسُن۔ تنازس حل دیُن۔
جگرٕ اَنٛزراوُن۔ جگرٕ مکاوُن۔
ٹٔرکرِی دۄر کرِنۍ۔

نیٚاے موکلُن۔ مسلہٕ اَنٛدُن، حل
گژھن۔ تنازٕ ژٔلُن۔ یتھ پیٚٹھ
ٹٔنٛٹہٕ آسہٕ تہٕ اَنٛدُن۔

نیٚاے نٔنُن۔ فسادُک وجہہ نٔنُن۔
اصلی تنازُک باعث کھٔرسیدُن۔

نیٚاے وِچھُن۔ سام ہیٚنز تٔنازٕ کتھہٕ
پیٚٹھ چھُہ۔ فسادُک گوڈٕ وِچھُن۔

نیٚاے وۄتھُن۔ ٹٔنٛٹہٕ وۄتھُن جگرٕ
وۄتھُن۔ فی پیٚون۔ پھیر پیٚون۔

نیٚاے ہیٚون۔ بلکہ مسلس اَندر
زنگ ژھنِتھ پان لڑایہ منز پھساوُن۔

نیٔام ۔ [ م ۔ مؤل : نیٔام < ؟ ] ۔ گنیؤیا
گتر یُو وہ کھُل یتھ منز مسالہ شیر
شر بتھ بیتر ژ ہٹی تر ۔

نیٖک ۔ [ مؤل : نِک < س : نکتہ ۔ م : پنجابی ؛
لِنکا ] ۔ ۱ ۔ آڈٕ باڈٕ کِنی کم ۔ بٲریکھ ۔
زٲوُیُل ۔ ۲ ۔ نوزُک ۔ توٚکُھ ۔ کمزور ۔
۳ ۔ لوکٕٹ شُر ۔ لوک ۔

نیٖک نیٖک ۔ لوکٕٹی ہیٚنتر ۔ رٕژٕ ہیٚیتنی ۔
زٲوُیُل زٲوُیُل ۔ ہلکہٕ ہلکہٕ ۔

نیٖک نیٖک کرُن ۔ مُکھر کرٕنی ہیٚیتنی کرٕنی ۔
گُفتہ کرُن ۔ ہیٚنتر کرٕنی ۔

نیٖک نیٖک گاش ۔ ۱ ۔ سوٚت گاش ۔
۲ ۔ سُلہٕ صُبحاے ۔ یُون صُبحہٕ ۔ صُبحہٕ
صادِق ۔

نیٖرُن ۔ [ < س : نیُنہ ] ۔ ۱ ۔ رٹُن ۔ حاصِل
کرُن ۔ وصوٗل کرُن ۔ ۲ ۔ کُن واتناوُن ۔
۳ ۔ ٹلی ہیوٚن ۔ خرید کرُن ۔ ۴ ۔ ہیتھ
ژُلُن ۔ ۵ ۔ تھسپھ دِتھ ٹلُن ۔

نِنس کیٖٔت ۔ ۱ ۔ کنہٕ خاطرٕ ۔ قابلِ
فروخت ۔ ۲ ۔ یُس وہ ژُم ٹلی یوت
تہٕ ہو دِنہٕ کِنی ۔

نِنیٖ ۔ ۱ ۔ یہ نہٕ نیوٚمُت آسہِ ۔ ۲ ۔ ٹلی ہیٚنیٖ ۔ ۳ ۔
سارِنیٖ ۔ کُن واتناونیٖ ۔

نِنہٕ وٲے ، نِنہٕ وٲنہٕ ۔ [ م ۔ مؤل : نِنہٕ وٲے
< س : نی + پَنیَہ ] ۔ اور یور واتناونگ
ہوٚز کورِ ۔ ۰

نِنہٕ وول ۔ ۱ ۔ اکہِ جایہ پیٹھٕ بیٚیس جایہ
واتناوُن وول ۔ ۲ ۔ گڑاکھ ۔ خریدار ۔
ٹلی ہیٚنہٕ وول ۔

نیٔور ۱ ۔ [ ن ۔ مؤل : نیٖر < س : نیٖڈ ] ۔
مُرگ ۔ بور ریٚنہٕ کالہٕ گیٚن تراونہٕ
یوان جِھہٕ ) ۔

نیٖرہٕ کھسُن ۔ کہ ہسارن سالس
گژھن ۔ مُرگن پھیٖرُن تھوٚرُن ۔

نیٖری پوش ۔ پوش یم مُرگن پھولان
چھِہٕ ۔

نیٖری دٕژاو ۔ ۱ ۔ نیٖرِ پیٹھٕ تازٕ گژھتھ
دوتھمُت ۔ ۲ ۔ ( ورگہٕ ) دِنوٚتھ یوٚتھ ۔
خوش ۔ خوش حال ۔

نیٔور کھسُن ۔ گیٚن گاسہٕ کھیٚیاونادنہٕ
جنگل نِنی ۔

نیٔور ۲ ۔ [ ن ۔ مؤل : نیٔور ] ۔ اکھ لاگہِ دار
گیٚن ۔ بیٚمارِی ، گیٚن کون ۔ م :
پٹری نیٔور ، آسہٕ نیٔور ۔

نیوُر۳ ۔ [ ن ۔ مؤل : نیر ] ۔ نزدیکھ ۔ نکھہ تل ۔ سیتی ۔

نیرِ نیوُر ۔ سیٹھا نزدیکھ ۔ نکھہ تلے ۔ نزدیکھے ۔ سیتی ۔

نیرِ ٹیک ۔ [ < وُچھو " نیوُر۳ " ] ۔ نزدیکھُک ۔ نکھہ تلُک ۔

نیرِ آشُن ۔ نکھہ آشُن ۔ کہے دوُر آشُن ۔

نیرِ روزُن ۔ حاضر روزُن ۔ نکھہ روزُن ۔ الوُ بوزُن روزُن ۔

نیرِ نیرِ ۔ نکھہ نکھہ ۔ سیتی سیتی ۔

نیوُر پتھن ۔ نزدیکھے ۔ نکھے سیتی ۔

نیوُریُن ۔ [ < وُچھو " نیوُر " ] ۔ نکھہ یُن ۔ نزدیکھ یُن ۔ سیتی یُن ۔

نیوُری ۔ ناٗلی دار پُدُر ۔ نیوٹ ۔

نیوُرِ پھیرنہِ ۔ پوٚت وژھ پھیرنہِ ۔ خوف اژُن ۔ لیدرِ ژھٹ پھیرنی ۔ موتُن پھیرُن ۔

نیوُرِ چھوکھ ۔ گاو ہندِ لیتھ لاینک چھوکھ ۔

نیوُریُن ۔ ناٗلی بیماری کرنی ۔ ناٗلی ہیٚنی ۔ ناٗلین دود گوُن ۔

نیوُژ ۔ [ ن ۔ مؤل : نیژ < س : نیچہ ] ۔ وُسی پایہ ۔ کمینہ ۔ کم ذاتھ ۔ لُچ ۔

نیژ باپار ۔ کمینہ گی ۔ رذالتھ ۔ کم ذاتِل ۔ لُچر گی ۔

نیژ باو ۔ کمینہ گی ۔ رذالتھ ۔

نیُول ۔ [ ن ۔ مؤل : نیُول < س : نیلہ ] ۔ ۱۔ ہاکہ رنگ ۔ نیجہ رنگ ۔ ۲۔ خام ۔ کوٚنچ ۔ اَڈ پوٚپ ۔ ۳۔ ننے نگور ۔ اَڈ پوٚک ۔

نیلس دژوت دیُن ۔ ۱۔ خام اناج بیترِ لوٗنُن ۔ اَڈ پوٚپ ہیوٚ بیترِ ژٹُن ۔ ۲۔ (دوُرگہ پاٹھی) وہ تلکنہ نہ دیُن ۔ اَڈ ژوٚٹ کرُن ۔

نیلس دژوت لگُن ۔ ۱۔ ئے گرٛژھن ۔ اَڈ ژوٚٹ گرُژھن ۔ ۲۔ لونگ ، پھولنگ موقہ نہ میلُن ۔

نیلہِ کھمم ۔ پلوٚن نیل رنگ دوٚبی بانہ ۔

نیلہِ گوتہ ۔ تِرہ نیلس رنگس منز بوڈراوہ آسہ آمت ۔

نیلی پھوٚل ۔ اَکھ نیُول موختہ یُس زنانہ منس گنڈان چھے ۔

نیُول کاژھ ہیوٗہ ۔ ۱۔ سینہ نے دیشن بیترِ

پاکرِ نِیُے ۔ ۲۔ بیمارِ بیترِ کِنہٕ لُسہٕ نیومُت،
ذرد ڈیومُت ۔

**نیوٗل ووہ زُل . بوز نیرِینؠ** ۔ ۱۔ صاف نہٕ
لبنہٕ ینؠ ۔ دُگوٗش گژھُن ۔ اُچھن
ہنٛدِس گاشس کمی گژھنۍ ۔ دُرٛیوت
گژھُن ۔ ۲۔ شک گژھُن ۔ ۳۔ ہوٗش
ڈٔلنۍ ۔ وہسرُن ۔ گیوٗرینؠ ۔

**نیوٗلُے** ۔ [س : نیلہ] ۔ ۱۔ پوٗختہٕ گژھنُے ۔
خامے ۔ اَڈپوٗپ (اناج یا میوٕ بیترِ) ۔ ۲۔
چھاوِ نِیُے ۔ اَڈِ پوٗک ۔ اومُے ۔ ۳۔ رٔنہٕ نُے
تلہٕ نُے ۔ م : نیوٗلُے ماز ۔ ۴۔ ینیمہ نہٕ
کِنہٕ ہوٚچھمُت آسہٕ ۔ کورُے ۔

**نیوٗلُے آسُن** ۔ ۱۔ سیوٗنُے آسُن ۔ اَڈپوٗکُے
آسُن ۔ پوٗرِ نہٕ تلنہٕ بیترِ آمُت آسُن ۔
۲۔ سوٚکُرُے اَپُزٕ آسُن ۔ ۳۔ پیپہٕ نُے ۔
خامے ۔ اومُے ۔

**نیوٗلُے بکُن** ۔ ۱۔ سخ مُنگ آسنۍ ۔ یسلہٕ
خرِیداری آسنۍ ۔ گژاکن ہنٛز خامیے
تھیپہٕ تھیپہٕ کرنۍ ۔ ۲۔ نایابی آسنۍ ، کمی
آسنۍ (کھینہٕ چیزن بیترِ ہنٛز) ۔ کال
آسُن ۔ نہٕ لبنۍ آسنۍ ۔

**نیوٗلُے چھنٛتھ پیوٗن** ۔ ۱۔ (میوٕ بیترِ)
خامے کُلہٕ پیٹھٕ ڈٔسی پیوٗن ، خام اناج بیترِ
واوٕ بیترِ سیتی ڈٔسی پیوٗن ۔ ژٕے گژھُن ۔
لوٕ بنگ سپھو لنگ ہوتہٕ نہٕ میلُن ۔
۲۔ اَڈِ ژوٗٹ گژھُن ۔ جانہٕ مرُگ
گژھُن ۔ ووہ تلُن نہٕ ۔

**نیوٗلُے روزُن** ۔ ۱۔ ژھنٛڈ لگنہٕ کِنہٕ یا
سرد موسم پلنہٕ کِنہٕ اناج بیترِ نہٕ
پیٚپُن ۔ ہنٛدُر گژھُن ۔ ۲۔ (ؤدرگہٕ پاٹھۍ)
کھینہٕ نہٕ ہیوٚچھمُت آسُن ۔ کورُے
روٗدمُت آسُن ۔

**نیوٗلُے کھیوٚن** ۔ ۱۔ کوٚچ کھیوٚن ۔ رٔنہٕ نُے
کھیوٚن ۔ ۲۔ ژٕنٛدُے کھیوٚن ۔

**نیوٗلُے کھیوٚن لایق** ۔ ۱۔ سبھٕ جان
(کِنہٕ کھینہٕ باوٕ بیترِ) مزدار ۔ ۲۔ تازٕ
تازٕ ۔ زلہٕ وُن ۔ زلہٕ وُن ۔

**نیوٗلُے وَتُن** ۔ سوٚکُرُے ژٕ وَتُن ۔ مُلہٕ
اَپُزٕ وَتُن ۔ تتھی راد دِنۍ داژھ یمہٕ نہٕ
رٕہنۍ لایقے آسُن ۔

**نیوٗرٹ** ۔ دُرٛھس یا ژھاولس بیترِ سنٛز زنگہٕ
ہنٛدُ حصہٕ یُس سُہ تھرس ردان چھُ ۔

نیوٚٹ ٹُلُن ۔ (گاو ہُند) ٹیوٗ ٹُلُن، لنٛژ لایُن ۔ ۲. ہوڈ کرٕنۍ۔

نیٖٹھ یار ۔ ژھوٚٹ گُدوم یُس وُژِھس نیٖٹِس گنٛڈان چھ۔

نیوٚٹھ ۔ [ن ۔ ہُل : نیٖٹھ (س : انگشٹھ]۔ نوٗٹھچ واج۔

نیوٚک ۔ ۱. اَتھ چھا نیٖپِھ اُڈی جر ۔ ۲. وژسہ بیترِ یُس ووٚژھ گاو ہٕنٛدِس دُلِس دِوان چھُ۔

نیٖکر دِنۍ ۔ ۱. موٗٹھ وُٹھتھ اُٹس مانٛڈ دِنۍ۔ ۲. اَتھ چھا نیٖپہ چوٚ اُڈی جوٗ ستہٕ لایُن۔

نیوٚکھ ۔ مُش ۔ ٹکہٕ ۔ دوٚگ۔

نیوٚکھ دیُن ۔ ۱. مُش لایُن ۔ ۲. وُژِھس بیترِ سُنٛد گاو دوہ بیٚنہ دِژ دُلِس دَر گرُن۔

نیٖکر لایُن ۔ مُشتہٕ لاینہٕ۔

نیوو ۔ [ن ۔ ہُل : نیوو (س : نیٖپہٕ]۔ اَکہٕ پوٗشک کلنیک ناو۔

نیاوی وُڈر ۔ سو وُڈر یَتھ نیاوی نوان چھ۔

نوٗچھ ۔ [(آوازِ پیٖٹھ] ۔ کھیٚیوٚن ۔ کھینٛچ حالتھ ۔ ہیرِ بوٚن وانٛنچ عمل۔

نوٗچھ گرُن ۔ کھیٚیوٚن ۔ ہیرِ بوٚن والُن ۔ نبنگلاوُن۔

نوٗٹھ ۔ اَتھچ اَنٛدِ کنیٚچ اوٗنگج یوسہٕ ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ آسان چھےٚ۔

نوٗٹھس پیٖٹھ نہٕ ہیٚوٚن ۔ فکرِ نہٕ کھَسُن ۔ آنٛٹِ نہٕ کھَسُن ۔ (کانٛسہٕ ہُنٛد اپروٗ لے نہٕ کرُن۔

نوٗٹھس تَل تھَوُن ۔ ۱. پننِس قبضس تَل تھوُن ۔ اَتھہٕ تَلہٕ نہٕ کرُن ۔ ۲. زیرِ تجویزِ تھوُن۔

نوٗٹھس ژوٚنگ دِژُن ۔ ۱. ژوٗر کرُنس منٛزِ طاق آسُن ۔ ژوٗرِ ہنٛز ہونَر آسنۍ ۔ ۲. سخ چالاکھ آسُن ۔ تزک آسُن۔

نوٗٹھہ کوٚر ۔ نوٗٹھچ واج ۔ نوٗٹھک دٲیرٕ۔

نوٗٹھہ وول ۔ اَن پرٕ ۔ یُس نہٕ لِکھہ پرٕ آسہٕ ۔ یُس نہٕ دَستخط کرُن زِگان آسہٕ۔

نوٗٹھہ ژٕہُن ۔ ۱. شُری لاڑ کرٕنۍ ۔ شُر لاگُن۔

۲۔ گوٗشس دیُن۔ کِتھے کھینی۔

**نبوٗٹھ کرُن** ۔ ۱۔ اوٗنگوٗٹھ کرُن۔ کُنہِ تحرِیرس یا رسیدس پیٹھ نبوٗٹھک نِشانہٕ یا چھاپھ ترٛاوُن۔ رسید دیُن۔ یِقرار نامہٕ دیُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ آلی پاٹھی) اُچھ ٹوٗتھ مانُن۔ ۳۔ اَن پرٕ لیَس نہٕ لِکھِ پَرِ آسہٕ۔

**نبوٗٹھ کرِتھ دیُن** ۔ ۱۔ کانٛہہ شرط مانِتھ تحرِیر دیُن۔ لیکھِتھ دیُن۔ ۲۔ تسرِ یکھ کرٕنی۔ توبہٕ کرُن۔ ۳۔ رسید دیُن۔

**نبوٗٹھ کرِتھ ہیٛوٗن** ۔ ۱۔ کُنہِ تحرِیرس بیترِ پیٹھ نبوٗٹھک نِشانہٕ یا چھاپھ ترٛاوناوُن۔ اوٗنگوٗٹھ کرِتھ ہیٛوٗن۔ لیکھِتھ ہیٛوٗن۔ رسید ہیٛوٗن۔ یِقرار نامہٕ ہیٛوٗن۔ تصدیق کرِتھ ہیٛوٗن۔ ۲۔ تسرِ یکھ کرناوُن۔ توبہٕ کرناوُن۔

**نبوٗٹھ گلہٕ وُن** ۔ ۱۔ مُجرا نہٕ ہیٛوٗن۔ فِکرِ نہٕ کھسُن۔ ٹارِ نہٕ کھسُن۔ ۲۔ یَب کرُن۔ اِنکار کرُن۔ صاف جواب کرُن۔ ۳۔ تاتشس دیُن۔ مینٛگ ہاوٕنی۔ روب کرُن۔

**نبوٗٹھ نرماوُن** ۔ ۱۔ یچھُن۔ آمادٕ سپدُن۔ مانہٕ نس پیٹھ واتُن۔ رضامند سپدُن۔ ۲۔ ژوٚے کرٕنی۔ بنیس لجماتھ سیتی ژوٗرِ پاٹھی لچہٕ واٹھ کرُن۔

**نبوٗٹھ ہاوُن** ۔ ۱۔ تاتشس دیُن۔ مینٛگ ہاوٕنی۔ روب کرُن۔ ۲۔ یَب کرُن۔ اِنکار کرُن۔ صاف جواب کرُن۔ بےٚ ایمانی کرٕنی۔ ۳۔ مذاق کرُن۔ ٹاآنہٕ ژٕلٕنی۔

**نیٛبرِ** ۔ اَندرِ نہٕ۔ اَندرِ کُنہ نہٕ۔

**نیٛبرِ وُژُن** ۔ ۱۔ مُتھِس برٛونٛہہ کُنہِ نہٕ وُژُن۔ دُب بُدب نہٕ وُژُن۔ ۲۔ یہٕ لوٗک وُنان آسن۔ لکہٕ وُژُن۔ ۳۔ ٹبٕلی شوٗوے۔

**نیٛبرِ ہاوُن** ۔ ٹینٛٹھ تھوٕنی۔ لوکن اَنٛگ باسس دیُن لٹلہٕ نہٕ بِچھیتہٕ آسُن) پانس یزتھ تھوٗن۔

**نیٛبرِ کُنڈِ بوٗن تہٕ اَندرِ ژھوٚژ کوٗن** ۔ ژھٕرے شکلے یا ژٕ آسِتھ تہٕ چیٛنتہٕ کِنی سیٹھا لاغر تہٕ بیمار آسُن۔ (وَرگہٕ) ٹبٕلی ٹینٛٹھ۔

**نیٚبری نیٚبری** ۔ ۱۔ أندر ینٕے ۔ ۲۔ بیٚہرٕ نٕے ۔
لۄکہٕ نٕے ۔ ۳۔ (گرٕس) أندی پکھ ۔
أندی ہار ۔ ۴: نیٚبری نیٚبری سٔر کرُن ۔
۴۔ اپزٕے ۔ زیٚو سیٚتی ۔ ۵۔ ہاو باو
خاطرٕ تھکنہٕ پٔژھی ۔

**نیٚبری نیٚبری سٔر کرُن** ۔ أندی ہار
وُچھُن ۔ دۄرٕ دۄری سٔر کھبر کرُن ۔
ہمسایَن پتہٕ ژُھن کرُن (آشناوی
کرنہٕ بژونہہ) ۔ پیٚنٹھی پیٚنٹھی دٔرِ یافت
کرُن ۔ سرسری پاٹھی وُچھُن ۔

**نیٚبری نیٚبری وُچھُن** ۔ ۱۔ پیٚنٹھی پیٚنٹھی
وُچھُن ۔ سرسری نظرا دِنۍ ۔ ۲۔ دۄرٕ
دۄری سٔر کھبر کرُن تہٕ جاے شاے
وُچھنۍ ۔ ہمسایہٕ ہُند پیٚنٹھ وُچھنہٕ
یُن (کۄر گۄبُر کرنہٕ بژونہہ) ۔

**نیٚبرمہٕ ژُمہٕ** ۔ ہاو باو خاطرٕ ۔ دِلہٕ نہٕ ۔

**نیٚبریُم** ۔ ۱۔ وۄہپر ۔ پرٕ ملکُک ۔ پرآے ۔
۲۔ تہٕ یہٕ نیٚبرٕ پیٚنٹھہٕ آمُت آسہٕ یا
بُتھاونہٕ آمُت آسہٕ ۔ ۳۔ نیٚبر دراو ۔

**نیٚتھر** ۔ [ <س : نیتر ] ۔ أچھ ۔

**نیٚترٕ پرٕکاش** ۔ ۱۔ أچھن ہُند گاش ۔
أچھن ہنز روشنی ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی
کُنۍ تہٕ خانہٕ مول نیٚچوٗ ۔ أچھ گاش ۔
نوٗرِ چشم ۔

**نیٚترٕ کمل** ۔ پمپوش ہِش أچھ ۔ شۆبہٕ وِنہٕ
أچھ ۔ پیالہٕ أچھ ۔

**نیٚترٕ گاش** ۔ ۱۔ أچھ گاش ۔ أچھ ہُند
نوٗر ۔ لال ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) کُنۍ
نیٚچوٗ ۔ خانہٕ مول نیٚچوٗ ۔ پوترٕ گاش ۔

**نیٚٹ** ۔ ۱۔ مُکھالی ۔ ۲۔ مانڈ ۔

**نیٚٹ دِنۍ** ۔ مانڈ دِنۍ ۔

**نیٚٹ لایِنۍ** ۔ مُکالی لایِنۍ ۔ مُش
لایِنۍ ۔

**نیٚٹھ** ۔ [م ۔ ہۆل : نیٚٹھ <س : انگشتی] ۔
ہشرٕ مۄنز وٕرشند سہ نیٚٹھس
لاگنُک دابرٕ چالہٕ اوزار یمہٕ سیٚتی
سہ ٹیبہٕ دِنہٕ ورٕ ہشرٕ گلس دکہٕ
چھُ دِوان ۔

**نیٚندٕر** ۔ [م ۔ ہۆل : نیٚندٕر <س : نِدرا] ۔
شۆنگتھ آسنٕچ حالتھ ۔ نِیسر ۔

**نیٚندٕر آسنۍ** ۔ ۱۔ شۆنگتھ آسُن ۔ ۲۔
آرامس منز آسُن ۔ ۳۔ کاف آسنۍ ۔

۴۔ غافِل آسُن ۔ بےٚ خبر آسُن۔

**نیٛنٛدٕر پاوٕنۍ۔** (شُربیترٕ) ساوُن شُرِس لٕلہٕ وان لٕلہٕ وان کاف کھارٕنۍ۔

**نیٛنٛدٕر پیٚنۍ۔** ۱۔ کاف کھسٕنۍ۔ آرام یُن۔ ۲۔ غَم تہٕ فِکر ژٕلنۍ۔

**نیٛنٛدٕر ترٛاوٕنۍ۔** ۱۔ شوٗنگُن۔ لَر ترٛاوٕنۍ۔ آرام ترٛاوُن۔ گلہٕ ترٛاوُن ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) دیان نہٕ دیُن۔ کَن نہٕ تھوٗن۔ گوٗشِس دیُن۔

**نیٛنٛدٕر تہٕ موت۔** تہٕ دُپتھ گوٚ: نیٛنٛدٕر چھےٚ موتَس برابَر، نیٛنٛدٕر تہٕ موت چھےٚ لگ بگ ہِشی کتھا۔

**نیٛنٛدٕر دَزٕنۍ۔** ۱۔ آرام نہٕ یُن۔ قرار راوُن۔ نیٛنٛدٕر ناش گژھُن۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) سَخ شُرارتھ آسُن۔ رٕکھوشان آسٕنۍ۔ ۳۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) فِکر آسٕنۍ۔ غَم آسُن۔ پریشان حال گژھُن۔

**نیٛنٛدٕر زالٕنۍ۔** ۱۔ تہٕ کیٛنہٕ کھیوٗن ییٚمہٕ کِنۍ نہٕ نیٛنٛدٕر پییہٕ۔ نیٛنٛدٕر حرام کرٕنۍ۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) زولانہٕ ہیٚنۍ۔ زورٕ غَم نہٕ پریشانی ہیٚنۍ۔

**نیٛنٛدٕر ژٕلنۍ۔** ۱۔ نیٛنٛدٕر گژھتھ موٚکلُن تہٕ ووٚنۍ نہٕ نیٛنٛدٕر ہوٚسوٗس گژھُنۍ۔ تہٕ کیٛنہٕ کھیوٗن ییٚمہٕ کِنۍ نہٕ نیٛنٛدٕر پییہٕ ۲۔ (دٕرگہٕ) فِکر دوٗر گژھُنۍ۔ خطرٕ ڈٕلُن۔

**نیٛنٛدٕر کرٕنۍ۔** ۱۔ شوٗنگُن، لَر ترٛاوٕنۍ۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) بے فِکر آسُن۔ بےٚ غَم پاٹھۍ آسُن۔

**نیٛنٛدٕر کھسٕنۍ۔** نیٛنٛدٕر پیٚنۍ۔ کاف کھسٕنۍ۔ ٹارٕ گژھٕنۍ۔

**نیٛنٛدٕر یِنۍ۔** ۱۔ کاف کھسٕنۍ۔ ٹارٕ گژھٕنۍ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) غَم ترٛاوُن۔ فِکر ترٛاوٕنۍ۔

**نیٛنٛدرِ اژُن۔** پاٹھۍ کینہہ سُند کھیٚن چٚن ترٛاوِتھ کرٕ وُژتھ بدلاوُن۔

**نیٛنٛدرِ اَچھ۔** ۱۔ نیٛنٛدرِ ہٕنٛز اَچھ۔ نیٛنٛدرٕ سیٚتۍ گوٚ بیٚمٕژ اَچھ۔ ۲۔ اَڈٕ نیٛنٛدرِ گومُت آسُن۔

**نیٛنٛدرِ ٹینٛڈٕٹ۔** نیٛنٛدرِ ووٚنۍ۔ ۱۔ نہٕ یُن ژامُت بُست۔ ۲۔ نٛڈٕ۔ کھوژٕ بڑٕ۔

**نیٛنٛدرِ پل۔** نیٛنٛدٕر پاوَنچ دَوا ٹِک۔

**نیٛنٛدرِ ہیوٗن۔** (دٕرگہٕ پاٹھۍ) مرُن۔

**نیٛنٛدرِ ژٕلُن۔** وُزناوُن۔ ہُشار کرُن۔ بیدار کرُن۔

نیٛنٛدرِ ٹاچھ۔ اَکھ پھینکہِ دوایُس اُچھ
وائدِس لگان چھُ۔

نیٛنٛدرِ ٹارُک۔ نیٛنٛدرِ اُچھ۔

نیٛنٛدرِ ٹھولِ (اینہٕ)۔ رِپہ (اَگژھنیا) سَنٛخ
کاف کھسُن، سَنٛخ نیٛنٛدر کھسنہٕ کِنہٕ گبرُن۔

نیٛنٛدرِ دلو۔ ا۔ سَنٛخ نیٛنٛدر۔ یُس شوٗنگان
تہٕ شوٗنگان آسہِ۔ یُس نیٛنٛدرِ کُن
ہودُمت آسہِ۔

نیٛنٛدرِ ڈٕنگ۔ قَے لول۔ کَمے کائلِچ نیٛنٛدرِ۔

نیٛنٛدرِ ڈٕس۔ ا۔ یُس یُژ پاٹھی شوٗنگاےٚ
آسہِ نہٕ کرِان کرٛاوان آسہِ بٔکے۔ آرام
طلَب۔ ۲۔ لیٛوٗژھ۔ زوہیر۔

نیٛنٛدرِ ہوت۔ ا۔ یَس نیٛنٛدرِ کُن گومُت
آسہِ۔ آرام طلَب۔ لیٛوٗژھ۔ زوہیر۔ ۲۔
(دَرگہِ پاٹھی) سیوٗد سادٕ (انسان)۔ بٔے خبَر۔

نیٛنٛدرِ موت۔ مَس نیٛنٛدرِ سَنٛخ گوٗب
نیٛنٛدر۔ سوٗ نیٛنٛدر یتھ نہٕ کانٛہہ سَہل ہل
وُزناوِتھ ہیکہِ۔ موٗتَس ہِش نیٛنٛدر۔

نیٛنٛدرِ موت گژھن۔ ا۔ نیٛنٛدرِ مَنٛز زُو
ژٕلُن نیرِتھ۔ نیٛنٛدرِ منٛزے مَرُن۔ یہ
چھُ اَکھ دوہوٗ۔ ۲۔ (دَرگہِ پاٹھی) سَنٛخ
بٔے خبَر روزُن۔

نیٛنٛدرِ ناش۔ ا۔ نیٛنٛدرِ گَلنہٕ۔ ۲۔ (دَرگہِ پاٹھی)
سَنٛخ فِکر۔ پرٛاگَندگی۔

نیٛنٛدرِ نوٗنٹھ۔ یُس اَڈ نیٛنٛدرِ گومُت آسہِ۔

نیٛنٛدرِ وۄتھُن۔ بیدار گژھُن ہُشیار
گژھُن۔

نیٛنٛدرِ ہوٗت۔ ا۔ یُس نیٛنٛدرِ آسہِ۔
۲۔ (دَرگہِ پاٹھی) سُہ پوشہٕ ٹوٗرِ یُس
وُنہٕ وُڈِتھے آسہِ۔